# اُمُّ القرآن

## تفسیر سُورۂ فاتحہ

مولانا ابُوالکلام آزاد

## کاشُر ترجمہ

جموّں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

۱۹۸۴ء

# اُمُّ القرآن

## تفسیر سُورۂ فاتحہ

مولانا ابُوالکلام آزاد

## کاشُر ترجمہ

جمّوں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

۱۹۸۴ء

# اُمُّ القرآن

## تفسیرِ سورۂ فاتحہ

از

مولانا ابوالکلام آزاد

کاشُر ترجمہ

محمد عبداللہ شیدا

جموّں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

۱۹۸۴ء

ناشر : سیکرٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز۔ سری نگر

مطبع : فوٹو لیتھو ورکس۔ دہلی

کتابت : محمد یوسف مسکین / محمد سعید اندرابی

سالِ اشاعت : ۱۹۸۴ء

انچارج طباعت : بشیر اختر

سرورق : عاصم امروہوی

# عرضِ ناشر

دَفترٕ آمتِس اُسی مےٚ کینٛہہ ژٕہی گاہتی ۔ ٹیلی فونٕچ گانٹی بجیٖ یہِ ۔ مےٚ یُتھےٚ رِسیور تُلِتھ "ہیلو" کوٚر ۔ وزیرِ اعلیٰ سٔندِس پرایٔویٹ سیکرٹری سٕنٛز آواز آیہِ "ہولڈآن ! چیف منسٹر صاحب بات کریں گے" ۔ مےٚ گڈٕ وانٛجہٕ ووٚتھ ۔ وُنہٕ اوسُس بہٕ سنٛبالنے ژٕ اکھ زاوِج مگر کرتَل دارِ ہیٚندی پاٹھۍ تیز آواز لٔج بولنہٕ :

"اَلسلام عَلیکُم ! کاشُرِ زبانِ منٛز چھا قرآنِ کریمُک کانٛہہ تفسیر چھپیوٚمُت کِنہٕ نہٕ ؟"

یہِ آواز اُس شیرِ کشمیر شیخ محمّد عبدُاللہ سٕنٛز، یِم پننِس سیکریٹریٹ کِہ دَفترٕ پیٹھٕ بولان اُسی ۔ مےٚ دِیُت پھِرِ یکہِ ہوٚت جواب "حضرت ! میر واعظ یُوسف صاٮ۪بُن ۔ ۔ ۔ ۔ ۔" شیخ صاٮ۪بن دِیُت نہٕ مےٚ جُملہٕ پوٗرٕ کرنہٕ ۔

"ژٕ یِیٚے چھیتہٕ مولانا آزادُن ترجمانُ القرآن پوٚرمُت ؟"

مےٚ دِیُت عاجزی سان جواب "جناب نظرٕ حَض چھِیٚمَس دِژٕمژٕ" ۔ شیخ صاٮ۪بن ووٚن اَور

"اَمِیُک ترجمہٕ چھُ پروفیسر محمّد عبدُاللہ شیداہن کوٚرمُت ۔ ۔ ۔ ژٕ زانہٕ ہَنہٕ شیدا صاٮ۪ب ؟"

مےٚ کوٚر عرض "اَہن حَض ۔ تِم حَض چھِ مےٚ اُستاد روٗدی متی ۔" ـــــ شیخ صاٮ۪بن فرموو ؛

"تہِ گوٚجان ۔ یہِ ترجمہٕ چھُ اکادمی چھاپُن ۔ ہیٚکیا بہٕ سوٗزِنےٚ شیدا صاٮ۪ب اوٚری ۔"

مےٚ سپُد اَندرٕ ژُیم کلرک بیدار "جناب اَتھ حَض ہیٚیہِ گوٚڈٕ سینٹرل کمیٹی ہٕنٛز منظوٗری اَنٛنۍ ۔"

دو سنٹرل کمیٹی گیہ بیزار" شیخ صابن ووٚن اَسان اَسان " اَتھ اَنٛز زِ نہٕ تھوِس خودایہ سٕنٛز کامہ تہٕ گرٕژھ مٕنٛزِ منٛزِ کرٕنۍ۔ دلو ژیتہ گرٕژھی گوٚہن عفو۔"

وزیرِ اعلیٰ سند لہجہ اوس قطعی۔ تموٚ ترٛووٚ ٹیلی فون تہٕ کینٛشر کالی گوٚ پروفیسر شیداہٕنٛز مسودٕ ہیتھ نومودار۔

ییلہ منے اَمہ پتہٕ شیخ صابُن نِش باریابی سپٕز۔ تموٚ پرٕژھ وُسی لابے منے زِ شیدا صابن کیاہ سپُد طےٚ۔ منے کوٚر عرض زِ چھکھ حض سپُد تامیل۔ مگر ترجمس پٮ۪ٹھ عالمن تہٕ زبان دانن اَتھ نظر دیاونٕۍ پٮ۪ٹھ نہٕ چھاپ گژھتھ ہٮ۪کہ کڈنہٕ پیٚس۔ شیخ صاب اَسی معقول دلیلہ سیتی ہمیشہ قٲیِل سپدان۔ فرمووُکھ سوٚ گیہ چانٛی ذمہ داری۔ مولانا آزادنس اسلوبس ترجمہ کرُن چھُ نہٕ آسان.... وارٕ گژھہس نظر گذر دیاونٕۍ۔" تموٚ دوٚن شفقتہٕ ستان۔ "منے چھ قرآنِ پاکٕکی واریاہ تفسیرٕ وُچھمٕتی مگر مولانا ابوالکلامنی ترجمانُ القرآنَن چھُس بہٕ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ متاثر کوٚرمُت.... دوٚیمِس نمبرس پٮ۪ٹھ چھُ میانٛین کنہ مولانا محمد علی سند تفسیر"۔ تمن نِشہ نٮ۪ژ ناوٕ منے زِ تہنٛز صاحبزادٕ مسز ثریا متو، یم گورنمنٹ زنانہ کالج اَمہِراکدلس منٛز تمہ وِز پروفیسر شیداہس سیتی سٹافس پٮ۪ٹھ اَسی۔ اوس اَمہِ تفسیرُک کُنُن گوٚمُت۔ تموٚ اوس یہ ذکر پننِس بابہٕ صابس نِشہ کوٚرمُت۔ شیخ صابن ووٚن زِ منے آیہ نہٕ گوڈٕ پرٕژھمے۔ پتہٕ اَنہٕ نوٗ منے شیدا صاب۔ ییلہ منے ژٕرٕ پاٹھٕ ترجمہ وُچھ۔ منے کڈ دِلَن ووٚتھ زِ یہ گوٚژھ ضرور شایع سپدُن۔

اَمہ پتہٕ رٕوز اَتھ ترجمس پٮ۪ٹھ ترٛہن ژوٚرن وریَن مسلسل کام جاری۔ یہ سوٚز اَسہٕ عربی تہٕ کاشُر زبٲنۍ ہٕندٮ۪ن داریاہن ماہرن یمَن منٛز میر غلام رسول نازکی، پروفیسر محی الدین حاجنی تہٕ پروفیسر عبدالرحمان راہی تہٕ شامِل چھ۔ یمو تبصرٕ نگار حضراتو کر کینٛشرن کوتاہیَن ہنٛز نشاندہی تہٕ ترجمہ زبراونہٕ خاطرٕ دِتکھ کینٛہہ مناسب مشورٕ۔ شیدا صاب روٗدی اَسہٕ وَنہٕ ہو نتیجہ یِم مشورٕ قبول کران۔ تمن تہٕ تبصرٕ نگار حضراتن ہیو یِکہ وٹہٕ بہتھ تبادلہٕ خیال تہٕ کرُن۔ شیدا صابن لیوٗکھ یہ دُیِ ژٕ تہٕ مسودٕ نوٚو سرٕ۔ ییلہ اَسہٕ پرٕژھ پٮ۪ٹھ زِ امکانہٕ کِس حدس تام آیہ ساری احتیاط بامل اَنہٕ تہٕ پرٕتھ کانٛہہ کوشش اَند واتناونہٕ۔ اَد کوٚر مسودٕ کاتبس حوالہٕ۔

کاشرِ چھ قرآن مجیدُک نوٗر ہتہٕ بدیوٗری یوٗ پیٹھ وچھ گاشراوان تہٕ وۄنہٕ تہٕ شیہلاوان روٗدمُت۔ دٕسی لابے یوٗر کاشرِ زبانی ہُند ہلم حضرتِ شیخ نوٗرالدیٖن وٲلیؒ قرآنکہ ابدی معرفتہٕ ستی۔ تہٕنٛدِس شوٗزِس کلامس منٛز چھ جایہ جایہ قرآنی آیہ کرزِ بلن ہندی پاٹھی ناپان تہٕ زوتان۔ کاشری چھ پننہٕ پیٖڑہ پڑہ ستی بعضے اتھ کاشرُ قرآن تہٕ وَنان۔ بے شُمار عالموٚ، واعظ خانوٚ، پیٖرو، فقیٖرو، قلندرو تہٕ درویشوٚ کوٚر پننہٕ پننہٕ آیہ قرآنی تعلیماتن ستی کاشرِ ہنٛزن وارِیاہن ہیٖرن تہٕ پیٖن زان۔ رسولِ میر ہیوٚ شاعر تانی چھُ پننِہ غزلن منٛز آیاتِ مقدسہ نگینن ہندی پاٹھی جران۔ حضرتِ شیخ یعقوب صرفیؒ اُسی الکتاب کین مفہومن پیٹھ یوت عبوٗر تھاوان زِ ییلہ اکبر بادشاہ ہنٛدی درباری شاعر شیخ ابوالفیض فیضیَن تمن بروٚنٛہہ کنہٕ کلامِ مقدسُک پنُن بے نوقط ترجمہٕ "سواطع الالہام" اوٚن تہٕ عرض کوٚرنکھ زِ اتھ لیکھو تو پیش لفظ۔ اتھ منٛز اُوس تھیکنگ تہٕ اینجٲسِ کمالُک تہٕ پہلوٗ۔ حضرتِ صرفین وونکھ زِ یہ ترجمہٕ کیتِس کالس منٛز سپد سرانجام۔ فیضیَن وونکھ زِ اتھ لگ وری واد۔ حضرتِ صرفین تُل قلم تہٕ برجستہٕ انداز س منٛز کوٚرن امیُک زیوٗٹھ مقدمہٕ تحریر۔ یُس نفسِ ترجمکی پاٹھی بے نوقط چھ۔ حضرتِ صرفی یَن اوس پانہٕ تہٕ قرآنِ حکیمک اکھ تفصیلی شرح شروٗع کوٚرمُت۔ مگر عمرِ کوٚر کھ نہٕ وفا۔ دوٚنی سِپارن ہُند تفسیر سپُد مکمل۔ قرآن فہمی ہُند یہ سلسلہٕ روٗد تھ دورس منٛز تہٕ بارسس ییلہ کشیرِ منٛز فارسیُک چلے جاو اوس۔ کنوہیمہٕ صدی ہنٛدِس مشہوٗر بزرگ شیخ احمدؒ تاربلی ہِنٛدِ اتھ ترجمہٕ تہٕ تفسیری حاشیہ ودل قرآنِ مقدس چھ سرینگرکس اکس زِیارتس منٛز محفوظ یُس وۄنہٕ شایع چھُنہٕ گوٚمُت۔ یتھے کنٛہ یمہٕ صدی ہنٛدِس ابتداہس منٛز کوٚر ملا رٹکی محمد سعید اندرابین کلامِ مجیدُک فارسی ترجمہٕ یُس وۄنہٕ مسوٗدکس حالتس منٛز ے چھُ۔ کاشرِس منٛز چھ براہِ راست قرآنِ حکیمکو وارِیاہ حکم تہٕ ہدایت مسلن ہنٛدِس صورتس منٛز ترجمہٕ گرتھ شایع سپدی متی۔ دپان زِ کَے دورس منٛز اوس ملا احمد مہرن قرآنُک کوشُر ترجمہٕ کوٚرمُت مگر یہ چھُنہٕ وۄنی دٕسی یاب۔ یتمہٕ عیسوی صدی ہنٛدِس آخرس منٛز کوٚر میرواعظ یحیٰی صاحبن (وفات ۱۳۰۷ھ) عمّہٕ سپارٕ ہُند ترجمہٕ یُس وارِیاہ بروٚنٛہہ چھاپ گوٚمُت چھُ۔ پتہٕ کوٚر میرواعظ یوسف شاہن یہ ترجمہٕ مکمل یُس "بیان الفرقان" کہ

ناوِ شایع گژھِتھ مقبول سپدمت چھ۔ مولوی نورالدین قاری، یُس سٹیٹ ہائی سکول فتح کدلہٕ اُستاد اوس، ہنٛدِ اَتھہٕ تہٕ چھ قرآن شریفُک کاشُر ترجمہٕ پیٚیران مگر شایع چھ صرف عمّہٕ سپارُک ترجمہٕ سپدمت۔ اَمیُک قلمی نُسخہٕ چھ کلچرل اکادمی ہنٛدس کُتب خانس منٛز موجود یُس مولوی صابنہٕ پننہٕ اَتھہٕ چھ۔ گوڈٕکتھ منٛز چھ تِم لیکھان:

"مُدتُک شوق اوسُم کاشرس منٛز ترجمہٕ کلام اللہ لیکھنُک، مگر ہمتھ اَسم نہٕ ہوان تکیازِ ترجمہٕ کلام اللہ لیکھُن چھنہٕ مولوی تہٕ آسان کتھاہ خصوصاً مےٚ ہیوس کم علم تہٕ کم مایہ شخص کیُٚت مگر یہ چھ محض فضلِ خُدا زِ تمہِ دِژ مےٚ ہیوس نالایق شخص خدمتِ قرآن کرنچ ہمتھ تہٕ توفیق۔ الغرض بموجب اصرارِ احباب آو گوڈٕ عمّہٕ سپارُک ترجمہٕ مکمل تہٕ پوٗرہٕ کرنہٕ۔ یُس عام فہم سلیس تہٕ صاف کاشرس منٛز بالخصوص ضرورتِ زمانہ مدِ نظر تھاوِتھ۔ بعد مُدت ووت یہ میٚون نخلِ باغِ مُراد باہتمام۔"

مولوی احمد شاہ صابُن ترجمہٕ تہٕ چھ شایع سپدمت تہٕ بقولِ مشعل سلطانپوری صاب چھ نہال پورُک محی الدین خان صابُن تہٕ ترجمہٕ کورمُت۔ مولوی محمد سُبحان، پنڈت رعنا، پیر غلام احمد سوپوری، محی الدین مسکین سریہ بل، علی محمد شاہ ہرل تہٕ مولوی عبدالغنی شوپیانی، مُفتی ضیاالحق کریری ہنٛدِن ترجمن ہنٛد تہٕ چھ نیب میلان مگر یم چھنہٕ دستیاب۔ اَمہٕ علاوٕ چھ یہ پزٕ ماکارِ کاشرو چھ کلام اللہ ہس پننہٕ ہِن وچھ منٛز لین منٛز جاے ۱۹۲۸ء شیٖرِ کشیٖرِ ہنٛد مینٛزٕ منٛز چھ تیٚژٕ بے شُمار بندگانِ حق ڈایکھ تراوِتھ یمو کلام اللہ حفظ اوس۔ فضلِ ایزدی سیٚتی چھ اَز تہٕ کشیٖرِ منٛز قرآن مجیدُک واریاہ حافظ موجود۔ یتھے کٔنی اوس کشیٖرِ منٛز قرآن مجیدچ کتابت تہٕ اکھ اہم فن۔ اَز تہٕ چھ یم کلام مجید مختلف کُتب خانن ہنٛز زینت بڑراوان۔

مولانا ابوالکلام آزاد سنٛد ترجمہٕ تہٕ تفسیرُک چھ اُردو علاوٕ ساری سےٚ ہے تفسیری اَدبس منٛز اکھ اہم تہٕ امتیازی درجہ۔ یہ چھنہٕ کانٛہہ اتفاقی اَمر۔ مولاناہن چھ ارادی طور اَتھ یہ خصوصیت پادٕ کرمٕژ۔ مولاناہ سنٛدِ علمی سنٛزرکُچھ سارِنے پےٚ، تہنٛزِ ذہانت چھ تفسیرِ کِس پرتھ ورقس پیٹھ زتی ہِن ہندی پاٹھی شولان۔ مگر میٚانہِ

عاجزرا یہ منٛز چھےٚ امہِ کھوتہٕ بڈ کتھ یہِ زِ تم اُسہٕ نہٕ تقلیدکیٚن ماٹُے متیٚن وتہٕ پدرٚن بنیہِ مانٛڈ دِلس لارٕ۔ امیُک اِظہار چھُ تمو یِمہِ تفسیرکس مُقدمس منٛز تفصیلہٕ سان کوٚرمُت۔ تمن اوس پننہِ قرآن فہمی ہُنٛد یوٚت اعتماد زِ امام فخرالدین رازی ہُنٛدِس تفسیرِ کبیرس تہٕ چھِنہٕ تم نوکتہٕ چینی کرنس پژان۔ تم چھ وَنان ہرگاہ امام رازی یُس قرآن فہمی ہُنٛد سہٕ انداز آسہٕ ہے، یُس صحابہٕ کبارن اوس تیلہِ چھُ تہنٛدِ تفسیرِ کِ ترٛیُو منٛز زِ حصہٕ بے فائدٕ مولانا سُنٛد خیال چھُ زِ تفسیرِ کبیرٕ سیتی آو قرآنُک اصل مفہوم نوٚن نیرنہٕ بدلہٕ البساوتہٕ۔ یہِ جرأت ہیکہِ مولانا آزادنہِ پایُک عالم تہٕ مُفسرے کرِتھ۔ یِمی صِرف اعتراض کرنس پیٹھے بس کوٚرنہٕ بلکہِ ہوٚون پننِس ترجمہٕ تہٕ تفسیرس منٛز قرآن چہِ فطری برجستگی، روانی تہٕ چاشنی ہُنٛد جلوہٕ۔ مولانا آزاد چھ یتہٕ وَنان زِ یہِ تفسیر لیکھتھ کرِ تمو قرآن پرٚنِچ تہٕ اَتھ پیٹھ تدبُرکرنِچ اکھ نوٚو وتھ دٕری یاف۔ اہلِ نظر ژینن پانے زِ یہِ وتھ چھےٚ تمن باقے وتن نِشہِ بیون تہٕ بدوٚن یمن پیٹھ تم وُنیک تام پکان روٗدی متی اُسی۔

مولاناہس منٛز کوشش چھےٚ زِ فلسفہٕ طرازی ین ہُنٛدِس انبارس تل قرآن فہمی ہُنٛد یُس آبِ زُلال پوٚشید چھُ سپُدمُت، سُہ گوٚژھہ پننہِ اصل ذائقہٕ تہٕ خوشبوٗ یہِ سان قاری یس تانی واتُن۔ تہنٛد اسلوٗب چھُ کلاسکی تہٕ امیُک حُسن چھُ دِل نوان۔ ظاہر ووٚن اوٚے کینٛہ اکی نظرشناسن زِ ہرگاہ قرآنِ مُقدس اُردو پاٹھی نازِل سپدِ ہے، اَتھ آسہِ ہے سانٛچہِ یا تہٕ ابوالکلامُن نثر نتہٕ اِقبالُن نظم، قرآنِ مجید چھُ فی ذاتہٕ فصاحت، بلاغت تہٕ ادبِ عالیہِ چوٚ حقیقی زُو سیتی پارِتھ۔ تفہیم القُرآن کس مُفسرِ سیّد ابوالاعلیٰ مودوٗدی ین یہِ اقتباس چھُ کٔتھ واتِش کڈان :

"قرآن کِس تاثیرس منٛز یوٚت حِصہٕ امہِ چہِ شوٗژرِ تالیمہِ تہٕ عالی قدرٕ مضموٗنن ہُنٛد چھُ، تیوٚتُے چھُ امہِ کِہِ ادبُک تہٕ یوہے چھُ سہٕ چیز یُس سنٛگ دِل کھوتہٕ سنٛگ دِل شخص ووٚند ولِگلاوان اوس یِیمی نبی گرہٕ ہنٛکی پاٹھی عرٕ بچ سارے بتہِ الراوِمتہٕ اُس یِیمہِ کہِ تاثیری فوتُک

اَنداز اَمہِ کِہن کَٹر دُشمَنَن تام اوس تہٕ یِم تژہران اَسی زِ یہِ جادُو اثر کلام یُس بوزِتھ ہار چھ یکرِتھ دل۔ ہرگاہ یہِ چیز قرآنس مَنز آسہِ ہے نہٕ تہٕ یوٗدوے یہِ تژھے ہشہِ زبٲنی مَنز نازل آسہٕ ہے سَپدمُت پَرٛتھ اَمہِ کِہن ترجمَن ہَنز چھپے، تیلہِ سپدِ ہے نہٕ اَتھ عربہِ کِہن لوٗکَن ہندِ دِل نرماونس تہٕ وشناونس مَنز سوٗ کامیٲبی یوٗسہٕ اَتھ فی الواقع سپنز۔"

اَتھ معیارس پیٹھ چھ اُردوٗ ہَس مَنز مولانا آزادُن ترجمہ پاسہٕ نیران۔ تہنُد خطابت آمیز، بُلند آہنگ تہٕ باوقار اسلوٗب چھ ترجمک بوٗز زِیرِ پاٹھی وہتراوان۔ تفسیرِچ تازگی تہٕ استدلالچ دِلکشی چھےٚ بے مثال۔ تِمن چھ یہِ وَنہٕ نک حوصلہٕ زِ قرآنچ سارِوے کھوتہٕ بڑ خدمت چھنہٕ یہِ زِ یہِ گژھہ سوٗنہٕ ہار لوٗکھ پیٹھ چھپن تہٕ امہِ چن سطرن گژھہ مانزِ رنگ مُتصنہٕ یِن۔ تِم چھ معنی کِس حُسنس زیادٕ تھزر دِوان تہٕ وَنان زِ اَتھ مالس مَنز چھ ساہنو باقے علمو ہندی پاٹھی یوٗرپ کیو مشرق شناسو اَسی ہیتھ تژاوی متی۔ پانہٕ مولانا آزادنہِ تفسیرِک کتابیات ــــ (BIBLIOGRAPHY) وُچھتھ چھ پے لگان زِ تِتھ مَنز چھ مغرب تہٕ مشرق کِہن عالِمن ہُند حِصہِ لگ بگ ہیوٗوے رِپزرے بوزوتہٕ "ترجمانُ القرآن" چھپنہٕ پتہٕ گو اُردوٗ ہَس سِتی سِتی ساری سے برصغیرس مَنز قرآن فہمی ہُند اکھ نوٚو جُستجو پادٕ۔ تہٕ یمن کوتاہیَن کُن تِمو اشارٕ کرِ متی اَسی، تِم چھ وارٕ وارٕ تِمن پتہٕ شایع گژھن والین تفسیرن مَنز پوٗرہٕ سپدان۔

یِیمہِ تفسیرِچ اکھ بڑ خوبی تہٕ خاصیت یوٗسہٕ سانہٕ خاطرٕ قابلِ توجہ چھےٚ، چھ یہِ زِ تِمو اوس امہِ خیالہٕ یِیمہِ تفسیرِک سَنز کورمُت زِ برونٛہہ کُن گژھہ یہِ باقی زبانن تہٕ خاص کر ہندوستٲنی زبانَن مَنز منتقل گژھتھ ہیکُن۔ تِمن اوس ایحساس زِ قرآنِ مُقدسُک موزوٗن ترجمہ چھُنہٕ وُنہٕ تِمن زبانَن مَنز سپدمُت یِمن مَنز کرود بدین ہندوستانین خطاب کرنہٕ ییہ۔ اَتھ سلسلس مَنز چھ تِم زور دِوان زِ "ترجمانُ القرآن" گژھہ بنگالی، گجراتی، مراٹھی، تامل، تلنگی (تلگو) تہٕ سندھی زبانَن مَنز پھِرنہٕ یُن۔ تِم چھ نِییس جایہ امہِ کہ پشتو ترجمک

ذِکرٕ تہٕ کران۔ یہ کتھ چھ قابلِ غور زِ تم چھِنہٕ اَتھ جایہ پنجٲبی تہٕ کٲشرِ زبٲنی ہُند ناوہہوان۔ شاید اوس تِمن یاسان زِ یِم زٕ علاقہٕ چھ اُردوٗکِس علقہٕ رٕوسوٗخس مَنز تہٕ اَتہٕ پوشہِ اُردوٗ ترجمے، اَتھ چھُنہٕ کانہہ شک زِ فارسی تفسیرَو پتہٕ تُل واریاہَو کٲشرِ یو اُردوٗ ترجمَن ہُندے فٲض۔ مگر ہرگاہ سے قرآنُک ترجمہٕ تہٕ تفسیر عام کٲشرِین ہِندِس خوٗلس مَنز واتناوُن چھُ تیلہٕ گژھہ کٲشرِ ترجمے وَرتاونہٕ یِن۔ یِہِمہٕ ژینہٕ وِنہٕ سِتی ووہ گِنِ پرٕتھ کٲشرِس شانہٕ زِ بالآخر وٲژ یہ مبارکھ کٲم سرانجام۔ یِتھُو زبٲنِ مَنز ابوالکلام سٕندِ عبارژ تیٖنہہ تہٕ توٗژھ وٕپیراونُک بانہٕ آسہِ۔ تِمہِ کِنہِ اِمکانَن چھِنہٕ شک وشُبہہٕ چ کانہہ گُنجٲیِش۔

سورٕہ فاتحُک ترجمہٕ تہٕ تفسیر یِیمہٕ نوٕ کتہٕ رِسی سان مولانا آزادَن کوٗرمُت چھُ، سُہ چھُ تفسیری اَدبس مَنز اَکھ مِثال۔ یہ سورٕہ شریف چھُ اُمُ القرآن تہٕ تہٕ کنز القرآن تہٕ۔ مولانا آزاد اُسی زانان زِ یہ چھُ قطرس مَنز سَمنُدر۔ اُسی چھِ اَمی سِتی یِیمہٕ تفسیرکہٕ کاشراوَنُک بسم اللہ کران تہٕ دُعا کران زِ سُہ دِوہ یِیِن جَل یِیلہٕ سوٗرے "ترجمانُ القرآن" کٲشرِس لِباسس مَنز دٕلیتھ برٕوٗنہہ کُن یِیہ۔ شیدا صابَن چھُ ترجمہٕ تہٕ تفسیرُک اصل رَنگ، آہنگ، مِزاز تہٕ میزان کٲشرِس مَنز ڈٕنجہٕ رٕٹنچ بِسیار کوٗشش کٔرمٕژ۔ اَتھ حدس تام زِ مولانا آزادَن یِم شارٕ پنہٕ نِس مُقدمس بیترٕ مَنز چھِ وَرتٲوی مِتی، تِہُند تہٕ چھُن کٲشُر ترجمہٕ کوٗرمُت یُس کینژن جاین سیٹھا کامیاب چھُ رُودمُت۔ وۄمید چھےٚ تِہنزٕ مسٲعی کھسہٕ صاحبِ نظر حضراتَن ٹارِ تہٕ درگاہِ خداوندی مَنز بِسیدِ قبوٗل۔

اکادمی چھُ پننیو وسیلو مطابق صحتِ متن تہٕ حُسنِ صوٗرتھ زبراونچ پرٕتھ مُمکِن کوٗشش کٔرمٕژ۔ اَمہٕ اَپور چھُ اللہ تعالا اَکس اَتھ مالہٕ، ہرگاہ سے یوٗت کرِتھ کانہہ وَشقہٕ آسہِ رُودمُت سُہ چھُ بشریتُک خاصہٕ تہٕ ثوٗبوٗتھ۔ اَسی چھِ پٔرن والین استدعا کران زِ ہرگاہ سے تِمن یِتھ کانہہ مقام نظرِ گژھہ، گوڈٕ کرَن سانہٕ خٲطرٕ عفوُک دُعا تہٕ اَدٕ کرَن مہربٲنی اَسہِ یِتھیو وشفو نِشہِ باخبر یِتھ تِمن ہُند اِزالہٕ کرنُک تدبیر سِید تھہِ ہیکہِ۔ اَسہِ چھےٚ وۄمید زِ یِیمہٕ ترجمہٕ کہٕ اشاعتہٕ سِتی گژھہ کٲشرِ زبٲنِ مَنز تہٕ قرآنی تدبرچ اَکھ تازٕ تہٕ طاقتور تحریک شوٗرُع۔ اِنشاء اللہ!

محمد یوسف ٹینگ
سیکرٹری اکادمی

سرینگر: ۱۱ ردسمبر ۱۹۸۳ء

# گوڈٕ کتھ

سورٕہ فاتحُک یہ تفسیر چھُ مولانا ابوالکلام آزاد مرحومٕ سٕندِ ترجمان القرآن کہِ گوڈنیکہِ حصُک کأشُر ترجمہٕ۔ مولانا مرحومٕ سٕندین علمی تہٕ ادبی خدماتن منٛز چھُ ترجمانُ القرآنُک ساری کھوتہٕ تھود درجہٕ۔

مولانا ابوالکلام آزادن ییمہٕ وِزِ ترجمانُ القرآن لیکھُنک اِرادٕ کوٚر تمہِ پٔژھہ کأنسہٕ ہٕنٛدِ پٔژھنہٕ برۄنٛہہٕ پانس یہ سوال زِ ییلہِ زٔن مختلِف زبانٔن منٛز قرآنِ مجیدٕک دارِیاہ ترجمہٕ تہٕ تفسیر موجود چھ، اکہِ نٕو ترجمیچ یا تفسیرٕچ کیا ضٔرورت پییہٕ۔ اَتھ سوالس وشٕہنے کران چھہ تم ترجمانُ القرآن چہ گوڈکتھ منٛز لیکھان زِ مسلمانن ہٕنٛد مذہبی اِصلاح ہیکہِ نہٕ قرآنِ حکیمچ تالیم عام کرنہٕ ورأے عملہِ منٛز یتھ۔ تہٕ اَمہِ خاطرٕ چھُ ضٔرورت زِ قرآن فہمی ہنٛزٕ وتہِ ہٕنٛدی کھۄری تہٕ مُشکلات پن دۄر کرنہٕ۔ یوٚتام نہٕ یِم مُشکلات تہٕ رُکاوٹہٕ دور گژھن محض قرآنِ مجیدٕک ترجمہٕ کرنہٕ یا کانٛہہ تفسیر لیکھن دِیہِ نہٕ کانٛہہ فایدٕ۔

قرآن فہمی چھنہٕ مولانا صأبنہٕ خیالہٕ کنہٕ یہ زِ یوٚت یوٚت سأنٛس عٔلمس منٛز ہیرٕ برگژھ گژھان تہٕ نٔوی نٔوی سأینسی تحقیقات تہٕ مولومات روزن اَسہِ برۄنٛہہ کُن یوان، اَسی روزو یِمن تحقیقاتن تہٕ مولوماتن قرآنِ

مجیدکیو آیاتو سٟتی تصدیق کرنٕچ کوٗشش کران۔ یتھٕ کٔنی بنہٕ قرآنِ مجید اَکھ پٔرٕژھ تہٕ فکر نہٕ ترٛوٲنی کتاب ٲسی کرِ ٲسی گژھو یہِ وٕنِنس پیٹھ تہٕ مجبوٗر زِ ینہٕ وٲلس زمانس منٛز یمہٕ نِرٕنو کٔتھ نٔمن واجنہٕ آسہٕ تمہٕ آسہٕ قرآنِ مجیدن اَکس ترٛٹہِ اشاراتی زبانی منٛز بیان کرِ مرٛیوسہٕ نہٕ تمہِ کیو گوڈنہٕ کیو بوزن والیو تہٕ مخاطبو تہٕ سمجھ مژٕ آسہٕ ۔مولانا آزاد سٕندِ خیالہٕ کٔنی اوس نہٕ قرآن مجیدکہِ نزوٗلُک یہِ مقصد۔

قرآنِ مجیدُک پٲغام چھُ سیٚود تہٕ سادٕ تہٕ سُہ چھُ اِنسانہٕ سٕندِس بنیٲدی اێحساسس تہٕ خیالس اپیل کران تہٕ تہنٛزِ دۄہہ دِہنہٕ چہ زندگی ہنٛدِ تجربہ تہٕ تہندِ نتیجہ برٛوٗنٛہہ کُن اَنان۔ یعنی قرآن مجید چھُ سیٚدِ سیٚود اِنسانہٕ سٕندِس شعوٗرس تہٕ تہنٛزِ عقلہٕ وُزناوان تہٕ غور و فکرٕچ دعوتھ دِوان۔ قرآن، قرآنہٕ کے طریقہٕ تہٕ ذریہ سمجٕن تہٕ سمجاوٕن اوس سُہ فطری طریقہٕ یتھ پیٹھ صدرِ اوٚلس منٛز صحابہٕ کرامو تہٕ تابعینو عمل کٔرۍ۔ مگر وَق گذرنس سٟتی گو یہِ طریقہٕ وارٕ وارٕ ترک گژھان۔ گوڈنچہٕ صدی ہجری پتےٚ ییٚلہِ اسلامی نظریاتن پیٹھ یونانی فلسفُک اَثر پھٲلُن ہیوتُن قرآن کِس تفسیرس پیٹھ تہٕ پیو اَمیُک اَثر تہٕ قرآنٕچ اَصلی سادگی ترٛاوِتھ ہیٚتِن منطق تہٕ فلسفیانہٕ بحث وتہٕ ہنٛزی تہٕ قرآن کریمس آو سُہ معنی لاگنہٕ ییٚمہٕ سٟتی تمہِ کہِ نزوٗلُک اَصل غرض و غایتھ نظرٕ وتلہٕ ڈوٚل۔ مولانا آزاد چھُ اَمہِ صوٗرتِ حالُک مُفصل تذکرہ پننِس دیباچس منٛز کران۔

قرآنِ مجید سٕپد بوٗتہٕ کین ترٛوٗوہن[۲۳] ؤرین منٛز نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن پیٹھ وارٕ وارٕ نازل تہٕ یمو صحابہ صٲبو اَتھ پیٹھ گوڈ ایمان اوٚن تہٕ عمل کٔر تہنٛزے تشریح تہٕ تفسیر ییہٕ قدرتی طور معتبر تہٕ میاری مانٕنہٕ مگر یمو پتہٕ ینہٕ والیو مفسرو بدلاو یہِ روٗش تہٕ تفسیرِ قرآنُک فطری تہٕ سادٕ طریقہٕ ترٛاوِتھ ہیٚتِکھ قرآنِ کریمہٕ کین آیَن منٛز تِم نۆی نۆی معنی ژھانڈٕنی یِم قرآن ہِنی منٛز گھۄور تہٕ رُکاوٹھ بنٕنے یہِ تہٕ یوٚن یوٚت اسلام پھٲلان گو تہٕ نۆی نۆی لوکھ اَتھ منٛز اژان گےٚ تیوٗت گو یہِ سلسلہٕ ترٛ زیٛٹھان۔ یوٗتے یوت نہٕ یم نۆی لوکھ ژاے اسلامس منٛز پٔنٕنی واریا اعتقاد تہٕ خیال ہیتھ تہٕ قرآن تہٕ ہیوٚتُکھ پنہٕنین یمہٕ نے پرٛانین اعتقادن تہٕ خیالن

ہِندِس اَنٛس مَنٛز وُچھُن نتیجہٕ دٕراو زِ مختلِف تہٕ مُتضاد تفسیر آے وٕجوٗدس مَنٛز تہٕ قرآنٕچ سیٚود تہٕ ساد دعوت تہٕ بُنیٲدی نَظرِیہٕ ڈٲل اُچھوتلہٕ تہٕ مَجٲزی تہٕ تمثیٖلی معنی آو بروٗنٛہہ کُن یتھ نہٕ قرآن کِس دعوتَس سیٚتی کانٛہہ واٹھ اوس۔ اَوِ پتہٕ آو تقلیٖدُک دور بارَسس تہٕ قرآنِ مجیٖدکِ تفسیر تہٕ آے جادٕ یِہَن اَتھی تقلیٖدی اَنٛدازَس مَنٛز لیکھنہٕ۔

مولانا آزاد چھ لیکھان زِ تفسیر قرآن کِس اَتھ تقلیٖدی طریقَس مَنٛز آو مُشکِل خیالن تہٕ غٲر مُروجہ کتھن پیٛٹھ زور دِنہٕ تہٕ قرآن چہٕ سادگی یہٕ تہٕ تَمہ کہِ اَصل دعوٗتک آو سیٹھاہ کم خیال تھاونہٕ تہٕ مذہب آو اَکھ ژٕنٛژہ پٔرٛژہ بناونہٕ یُس نہٕ عام لُکَن فِکرِ ترٕ۔ اَوِ پتہٕ بنیوو یہ ہے طریقہٕ تفسیرُک عام رِواج۔ اَتھی غٲر حقیقی تہٕ تقلیٖدی طریقَس خِلاف تُل مولانا آزادَن قلم تہٕ اَکِہ طرفہٕ کورُن اَمہِ غلط طریقُک رد تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ نٔنۍ راوُن قرآنی دعوتُچ اَصل حقیقت۔ مولانا آزادٕ سٕنٛدِ خیالہٕ مطابِق اوس قرآنِ مجیٖدکہِ نزولُک مقصد یہ زِ شہ دِیہ اِنسانہٕ سٕنٛدِس تتھ جذبس وُتُش ییٚمہِ سٟتی سُہ پَنُن روومُت سرمایہ ژھانٛڈنہٕ نیرِ۔

اِنسانہٕ سٕنٛدِ یہ روومُت سرمایہ کیا چھُ؟ مولانا سٕنٛدِ خیالہٕ کنی چھُ یہ روومُت سرمایہ خُدایَس تہٕ بنٛدٕ سٕنٛد صحی توٗلُق لبُن تہٕ اَوِ پتہٕ یہ توٗلُق پانہٕ ناوُن تہٕ اَتھ مَنٛز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اِستحکام تہٕ دَربر پٲدٕ کرُن۔ یِہے کتھ چھُ قرآنِ مجیٖد مختلِف طریقو سمجاونٕچ کوٗشِش کران کُنہِ جایہ دٕرشہناوِتھ تہٕ کُنہِ جایہ ژھوچرِس مَنٛز کُنہِ جایہ گُذرِمٕتی واقاتھ بطورِ مِثال بروٗنٛہہ کُن اَنان تہٕ کُنہِ جایہ بروٗنٛہہ کُنِنٛک چیٖز بطورِ شہادتھ پیش کران۔

ترجمان القرآن چھُنہٕ اَسہِ بروٗنٛہہ کُنہِ مکمل شکلہِ مَنٛز موجوٗد۔ یوٗدوے مولانا صابنہِ تحریرٕ سٟتی معلوٗم چھُ سپدان زِ تِمو چھُ قرآنِ مجیٖدُک مکمل ترجمہ تہٕ تفسیر اَکھ تہٕ زیادٕ لٹہٕ مکمل کوٗرمُت مگر پٔرٛتھ وِزِ گو یہ دَقتہٕ کہِ سیاستہٕ بُزی۔ ورِی وادَن روٗد اَنٛگریزی حکومتَس تہٕ مولانا ہَس دَرمیان ژھیپہٕ ژھور جٲری۔ مولانا صاب روٗد لیکھان تہٕ حکومتکۍ اَہلِ کار روٗدۍ عداوتہٕ یا لاعلمی کنی اَمہِ کہِ ضایہ سپدنکی سبب بنان ییٚمیُک یہ نتیجہ دٕراو زِ ترجمان القرآن

ہیوک نہٕ مکمل شکلِ منٛز اَسِہ تام وٲتِتھ تہٕ مولانا صابنہٕ زِندگی منٛز ہیکو ترجمان القرآنکی صِرف ژٕ جلد شایع سپدِتھ۔ یِم سورہ مومنون لیعنی ترٛوٕہمہِ سۆرٕکس ترجمس تہٕ تفسیری نوٹن پیٹھ اَند وٲتی۔ مولانا صابنہٕ انتقالہٕ پتہٕ میوٗل تہندیو کاغذو منٛز ژوٗدٕہیم یعنی سورہ نۆرک[23] ترجمہٕ تہٕ تشریح یُس ترجمانُ القرآنہٕکس نوٚس ایڈیشنس منٛز شامِل کرنہٕ آو۔ یہ ایڈیشن چھُ ساہتیہٕ اکیڈمی ہندِ اہتمامہٕ ۱۹۶۴ہَس منٛز ژوٗن جلدن منٛز شایع کرنہٕ آمُت۔[24]

مولانا مرحومہٕ سندِ انتقالہٕ پتہٕ کوٚر تہندی اَکی عقیدت مَند دوست مرحوم غلام رسول مہرن اَمہِ پتہٕ باقی سۆرن ہندین تمن آین ہند ترجمہٕ تہٕ تشریح ہنٛز اکھ سۆمبرن "باقیاتِ ترجمانُ القرآن" ناوٕ شایع یِم مولانا صابنین مختلِف تحریرن منٛز چھکرِتھ اَسی۔

مولانا آزاد اَسی ترجمانُ القرآنَس ستی ستی بیٚیہ ژٕ[2] جلد لیکھنُک یراد تھاوان۔ یِمو منٛز اَکس تفسیرالبیان تہٕ بیٚیس مقدمتہ القرآن ناو اوُسکھ تھومُت۔ تفسیرُ البیانَس منٛز یِیہِ ہا قرآن مجیدُک تفسیر تہٕ مقدمتہ القرآن دِیہ ہا ترجمان القرآن کہِ دیباچُک کام۔ مگر حالاتو دِژ نہٕ تمن یہ کام اَند واتناونٕچ فرصتھ۔ مگر ترجمانُک دوٚیِم ایڈیشن چھاپنہٕ برٛونٛہہ کٔری تمو سورہ فاتحہ کِس تفسیرس منٛز مزید کینٛہہ نوٹ شامِل تہٕ پتھے کٔنی ہرراوِکھ باقی ترجمانُ القرآنَس منٛز تہٕ تشریحی نوٹ۔ یِمو ایزادی وضاحتو ستی گیہ کُنہ حدس تام سوٗ ضۆرورتھ پوٗرٕ یمہٕ خاطرٕ تِم تفسیرُ البیان تہٕ مقدمہٕ لیکھن واُلی اَسی۔ تاہم چھُ جناب اَجمل خان صابنہٕ ذٔری یہ ساہتیہ اکیڈمی سورہ فاتحُک مقدمہٕ نامکمل حالتَس منٛز دستیاب سپدمُت یُس کتابہِ ستی شامِل چھُ کرنہٕ آمُت۔

سورہ فاتحس چھُ فاتحتہ الکتاب یا کتابہٕ ہُند گوڈ وَننہٕ آمُت۔ اَتھ چھُ اُم القرآن (قرآنُک دِل) الکافیہ (سیٚٹھا) الکنز (خزانہٕ) تہٕ اساس القرآن تہٕ وَننہٕ آمُت یِم ساری لفظ چھُ اَمہِ کِس مکمل تہٕ جامع آسنہٕ کِس صفتس نِنٛز راوان۔ سورہ فاتحہ چھُ مولانا آزادٕ سندین لفظن منٛز شتھ ژھوٚٹی ژھوٚٹی آیہ مگر پننِس

وُسعتس مَنٛز ساری قرآنٕچ تألیم تہٕ روٗح وہترأوِتھ۔ اَتھی سورٕہ شریفس چھ مولانا قرآن مجیدُک دیباچہ وَنان۔ تِہنٛدِ وَننہٕ کِنۍ چھ اَمہٕ سورٕہ شریفہٕکین مُطالبن پیٹھ نظر ترأوِتھ یہٕ کتھ ٹاکارٕ پأٹھۍ لبنہٕ یِوان زِ اَتھ تہٕ قرآنِ مجیدکین باقی حصن مَنٛز چھُ اجمالک تہٕ تفصیلُک تولُق یعنی یوٗسہٕ کتھ اَتھ سورٕہ شریفس مَنٛز ژھوٚچرِس مَنٛز وَننہٕ چھیٚے آمٕژ سوٚے چھ باقی قرآنِ شریفس مَنٛز وِزھنأوِتھ برٛوٚنٛہہ کُن یِوان۔ اگر اَکھ شخص قرآنِ مجید اَندر بیٚیہ کیٚہن تہٕ پرِتھ ہیٚکہٕ نہٕ تہٕ صِرف کرأمی سورٕہ شریفہٕکین مطلبن پیٹھ غور وفکر تیٚلہٕ تہٕ ہیٚکہٕ سُہ دینِ حق تہٕ خُدا پرستی ہُنٛد بنیأدی مقصد مولوم کرِتھ تہٕ اِکانٛک تہٕ اسلامکۍ تِم ساری لوازمات زأنِتھ یِم قرآنِ مجیدس مَنٛز تفصیلہٕ سان بَیان چھ کرنہٕ آمتۍ۔ دینٕچ حقیقیچ صٔحی پأرۍ زان ہیٚکہٕ تِہنٛدِ وَننہٕ کِنۍ تیٚلی حاصل یِیہٕ تہٕ بیٚیہٕ سأنِس ذہنس مَنٛز خُدائے ہٕنٛدِ ذاتُک تہٕ تِہنٛدِ ین صِفاتَن ہُنٛد صٔحی تصوٗر موجوٗد آسہٕ۔ سورہ فاتحہ چھُ خُدائے ہٕنٛدِ ذاتُک تہٕ تِہنٛدِ ین صِفاتَن ہُنٛد یوٗہے صٔحی تصوٗر دِوان۔

یہٕ سورٕہ شریف چھُ اَکھ دُعا یہٕ مُناجاتہٕ کِس صوٗرتس مَنٛز نأزِل آمُت کرنہٕ تہٕ اَتھ مَنٛز یِمہٕ چیزٕ خأطرٕ دُعا چھ کرنہٕ آمٕژ تِمہٕ کھوتہٕ اعلاہ تہٕ مقصود ہیٚکہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ چیز آسِتھ۔ اَتھ مَنٛز چھُ بنٛدٕ خُدائس پانہٕ تَس تام واتنٕچ تہٕ تَس لَبنٕچ سیٚنٛز وَتہٕ ہُنٛد ہدایتھ مَنٛگان۔ مگر گوڈٕ چھُ اَمہٕ کتھہٕ ہُنٛد یِقرار کران زِ شُکرُک حقیقی حق دار چھُ صِرف اللہ تعالیٰ۔ اَمہٕ اقرارٕچ بنیاد چھیٚے خُدایس سٕنٛد رٔچھن وول، رَحم کرن وول، مہربان تہٕ عدل کرن وول آسنٕچن تِمن نِشانن پیٹھ یِمہٕ اَسہٕ مَنٛز تہٕ چھیٚے تہٕ یِمہٕ کایناتہٕ کِس پرِتھ حصس مَنٛز بوزنہٕ چھ یِوان۔ یوٗہے چھُ وجہ زِ یہٕ سوٗرٕ چھُ سانہٕ ساری کھوتہٕ بجہٕ عبادتہٕ ــــ نِمازٕ ہُنٛد خاص سوٗرٕ یِمہٕ وَرأے نہٕ کانٛہہ تہٕ نِماز آسِتھ ہیٚکہٕ لَاصَلٰوۃَ لِمَنۡ لَمۡ یَقۡرَءۡ بِفَاتِحَۃِ الۡکِتَابِ۔ (بُخاری ومسلم)۔ اَمہٕ سٕتی چھیٚے یہٕ کتھ بیٚیہٕ ہِن پوٚژھر لبان زِ اَمہٕ سورٕہ شریفہٕکِس جامع تہٕ مختصر صوٗرتس پتہٕ کَنہٕ چھُ اَکھ بوٚڈ مقصد کأم کران یِیمنُک تولُق قرآنِ مجیدکِس پوٗرٕ تہٕ مکمل صوٗرتس سٕتی چھُ تہٕ سُہ مقصد چھ یہٕ زِ پرِتھ اَکِس کرِٕ گژھہ قرآن

مجیدچ اکھ سہل تہٕ ژھوٹ شکل دُسریاب آسنہٕ یتھ سٕہ پرٛتھ نمازِ منٛز پرٛتھ ہیکہ تہٕ یُس دٕ ز روزِ تھنُن فکرِ تہٕ عملِ حرکتس منٛز انہٕ۔ قرآنی نظریہٕ یُس اِنسانس منٛز اِنسانٛیتُک احترام تہٕ اِنسان دوستی ہُند جذبہٕ پاد کران چھُ تہٕ تمس پرٛتھ قسمہٕ علیحدگی تہٕ رہبانیتہٕ نشہٕ بچتھ رٹان چھُ تمیُک خلاصہ چھُ قرآنِ مجیدکس یتھ آیتس منٛز موجود اٰمنو وعملو الصالحات ایمان انو تہٕ عملِ صالح کرِو۔ یہے اُس یقیناً پرٛتھ زمانس منٛز سارنے پیغمبرن ہُنز دعوتھ تہٕ نجاتُک وتھ۔ خدایس پیٹھ ایمان تہٕ تمہِ ایمانہٕ مُوافق عمل چھُ قرآنُک مرکزی مضمون تہٕ سورہ فاتحہ تہٕ چھُ اَمی نظریہٕ کہ وضاحتہٕ سیتی شوٗر وگرٛھان یُس خدایس مُتلق قرآنُک نظریہٕ چھُ یُتھ خدایہ سُند سُہ صحی تصوٗر برٛونٹھہ کُن پیہ یُس تٕہ شراونہٕ تہٕ پتھ کُن تراونہٕ چھُ آمُت۔ لہٰذا اوس ضروری زِ خدایہ سُند اصل مقام تہٕ منصب پیہ وارٕ پاٹھو کٲشراونہٕ۔ چنانچہ سورہ فاتحہ کس گوڈنکہ سے آیس منٛز آیہ یہ کتھ نٔنی راونہٕ۔ زِ قرآن یمِس خدایہ سُند تصوٗر دوان چھُ سُہ چھُنہٕ کُنہٕ خاص نسلُک، قومُک تہٕ مُلکُک خداے بلکہ چھُ ساری نسلِ اِنسٲنیتُک تہٕ پرٛتھ قسمہٕ چیہ پادٲشی ہُند خداے دربنیٹھ پنہٕ والین چیزن ہُند تہٕ دربنیٹھ نہٕ پنہٕ والین ہُند تہٕ۔ پرٛتھ چیزُک رٹھن وول تہٕ پھانپھلاون وول تہٕ یُس یمہٕ وزِ یہ ضرورتھ آسان تس تہٕ دوان۔

مولانا چھ فرماوان زِ ربوبیتُک نظام چھُنہٕ محض اکھ میکانکی عمل بلکہ اَتھ پتہٕ کنہٕ چھِنے رحمتچ تحریک تہٕ رہنمائی کام کران یوسہٕ پرٛتھ زوٗ زاتس منٛز پانٕی پانس وتھ ہاونُک تہٕ ہدایت لبنُک وصف پاد کران چھِنے تہٕ اِنسانس یمِس عقل تہٕ تمیز دِنہٕ آمُت چھُ برٛونٹھہ کُن بیاکھ اکھ رہنمائی عطا کران یتھ وحی تہٕ الہام وَنان چھُ تہٕ یمہٕ سیتی تس پننہٕ پادٲشی ہُند مقصد معلوم چھُ سپدان تہٕ سُہ منزِل چھس نظرن تل یوان یتھ کُن سُہ پننہٕ آزاد یرادہٕ سیتی نکُن گرٛھ یہ سوٗرے نظام چھُ کینٛژن خاص تہٕ گنڈتھ اصولن پیٹھ پکان یمن سُنت اُسی وَنان چھُ۔ ہشرٕ تہٕ حُسن پاد کرنہٕ خاطر چھُ یمو منٛز پرٛتھ کانٛہہ اصول زندگی ہُند اکھ قونوٗن بنان تہٕ خدایہ سُندس کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ صفتس کُن اِشارٕ کران تہٕ رحمتہٕ کس حکمس ماتحت ہشرسان تہٕ زلتھ میلتھ کام کران۔ یہے چھِنے پانہٕ وانی

اَکھ اَکِس سِیتی رَلاوُن واجِینی سوٗ خاصی یَتھ، یَتھ پیٹھ عَمَل کٔرِتھ اَکھ شَخص پَننہِ صلاحیتہٕ ہاوِتھ ہیکہِ تہٕ زِندگی ہُندس مقصدس پَرٲوِتھ ہیکہِ، یمہِ خاطرٕ سہٕ یادٕ اوس کرنہٕ آمُت۔ یوہے چھُ تیتھ ہدایتس پیٹھ عمل کرنُک طٔریقہٕ یَتھ مَنٛز ایمانس تہٕ عملِ صالحس پیٹھ زور چھُ دِنہٕ آمُت تہٕ یہے چھےٚ تَس کُن نِنہٕ واجِینی سوٗ سینٛزِ وَتھ یَتھ سورٕ فاتحس مَنٛز صراطِ مُستقیم چھُ وَننہٕ آمُت۔

سورٕ فاتحہ چھُ برٛونٛہہ کُن ہاوان زِ موتس سِیتی چھَنہٕ زِندگی اَنٛد واتان بَلکہِ چھُ زِندگی مَنٛز اَکھ تسلسُل تہٕ مرنہٕ پَتہٕ چھُ اَکِس نَوِ زِندگی کُن لگان یَتھ مَنٛز یِمہِ دُنیہچہِ عملہِ ہُند حساب دِیُن چھُ تہٕ رٔژَن عملَن ہُنٛد رُت تہٕ خراب عملَن ہُنٛد خراب نتیجہٕ برٛونٛہہ کُن ییہِ یَتھ پیٹھ اَمہِ نَوِ زِندگی ہنٛز کامیابی تہٕ ناکامی ہُنٛد دارٕ مدار چھُ۔ یہِ چھےٚ اَمہِ کتھہِ ہنٛز ژٕینہٕ وَن زِ زِندگی ہٕندِس پٔرتھ داَیرس مَنٛز چھُ مُقافاتُک (جزٕہُک تہٕ سزٕہُک) قونوٗن کٲم کران تہٕ اگر انسان دُنیہس مَنٛز خدایہٕ سٕنٛز نافرمٲنی نِشہٕ بچِتھ اَمنچ تہٕ سوکھٕچ زِندگی گُذارنی چھُ یژھان تیٚلہِ پَزِ تَس پٔرتھ ساتہٕ یہِ مُقافاتُک قونوٗن نظرِ تَل تھاوُن۔

مجموٗعی طور چھُ سورٕ فاتحہ توحیدس پیٹھ سٲری کھوتہٕ جادٕ زور دِوان تہٕ یوہے چھُ سُہ بنیٲدی عقیدٕ یَتھ قرآنِ حکیم انسانہٕ سٕنٛدِس دِلس مَنٛز جاے دِنی چھُ یژھان۔ قرآن چھُ یژھان زِ عقلہِ ہٕنٛدِس مادانس مَنٛز گژھہِ یہِ وحدتِ الٰہُک عقیدٕ وحدتِ آدم چہِ شکلہِ مَنٛز نوٗن نیرُن۔ اَوے چھُ انسانس پیٹھ اَمہِ کتھہِ ہنٛز ذِمہ داری ترٛاوان زِ زمینس پیٹھ خدایہٕ سُنٛد خلیفہٕ آسنہٕ کِنہِ منصبہٕ کِنہِ چھےٚ یہِ تَسنٛز ذِمہ داری زِ سُہ کرِ اَمہِ کتھہِ ہنٛز کوٗشش زِ سٲری انسان گژھن پانہٕ وٲنی اَکی گرٕکی باژ ہوی بٔنِتھ تہٕ حدیثِ شریف کِین لفظَن مَنٛز سٲری لُکھ خدایہٕ سٕنٛد عیال زانِن۔ الخلق عیال اللہ۔ اَوَے پَتہٕ تِم اَکِس ترتیبہٕ جماژ مَنٛز منظم کٔرِتھ یِمیٚک پٔرتھ کانٛہہ شَخص یِمہِ حدیثِ شریفُک مِصداق بَنِتھ کلکم راعٍ وکلکم مسئولٌ عن رعیتہ بَنِیس پٔرتھ کانٛسہِ ہُنٛدِ خاطرٕ پوٚہل بَنہٕ تہٕ رٲچھ راوُتھ کرِ اَمہِ ذِمہ داری سان زِ تَس ییہِ اَمہِ خاطرٕ حسابہٕ کِہ دوہہ پرٛژھہٕ گار کرنہٕ۔

سوٗرہ فاتحہ کین مضموٗنن ہٕنٛز تفصیلہٕ سان وِرٕژھنہٕ کٔرتھ پتہٕ چھِ مولانا مرحوم یہِ نتیجہ اَسہِ برٛونٛہہ کُن اَنان زِ یہِ سوٗرہ شریف چھُ اَسہِ ترٛین بنیادی کتھن کُن دعوتھ دِوان۔

۱۔ خدایس پیٹھ تہنٛدیو سارِوے صفتو سان ایمان۔

۲۔ اعمالن ہنٛدِ جزاہک تہٕ سزاہک صحی تصوٗر۔

۳۔ سیٖدِس وَتہِ ہُنٛد تلاش۔

دُنیاہکین مذہبن ہنٛدِ تاریخُک مطالعہٕ چھُ اَسہِ وَنان زِ گمراہی کُن ووٚتھ انسانہٕ سُنٛد گوڈنیُک قدم تمہِ وِزِ ییلہِ سُہ خدایس تہٕ تٔہنٛدِ صفات زانہٕ نَس مَنٛز ناکام گو۔ ییلہِ ییلہِ تمِ خدایہٕ سُنٛد کانٛہہ اکھ صفتھ پانس پٮ۪تھ نیہِ وُن لوٚب تہٕ یِوہے کوٚرن عینِ خدا تسلیم۔ اَتی لٔس خدا سارِنے عالمن ہُنٛد خدا اوس سُہ آو اکِس خاص جمأژ تام محدوٗد کرنہٕ تہٕ دوٚدی رٕودنہٕ پَرٛژَت تہٕنٛدِ دایرٕ نیبر سے یوت اوس تہٕنٛدکنی سیٖدِس وَتہِ پیٹھ تہٕ باقی اوسس سورُے دُنیا وَتہِ ڈلِتھ تہٕ غلطیہِ پیٹھ۔ غلطین ہنٛدِ اِصلاح کرِس جوشس مَنٛز یہِ کینٛژھا اَکی انسانس بیٚیِس انسانس سیٖتی وَرتاوسہٕ چھُنہٕ ژوٚرِ۔ مولانا آزاد چھُ اَمہِ ذیہنیتُک رد کران فرماوان زِ خدا چھُنہٕ کُنہٕ خاص جمأژ ہُنٛد مذہبُک جاگیر۔ سُہ چھُ سارِنے ہُنٛد تہٕ سارِی چھِ تٔسنٛدی۔ سُہ چھُ رَبُّ العالمین سارِنے جہانن ہُنٛد رٔچھن وول۔ سُہ نہٕ چھُ مُسلمانن ہنٛز مِلکیت تہٕ نہٕ ہیٚنٛدن ہنٛز۔ نہٕ چھُ عیسایَن ہُنٛدِس پیٹھ قبضہٕ تہٕ نہٕ یہوٗدن ہُنٛد۔ قرآنِ مجید چھُ صاف تہٕ ٹاکار لفظن مَنٛز اَمہِ حقیقتُک اعلان کران زِ سُہ چھُنہٕ کُنہٕ نوٚو دُنیاہچ دعوت دِوان بلکہ چھُ سُہ تمہِ پرٛزِتس کُن ناد دِوان یُس پرٛتھ مذہبس مَنٛز موجوٗد چھُ تہٕ یُس چھکہٕ مشرود مت۔

یِوہے چھُ سُہ دینِ حق یتھ پیٹھ سُہ سارِی جمع چھُ کرُن یژھان۔ اگر پرٛتھ کُنہٕ مذہبکی مانن وٲلی مذہبہٕ چہ اصلی تہٕ حقیقی تالیمہِ پیٹھ عمل کرن قرآنٕکہِ دعوتُک مقصد گو پوٗرٕ تہٕ کیاز یِتھے تِم صحی مذہبس کُن واپس ییٚن تِم لبن تتہِ سوے حقیقتھ یتھ کُن قرآن ناد چھُ دِوان۔

مولانا آزادَن چھ پننِس تفسیرِس منز دعوتِ دِین وننہٕ وحدتِ ادیان کِس تصورس پیٹھ زور دِتھ تہٕ
رد کوٚر مت۔ وحدتِ ادیانُک مطلب چھُ زِ اسی مانو گوڈٕ یہ کتھ زِ دِین چھ واریاہ تہٕ پتہٕ ژھانڈو تِمن منز
اکھ ہشرِ بنیادیا" قدرِ مشترک" مولانا چھِ نہٕ امہِ کتھِ ہندی قایل تیہند وُن چھ زِ دِین چھ ہمیشہ اکے
اوسمُت تہٕ اکے آسہِ تہٕ۔ اختلاف یم اسہِ درینٹھ یوان چھ تِم چھِ نہٕ دینس منز بلکہٕ چھ شریعتن منز یعنی
اختلاف چھِ نہٕ اصلس منز بلکہٕ فرعس منز یعنی حقیقتہٕ بجایہ ظاہرس منز تہٕ روٗح بجایہ شکلہِ منز تہٕ یہ اختلاف
اوس لازمی۔ مذہبُک بنیادی مقصد چھُ انسانہٕ سٕنٛز سعادتھ تہٕ فلاح مگر انسانی سماجکی حالاتھ چھِ نہٕ
پرتھ زمانس تہٕ پرتھ ملکس منز ہوی رُودمتی تہٕ نہ ہیکہٕ ہن تِم ہوی۔ روزِتھ لہذا ییمہِ مذہبُک ظہور
ییتھ زمانس تہٕ ییمہِ لیاقتہٕ تہٕ مزاجہِ کین لوکن منز سپد تمی مطابق آو تِمن شریعت تہٕ قونون تہٕ دِنہٕ تہٕ
ییتھ زمانس تہٕ ییتھ ملکس یُس شریعت تہٕ قونون دِنہٕ آو سُے اوس تمہِ خاطرٕ موزون تہٕ مناسب۔ لہذا چھے
شرٕ لیعتچ پرتھ کانہہ صورتھ پننہِ جایہ بہتر تہٕ حق۔ مگر اتھ سٟتی چھے یہ کتھ تہٕ یاد تھاونی زِ شریعت تہٕ قونون
چھِ نہٕ بذاتِ خود دِین بلکہٕ چھ یم اصل دینس تام واتنُک ذری یہ۔ دینی قونونن ہُند ذکر کران چھ مولانا
ییتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ بے شک اوس شریعتو سٕنٛزٕ تہٕ تعزیرُک حکم دِتمُت مگر امہِ کنی نہٕ زِ تعزیر پہ تہٕ
عقوبت (سزا تہٕ عذاب) کیا چھ بجایہ خود کانہہ رژ عمل بلکہ امہِ کنی زِ انسانہٕ ہنٛد لسُنہ بسُنہ کین کینژن
مجبوری ہندٕ بن حالاتن منز چھ یہ اکھ مجبوری ہند علاج یین لفظن منز ہیکو یہ تہٕ وننہٕ زِ اکھ لوکٕٹ پاریچ
بدی پنیہ امہِ کنی وِتراونی ییتھ بہلہ پایہ چن بدی ین امہِ سٟتی روٹھ ہیکو کرتھ نگر دُنیاہن بُنو یہ علاجہِ بدلہ
اکھ دلچسپ مشغلہ۔
مولانا چھ وَنان زِ دِین چھِ نہٕ محض ییتھ کتھ منز زِ اکی شخصن کوٚر عبادتھ وِزِ مشرقس کُن بُتھ کٔرِتھ مغربس
کُن اصل دِین چھ یہ زِ خدا پرستی تہٕ عملِ صالح کہ لحاظہِ کیا حال چھ اَکس انسانہٕ سُند بگریمہ وِزِ لوکو

اُصل دینہٕ نِشہٕ رِشتہٕ ژٕوٹ تہٕ بیوٚن بیوٚن طٔریقہٕ تہٕ وَتہٕ پنُن دِین بناوِ اُتی آیہٕ خدایہٕ سٕنٛز عبادتھ گاہ تام بٲگراونہٕ یُودوَے پٔزتھ مذہبُک مانَن وول چھُ خدایہٕ سُنٛدے ناوہیوان مگر یہ ہیٚکہٕ نہٕ بنتھ زِ اکہٕ مذہبُک مانَن وول ہیٚکہٕ بێیہٕ مذہبہٕ کِس مانَن وٲلی سٕنٛزِ مسجدِ منٛز اُتھ خدایہٕ سُنٛد ناو ہیتھ۔ یُوتے یوت نہٕ بلکہٕ چھُنے پٔزتھ کانٛہہ جماتھ صِرف پنہٕنِسے عبادتھ گاہس خدایہٕ سٕنٛز عبادتھ گاہ زانان تہٕ بێیہٕ ہنٛد عبادتھ گاہ چھُنہٕ تِہنٛزِن نظرَن منٛز کانٛہہ تہٕ احترام۔ بلکہٕ چھ واریاہ لٹہٕ یتہٕ بنان زِ سہ چھُ مذہبہٕ کِس ناوس پیٹھ ووتھان تہٕ بێین ہنٛز عبادتھ گاہ نُہناوان۔ اَمہٕ کھوتہٕ بوڑ ظُلم کیا ہیٚکہٕ انسانہٕ سُنٛد دستہٕ یتھ زِ خدایہٕ سٕنٛدی بنٛدن خدایہٕ سُنٛد یادِ نِشہٕ پتھ رٹنہٕ (وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنْ مَّنَعَ مَسٰجِدَ اللّٰهِ اَنْ يُّذْكَرَ فِيْهَا اسْمُهٗ وَسَعٰى فِيْ خَرَابِهَا) تہٕ محض اَمہٕ سببہٕ پتھ رٹنہٕ زِ تِہنٛد توٗق چھُ بێیس جماژ سٟتی یا کانٛہہ عبادتھ گاہ ییہٕ لُہراونہٕ محض اَمہٕ کِنی زِ سہ چھُنہٕ اَسہٕ بناومٕژ سہ چھُنے بێین ہنٛز بناومٕژ۔

دُنیاہُک بیاکھ دوکھ چھُ یہ زِ وُدمُت زِ مذہب دارو کوٚر اکہٕ طرفہٕ پنہٕنین وَتہٕ ہاوکین، ہادِین تہٕ رہنماہَن ہنٛدِس اِحترامَس منٛز حد کھوتہٕ جادٕ مُبالغہٕ تہٕ واتناوکھ خدایہٕ سٕنٛدِس دَرجَس تام تہٕ بێیہٕ طرفہٕ کوٚرکھ بێین ہنٛدِن ہادِیَن تہٕ رہنماہَن ہنٛد وُجوُد تام مانٕنہٕ نِشہٕ اِنکار مولانا آزاد چھُ پننِس تفسیرِس منٛز اُتھی ذہنیتس پیٹھ سخت اعتراض کران تہٕ ثابتھ کران زِ دینہٕ کِس اُصلَس تام ہیٚکہٕ نہٕ توتام کانٛہہ تہٕ شخص واتتھ یُوتام نہٕ سہ سارنٕے پٲغمبرَن تہٕ مذہبی رہنماہَن پیٹھ ایمان اَنہٕ تہٕ تِمَن ہنٛد ہوُوے اِحترام کرِ مگر اَتھ سٟتی چھُ پتہٕ ضوٗروٗری زِ سہ تھاوِ خدایس تہٕ بنٛدہٕ سُنٛد بنیادی فرق نظرِ تَل تہٕ پٲغمبرَن تہٕ ہادِیَن تُلِہ نہٕ بنٛدگی ہنٛدِ تہٕ اِنسانیتہٕ کہِ درجہ پیٹھہٕ تہٕ بێہناوِکھ خدایس لرِ لوٗر۔

قرآن مجید چھُ تمام پٲغمبرَن پیٹھ ایمان اَننٕچ یعنی تِمَن پزی یارِ مانٕنٕچ دعوتھ دِوان سہ چھُ تِمَن پٲغمبرَن منٛز فرق تہٕ ژٲر کرٕنس گمراہی مانان تہٕ حکُم دِوان زِ ہرٲتھی ہدایت مانَن وٲلِس پٔزتھ اِنسانس چھُ فرض زِ

کانٛہہ فرق کرِنہٕ وراٹے اَنہٕ سٕہ تمام پاٛغمبرن ہنٛزن کتابن تہٕ تہندِس دعوٕس پیٛٹھ ایمان تہٕ کانٛسہِ اَکِس سُند کرِنہٕ اِنکار۔ قرآن چھُ ونان زِ خُدا چھُ گنٛنہٕ تہٕ تٔسنٛد پاٛغام حق تہٕ چھُ گنٛنہٕ مگر یِہ حقک پاٛغام آو مختلف ماننٛ تہٕ مختلف زبانن منٛز دِنہٕ لہٰذا اگر تۄہیٛ اَکھ پاٛغمبر مانان چھِوٕ تہٕ بیاکھ چھِوٕ نہٕ مانان تمٕکۍ مطلب گو زِ اَکٕے حقیقت چھِوٕ تۄہیٛ اَکِس جاے مانان تہٕ بیٛیِس جاے رد کران۔ اَکٕے کتھ چھِوٕ مانان تہٕ تہٕ سوے چھِوٕ رد تہٕ کران یِہ گو نہٕ مانُن بلکہ چھُ یِہ سیٛٹھا ناکارٕ پاٹھۍ نہٕ مانُن۔

مولانا ابوالکلام آزاد چھِنہٕ کُنہٕ تعارفکۍ موحتاج۔ عُلماے کرامن تہٕ علمی دُنیہس منٛز چھےٚ تہنٛز شخصیت ہمیشہِ پٔرزلونٛی تہٕ مرکزِ توجہ روزمٕژ۔ تہنٛز شخصیت اَس سوٚ بہلہٕ پاۍ شخصیتھ یتھ منٛز تمہٕ واریاہ خصوٗصیتہٕ جمع آسہٕ سپدے مٕژ یِمہٕ نہٕ سہل سہل کانٛسہِ اَکِس شخصس منٛز لبنہٕ چھےٚ یوان۔ قرآنٛی نظریاتن ہنٛدِس تفسیرٕ تمۍ کورسہٕ چھُ مختلف شکلن منٛز برۄنٛہہ کُن آمُت خصوصاً تمن مقالاتن منٛز یِم تمۍ پننہٕ نِین دوٚن ہفتہٕ وار اخبارن الہلال تہٕ البلاغ خاطر لیٛکھۍ۔ مگر اسلامی علومن یُس سہٕ ساری کھوتہٕ بٔڈ ڈالی تمۍ دِژ سُہ چھُ تہنٛد ترجمانُ القرآن یتھ منٛزیک گوڈنیک جلد سورہ فاتحہ کِس تفسیرس پیٛٹھ اَند چھُ ووتمُت۔ سورہ فاتحک یُہے تفسیر چھُ یتھ منٛزیک کاشُر ترجمہ پیش کرنٕچ سعادت بہٕ حاصل کران چھُس۔ مولانا اوسی تہند پایکۍ عالمِ دین، مفسر، محدث، مفکر، مصنف، صحافی تہٕ سیاسی رہنما۔ تِم چھِ اُردوٗ زبانۍ ہنٛدۍ بٔڈۍ تہٕ نامور لیکھن والۍ۔ تہنٛد طرزِ تحریر چھُ اَکھ انفرادی تہٕ اِمتیازی شان تھاوان تہٕ اَتھ منٛز یُس کشش تہٕ دِلآویزی چھےٚ سو چھِنہٕ بیٛیِہ کانٛسہِ اَدیبہٕ سنٛدِس تحریرس باگہِ آمٕژ۔ تہنٛزِ زبٲنۍ ہنٛد یِہ حُسن چھُ پننِس اصل لباسس منٛزے وُچھن لایق۔ لباس بدلاوِتھ ہیٛکہِ نہٕ تمۍ چ یِہ کشش، دِلآویزی تہٕ اَثر پۄرٕ پاٹھۍ باقی روٗزِتھ۔ تہنٛدِ تحریرٕچ علمی شان بیانٕک تھزر تہٕ تمۍ سٕنز دِلس منٛز جاے کرُن حُسن لفظن ہنٛز ژار تہٕ تمن ہنٛد ورتاو چھُ مولانا آزاد سنٛدِس عبارتس سہٕ جادٕیک ہیٛوٗ اَثر بخشان یُس پرن والۍ سنٛدِس دِلس زن تھپہٕ نِوان چھُ۔

اَصل عبارتُک یہ حُسن تہٕ اَثر بیٚیس زبانی منٛز ترجمہٕ کرِتھ وِزِ باقی تھاوُن چھُ سیٹھا مُشکل خصوصاً کأشرِ زبأنی منٛز یتھ منٛز اَمہٕ قسمُک کانٛہہ علمی سرمایہ وُنہٕ نہٕ آسنس برابر چھُ۔ مےٚ کٔر پننِس حدس تام کوٗشش زِ کأشرِس منٛز پھِرنہٕ وِزِ تھاوِ بہٕ مُصنفہٕ سُند پنُن لیکھنُک طریقہٕ ڈٔنجہ تہٕ تہٕندِن خیالَن تہٕ بیانہٕ کِس حُسنس پیٹھ دِمہٕ کمہٕ کھوتہٕ کم اَثر پیٚنہٕ۔

مےٚیون ترجمہٕ چھُ مولانا آزاد سٕندِ عبارتُک لفظی ترجمہٕ یہ چھُ اَکہٕ اَکہٕ لفظُک تہٕ اَکہٕ اَکہٕ جملُک ترجمہٕ یُتھ منٛز ییمہٕ کتھہِ ہُند خیال چھُ آمُت تھاونہٕ زِ مولانا آزاد سٕندِ اَصل عبارتُک تہٕ تہٕندِن خیالاتن ہُند روٗح گوٚژھ نہٕ کُنہٕ جایہ تہٕ ژھایہ روزُن تہٕ تہٕنٛد طرزِ تحریر تہٕ اندازِ بیان تہٕ گوٚژھ پننہٕ جایہ ڈٔنجہ روزُن۔ یتھے کٔنۍ چھُ اَمہٕ کتھہِ ہُند تہٕ خیال آمُت تھاونہٕ زِ ترجمہٕ کرن وٲلۍ سُند کانٛہہ ذاتی خیال گوٚژھ نہٕ کُنہٕ جایہ مُصنفہٕ ہٕندِن خیالَن پیٹھ کانٛہہ اَثر ترٛاوُن۔ مےٚ چھُ پننِین کمین ہُند اعتراف مگر تہٕ اُستھ تہٕ ہیٚنٛز مےٚ یہ مُشکل کام صرف تمہٕ بٔڈِس تہٕ عظیم مقصدس نظرِ تل تھٲوِتھ مَٹہٕ یُس بوٚڈ مقصد پانہٕ مولانا آزادس برٛونٛہہ کُنہٕ یہ تفسیر لیکھن وِزِ اوس۔ خداوندِ کریم تھٲوِن مےٚ یٲنی یہ کوٗشش قبوٗل۔

بہٕ چھُس پننین دۄن رفیقن پروفیسر حاجنی صأبنِ تہٕ پروفیسر محمد سعید گیلانی صأبنِ شُکر گزار یِمو مےٚ یہ کام مَٹہٕ ہینٛچ تحریک دِژ تہٕ ہمت دِژ۔

آخرس پیٹھ چھُس بہٕ کلچرل اکیڈمی ہُند وِژھہ وٲلنجہ شُکر گزار یِمو یہ کتاب چھاپنُک سنٛز کوٚر تہٕ کأشرِس اَدبس دینی تہٕ قرآنی علمچ تہٕ اَدبچ اکھ موٗلُل ڈٲلی دِژ۔

الحمد للہ الذی ھدانا لھذا وما کنا لنھتدی لولا ان ھدانا اللہ۔

ربنا تقبل منا انک انت السمیع العلیم

۱۰؍ جون ۱۹۸۳ء

محمد عبداللہ شیدا

# مُصنِّف سُند دیباچہ

بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ

۱۹۱۶ء ہس منٛزیٛلہِ البلاغ کہِ ذٕری یہِ ترجمانُ القرآن تہٕ تفسیر البیانُک اعلان کرنہٕ آو منٛے اوس نہٕ وُہم گُمانَس مَنٛز تہٕ زِ بہٕ چُھس اَکہِ تٕرِٛژھ کامہِ ہُند اعلان کران یوسہٕ پٔنداہن وٕری ین تام پٔڑا تہٕ انتظارَس مَنٛز اوٗیزان روزِ۔ یہٕ سہٕ مُلکہٕ کہِ شوقہٕ خاطرٕ اکھ گوٚب بور تہٕ میٛ نِہن یِراَدن ہنٛزِ ناکامی ہُند دوٚکھ بوٗرُت داستان بنہٕ۔ مگر بروٚنٛہہ کُن یِنہٕ والیو واقاتو دِیُت ثابِت کٔرِتھ زِ حقیقتھ اُس یہٕی۔

## جلاوطنی

وُنہٕ اُسی اَتھ اعلانَس کُنٛژ تام رٕژھے گامٕتی زِ ۳ مارچ ۱۹۱۶ء دِیُت منٛے حکوٗمتہٕ بنگالُن ڈیفنس آرڈی نینسَس تحت بنگالہٕ کہِ حوٚدوٗدٕ نیبر نیرُنُک حکم تہٕ اَتھی سٟتی گوٚ البلاغ تہٕ البلاغ پریس سٟتی لیکھنُک تہٕ چھاپنُک سوٗرُے کارخانہٕ چھلہٕ وِلٲے۔

چونکہِ اَمہِ بروٚنٛہے اُس دہلی، پنجاب، یو پی تہٕ مدراس کیو حکوٗمتو اَتھی آرڈی ننسَس تحت پننہِ پننین صوبن مَنٛز میانِس اَژنَس پابندی لٲجمٕژ۔ اَمہِ کِنہِ اُسی وونی صِرف بمبٔی تہٕ بِہار زٕ صوبہٕ، یوٚت بہٕ گژھِتھ

ہیکہٕ ہا۔ مےٚ کوٚر راۄنچی گژھن پسند۔ امہِ خیالہٕ کنہِ زِ کلکتہٕ ہس نکھہٕ روٗزتھ ماہنیکہٕ بہٕ لیکھنچ تہٕ چھاپنچ کام جاری تھاوِتھ ______ ۱۹۱۵ ہس منٛز ییلہِ مےٚ امہِ کامہٕ ہنٛد اراد کوٚر مےٚ اُسی اکی ساتہٕ ترٛےٚ چیز نظرن تل۔ ترجمہٕ تفسیر تہٕ مقدمہٕ تفسیر۔ مےٚ اوس سوٗنچمُت زِ یمہٕ ترٛےٚ کتابہٕ کرن قرآن پرنچہٕ تہٕ زانہٕ نچہٕ ترٛےٚ مختلف ضرورتہٕ پوٗرٕ۔ عام تعلیمہٕ خاطرٕ ترجمہٕ، مطالہٕ خاطرٕ تفسیر تہٕ عالمن تہٕ مفکرن ہنٛدِ خاطرٕ مقدمہٕ۔ البلاغس منٛز ترجمہٕ تہٕ تفسیر چھاپنک اعلان کرن وزِ اوس ترجمہٕ پانٛژن سپارن تام وۄتمُت تہٕ تفسیر سورہٕ آل عمرانس تام پوٗرٕ گومُت تہٕ مقدمہٕ تہٕ اوس یاد داشتن ہنٛزِ شکلہِ منٛز لیکھت۔ کمُ وقتس منٛز جادٕ کام اند واتناوُنہٕ کہٕ غرضہٕ تھوٚو مےٚ لیکھنس سۭتی سۭتی چھاپنک سلسلہٕ تہٕ جاری۔ مےٚ اوس خیال زِ ہیتہٕ کنہٕ گژھہٕ وری یس تام ترجمہٕ تہٕ مکمل تہٕ چھاپنہٕ تہٕ ییہٕ تہٕ اَتھۍ سۭتی گژھہٕ تفسیرٕک تہٕ کم از کم گوڈنیک جلد شایع۔ مےٚ اُس ہفتہٕ کین ستن دوہن ہنٛز کام یتھ کنہٕ باگراو مژ۔ ترٛےٚ دوہہ البلاغکس شیرنس منٛز زٕ دوہہ ترجمس تہٕ زٕ دوہہ تفسیرس پیٹھ لاگنہٕ۔

۳۔ مارچ ۱۹۱۶؁ ییلہِ بہٕ کلکتہٕ پیٹھ ڈراس تمہِ وزِ اُسی تفسیرکۍ شےٚ فارم چھپےمتۍ تہٕ ترجمچ کتابت اُس شوٗرو گژھان۔ مےٚ کرووٚنۍ کوٚشش زِ میانہِ غارحاضری منٛز گژھہٕ پریس چلۍ وُن روزن تہٕ کم از کم گژھہٕ تفسیرچ تہٕ ترجمچ کام برونہہ پکنۍ۔ چناں چہ جون ۱۹۱۶؁ ہس منٛز گو پریس بنیہ ییلہٕ گژھنک انتظام تہٕ بہٕ تۄگس مسودٕ شیرنس سۭتی یتھ تم پریسس حوالہٕ کرِتھ۔

## نظر بندی

مگر ۸۔ جولائی ۱۹۱۶ کوٚر حکومتن ہنگتہٕ منگہٕ میانہِ نظر بندی ہنٛد حکم جاری تہٕ اَتھۍ سۭتی موکلیےٚ یہ ووٚمید تہٕ۔ نظر بندی پتہٕ روٗد نہٕ کانٛہہ تہٕ موقہٕ باقی زِ بہٕ ہیکہٕ ہا نیبرِمس دُنیاہس سۭتی کانٛہہ واٹھ تھاوِتھ۔ ووٚنۍ اُس مےٚ تام صرف اکھ کام روٗزمژ یعنی لیکھنس سۭتی مشغول روزن۔ نظر بندی ہنٛد پوٚنٛ گنٛوہوٚ شرطو منٛز اوس نہٕ

اَکھ تہٕ شرط تِیُتھ یُس مےٚ اَمہِ نِشہِ پتھ رٕٹہٕ ہا۔ مےٚ کوٚر اَکھُے پیٹھ قناعت۔ تِیُتھُے یوت نہٕ بَلکہِ مےٚ سوٚنچ یِتہٕ زِ اَگر زِنٛدگی ہُنٛز وسارٕ وٕ آزادی یوٚ نِشہِ اَتھ چھَلتھ تہٕ یہٕ لیکھنہٕ تہٕ پرنہٕ خاطرٕ آزاد چھُس تہٕ تِمکی نتایج چھ محفوظ تھیٚلہٕ چھُنہٕ مےٚ زِنٛدگی ہِنٛد پوٚسہ کھوٚ مَنٛزٕ کانٛہہ تہٕ سوٚکھ رُدٕ مُت یہٕ ہینٛکہٕ ساری زِنٛدگی یِتھےٚ کٔنٛو گُذٲرِتھ۔ مگر وُنہٕ اُسی نہٕ اَتھ کیٚتھ ترٛےٚ ریتھ تہٕ گاہے زِ مےٚ پوٚزانن زِ اَمہِ ہتہٕ نِش تہٕ اوس مےٚ اَتھ چھَلُن۔

## بیٚیہٕ تلٲشی تہٕ مُسوَدن ہُنٛز ضبطی

ییٚمہِ وِزِ نظر بنٛدی ہُنٛد حُکُم اوس دِنہٕ آمُت تَمہِ وِزِ اُس میانہٕ گرٕچ تہٕ تلٲشی کرنہٕ آمٕژ تہٕ تتہِ یِم تہٕ کاغذ اَتھ اَسکھ آمتی تِمن پیٹھ اوس تفتیشی اَفسرو قبضہٕ کوٚرمُت۔ یِمہِ نےٚ مَنٛز اوس ترجمک تہٕ تفسیرک مُسوَدٕ تہٕ مگر ییٚلہٕ وُچھک زِ اَتھ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ قابلِ اعتراض تہٕ حکوٗمتہٕ کہِ مقصدٕ خاطرٕ مُفید چیز دوٚیہ ہفتہٕ پتہٕ آے یِم واپس دِنہٕ۔

مگر ییٚلہٕ اَمہِ تفتیشی کاروٲیی ہُنٛد نتیجک اِطلاع حکوٗمتہٕ ہِنٛدس دِنہٕ آو تَمہِ کوٚر نہٕ مقامی حکوٗمتہٕ کِس فٲصلس سیٚتی اِتفاق۔ تتہٕ آو خیال کرنہٕ زِ مقٲمی حکوٗمتن چھےٚ کاغذات واپس دِلِتھ مَنٛز واریاہ وُناوٕلی کٔرِمٕژ تہٕ تِم ما آسن نہٕ وارٕ پٲٹھۍ وُچھنہٕ آمتی۔ اَمہِ وِزِ اوس حکوٗمتِ ہِنٛدکہِ محکمےٚ تفتیشُک اَفسرِ اعلا سر چارلس کلیولینڈ (SIR CHARLES CLEVE LAND) تِمس اوس کیٚنژن وَتھو کنۍ یِمن ہُنٛز وُشِرٕ ہِنےٚ کرنُک یہٕ موقہٕ چھُنہٕ۔ مِیون سخ ضد گوٚمُت سُہ آو گوڈٕ کلکتہٕ تہٕ رُود دون ہفتن تفتیش کران پتہٕ آو رانچی تہٕ آیہٕ نوٚ سرٕ میٲنِس مکانس تلٲشی کرنہٕ۔ تلٲشی پتہٕ دوٚنکھ زِ یِم کاغذ گوڈٕ رِچھ تلٲشی وِزِ نہٕ اُسی آمتی تِمن ووٚدِ حکوٗمتہٕ ہِنٛدکہِ مانہٕ خاطرٕ سوزنہٕ آو پتہٕ نیکھ ساری کاغذاتھ وُٹھتھ تہٕ چھپےٚ مژ کتابہٕ تام یِکہِ ناوکھ۔

یِمن مَنٛز اوس نہٕ ترجمہٕ تہٕ تفسیرک مُسوَدٕے یوت بَلکہِ اُسی بیٚین کتابن ہِنٛدی اَڈلیکھی تہٕ پوٗرٕ مُسوَدٕ تہٕ ییٚمہِ وِزِ یہٕ واقعہ سپُد ترجمک مُسوَدٕ اوس اَٹھن سیپارن تام وُوتمُت تہٕ تفسیرک مُسوَدٕ سورہ نساہس تام مگر

ووٚنی اوس نہٕ مےٚ اَتھ اَمیُک اَکھ وَرق تہٕ۔ خآرمنے تھاو نوٚم سپارٕ پیٹھٕ ترٛجمُک کٲم جٲری تہٕ ۱۹۱۸ اکس
اَخرس تام واتناوم اَند۔ ووٚنی اگر گوڈنِچن اُٹھن سپارن ہُند ترجمہٕ واپس میلہٕ ہے تیٚلہٕ اوس پوٚرٕ قرآنہٕ
مجیٖدُک ترجمہٕ مکمل۔

مےٚ کٔر کاغذن ہِنٛزٕ واپسی خٲطرٕ خط وکِتابت مگر اورٕ میوٚل جواب زِ فی الحال میلِن نہٕ کاغذ واپس
تہٕ نہٕ ہیٚکو یہ وٚنِتھ زِ کرتام ییٚن واپس دِنہٕ۔ چوٚنکہٕ بظاہر اُس نہٕ کاغذات جلد واپس ترٛاوٕنچ کانٛہہ تہٕ اُمید نظر
تَل تہٕ کینٛہہ خبر اُس نہٕ زِ برٛونٛہہ کُن کیاہ چھُ سپدن وول لہٰذا باسیوو پی مُناسب زِ نوٚو سرٕ یِمن سپارن
ہُند ترجمہٕ کٔرِتھ کتاب مکمل کرٕنی۔ یہ اُس نہٕ سہل کٲم اَکہِ لٹہِ لیوکھمُت چیز دُبارٕ لیکھُن چھُ طبیعتس پیٹھ
سبٹھا گرٛاوٕٹھ پیوان۔ تو تہٕ کوٚر مےٚ کیٚنشن رٚتن محنتھ کٔرِتھ یہ حِصہ تہٕ نوٚوسرٕ مکمل۔

گفتہ گر شُد زکفم شکر کہ ناگفتہ بجاست!

اَز دو صد گنج یکی مشتِ گہر باختہ ام!

مےٚ یوٚدوے رُوو ووٚنمُت شُکُر وَنہٕ نے چھُم مےٚ پانس نِشہِ

خزانو اَندرٕ یوٚدوے لالہٕ موٚٹھ کھنٛڈرٲو چھنہٕ کانٛہہ غم!

مُسودٕ زیادٕ جان پأٹھو تیار کرنہٕ تہٕ آسٲنی سان غلطیَن ہُند اِصلاح کرنہٕ خٲطرٕ اوس مےٚ اُردو ٹایپ رایٹر
اَنِتھ ٹایپ کرناوُن شوٗروٗ کوٚرمُت چنانچہ دسمبر ۱۹۱۹ سنہٕ ہَس مَنٛز اوس نِصفہٕ کھوتہٕ زیادٕ حِصہ ٹایپ سپدمُت۔

## رہٲیی تہٕ تحریکِ عدمِ تعاوُن

۲۷، دسمبر ۱۹۱۹ سنہٕ کوٚرُس بٔہ حکومتن رہا تہٕ یتھ کِنہٕ اَمہٕ وِتہٕ ہِندی ساری ٹھٔرِ گٔے دوٗر مگر یہ اوس
سُہ وَق ییٚلہٕ مُلکس مَنٛز اکہِ عام سیٲسی حرکتُک موَاد تیار گژھان اوس تہٕ یوٚتام مسلمانن ہُند توٗلُق چھُ الہلال کس
سیٲسی دعوتس اوسن اورٕ تہٕ یرتھ طرفہٕ زورٕ سان جواب یُن ہیوٚتمُت۔ بٔہ ہیٚکہ ہا نہٕ وَقتہٕ کہِ تقاضہٕ نِشہِ اَچھ

ڈُٹھ۔ لہٰذا جیلہٕ نٟبرٕ تھےٚ گوس بہٕ عدمِ تعاون چہِ تحریکہِ سٟتی آوُر تہٕ واریاہس کالس میۆل نہٕ مےٚ کانٛہہ موقہٕ زِ بہٕ ہیکہٕ ہا بێیہ کُن وُچھتھ۔

مگر ۱۹۲۱ سنہٕ ہس منٛز یێلہِ مُلکہٕ کہِ پرٛتھ حصہٕ پێٹھہٕ ترجمانُ القرآن خاطرٕ تقاضہٕ ہێتن سپدٕنۍ مےٚ پیو اَمہِ کہِ چھاپنہٕ خاطرٕ تیار سپدُن۔ چوٗنکہِ ٹایپ لِکھاےٚ آیہ نہٕ مُناسب بوزنہٕ اَمہِ کنۍ پیو کِتابتُک اِنتظام کرُن۔ گوڈٕ کرناو مےٚ متنُک کِتابت تہٕ اَمہِ پتہٕ آیہ ترجمُک کِتابت شورٗ کرنہٕ۔ نومبر ۱۹۲۱ سنہٕ ہس منٛز اُس متنُک کِتابت اَند واتہٕ مژ تہٕ ترجمُک کِتابت شورٗ سپدےمژ۔ مگر وقتُک فاصلہٕ اوس وُنہٕ تہٕ مےٚ خلاف۔

## گرفتاری تہٕ سارِنۍ مسودن ہنٛز بربادی

۱۹۲۱ سنہٕ کس آخرس تام لاتعاوُن تحریک پننِس کمالس واتہٕ مژ تہٕ ووٚنۍ اوس نہٕ حکومتس تہٕ پننین وسیلن کام ہێنہٕ ورٲے کانٛہہ چارٕ۔ ۲۰ نومبر تل گوڈنیتھےٚ بنگالی حکومتن قدم تہٕ لٲجن تمن سارِنۍ تنظیمن پێٹھ پابندی یمہٕ اَتھ تحریکس چلناوان آسہٕ۔ اَمہِ سٟتی میوٗل کانگرسس قونوٗن پھٹراوُنُک موقہٕ تہٕ ۱۰ دسمبر ۱۹۲۱ آس بنگالہٕ کێن بێین رفیقن سٟتی بہٕ تہٕ گرفتار کرنہٕ۔

یێمہِ لٹہِ ہیکہٕ ہا نہٕ میانہِ گرفتٲری سٟتی پرٛیسہٕ کس اِنتظامس منٛز کانٛہہ خلل پێتھ تہِ کیازِ پوٗرٕ کِتاب اُس موجوٗد تہٕ مےٚ اوس یتہٕ اِنتظام کورمُت زِ مےٚ ورٲے تہٕ گژھ کام بٔرٕ نہٕ پکنۍ۔ مگر گرفتٲری پتہٕ یہٕ کینٛژھا سپدُس چھُ اَمہِ داستانُک پتیمُ دوہ کھ۔ اَمہِ سٟتی گیہ نہٕ ترجمانُ القرآنٕچ تہٕ تفسیرٕچ چھپٲیی یا ژٕ بُنٛدٕ بلکہِ میانہِ علمی زِندگی ہنٛدِس شوقن تہٕ پیو ڈوکھ۔

گرفتٲری پتہٕ یێلہِ حکومتن زون زِ مےٚ پێٹھ مُقدمہٕ چلاونہٕ خاطرٕ چھُنہٕ کٲفی مواد موجوٗد تہٕ تس پیو مواد ژھانٛڈُن لہٰذا آیہ ترٛیمہِ لٹہِ میانہِ مکانٕچ تہٕ چھاپ خانٕچ تلٲشی کرنہٕ۔ تلٲشی کرن والین منٛز اوس نہٕ کانٛہہ اَکھ تہِ اُردوٗ، عربی یا فارسی زانان۔ لہٰذا یہٕ کینٛژھا یمن زبانن منٛز لیکھِت وُچھک

یہ زانِتھ زِ اتھ منٛز آسہٕ ضۅرۄر حۅکومتس خلاف مواد سۅ سوٗرے قلمی مسودن ہُنٛد ڈیر نیوکھ وٕنھتھ تہٕ اُکھی سِتی پکنا وبکھ ترجمان القرآن چہ لیچھمٕژ کاپیہ تہٕ وُٹھتھ۔

بدقسمتی سِتی وۄن نہٕ تمہٕ وِزِ کاںٛسہٕ تہٕ شخصن زِ کاغذات رٕنیو ترتیبہٕ تہٕ تفصیلہٕ سان، سارِنے چیٖزن ہُنٛد دپو باقایدٕ رسید یتھ پیٹھ گواہن ہنٛدی دستخط آسن۔ تفتیشی افسرن اوس پانس سِتی اکھ چھپتھ فارم سُے ڈیتکھ یہ لیکھتھ زِ متفرق کاغذات آے نِنہٕ تہٕ دٕراے پانس۔

پنٛداہہٕ رٕیتی پیٹھ یہٕ جیلہٕ دٕراس منٛے منگی حۅکومتس پننی کاغذ واریا کال خط کتابت کرنہٕ پتہٕ مِیلی کاغذ واپس مگر ییلِہ یہ سوٗرے ذخیرٕ برباد اوس گومُت۔ ییمہٕ وِزِ تفتیشی افسرو کاغذن پیٹھ قبضہٕ کۆرمُت چھِیم اُسی مختلف قلمی مسودٕ بیون بیون فایلن منٛز ترتیبہٕ سان یمن منٛز اوس کینٛہہ مکمل تہٕ نامکمل کتابو دٕرٲے یادداشتن ہُنٛد اکھ بوڑ ذخیرٕ تہٕ مگر ییلِہ یم واپس مِیلی یہ اوس محض چھکرِتھ ورقن ہُنٛد اکھ ڈیر یتھ منٛز نصفہٕ کھوتہٕ جادٕ ورق یاتہٕ ضایہٕ اُسی گمتی نتہٕ یرتھ طرفہٕ ژھینہمتی تہٕ چھلہٕ چھلہٕ گاہتی۔

یہ اُس میانہٕ صبرتہٕ برداشتہٕ خاطرٕ زِندگی ہنٛز ساری کھوتہٕ بڈٕ آزمایش مگر منٛے کٔر کوشش زِ یہٕ گوژھس یتہٕ وہتراوِتھ ہیکُن۔ یہ اوس ساری کھوتہٕ ٹیوٹھ دام یُس حادثاتکی پیالن میانین وٕٹھن سِتی لوگ مگر کانٛہہ شکایتھ کرنہٕ ورٲے چھوٚم منٛے یہ زہر پیالہ تہٕ۔ او یہٕ ہیکہٕ نہٕ اَمہٕ کتھہٕ نِشہٕ اِنکار کرِتھ زِ امیُک ٹیٚچھر چھُم وُنہٕ تہٕ ہٕٹس نال وٕلِتھ۔

رگ و پے میں جب اُترے زہرِ غم تب دیکھیئے کیا ہو
ابھی تو تلخیِ کام و دہن کی آزمایش ہے! (غالبؔ)

ییٚلہٕ رٕمہٕ رٕمہٕ پھیرِ غمُک زہر وُنکھ کیشا
ہٕٹہٕ پیٹھہٕ بوٚن کُن وُنہٕ چھُے وسنے دام ہنا پٕژار (رشیدؔ)

سیاسی زِندگی ہندی ہنگامہٕ تہٕ علمی زِندگی ہُند سکوٗن ہیکَن نہٕ اَکِۍ سے زِندگی مَنٛز سمِتھ۔ پھٔنبِس تہٕ نارس چھُ رلہٕ ژار محال ۔ مےٚ یوٗژھ دوٚہ شونٛفی اَکی ساتہٕ تھٔپھ دِنۍ۔ بہٕ بدقسمتھ روٗدُس اَکِہ طرفہٕ فکری سرمایکۍ ڈیر لگاوان بیٚیہ طرفہٕ روٗدُس اتھٕ بَرس زالہٕ وٕنِہ ترٛٹھَن تہٕ ناد دِوان۔ نتیجہٕ اوس نوٚن تہٕ ٹاکارٕ۔ مےٚ چھُنہٕ شِکایتھ کرنُک کانٛہہ حق۔ عُرفیؔ چھُ میانی زیوٚ ووٚنمُت۔

زاں شکستم کہ بہ دُنبالِ دلِ خویش مدام
در نشیبِ شکنِ زُلفِ پریشاں رفتم

مےٚ گوٚ ڈٔکہٕ سوٗر یٚیلہٕ زٕن بارہا دِلٕکِس تلاشس مَنٛز
پریشاں زُلفہٕ کِہن پیچ و خمَن سٕنزٕن اندر ووٚتُس

ووٚنی اوس نہٕ ترجمان القرآنُک تہٕ تفسیرُک وٕجوٗدس مَنٛزیُن اَمہٕ وَرٲے مُمکِن زِ بیٚیہ پیٚیہ نوٚ سرٕ محنت کرٕنۍ۔ مگر اَمہٕ حادثٕچ پتہٕ گوٚ طبیعت تِتھہٕ کٕنۍ شِٹھِتھ زِ واریاہ جتَن کرٕتھ تہٕ ہیوٚک نہٕ یہِ مےٚ سِتۍ پکِتھ۔ مےٚ زون اَمہٕ حادثُک زخم چھُنہٕ تیوٚت موٗمولی یُس جلد بلِتھ ہیکہِ۔

طبیعتِچ بٔڈ رُکاوٹ یوٗسہٕ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ برونٛہہ کُن یوان آس، اوس یہِ تصوُر زِ اَکِہ ساتہٕ تصنیف کوٚرمُت یا لیوٚکھمُت چیز پیٚیہ دُوبارٕ تصنیف کرٕنۍ یا لیکھٕنۍ۔ حقیقتھ چھےٚ یہِ زِ اَکِس قلم کارَس یا لِکھارِس کرِ چھُنہٕ اَمہِ کھوتہٕ کٔڈر کانٛہہ تہٕ کٲم زِ سُہ دِیہِ آسٲنی سان ساسہٕ بدی صفحہٕ نوٚی لیکھِتھ مگر اَکھ روومُت صفحہٕ دُوبارٕ لیکھٕنہٕ خٲطرٕ ہیکہِ نہٕ پنُن طبیعتھ آمادٕ کرِتھ۔ یٔمِہ محنتہٕ کِہ بوٚر بٲدی ہندِ تصوُرٕ سِتۍ یُس فکرٕ ہُند تہٕ طبیعتُک جوٗش ژھیتہٕ چھُ گژھان سُہ دُبارٕ پٲدٕ کرُن چھُ سیٹھا مُشکِل۔ اَمہٕ حالتُک صٔحی اَنٛدازٕ ہیکَن صِرف تِمے یٲتی کرِتھ یِمَن یُتھ روزِ بد وُچھُن آسہٕ پیوٚمُت۔ مےٚ اوس تھامس کارلایل سٕندِین حالاتَن مَنٛز پوٚرمُت زِ ییٚلہِ تٔمۍ فرانٛسہٕ کِس انقلابس پیٹھ پننۍ مشہوٗر کتاب دوٚبارٕ لیٚچھ تہٕ زانَن والیو دوٚپ زِ یہِ چھُ قوتِ

تصنیفک اکھ غارموموٗلی اظہار منٛے ہیوٚک نہٕ زانٛہتھ زِ اَتھ مَنٛز کوسہٕ کتھ چھےٚ غارموموٗلی۔ مگر اَمہٕ حادثُک پَتہٕ زون منٛے زِ یہ کام چھنہٕ صِرف غارموموٗلی بلکہٕ تمہٕ کھوتہٕ تہٕ کیٚنٛہہ جادٕ تہٕ کارآلی سندِ عظیم لِکھارٕ آسنُک ہیٚکہٕ نہٕ اَمہٕ بوڑ کانٛہہ ثبوتھ اُستھ۔

## ترجمانُ القرآنٕچ نوٚسٕ ترتیب

وُری واد گُذرے یہ۔ مگر منٛے ہیوٚک نہٕ پَنُن پان اَمہٕ خاطرٕ تیار کٔرِتھ ع

دِلے سرگشتہ دارم کہ درصحراست پنداری!

یہ دِل تیٚنٛتھ روٗم چھُم زن تہٕ صحرا اوس اَندرٕ پثوٗمت

واریاہ لٹہٕ گُڈِم ترجمہٕ تہٕ تفسیرکِ پتھ کُن موٗثیمتِ وَرق مگر یتھے بوٗرباد سپدے یتھٕ کاغذن پیٹھ نظر پیٚیم دِلکۍ زخم گام تازٕ تہٕ زٕ ژور صفہٕ لیکھتھ پیٚیم اُتی تراوٕنی۔ مگر اکہٕ ترٛٹھ کامہٕ نشہٕ یتھ مُتلق منٛے یقین اوس زِ مُسلمانَن ہندِ خاطرٕ چھےٚ یہ وَقیتچ ساری کھوتہٕ بٔڈ ضرورتھ ہیٚکہٕ نہٕ میٚون دِل زیادٕ کالس غافِل روٗزِتھ۔ یوٚت یوٚت وَق اوس گُذران اَمہٕ کامہٕ ہندِ ضرورتُک ایٛحساس اوس میانہٕ خاطرٕ ناقابلِ بَرداش بنان، تہٕ اوٗسس محسوس کران زِ اگر یہ کام میانہٕ دستہٕ اَند وٲژ نہٕ تیٚلہٕ ماسپدِ نہٕ واریاہس کالس اَمہٕ کہٕ اَند واتنُک کانٛہہ سنٛز۔

۱۹۲۶ء اوس اَند واتَن وول ہنگہٕ منگہٕ گیہٕ واریا کالہٕ کس بنٛد گٲمتس طبیعتس منٛز اکھ حرکتھ پٲدٕ کامہٕ ہندِ یُس گنڈٕ نہٕ عقلہٕ ہندِ بوٚتہٕ بِہرٕ وستی یلہٕ ہیوٚک گرٛھتھ دِلہٕ کہٕ جوشہٕ ستی گوٗسہٕ پانے یلہٕ۔ کامہٕ دوٚتھ دس، گوڈٕ گوڈٕ روٗد کیٚنٛژرَن دوٚہن طبیعت ہنا لوٚت لوٚت پکان مگر یتھے شوقُک تہٕ فکرِ ہنٛدی زٕ ژوٚر جام گردشس منٛز طبیعتہٕ چہٕ سارِے رُکاوٹہٕ گیہٕ دوٗر تہٕ پتہٕ ہیوٚتُن تیٚتھ ہیوٚ بوزنہٕ یُن زن تہٕ اَمہٕ شوقہٕ کہٕ منٛز دلہٕ کِنۍ غم تہٕ دوٚکھ زانٛہہ پوٚکمُتۍ اوس۔

بہ بدمستی سزد گر متہم سازد مرا ساقی
ہنوز از بادۂ دوشینہ ام پیمانہ بو دارد

---

مےٚ یوٚد الزام دِیہ ساقی بہ بدمستی غلط چھہٕ کینہہ
چھُ وُنہِ میٲنس پیالس مُشکِ باقی یوٚکہِ شرابُک!

یوٚتےٚ یوت نہٕ بلکہِ پئٹھ وُنُن زِ اَمہِ تازٕ شوٚقچ رنیہہ گیہ کالہٕ چہ مجلسہٕ ہنٛد جوشہِ کھوتہٕ تہٕ تھزےٚ۔ ع

چہ مستی ست نہ دانم کہ رو بہ ما آورد
کہ بود ساقی و ویں بادہ از کجا آورد

---

یہ کُرٕ مستی خبر چھہٕ آیہِ کتہِ میٲنس نصیبس منٛز!
یہ ساقی اوس کُس کمہِ جایہ پیٹھہٕ چھُن یتھہ شراب اوٚنمُت

سُبحان اللہ! روٗح تہٕ دِلہٕ کہِ عالمہٕ کین تصرفاتن ہُندتہٕ چھُ اکھ عجیب حال آسان یاتہٕ اوس یہ حال زِ واریا جتن کرِتھ تہٕ ہینچ نہٕ طبیعتچ تنگی دوٗر گژھتھ نتہٕ یہ کیفیت زِ ووٚنی ییلہِ طبیعت یلہٕ گوٚ تہٕ تتھ کُنہِ گوٚیلہٕ زِ یوٚدوَے بہٕ یتھ تہِ یژھہٕ ہن زٹُن ہیکہٕ ہن نہٕ زٹِتھ۔ ع

شورلیست نوا ریزئے تارِ نفسم را
پیدا نہ اے جنبشِ مضراب کجائی

---

نغمہٕ چھُ تھدان شور وزان میانہِ دِلچ تار
چھُکھ ژٲرِ رٲزتھ تار وایَن والہِ ژٕ کتہِ چھُکھ

خٲر کامہِ ووٚتھ دَس تہٕ اَمہِ خیالہٕ کِنہِ زِ سورۃ فاتحک تفسیر اوس ترجمہٕ خاطرٕ تہٕ منوٚر دٲری کوٚر مےٚ گوڈٕ اتھہِ

کُن توجہٕ۔ اَدٕ پتہٕ ہێوتُم ترجمہٕ کرُن۔ حالات اۘسی نہٕ وُنہٕ تہٕ ڈٲنجہٕ صحت اوس دوٚہہ کھوتہٕ دوٚہہ پتھ گژھان۔ سیاسی آدیرہ تہٕ اوس کامہٕ منٛز تِتھے کٲنٛسہ خلل تراوان۔ بہرحال کٲم روٗز وارٕ وارٕ برونٛہہ پکان تہٕ ۲۰ جولائی سنہٕ ۱۹۳۰ گوس بہٕ آخری سوٗرکہٕ ترجمہٕ تہٕ ترتیبہٕ نِشہٕ فارغ ع

تادستِ رسم بود زدم چاک گریباں
شرمندگی از خرقۂ پشمینہ ندارم

---

اَتھ یوٗت پلُم تیوٗت کوٚرُم نال پننُن چاک
اَمہٕ پننہٕ مُنلہٕ زرچہٕ ہُنٛد روٗدُس نہٕ بہٕ آویزٕ!

(مُترجم)

ابوالکلام آزادؔ

# سُورَةُ الفَاتِحَة

(مَكِّيَّةٌ وَهِيَ سَبعُ اٰيَاتٍ)

سورۃ فاتحہ ــــ مکی ــــ ستہ آیہ

بِسمِ اللّٰهِ الرَّحمٰنِ الرَّحِيمِ

خدا یہ سندنا و سنتی یس رحمت عام تہ رحمت خاص تھاون ل چھ

اَلحَمدُ لِلّٰهِ رَبِّ العَالَمِينَ ۝ الرَّحمٰنِ
الرَّحِيمِ ۝ مٰلِكِ يَومِ الدِّينِ ۝ اِيَّاكَ
نَعبُدُ وَاِيَّاكَ نَستَعِينُ ۝ اِهدِنَا الصِّرَاطَ
المُستَقِيمَ ۝ صِرَاطَ الَّذِينَ اَنعَمتَ عَلَيهِمۡ
غَيرِ المَغضُوبِ عَلَيهِمۡ وَلَا الضَّآلِّينَ ۝

(اٰمين)

پٔرتھ قسمکی تاریف (یانے حُسنہٕ تہٕ جمالہٕ کہ اعترافہٕ تہٕ عجزکہٕ تہٕ کمالہٕ کہ اعتقادٕ سان یہ کینٛژھا تہٕ یُتھ کینٛژھا وننہٕ ییہ) چُھ صرف خدایہ سٕندے یوت خاطرٕ یُس ساری پادٔشہ ہُند (خاطرٕ یا) کاینات ٹُک رچھن وول چھ (یُسٕنز پروردگاری پادٔشی کایناتہٕ کُس پٔرتھ وجودس زِندٕ روزنکی تہٕ باقے روزنکی سٕنز تہٕ سامان بخشان تہٕ رچھنکی ساری ضرورتھ پوٚرٕ کران روزان چھ) یُس رحمتہٕ وول چھُ تہٕ یُسٕنز رحمتھ ساری یہ زِندگی ہٕندِس کارخانس (کایناتس) اپنہٕ ہو بخشایشو سیتی مالامال کران چھُ۔ یُس جزہٕ کرٕ تہٕ سزہٕ کرٕ دوہُک مالک چھُ (تہٕ یُسٕندی عدالتَن پٔرتھ کامہٕ کُیت بدلہٕ تہٕ پٔرتھ کتھہٕ کُیت نتیجہٕ مقرر کورمت چھُ) خدایا! اَسی چھِ صرف ژٕے یاژ عبادتھ کران تہٕ بس ژٕے یوت چھکھ یُس اَسی زِندگی ہٕندِ ین تہٕ آخرتہٕ کین حاجتن مٕنز چھِ مدد مٕنگان ژٕے وأرٕے چھنہٕ کانٛہہ تہٕ معبود یُسٕنز بندگی کرنہٕ ییہ تہٕ طاقتُک تہٕ بخشایشُک ہُند کانٛہہ ڈوکھ چھُنہٕ یتھ مدد مٕنگنہٕ ییہ۔ خدایہ اَسہٕ کرٕ ژ تراو فلحچ تہٕ سعادتچ سینز وتھ یلہٕ یوسہٕ وتھ تمَن لوکَن ہٕنز وتھ چھٕے یمَن چون انعام توٚرٕ تہٕنز وتھ نہٕ یم چانہٕ دربارٕ مغضوب گٔے تہٕ نہٕ تمَن ہٕنز وتھ یم سینز وتہٕ نشہٕ ڈلی تہٕ مٕنزٕ ژُگ پٔے لوتکھ نہٕ۔ آمین۔

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

# مقدّمۃ الکتاب

## مقدمہٕ کِس پانٛژِمِس بابس منٛز

چھےٚ یہ کتھ وٕژھِناوٕنۍ آمژ زِ قرآنِ مجید کمہِ طریقہٕ سپُد نازل تہٕ یہ کتھ پانٛٹھی آو ترتیب دِنہٕ تہٕ سو مبراونہٕ تہٕ یہ حقیقتھ تہٕ ہیٛتھ واضح آمژ کرنہٕ زِ قرآنہٕ حکیمچ اکھ ترتیب آس وقتی تہٕ اکھ دائمی۔ وقتی ترتیب آس سو یوٚس تمہِ کِس ہنہِ ہنہِ تہٕ ضوٗرورتہٕ مطابق نازل سپدنس منٛز نظرِ تھاونہٕ آیہٕ۔ تہٕ دائمی آس سو یۄسہٕ مطابق "الکتاب" شکلہ سمان تہٕ ترتیب بیان گو۔ یہاے "الکتاب" چھےٚ یوٚس اسہِ نشہٕ وۄنکینس موجود چھےٚ تہٕ بلکل چھےٚ تتھےٚ کنۍ مرتب تہٕ منظم تہٕ یتھہٕ کنۍ وحی الٰہین سو مرتب کرِمژ آس مگر سیٛتی گوٚ تہٕ تمہِ کہ ترتیب نزوٗلک تاریخ تہٕ ضایہٕ۔ سہ تہٕ ہیکو اسی معلوم کرِتھ۔ تمہِ کہِ حفاظتہٕ خاطرٕ تھو صحابوؓ تہٕ تابعینوؒ

پنہٕ ہِن پنہٕ ہِن روایژن تہٕ تالیمہِ منٛز نزولہٕ تہٕ شانِ نزوٗلکہِ تاریخک علم محفوظ۔ یِمن دوشونٛی ترتیبن ہندین مقصدن منٛز اوس پھیر۔ گوڈنچ ترتیب آس اوسبہٕ یتھہ اکس لوکچہ تہٕ مخصوص جماژ تالیم دِتھ سو ساری دُنیا ہکہِ تالیمہٕ تہٕ ترتیبہٕ خاطرٕ تیار کرنہٕ ییہٕ۔ لہٰذا ایژھہِ تہِنزٕ حالتھ آس تہٕ ییٚمہ حسابہٕ رژھِ رژھِ تہِند استعداد ہُران گو تمی حسابہٕ اوس اکہِ پتہٕ بیاکھ سبق تمن دِنہٕ یِوان۔ مگر دوٚیمہِ ترتیبہِ کِس مقصدس اوس نہٕ گنہِ ژھوٚٹس جمانس تہٕ گنہِ خاص وقتس سیٛتی واٹھ۔ بلکہ سہ اوس ہمیشہِ خاطرٕ سارِنے انسانن ہِنزِ تالیمہٕ تہٕ ہدایتہٕ خاطرٕ اکہِ کتابہِ مُبین چہ شکلہِ منٛز یُن یژھان او سبہٕ اوس ضوٗروٗری زِ سہ آسہِ گوڈنکہِ ترتیبہٕ نِشہٕ بیوٚن تہٕ طالبِ علمن ہندِس اکس خاص جماتس ییٚمہ ترتیبہٕ سان مدرسس منٛز درسِ علوم دِنہٕ آمُت اوس۔ اکھ مستقل "کتاب" "علوم" علمی طریقہٕ ترتیب دِنہٕ وِزِ بدلہٕ سُو سورُے چنانچہ اُسی چھِ وچھان زِ قرآنہٕ حکیمچ کتابی ترتیب چھےٚ درسی ترتیب۔ یانے نزوٗلکہِ ترتیبہٕ نِشہٕ بیوٚن۔ تہٕ اکثر چھِ تم

سُورٕ گوٚڈٕ نظر یوان یِم پتہٕ نازِل سپدِی۔ پتہٕ یِمن سپارَن ہندی اکثر سورٕ چھہٕ "مکی" یانے تم چھہٕ عہدِ نبوتہٕ کس شوٗرٕوٚس یا گوٚڈٕ کالس منز نازِل سپدی مِتی مگر وونی چھٹے یِمہٕ وٕ رے سوٗرو سمتی کِتاب اِلٰہی اند واتان "سُورہ بقرہ" سپُد ہجرتہٕ پتہٕ نازِل مگر وونی چھہٕ سورۂ فاتحہ پتہٕ اَمی سورہ سمتی "الکتاب" شوٗرو گژھان۔ مگر امِہ کِنی چھُہ سورۂ فاتحہ اکھ عجیب سورہ یُس پرٕنہ ترتیبس منز گوٚڈٕ چھُہ۔ تہٕ امیُک گوٚڈٕ آسُن چھُہ پرٕنہٕ جایہ ہُوی ممتاز نظرِ یوان۔ یہ چھُہ سُہ گوٚڈنیُک سبق یُس خدائی درسگاہس منز "المؤمنون الاوّلون" یانے گوٚڈنکین مؤمنَن دِنہٕ آو۔ تہٕ یہ چھُہ گوٚڈنیُک بیان یُس ہمیشہٕ خاطرٕ "الکتاب" منزٕ تہٕ گوٚڈٕ تھاونہٕ آو۔ یانے نزوٗلٕکِنی تہٕ چھُہ یُوہے سورہ یتھ خدایہ سٕنزِ کتابہ ہندِس گوٚڈنِکس صفس پیٹھ جائے دِنہٕ آیہ۔

وحیِ الٰہیَن ییٚلہ یِنہ مستورتہٕ محجوب روٗپہ پیٹھہ فارانس منز نقاب تھوٗد تُل۔ تمہ کِہ جمالِ حُقیقتُک گوٚڈنیُک جلوٕ اوس اَتھی سورۂ فاتحس منز تہٕ اَوے پتہٕ آو یُوہے سورہ ہمیشہٕ خاطرٕ گوٚڈنیُک تہٕ ماننہٕ یِنہٕ ییٚلہ زانہہ نوعِ انسانی زٔمینس پیٹھ حُقیقتہٕ کِس تلاشس منز بے قرار گژھِہ تمہٕ وِزِ ییٚیہ یُوہے جلوۂ حق گوٚڈنیتھ تس برٕونہہ کُن۔ صرف درسہٕ تہٕ نزولکہٕ ترتیبچی نہٕ کتابہ ہندِ ترتیبہ چی یا آژ چھنہٕ کتھ۔ برٕونہہ کُتھ سپدِ توٚہہ مولوٗم زِ انسانی تالیمہ تہٕ سعادتہٕ کِس کائناتس منز یہ کینژ ہا چھُہ۔ تتھ منز چھٹے گوٚڈنچ حُقیقتھ یُوہے سورہ تہٕ امے سورِ کی شتھ آیہ۔ اگر سُہ اکھ سفر چھُہ تمیُک گوٚڈنیکُے منزل چھُہ یُوہے۔ اگر سُہ اکھ جمال چھُہ تمیُک گوٚڈنیُک جلو چھُہ یُوہے تہٕ اگر سُہ حُقیقتُک اکھ نغمہ چھُہ تہٕ تمیُک گوٚڈنیکُے ترانہٕ چھُہ امی پیٹھہ ووتلان۔ اگر سُہ اکھ وقت چھُہ تہٕ تمیُک گوٚڈنیکُے دوہ چھُہ امی پیٹھہ شوٗرو گژھان۔ اگر سُہ اکھ گُل چھُہ تمیُک گوٚڈنیکُے بیاٹِ پھوٗل چھُہ اَتھی منز۔ تہٕ اگر سُہ سعادتُک اکھ دایرٕ چھُہ تمیُک نقطہٕ چھنہٕ امہٕ وراٹے بیٚییہ کانہہ۔ غرض انسانی زاتہٕ ہندِس سعادتس تہٕ زٕمینی کائناتہٕ کِس ارشادس

تہٕ ہیدایتس منٛز یہٕ کینٛژھا چھُ تتھ منٛز بنتھ کنٛہ
نہٕ ییتھ شکلہِ منٛزٕ چھوا می سورۃ شریفک جلوٕ
بیٚیہِ پرٛتھ رنگہٕ گوڈنظر تل۔ اوے چھُ مؤمنہٕ
سٕنٛزِ ایمانی زنٛدگی ہُنٛد گوڈنیُک دوٗہ
یوٚسہٕ تِہنٛدِ دلہٕ کہِ سازُک گوڈنیُک نغمہٕ
چھُ امی اٚندرٕ وۄتلان۔ تِہنٛدِ عِلمہٕ تہٕ عملہٕ ہنٛدِ
دٲیرُک نُقطہٕ سعادت چھِ امہِ کی ستھ آیہٕ۔
سُہ بیٚیلہِ حقیقتہٕ کس سفرس پیٹھ نیران چھُ
تمی سُنٛد گوڈنیُک قدم چھُ یوٚسہٕ آسان سٕہ
بیٚیلہٕ یکان چھُ گوڈنیُک منٛزِل چھس یوٚسہٕ
بُنتھِ یوان۔ کنٛہہِ چھُ کران تہٕ گوڈنِچ آواز چھس
بہاے نیران۔ مشکلان چھُ نہٕ گوڈنِچ طلب
چھس اُتھی منٛز آسان۔ نہٕ حقیقتہٕ کِس
عشقس منٛز بیٚیلہ ودان چھُ حقہٕ چہٕ اُچھی
ہنٛد گوڈنیُک اوٗش پھیوٚر چھس یوٚسہٕ
وسان۔ یانے تِہنٛز نیکی یہٕ ہنٛز زنٛدگی منٛز
یہٕ کینٛہہ چھُ تتھی منٛز چھُ گوڈنیُک تہٕ ساری
برٛونٛہہ یوٚسہٕ چیز تہٕ امہِ وراے یہٕ کینٛژھا کینٛہہ
چھُ تہٕ چھُ سورُے امہِ پتہٕ۔ امی نِشہٕ تہٕ اُتھی۔
برٛونٛہہ کُن یکتھ سپدِتھ یہٕ معلوم زِ امہِ کہٕ
گوڈٕ آسنِچ دٕر تہٕ پٔز حقیقتھ چھ اکھ فطری

قونوٗن تہٕ ناموسِ الٰہی۔ یُس نہٕ زانٛہہ پھُٹِتھ
ہیٚکہِ نہٕ خُدا آئی فطرِچ کانٛہہ عمل چھنہٕ پھُٹنہٕ
خاطرٕ۔ یہٕ چھنہٕ اوٚسبہٕ گوڈنیُک زِ یہٕ گژھہِ
گوڈنیُک ماننہٕ تہٕ وَنُن زِ یہٕ چھُ گوڈنیُک۔ بلکہِ
اوٚسبہٕ زِ انسانہٕ سٕنٛدِ صالح فطرِچ گوڈنِچ
آواز چھ یہاے۔ نہٕ بیٚیلہ زانٛہہ انسانہٕ سٕنٛز
فطرت پرٛتھ قسمہٕ چہٕ بناوٹی تہٕ نبرٕ میوکدٕوٗرتو
تہٕ آلائشو نِشہٕ پاک سپدِتھ پننہٕ اصلہٕ چہٕ
تہٕ حقیقتچہٕ وتہٕ پیٹھ یِیہٕ تِہنٛدِ دلہٕ اٚندرٕ وۄتلہِ
گوڈنِچ کرٕ کھ یہاے۔ انسان چھُ فطرتن اکھ
پیٹھ مجبوٗر زِ بیٚیلہ زانٛہہ سُہ حرفن تہٕ آوازن
منٛز حقیقتک مانہٕ تہٕ فطرتہٕ کہن صحی تصوراتن
ہُنٛد ہیٚیہ مطلب وَنُن۔ بیٚیہ لفظن منٛز آوازٕ
سان بیٚیلہ زانٛہہ سُہ خدایس نادلایہ تِہنٛز
گوڈنِچ تہٕ اصلی آواز آسہِ سوے۔ یوٚسہٕ
سورۃ فاتحہ کیو سٕتو آیو منٛز نیرِتھ ہیٚکہ۔
امہِ وراے ہیٚکہ نہٕ انسانہٕ سٕنٛز صالح
فطرت کینٛہہ تہٕ وٕنِتھ۔ اگر ونہٕ تہٕ سو آسہِ نہٕ
تسٕنٛز پٔز تہٕ اصلی آواز بلکہِ آسہِ سو بناوٹھ
تہٕ اپُز ناپاکی، گنٛد تہٕ غبارٕ یُس صالح فطرت
چہٕ صالح نہٕ شوٗزِ آوازِ بدلہٕ قسمہٕ قسمہٕ چین

آوازن ہُنٛد کرٕہکہٕ نادٕ تلہٕ۔ تہٕ اَدٕ کیاز آسہِ نہٕ یہٕ انسانہٕ سٕنٛز اصلی تہٕ گوڈنیُچ آواز بیٚلہٕ زَن نوٚہی جلدی زٕ آنوزِ انسانی کائناتس تہٕ تمہِ چہٕ بٲداَشی تہٕ وجوٗدَس منٛز یہٕ کینٛہہ چھ سارِ چی فِطری تہٕ گوڈنیُک آواز چھ بہاے۔

وَ اِنْ مِّنْ شَیْءٍ اِلَّا یُسَبِّحُ بِحَمْدِہٖ وَلٰکِنْ لَّا تَفْقَهُوْنَ تَسْبِیْحَهُمْ [١٧]

نہٕ دُنی یہس منٛز چُھنہٕ کانٛہہ تہٕ چیز یُس نہٕ خدایہ سٕنٛد حمد آسہِ کران مگر

توٚہی چھوٗ نہٕ تِہنٛدِس حمد و ثناہَس پیٹھ غور کران تہٕ بیٚیہِ چھوٗ نہٕ زانان۔

دٲیرہ بیٚمہِ نقطہٕ پیٹھہٕ شوٗرٕ چھ گژھان تِتھی پیٹھ چھُ اَنٛدٕ تہٕ واتان۔ تمیُک گوڈنیُک تہٕ پَتِم دوٚشوے مُنٛزل چھ اَکُے۔ اَمہِ کِنی لَبوٗ توٚہی بٕروٗنٛہہ کُن پکِتھ یہ تہٕ زِ یِتھہٕ کِنی سورۂ فاتحہ گوڈنیُچ حقیقتھ چھ تِتھے کِنی چھ ساری کھوٗ تہٕ پتِم تہٕ سٕے۔ یِتھہٕ کِنی سٕہ گوڈ چھُ تِتھے کِنہٕ چھُنہٕ اَنٛدٕ تہٕ تمہِ وراے بیٚیہِ کانٛہہ۔ یِتھہٕ کِنی سٕہ آغاز چھُ تِتھے کِنی چھُ تَتھہٕ مَنٛز تَمامس تہٕ کمالس واتُن تہٕ۔ یِتھہٕ کِنی سٕہ اَکھ بیٚاَلِی پھوٚل چھُ یُس گوڈٕ بنِتھے گُلس پیٹھ نوٚن دٔراوان تِتھے کِنی چھُ کلِّیُک پتِم ظہور تہٕ سٕے۔ تِکیازِ گُلی کرٕ ساری کھوٗ تہٕ پتِم کام بہاے

رٕ پِنہٕ نِین لنجہٕ نے مَنٛز لوگُن بیٚاَلیُک میوٚہ۔ لہٰذا انسانہٕ سٕنٛز نیکی یہ یِتھہٕ کِنی سورۂ فاتحہ پیٹھ گوڈٕ چھُ لگان۔ تِتھے کِنی چھُ تِتھی پیٹھ اَنٛدٕ تہٕ واتان۔ مومنہٕ سٕنٛدِ ہِدایتُک اِبتدا تہٕ چھُ بوٚہے تہٕ کمال تہٕ چھ یوٚہے۔ یہٕ چھُ اَکھ ہیوٚل تہٕ اَمہِ کِنی کلِّیُک اِبتدا تہٕ اِنتہا یہ کینٛہہ چھُ تہٕ اُتھی مَنٛز یہ کینٛہہ آسِتھ ہیٚکہٕ تہٕ سوٗرُے چھُ اُتھی منٛز۔ اوٚے چھُ اَکھ مُسلم زِندگی یانے صالح فطرتُک اَکھ کھوٚچرٕ روٚس تہٕ شوٚد روح۔ سوٗرُے کینٛہہ مُشراوان مگر سورۂ فاتحہ چُھنہٕ مُشراوِتھ ہیٚکان تِسٕنٛز زِندگی ہِنٛدِ سازٕ مَنٛز چھُ رانَس دوٚہس یوٚہے حقیقتُک نغمہٕ تھَدان روزان۔ یِتھہٕ کِنی تِسٕنٛدِ صبحُک گوڈنیُک نغمہٕ یوٚہے چھُ تِتھے کِنی چھُ تِہنٛزِ راتہٕ ہُنٛد پتِم ترانہ تہٕ یوٚہے۔ صُبحکہٕ آفتابُک روٗے وُچھن چھُ تَس پیٹھ حرام یوٚتام نہٕ سُہ سورۂ فاتحس منٛز پنٕنِس خدایس نادٕ دِیہٕ۔ تہٕ راتہٕ ہِنٛدِ آرامہٕ تہٕ سوٗکھہٕ کِس بسترَس پیٹھ چُھنہٕ تِسٕنٛد پان سوٗکھ لبان یوٚتام نہٕ سورۂ فاتحہ چہ آوازِ منٛز پنٕنِس حقیقی محبوبس تہٕ محموٗدَس سٕتی عشق کرِ۔ آفتاب چھ کھسان تہٕ موٗمنس کرٕ سورۂ فاتحچ شیٖچھ اَبانِ

لوسان تہٕ اَمہٕ کےٚ کٔزٕ کہٕ ناد آسان۔ ژٕرٕ چھےٚ
صُبحس بول بوٗشس کران تہٕ شامس ہٕنٛز اوّل
زُھانڈان تہٕ حقیقتھ فراموش انسان تہٕ چھُ
نیٚ کران۔ مگر مومن چھُ سُہ یُس صُبحس مالہٕ بھولہٕ
دُنےٚ خدایس ناد چھُ دِوان تہٕ آفتاب
لوسونےٚ چھُ تِہٕنٛدٕ منفک رُح سورۂ فاتحہ
کہو پاک نزانو سِتی برنہٕ یوان۔

" یذکرنی طلوع الشمس صبحاً
واذکرہ لکلّ غروب شمس "

اَدٕ تِہٕنٛدِس دوہس چھُ گوڈلگان تہٕ فاتحہ
سِےٚ ہیٚتھ انِد واتان چھُ تہٕ فاتحہ سِےٚ ہیٚتھ
چنانچہ یوہسے وجہ چھُ زِ حضرتِ آنحضرت صلعمو
تھووا تھ " فاتحۃ الکتاب " ناو تہٕ ییتھہ کٔنی نٔنہٕ
رأو کھ اَمہٕ کہٕ اولیتیچ حقیقتھ اَمہٕ کہٕ ناوٕ ستی۔

لاصلوٰۃ لمن لم یقرأ فیھا الفاتحۃ الکتاب (بخاری و مسلم عن عبادۃ بن الصامتؓ)

تس شخصہ سِنز نمازٕ سپدِ نہٕ یمہٕ نمازِ منز فاتحۃ الکتاب یانےٚ سورۂ فاتحہ پوٚر

بیٚتھےٚ کٔنی یہ دار قطنی تہٕ ترمذی سند حدیث
بُتھ۔ ییتھہ منز بیٚہن وصفن سِتی اَمیک اکھ
وصف یہ تہٕ چھُ آمُت بیان کرنہٕ زِ یہ چھُ فاتحۃ الکتاب:

چنانچہ اَوےٚ سبہٕ آو یوہسے وصف اَمیک
ساری کھو تہٕ بوڈ تہٕ گوڈنیک وصف مانٔنہٕ
تہٕ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلمو تہٕ سارؤےٚ
صحابہٕ صابو کور یہ جادٕ یہٕن امی ناوٕ ستی یاد۔

عربی زبٲنی منز چھُ " فتح " دراصل مشکلن
بندشن تہٕ رُکاوٹن ہِندس دوٗر گژھنس ہیٚتھ
ونٔنہٕ یوان۔ ییتھہ کٔنی امام راغب لیکھان چھ

" الفتح ازالۃ الاغلاق والاشکال "

یانےٚ فتح چھُ مشکلن تہٕ بندشن ہند دوٗر گژھن
چونکہ بندشن ہِندس دوٗر گژھنس تہٕ مشکلن
ہِندس ژلنس منز چھُ مُژرٕنک مانہٕ اوسبہٕ
ہیٚتھ یہ تمہٕ پٔتھ حالتہٕ خاطرٕ ورتاونہٕ یِوان یوسہٕ مُژرنہٕ
پٔتہٕ نَنےٚ یہ تہٕ اوسبہٕ ورایہ گوڈ نیتھےٚ نشنہ۔ بند
درواز آو مُژرنہٕ تہٕ یہ گو دروازٕ فتح گژھن۔
لڑایہ منز بنہٕ یہ کامیابی تہٕ ٹھری گیہٕ دوٗر یہ گیہٕ
لڑایہ منز فتح۔ غم ژلی تہٕ سوکھ آو یہ گیہٕ غمہٕ تہٕ
دوٗرٕ کھیچ فتح۔ غرض " فتح " کِس مانیس منز
چھےٚ اصل حقیقتھ کھُلہٕ ٹیچ مگر کھلنہٕ پتہٕ آو
گوڈنیتھےٚ اَمہٕ پتہٕ کنہ چیز بروونہٕ کُن۔ اَمہٕ کِنی گو
آغاز، گوڈ تہٕ ابتدا تہٕ اَمہٕ کہٕ مانیک اکھ حصہ تہٕ
بیٚنہٕ نس بیٚنہٕ نس یہ درتاو تہٕ آمُت چھُ

تَتہِ نَسَ چھُ یہ مانہٕ تہٕ اتھ مَنٛز نظرِ یِوان۔ اَمی فتح نِشہِ دٔراو فاتحہ۔ یانے سُہ چیز یمہٕ سٟتی کانٛہہ چیز مُژرنہٕ یِیہ تہٕ گوڈٕ لگہس۔

فاتحۃ کل شیئٍ مبدؤہ
الذی یفتح بہ مابعدہ
(مفردات امام راغب)

پرتھ چیزُک فاتحہ چھُ تمیُک مبدأ یانے یمہ سٟتی تتھ دَس چھُ دِوان تہٕ اَمہِ پتہٕ ییہٕ اوٚل چیز چھُ اَمہِ مبدأ سٟتی مُژرنہٕ یِوان۔

دوٚیمی سوٗ پنٛتہِ اَمہِ سورُک ناو چھُ "فاتحہ" یانے "فاتحۃ الکتاب"۔ لفظِ فتح کِس لوٗغتہٕ مانِیَس مَنٛز چھُ گنٛڈٕ مُژرنہٕ یُن، کھولنہٕ یُن تہٕ دَس دِوٕ تھن۔ لفظہٕ کیوٚ مِیوسارِ دِیے ورناوِکنی چھُ یوٗ ہے سورۂ "فاتحہ" خدایہٕ سٟنٛز وحی آیہِ مُژرنہٕ گنٛڈۂ گوَیلہٕ تہٕ گوڈٕنیتھے دراو یوٗ ہے سوٗرہٕ نوٗن تہٕ سوٗرے کلام اللہ چھُ اَمہِ پتہٕ۔ وحی اِلاہِیکی زاٹہ ہالن بیٚیلہ کتابہٕ ہنٛز تہٕ حکمتِچ تاٲلیم دِتھ اُمتِہٕ مُسلِمچ گوڈٕنچ جماتھ تیار کرٕنی ییٚژھ تمہِ وِزِ اوس گوڈٕنیُکے سبق تہٕ درس یوٗ ہے یمہ سٟتی تاٲلیم دِنُک سِلسِلہٕ شوٗرُو کرنہٕ آو۔ اَمہِ پتہٕ چھُ "الکتاب" ہٕنٛدِس دایمی ترتیبس مَنٛز تہِ قرآنِ حکیمُک مبدأ یانے گوڈیوٗ ہے۔ گویا قرآن کھوٚلتھ چھُ اَمہِ کِس علمُک جمال نظرن پٮ۪ٹھ دِلاوان

تہٕ باقٕے سوٗرٕ چھُ اَمہِ پتہٕ۔ بلکہ خدایہٕ سٟنٛد یوت کلامہٕ دُنیہس مَنٛز آو تہٕ یہ کینٛژھا قرآنِ مجیدس مَنٛز چھُ تہٕ سوٗرے چھُ سورۂ فاتحہ سٟتی کھولنہٕ یِوان تہٕ سارِی ہے کیٛژن چھُ یوٗ ہے سورہٕ آغازُک تہٕ افتِتاحُک نقطہٕ (فاتحہ کِہ اَمہِ پتہٕ مِہ وصفچ تشریح یِیہ برٛونٛہہ کُن کرنہٕ)

اَمہِ پتہٕ چھُ اَمہِ کِہ عملی فاتحیتُک تہٕ اولِیتُک سلسلہ شوٗرُو گژھان۔ فطرتِ صالحہ یانے مسلِم تہٕ موٗمِن انسانہٕ سٟنٛز زندگی مَنٛز چھِ اَسی وُچھان زِ تِہنٛدِ خاطرٕ چھُ پرٛتھ قسمٕکین افتتاحن تہٕ ابتداہن ہُنٛد نقطہٕ یوٗ ہے۔ سُہ بیٚیلہ کھولنہٕ یِوان چھُ تتھ مَنٛز چھُ سورۂ فاتحہ گوڈٕنیتھے نظرِ یِوان۔ نہٕ سُہ یہ کینٛژھا کران چھُ تتھ مَنٛز چھُ گوڈٕنیُکُے نَنبر اَمی سورٕ کِہ حقیقتُک آسان۔ اگر توٚہہ صبر کرِو توٚہہ زانِو یہ حقیقتھ زِیادٕ وضاحتہٕ سان مگر فِلحال چھُ ییٚژھ ہِن زانُن کافی زِ انسانہٕ سٟنٛز دٕہچہٕ زندگی ہُنٛد ابتدا چھُ صُبحٕ سٟتی گژھان تہٕ راتھ ہٕنٛدِس گوڈٕنکس پہرس پتھ چھُ اندٕ واتان۔ لہاذا چھُ موٗمِنہٕ سُنٛد پرٛتھ کانٛہہ صبح اَمی سورہ سٟتی

شوٗرٕ گژھان۔ تہٕ اَتھ پیٹھ انٛدوانان۔ تہٕ اَوتام یہٕ کینژھا وننہٕ آوُمُت چھُنہٕ محض قیاس تہٕ گمان، بلکہ پانہٕ چھُ احادیثن تہٕ نبوتہٕ کین احکامن ہنٛدِ وضاحتہٕ سٟتی معلوٗم سپدان زِ مومنہٕ سٕنٛز پرٛتھ کامہِ ہنٛد افتتاح گژھِ سورۂ فاتحہ کِہ حقیقتہٕ سٟتی سپدُن۔ چنانچہ ییٚمہ مشہور حدیث اَنی تو نظر تل یٚیِتھ رِوایتھ صحاح تہٕ سُنن کیو مصنفو وارِیاہو مختلف طریقو کرٕمٕژ چھےٚ۔ مگر سارِنٕے ہنٛد گوڈنیک راوی چھُ حضرتِ ابوہریرہ رضؓ۔

کل امر ذی بال لم یبدا فیہ بالحمد فھو ابتر۔

یوسہٕ کام نہٕ خدایہ سنٛدِ حمد سٟتی شروٗع آیہ کرنہٕ تیتھ منٛز چھےٚ نہٕ کامیابی۔

یِم چھِ ابن ماجہؒ تہٕ ابوداوٗدٕکی الفاظ مگر ابن العربیؒ تہٕ بغویؒ سٕنٛزن رِوایتن منٛز چھُ "بالحمد للہ" یانےٚ پرٛتھ کُنہِ کامہِ گژھِ الحمد للہ سٟتی دَس تُلُن تہٕ امام نسائیؒ سٕنٛدِس رِوایتس منٛز چھُ "کل کلام لا یبدا فیہ بحمد اللہ فھو اجذم" کینژن رِوایژن منٛز چھُ "اقطع" تہٕ آمُت۔ بیٚیہ کینژن رِوایژن منٛز چھُ "الحمد" بجایہٕ "بسم اللہ الرحمٰن الرحیم" یانےٚ "بسم اللہ الرحمٰن الرحیم" سٟتی یِتھ کامہِ نہٕ دَس بیٚیہٕ تُلنہٕ سو چھےٚ ابتر۔

دوشونی وُچھتوا مِہ حدیثہٕ سٟتی کتھ کُنہٕ چھُ ثابت گژھان زِ مومنِ سٕنٛزن سارِنٕے کامِن گژھِ اَمی سورہ کِہ حقیقتہٕ سٟتی گوڈٕ لگُن۔ اَمہِ سورِچ گوڈنیچ حقیقتھ چھےٚ "حمدِ الٰہی" تہٕ ہدایتھ آو کرنہٕ زِ پرٛتھ کامہِ ہنٛد افتتاح گژھِ "الحمد للہ" سٟتی سپدُن۔ اَمِچ گوڈنِچ آیت چھےٚ "بسم اللہ الرحمٰن الرحیم" تہٕ وننہٕ آو زِ پرٛتھ کام گژھِ "بسم اللہ" سٟتی دَس تُلُن۔ دوشونی رِوایژن منٛز چھُ کامہِ ہنٛد افتتاح فاتحہ کِہ حقیقتہٕ سٟتی تہٕ پوٚز چھُ یوہے زِ مومنہٕ سٕنٛز خصوصیتھ چھےٚ یہاے تہٕ سُہ چھُ اَمی سٟتی پرٛزناونہٕ یِوان زِ یہٕ کینژھا سُہ کران چھُ تہٕ چھُ خدایہ سٕنٛدِ ناوٕ سٟتی کران تہٕ تمی سٟتی زندگی ہنٛز پرٛتھ کُنہِ کامہِ دَس تُلتھ یِنن پان صرف خدایہ سٕنٛدے یوت خاطرٕ آیتن تھاوان۔

یِتھےٚ کنٕی اَنی تو نَم ساری حدیث نظر تل یِمن منٛز مختلف مقدس تہٕ پاک کامن متعلق صاف صاف وننہٕ آمُت چھُ زِ یِمن تُلو بسم اللہ

سیٚتی دَس تہٕ بسم اللہ چھُ سوُرہ فاتحہ
کِس گوڈنیک آیہ۔ یُتے یوت نہٕ بلکہ حدیثہٕ
تہٕ فقہٕ کیو کینژ وِامامو چھ لیو٘کھمت زِ وُضوٗ کرنہٕ
برٛونٛہہ بسم اللہ پرُن چھُ واجب تہٕ
حضرتِ امام احمدؒ چھ مرفوعاً روایتھ کران
زِ تَس شخصہٕ سُند وضوٗ چھنہٕ سپدان یُس نہٕ
خُدایہٕ سُند ناو ہیتھ وضوٗ کران چھُ۔ یمو امامو
نِشت چھ وضوٗ ہک شرط مانیمژ تہٕ نظر چھِ اَتھ
زاوُلِس نقطس پیٹھ آسمژ۔ یِتہٕ کتھہٕ کُنی
چھے سورۂ فاتحچ افتتاحی خصوٗصیتھ نشی نیران
ییٚلہ قرآنِ حکیمہٕ سیٚتی چھُ معلوٗم سپدان زِ انبیاءِ
کرامو تہٕ چھ پننین بجین بجین کامین ہمیشہٕ
سورۂ فاتحہ کِہ گوڈنکہ آیہ سیٚتی دَس تُلمت۔ حضرتِ
نوحؑن یمہٕ وِزِ ناوِ منز کھوٚر دوٚل تہٕ فرموٗ ون
"بسم اللہ مجریھا ومرسٰھا" حضرت
سلیمانؑن ییٚلہ ملکہ سبا سِنٛدِ ناوِ خط لیوٚکھ تہٕ
اَمی سیٚتی کوٚرُن تتھ ابتدا: "بسم اللہ
الرحمٰن الرحیم" تہٕ احادیثن منز
صراحتہٕ سان پھری پھری ونہٕ سیٚتی چھے یہ کتھ
سارِنی معلوٗم زِ آنحضرت صلے اللہ علیہ وسلم
آسی پننہٕ سارے کامہٕ سورۂ فاتحہ کِہ امی آیہ سیٚتی
شوٗروٗ کران۔ لہٰذا یِمو بیانو سیٚتی نیٚنے یہ
یہ کتھ زِ یہ سورہ چھُ پرٛنہٕ ینگہٕ "فاتح" تہٕ فاتحیت
تہٕ ابتدا چھُ پرٛنہٕ حیثیتی یتہٕ اَمکی خاطرٕ تہٕ یوہے
چھُ وجہ زِ اَتھ آو "فاتحہ" ناو دنہٕ۔

## فاتحۃ الکتاب بحیثیتِ نزوٗل

البتہٕ یہ تاریخی حقیقتھ زِ یتھہٕ کُنی الکتٰب
ہندِس ترتیبس منز یہ سورہ گوڈنیک چھُ یتھے کُنی
چھُ دَرسہٕ تہٕ نزولکِس ترتیبس منز تہٕ گوڈنیک
گژھِ ذرا زیادٕ وضاحتہٕ سان صاف گژھنی۔ توٚہی
چھِوٕ یہ حقیقتھ زانان زِ قرآنِ حکیم چھُ ترٕ (٢٣) وُہن وُہری
ین ہنٛدِس زمانَس منز ہنہٕ ہنہٕ نازل سپدمت
قرآنِ مجید کِہ نزولکِس تاریخس منز چھُ یہ زمانہٕ
دون حصن منز باگرنہٕ آمُت گوڈنیک حصہٕ چھُ
ابتدائی زمانک یُس ہجرتس پیٹھ اندواتان
چھُ تہٕ یتھ "مکی" زمانہٕ ونان چھِ۔ دوٚیم دور
چھُ مدینس کُن ہجرتہٕ پیٹھہٕ شوٗروٗ گژھان
آنحضرت صلے اللہ علیہ وسلمن ہنٛدِس وصالس
تام قایم روزان۔ اتھ چھ "مدنی" دور ونان۔
لہٰذا قرآنِ حکیمکی یم سورہ گوڈکِس ابتدائی زمانس
منز نازل سپدی متی چھِ تمن چھِ "مکی" ونان.

تہٕ یِم پتِمِس آخری زمانَس مَنٛز نازِل سپدِ
میتی چھِ تِمن چھِ "مدنی" وَنان۔ مکی تہٕ مدنی
وَنَنُک مطلب چھُنہٕ محض یِمن سوٗرَن ہِنٛدِ
نزولُک وطن۔ بلکہ ہجرتہٕ برٛونٛہہ تہٕ ہجرتہٕ پتہٕ
کِہن دۆن زمانن منٛز کُنہِ اکہِ زمانُک آسُن۔
انٛبیاء کرام علیہم السلامن ہنٛزِ اجتماعی کامہِ
ہنٛد گوڈنیُک دور چھُ دعوت و تبلیغُک دور
آسان۔ دوٚیِم منٛزِ یِم زمانہٕ چھُ ہجرتُک تہٕ ترٛیِیم
حق تہٕ باطلہِ کہِ فاصلُک تہٕ امرِ الٰہی کہِ ظہوٗرُک
لہٰذا چونکہ ہجرتِ نبوی ﷺ پیٹھہ اوس گوڈنیُک
دور ختم گژھان۔ تہٕ دوٚیِم دور شروٗع گژھان۔
اَوَے آو خدایہِ سِنٛدِ وحیُک تاریخ تہٕ یِمہٕ نے
دۆن بٔڈِن دورَن منٛز باگرتھ۔ چھُنتھ تھاوِنہٕ
تہٕ حقیقتن ہِیکہ ہانہٕ نزولہِ کہِ تاریخہٕ خاطرٕ امہٕ
کھوتہٕ رُت تقسیم عہد یٚتھ۔ یوہَے وجہ چھُ زِ
فنِ تفسیرکیو علماو چھےٚ یہ کٔرتھ اَتھ رٔژ زِ
مدنی سورہ گیہ تِمے یا آیتیم مدینس منٛزے
یوت نازِل گیہ۔ بلکہ ہجرتہٕ پتہٕ یِم سورہ نازِل گیہ
تِم چھِ ساری مدنی۔ اگر فتح مکہ پتہٕ مکس منٛز
تہٕ کانٛہہ آیہ نازِل آسہِ سپدیومُت سُہ تہٕ چھُ
پَننہِ زمانہٕ کِس لحاظہٕ مدنی یوٚدوے سُہ مدینس منٛز نازِل گوو نہٕ۔

## "سوٗرہٕ فاتحہ چھُ مکی"

دوٚیِم چھُ سوٗرہٕ فاتحس مُتلق
گوڈنیُک سوال یہ پادٕ سپدان زِ "یہ چھا مکی کنہٕ مدنی"
گوڈنکِس دورَس منٛز چھا نازِل گومُت کِنہٕ
دوٚیمِس دورَس منٛز۔ امیُک جواب چھُ پانے
قرآنِ حکیمس منٛز موجوٗد۔ سورہٕ حجر یُس
مکی آسنَس پیٹھ ساری مُتفق چھِ تتھ
منٛز چھِ اللہ تعالیٰ سورہٕ فاتحس مُتلق پانے
فرماوان، زِ سُہ چھُ نازِل سپدمُت۔

وَلَقَدْ اٰتَیْنٰكَ سَبْعًا مِّنَ الْمَثَانِیْ وَ الْقُرْاٰنَ الْعَظِیْمَ (۱۵-۸۷)

تہٕ بۆڈی پاٹھی دِتی اَسہِ توہہ پھِری پھِری پرنہٕ یِنہٕ وٲلۍ ستھ چیز تہٕ بیٚیہ قرآنِ حکیم۔

احادیثِ صحیحہ تہٕ آثارِ صحابہؓ یِم توٚہۍ یِتھہ پٔرو
چھِ وَنان زِ یتھ آیہ شریفس منٛز چھُ ستو چیزو
نِشہِ مُراد سوٗرہٕ فاتحکی ستھ آیہ تہٕ مثانی چھُ تمیُک
وصف۔ زِ سُہ چھُ پرتھ دوہہ نمازن منٛز پھِری
پھِری پرنہٕ یِوان تہٕ مؤمن چھُنہٕ سُہ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ
پرنہٕ ستی زانٛہہ تہٕ تھکان۔

امہِ ستی سپُد ثابتھ زِ سوٗرہٕ فاتحہ چھُ قطعاً مکی
تِکیازِ اگر یہ سوٗرہٕ حجرِ برٛونٛہہ مکس منٛز نازِل

اوسنہٕ گومُت ۔ خدا تعالاہَن کتھہٕ کٔنی کوٚر سورۂ حجرس مَنٛز اَمیُک ذِکر؟ چنانچہ حضرت عبداللہ بن عباس رضؓ، ابو میسرہ، قتادہ، حسن رضؓ تہٕ ابو العالیہ وغیرہ بڈٕ ہن صحابَن تہٕ تابعیانن (خُدا آسِن تِمَن راضی) ہُند چھُ یُوہے مذہب تہٕ حضرت علی کرم اللہ وجہہ تہٕ چھِ اَمِچ صراحتھ فرماوان:۔

عَنْ عَلِيٍّ رضؓ قَالَ نَزَلَتْ فَاتِحَةُ الْكِتَابِ بِمَكَّةَ (اسباب نزول للواحدی صـ۱۲)

حضرت علی کرم اللہ وجہہ چھِ روایتھ کران زِ سورۂ فاتحہ سپُد مکس مَنٛز نازِل۔

عام طور چھےٚ سارِنے عالمن، مُفسِرن تہٕ مُحققن ہُنٛز یہاے رائے۔ حافظ سیوطی رحؒ چھِ "اتقانس" مَنٛز لیکھان:۔

الْأَكْثَرُونَ عَلَى أَنَّهَا مَكِّيَّةٌ بَلْ وَرَدَ أَنَّهَا أَوَّلُ مَا نَزَلَ (ص ۲۴)

اکثر چھِ یتھ کتھہ پیٹھ زِ یہ چھےٚ مکی بلکہ یہ تہٕ چھُ ونہٕ آمُت زِ یوہے چھُ گوڈٕ نازِل سپُدمُت۔

متقدمین تہٕ متاخرین مَنٛز چھِ امام ابن جریر رضؓ تہٕ حافظ ابنِ کثیر رضؓ ہوی تفسیر بالحدیثکی امام تہٕ تِہندیوے مذہب چھُ۔ تہٕ یِمَن دوشوٚنی یتہٕ چھےٚ نہٕ کُنہِ بحثیچ تہٕ قیاسُک کینٛہہ ضوٗرَتھ مگر بحث صاف کرنہٕ خاطرٕ چھُ بہتر زِ یِمن لوکن سورۂ فاتحہ مدنی آسنُک خیال اوسمُت چھُ تِہُنٛز دلیلہٕ تہٕ بوزِو۔ تِمَن لوکن ہُنٛز دلیل چھےٚ یہ زِ بعضے صحابن رضؓ تہٕ تابعیان رحؒ متعلق چھُ مُفسِرو صراحت سان وَونمُت زِ تِم آسی سورۂ فاتحس مدنی مانان۔ چنانچہ حافظ ابن کثیر رحؒ چھِ لیکھان

وَقِيلَ مَدَنِيَّةٌ قَالَ أَبُو هُرَيْرَةَ رضؓ وَمُجَاهِدٌ وَعَطَاءُ بْنُ يَسَارٍ وَالزُّهْرِيُّ

بییہ چھُ ونہٕ آمُت زِ سورۂ فاتحہ چھِ مدنی۔ یہ قول چھُ ابو ہریرہ رضؓ، مجاہد رحؒ، عطاء بن یسار رحؒ تہٕ امام زہری رحؒ سُند

سائی آخری دورکی مُفسر گٔیہ اَمہِ اختلافہٕ سیتی تیتی متأثر زِ تِمو کٔر دوشوٚنی قولن جمع کرنٕچ کوشش تہٕ قیاس کوٚر گھرٕ زِ سورۂ فاتحہ آیہ دوہ یہ لٹہٕ نازِل گومُت۔ اکہِ لٹہٕ مکس مَنٛز ییلہ نماز فرض آیہ کرنہٕ تہٕ بییہ لٹہٕ مدینس مَنٛز ییلہ بیت المقدسہٕ بدلہٕ خانۂ کعبہ قبلہٕ مُقرر گو۔ یُنزی کٔنی آس یہ تطبیق دِنٕچ اکھ رِژ صوٗرتھ تہٕ یہ کتھ نہٕ چھےٚ نہٕ کینٛہہ تعجبُچ زِ سورۂ فاتحہ آسہِ دوہ یہ لٹہٕ نازِل سپدیومُت۔ تکیازِ انسانہٕ سٕنٛز نیک بختی ہند گوڈنیُک سبق نہٕ چھُ یوہے تہٕ پتیم نہٕ چھُ یوہے۔ مگر افسوس چھُ زِ اَمہِ برٕونٛہہ کنہِ چھُنہٕ اَمیُک کانٛہہ ثبوت تھ۔ کانٛہہ صحابن رضؓ یا تابعین رحؒ چھےٚ نہٕ اَمِچ صراحت کرمٕژ تہٕ محض قیاسن پیٹھ ہیکو

نہٕ آسی قرآنہٕ کہٕ نزوٗلُک تارٟخ مُقرر کرِتھ کینژو
چھُہ وَونمُت زِ سورہ فاتحہ چھہ مکی تہٕ نہٕ مدنی
تہٕ نیٚصِف۔ دوٚن ہٕنز مکس منز تہٕ نیٚصِف مدینس
منز۔ مگر تمن گژھہ یہِ کتھ مُشتبہ زِ سورہ حجر ووٚتھ
مکس منز تہٕ اتھ منز چھُ سورہ فاتحہ کہن
ساٹن تژہن آین بدلہٕ ستن آین ہنٛد
ذِکر۔ حقیقتس چھےٚ یہِ زِ اختلافہٕ کہ تطبیقہٕ خاطرٕ
یوٗت تکلیف کرٟنچ چھنہٕ ضروٗرت۔ تھوٚ ہنا غور کرِنہٕ
سٟتی چھےٚ یہِ کتھ بلکل واضح گژھان زِ
مدنی آسنہٕ چین رِوایژن منز چھنہٕ تیٚتھ
کانٛہہ زور یمہِ کِنی تمِن پیٹھ اکھ مُستقِل مذہب
عماِرتھ بحث ییہِ کرنہٕ۔ گوڈنِچ کتھ چھےٚ یہِ زِ
صحابہٕ کرامو منز تہٕ صحابہٕ کانٛہہ ملانومُت
کِنہٕ نہٕ ہنکیاز آمہِ کِس مکی آسنس متلق چھےٚ
حضرتِ علیؓ تہٕ حضرتِ ابنِ عباسؓ ہوہن بڈٛین صحابن
تہٕ مُفسرن ہنٛز صراحت موٗجود۔ حافظ ابن کثیرن
تہٕ ابن عطیہ ہن چھُہ حضرتِ ابوٗہریرہؓ سُنٛد ناولیوٗکمت
گوڈہِ ہیکو نہٕ تفسیرِ قرآنہٕ کِس مامَلس منز حضرتِ
علیسؓ تہٕ حضرتِ ابنِ عباسسؓ مقابلہٕ تہنٛدِس
وِنہٕ نس زیادٕ وزن دِتھ۔ دوٚیم چھےٚ یہِ کتھ
تہٕ مُشتبہ زِ پٔزی کِنی اوسہٕ ابوٗہریرہؓ سُنٛد یہِ
مذہب کِنہٕ نہٕ۔ دراصل چھےٚ تابعین منز یہِ
راے حضرتِ مجاہدؒ سٟنٛز تہٕ تہنٛدی کِنی چھےٚ
یہِ جاد ہِہن مشہوٗر گٔمژٕ۔ تم چھِہ حضرتِ ابوہریرسؓ
نِشہٕ رِوایتھ کران۔ یوسہٕ طبرانین اوسطس
منز چھُہ نقل کرمژٕ :-

عن مجاھد عن ابی ھریرۃؓ
ان ابلیس رن حین
انزلت فاتحۃ الکتب و
انزلت بالمدینۃ
(اتقان صـ٢٥)

مجاہدؒ چھُہ حضرت ابوہریرسؓ نِشہٕ رِوایتھ کران زِ شیطانن کٔر کرٕکہ یکھ ییلہٕ سورہ فاتحہ نازل سپُد تہٕ سُہ سپُد مدینس منز نازل۔

مگر حافظ سیوطی چھُہ "اتقانس" منز لیکھان :-

ویحتمل ان الجملۃ
الاخیرۃ مدرجہ
من قول مجاھدؒ
(ص ٢٥)

تہٕ امہِ کتھہ ہنٛد چھُ احتمال زِ پتِم جملہٕ آسہِ مجاہدٕ سٟنٛد قولہٕ ییٚمہِ رِوایتس منز داخل گومُت۔

یانے سپٕدِ ممکن چھُہ زِ حضرتِ ابوہریرہؓ سُنٛد
قول آسہِ صرف یوتے یوت زِ "ان ابلیس رن"
تہٕ پوٚتس یہِ ٹکرٕ زِ "سہ گو مدینس منز نازل آسہِ"
مجاہدٕ سٟنٛدِ طرفہٕ۔ یتھہ روٗزِ یہِ کتھ زِ مجاہدٕ سُنٛد
کیاز اوس یہ مذہب تہٕ ییلہٕ آسہِ صحابن ہنٛد
مذہب موٗلوٗم سپُد۔ یہِ کتھ چھِنہٕ تیژ اہمیتھ

تھوان ۔ یاسان چھُ زِ اَتہِ نَس چھُ تمِن سہو گومُت ۔ نتہٕ چھِ کُنہِ وجہہٕ شکَس مَنٛز پییمتی ۔ واحدیؒ چھُ اسباب النزولس مَنٛز مجاہدؒ سٕنٛز رائے نقل کرنہٕ پتہٕ لیکھان :۔

| | |
|---|---|
| قال حسین ابن الفضل لکل عالمٍ ھفوۃ وھذہ بادرۃ عن مجاھد لانہ تفرّد بھذا القول و العلماء علی خلافہ و مما یقطع بہ علی انھا مکیّۃ قولہ تعالٰی و لَقَدْ اٰتَیْنٰکَ سَبْعًا الخ ( صـ۱۲ ) | حُسین ابن الفضل چھُ وَنان زِ پرٛتھ عالِمہٕ سٕنٛدین اقوالن مَنٛز چھِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ کتھ لغو آسان ۔ یتہٕ مجاہد سٕنٛدِ یہِ قول چھُ تیتھے نتہٕ تہندِ ذاتہٕ ژٕ یژھ غلطی یُس چھے تہٕ چیچ کتھ ۔ سارِی عالِم چھِ اتھ خلاف وَنان تہٕ تیتھا چھے تہِنٛزِ یَاہ زٕ یہِ رائے ۔ سورۃ حجرس مَنٛز چھُ زِ "ولقد اٰتینٰک سبعًا من المثانی" تہٕ امہِ مَنٛز چھُ سورۃ فاتحہ مراد لہٰذا گواہ یک مکی آسُن ثابت بتھ ۔ |

امام واحدیؒ سٕنٛدِ امہِ بیانہٕ سیتی سپد یہِ تہٕ مولوٗم زِ سورۃ فاتحہ کِس مدنی آسنس نسبَتھ چھُ صرف مجاہدؒ سٕنٛدے یوت یہِ مذہب تکیاز حُسین ابن الفضل چھُ لیکھان "تفرّد بہ" لہٰذا یہِ وَنُن زِ اتھ مامَلس مَنٛز چھِ زٕ مذہب چھِ نہٕ کُنہِ پاٹھی تہٕ صحی ۔ سارِنے صحابن تہٕ علماہَن ہُنٛد مذہب چھُ اکے تہٕ سُہ چھُ یہِ زِ سورۃ فاتحہ چھُ مکی ۔ صرف اَکِس شخصس یانے حضرت مجاہدؒ سُند قول چھُ اتھ خلاف ۔ اگر بییہِ تہٕ کینٛہہ ناو چھ امہِ برٛونٛہہ کُن یوان ۔ تِم چھِ غالباً یِمہندے قولہٕ ژھ متأثر گییمتی ۔

## مکّی دورک گوڈنیک سورہ

امہِ پتہٕ چھُ یہِ دوٚیم سوال برٛونٛہہ کُن یوان زِ مکّی سورن مَنٛز تہٕ کُس چھُ گوڈنیک سورۃ ۔ سورۃ فاتحہ یُس گوڈنیک گوٚڑھ آسُن کُنہِ بییہِ کانٛہہ سورۃ تتھ متعلق چھِ امہِ فنہٕ کیٛن عالِمن ہنٛدی یِم اقوال :۔

(۱) اِمامِ بخاریؒ صابن چھُ "بدءُ الوحی" مَنٛز حضرت عائشہ رضؓ سٕنٛز اکھ مُفصل رِوایتھ نقل کرمٕژ آنحضرت صلّے اللہ علیہ وسلّمَن پیٹھ کتھہٕ کٕنٛز گیہ گوڈنیتھ وحی نازل ۔ حضرت عائشہ رضؓ چھے فرماوان زِ گوڈنیتھے گیے پٔژی خاب یانے رویاے صادقہ شوٗروٗ تہٕ کرِ تِمو خلوتھ تہٕ گوشہٕ نشینی اختیار ۔ اکثر آسی غارِ حراہس مَنٛز گژھان تہٕ راتھ تہٕ دُنٛتی گذاران ۔ یوٗتام تتھ نورِ حق ظاہر سپُد ۔

| | |
|---|---|
| وجاء الملک فیہ فقال اِقرأ | تہٕ خدایہٕ سٕنٛدی ملکن وَوٚن توٚن پرٛتھ زِ اقراء یانے پرٛ |

قال رسولُ اللّٰہ
صلّی اللّٰہ علیہ وسلّم
مَا اَنَا بقارئٍ ....
.... فقال اقرأ
باسم ربّك الذی
خلق" الخ -

فورِ موٗو ہس بہٕ چھُس نہٕ پوٗرِ مُت
کتھہٕ کٔنہِ پَرِ - فورِ ماوان چھہٕ زِ
یتھے کٔنہٕ ووٗن تِمو ترٕ یہِ
لٔہ ٹیٖتی مِہ لٔہ ووٗن" اقراء
باسم ربّك الذی خلق"
پنہٕ نِس پروردگارِ سٕندِ ناوِ
سٟتی پرٕ یمی پاٗدٕ کوٗر -

یوٗہے حدیث شریف چھہ امامِ مسلمن تہٕ روٗٹمت تہٕ
کینہٕ جزوی الفاظن ہندِ اختلافہٕ سان چھہ اَرِج رِوایتھ
حاکم، طبرانی، تہٕ بیہقی نہٕ کران - امہِ حدیثہٕ سٟتی
چھےٚ یہِ دلیل دِنہٕ آمژٕ زِ گوڈنِکے سورہ یُس نازِل
سپُد مُت چھہ سُہ چھہ سورۂ اقراء تہٕ چونکہ امام
بخاریٖن "کیف کان بدءُ الوحی" (وحی کتھہٕ کٔنہٕ
گیہٕ شوٗروٗ) .... باب امی حدیثہٕ کِس ینیٖ یادس
پیٹھ قایم کوٗرمُت - امی کِنی چھہ ثابتھ سپدان زِ امام
صابٕن مذہب تہٕ اوس یوہے - اکثر محدّثن تہٕ
علماہن ہند چھہ یوہے مذہب - تہٕ بکثرت امامو
تہٕ تابعینو تہٕ چھہ بیان کوٗرمُت - مجاہدٗ تہٕ زہریٗ
سٕندی اقوال چھہ حافظ سیوطی ین نقل کٔرِ ی
مِتی - (اتقان صـــ ۵۳)

(۲) دوٚیِم قول چھہ یہِ زِ گوڈنِتھ سپُد سورۂ
مدثّر" نازِل - امام بخاری تہٕ مسلم چھہ ابو سلمہ ین

عبدالرحمانس نِشہِ رِوایتھ کران زِ تِمو ووٗن :-

سالتُ جابر ابن عبد اللّٰہ
ایُّ القرآن انزل قبلُ؟
قال یا ایھا المدّثر
قلتُ او اقراء باسم
ربّك"؟ فقال أحدثکم
ماحدثنا بہ رسول اللّٰہ
قال صلّی اللّٰہ علیہ وسلّم
انی جاورت بحراء فلما قضیت
جواری انزلن فاستبطنت
بطن الوادی فنودیت
فنظرت أمامی وَ
خلفی وعن یمینی
وعن شمالی فلم أر احدًا
.... ثم نودیت
فرفعت رأسی فاذا
ھو علی العرش فی الھواء
یعنی جبریل فاخذتنی
رجفة فاتیت خدیجة
فامرتھم فدثرونی فانزل
اللّٰہ یا ایھا المدّثر قم فانذر (مسلم)

مےٚ پرٕژھ جابر بن عبد اللّٰہ ہس
زِ قرآنہٕ منٛز کُس چیز گوو گوڈنی
نازِل تِمو ووٗن" یا ایھا المدثر"
مےٚ وونمس" یا ایھا المدثر"
کنہٕ" اقراء باسم ربك" حضرت
جابرن ووٗن بہٕ چھُس تُہہِ
نِش تی ونان یہ اَسہِ نِشہِ
رسول اللّٰہ ہن بیان کوٗرمت
چھُہ - تِمو فوٗرمو و مےٚ کوٗر غار حرا
ہس منٛز قیام یلہِ میون زمانہٕ
قیام ختم گو بہٕ دراس تہٕ بیوٚنم
وآدی منٛزی یکن مےٚ بوٗز زِ
مےٚ چھہ کُستام نادِ دِوان مےٚ
ترآو پانس برٕ ونہہ، پتہٕ
دٕچھنی تہٕ کھوورِ نظر مگر کانہہ
آم نہٕ نظر - یتھے کٔنہٕ بوٗزی مےٚ
ترٕ آکو - پتہٕ تُل مےٚ کلہٕ تھوٚد
اتہٕ کیا چھُس وُچھان سُہ
ہو ہٕس منٛز اکِس کرسیہ
پیٹھ بیٹھتھ یانے جبریلؑ - یہ
ڈیشتھ گو مےٚ سخ اضطراب
پاٗدٕ - بہٕ آس خدیجہ نِشہِ
دوٚپمس مےٚ ترٕاوِ دِلو بیٹھ
تِمو ترٕ و ہم دِلو بیٹھ - اتی
کوٗر اللّٰہ تعالیٰ ہن
"یا ایھا المدثر"
نازِل -

(۳) ترییُم قول چھُ یِہ زِ گوڈنیتھے سپُد
بسم اللہ الرحمٰن الرحیم نازِل! امام
واحدیؒ ین چھُ حضرتِ عکرمہؓ تہٕ حضرتِ حسنؓ سُنٛد
قول نقل کوٚرمُت زِ :-

| | |
|---|---|
| اوّل ما نزل من | گوڈنیتھے یُس چیز قرآنہٕ |
| القران" بسم اللہ | اَندرٕ نازِل سپُد سُہ چھُ |
| الرحمٰن الرحیم | بسم اللہ الرحمٰن الرحیم |
| | (اسباب النزول ص ۶) |

(۴) ژوٗرِم قول چھُ یہ زِ گوڈنیتھے
سپُد سورۂ فاتحہ نازِل۔ امام واحدیؒ چھُ ابو
میسرس نِشہٕ رِوایتھ کران زِ گوڈٕ گوڈٕ اَسی
حضرت آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلّم اکھ آواز بوزان
یُس یِہند مُقدس ناو ہیتھ اَس ناد دِوان
یلہٕ تِمو آوازٕ ہِنٛدِس جوابس منٛز لبیک
وون تو پ ووٚن تس :-

| | |
|---|---|
| قل الحمد للہ رب | ؤنو الحمد للہ |
| العالمین حتّیٰ فرغ | رب العالمین یوٚتام |
| من فاتحۃ الکتٰب | آخرس تام سورۂ فاتحہ |
| | پرِ نا ووٚن۔ |

(اسباب النزول ۱۲)

امہٕ پتہٕ چھُ امام واحدیؒ لیکھان :-
وھٰذا قول علیؓ ابن ابی طالب
یہ قول چھُ حضرتِ علی ابن ابی طالب سُنٛد۔

امام بیہقی تہٕ چھُ دلائلس منٛز یہ رِوایتھ نقل
کران مگر لیکھان چھُ زِ یہ حدیث چھُ مرسل
البتہٕ راوی چھِ ساری ثِقہٕ۔ صاحب کشاف
چھُ لیکھان یہ قول چھُ اکثر مُفسرن ہِنٛد مذہب

| | |
|---|---|
| "واکثر المفسرین الیٰ | تہٕ اکثر مفسرن ہند خیال |
| ان اول سورۃ نزلت | چھُ زِ گوڈنیتھے چھُ سورۂ |
| فاتحۃ الکتٰب | فاتحہ نازِل گومُت۔ |

مگر حافظ ابن حجر عسقلانیؒ چھُ کشافہٕ کِہ امہ
بیانہٕ نِشہٕ انکار کران تیکیاز یہ چھُ حضرتِ عائشہؓ
سنٛدِس آغاز وحیہٕ کِس رِوایتس خلاف۔
تہٕ لیکھان چھُ زِ اکثرن ہُنٛد چھُ یُہے مذہب
زِ گوڈنیتھے سپُد "اقراء" نازِل۔ اَتھ آخری
قولس نسبتھ چھے بیہ اکھ رِوایتھ
میانہِ نظرِ گذریمژ یُس صاحب تفسیر نیشاپوری
ین سورۂ فاتحہ کِس تفسیرس منٛز لیچھمژ چھے

| | |
|---|---|
| فقد صح عن النبیؐ فی | بلا شبہ چھُ ابی ابن کعبہ |
| حدیث ابی ابن کعب | سنٛدِس حدیثس منٛز آنحضرت |
| انھا من اول ما | صلعمن نِشہٕ یہ قول ثابتھ |
| نزل من القران و | سپُدمُت زِ سورۂ فاتحہ |
| انھا السبع المثانی | چھُ قرآنس منٛز گوڈنِک |
| (بر حاشیہ طبری ج ۱ ص ۴۲) | چیز یُس نازِل سپُد تہٕ |
| | سُے چھُ "السبع |
| | المثانی"۔ |

مگر مفسّرِ موصوفہٕ سُند یہ قول چھُ تہٕندِ فنّ
حدیثہٕ نِشہِ ناواقفیتُک تہٕ نقل رِوایتس
منٛز غفلتُک شاہد۔ بییہ امہِ کنہِ ہٕنٛد نوّن
ژوّبوٚتھ زِ پتمہِ دورٕکین مفسّرن ہٕنٛد یہ طبقہٕ
چھُ فنِ حدیثہٕ نِشہِ بے خبر۔ تہٕ اگر اکھ شخص
یمن لوکن پیٹھ اعتماد کرِ سُہ کاتہٕ ہن غلطین
منٛز پییہ۔ یہ عبارتھ پرِتھ کرِ پرٛتھ کانٛہہ
شخص یی خیال زِ حضرتِ ابی ابن کعبن چھے
کانٛہہ رِوایتھ نقل کٔرمٕژ تہٕ تتھ منٛز چھُ صاف
پایٹھی ونہٕ آمُت زِ قرآنہٕ منٛز یُس گوڈنیک
چیز ناَزل سپُدمُت سُہ چھُ سورے فاتحہ۔ حالانکہِ
حقیقتھ چھےٚ بلکل اتھ خلاف۔ سارِنٕے کُتب
صحاحن منٛز چھےٚ نہٕ حضرتِ کعب رضؓ سنٛز کانٛہہ
تِژھ رِوایتھ یتھ منٛز یہ ونہٕ آسہِ آمُت زِ
"انھا اوّل ما نزل من القرآن" تہٕ ہیکہِ
حدیثہٕ کین عام مجمعن تہٕ دفترن منٛز امہِ
مضموٗنچ کانٛہہ رِوایتھ لبِتھ۔ بلاشبہ چھےٚ
ابی ابن کعبنٕہ اکھ مُفصل رِوایتھ فاتحہِ کِس
فضیلتس منٛز موجوٗد۔ یوسہٕ اصحابِ صحاح
تہٕ مسانیدو وشوٚے یوٚر رِوایتھ کٔرمٕژ چھےٚ۔
تہٕ یتھ منٛز آنحضورؐن فرمومُت چھُ زِ سورے
فاتحہ چھُ "السبع المثانی" مگر اتھ رِوایتس منٛز چھُنہٕ یہ کُنہِ زِ سورے
فاتحہ چھُ گوڈنیتھے ناَزل گومُت۔ امی اکِہ
واقعہٕ سیتی گژھِ انداز کرُن زِ پتمہِ دورکین
یمن مفسّرن ہٕنٛزن تفسیری رِوایژن ہٕنٛد
کیٛا حال چھُ۔ یمو علاوٕ چھِ عام مفسرن ہٕنٛدی
بییہ تہٕ مختلف اقوال مگر یہ مسلہٕ چھُ فنِ حدیثہٕ
کین مولوٗماتن سیتی تولُق تھوان۔ تہٕ اتھ
سلسلس منٛز خالی مفسرن ہٕنٛدی اقوال چھِنہٕ
زیرِ بحث انٛنی لایق۔

## تطبیق رِوایاتھ

وونی پزِ اَسہِ کوشش کرٕنی یتھ
یمن سارِنٕے رِوایژن پیٹھ نظر تھٲوِتھ کُنہِ
تتھ حقیقتس تام واتنہٕ ہیکو یوسہٕ دِرس
پزِ یہ وٕنی آسہِ۔ گوڈنیکے سوال چھُ یہ یژ ونہہ
کُن یوان زِ قرآنِ حکیمہ کہ وحی کِس ابتداہس
تہٕ نزولس متلق کیٛا زِ چھِ یمی مختلف اقوال تہٕ
رِوایژ۔ کیٛا امہِ سیتی چھُنا یہ نتیجہ نیران زِ
نزولِ قرآنکہِ ابتداہک تاریخ چھِنہٕ اَسہِ زانٛنہٕ
تہٕ یِنہٕ آمٕژ۔ مگر ساٚنِہ نظرِ تل چھُ یتھ
اعتراض تنقیدِ نِشہِ ناواقفیتُک تہٕ فنِ حدیثہٕ
نِشہِ بے خبر آسنُک نتیجہ۔ ظاہرن یوٚد وَے یمن

ریوایژن منز اختلاف چھ بوزنہ یوان ۔ مگر
حقیقتس چھنہ یمن منز کانہہ تہ اختلاف ۔ ساری
چھ اکی سے حقیقتس نش راوان ۔ تہ یمو ژۄ شو
قولو منز چھنہ کانہہ قول تہ تیتھ یُس مولے
غلط آسہ ۔ متاخرین ہنز چھے اکھ عام
غلطی یہ زِ تم چھ مختلف ریوایژن منز تحقیق
کرنچ تہ تطبیق دِنچ سیٹھا کم کوشش کران
تہ اگر دۄن مختلف بیانن منز کینہہ مومولی
اختلاف تہ نظر یوان چھکھ تہ یکدم چھ وونان
زِ یم چھ زِ مختلف مذہب تہ قول تہ خصوصن
چھے فنِ حدیثس منز امہِ قسمچ غفلتھ جاے
ورتاونہ آمژ ۔ یُس سارے ہنٛدی موکھو تہ
زیادہ خطرناکھ چھ ۔

## وحی جاری سپدنچ حقیقتھ

گوڈ نیتھے گژھ زانُن زِ یہ مسلہ
سمجھنس منز چھے عام مومن اکھ مولی غلطی گژھان
تہ یوت تام تہ سو غلطی دور گژھ یوت تام ہیکہ
نہ حقیقتھ منٛنتھ ۔ اکھ چیز چھ قرآن حکیمک
گوڈنیک سورۃ یُس صاحب قرآنس
پیٹھ نازل سپُد ۔ بیاکھ چیز گو گوڈنچ وحی
نیہہ سپتی تہ نزول وحی

کِس سلسلس گوڈ لوگ ۔ یِم چھ زِ مختلف
چیز ۔ مگر وار یالو کھ چھنہ اتھ منز فرق کران
تہ اوسہ ہیلہ زانہہ یمن دۄن مختلف
حالتن متلق ہیون ہیون بیان نظر گژھان
چھکھ اتی چھ دوکھ کھیوان زِ یم چھ اکی سے
حقیقتس متلق زِ مختلف بیان ۔

## ظہورک ژور مرتبہ

حضرات انبیاء کرام علیہم السلام ہنز
نبوتہ پتہ مقدس زندگیہ چھ مختلف مرحلہ تہ مرتبہ
تہ ترقی ہندا کہ ترتیبہ تہ تنظیمہ سان چھ تم اکہ
منزلہ پیٹھ بییس منزلس کن پکان پکان
آخری منزلس تام واتان ۔ پرتھ مقامہ تہ
پرتھ منزلہ خاطر چھ خاص حالاتھ تہ
واری داتھ تہ قرآن حکیمن چھ یم ساری ویژھ
ناومتی ۔ نبوت چھ اکھ ہیوٗل یُس انبیاہن
ہندِ دلہ کِس زمینس دوہنہ یوان چھ
تہ سۄ چھ اندری اندری پھاشہ پھلان تہ بڈ
نہ کھوتہ تہ پھولنہ کھو گوڈنکیو مرحلو منزی گذران
روزان، یوتام سۄ وقت واتان چھ ییلہ
تمہ کہ بڈنک تہ پھالہ ینک قوت پننہِ نس حدِ

کھٲلِس واتان چھُ تہٕ تمہٕ چہٕ لنجہٕ چھےٚ زیٹھنہٕ تہٕ واشِس کڈنہٕ خٲطرٕ اکھ کھلہٕ فضا ژھانڈُن ہیوان۔ تمہٕ ساتہٕ چھُ تمہٕ کہٕ بڈٕوِ نہٕ فونکُ وُتشِ بےٚ قرار سپدِتھ زور لاگان تہٕ وُتلنہٕ خٲطرٕ جوشس منٛز یوان۔ اُتی چھہٕ زمین پھٹان تہٕ بڈٕ نکُ اندرِم قوت وُتلنہٕ خٲطرٕ پننۍ وَتھ کڈان اَوٕ پتہٕ چھہٕ لنگ لنجہٕ کڈنکُ تہٕ ظھوٗر پاونکُ دور یوان تہٕ امہٕ چین لنجن ہنٛدِس جہارس تل چھےٚ زٕ میٚنچ پیٹھم تھر آورنہٕ یوان"۔ نتہٕ چھہٕ نبونہٕ کہٕ مرتبہٕ خٲطرٕ انتظار چ تہٕ بڈٕ نچ اکھ راتھ آسان بیٚمکِ گسنہٕ اُکس اکھ پتہٕ گذران چھہٕ روزان تہٕ راتھ چھےٚ تیزی سان بروٚنہہ پکان پیٹھ جلد اَندٕ واتہِ تہٕ صبحہٕ چہٕ مالہٕ ہین پھولِن۔

اَمہٕ پتہٕ کیتا چھُ سپدان زِ آفتاب چھُنہٕ گوڈنیتھے نوٚن نیران بلکہ آفتابکہِ کھسنکِ چھہٕ آثار نیٚنی نیران۔ تہٕ تو ہی چھوٕ وُچھان زِ مشرقہِ کنی ہیٚشرِن وارِ وارِ سفیدی پھالینی یہٕ سفیدی چھےٚ بڈٕنی ہیوان تہٕ اُنھ ستی ستی اَنہٕ گٹہِ ہنٛد پردہٕ تہٕ ڈٲلی ڈٲلی چاکھ سپدُن ہیوان یُتام آفتابہٕ کس جلالس پننہِ ظھوٗرک وقت یوان چھہٕ تہٕ مشرقہٕ کنی ہنگہٕ منگہٕ گاشن تہٕ

نوٗرن ہنٛد پرٛزلہٕ وُن تخت ہیٚور کھسان اَوٕ پتہٕ چھُ امہٕ طلوع سپدنکِ تہِ بیٚون، بیٚون درجہٕ تہٕ گاش چھُ وارٕ بہو درجو تہٕ منٛزٕ لَو منٛزٕ گذرتہٕ پتہٕ ظھورکس تھدِ کھوتہٕ تھدِس مرتبس واتان۔ گوڈنیتھے چھُ یُس اکھ پرٛزلہٕ وُن بُتھ بوزنہٕ یوان۔ پتہٕ چھُ سُہ تھدان تہٕ تمہٕ چہٕ تنہٕ زِ تہِ چھےٚ تھدین مینارن، ڈالن تہٕ لشَن پیٹھ پیٚنہٕ ہیوان سنہٕ رن تام چھےٚ تہٕ یمہٕ زِ ژٕ واتان پتہٕ چھےٚ امہٕ چہٕ زِ ژٕ زیاد تھدُن تہٕ تیزرن ہیوان تہٕ اَتی چھُ سُہ وقت واتان بیلہِ زٕمینکِ ساری سنبرتہٕ وگنیار گاشِ وُچھان چھہٕ۔ یہٕ چھہٕ صُبحک وقت آسان۔ امہٕ پتہٕ چھہٕ آخری کمالک مرتبہٕ دُپہرک وقت آسان۔ تمہٕ ساتہٕ چھُ آفتابکُ قہر تہٕ جلال تیچ گرمی تہٕ نور پننہٕ رِس کھٲلِس واتان۔ تتھٕ چھُ تمہٕ اَنہٕ مانہٕ آسان زِ زٕمینہٕ کس اَکس اَکس ذرس تام چھُ وُشنیر واتان۔ تمہٕ چہٕ پرٛوٕ چھےٚ تیٚشہٕ تیز زِ سیٚدِ سیوٚد ہیکہٕ نہٕ کانہہ تتھ گن اُچھ ٹکتھ۔ نور تہٕ تجلّی چھُ پننہٕ رِس ننتھ کھٲلِس پیٹھ واتان زِ اکہٕ طرفہٕ چھہٕ

گوپھہ غارن نہٕ خانہٕ تام دوہکہٕ وجوٗدچ گواہی
ہیوان دِنی، بییہ طرفہٕ چھےٚ کم بصارن ہنزِ واجنہِ
بیمارن تہٕ ژھانپہٕ واجنہِ اَچھ تہٕ گاشس لبان
تہٕ دَب لگنہٕ نشہِ بچان۔ البتہٕ یُس اوٚن
آسہِ سۄ چھہٕ نہٕ کینہہ تَس کرِتھ چھےٚ نہٕ صف
راَژِ ہنٛز اَنہِ گٹہٕ ہَشرٕچ سفیدی، صبحک
نوٗر تہٕ دۄپہرک تاپھ سوٗرُے ہیُوٗے

سواءٌ علیھم ءانذرتھم
ام لم تنذرھم لا یؤمنون
ختم اللہ علی قلوبھم
وعلی سمعھم وعلی
ابصارھم غشاوۃ
(۲ : ۶)

(حاشیہ) تمن چھےٚ ہشی کتھا توٚہی کرِو نوکھہ دِحقیہ نشہِ بتھ پھرِنہ کہٕ نتیجہ نشہٕ) خبردار یا متہٕ کرِو توکھہ تم چھہٕ ماننہ وائی تہندین دِلن تہٕ کنن چھےٚ خودا ین موہر کرِمژٕ تہٕ تہندِن اَچھن پیٹھ پیوٚ پردٕ۔

لہذا چھےٚ گوڈٕ راتھ آسان نہٕ صبحک انتظار۔
اَمہ پتہٕ چھےٚ مالہٕ پھولان یانے گٹہٕ ہیوان چھٹنی
نہٕ تمہ منٛز سفیدی دوٚ تلنی ہیوان۔ اَمہ پتہٕ
چھُ ظہوٗرِ فجر یانے ووٚذِ آوٚ گاش تہٕ آفتابُک
جمال یُس ژورِ اوس ہیوٚتن نوٚن نیرُن۔
اَمہ پتہٕ چھُ مرتبہٕ ضُحیٰ یانے آفتاب دراو
وارٕ پاٹھۍ نوٚن تہٕ تاپھ ہیوٚتن پیوٚن۔ اَمہ
پتہٕ چھُ دوٚہ بیٚلہ آفتابچ تجلّی پننہِ ظہوٗرِ کس

نہٕ جلالہٕ کِس کمالس تام واتان چھُ
ییٚتھے کٔنی چھُ آفتابِ نبوّت کِہ ظہورٕ تہٕ دینِ
الٰہی ہِکہِ غلبہٕ تہٕ اقتدارٕ خاطرٕ نہٕ اَکِس اکھ پتہٕ
ژۄدرٕ منٛزل آسان یِم انبیاء کرام علیہم السلام
پیش یوان چھُ۔ تہٕ یِمن کُن سوٗرَتے والشمس
والضحیٰ تہٕ سوٗرتے فجرس منٛز ژینہٕ وٕنی دنہٕ
آمژ چھےٚ تہٕ ییٚچ حقیقتھ حضرت عائشہ رضؓ سنٛز
ربوائیژ منٛز "فکان لا یری رؤیا الا
جاءت مثل فلق الصبح" سیتی وارٕ
پاٹھۍ نَنان چھےٚ۔ ادٕ گوٚڈٕ چھےٚ انتظارٕچ
راتھ ییٚمِکۍ گھنٹہٕ اَکِس اَکھ پتہٕ گذران چھ
گرٛژھان یِتھ جَل جَل لبن صُبح۔ یہ چھُ سُہ زمانہٕ
یُس انبعاثِ وحی یانے خدایہٕ سٕنٛز وحی
ینہٕ برٛونٛٹھم زمانہٕ آسان چھُ۔ تہٕ یہ چھےٚ
تِژھ حالتھ آسان ییٚتھ بیاکۍ پھلہِ کِس
اَندرِ اَندرِ پھانپھ لبَن سیتی تہٕ تشبیہ
دِتھ ہیٚکو۔ اَدٕ پتہٕ چھُ صبحکہ پھولنُک مرتبہٕ
ییٚلہ انتظارٕچ راتھ چھےٚ اندٕ واتان۔ مگر
آفتاب کھسنہٕ تَس چھُ وُنہِ کینہہ وقت باقے
آسان۔ یہ وقت چھُ بدلے قسمک آسان
تہٕ یہ سمجھنہٕ خاطرٕ پییہ اَسہِ ضحیٰ تہٕ بالیغ تصوٗرٕ

سیٚتی کاٗم ہیٚنی تہٕ لفظن مَنٛز ہیٚکہ نہٕ یہ سۭتھ یاوِیٚژِتھ۔

## انبعاث یا وحی جاری سپدنٕچ حقیقتھ

شاید ہیٚکہِ اَسہِ اَمہِ حالتُک کینٛہہ تصوٗر یتھہِ کُنی حاصِل سپدِتھ زِ اَسی ترٛاوٕ وُڈنی یہ ہکھین مادی انقلابن پیٛٹھ نظر۔ اَسی چھِ وُچھان زِ گوڈٕ چھُ اکھ موادٕ وارٕ وارٕ تیار گژھان تہٕ پپان تہٕ ییٚلہِ تمیُک تیارِ پوٗرٕ گژھان چھےٚ اَتھ مَنٛز چھُ جوش تہٕ رہہ ہیٚش پاد گژھان۔ یانہٕ اَتھ مَنٛز چھےٚ اکھ شدید بےٚچیٚنی تہٕ بےقراری پاد گژھان تہٕ یژھان ساری پردٕ ژٕٹتھ نیرِ نا پھٹِتھ۔ اَمہِ شولٕک نتیجہ چھُ ژھٕٹھ کڈنی۔ یانہٕ پوٚتُس چھُ یہ مادٕ پھٹان تہٕ پننہ بڈٕ نکُ تہٕ ظہورُک دوراند وانہٕ ناوان۔ روحانی تہٕ قدوسی عالمہٕ کین واقاتن ہنٛز تہٕ چھےٚ کُنہ حدَس تام یژھے مثال۔ مرتبےٚ نبوتکہِ ظہورُک وقت تہٕ ییٚلہِ نزدیکھ واتان چھُ اَتی چھُ خدا یے نبوتہٕ کہِ قوتُک کمال وولنہٕ تہٕ نوٚن نیرنہٕ خاطرٕ گرٛکُن تہٕ ژھٕٹن ہیوان تہٕ یوٚہے چھُ وجہ زِ اَنھ مرتبس پیٛٹھ واتِتھ چھُ انبیاءِ کرام علیہم السلامَن مَنٛز اکھ سخت شولہٕ وُن یَرادٕ پاد گژھان۔ تہٕ اکہِ غارٕ نفسانی اضطرابٕ تہٕ اکہِ پاک تہٕ منزّہ بےٚ قراری سیٚتی چھُ تِہنٛد روح برٕ نہٕ یوان۔ اگر نبوتُک مرتبہٕ اکھ بیاٗلی پھوٚل چھُ تیٚلہِ چھُ یہ سُہ وقت ییٚلہِ تمہِ کِہ پھانٛپھلنُک قوٗت نھٕ۔ بجرِ کِس تتھ حدَس واتان چھُ بیٚینہِ نَس سُہ زمین پھاپہٕ وِتھ وولنہٕ خاطرٕ بےٚقرار گژھان چھُ۔ اگر سُہ اکھ قوٗتھ چھُ تیٚلہِ چھو یہ سُہ وقت آسان ییٚلہِ پوٚشپدٕ طاقتھ بلکل پورٕ تہٕ تیار سپدِتھ تمہِ پھوارہٕ کی پاٹھی بیٚیمشک پیٛٹھم سوٗراخ کھولنہٕ آسہِ تہٕ آمُت پھٹنہٕ تہٕ نیرنہٕ خاطرٕ گرٛکُن تہٕ ژھٕٹن ہیوان چھُ۔ اگر سُہ حقیقتہٕ کہِ تہٕ خدا یے یتہٕ کہِ اُفقُک کھسنہٕ وُن آفتاب چھُ تیٚلہِ چھُ یہ سُہ وقت آسان ییٚلہِ انتظارٕچ راتھ اَند چھُ واتان تہٕ یمہِ کہِ صبحکہِ جمالہٕ خاطرٕ راتھ بےٚقراری تہٕ لولہٕ سان دوان آمٕژ آسِ سُہ پانس بلکل نکھہٕ لبتھ چھُ آفتابہٕ خاطرٕ اضطراب کران تہٕ تمہِ کہ نیپہٕ نیپہٕ کرٕ وِ نہٕ روٗہ یہ خاطرٕ ژھٕٹہٕ ژھٹ کران تہٕ بےٚقرار سپدان۔

لہٰذا آمہٕ وقتہٕ چھہ انبیاے کرامن اکہٕ بےٚ خوٗدی ہنٛدِ اضطرابچ تہٕ عشقہٕ کہٕ جوٗشچ حالتھ طاری گژھان۔ تِم چھہ اکہٕ نامولوٗم حقیقتہٕ خاطرٕ بےٚقرار تہٕ اکی سےٚ ماشوقہٕ سندِس تلاشس منٛز حاران تہٕ اکہٕ عقلِ منٛز نہٕ ییٚنہٕ والہِ انکشافچ فکرِ منٛز بوڈان۔ تہٕندِ نبوتچ روحانیت چھےٚ بےٚقراری تہٕ اضطرابہٕ سان کنٛہہ نام بےٚ نشان حقیقتس ژھانڈن تہٕ نادلایِن ہیوان۔ تہٕندِ اضطراب چھہ اکھ ژھارنٛچ کریکھ تہٕ اکھ پرژھ گاٹہ ہنٛد ناد آسان۔ زہے! اژیس ییٚنہٕ دوٗل چھکھ، نیبرٕ وول چھکھ تہٕ کھسن وول چھکھ۔ ژٕ کتہٕ چھکھ تہٕ کوٚنہٕ چھکھ پننہٕ بُتھِ پیٹھہٕ نقاب تُلان تہٕ کوٚنہٕ چھکھ پننہٕ پرٕزلہٕ وٕ تہٕ حُسنہٕ سیتی گٹہٕ تہٕ زانڈ کاسان۔

ییٚلہ کینٛژن دوہن تام یِمہ حکمتہٕ الٰہی سیتی مقرر چھہ کرنہٕ آمتی آسان یہِ اضطرابچ حالتھ برقرار روزان چھہ اتی چھِ پرٕدٕ ہیوان دوٕ تھپنی۔ گٹہٕ ژلنی ہیوان اوبرٕ غایب گژھان تہٕ صبحکی آثار تہٕ ٲلی کرٕ پانہٕ صبح نوٚن نیرنک وقت ہتنگہ منگہ یوان تہٕ تِمہٕ کہِ ظہورٕ خاطرٕ چھےٚ یہِ اضطرابچ تہٕ جوٗشچ حالتھ بلکل تِتھےٚ کنٛہ وُتھش دِنہٕ واجینی تہٕ حرکتس منٛز انن واجینی بنان ییتھہٕ کیٚنٛژ اکس عاشقہٕ سنٛز حدٕ کھوتہٕ جادٕ بےٚقراری ماشوقس بےٚ وایہ نیبرٕ تہٕ خاطرٕ مجبور چھےٚ کران۔ تہٕ کنہٕ تیار مواد کُٹ حدٕ کھوتہٕ ژٕرٕ گرمی سیتی پھٹن تہٕ نیبرٕ ن ہیوان۔ یا موسمہٕ چہٕ سخت گرمی تہٕ دمہٕ سیتی اوبر وہراوتہٕ یُن تہٕ بارانِ رحمتہٕ خاطرٕ وتلتھ یُن۔

لہٰذا چھہ تِمہٕ وقتہٕ پیدان ژٕ اضطراب تہٕ جوشس چھہ حدٕ کھوتہٕ جادٕ گژھان تہٕ آمہٕ کنی وحیِ الٰہی تہٕ پنہٕ نِس گوڈنہٕ کس جلوٗسس منٛز تسکینچ تہٕ تسلاہچ آواز بُنتھ پرٕزلان۔ تہٕ گوڈنیتھےٚ اکھ نامولوٗم عشقس تہٕ تلاشس اکہِ مولوٗم حقیقتُک تہٕ معرفتُک درجہِ دِوان تہٕ عشق چھہ ماشوق، طلب چھہ مطلوب تہٕ ناد چھہ جواب لبان او پنہٕ چھہ فِعل تہٕ انفعال، جذب تہٕ انجذاب، اثر تہٕ تاثیر، دوٕ نوے پانہٕ واٲنی رلان تہٕ میلان تہٕ صُبحچ سفیدی چھےٚ ہران ہران "ضحیٰ" کس مرتبس نام تہٕ پنہٕ "وَالنَّهَارِ إِذَا تَجَلَّىٰ"

کِس دَرجَس تام واتان ہیٚین لفظن مَنٛز چھُ
بہٕ وُجہ کہِ افتتاحک دَس دونھہٕ نکُ
گوڈنیُک دَرجہٕ آسان۔ یُس اَمہٕ خاطرٕ آسن
چھُہ سُینہٕ دَرواٰزٕ وونٛہ گژھہٕ نکُ اعلان
کَرِنہٕ رسالتہٕ کِس عظیم شخصس کَرِ تَتھِہ
ہِنہٕ واجنہو کامہو خاطرٕ تاٰلیم دِنہٕ تیار۔ اگر
نبوتہٕ کہ وُجودک رشتہٕ انسانن سیٚتی اکِس
معلمہٕ سُند چھُ تِنبلہ چھُ یہ زنتہٕ وُجیُک سُہ
گوڈنیُک ظہوٗر آسان۔ یُس انسانن ہنٛز
تاٰلیمہِ خاطرٕ وُنہٕ معلم چھُنہٕ سوزن یِرھان ئلی کہِ
چھہ پانہٕ معلمس پیٹھ علیٰ مکی ناگہٕ رادِلہٕ تراوان
لہاذا اٰسس یہاٰے مرتبہٕ ظہوٗرس نکھہٕ وانہٕ
پٔنٛژ سوٚ ہے چینی تہٕ بے قراٰری یٚیمہِ حضرتِ
موسیٰ علیہ السلام وادی سینا کین کوہن تہٕ
بیابانن مَنٛز اکِس پاک تہٕ ملکوتی پریشاٰنی
مَنٛز تراٰوی مٲتی آسی تہٕ یِم اٰسی اکِس ناموٗلوٗم
مطلوبہٕ سٕندِس عشقس مَنٛز وَتھہٕ تہٕ منٛزلہ
ژھانڈنہٕ ورٲے بیٚیہ قراٰری تہٕ بےتابی
سان درامتی۔ اوٚیتہٕ چھُ یوہے سُہ نبوت کہٕ
ظہوٗرُک اضطراب تہٕ جوشس یُس اَسی وُچھِکہِ ظہوٗرٕ
بروٚنٛہہ حضرت آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلمن
ہِنٛز پاک زندگیہ مَنٛز وچھان چھہ۔ تہٕ یِمو
یِم دٕنی یِہکیٚو سارِ ویٚے تولفاتوٗنِشہِ
بلکل بدون گُڈٕ نہٕ غارِ حراکِس خلوتس مَنٛز
اعتکافس یہمہ ناآوی یوٚن تہٕ ڈٕنی یِہچ تہٕ دُنیا
والین ہِنٛز کانٛہہ آواز وااتھہٕ ہیٚکہٕ ہا۔ سُہ
پاک گابُرن تہٕ سوٚ پاکیزٕ بےقراٰری یوسہٕ
تِہنٛدِس روحِ مقدسس پیٹھ طاری
سَپدان اٰسں یوسہٕ وارٕ وارٕ دوٚنلان
تہٕ ہنہٕ ہنہٕ بڈان اٰسں تہٕ یوسہٕ اتھ حدس
تام واتٕمژ اٰسں زِ کانٛہہ آوتھ "قد
خشیت علیٰ" ونہٕ تہٕ گاہے فرمودکھ
"یتردی من رؤس شواهق الجبال"

---

(حاشیہ) یہ چھُ حضرت عائشہؓ سٕندِس مشہور حدیثس
ڈیہ کِس دَس دوتھہٕ نس کُن اِشارٕ یُس امام بخاریؒ
صابن کتاب التعبیرس مَنٛز تہٕ بیٚیو محدثو تہٕ کثرتہٕ سان
رِوایتھ کوٚرمُت چھُ۔ حضرت عائشہ رضی اللہ عنہا چھے
فرماوان کہ وحی کہ گوڈنکس زمانس مَنٛز یِم مختلف
حالاتھ تہٕ واقاتھ تمن (نبی اکرمن صلی اللہ علیہ وسلم)
پیٹھ گزرے یِہ تمو مَنٛز اٰس اکھ حالتھ یِہ زِ یُیلہ وحی
الاٰہی یِنہٕ یتہٕ کینہہ وقتہٕ خاطرٕ بند گیہ تِہنٛد غم تہٕ اضطراب

لہٰذا چھ یِم ساری واقعاتھ اَمی مقامچ ترجمانی
کران۔ تہٕ اوے پتہٕ چھُ یوٚہے سہٕ مُقدس پاٛغام
یتھ کُن "ووجدک ضالاً فہدیٰ"
آیتس منز اشارہ کرنہٕ آمُت چھُ تہٕ اَمہٕ کِ رُ
نتیجہ چھُ ییٚمہٕ سٟتی گاہے آواز آیہٕ "دٔروٚنی
دٔروٚنی" تہٕ کُنہٕ ساتہٕ فوموٚ کھہٕ زٕ مٟلونی

زٕ مٟلونی" دوٚنی دی تو اصل مقصدس
کُن دِھیان۔ اتھ اضطرابس منز چھُ
وحی خاطرٕ اکھ زبردست خاہش تہٕ اکھ
طاقت ور طلب آسان تہٕ ییلہٕ یہٕ طلب تہٕ
بیٚ قراری حدٕ کھوٚتہٕ جاد بڑان چھےٚ اُتی چھُ
مطلوبہٕ سُندر روے تہٕ تسکین تہٕ تسلا دتہٕ

---

(حاشیہ صدا ٢٣ برونہہ کُن)

دوت آمتیٚس تہٕ واریاہ لہٕ سپنز ترٛشہ حالتھ زٕ اضطرابہ
کس شدتس منز یوٚزٕ ڈھ موٚ یان بالہ ڈٟکہ زٕ ھُن۔
یمن لوکن یہٕ مقام نبوتہٕ کین یمن واری داتن تہٕ
حالاتن ہندس حقیقتس پیٹھ نظر چھےٚ یم اکہٕ ویٚڑھ
نٲوی مٟتی چھ تم چھےٚ صحیح احادیثن منز اَمہٕ قسمک بیان وُچھتھ
گابران تہٕ ونان زٕ یتھ کمزوری ہند ظاہر سپدن چھُ اکس
نبی سِندس شانس خلاف لہٰذا چھ یہٕ ترپٕلی زوحی کس
ابتداہس متلق رٕوایژ گر صرن موقوف زانتھ یِم ضعیف ماننہٕ
مگر حقیقتھ چھےٚ یہٕ زٕ یہٕ رٕوایژ چھنہٕ کمزور۔
بلکہ چھےٚ یہٕ نبوتہٕ کہٕ عظیم فوتہٕ چہ ترشہ تہٕ شہادژ
تہٕ پژی آثار یوسٕ ستی عقل صحی بٲصیرتھ تہٕ برہان لبان
چھےٚ تہٕ یمن اندر حقیقتہٕ چیٚوتہٕ پژ چیوٚ نظر و خاطر نشانن
تہٕ صداقتن ہند گاش چھُ۔ یہٕ چھےٚ تہٕ کانہہ جسمانی کمزوری
یا کانہہ نفسانی اضطراب یُس اکس نبی سِندس شانس خلاف

چھُ۔ یہٕ چھُ روٗحک سہٕ مقدس تہٕ ملکوتی اضطراب یُس اگر
آسہٕ تہٕ ییلہٕ چھےٚ تہٕ نبی سِند نبوتہٕ خاطرٕ کانہہ دٔلیل باقے
روزان۔ یوٚدوے یہٕ حقیقتھ واریاہ ویژھہٕ ناوِتھ ضرورتھ
چھےٚ مگر وو مید چھےٚ زیو یہ وضاحتھ اشارن منز
کرِتھ چھےٚ سمجھنہٕ خاطرٕ کافی۔ اوے پتہٕ گژھہ یہ کتھ تہٕ وایہ
پاٛٹھی زانُن زٕ بخاری شریفچ یہٕ رٕوایتھ چھےٚ ترشہ
مشہور تہٕ مقبول زانتھ چھےٚ تمہٕ کٕٹر تہٕ سان پوتس
پتھ امنہٕ کیو سارو یے طبقو تصدیق تہٕ توثیق کرمٕژ زٕ
امام بخاری سِند وجودس انکار کرُن چھُ سہل مگر ییمہٕ
رٕوایژ نشہٕ انکار کرُن چھُ ناممکن۔ یتھ رودامہٕ
رٕوایتک موقوف آسُن تہٕ یہ تہٕ چھنہٕ اثسی مانان۔
مانے کنی چھ اتھ منز رفع موجود تہٕ حضرت عائشہ رضہ
سنز ذاتی اجتہاد یچ چھےٚ تہٕ کانہہ علامتھ۔ اگر
حضرت عائشہ رضہ تمہٕ قریبہٕ تہٕ نزدیکی باوجودس تمن

خاطرٕ ہٮ۪تھ منٛگہٕ بے نقاب سِیدان۔ حضرتِ موسیٰ علیہ السّلام آسی اَتھی حالتَس منٛز بیٛلہٕ وادی ایمن کِس مبارک تہٕ مقدّس مقامس پیٹھ تمہٕ ہٮ۪تھ منٛگہٕ اَگہ پٔرٛ زٕلہٕ وُن گاش وُچھ تہٕ تمہِ منٛز دٕرٛایہ کرٛ بٔکھ زٕ اے موسیٰ! ژٕ ییٛمہٕ نامولومٕ حٔقیقتہٕ کِس تلاشس منٛز چھکھ تہٕ سو تہٕ چھے ژٕ سیٛ ژٕھاران تہٕ وونی چھُ وَق وو تمُت زٕ ییٛلہِ خودایہ سُند وٕحی ژٕ سیٛ زٔ آرِتھ کڈی۔

| | |
|---|---|
| فَلَمَّا اَتٰـهَا نُوْدِيَ يٰا | اَدٕ ییٛلہِ مُوسیٰ اَتھہٕ وون تموتٕ |
| مُوْسٰىؕ اِنِّيْۤ اَنَا رَبُّكَ فَاخْلَعْ | نِدایہ ربّانی زٕ اے موسیٰ بہٕ چھُس |
| نَعْلَيْكَ ۚ اِنَّكَ بِالْوَادِ | چون پاک پروردگار تہٕ ژٕ وورے |
| الْمُقَدَّسِ طُوًى ؕ | دٕلہٕ ژٕ چھکھ وُنہِ کِس طُوی چھُ |
| وَاَنَا اخْتَرْتُكَ فَاسْتَمِعْ | پاک وٕ آدی منٛز۔ ژٕ زان ژٕ |
| لِمَا يُوْحٰى ۔ اِنَّنِيْۤ اَنَا | چھکھ مےٚ صداقتہٕ کہٕ تبلیغہٕ |
| اللّٰهُ لَاۤ اِلٰهَ اِلَّاۤ اَنَا | تہٕ دعوتہٕ خاطرٕ ژٕ آرِتھ کوڈمُت |
| فَاعْبُدْنِيْ ۙ وَاَقِمِ | اَدٕ بہٕ ژٕ سیٛ کُن وٕحی سوزٕ تہٕ ییٛہ |
| الصَّلٰوةَ لِذِكْرِيْ | سُہ بوزٕ تہٕ تتھ کُن کَرگَل۔ بہٕ چھُس |
| اِنَّ السَّاعَةَ اٰتِيَةٌ | جلالہٕ وول کُن خدائے مےٚ |
| اَكَادُ اُخْفِيْهَا لِتُجْزٰى | ورآے چھُنہٕ بییہ کانٛہہ میانی |
| كُلُّ نَفْسٍۭ بِمَا تَسْعٰى ۞ | کرٕ عبادتھ تہٕ میانے یاد کرنہٕ |
| (۲۰ - ۱۱ - ۱۵) | خاطرٕ کر نماز قایم۔ پٔژٕری کینی |

چھُ فاصلہٕ کرٕ وُن دوہ ییٛنہٕ وول۔ سو گژھ چھےٚ اَتھہِ ژٔ وٕرٕ تھو مٕژ یتھہ پٔٹھ کانٛہہ انسان پنٛنٛیٚن عملن ہٕنٛد نتیجہ لبہِ یمو خاطرٕ سُہ کوشش کران چھُ۔

---

(حاشیہ صفحہ ۲۴ برٛونٛہہ کُن)

حاصل اوس وٕحی کِہ ابتدا ہس ہیوٗ اہم واقہٕ یاد ہیوٚک نہٕ تھٔوِتھ تیٛلہٕ گوڈُنی یا منٛزٕ شہادتُک فن ضم۔ لطف چھُ بیٛہ کِہ یہ شبہٕ چھُنہٕ نوٚ وٕٹٕ کہِ چھُ برٛونٛہہ تہٕ کرنہٕ آمُت۔ تہٕ اِنسانہٕ سُند اکثر شبہٕ تہٕ ظون چھُنہٕ نَوٕ۔ حافظ ابن حجر عسقلانی چھُ اَمی ریوایتہٕ کِس شرحس منٛز محدث اسماعیلی سُند اَکھ قول نقل کران تم چھِ لیٛکھان کِہ محدّثین طعنہٕ دِنہٕ وٲلی چھِ اعتراض کران زِ "کیف یجوز للنبی أن یرتاب فی نبوته حتى یرجع الی ورقة ...... وحتی یوفی بذروة جبل لیلقی منها نفسه الخ (فتح الباری جلد ۱۲ صہ ۳۱۷)

اَمِہ پتہٕ چھُ محدث موصوٗفن اَمیُک جواب دِیتمُت۔ مگر اتھ منٛز چھُنہٕ شک زِ تِہُند جواب چھُنہٕ دِلَس پٔٹھ بیہان۔ وُن حٔقیقتھ چھےٚ سو یہ اَسہِ لیوٗکھ۔ یہ اضطراب چھُ قوتِ نبوتہٕ کہٕ ظہورٕ چہ جلدی ہٕنٛد تہٕ اَمِہ کہِ جوشہٕ تہٕ وٕتشہٕ کہِ شدتُک تہٕ وحی الٰہی حاصل سپدنہٕ کہِ عشق تہٕ شوقُک اظہار تہٕ اَمہِ ورآے چھُنہٕ بییہ کینٛہہ۔ یمو مقدّس دآری داتو

لہٰذا اگوڈنیکے ندا یہٕ حق یُس حضرت مُوسیٰؑ ہن بوز اوس وحیِ الٰہیُک گوڈنیکے انکشاف نہٕ یُس صرف اوٚسبہٕ اوس زِ بند درواز ییہِ وٚتھ نژ اونہٕ تہٕ نبوتہٕ خاطرٕ زارنہٕ آمُت شخص لبہٕ پانس برونٛہہ کنہٕ تمہٕ کامہِ یمہٕ تہند خاطرٕ مقرر نہٕ فاصلہٕ کرنہٕ آمژ چھے۔ یہ اوس حقہٕ کس معلمہٕ سنٛد خاطرٕ تاٰلیمہٕ ہنٛد گوڈنیکے افتتاح۔ بلکل یتھے کنٛی چھُ اتھ ندائے حقس مقابلہٕ سُہ واردہٕ نبوت یُس آنحضرت صلے اللہ علیہ وسلّمن ہندِ بن مبارک دوہن منز طاری سپُد۔ یتھہٕ کنٛی تتہٕ وقت برابر ینہٕ ستی حضرت موسیٰؑ ہس اضطراب تہٕ روحانی جوش پاد گومُت اوس تتھے کنٛی سپُد ییتہٕ تہٕ ییلہ ظہورُک وقت قریب ووت اکھ مقدس تہٕ پاک بےقراری سپنٛز نبی اکرم صلے اللہ علیہ وسلّمن ہندِس اقدس

---

(حاشیہ صفحہ ٢٥ برونٛہہ کُن)

ستی چھُ نبوتُک مقام تہٕ نبی کریمن ہندِ شخصیتُک مکمل تصدیق سپدان۔ حاشا یہ کیا آسہٕ ہا کُنہٕ جسمانی یا نفسانی کمزوری ہند نتیجہ یا محض بشری طبعیچ کمزوری یتھہٕ کنٛی بخاری تہٕ قسطلانی کیو شرح کرن والیو لیوکھمت چھُ۔

نہٕ اعظمؐ ذاتس منز پادٕ۔ تہٕ وُچھو آبادی نژ اوٚکھ تہٕ دمنی یہکہٕ بوٚلنگرنٛہ بدون روزِتھ بنوٚ وُکھ پننہٕ روحانی ییتُک ٹھکانہٕ اکِس بالہٕ گوپھہِ منز۔ ییتھہٕ کنٛی تتہٕ طلب نبوتُک اضطراب پوٚتس سلسلۂ وحی کہِ ظہورُک باعث سپُد تتھے کنٛی چھے ییتہٕ نہٕ ظہورکہٕ عشقیچ رٚبہہ نہٕ نموٗدچہ بانبرِ ہنٛز پاک پریشانی وچکُ روٗدوسنہٕ خاطرٕ طلبیچ ترٛیش بنان۔ تہٕ پتہٕ یتھہٕ کنٛی تتہٕ گاشہِ الاوٕ منٛز ندا سپدان چھُ تتھے کنٛی چھُ پتہٕ تہٕ ناموسِ اکبر نوٚن نیران نہٕ وچہِ کہِ سلسلُک گوڈنیکے سبق شوٚروکران تتہٕ آس آوازے یاٰژ تہٕ ببیہ آسہٕ صرف تیٚنبرِ نہٕ تکیاز موسوی مرتبہٕ ہیکہِ ہا یژے ہن ییتہٕ رآوِتھ۔ مگر ژھوٚرے ندا نہٕ نورٕ کہِ پرتو بدلہٕ کوٚر ییتہِ یانے ناموسِ اکبرن پنُن وجود ظاہر تکیاز مرتبے محمدیؐ نہٕ تمیُک مقام وین بیا کھ کوٚتاہ زبر چھُ وٚنمُت یمی یہ وٚن:۔

"موسیٰؑ زہوش رفت بیک پرتوِ صفات
تو عین ذات مے نگری و در تبسّمے"

(ترجمہ) کنٛے پرتو صفاتن ہنٛد وُچھتھ بےہوش گو موسیٰؑ نظر تو ہہٕ عین ذاتس ییتھ تبسّم وٚئے پاکس ییتھ ۔ مترجم

عَلَّمَهٗ شَدِیْدُ تمس چھے زبر دس
الْقُوٰی ذُوْ مِرَّۃٍ قوتہٕ والی تاٚلیم دژمُت
فَاسْتَوٰی وَھُوَ یُس بوڈ حِکمتہٕ وول
بِالْاُفُقِ الْاَعْلٰی چھُ سُہ رۆد برونٛہہ کنہٕ
ثُمَّ دَنٰی فَتَدَلّٰی وۄدنہٕ ییلہٕ سُہ تھدس
فَکَانَ قَابَ اُفقس پیٹھ اوس پتہٕ آو
قَوْسَیْنِ اَوْ نکھہٕ تہٕ گوہیوٚر کُن معلق یوٚتام
اَدْنٰی ۝ دۄن کمانن برابر یا تمہٕ کھوتہٕ

کم فاصلہٕ رۆد۔

اَدیتھہٕ کُنہٕ نتہٕ گوڈنکیس وُحیس منز خطاب اوس کرنہٕ آمُت زِ "اَنَا اخْتَرْتُکَ فَاسْتَمِعْ لِمَا یُوْحٰی" حقہ کہ دعوتہٕ خاطرٕ تہٕ حکمتہٕ الٰہی کہ تبلیغہٕ خاطرٕ چھکھ ژٕ مےٚ ژٕ آرِتھ کوڈمُت۔ ژٕ بوز میانی پأغام تہٕ حکم۔ یتھہ دُنیاوالین تام واتناوِتھ ہیککھ۔ تتھے کُنہٕ سِپُد بیٚیہٕ گوڈنیکے خطاب یتھہٕ کُنہٕ زِ ملاءِ اعلیٰ ہِک ناموس اکبر ژاونوٚن تہٕ تمۍ وۄن "اِقْرَأ"۔ پَروتہٕ ہیٚیوپرُن تہٕ بیان کرُن

نہٕ امہ پتہٕ آو انذارُک یانے کھوتہٕ ناکو حکم تہٕ اُتی سِپُد ندا "قُمْ فَاَنْذِرْ" نوٚہی چھوژ ادرڈلیتھ لرترٛا دِتھ، فانکہ سورے عالمِ انسانیت چھُ تِہنٛد جمالہ کہ دیدارٕ خاطرٕ بےٚ تاب۔ ڈیٚٹھو دونی گو انتظارُک وقت ختم۔ لوکن دِیو خوف، یہ چھُ خوف ژنک وقت

## وُحیک ابتدا تہٕ سورن ہُنٛد نزول

یہیمہ گوڈ کتھہٕ پتہٕ آسہ توہہ ننیومُت زِ ییلہٕ زانہہ انبیاءِ کرام علیہم السلام من پیٹھ تنزیل وُحیک سِلسلہٕ شورُ گژھان چھُ گوڈٕ گوڈٕ چھُ وُحیکہ سِلسلُک دروازٕ وۄتھ گژھہٕ نک تہٕ خوداے سُنٛد خطاب کہ گوڈلکہ نک گوڈنیکے منزل بُتھہ یوان۔ تہٕ گویا یہ چھُ پانہٕ وجود نبوت کہ تالیمہ ہُنٛد گوڈنیک سبق آسان۔ امہ پتہٕ ییلہٕ پردٕ وۄتھان چھُ نبی سُنٛد رابطہٕ تہٕ تعلق وحیہ کِس عالمس سیتی قایم گژھان چھُ اُتی چھُ یہ سِلسلہٕ برونٛہہ پکان۔ تہٕ انذارٕ کِس حکمس تہٕ قومہ تہٕ اُمتہ چھ تالیمہ تام واتان امہ پتہٕ یوٚتام خدایہ سُنٛز حکمتھ پژھان چھ یہ سِلسلہ چھُ پکہٕ وُن روزان۔

بیٚیہ آسہ توہہ یہ کتھ تہٕ ننےمژ زِ خدایی خطاب شورُ وگژھن گوا کھ چیز تہٕ خدایی احکامن اوامرن تہٕ بصائرن ہنٛد نزول تہٕ

ترتیب چھ بیاکھ چیزیم دوٚشوے گژھن
نہ پانہ واٹی رلہ ناوٕنۍ۔

دوٚیمۍ دموأسۍ نزولِ قرآنہ کہ گوڈ
لگنہ کِس سِلسلس کن توجہ۔ سارنے روایتن
تہ ڈیلین ہیتھ غور کرنہ سستی چھ مولوم سیدان
زِ گوڈنکی وحی تہ خدائی خطابک لیس افتتاح
سیدرسہ سید "اِقرأ" کہ حکمہ سستی
یانے حکم آو کرنہ زِ خدائی وحی ہیٚیو پرٕنۍ۔
ییلہ نبی اکرم صلے اللہ علیہ وسلمو اتھ ہیتھ
عمل کر، اُتی آگھ تبلیغک حکم دِنہ "قُمْ
فَاَنذِرْ" ڈِتھونہ خدایہ سندی فرمان
واتناوِ لوکن تام۔ اُتی ڈِتھی تم ہیٚیلہ
تم ڈِتھی ادِ لیس گوڈنیکے سورہ قرآن نہ
"الکتٰب" منز تمن ہیتھ نازِل کرنہ
آدِ لیس قرآنک تہ وحی الٰہیک خلاصہ
دِینِ الٰہیک جامع حقیقتھ تہ صلواۃِ
الٰہیک مول تہ بنی یاد اوس تہ ہیمہ ورآئے
اسلامچ دعوت تہ اُمتِ مسلمچ تالیم سید تھی
ہیکہ ہانہ سہ چھ سورۂ فاتحہ یانے سہ
گوڈنیک سورہ ہیمہ سستی تنزیل تہ تالیم
نہ شورٕ وگیہ تہ "الکتٰب" ہنز ترتیب تہ۔

اَتھ سِلسلس منز چھ "اِقْرَأْ بِاسْمِ
رَبِّكَ الَّذِيْ خَلَقَ" تِتھے گوڈنیک
آلو یُتھ ایمن چہ وادی منز "اَنَا اخْتَرْتُكَ
فَاسْتَمِعْ لِمَا یُوْحٰی" کین لفظن منز دِنہ
اوس آمُت تہ "یٰاَیُّهَا الْمُدَّثِّرُ قُمْ
فَاَنْذِرْ" بلکل تیتھے حکم بنیہ حضرتِ
موسیٰ ہس دِنہ آیاو:۔

"اِذْهَبْ اِلٰی فِرْعَوْنَ   فرعونس نِش گژھ پیغام ہیتھ
اِنَّهٗ طَغٰی۔   تم چھ بڈ بغاوتھ کرمژ۔

حضرتِ موسیٰ سنز دعوتھ آس بنی اسرائیلین
ہنزِ نجاتہ تہ فرعون سند مقابلہ خاطر مخصوص۔
اَمہ کنی آو خوف دِنہ کِس حکمس منز خاص
پاٹھی فرعونہ سُند ذکر کرنہ۔ مگر پیغمبرِ اسلام
صلی اللہ علیہ وسلمن ہنز دعوتھ آس تمام
روئے زمینہ کہ خاطر۔ سارنے انسانن ہنزِ
نجاتہ خاطر تہ دُنیہکین سارنے فرعونن تہ
نمرودن ہنزِ مقابلہ خاطر اوس یہ آونہ
انذارکہ حکمس منز کُنہ خاص قومک نہ شخصہ
سُند ناو ہینہ، بلکہ آو عام پاٹھی کُنہ شرطہ
ورآئے فرمونہ "قُمْ فَاَنْذِرْ"۔ ڈِتھو
تہ کھوژنہ ناوِ۔ واریاہو وجوہاتو کنی چھے یہ کتھ پوز

پاٹھو تا آیتھ ﴿ اِقۡرَأ ﴾ نازِل سپدن چھُ
محض وٚحیک اِفتتاح تہٕ سورہ نازِل گژھن
چھُنہٕ۔ گوڈ نیتھے کرِی تۆہۍ اتھ کتھہ پیٹھ غور
حضرت عایشہؓ سٕندِس صحیح بخاری کِس
رِوایتس منز چھُ زِ ینہٕ لَس گوڈنکس ظہورس
منز وۆن حضرت جبریلن ترٛیشہ پہ لٹہٕ صرف
"اِقرأ" تہٕ پتہٕ مہٕ لٹہٕ وۆنکھ "مالم یعلم"
مس تام۔ یانے گوڈنکۍ ژور آیہ پرناوکھ۔ امہٕ
تلہٕ چھُ صاف ننان زِ اوسنہٕ پورہ سورک نزول
بلکہٕ اوس صرف گوڈنکۍ حصہٕ۔ امہٕ پتہٕ
گژھہ وچھُن زِ یمن گوڈنکین ژون آیتن
ہُند مطلب کیا چھُ؟

"اِقۡرَاۡ بِاسۡمِ رَبِّکَ الَّذِیۡ خَلَقَ ۚ خَلَقَ
الۡاِنۡسَانَ مِنۡ عَلَقٍ ۚ اِقۡرَاۡ وَ رَبُّکَ
الۡاَکۡرَمُ ۙ الَّذِیۡ عَلَّمَ بِالۡقَلَمِ ۙ عَلَّمَ
الۡاِنۡسَانَ مَا لَمۡ یَعۡلَمۡ ؕ

یمن آیتن منز چھُ صرف آنحضرت صلّے
اللہ علیہ وسلّمن مخاطب کٔرتھ پرنک حکم
دنہٕ آمُت۔ تہٕ اللہ تعالیٰ سٕندِس تتھ
فضلس تہٕ کرمس تہٕ بیّیہ حکمتس تہٕ
تا آیمہ کُن توجہ دیو ومت۔ یُس اَکس اَنِس

اتھ سارے عالمہ انسانی بنہٕ چہ تا آیمہ منز
کام ہیتھ ہیکہ تہٕ بیّیہ چھُ علم تہٕ علمُک مرتبہٕ
نٔنُر اونہٕ آمُت۔ لہٰذا یوو دوے یم آیہ نہٕ پہٕ
پتہٕ اکہٕ سورہٕ کِ گوڈ۔ مگر مانے کینہہ آسی یم محض وحی
الٰہیک اِفتتاح تہٕ اتھ منز اوس وحی پرنک
علمُک تہٕ تا آیمہ ہُند درواز وۆتھ گژھنک
تہٕ کار نبوتہٕ خاطر تیار سپدنک حکم دنہٕ آمُت
یہ اوس گوڈنیک منزِل یُس تمن بُتھ آو
بیّیہ تمو پوٚر تہٕ وحیک تولق تہٕ سلسلہٕ گو
قایم اُتی دزاو تبلیغک تہٕ رسالتک مرتبہٕ
نوٚن تہٕ آو دوٚیم حکم زِ دوٚنی تلو کامہٕ دِس
یانے "قُمۡ فَاَنۡذِرۡ" پتہٕ اوسنہٕ کُنہٕ
سورک نازِل سپدُن۔ بلکہ صرف وحیک
اِفتتاح سپدنہٕ پتہٕ کام شوٚروٚ کرنک
حکم۔ چنانچہ اتھی حضرت جابر ابن عبداللہؓ
سٕندِس رِوایتس منز ییمیک سُتۍ تکرہٕ
امام بخاریّن تہٕ "کیف کان بدء الوحی" کِس
بیانس منز اوٚ تمت چھُ چھُے یہ وضاحتھ
موجود:-

فَقُلۡتُ زَمِّلُوۡنِیۡ   اد مےٚ ووٚ حضرت خدیجسؓ
زَمِّلُوۡنِیۡ   مےٚ تھاوِ دِ ٹلو ولِتھ مےٚ ترٛاو دِوو رُن

فَاَنزَلَ اللّٰہُ یَا اَیُّھَا الْمُدَّثِّرُ قُمْ... الیٰ قولہٖ فَاھجُرْ۔ اَنی کوٚر خدا ین نازِل یا اَیُّھَا الْمُدَّثِّرْ ....فاھجُرْ" تام

یانے سورۂ مدّثّرکِس ابتداہس منٛز آوٚصرف یوٚہے نازِل کرنہٕ :۔

یَا اَیُّھَا الْمُدَّثِّرُ اے پلوٚ وٕلِتھ کرِتھ اوٚن

قُمْ فَاَنْذِرْ والِہ وٕتھوِتھ لوٗکن دِیو خدایہ

وَرَبَّكَ فَكَبِّرْ سِنٛدِ عذابُک خوف پننس

وَثِيَابَكَ فَطَهِّرْ پروردگارس سِندِ بجرُک گرُو

وَالرُّجْزَ فَاھْجُرْہ اعلان پنن روح کرُو

پاک تہٕ منزّہ تہٕ بداعمال قومہٕ چوٚ غلاظتو نِشہِ روٗزِو پتھ۔

لہاذا چھُ نوٗن زِ یمن آیتن منٛزتہٕ چھُ صرف اِنذارُک تہٕ تبلیغُک حُکم یُس ذٕچیک افتتاح تہٕ نِزوٚلک رابطہٕ تہٕ تعلق شوٗرٕ وگرٕ ھِنہٕ تیٚہ دوٚیم منٛزل اوس یہٕ چھُنہٕ قرآن حکیم کِہ تالیمی حِصہٕ منٛز کانٛہہ چیز تہٕ یمو حکمو سیتی چھُ پانے ننان زِ وُنہٕ چھُنہٕ کامہٕ ذٕس دِنہٕ آمُت۔ کام کرن وول چھُ تیار یوان کرنہٕ۔ چنانچہ بڑ ذٕٹھی میو صاحب نظر عالمو منٛز چھےٚ کینژوِ یہٕ حقیقتھ وشرھہٕ نادِژ

حضرت جابر رضؓ سِنٛدِس رِوایتس تہٕ حضرت عایشہ رضؓ سِنٛدِس رِوایتس پانہٕ وٲنی تطبیق دِوان چھِ حافظ سیوٗطیؒ لیکھان

وَعبر بعضھم عن ھٰذا بقولہ اوّل ما نزل للنبوّۃ "أقرأ" و اوّل ما نزل للرسالۃ "یا ایّھا المدّثّر" (اتقان صـ۵۴)

تہٕ کینژو چھےٚ یتھہ کِنی تطبیق دِژمٕژ زِ گوٚڈنیکے چیز یُس نبوتہٕ خاطرٕ نازِل سپُد چھُ "أقرأ" تہٕ گوٚڈنیکے چیز یُس رسالتہٕ خاطرٕ نازِل سپُدمُت چھُ "یا اَیُّھَا الْمُدَّثِّرْ"

اَمہٕ کھوتہٕ جاد چھےٚ ننی رآدِ کتھ سوٗراسے یوٗسہٕ کینژن محقّقن تہٕ صاحب نظرن کُن منسوب کرِتھ ابوامامہ بن النقّاش نقل کران چھ تہٕ مواہب لدنیہ ہس منٛز چھُ قسطلانی تہٕ امہٕ سیتی دلیل دِوان یِق رٕوان چھُ :۔

کان فی نزول "اقرأ" اِقراٗکس نزوٗلس منٛز چھُ مقام نبوّتہ وفی نزول نبوتُک حاصل سپدن تہٕ مدثر "مُدَّثِّرْ" ارسالہ کِس نزوٗلس منٛز رسالتُک یانے بالنذارۃ والبشارۃ کھوژناونُک تہٕ بشارت دِنُک

وهٰذا قطعاً متأخر عن الاول، لانّه لما كانت سورة "اقراء" متضمنة لذكر اطوار الآدمي من الخلق والتعليم والافهام ناسب ان تكون اول سورة أنزلت۔ وهذا هو الترتيب الطبيعي وهو ان يذكر سبحانه ما اسداه الى نبيّه من العلم والفهم والحكمة والنبوّة ..... ثم يامره بان يقوم فينذر عباده۔ (مواصب ۱/۴۴)

اُمیُک نازل سپدُن اوس "اقراءٔ" پتے تکیازِ سورۂ اقراہس منز چھُ انسانہٕ سنٛزِ پأدٲشی ہنٛدٮ۪ن تِمن مختلف دورن ہنٛد ذکر کرنہٕ آمُت یمَن ہنٛد تعلق پأدٲشی، تألیم ہدایژ عقلہٕ تہٕ فہمہٕ کِس بڑس سٕتی چھُ۔ لہٰذا اوس ضوٗرٕری زِ یہے آیہٕ گژھن گوڈٕ نازِل تہٕ علمکٕ تہٕ تألیمہٕ ہنٛد سلسلہٕ ییہٕ تمہِ وٕسٕتیٚ شوٗرٕو کرنہٕ۔ یہ چھےٚ دٕچکہٕ سلسلچ اکھ قودرتی ترتیب زِ گوڈٕ بنتھے کرِ اللہ تعالیٰ علمہٕ، حکمتہٕ تہٕ نبوتہٕ کین تِمن مقامن ہنٛد ذکر یمو خاطرٕ تِمہٕ پنُن نبی تیار تھکوڈٕ مُت چھُ تہٕ اَتہٕ دِیہ امر پتہٕ تِمہ کِتھ ہنٛزِ خبر ییمہٕ خاطرٕ تَس ییم مرتبہٕ دِنہٕ آمتی چھِ۔

ہم اقوال وُچھتھ سپز میٚ سٮ۪ٹھاہ خوشی یمن بزرگن ہنٛد یہ قول چھُ یقینن اوس تہنٛد مقصد پٲزِ نزولِ وحیہ کِس افتتاحس منٛز چھِ اکھ اَکِس پتہٕ زٕ منٛزِل بُتھہِ یوان۔ گوڈنیُک مرتبہٕ چھُ یہ آسان زِ خدا چھُ وحی سٕتی پننس نبیس پانس کُن مخاطب کران تہٕ تَس سٕتی وُچھِک رابطہٕ قأیم کران۔ اَتھ چھُ نبوت وٕنمت۔

دوٚیم منٛزِل چھُ سُہ زِ ییٚلہ رابطہٕ قأیم گو تہٕ دوہنی آو کأم شوٗروٗ کرنُک حکُم دِنہٕ یہ چھےٚ رسالت یانے خدایہِ سنٛدٮ۪ن حُکمن ہنٛزِ تبلیغ تہٕ انسانن تام خدایہِ سُنٛد حُکم واتناوُن مگر دُنہٕ چھِنہٕ اصل کامہٕ دَس وُدتھمُت

اصل کأم کیا چھےٚ؟ اِنذار تہٕ بشارت یانے یچھہٕ عملَن ہنٛدِ نتیجِہ نِشہِ کھوژناوُن تہٕ نیک عملن تہٕ قبولِ حقہٕ کین رتین نتیجن ہنٛزِ خبر دِنی بییہ نبوت چہ نا تألیمہ تہٕ تزکیہ سٕتی اکھ صالح اُمت تیار کرٕنی۔ تہٕ تِمن خدأیی وحیہ سٕتی کتابہ ہنٛد تہٕ حکمتُک وارٕ وارٕ سبق دِیُن ییٚلہِ معلمہٕ سُنٛد وجود پانہٕ تألیم لبِتھ تیار سپد۔ ییتھہٕ کِنی عَلَّمَ الْاِنْسَانَ مَا لَمْ يَعْلَمْ فورماوُن وآلی علیم تہٕ حکیم خدایہ تِم پرٕناوی تہٕ

ادیٚلہٕ تِمن پٕہ حُکم تہٕ دِنہٕ آوٕ زٕ دوٗنی چھو توٚہیر پرٕناوُنہٕ خٲطرٕ تیار، کرِو کام شوٗرُو۔ یانے "قُمْ فَاَنْذِرْ" تہٕ ہمو کُراکہ طرفہ انذارٕچ تہٕ بشارژچ کٲم شوٗروٗنہٕ بییہ طرفہ ٹگرا امتِ مُسلمہ پرٕناوُنہٕ تہٕ کتابہٕ حکمتہٕ چہٕ تا آیمہ سٕتی تیار کرُنہٕ۔ ادیٚلہٕ یہ سپُد تہٕ گوڈنیکے درٕس گوڈنیکُے سبق تہٕ گوڈنچی تالیم یوٗسہٕ دِنہٕ آیہٕ سُہ اوس سورۃ فاتحُک جامع تہٕ مکمل درٕس تہٕ یمہ پہٕ نے سٕتن آین ہنٛز گوڈنچی تالیم آیس یہنٛد خٲطرٕ عملن تہٕ تا آیمہ ہنٛد فاتحہ بنن چھُ۔ یہ چھُ وجیہ کہ ظھوٗرچ تہٕ نزوٗلچ سوٗ حقیقتھ یوٗسہٕ مولوم کرٕنہٕ پتہٕ سارے رِوایژ جمع گژھان چھےٚ تہٕ کانٛہہ اختلاف چھُنہٕ باقے روزان۔

ا - امام بخاری سٕنٛز رِوایتھ "کیف کان بدءُ الوحی" چھےٚ سارے کھوٚتہٕ مستند تہٕ معتبر رِوایتھ یوٗسہٕ اکھ سِلسِلس منٛز اکہ تام واتٕژ چھےٚ تہٕ تقریبن سارٕوے فنِ حدیث کھوا ماموٗ چھےٚ یہ رِوایتھ قبول کرٕمٕژ یِر چھُ بلکل صحی مگر اتھ منٛز چھُ صرف "بدءُ وحی" یانے وجیہ کہ صبحکہ پھوٗلنچ خبر دِنہٕ آمژ

یہ چھُ وجیہ کہ خطابک آغاز تہٕ یمو یمو صحابوٗؓ تہٕ تابعینوؒ "اقراء" گوڈنچ وحی اسنیچ بناہس پیٹھ "اقراء" گوڈنیک چیز موٗنمت۔

٢ - بییہ رِوایژ چھےٚ سورۂ مدثرس مُتلق۔ باضے مناظرین چھُ یمہ اکھ الگ مسلک مانان۔ مگر فی الحقیقت چھُنہٕ یمن منٛز تہٕ حضرتہٕ عایشہؓ سٕنٛزِ رِوایژ منٛز کانٛہہ تہٕ اختلاف۔ حضرت عبدالرحمان ابن سلمہؓ ہن چھُ حضرت جابرس پرٕژھمت زِ گوڈنیتھے کُس چیز سپُد نازل۔ یمو دیُت ہس جواب زِ "مدثر" مگر سایلن اوس بوزمُت زِ گوڈنیک خطاب اوس "اقراء" او بیہ پرٕژھ تیمی بییہ "اقراء" کنہٕ "مدثر" حضرت جابرؓن ووٚنُس زِ بہٕ چھُس تی وناں یُس تہٕ آنحضرت صلے اللہ علیہ وسلمن زٕ بوزمُت چھُ۔ اوٚپتہٕ چھُن آنحضرت صلے اللہ علیہ وسلمن ہنٛد ارشاد نقل کوٗرمُت زِ مےٚ ووچھ حضرت جبرائیل فضاہس منٛز تہٕ گرٕ وٲتتھ ووٚن مےٚ حضرت خدیجسؓ زِ مےٚ ترٲوِو ژادر پیٹھ اَتی سپُد یہ آیہ نازل "یا ایھا المدثر"

[illegible]

پہ تہٕ چھُہ بلکل صٔحی مگر اتھ منٛز چھےٚ بَس اِبتدا ہیچ
بیٚیٚن ہِن پیٚہ زِ حضرت جبرئیل سٕندِس گوڈ
نِکِس مُشاہدس منٛز آو "اقراء" حکم
کرنہٕ تہٕ امہِ پتہٕ دوٚیمہِ مشاہدٕ پتہٕ سَپُد
"یا ایّھا المدّثر" نازل۔ چنانچہٕ اَتھی
رِوایتس منٛز چھُہ آنحضرت صلّے اللہ علیہ
وسلّم فرماوان زِ بیٚیہ میٚے ہیوٚر کٔن نظر
دِژ تہٕ اَتہِ چھُسَن وُچھان "سُے موجود" یانے
جبرئیل چھُہ موجود۔ سُے چھُہ امہِ کتھہِ ہنٛد اِشارٕ
زِ یہ مشاہدہ چھُنہٕ گوڈنیُک۔ اگر یہ گوڈنچہِ
لٹہِ وُچھن آسہِ ہا تیٚلہٕ ہیٚہن نہٕ اِشارٕ سِ
کأم۔ حقیقتھ چھےٚ یہ زِ واقعاتن ہنٛد
سِلسلہٕ برٛونٛہہ کُن تھونہٕ پتہٕ چھےٚ یمہٕ دوٚشوٕے
رِوایژ پانہٕ وأنی رَلان۔ گوڈنیتھے بیٚیلہِ
خدایہِ سُنٛد ملک ظأہر سپُد تمہِ وٚون "اقراء"
اَمہِ پتہٕ تہٕ تھوو تمو غارِ حراہس منٛز پَنُن
اعتکاف جأری۔ کینہہ وقت گژھِتھ وُچھ تمو
بیٚیہ سُے ملک فضاہس منٛز موجود۔ یہ ڈیٚشتھ
سپُد تمن اضطراب تہٕ فرموٗکھ "دثّرونی"
اَمہِ پتہٕ سپُد "یا ایّھا المدّثر" نازل
اَسہِ یوسہٕ رِوایتھ نقل کرٕمژ چھےٚ سوٚہ
چھےٚ صحیح مُسلِم کِس "بدء الوحی" کِس
بابس منٛز مگر یہ ہُے رِوایتھ چھےٚ
امامِ بخارینٛ "کیف کان بدء الوحی" کِس
بابس منٛز حضرت عائشہ رضؓ سٕنٛز رِوایژ
پتہٕ درج کرٕمژ تہٕ اَمہِ گوڈٕ تہٕ پتہٕ درج کرنہٕ
سٕتی چھےٚ یہ کتھ واضح سپٕز زِ گوڈنیُک واقعہ
چھُہ "اِقراء" ہُک تہٕ دوٚیم "مدثر" یتھ
کٔنی گو سورُے اختلاف دور۔

حضرت امامِ بخاری سُنٛد یوہے نظرن
ہنٛد سَنہر، استنباطُک حُسن، اخذ و
استدلالُک قوت، ترتیبُک تہٕ تفہیمُک
جانر چھُہ یُس تمِن فنِ حدیث کین تمام امامن
تہٕ مجتہدن منٛز ممتاز کران چھُہ تہٕ یوٚہے
تحقیق جاد کرٕژ زِ تیوٚت چھُہ یہُنٛد کمال تہٕ
تھزر نِنان۔ دوہ نی روٗز یہ کتھ زِ حضرتِ
جابر رضؓ ن کیاہ زِ فرموٗو زِ گوڈنیتھے سپُد
"مدّثر" نازل۔ تہٕ اَتھ پیٹھ چھُہ
صحیحین کیو شرح کرن والیو وارِیاہ زٕنگی
نظر ترٛاوِمژ۔ تہٕ حافظ سیوطین چھےٚ
تطبیق چہ پانژ صورژ نقل کرٕمژ۔ حافظ
ابن حجر چھُہ لیکھان گوڈنیتھے اوس حضرتِ

جابر رض سُند مقصد چھ یہ زِ " اقرأ " نازِل
سپدُن اوس محض وحیک افتتاح ۔ یہِ
اوس نہٕ کُنہِ سببہٕ کِنی نازل گومُت ۔ اتھ
برخلاف اوس " مدثر " آنحضرت صلی
اللہ علیہ وسلمن ہنٛدِ اضطرابہٕ سببہٕ نازل
سپدمُت ۔ تہٕ امہٕ سِلسلک چھُ یہ گوڈنیک
چیز تطبیق دِنچ یہ صورتھ چھےٚ ساَنِس بیانس
بییہ ہن پوچھر دوان ۔ تیکیاز ساَنی کنی تہٕ چھُ
" اقرأ " ہک نازِل سپدُن وحیک افتتاح
تہٕ معلمہ سِنٛز تالیم ۔ تو تہٕ چھُ بیہتھرین جواب
سُے یُس حافظ سیوطین تہٕ مومت چھُ
یا نے آنحضرت صلے اللہ علیہ وسلمو چھُ وحی
کہ ابتدا ہکی وا قاتھ فورِ مادَس پتہٕ یہ کتھ
فورمادمژ ۔ یُس وحی کہ افتتاح پتہٕ وحیک
دوٚیم نزول چھُ ۔ حضرت جابر رض کور خیال زِ
وحی کِس سِلسلس آیہ امی پیٹھہٕ ڈسلابہٕ
سپدمُت ۔ لہاذا چھُ یہ تہنٛد اجتہاد نہ کہ
ریوایتُک حِصہ ۔ تہنٛزٕ ریوایتھ حضرت عائشہ رض
سِنٛزٕ ریوایژ پتہٕ تھاوِتھ چھ اَسی صحیح ترتیب
یاد کران ۔

٣ ۔ امہٕ پتہٕ چھےٚ یمہٕ ریوایژ شروعہٕ
کن یوان یمو سِتی مولوم چھُ سپدان زِ
کینہہ بڈی تابعین مثلن حسن رض تہٕ عکرمہ رض
اسی ونان گوڈنیتھے چھُ " بسم اللہ
الرحمٰن الرحیم " نازل سپدمُت ۔ تہٕ
پتہٕ چھ بلکل درست تہٕ وارِ پاٹھی اصل مقصدس
تائید کران ۔ گوڈنیکے سورہ یُس نازل سپد
تہٕ گوڈنچی تالیم یوسہٕ وحی الاٰہین انسانس
دِژ سو چھےٚ سورہ فاتحہ تہٕ " بسم اللہ
الرحمٰن الرحیم " چھ سورہ فاتحہ کے
گوڈنیک آیہ ۔ امہٕ مین تابعین ہنٛدِ یہ قول چھ
تم چھ دراصل یی ونان زِ گوڈنیتھے چھ
سورہ فاتحہ نازل سپدمُت تیکیازِ تمیک
گوڈنیکے آیہ چھُ " بسم اللہ " یہ کانہہ
الگ رائے مانُن چھنہٕ کُنہِ پاٹھی تہٕ صحی ۔

٤ ۔ امہٕ پتہٕ چھُ دوٚیم قول تہٕ سُہ
چھُ یہ زِ گوڈنیتھے سپد سورہ فاتحہ نازل ۔
تہٕ یتھ کُنی یوسہٕ وضاحت کرنہٕ آیہ تمہٕ پتہٕ
چھنہٕ اسہٕ اتھ قولس تہٕ گوڈنچین ترین
ریوایتن منٛز کانہہ اختلاف باقی روزان
یہ چھُ حق تہٕ پوٚز زِ وحی کہ انکشافہ تہٕ انداز
تہٕ تالیمہ ہنٛدِ حکمہ پتہٕ یُس گوڈنیکے سورہ

نازِل سپُد تہٕ ییمہٕ وِرآے بییہٕ کانٛہہ سورہ ہیٚکِہ ہانہٕ گوڈنِشکُے آسِتھ سُہ چھُ صِرف " فاتحۃ الکتاب" ۔ یوٚہے اوس حضرتِ علی کرم اللہ وجہہ سُند تہٕ مذہب ۔ آمہِ سارے بیانہٕ پتہٕ آسِ توٚہہِ

وارِ پاٹھی نِنیوٚمُت زِ وحیکِس آغازس تہٕ گوڈنِکس نزولس مُتلِق چھُ سارِنے رِوایتن مَنٛز تہٕ حضراتِ صحابن تہٕ تابعین رضوان اللہ علیہم ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

- - - - - - - - - - - - - - - - -

—:·:—

## نوٹ !

یہ مقدمہٕ چھُ ییتھے کنٛہ نامکمل حالتس مَنٛز جناب اجمل خان صابن (ساہتیہ اکیڈیمی) سوز مُت ۔ اَتھ مُتلِق چھُ تہنٛد وضاحتی نوٹ مُلحقاتن مَنٛز (اصل نسخہ کِس) صفحہٕ پانژھ ہتھ تہٕ پینٛژاہس پیٹھ ۔ ییٚمیُک ترجمہٕ آسہِ تہٕ مُلحقاتن مَنٛز شامِل کورمُت چھُ پٔرِو مقدمۃ البیان کِنہِ ہٕمہٕ بابُک اکھ حِصہٕ ۔

# سورہ فاتحہ

## باب اول

### (سورہٕ چ اہمیت تہٕ خصوصیت)

سورہ فاتحہ چھُ قرآنِ مجیدُک گوڈنیُک سورہ۔ اَوَے چھِ اَتھ "فاتحۃ الکتٰب" وَنان۔ یوٚہ کتھ سٮ۪ٹھاہ زیادٕ ضروٗری چھےٚ آسان تتھ چھِ پیٚٹھٕ کِنہٕ تہٕ نٮ۪ن واتہٕ جاے دِنہٕ یوان۔ یتھ سوٗرس چھےٚ قرآنِ مجید کیٚن سارِنٕے سوٗرن مَنٛز خاص اہمیتھ۔ اَوے آس اَمِچ مناسب تہٕ قودرتی جاے قرآنِ مجیدٕکِس گوڈنِکِس صفس پیٚٹھٕ تہٕ قرآنِ مجیدٕ چھُ پانہٕ تہٕ امیُک تذکرٕ تتھٕ لفظن مَنٛز کران یِمہٕ سیتی اَمِکِ اہمیتُک پتہٕ لگان چھُ۔ "وَلَقَدْ اٰتَیْنٰکَ سَبْعًا مِّنَ الْمَثَانِیْ وَالْقُرْاٰنَ الْعَظِیْمَ" (۱۵ : ۸۷) اے پیغمبرٕ تُہُنٛدِ پانٛچھ کُر اَسہِ عطا توہہِ پھِرِ پھِرِ پرنہٕ یِنہٕ وٲلی ستھ چیز تہٕ قرآنِ عظیم۔

احادیث تہٕ آثار چھِ یہ کتھ ثابتھ کران زِ یتھ آیتس مَنٛز یِمَن پھِرِ پھِرِ پرنہٕ یِنہٕ والین سَتَن چیزن ہُند ذِکر چھُ آمُت کرنہٕ تِمَو نِشہِ چھُ مُراد یوٚہے سورہٕ شریف تکیازِ یہ چھُ نِمازِ مَنٛز بار بار پرنہٕ یوان اَوَے چھِ اَتھ سورہٕ شریفس سبع المثانی تہٕ وَنان۔ احادیثن تہٕ آثارن مَنٛز چھِ اَمِکی بیٚیہ ناو تہٕ آمتی۔ یِمو سیتی اَمہِ سورہٕ شریفچہِ خاصیتہٕ زانُنہٕ یوان چھےٚ۔ مثلن ام القرآن، الکافیہ، الکنز اساس القرآن۔ عربی زبانی مَنٛز چھُ لفظ "ام" تِمَن سارِنٕے چیزن وَنان یِمَن مَنٛز اکہِ قسمٕچ جامعیت آسان چھےٚ نتہٕ آسَن

داریہن چیزن منز گوڈنچ نٔنہِ رآوِتھ۔ نتہٕ آسہِ ننتھ پیٹھہ کینٛہہ چیز اہ یتھ تلہٕ کنہِ مکٔی تابع آسن۔ چنانچہ کلہٕ کِس منزری مس حصس چھہ "ام الراس" وَنان تکیازِ سُہ چھُہ دِسماغُک مرکز۔ فوجہ چہ علمہِ چھہ اُم وَنان۔ تکیازِ سوٗرے فوج چھُہ اَتھ تل سُمِتھ آسان۔ مکس چھہ اُم القرٰی وَنان تکیازِ سُہ اوس خانۂ کعبہٕ تہٕ حجہٕ سبہٕ عربہٕ چین سارِنٕے بستین ہندِ سمنٛج جاے۔ لہٰذا یتھ سوٗرسے شریفس اُم القرآن ونہٕ نُک مطلب دراو زِ یہ چھُہ اکھ سُہ سوٗرہٕ شریف یتھ منز قرآن مجید کین مطلبن ہنٛز جامعیت تہٕ مرکز یتھ چھہ نتہٕ یتھ قرآن مجید کین سارِنٕے سوٗرن منز نٔنہِ رآوِتھ تہٕ گوڈنیتھ جاے چھےٚ دنہٕ آمٕژ۔ اساس القرآن گوٚو قرآنُک کُن۔ الکافیہ گوٚو سُہ چیز یُس حاصل گژھِ صتھ بیٚیہِ کینٛہہ ضرور روٗزِتھ روزِنہٕ۔ الکنز چھہ خزانس وَنان۔

اَمہِ ورٲے چھہ واریاہ حدیث پگوسِتی مولوم چھہ سپدان زِ اَمہِ سوٗرہٕ شریفکۍ یِم اوصاف آسۍ عہدِ نبوس منز عام پأٹھۍ مشہوٗر۔

اَکِس حدیث شریفس منز چھُہ زِ آنحضرت صلے اللّٰہ علیہ وسلّمو کُر اَمہِ سوٗرۂ شریفچ تأثیر ابی ابن کعبس رضہ تہٕ فرمود ہس زِ یتھ چھُنہٕ بیٚیہِ کانٛہہ سوٗرہ۔ بیٚیس رِوایتس منز چھُہ اَتھ بڈکھوتہٕ بوٚڈ سوٗرہ تہٕ یہ تہٕ کھوتہٕ رُت سوٗرہ وَننہٕ آمُت۔

## سورۂ فاتحس منز چھُہ جہین حقہٕ کین سارِنٕے مقصدن ہُنٛد لُبِ لُباب :-

اَمہِ سوٗرسے شریفہٕ کین مطلبن پیٹھ نظر تراوِتھ چھےٚ یہ کتھ واضہ پأٹھۍ نَنان زِ اکھ منز تہٕ قرآنِ مجید کین باقے حِصن منز چھُہ اجمالک تہٕ تفصیلک ہیوٗہ واٹھہ پأدِ گومُت۔ یانے قرآن کریم کین سارِنٕے سوٗرن منز یمہِ خدایہِ سٕندِ دیٖنہٕ چہ کتھہ ویژھہٕ ناوِتھ وننہٕ آمژ چھےٚ تِمے چھےٚ سوٗرسے فاتحس منز ژھوٚٹی پأٹھۍ وننہٕ آمژ۔ اگر اکھ شخص قرآنِ مجید منز بیٚیہِ کینٛہہ تہٕ پرِتھ ہیکہِ نہٕ تہٕ صرف زانہِ یمہِ سوٗرُک مطلب تیٚلہِ تہٕ ہیکہِ سُہ خدایہِ

ہِنٛدِ دِینٛک نٕہ تٔہنٛدِ عبادتک اَصل مقصد
اُتھ ۔ تہٕ یوٚہے چھُ قرآنِ مجیدکین تمام
تفصیلاتن ہنٛد جوہر ۔ اَمہٕ پتہٕ پیٚلہٕ یتھ
کنتھ پیٹھ سوچنہٕ ییہٕ زٕ اَمہٕ سورے شریفک
اندازِ بیان چھُ دُعائیہ تہٕ یہ چھُ پرٛتھ دوہچہ
عبادژک اکھ لازمی جز مقرر کرنہٕ آمت تہٕ
اَمچ یہ خصوصیتھ چھےٚ بییہ ہن نمان زاتھ
ژھوچرس تہٕ زیچھرس پتہٕ کنہٕ چھےٚ بڈ
مصلحت ژھایہٕ مقصود اوس یہ زِ قرآنِ
مجیدکین مفصل بیانن ہٕنٛد گوٚژھ اکھ
ژھوٚٹ تہٕ سیوٚد ساد خلاصہ تہٕ آسُن یتھ
پرٛتھ کانہہ انسان سہل پاٹھی یاد ہیکہِ کرِتھ
تہٕ تمہٕ پتہٕ ہیکہ پرٛتھ ساتہٕ پنہٕ نین دُعاین
تہٕ عبادژن مَنٛز پرٛتھ تہٕ ینہٕ تہٕنٛزِ دینی زندگی
ہنٛد دستور العمل، خدا پرستی ہنٛدین اعتقادن
ہُنٛد خلاصہ تہٕ روحٲنی تصورٲتن ہنٛد
نصب العین ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ قرآنِ مجید
چھُ اَمہٕ سورےٚ شریفک ذکر کران
"سبعا من المثانی" ۔ ڈیٛنہ اَمہٕ رِس
خصوصیتس کُن ژینہ وٕنی دوان زِ اَمہٕ
کہ نزولچ حکمتھ چھےٚ پھِری پھِری پرنس تہٕ

یاد کرنس مَنٛز ژھییٚپہٕ ۔ کوتاہ نادان تہٕ اَن پرٛ
آسن مگر یمین ژوٚن شُترن ہنٛد یاد کرُن
تہٕ یمن ہنٛدِ سیوٚد ساد مطلب ہیٚچھن چھُنہٕ
تہٕنٛدِ خاطرٕ کینہہ تہٕ مُشکل ۔ اگر اکی انسانن
قرآن مجیدس مَنٛز اَمہٕ علاوٕ کینہہ تہٕ پرٛتھ ہیٚیوٚک
نہٕ تو تہٕ کوٚر تمۍ پرٕ دینک گوڈنیک سبق
حاصل یوٚہے چھُ سبب زِ پرٛتھ مسلمانہٕ
ہنٛدِ خاطرٕ چھُ سیٛد اَمہٕ سورے شریفک ہیٚچھن
تہٕ پرُن لازم تہٕ اَمہٕ ورٲے ہیکہِ نہٕ کانہہ
نماز سپدتھ "لاصلوٰۃ الا بفاتحۃ الکتاب"
(صحیحین) تہٕ اوے آسی صحابہ صاب اکھ
" سورۃ الصلواۃ " ونان یانے تھ سورہ
یُس نمازِ ہنٛد خاص سورہ چھُ ۔ یوٚتاہ اکھ
شخص قرآن مجیدس مَنٛز اَمہٕ علاوٕ پرٕ نہٕ ہیٚچھہ
تیوٚت لبہٕ تہٕ بییہ ہن معرفت تہٕ بصیرت مگر
اَمہٕ کم ہیکہ نہٕ قرآن مجیدچ کانہہ تالیم آسِتھ
دِین حقک سورے لُب لُباب کیا چھُ ۔ یوٚہ
تہٕ اکھ پیٹھ سوچو یمو ژوٚر وکنھو ورآے
ییہ نہٕ کانہہ تہٕ کتھ دزینتھ ۔
۱ ۔ خدایہٕ ہنٛدین صفاتن ہُنٛد صحیح تصو
تہٕ کیاز خدا پرستی ہنٛز وتہٕ مَنٛز یُس تہٕ گھوٚنت

اِنسانس لوگ ، تہٕ لوگس صفاتن
ہنٛدِس تصورس منٛز۔

۲ ۔ مکافاتکِ قانونُک اعتقاد۔ یانے
ییتھٕ کٔنہہ دُنیاہس منٛز پزٕ تھ چیزس پننہِ
اکھ خاصیت تہٕ تاثیر آسان چھِ تِتھے کنہٕ چھُ
انسانس پننہِ عملن تہٕ پننہِ خاصیت تہٕ
نتیجہٕ۔ رٕژِ عملُک ہنٛد نتیجہ چھُ آسان رُت
تہٕ یچھ عملہٕ ہنٛد خراب۔

۳ ۔ معاد یانے مرنہٕ پتہٕ زندگی ہُنٛد
اعتقاد۔ یانے انسانس زندگی چھنہٕ ییٚتھۍ
دُنیاہس منٛز اندٕ واتان۔ ییٚنہٕ پتہٕ چھے
زندگی ییتھ منٛز جزٕ ہک تہٕ سزٕ ہک معاملہٕ پیش
ینہٕ وول چھُ۔

۴ ۔ فلاح وسعادژ تہٕ دُکھ تہٕ رنٛج
پارٕ زان۔

## سورہ فاتحک اُسلوبِ بیان

ورٕنی سونچتوٚ زِ یمن کتھن ہُنٛد خلاصہ
کوتاہ جان پاٹھی چھُ ییتھ سورے شریفس
منٛز سو مبراو تہٕ آمت۔ اکھ کتھ کُن ژٕ رکھو تہٕ
زٕ وٚرژھو چیز یوت زِ لفظ تہٕ چھِ گنٛزرتھ

بیبیتھ کُن مینتھ تہٕ تو لتھ لفظ زٕ تمن ہنٛدِ
مانے سیتی چھے پورٕ وضاحتھ تہٕ پارٕ ی
زان پادٕ گژھان۔ تہٕ ساتی چھُ بیان تہٕ تیوت
سیوٚد تہٕ سادٕ ییتھ منٛز تہٕ کُنہ قسمُک ہیچر تہٕ
گجر یا کانہہ کھر چھُ۔

یہ کتھ چھے یاد تھونٛی لایق زِ یُس چیز
یوت حقیقتس نکھ آسہِ تیوت چھُ تہٕ سہل
تہٕ دِلس پزٕ یہ وُن آسان۔ اسلام چھُ
پانے تیتھ مذہب ییتھ منٛز تہٕ کانہہ ہیچر یا
کُنہ قسمُک کھر چھُ۔ کھرتہٕ ہیچر چھُ سورے
بناوٹہٕ تہٕ تکلیفہٕ سیتی پادٕ گژھان۔ لہٰذا
یوسہٕ کتھ پزٕ تہٕ حقیقی آسہِ سو آسہِ ضرور
سیزٕ تہٕ سادٕ تہٕ دِلس پزٕ یہ وٕنی۔ یہ کتھ گژھہ
دِلس تیٚز پزٕ یہ وٕنی تہٕ ڈیہ وٕنی آسینہ تہٕ
بیبلہٕ زانہہ ہیژھ کتھ تو یہ بڑو شہ کُن ییہ
تہٕ ہنٛد ذہن گژھہِ تہٕ اکھ منٛز کُنہ قسمچ
ورٕ آزی محسوس کرن۔ زنتہٕ سُہ اوس
بڑو نیٚٹھے یہ کتھ زانان۔ اردو کس اکھ شاعرن
چھُ اَکھی حقیقتس کُن اشارٕ کرتھ وونمت:۔

"دیکھنا تقریر کی لذت کہ جو اس نے کہا
میں نے یہ جانا کہ گویا یہ بھی میرے دل میں ہے"

کتھن مَنٛز کیٚشا چھِ میٖچھ نَس نِگارِس
یِیَس زِ بوٚپیٹھ نہٕ زٲنِتھ میانِس دِلس مَنٛز

ووٗنی یوٚتام اِنسانٕ سٕنٛز خدا پرستی تہٕ امہٕ کِہن تصوّراتن ہُند تعلُق چھُ اَمہِ کھوتہٕ کیٚشا سٕنٛز تہٕ سادٕ کتھہٕ آسن یِمہٕ اَکھ اندر بیان چھےٚ کرنہٕ آمژ تہٕ امہِ کھوتہٕ سَہل تہٕ دِلَس پٔرِیہٕ وُن کُس اُسلوب بیان ہیٚکہِ آسِتھ ژھوچہٕ ژھوچہٕ سٕتھ کتھہٕ تہٕ پٔرتھ کتھہٕ ژوٚن پانژن لفظن ہٕنٛز۔ پٔرتھ کانٛہہ لفظ صاف تہٕ دِلَس پٔرِیہٕ وُن۔ خداوندِ کریمس مخاطب کٔرِتھ تمو صفتو ناد دِنہٕ آمُت یِمَن ہند جلوٕ دوٚہس تہٕ راتس انسان سٕنٛزن اَچھن برونٛہہ کُنہ یِوان چھُ یوٚدوے سُہ چھُنہٕ پننہِ جہالتہٕ تہٕ غفلتہٕ سٕببہٕ یِمَن مَنٛز غور تہٕ فکر کران۔ اَتی کران تِہنٛز بندگی ہُند اقرار تہٕ تِہنٛدِ انہٕ زٕریکُ اعتراف۔ تہٕ اَتی منگان زندگی ہنٛز وَلغزشو نِشہٕ بچنہٕ سٕنٛز وَنہٕ ہیٚٹھ پکہٕ نُکُ حوصلہٕ۔ اَتھ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ مُشکل خیال تہٕ نہٕ کانٛہہ نوٚ کتھ تہٕ نہٕ کانٛہہ عجیب تہٕ غریب راز۔ ووٗنی ییٚلہٕ اَسی یہٕ سوٗرتے شریف پھیری پھیری پران تہٕ یاد تھاوان چھِن تہٕ ہٕتہٕ بَد بوٚ وٕری بوٚ پیٹھہٕ چھُ اَمیُک مطلب انسانَس برونٛہہ کُنہ اَسہِ چھُ باسان زِ یہِ چھُ سانین دینی تصوّراتن ہٕنٛز اکھ سیٚٹھا مومولی کتھ۔ مگر یِہاے مومولی کتھ یوٚتام دُنیاہَس برونٛہہ کُن آمٕژ آسہٕ تہٕ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ ووپہٕ تہٕ مُشکل کتھ تہٕ آسہٕ نہٕ کانٛہہ۔ دُنیاہَس مَنٛز چھُ پٔرتھ حقہٕ چہٕ تہٕ پَرِ چہٕ کتھہِ ہٕنٛد یوٚسے حال۔ یوٚتام سُہ برونٛہہ کُن چھےٚ نہٕ یِوان توٚتام چھےٚ نہٕ تمہِ کھوتہٕ کانٛہہ کتھ مُشکل آسان تہٕ ییٚلہٕ سُہ برونٛہہ کُن یِوان چھےٚ اَتی چھُ فِکرِ تران زامہٕ کھوتہٕ صاف تہٕ سہل ہیٚکہٕ نہٕ کانٛہہ کتھ آسی تھےٚ۔ عُرفی ین چھےٚ یِہاے کتھ بیٚیِس اَکِس اندازَس مَنٛز وٕنی مٕژ:۔

ہرکس شناسندۂ راز است وگرنہ
اینہا ہمہ راز است کہ معلوم عوام است

(ترجمہ) چھُنہٕ اَمہِ کتھہِ ہنٛز سِر باوتھ پٔرتھ اَکِس نِشہٕ کیٚشا
یہِ چھُ راز سوٗرے یِتھہٕ وَنان آسی عام پاٹھین زان

انسانہٕ سٕنٛدِ فطرتٕچ آدرٕن چھےٚ خدا پرستی پیٹھہٕ لِہاذا ہیٚکہِ نہٕ خدا پرستی ہٕنٛز کانٛہہ پٔرتھ کتھ انسانہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ نوٚ آسِتھ۔ تِہنٛدِس

فطرتس چھےٚ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ پارٕ آری
زان ییمہٕ کتھہِ ہنٛز نٕ شُہ کرٕ خالقِ کائینا تہٕ
سُنٛد اقرار۔ لہاذا چھُنہٕ سورٕے فاتحُک
نوٚ برحرف تمہٕ کِس مانے یَس منٛز بلکہ مانے
کِس حقیقتس منٛز ژھانڈن خدا پرستی
ہنٛد جوش اوس انسانس منٛز بروٚنٛٹھ
تہٕ موجود۔ تہٕنٛدِ ربوبیتُک تہٕ رحمتُک جلوٕ
ڈوٚل نہٕ زانہہ تہٕ تہٕنٛزِ نظرِ وتلہٕ جز ہک
تہٕ سُنزٕ ہک اعتقاد چھُ سوّدرو تہٕ بالو
کھوتہٕ پرٛون ہیچہِ وَنہٕ ترٛاوِتھ سینٛزِ وتہٕ
پیٹھہ پکہٕ نچ خاہش چھےٚ نہٕ انسانسے یوت
بلکہ کیٛمن کرٛ ہلن منٛز تہٕ۔ از تام گو نہٕ کُنہِ
زمانس منٛز نہٕ انسانس تیوٚت مسخ
زِ تمی سُنٛد ذہن گژھِہ ہیمہِ وجدآنی تصورو
نِشہِ خالی۔ مگر انسانہٕ سُنٛز بڈ بدقسمتی
آس یہ زِ تمی ہیوٚچ نہٕ پننہِ وجدانٕچ اصل
حقیقتھ پرٛزنٲوِتھ۔ تس اوس خدایہ
سُنٛدِ ربوبیتُک اِحساس مگر رب وُنِتھ
اوس نہٕ تس ناو دِیُن تگان۔ تہٕنٛدِ رحمتُک
جلوٕ اوس پرٛتھ ساتہٕ تس بروٚنٛہہ کُنہِ
مگر شُہ اوس نہٕ زانان زِ پننہِ دلک پیہ
اِحساس کِتھہٕ پاٹھی آسہِ لفظن منٛز نہٕ اَتھ
کُس ناو کرِ۔ جزا تہٕ سزا اوس تہٕنٛزِ
دِلہٕ چہ رگہ رگہِ منٛز مگر اَمِچ اصل حقیقتھ
کیا چھےٚ۔ تمہِ نِشہِ اوس بےٚ خبر۔ ہیدٕ ایس
پتہٕ لارُن تہٕ گمراہی نِشہِ دورِ ژلُن چھُ
حیوآنی عقلہِ ہنٛز فطری خاصیتھ۔ مگر
انسانہٕ سٕنٛز ساریٚ سے لاچاری آس یہ زِ
طلب آسِتھ اوس شُہ طلب گاری ہنٛزِ
وتہٕ نِشہِ بے خبر۔
بیٚیلہِ زانہہ دُنیہس منٛز وحی الاہیک
ہیدٕ اینتھ نوّن دژ او تمی دِژ نہٕ لوکن نوٚین
نوٚین کتھن ہنٛز تالیم تِکیاز خدا پرستی مُتلقِ
پیٛرِ نہٕ کانہہ نوٚ کتھ ہیچھناونہٕ یتیمچ کام
چھےٚ پرٛزٕ یاژ آسہِ شرٛ زُشُہ دیہ انسانہٕ
سٕنٛدِن وجدآنی عقایدن علیمچ نہٕ اعترافچ
اصل حقیقتھ نُنہِ راوِتھ تہٕ یہ آسے چھےٚ
سورے فاتحچ خصوصیتھ۔ اَمی سورٕے
شریفن آنی انسانہٕ سٕنٛدِن وجدآنی
تصوراتن ہنٛز تھز تا ییر بروٚنٛہہ کُن ییمہِ
ستی پرٛتھ کانہہ عقیدِ پرٛتھ کانہہ فکر
تہٕ پرٛتھ کانہہ جذبہ پننہِ حقیقی شکلہِ تہٕ اصل

صوٗرتس مَنٛز نِنیو۔ چونکہ یہ تاثیر چھُ
حقیقت حالک پوٗرٕ تاثیر لہٰذا ییلہِ
نہٕ انسان اکھ پیٹھ سوٗ دلہٕ سوٗنچہِ شہ
دِیہِ نیٚ سنگا کریکھ نہٕ امیُک اکھ اکھ
لفظ چھُ تہٕنٛدِ ہلیچ تہٕ دیہا ہُنٛج قدرتی آواز
دِین حقہٕ چہٕ بجہ کامہٕ.... اوہِ نہٕ دُچھ تہٕ
یوٚدوے سوٗرتہٕ فاتحہ ہنٛز نوعیتہٕ کنہ
امہٕ وراے کینہہ تہٕ چھُنہٕ زِ یہ چھُ اکُس
خدا پرست انسانہٕ سُنٛد سیوٚدتہٕ ساد
دُعا۔ مگر امہٕ کہِ ہرتھ لفظہٕ تہٕ ہرتھ اندازٕ
سیتۍ کتھہ پاٹھۍ چھُ خدایہ سُنٛد دینک
کانہہ نتہٕ کانہہ اہم مقصد نِنیومُت تہٕ کتھہ
پاٹھۍ چھُ امکی الفاظ سیٹھا اہم مطلبن تہٕ
مشکل حقیقتن ہنٛز رٔچھ کران۔

۱۔ خدایہ سُنٛدس تصورس متعلق اکُس
انسانس یہ بنیادی غلطی زِ تمۍ اوس
یہ تصوٗر خوٗفُک تہٕ خطرُک چیز بنووُمُت۔ شہ
اوس خدایس کھوژان مگر تس سیتۍ
موہبتھ کرنس اوسنہٕ جرأت ہیکان کرِتھ
سوٗرتے فاتحکی گوڈنکۍ لفظن کرِ یہ مولہِ ہٕنٛز
گمراہی ختم۔ امیُک ابتدا چھُ حمد کہ اعترافہٕ
سیتۍ سپدان۔ حمد گو ثنایے جمیل یا نے
زٕہین صفتن ہٕنٛدی تاریف کرٕنۍ۔ ثنایے
جمیل یانے تاریف ہیکو تسنٛدی کرِتھ
یُس مَنٛز حُسن تہٕ جمال آسہِ لہٰذا
ہیٚکہِ نہٕ حمدس سیتۍ خوٗفک تہٕ ترہرُک
تصورٕ ژلِتھ۔ یوسہٕ ذات محمود آسہِ
سو ہیٚکہِ نہٕ خوفہٕ برٕژٕ آسِتھ۔ حمد پتہٕ
چھُ خدایہ سُنٛد بو صفتو منٛز عالمگیر ربوبیتُک
رحمتک تہٕ عدالتُک ذکر کرنہٕ آمُت
تہٕ یتھ پاٹھۍ خدایہ سُنٛدِن صفاتن ہنٛز
اکھ ترتیب مکمل شکل بروٗنٛہہ کُن انہٕ آیہٕ ش
یوسہٕ انسانس تہٕ سوٗرتے کینٛہہ دوان
چھےٚ۔ ہیٚنٛج انسانی بتہٕ کہ پھانچلنہٕ خاطر
ضوٗرور تھ چھےٚ تہٕ تمو سارِ وے گمراہیو
نشہِ رچھان یمہِ اکھ وتہٕ منٛز بتھہٕ ہیکن یتھ

۲۔ رب العالمین ونتھ چھُ خدایہ
سُنٛز عالمگیر تہٕ عام ربوبیتُک اعتراف
یُس پرتھ شخصس، پرتھ قومس تہٕ پرتھ
مُلکس تہٕ زندگی ہنٛدِس پرتھ کُنہ گوشس
کیوٗت چھُ۔ یہ اعتراف چھُ تمن سارِنے تنگ
نظرین ہنٛد خاتمہٕ کران یِم دُنیا ہٕکہِ کین مختلف

قومن ہِنٛز آژن منٛز پادٕ آسٕ گٔمٕژ تہٕ پٔتھ قومن اوٚس یِتھ جایہِ یوٚت ہیٚو گمان گٔژھان ہیوٚتمُت زِ خدایس سٕنٛز برگزیدٕ تہٕ مہربأنی چھےٚ تَسُند یوٚت کینٛژن ہُنٛد دُنی بأہٕ رَس ہیٚتھ۔ کٕنہٕ قومس چھنہٕ امہِ اَنٛدرٕ کانٛہہ بوگ۔

٣ ۔ ”مَالِكِ يَوْمِ الدِّيْنِ“ اَتھ منٛز چھُ الدّین وٚنِتھ جزٕہِکہٕ تہٕ سزٕہِکہٕ قوٚنوٗنُک اعتراف۔ جزٕہَس تہٕ سزٕہَس دین وننہٕ سٕتی چھےٚ یہِ حقیقتھ تنٛہٕ راوٕنہٕ آمٕژ زِ سزا تہٕ جزا چھِ انسأنی اعمالن ہُنٛد قودرتی نتیجہ تہٕ خاصیتھ۔ یہِ چھُنہٕ کیتھٕ زِ خدایہ سُنٛد غضب تہٕ انتقام چھُ بندن پٮ۪ٹھ عذاب دِیُن۔ تکیازِ ”الدینُک“ مطلب چھُ بدلہٕ تہٕ مُکافات۔

۴ ۔ ربوٗبیتہٕ تہٕ رحمتہٕ پتہٕ چھےٚ مالک یوم الدینٕکی وَصفن یہِ حقیقتھ تَنہٕ راوٕمٕژ زِ اگر زندگی ہنٛدِس کارخانس منٛز رحمتہٕ کِہن تہٕ جمالٕکین صفتن منٛز قہر تہٕ جلال تہٕ موجود چھُ۔ یہِ چھُنہٕ امہِ سبہٕ زِ پروردگارِ عالمَس منٛز چھُ غضب تہٕ انتقام بلکہ چھُ یہِ امہِ سبہٕ زِ سُہ چھُ عادِل تہٕ تہنٛدی حکمتن چھےٚ پٔتھ چیزٕچ اکھ خاصیت تہٕ تمیُک اکھ نتیجہِ مقرر کوٚرمُت۔ عدل چھُنہٕ رحمتس خِلاف بلکہ عدل چھُ عینِ رحمت۔

۵ ۔ عبادتہٕ خاطرٕ آو وننہٕ نَعْبُدُكَ بلکہ آو وننہٕ اِيَّاكَ نَعْبُدُ یانے یہِ آو وننہٕ زِ ”اَسۍ چھِ چأنۍ عبادت کران“ بلکہ وٚنُن یُنہٕ آو تھٕ زِ صرف چأنۍ یا ژٕ عبادت چھِ کران۔ پتہٕ اَتھ سٕتۍ اِيَّاكَ نَسْتَعِيْنُ وٚنِتھ کوٚرُن اِسْتِعَانَت یانے اَتھ رٹ کرنُک تہٕ **امی** تَنہٕ وانہٕ ذکر۔ بیانکی امہِ اسلوبن کٔر توحیدکی ساری مقصد پورٕ تہٕ شرکچہ سارے وتہٕ ژٔچن۔ سعادت چہ تہٕ کامیابی ہنٛز وتہٕ کوٚرُن صِرَاطِ مُسْتَقِيم یانے سیُدٕ وَتھ ناو۔ یمہِ کھوتہٕ زیادٕ رُت تہٕ قودرتی ناو بیٚیہ کانٛہہ آسِتھ ہیٚکہٕ نہٕ۔ تکیازِ کانٛہہ تہٕ چھُنہٕ سُہ یُس تہٕ سیُدٕ وتہٕ ہیچہٕ وتہٕ ہیٚکہٕ فرق کٔرِتھ۔ تہٕ یُس تہٕ سیُدٕ وتہٕ پیٹھ پکہٕ تٕچ خاہش آسہٕ تھوان۔ تۅہہ پتہٕ ہاوِنی رنٛج ترٕژھ سیُدٕ تہٕ سادٕ زٕ آئی مٕژ تہٕ پرزٕناوٕمٕژ شانی تٔمیچ پأرۍ زان پٔتھ انسانس منٛز پانے موجود چھےٚ تہٕ یوسہٕ محض ذہنی تاریف آسہٕ تہٕ بجائے

اکھ موجوٗد تہٕ مشہوٗد حقیقتھ نٔہ راوان
چھےٚ یانے سوٗ وَتھ یوٚسہٕ فائض پٕراون
والین تہٕ سعادت لبَن والین ہیٚنٛز وتھ چھےٚ
کانٛہہ مُلک آسِن یا کانٛہہ قوم، کانٛہہ زمانہٕ
آسِن یا کانٛہہ شخص مگر انسان چھہ ہمیشہٕ
وُچھان تہٕ زانان زِ زندگی تہٕ روزگار چھےٚ
ییٚنہٕ زِ وٕنہٕ موجود۔ اکھ چھےٚ کامیاب انسانن
ہیٚنٛز وَتھ تہٕ بیاکھ وتھ چھےٚ ناکامن تہٕ
وتہٕ ڈٲلی متین انسانن ہیٚنٛز۔ لہٰذا ییٚلہِ اکہِ
نَنہٕ تہٕ ناکارٕ کتھہِ خاطرٕ ساری کھوتہٕ رٕژھ
علامتھ یہاے آسِتھ زِ تتھ کُن ییٚہ صرف
ژینہٕ وٲتی دِنہٕ۔ اَمہِ زِ یادٕ کینٛہہ وَنن گژھو

اکھ موٗلوٗم چیز مجہول بناوُن۔ یوہے چھُہ وجہ
زِ ییٚمہِ سوٗرتَس شریفہٕ خاطرٕ چھُہ دُعاہک
اسلوٗب اختیار کرنہٕ آمُت۔ تکیازِ اگر
تألیم نہٕ امرُک اسلوب اختیار کرنہٕ ییِہ ہا
تیٚلہِ راوِہا امہِ کہِ اندازِ بیانُک سوٗرے
تأثیر۔ دُعائیہ اسلوب چھُہ اسہِ زانناوان
زِ پیٚرٕ تھ کانٛہہ پَرزِ زیوٗر انسان یُس خدایہٕ
سِنٛز وَنہِ کُن پکان چھُہ تُس صدائے حال
کیا چھُہ آسان تہٕ کیا گژھِہ آسُن۔ یہ چھُہ
زنتہٕ خدا پرستی ہنٛز فکرِ تہٕ وجدانٕچ
کربکھہ یوٚسہٕ اکِس پٔزِس طالبہٕ سِنٛزِ
زیوِ نیے سنگانیر کتھ چھےٚ ژلان۔

# اَلحمدُ لِلّٰہِ

حمد ۔ عربی زبانٕ منز چھ حمدُک مانے ثنائے جمیل یانے رٕتی صفت بیان کرٕنی۔ اگر کانٛسہ ہنٛدی ناکارٕ صفت بیان کرنہٕ ین سُہ گژھ نہ حمد۔ حمدس بیٛٹھ چھُ الف لام، لہٰذا گو "الحمد للہ" مانے زِ حمد ثنا منٛز یہ کینٛژاہ آسِتھ ہیٛکہ سُہ چھ سورُے خدایس سٕنٛدِ خاطرٕ تِکیازِ خوبیو تہٕ کمالو منٛز یہ کینٛژاہ تہٕ چھُ سُہ چھُ تسٕنٛدی منٛز تسُندِ نٕش۔ اگر حُسن موجود چھُ عشقٕچ نظر کیازِ آسہٕ نہٕ نہٕ اگر محمودیت ییٛن جلوٕ ہاوان آسہ نہٕ حمد کیٛہ نہٕ تارٕ یِیٛج زبان کیازِ کرِ ژھوٕپہٕ۔

آئینۂ ماروے نزا عکس پذیر است
گر تو ننمائی گنہ از جانب ما نیست
رٕژٕ مِثالہٕ دِلُک آنٕہ یانے چانہٕ روٗخُک پرٛوٗ
وونی بیٛلہ ژکھ ٹکھ رٕوے یہٕ ما گوس گونٛہگار

حمدٕ سیٛتی کیازِ آو اَمِہ سورُے شریفُک ابتدا کرنہٕ تِکیازِ معرفتِ الٰہی چہ وَنہٕ منٛز چھُ

اِنسانہٕ سُنٛد گوڈنیُک تاثُر یُس ہیٛے۔ یانے بیٛلِہ زانٛہ کانٛہہ پزِ زِ یوٗرٕ انسان اَکھ وَنہٕ منٛز قدم تُلِہ سُو گوڈٕ رٕچ حالتھ یوسہٕ تہنٛز فکرِ تہٕ تہنٛدِس وجدانس ہیٛٹھ مسلّط گژھِ سُہ آسہ قُدرتی طور سٕے یَتھ یِتہ نَس حمدُ تہٕ ستائیش وَننہٕ آمُت چھُ انسانہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ کوسہٕ وَتھ چھےٚ حقیقتٕچ تہٕ معرفت حاصل کرنٕچ۔ قرآن چھُ وَنان زِ سُو چھےٚ اَکھ آے وَتھ۔ سو گژھِ یہ زِ انسان کرِ کائینا تہٕ چہ یادٕ آسُی پیٛٹھ غور تہٕ فکر۔ یادٕ آسُی پیٛٹھ غور تہٕ فکر واتہٕ ناوِ تَس یادٕ کرن وٲلِس تام۔

"اَلَّذِیْنَ یَذْکُرُوْنَ اللّٰہَ قِیَامًا وَّ قُعُوْدًا وَّعَلٰی جُنُوْبِہِمْ وَیَتَفَکَّرُوْنَ فِیْ خَلْقِ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ۔"

(۳ : ۱۹۱)

تِم گاٹُلی لُکھ یِم نہٕ کُنہ تہٕ حالس منٛز

خدا یہٕ سندِ یادِ نِشہٕ غافل چھہ سپدان نہتھ
تہٕ شونگِتھ یِتھ حالس منٛز چھہ تِم خدایس
یاد کران تہٕ آسمانہٕ تہٕ زمینہٕ چہ پادٲیشی پیٹھ
غور تہٕ فکر کران۔

وونی کرَو فرض زِ اکھ طالبِ صادق
چھُہ اتھ وتہٕ منٛز قدم تُلان اَوپتہٕ چھہ کائناتہٕ
چہ پادٲیشی ہِندین مُظاہرن تہٕ آثارن ہُنٛد
مطالعہ کران۔ گوڈنیکی اَثر یُس تہندِس
دِلس تہٕ دِماغس پیٹھ پیپیہ سُہ کیا
آسہِ؟ سُہ وُچھہِ زِ تِمی سُند وُجود تہٕ تہندِ
وُجودٕ نِبر یِتھ کانٛہہ چیز چھُہ اکس بناون
وٲلِس حکمتہٕ وٲلِس تہٕ تدبیرٕ وٲلِس
تہٕ قودرتہٕ وٲلی سٕنٛزن کامین ہُنٛد جلوگاہ
تہٕ تہندِ ربوبیتہٕ تہٕ رحمتک اکھ چھُہ خلقتہٕ کِس
اَکِس اَکِس ذرس منٛز ٹاکارٕ پٲٹھی بوزنہٕ
یوان۔ اتی پیہِ پانے تِمی سُند رُوح
تاریفن ہِندِ جوشہٕ تہٕ جمالکہِ محویتہٕ سیتی
بَرنہٕ تہٕ نیٚسنگاہ نِبر تہنٛز زیوٚ:
"اَلحَمدُ لِلّٰہِ رَبِّ العَالَمِینَ"
سارِی حمد تہٕ پٲنٛی تاریف چھِہ تس ذاتٕ
پاکس کِنتی یُس پنٕنہِ نِس اقتدارکِس

پِرٕتھ گوشس منٛز رحمتک تہٕ برکتک
آگُر تہٕ حُسنک تہٕ جمالک ناگہٕ راد چھُہ۔

اکھ وتہٕ منٛز چھہ انسانہٕ سٕنٛزِ
عقلہِ تہٕ فکرِ ہنٛز سارِ وٕے کھوتہٕ
بُڈ گمراہی یہ روزِ مٕژ زِ تہنٛز نظر چھیے
مصنوعاتن ہِندین جلوَن منٛز محو گژھان
تہٕ برونٛہہ پکہٕ ژھنچ چھنہٕ کانٛہہ کوشش کران
سُہ چھہ پردن ہِندی نقش و نگار وُچھتھ
بے خود گژھان تہٕ تس نہٕ ژھانڈان یمی
پننہِ نِس قودرتہٕ کِس حُسنس پیٹھ یم
دِلس پرِیہ وِنی پردٕ ترٲوِی متی چھِہ۔ دُنیہس
منٛز یوس قطرتہٕ کِہن منظاہرن ہنٛز یوٚزایہ
ہُنٛد کتھن لوٚگمُت چھُہ تمیُک وجہ چھیے یہے
ژھوٚٹ نظر۔ اَوے چھُہ الحمد للّٰہِ وُنِتھ
اَمہِ حقیقتک تہٕ اقرار تہٕ اعتراف یوان کرنہٕ
زِ زندگی ہِندِس کائناتس منٛز سُورے
فیض تہٕ جمال یوٚد وَسے سُہ کُنہِ طرفہٕ یا کُنہ
شکلہِ منٛز تہٕ آسی تن چھُہ صرف اکس صانعِ حقیقی
سٕنٛدین صفتن ہُنٛدُے ظہور۔ لہٰذا حُسنہٕ
تہٕ جمالہٕ خاطرٕ یوٚ، تامو جبتھ آسہِ خوبیہِ تہٕ
کمالکی بم تہٕ تاریف کرنہٕ ین تہٕ بخشا یشہٕ تہٕ

فاضلک یوٗتاتہٕ اعتراف ییہ کرنہٕ زِ آسہٕ
نہٕ مصنوعہٕ تہٕ مخلوقہٕ خاطرٕ بلکہ آسہٕ زِ
صانع تہٕ خالقہٕ سٕندے یوٗت خاطرٕ۔

عِبَارَاتُنَا شَتّٰی وَحُسْنُكَ وَاحِدٌ
وَكُلٌّ اِلٰى ذَاكَ الْجَمَالِ يُشِيْرُ

عبارژ چھےٚ بیوٗن بیوٗن تہٕ مضمون واحد
جمالاکُنُے ذرٕ ذرات شاہد

**اللہ** — قرآنِ مجید نازِل گژھنہٕ برٛونٹھہٕ اوٚس عربی زبانی منٛز لفظِ اللہ خدا یہٕ سٕندِ خاطرٕ بطورِ اسمِ ذات شامِل سپدان۔ اَمیُک ثبوت چھُ دورِ جاہلیت کین شاعرن ہٕنٛدِ کلامہٕ سیٛتی میلان۔ یانے خدا یہٕ سٕندی ساری صفت آسی تس کُن لاگنہٕ یوان۔ یہٕ لفظ اوسنہٕ کُنہٕ خاص صفتہٕ خاطرٕ ونہٕ یوان۔ قرآنِ مجیدن نہٕ کوٚر یہ ہے لفظ بطورِ "اسمِ ذات" اختیار تہٕ ساری صفت لاگِن اَتھی کُن۔

وَلِلّٰهِ الْاَسْمَآءُ الْحُسْنٰى فَادْعُوْهُ بِهَا (۷ : ۱۸۰) یانے خدا یہٕ سٕندِ خاطرٕ چھِ رٕتی رٕتی ناو یانے صِفت، لہٰذا دِیوٚس تمی وٕ سے صِفتو سیٛتی ناد۔

کیٛا قرآنِ مجیدن چھا یہٕ لفظ امہٕ موکھہٕ ہیٛتیار کوٚرمُت زِ لوغتہٕ کِنۍ اوس پیٚ صحی کِنہٕ اَمہٕ کھوتہٕ زیادٕ اوس اتھ منٛز کانٛہہ مانے ریٚچھ برابرۍ تہٕ بیٚیلہ آسی اَمہٕ لفظہٕ کہٕ مانے یہٕ کین ڈلیلن پیٹھ غور چھِ کران مولوم چھُ سپدان زِ اَمہٕ مقصدٕ خاطرٕ اوس ساری کھوتہٕ زیادٕ موزون لفظ یہوے۔ نوعِ انسانہٕ کین دینی تصوّراتن ہٕنٛد ساری کھوتہٕ زیادٕ پرٛون زمانہٕ یُس تاریخ چہِ روشنی منٛز آمُت چھُ سُہ چھُ مظاہرِ فطرتچہٕ پوزا یہٕ ہٕنٛد زمانہٕ۔ اَمی پوزا یہٕ کرٛ وارٕ وارٕ بُت پرستی ہٕنٛز صورت اختیار۔ یمیُک لازمی نتیجہ دژاو یہٕ زِ مختلف زبانٔن منٛز گئے دیوتاہن ہٕنٛدِ خاطرٕ وارِیا الفاظ پادٕ اَمہٕ پتہٕ یوٚت یوٚت پوزا یہٕ ہٕنٛدِس نوعیتس منٛز بجر گوٚ پادٕ سپدان الفاظن منٛز تہٕ گوٚ مانے بڈان۔ مگر یہ کیٛتھ آسہٕ چونکہ انسانہٕ سٕندِس فطرتس خلاف زِ تٔمی ذیٚہن روزِ ترٛشِہ ہستی ہٕنٛد تصوّرٕ نشہٕ خالی یوسہٕ ساروی کھوتہٕ اعلا تہٕ سارِنے ہٕنٛز پادٕ کرن واجینۍ چھےٚ۔ لہٰذا روٗد دیوتاہن ہٕنٛزِ

پۆزٕ پہٕ سیٖتی اَکِس سارِ وٕپہِ کھوتہٕ بجہٕ
نہٕ سارِنٕے پیٹھ حُکمران ہستی ہٕنٛد تصوٗر
تہٕ کم زیادٕ موجود ۔ اَمہِ کِنہِ ییٚتہِ دیوتاہن
تہٕ تِہنٛدین معبودانہٕ صِفتن ہٕنٛد خاطرٕ
وار یا لفظ پادٕ گییہِ تِتہٕ رٕوٕد کانٛہہ نتہٕ
کانٛہہ لفظ تیُتھ نہٕ اِستیمالَس مَنٛز ییمہٕ
کہِ ذٔرِ یہٕ تَس نادیدٕ تہٕ اعلاترین ہستی
کُن اِشارٕ کرنہٕ اوس یوان ۔

سامی زبانن ہٕنٛدِ مطالعہٕ سیٖتی چھُ
مولوٗم سپدان زِ حرفن تہٕ آوازن ہٕنٛز
اَکھ خاص ترکیب چھےٚ سوٗ یوٗسہٕ معبودی نتہٕ
کِس ماتیس مَنٛز اِستیمال چھےٚ روزٕ
مٕژ سپدان تہٕ عبرآنی، سُریآنی، حِمیری
عربی وغارٕ تمام زبانن مَنٛز چھےٚ تمیچ یہِ لغوی
خصوٗصیتھ رُوزمٕژ ۔ یہِ چھُ الف لام تہٕ ہ ترٛین
حرفن ہند مادٕ یُس مختلف شکلن مَنٛز مشتق
سپدیوٗمُت چھُ ۔ کلدآنی تہٕ سریآنی زبآنی
ہُنٛد "الاھیا" عبرآنی زبآنی ہٕنٛد "الوہ"
تہٕ عربیکُ "الہ" چھُ اَمی مَنٛز بِلا شبہ چھُ
بوٚہے "اِلٰہ" یُس حرفہِ تاریف کہٕ
اضافہٕ پتہٕ "اللہ" بنیوٗمُت چھُ تہٕ
اَمی حرفِ تاریفن کوٚر یہِ صِرف خالقہٕ کائنات
سٕنٛدِ خاطرٕ مخصوص ۔ وونی اگر اللہ
اِلٰہ نِشہِ دراموٗت چھُ تہٕ اِلاہک مانے کیا
گو ؟ علماء لوغت تہٕ اشتقاق چھہ اَکھ مَنٛز
مختلِف کتھہ ونان ۔ مگر زیادٕ مضبوط قول
چھُ یہِ زِ اَمیُک اَصل چھُ "اَلَہُ" تہٕ "اَلَہُ"
ہُک مانے چھُ حٲرآنی تہٕ لاچآری ۔ کینٛژو
چھُ ووٚنمُت زِ یہِ چھُ "وَلَہُ" نِشہِ دراموٗت
تہٕ تمیُک مانے تہٕ گوو ۔ پس سپُد خالقِ
کائناتہٕ سنٛدِ خاطرٕ یہِ لفظ اَمہِ سبہٕ اسمِ مُفرد
زِ اَکھ مُتلق یہِ کینٛژھا انسان زانان یا زانِتھ
ہیکان چھُ تہٕ چھُنہٕ عقلہٕ ہٕنٛز حٲرآنی تہٕ اِدراکہٕ چہٕ
لاچآری ورآے بییہٕ کینٛہہ تہٕ سُہ یوٗتاتہٕ اَمِس
ذاتِ مطلق سٕنٛزِ ہستی پیٹھ غور کرِ تیوٗتاہ بٔڑِ
تہنٛزِ عقلہٕ ہٕنٛز حٲرآنی تہٕ لاچآری ۔ یوٗتام
تَس موٗلوم سَپدِ زِ اَمہِ وَنہٕ ہٕنٛد ابتدا تہٕ
چھُ عاجزی تہٕ حٲرآنی تہٕ اَمیُک اَنٛد تہٕ چھُ
عاجزی تہٕ حٲرآنی ۔

اے برون از وہم و قال و قیل من
خاک بر فرقِ من و تمثیلِ من
ژہٕ میانہٕ نوٗقیاسو خیالو نِہ بالا

بہٕ کیاہ دمہٕ مثالانہٕ کنہہ ہشِ مثال
دوہٕ ذِکرٕی تو ہنا غورٕ زٕ خدایہٕ سنٛدِ ذاتہٕ
خاطرٕ انسانہٕ سنٛزٕ زیوٚ دٕ امتہٕ سارِنی
لفظن منٛز کُس چھُ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ موزوٗن
لفظ۔ اگر خدایس تمہٕ سنٛدیو صفتو کنہٕ ناد
لایُن چھُ ینٛتلہِ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ تسنٛدی
صفت چھہ بے شمار مگر ہر گاہ صفات ترٛاوتھ
تہٕنٛدِس ذاتس کُن اِشارٕ کرُن چھُ سُہ
کیاہ ہیکہ اَمہِ ورٲے آسنہٕ زِ سوٚ چھے
اکھ حارتس منٛز ترٛاوَن واجینٛز ذات۔ بہٕ
کینٛژھا تس نِسبتھ ونہہ ہیکو تہٕ چھُنہٕ
عاجزی تہٕ بے بسی بغار کینٛہہ تہٕ۔ فرض گرو
زِ انسان بہٕ کینٛژھا از تام خدایہٕ سنٛدِس
ذاتس یا کاینٲتچہ پادٲشی ہنٛدس اصلیتس
پیٹھ سوٚچمُت تہٕ زونمُت چھُ سُہ سورُے
برونٛہہ کنہٕ تھوٚوتھ اگر ٲسی یہٕ تہٕ کھوتہٕ زُت
لفظ تجویز کرُن یژھ ہو سہٕ کیاہ آسہ؟ کیاہ
اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ تہٕ اَمہِ کھوتہٕ بہٕ ژھیکیاہ کانٛہہ
کتھ ؤنِتھ۔

یوہے چھُ سبب زِ ییٚلہِ زانٛہہ
اَتھ وتہٕ منٛز معرفتچ تہٕ بصیرژچ کانٛہہ
بڈٕ کھوتہٕ بڈ کتھ ونہٕ آپہٕ سو آسِ یہاٲے
زِ نہٕ ژیادٕ کھوتہٕ زیادٕ بے خبری تہٕ بے خودی
ہنٛدا اعتراف آو کرنہٕ۔ ادراکُک یا عقلہِ
ہنٛدِ تھدِ کھوتہٕ تھوٚد مرتبہٕ آو یوہے مانہٕ
زِ عقلہِ ہنٛز لاچارٕی تہٕ نہ واتُن ترٛف کرِ
عارفن ہنٛدِ دلہٕ تہٕ زیوِ چھے پٔرتھ سانہٕ
یہاٲے آواز درامژ زِ "رَبِّ زِدْنِی فِیْکَ
تَحَیُّرًا" خدایا چانِس ذاتس متعلق بڈِ
سانی حارٲنی تکیاہ زِ حارٲنی چھے نہٕ بینہٕ
نہٕ زانُن کنہٕ بلکہ چھُ یہٕ زانہٕ نکُ نتیجہ۔

زِدْنِی بفرط الحب فیک تحیرا
وارحم حشا بلظی ھواک تسعرا

مےٚ ترٛاوِتھ لولہٕ سودرس منٛز دِلس ہرراو حارٲنی
رٕچھم مےٚ دوزخہٕ نارٕ کرُم رحمت مےٚ ارزٲنی
نہٕ گاٹلین ہنٛدِ گاہٕ چارک تہٕ تہنٛز بُجھلہِ
ہُنٛد نہٕ چھُ ہمیشہ یوہے فاصلہ اُوسمُت زِ
معلوم شد کہ ہیچ معلوم نہ شد
زونم پوٚتس زِ کینٛہہ نہٕ زونم

چونکہ یہٕ اسم آو خدایہٕ سنٛدِ خاطرٕ بطور اسم ذات
ورتاونس منٛز لہٰذا گوو پانے تمن سارِنی
صفتن پیٹھ حاوی یمن ہُنٛد خدایہٕ سنٛدِ

ذاتہٕ خاطرٕ تصوٗر ہیکو کٔرِتھ۔ اگر اسی خدایہٕ
سٕنٛد تصوٗر تھٲوِ کُنہِ صِفتہٕ سان گۄڈ مثلن
"الرّب العالمیٖن الرّحیٖم" ونوٗ پہٕ تصوٗر روزِ صِرف
اَکِس صِفتس تام یا نَے سانِس ذِہنس
مَنٛز گژھِ اَکِس تَرٛژھِ ہٕستی ہنٛد تصوٗر
پادٕ یمِس مَنٛز ربوبیت یا رحمتھ چھےٚ

مگر ییٚلہِ اسی لفظ "اللّٰہ" چھِ ونان
سون ذہٕن چھُ یکدم اَکِس تَرٛژھِ ہٕستی
کُن پھیران یُس مَنٛز حُسٕنکی تہٕ کمالکی ساری
صِفت چھِ موجوٗد تہٕ یم تٔسنٛد خاطرٕ ونہٕ
چھِ یوان یم تَس مَنٛز آسنی گژھن۔

—۰—

# ٣ - ( ربّ العٰلمین )

ربوبیّت :- حمد پتہٕ چھِ ترٛیٚنہٕ سان ژور صِفَت بیان کرنہٕ آمتی۔ "ربّ العٰلمین"[1] "الرحمٰن"[2] "الرحیم"[3] "مالکِ یوم الدین"[4] چونکہِ "الرحمٰن" تہٕ "الرحیم" چھےٚ اَکے صِفتہٕ چہ زٕ بیوٚن بیوٚن شکلہٕ لہٰذا ہیکو یتھہٕ پاٹھۍ تہٕ وَنتھ زِ ربوبیت، رحمت تہٕ عدالت چھہِ ترٛشے صِفت یمن ہنٛد تذکرٕ کرنہٕ آمت چھُ۔

یتھہٕ کنٛنۍ "اللہ" چھُ تِتھے کنۍ چھُ "ربّ" تہٕ سامی زبانن ہنٛد اکھ سیٹھا ورتاونہٕ یِنہٕ وول موٗلہ لفظ۔ عبرانی سُریانی تہٕ عربی ترٛیشونی زبانن منٛز چھُ امیُک مانے رچھُن تہٕ چونکہ رچھنہٕ کہِ ضوٗرورتک احساس چھُ انسانی زندگی ہنٛد بوٗنیادی احساس، منٛز اَمہِ کنۍ گژھہِ یہ تہٕ سیٹھا پرانیو سامی تعبیرانو منٛز آسُن۔ اَو پتہٕ چھُ چونکہ مُعلم وُستاد تہٕ آغٕ تہٕ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنٛگہٕ رچھن والی آسان اَمہِ کنۍ ہیوٚتُن تمن مانیٚن منٛز تہٕ پتہٕ وَرتاونہٕ یُن۔ چنانچہ عبرانی تہٕ آرامی زبانی ہنٛد "ربی" تہٕ "رباہ" اوس رچھن وول، ہیچھناوُن وول تہٕ آغٕ ترٛیٚنوے مانے تھاوان۔ تہٕ قدیم مصری تہٕ خالدی زبانی ہنٛد اکھ لفظ "رابو" تہٕ چھُ یمیے مانیٚن منٛز ورتاونہٕ آمُت تہٕ پتہٕ چھُ یمن مسلکن ہنٛدِ پرانہٕ کھوتہٕ پرانہٕ سامی کُنزِ رُگ پےٚ دِوان۔

عربیس منٛز چھُ ربوبیت وَنان رچھنس مگر یہ رچھُن گژھہِ زانُن پنہٕ نِس وُسیع تہٕ کامِل مانے ہس منٛز۔ اوے چھُ باضے لوغتہٕ کھوعالموا امکی تاریف یمن لفظن منٛز کرمٕژ متی۔ "ھوانشاء الشیئ حالاً فحالاً الیٰ حد التمام"۔ (مفردات راغب اصفہانی)۔

یانے کُنہٕ چیزس پوٚتُس پتھ تمہٕ چہ مُختلف حالتو تہٕ ضوٗرورتو مطابق تتھہٕ پاٹھۍ رچھان تہٕ پالان روزُن یتھہٕ زَن سہٕ پنہٕ نِس

کمالس واتہِ ۔ اگر اکھ شخص کانٛہہ بوچھہِ
ہُنتس کھیاوِ یا موٚختاجس دِیہِ روٗپیہ
بہ ییہ مانیہِ تٔسند کرم سخاوتھ یا ایحسان
مگر اکھ ہیکہٕ نہٕ ربوبیت وٲنِتھ ۔ ربوبیتہِ
خاطرٕ چھُ ضروٗرٕی زِ یہِ گرٕژھِہ رٔچھِہ نکُ تہٕ
پالہٕ نکُ اکھ یکہٕ وُن سِلسِلہ آسُن تہٕ اَکِس
وجودس ییم ییم ضروٗرتھ مکمل تہٕ بالیغ
گژھنہٕ خاطرٕ وِزٕ وِزٕ درکار چھِہ آسان تِمن
ہنٛد انتظام روزِ سیٚتی سیٚتی سپدان ۔
یہِ تہٕ چھُ ضروٗرٕی زِ یہِ سوٗرُے سپدِ مایہِ تہٕ
موٚحبتہٕ سان تِکیٛازِ بیٚنہ کامہِ مَنٛز تہٕ
موٚحبتھ آسہِ سوٗ ہیکہٕ نہٕ ربوبیت آسِتھ
ربوٗبیتُک اکھ اَڈلیوُک نوٗمونہٕ
ہیکو اَسی تَتھ مایہِ مَنٛز وُچھِتھ یمیُک جوٗش
ماجہِ ہِنٛدِس فطرتس مَنٛز تراونہٕ آمُت
چھُ ۔ شُرِ بیٚیلہ زیوان چھُ تہٕ چھُ آسان محض
اکھ حرکتھ کرٕ وُن ماز لوٚکٕٹ تہٕ زندگی تہٕ پھاپھ
لنٛکی ییم قوتھ آسان چھِہ تِم چھِہ ساری
رٔچھِہ نکی تہٕ تربیتکی موٚحتاج ۔ یہ رٔچھُن یہِ مایہِ
تہٕ موٚحبتھ ۔ بہ رٲچھہ تہٕ راوٹ ، یہ اُکھ
روٚٹ تہٕ یہ مَدد چھُ اکھ زیوٹھ سِلسِلہ

یہِ گرٕژھِہ توٚتام یکہٕ وُن روزُن یوٚتام یہ شُرٕ
جسمہٕ تہٕ ذیہنہٕ کِنِ بالیغ گرٕژھِہ ۔ توٚ پنہٕ چھِنہٕ
پرٕوٚرِشہِ ہنٛدی ییم ضروٗرتھ اکھ زٕ
ییم چھِہ بے شمار ۔ یِمن ہنٛز شکل چھےٚ پرٕتھ
دِنہٕ بدلان روزان تہٕ ضروٗرٕی چھُ زِ پرٕتھ
وُمرِ تہٕ پرٕتھ حالہِ مطابق روزِ موٚحبتُک جوٗش
رٲچھی ہنٛز نظر تہٕ زندگی ہنٛد سٕنٛز ساماںہٕ
چلہٕ وُن ۔ خدایہ سٕنٛدی حِکمتن چھِہ ماجہِ
ہنٛدس موٚحبتس مَنٛز ییم ساری ساماںہٕ
پادٕ کٔرِمتی ۔ بہ چھےٚ ماجہِ ہنٛز ربوبیت
یوٚسہ شُرِس زینہٕ دوہہ پیٚٹھہ بالیغ گرٕژھنس
تام رٔچھان تہٕ رٲچھ کران ، سنبالان تہٕ شیران
تہٕ پرٕتھ وِزِ تہٕ پرٕتھ حالہِ مُطابق تہٕنٛدِ چھِنہٕ
کیٚن ضروٗرتن ہنٛد سٕنٛز تہٕ ٹٔھنز کران
روزان چھےٚ ۔ یِمہِ ساتہٕ شُرٕ سٕنٛد معدہ
دوٚدٕ وَرٲے کُنہِ غذہس لایق اوسنہٕ
تِمہِ ساتہٕ آو شُرٕ دوٚد یِہے چاونہٕ ییٚلہِ
دوٚدِ کھوٚنہٕ زیادٕ طاقتہٕ والہِ غذہِ ہِچ ضروٗرتھ
پیٚیس تِمہِ وِزِ آس تیتھے غذا دِنہٕ ییٚلہِ
نہٕ تس پنہٕ نین زنگن پیٚٹھ وُتھنیچ ہیکتھ
آس تِمہِ وِزِ آس بس موٗج کھوٚنہٕ کھوٚنہٕ

لگہٕ وان ہیٚیلہٕ نہٕ وٚد و ژھٕ تَس لایق گو
تہٕ اُتی کرٕ نس اَکھس کھٕ تہٕ ہیوٚتن اَکھ
اَکھ قدم پکہٕ ناوُن۔ گوڈٕ پٔتھ حالتہٕ پٔتھ
صنوٚرٕ تہٕ مطابق رٔودی ماجنگی چیز میٚر
روزان۔ راچھی ہند تہٕ حفاظتک اَکھ پکہٕ
دُن انتظام روزُن چھُ اَکھ تژٕ کیفیتھ
ییٚمہٕ سیٚتی اَسی یہٕ تصوّر کرٕ تھ ہیکوٚ زِ ربوبیت
کیا گیہ

مجازی ربوبیتچ یہٕ اَڈلیچ تہٕ ژھوٹ
مثال بڑٕ وتھہ کنہٕ زٕ ٹھ ییٚلہٕ اَسی خدایہ
سِندِ ربوبیتہٕ کہٕ آنتھہ زٕ سی نہٕ خٹنقتک
تصوّر کرٕ و معلوم سپدِ زِ تِسندِ رب العالمین
آسنہٕ نک مطلب گو یہٕ زِ یتھ پاٹھی تسند خالق آسُن
تن زندگی نہٕ کائناتک پٔتھ کانٛہہ چیز پاٹھی
کوٚرمُت چھُ تتھے کنہٕ چھُ تسندی ربوبیتہٕ پٔتھ
مخلوقہٕ سِندِ رٔچھ نک ٹنز کوٚرمُت۔ یہٕ رٔچھ
نک انتظام چھُ اَکِ تتھہٕ قاعدٕ سان کرٕ نہٕ
آمُت زِ پٔتھ وجودس پیہ کینژھا ضانہٕ تہٕ
باقے روزِ نہٕ خاطر صنوٚرٕ ژھٕ چھُ تَس چھُ
تہٕ سوٚرے میلان تہٕ تتھ پاٹھی میلان ییتھ
منز پٔتھ حالتچ رعایت پٔتھ صنوٚرٕ ونک

لحاظ پٔتھ تبدیلی ہنز راچھہ نہٕ پٔتھ کیٚہ
تہٕ زیادتی ہند خیال تھاونہٕ آمُت چھُ۔
ریٚتی چھیٚ پننہٕ وآجی مُنز بگان کیٚمی کرٕ ئل
چھہٕ زمیوٚس نہٕ غلاظتس مُنز رٕ لتھہ
آسان، گاڈٕ چھیٚ دریاوس مُنز ژھانٛٹھ
وایان، جانور چھہٕ ہوٚس مُنز وُڈان۔
پوٚش چھہٕ باغس مُنز پھولان، ہوٚس
چھُ جنگلس مُنز دوران، تہٕ تارکھ چھہٕ
شینٛہس مُنز گردش کران۔ مگر تورٕ تھ
چھیٚ ساہ نہٕ ہنٛدِ خاطرٕ بیشی رٔچھ تہٕ
کوٚچھ نہٕ راچھ ہنز نظر تھاوان نہٕ کانٛہہ تہٕ
چھُ نہٕ تِس ربوبیتہٕ کہٕ فائدٕ نہٕ آتھہٕ
چھلہٕ۔ اگر مثالہٕ ژھانڈٕ نہٕ ییٚہوٚ تہٕ مخلوقاتکی
تتھہٕ بے شمار قسم ین لبنہٕ، یم نہٕ اَسی نٕبوٚ اُچھوٚ
دِچھتھہٕ تہٕ ہیکوٚ کھ۔ تو پتہٕ ییتھہٕ کنہٕ خدایہ
سِندی ربوبیتک ہسی تِس ہوٚس اَنٛڈٕس جانورس
تہٕ انسانس ہوٚس عقلہٕ وآلس مخلوقس
پھانٛپھہ لکی سامانہٕ آیتن تھاودِتھ چھہٕ تتھے
کنٛہ تہٕ تتھی قاعدٕ سان تھوٚن تہندِ خاطرٕ تہٕ
باقے تہٕ زندٕ روزنہٕ خاطرٕ پٔتھ کانٛہہ چیز
آیتن۔ اَمہٕ پتہٕ یہٕ کینژھا چھُ یہٕ چھُ انسانہٕ سِند

وجوٗد نمبر۔ اگر انسان پننہِ نس وجوٗدس
وُچھہ تہٕ پانہٕ تمی سُنٛد وجود تہٕ زِندگی ہُنٛد
پرٛکھ کانٛہہ ژیٚنہٕ چھ خدایس سُنٛد ربوبیتہٕ
کِہن تماشہٕ ہنٛز اکھ پوٗرٕ کائینات۔

وَفِی الْاَرْضِ اٰیٰتٌ لِّلْمُوْقِنِیْنَ۝ وَفِیْۤ اَنْفُسِکُمْ اَفَلَا تُبْصِرُوْنَ۝ (۵۱ : ۲۰-۲۱)

تمن لوکن ہنٛدِ خاطرٕ یم (پزِس پیٹھ یقین تھاوَن والی چھ) چھےٚ زمینس منٛز (خدایہ سٕنٛدِ قدرتچہ کاٚژ نشانیہٕ۔ بییہ پانہٕ تُہنٛدِس وجودس منٛز تہٕ۔ کیا توہہ چھُونا دِینٛٹھہ یوان۔

## نظامِ ربوبیت

— مگر زندگی ہنٛدی سامانہٕ بخشنس منٛز تہٕ ربوبیتس منٛز یوہ فرق چھےٚ تمہِ زِ لگن تہٕ اچھ ڈیٚٹھ تھاوہٕ۔ اگر دُنیہس منٛز تِتھی عناصر، عناصرن ہنٛز تِتھہ ترکیب چیزن ہنٛز تِتھہ بناوٹھ موجود چھےٚ یوہ زِندرُوزنہٕ تہٕ پھانپھلنہٕ خاطرٕ ضروٗری چھےٚ تہٕ محض تمہِ کِس موجوٗد آسنہٕ نس ہیکو نہٕ ربوبیت وٕنِتھ۔ یہ آسن چھُ خدایہِ سٕنٛز رحمت، تُہنٛز بخشایش تہٕ احسان مگر یہ چھےٚ نہٕ سو کتھ یتھ ربوبیت ناو چھو۔

ربوبیت چھےٚ یہ زِ یتھ کُنہٕ آسی وُچھان چھ زِ دُنیا ہس منٛز چھُ فایدٕ والین چیزن ہنٛدس آسنس سٕتی تمن ہنٛد بخشنُک تہٕ باگرنُک تہٕ اکھ نظام موجود۔ قدرتھ چھےٚ تہٕ صرف بخشانہٕ یوت بلکہ یہ کیٚنژھا بخشان چھےٚ تہٕ چھےٚ اُکس مقرر کرٕ منٛس انتظامس تہٕ باضابطہٕ ترتیبس منٛز بخشان۔ امہِ کِہ نتیجہ چھُ یُس آسی وُچھان چھ زِ پرٛتھ وجودس زِندہ تہٕ موجود روزنہٕ خاطرٕ ییٚمہ ییٚمہ چیزچ ضرورت آسہِ تہٕ یتھہ یتھہ پاٹھی ییٚمہ ییٚمہ ساتہٕ تہٕ پیٚتھر ییٚتہِ ہِن ضرورت آسس سہٕ چھُ تس بلکُل تتھے پاٹھی تمہِ نے وقتن منٛز تِتھی سہے مقدارس منٛز واتان تہٕ اکی نظمہٕ تہٕ ضبطہٕ سان چھ زِندگی ہند کارخانہٕ پکان۔

## اکیچ بخشایشی تہٕ باگرنُک نظام

زِندگی ہنٛدِ خاطرٕ اوس آب تہٕ سیرنہٕ ضرورت تہٕ آسی چھ وُچھان زِ پرٛتھ طرفہٕ چھ بے شمار آبہِ خزانہٕ موجود۔ مگر ہر گاہ نیٚتھے یوت آسہٕ ہے یہ اوس نہٕ زندگی خاطرٕ کافی تیکیا زِندگی خاطرٕ

چھے آب موجود آسنے یوت ضوٚروٚری
ٹلی کہ چھے ضوٚروٚری زِ یہ آسہ اکہ خاص انتظامہ
خاص ترتیبہ تہ مُقرر مقدارہ سان موجود۔
لہاذا اُونی یہس مُنژ لُس یہ آب بنہ نک تہ
باگرنگ اکھہ خاص نظام چھے تہ قودرتھ
چھے نہ صِرف آب بناوآنی یوت ٹلی کہ چھے
اکہ خاص ترتیبہ تہ تنظیمہ سان بناوان
نہ اکہ خاص طریقہ سان باگراوان نہ یہائے
گئیہ ربوبیت نہ امی مُنژ گژھہ ربوبیتہ چِھن
سارِنے کامِن ہُنْدا اَنْدازہ کرُن۔ قرآن پاکس
چھے وناں یہ چھے خدایہ سِنْز قودرتھ یمُی
آب ہیو، جوہر حیات پادہ کوٚر مگر یہ چھے تہنْز
ربوبیت یوسہ آبک اکھہ اکھہ قطرہ تراوان
زمینہ کِس اَکِس اَکِس کونس واتہ
ناوان۔ اَکِس خاص مقدارس نہ حالتس
مُنژ باگران۔ اَکِس خاص موسمس نہ
موقس پیٹھ تراوان نہ پتہ زمینہ کِس
اَکِس اَکِس ترِیشہ ہیتِس ذرس
ژھاری ژھاری سگ چھے دوان۔
وَاَنْزَلْنَا مِنَ السَّمَآءِ بٔییہ وُچھوا آسہ تراو اکہ
مَآءًۢ بِقَدَرٍ خاص اندازہ سان آسمانہ

فَاَسْکَنّٰہُ فِی پیٹھہ آب تہ سہ تھوو اکہ
الْاَرْضِ وَاِنَّا خاص انتظامہ سان) زمینس
عَلٰی ذَهَابٍۢ بِهٖ مُنْز ٹھہراوِتھ تہ اَسی چھِ اتھ
لَقٰدِرُوْنَ ؁ پیٹھہ قودرتھ تھاوان زِ یتھہ
فَاَنْشَاْنَا لَکُمْ بِهٖ پاَٹھی یہ وولمُت اوس تیتھے
جَنّٰتٍ مِّنْ نَّخِیْلٍ پاَٹھی کھاون واپس) پتہ
وَّاَعْنَابٍ لَکُمْ وُچھو اَمہِ آبہ سیتی کرِ اَسہِ خضر
فِیْهَا فَوَاکِهُ کَثِیْرَةٌ باغ تہ دچھہ باغ پادہ یمَن
وَّمِنْهَا تَاْکُلُوْنَ ؁ بیے شمار میوہ نیران چھہ تہ یمہ
(۲۳:۱۸-۱۹) دے نِشہ چھِو توہی کھینہ خاطر
میوہ حاصل کران۔

## چیزن ہُنْد تقدیر:۔

یوسہ وجہ چھہ
زِ قرآن پاکس چھہ جاپہ جاپہ چیزن ہنْدِ مرتبک
تہ مقدارک ذکر کران یانے اَتھ حقیقتس
کُن ژینہ ڈُنی دِوان زِ قودرتھ یہ کینژھا
بخشان چھہ تہ چھہ اکہ خاص اندازہ سان بخشان
تہ یہ اندازہ چھہ اَکِس خاص قونونس ماتحت
تھاونہ آمت۔
وَاِنْ مِّنْ شَیْءٍ بیییہ چھُنہ سہ کانہہ چیز ییمیک
اِلَّا عِنْدَنَا خَزَآئِنُہٗ نہ اَسہِ نِشہ خزانہ موجود چھہ

وَمَا نُنَزِّلُهٗٓ اِلَّا بِقَدَرٍ مَّعْلُوْمٍ (۱۵-۲۱) — مگر سون طریقہ چھُ یہِ زِ یہِ کینژہ ہاٗسہ نازل چھ کران تہٕ چھ اکہِ مقرر کرٕمژِ مقدارہ سان نازل کران ۔

وَكُلُّ شَيْءٍ عِنْدَهٗ بِمِقْدَارٍ (۱۳ : ۸) — بیٚیہ چھُ خدا یس نش پرتھ چیزُک اَندازٕ گنڈِتھ ۔

اِنَّا كُلَّ شَيْءٍ خَلَقْنٰهُ بِقَدَرٍ (۵۴-۴۹) — اَسہِ یم تہٕ چیز پاٚدٕ کرٕی متو چھ تِم چھ اکہِ اَندازٕ سان پاٚدٕ کرٕی متو ۔

یہ کیاہ وجہ چھُ زِ دُنیاہَس منز چھنہٕ یُتیے یوت زٕ آب آسہٕ موجوٗد بلکہ چھ اکِہ خاص نظمہٕ تہٕ ترتیبہٕ سان موجوٗد ۔ آفتاب چہ ژٕ کیازٕ چھے گوڈٕ سودرٕ منز بگہٕ بڑی بڑی کھاران تہٕ شِنیاہس منز آبہٕ ژادرٕ وکھہ راوان ۔ پتہٕ چھے ہوہچہ ژمپٹہٕ تِمن موکتس منز آنان تہٕ آبہٕ قطرٕ بناوِتھ اکہِ خاص وقعہٕ تہٕ اکہِ خاص موقعہٕ رود چہ شکلہِ منز والان ؟ بییہ کیازٕ ییلہِ رود پیوان تہٕ شہ پیوان اکہِ خاص ترتیبہٕ تہٕ مقدارٕ سان تو پتہٕ بیتھ پاٚٹھو پیوان زِ زمینہٕ پیٹھ رٚیچھ اکھ خاص مقدار یکُنی ہیوان تہٕ اَندرِ مین حصن تام اُکس خاص مقدارس منز سرِہہ واتان؟ بیتھ پاٹھی کیازٕ بنان زِ گوڈٕ بالہٕ تیتاالین شنہٕ مانہٕ لگان ۔ پتہٕ ییلہٕ موسم بدلان تہٕ یمہٕ شنہٕ مانہٕ ہیوان وِگلُن ، یہنْدٕ وِگلنہٕ سیتی ہیوان آبہٕ ناگہٕ ادن ژٕ صٹھہٕ نیرٕ تہٕ اُتی ہو ناگہٕ ادن ہنْدٕ ہو آگرو بیٹھہٕ ڈیڈ باو نیران یم دٔرکھیے کھیے دوٗرٕ دوٗرٕ تام واتان تہٕ ہنہٕ بدرٕ ین تہٕ ساسہٕ بدرٕ ین میلن تام زمینس سنگ دوان ۔ یہ سورُے کینژہ کیازٕ چھُ اُکھی طریقس پیٹھ بنیومُت ۔ ییتہٕ کُنی کونہٕ بنیوٚو زٕ آب آسہٕ ہے موجوٗد مگر امہٕ ترتیبہٕ تہٕ تنظیمہ (انتظامہ) سان آسہٕ ہے نہٕ ۔ قرآن پاک چھُ ونان زِندگی ہندس کائناتس منز چھے خدا یہ سنز ربوبیت کام کران ۔ تہٕ اَدٕ چھُ یہ سپدان ۔ امہِ ربوبیتُک تقاضہٕ اوس یوٗسہ زٕ آب بنہٕ امی ترتیبہٕ تہٕ ییتھے کُنی پییہ ترتیبہٕ سان تہٕ مقدارٕ سان باگہٕ گژھہٕ یہ آس رحمت تہٕ حکمت ییمہٕ آب کوٚر پاٚدٕ مگر یہ چھے ربوبیت ییمی ییتھہٕ پاٹھی درتاوس منز اوٚن ییمہٕ سیتی رچھہٕ نکی تہٕ راچھی ہنْدی

سآری ضروٗرتھ پوٗر گژھن۔
اَللّٰہُ الَّذِیْ یُرْسِلُ یہ چھےٚ خدایہ سُنزے
الرِّیَاحَ فَتُثِیْرُ سَحَابًا قوٗدرتھ زِ گوڈٕ چھ ہوا
فَیَبْسُطُہٗ فِی السَّمَآءِ پکان۔ پتہٕ چھ ہوا اوٗبرس
کَیْفَ یَشَآءُ وَیَجْعَلُہٗ دکہٕ دتھ کرتس منزٕ اَنان
کِسَفًا فَتَرَی الْوَدْقَ پتہٕ ییٚنہٕ پاَٹھو سُہ ژیرھان چھُ
یَخْرُجُ مِنْ خِلٰلِہٖ تتھ پاٹھۍ چھُ اَکھ شِنی یا ہمس
فَاِذَآ اَصَابَ بِہٖ مَنْ منزٕ وہراوان پتہٕ چھُس
یَّشَآءُ مِنْ عِبَادِہٖ ٹکرٕ ٹکرٕ کران، پتہٕ چھو توٚہی
اِذَا ھُمْ یَسْتَبْشِرُوْنَ وُچھان زِ اوٚبرٕ منزٕ چھُ روٗد
(۳۰ : ۴۸) نیران تہٕ زمینس پیٹھ

وَسان۔ اَدٕ یمِن لوکن پیٚہ روٗدٕچ برکت واتنی چھےٚ
آسان تِمَن چھےٚ واتان۔ اتی چھ ہشکہٕ منگہٕ تِم خوش
گژھان حالانکہ تِم آسۍ رودٕنشہٕ بلکل نااومید
گامتۍ۔

زندگی ہنٛدی عناصر:۔ ووٚنی کرو
تواَکھ حقیقتس پیٹھ تہٕ غور زِ زندٕ روزنہٕ
خاطرٕ یمن چیزن ہنٛزٕ زیادٕ ضروٗرتھ آسہٕ
تِمَن ہنٛزٕ بخشاَشی تہٕ چھےٚ سارے کھوتہٕ
زیادٕ تہٕ عام۔ تہٕ یمِن ہنٛزٕ ضروٗرتھ خاص
خاص وقتن تہٕ جاین ہنٛدٕ خاطرٕ آسہٕ تِمہٕ نے

چھےٚ وقتی تہٕ مقامی خصوصیتھ۔ ہوا اوس
سارے کھوتہٕ زیادٕ ضروٗری یکبازٕ
آبہٕ تہٕ غذا ورٲے ہیکہ کینہہ وقت زندٕگی
گذرِتھ مگر ہوا ہہ ورٲے چھےٚ نہٕ زندٕگی
ممکن۔ اَدَے چھُ امیک ذخیرٕ تیوٗت ژوٗر
تہٕ عام زِ کانہہ جاے کانہہ گوشہٕ یا کانہہ
ساعتھ چھُنہٕ سُہ یُس اَمہٕ ورٲے آسہٕ
فضاہس منزٕ چھُ ہوہک اکھ آنتھٕ روٗس
سمنٛدر وہراوِتھ۔ ییٚلہ تہٕ ییٚتہ تہٕ توٚہی
شتہ ہیٚیو زندگی ہنٛدٕ یہ سارے کھوتہٕ
زیادٕ ضروٗری جوہر سپدٕ پانے تہنٛدٕ خاطرٕ
موٗیسر۔ ہوا ہہ پتہٕ چھُ دوٚیمس درجس
پیٹھ آب۔ وَجَعَلْنَا مِنَ الْمَآءِ کُلَّ شَیْئٍ
حَیٍّ (۲۱ : ۳۰) اَدَے چھےٚ اَمیچ بخشاَشی
تہٕ کثرٕ تہٕ سان تہٕ عام۔ ہوا کھوتہٕ کم مگر
پیٚتھ چیزٕ کھوتہٕ زیادٕ۔ زمینہٕ ٹکی چھےٚ موٗدرٕ
آبچہ جوٚیہ پکان تہٕ زمینس پیٹھ چھ پیٚتھ طرفہٕ
دریاو پکان۔ اَدٕ پتہٕ چھُ یمَوٗد وشویوٗ ذخیرٕ
علاوٕ آسمانی فضاہک تہٕ اکھ کارخانہٕ یُس
راتس دوہس پکہٕ وُن روزان چھُ۔ سُہ
چھُ سوٗدرٕ منزٕ نوٗنہٕ ووٚنی کھالان تتھ صافہٕ

میوٕ ٹھ بناوِتھ سوٚمبراوان روزان تہٕ پتہٕ
یُنھ حاجتھ آسہٕ تِتھ زمینس حوالہٕ کران
آبہٕ پتہٕ آسہٕ غذاہِچ ضرورت ۔ لہذا ہوا تہٕ
آب دوشوے چھِ نہٕ کم مگر باقے تمام چیزو زہٕ
زیادٕ چھِ تِہنٛدِ سخاوتُک دسترخوان تہٕ زمینس
پیٹھ تہٕ آبس منٛز پرٛتھ جایہٕ وہراوِتھ تہٕ
کانٛہہ مخلوق چھنہٕ یُس اَنٛدی پکھی تِہنٛدِ غذاہُک
ذخیرٕ موجود آسہٕ نہٕ ۔

## رِچھنُک نظام

اَوٕ پتہٕ کَرِٕی توٚ غور
رِچھنہٕ کِہن سامانن
ہِنٛدِس اَتھ عالمگیر نظامس پیٹھ یُس عِلمہٕ
ہنٛدِس پرٛتھ کوشِشس منٛز رِچھہٕ پیچ کوٚچھ
تہٕ زندگی بخشن اکُ آگرٕ چھُ ۔ زانہٕ نَس
منٛز چھُ یوان زِ زنتہٕ یہٕ سورے کارخانہٕ
چھُ امی خاطرٕ بنیومُت زِ یُس بخشہٕ زندگی تہٕ
بیٚیہٕ کَرِ زندگی ہِنٛدِ پرٛتھ طاقتچ رَاچھ
آفتاب چھُ امہِ خاطرٕ زِ گاشہٕ باپتھ دیہٕ
ژانگِج کام تہٕ وُشنیرٕ باپتھ دِیہٕ تِنٛدورِچ
کام ۔ تہٕ پتہٕ ہین زٕ ژٔن ہِنٛدی بکن ہِنٛدی بکہٕ
بٔرِی بٔرِی روزِ یُس سوٚدرٕ منٛز آب کھالان ۔
ہوا چھُ امہِ خاطرٕ زِ پنہٕ گرمی تہٕ سردی سیتی

گرٕ نمٕ اثر پادٕ یمن ہِنٛزٕ ضرورت آسہٕ تہٕ
کُنہِ ساتہٕ زوٚ وٕراوِ آبکی ذرٕ تہٕ بناوِ اوٚبرٕ چھُ
ژادرٕ تہٕ گاہے بناوِ اوٚبرس آب تہٕ والہٕ
روٚد ۔ زمین چھے امہِ خاطرٕ زِ سوٚ روزِ
نعمژن ہند بوٚڈ خزانو سیٚتی پرٛتھ ساعتہٕ
بٔرِتھ تہٕ پرٛتھ پھل پھلہٕ خاطرٕ تھوٚ پتہٕ
کوٚچھ منٛز زِندگی تہٕ پرٛتھ کلہٕ گٹہٕ خاطرٕ
پننس پننس منٛز پھاپھلاوُن ژھوٚٹ
بوٗزی توٚ زندگی ہِنٛدِ کارخانُک پرٛتھ کانٛہہ
گوشہٕ چھُ اَکھی یوت کامہِ منٛز لگتھ پرٛتھ
کانٛہہ قوٚوت چھُ عملہٕ منٛز پرٛ ژھان یُن تہٕ
پرٛتھ کانٛہہ تاثیر چھُ پنُن اثر ہاوُن
پرٛاران ۔ یُتھے کُنہِ وجودس منٛز بڈ تہٕ
نہٕ پھانپھ لنگ بتہٕ چھُ پادٕ گرٛ ژھان
تیتھے چھُ زندگی ہِنٛد سورے کارخانہٕ نس
کُن نظرٕ ژلان ۔ آفتاب چہ سارے کامہِ قضہُک
سورے بدلُن ۔ زمینکی ساری قوٚوتھ
عناصرن ہِنٛزٕ سارے دِوٕ دوٚ چھے صرف
اَکھی انتظارس منٛز روزان زِ کرِ نیٚر
رتےٚ یہٕ پھوٚلہٕ منٛز اکھ بچہٕ تہٕ کریہٕ گریسی شنٛدِ
ہلمہٕ منٛز اکھ پھل پھوٚل زمینس پیٹھ ۔

وَسَخَّرَ لَكُمْ مَا — بییہ یہ کینہ ہا اسمانس تہٕ
فِي السَّمٰوٰتِ وَ — زٕمینس منٛز چھہٕ سہ چھہ
مَا فِي الْاَرْضِ — سُورُے خدااین تہندٕ خاطرٕ
جَمِيْعًا مِّنْهُ ؕ — مسخّر کوٚرمُت بیشک تمہِ لوکن
اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ — ہندِ خاطرٕ یم غور و فکر کرن
لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ — وآلی چھہ۔ چھہٕ اتھ کتھہِ منٛز
يَّتَفَكَّرُوْنَ — (حقیقتھ زانہٕ نچہٕ بجہٕ نشانہٕ

(۴۵ : ۱۳)

**نظامِ ربوبیتک ہشر:** سارے کھوتہٕ زیادٕ عجیب تہٕ ننٛز حقیقتھ چھےٚ امہٕ نظامِ ربوبیتچ یکسآینت تہٕ ہشر۔ یانے پرتھ وجودٕ کہ پھانپھہ پٔنکی سامانہٕ بییمہٕ طریقہٕ تہٕ ترتیبہٕ سان تھاونہٕ آمتی چھہِ تم چھہ پرتھ جایہ ہوی تہٕ أکی ہیے اصولن تہٕ قاعدس مطابق أکھ کنہِ پھول تہٕ تازٕ تہٕ مُشکہ وول گلاب۔ کائناتچ چھہ أکھ أکِس نِشہِ ہیوٚن ہیوٚن مگر دوٚنوٚنی ہندین پھانپھہ لنہٕ کین اُصولن تہٕ حالاتن کُن ییلہِ وُچھو صاف ییہ بوزنہٕ دوشوٚنی چھہ پھانپھلنکی سامانہٕ أکے طریقہٕ دِنہٕ آمتی تہٕ دوشوے چھہ أکے طریقہٕ رچھنہٕ تہٕ پالنہٕ یوان۔ انسانہٕ سُندشرنہٕ کُلُ کوٚٹ کوتاہ

بے جوڑ چھہِ تہندن نظرن منٛز۔ مگر ییلہِ یہندین پھانپھلنٕکین طریقن ہندپے کڈو توٚہی وُچھوزٕ یہندِ رچھنٕکی قوتون ہوی آسنہٕ کنی چھہ یم دوشوے ہوی تہٕ برابر کنہِ شیل آسی تن یا پوشہ ٹوٗر۔ انسانہٕ سُندشُر آسی تن یا رسے یہ ٹھول یسارِ نے چھہ پادٕ گژھن آسان۔ مگر پادٕ گژھنہٕ پتہٕ وٹھے رچھہ یہندِ پھانپھلنکی سامانہٕ تیار آسان گژھنہٕ اُدپتہٕ چھہ لوکچارک زمانہٕ تہٕ امہٕ زمانکی ضروٗرتھ انسانہٕ سندس شُرِس تہٕ چھہ پننہِ لوکچارک وقتہٕ اکہِ کلکہِ کِس زیوٗ وِنس گٹس تہٕ چھہ لوکچار۔ تہندن ظاہرین نظرن منٛز آسی تن یہ کانہہ ہیے عجیب کتھ مگر أکس کنہِ شیلہٕ تہٕ مُشٕکس تہٕ چھہ پنن لوکچار آسان۔ تو پتہٕ چھہ یہ لوکچار بڈٕنس تہٕ تھزرس کُن پکان تہٕ یوٗت یوٗت یہ بڈان چھہ تیوٗت تیوٗت چھےٚ امہٕ کہ بڈوٕنہِ حالتہٕ مُطابق رچھنہٕ کِس سامانس منٛز تہٕ تبدیلی یوان۔

یوٚنام پرتھ کانٛہہ وجود پننہِ نس کمالس واتان چھہ۔ کمالس واتتھ چھہ نوِ سرٕ کمزوری

ہُنٛد تہٕ زوالُک دوٗر شوٗروٗ گژھان تہٕ امہِ
بجرُک تہٕ زوالُک اَنٛد واتن چھُ سارِنٕے
کیٛوت ہیوُے۔ کُنہِ دایرس منٛز چھ اَکھ
مرُن وِنان، کُنہِ منٛز ہوکھُن تہٕ کُنہِ منٛز
لتہٕ مونجہ گژھن۔ لفظ چھ وارِیاہ تہٕ بیٛون
بیٛون مگر حقیقتھ چھےٚ کُنی۔

اَللّٰہُ الَّذِیْ یہ چھےٚ خدایہٕ سُنٛز قودرتھ زِ
خَلَقَکُمْ مِّنْ تمی کٔرۍ توٚہۍ یِتھہٕ پأٹھۍ پأدٕ
ضُعْفٍ ثُمَّ زِ گوڈٕ چھِو توٚہۍ کمزوٗری
جَعَلَ مِنْ بَعْدِ ہُنٛز حالتھ آسان پتہٕ چھِو
ضُعْفٍ قُوَّۃً ناتوانی پتہٕ طاقتھ لبان
ثُمَّ جَعَلَ مِنْ پتہٕ چھِو طاقتہٕ پتہٕ کمزوٗری
بَعْدِ قُوَّۃٍ ضُعْفًا تہٕ بُجرُ یوان۔ سُہ یِیہ یژھان چھُ
وَّشَیْبَۃً یَخْلُقُ تہٕ چھُ پأدٕ کران۔ سُہ چھُ علیمہٕ
مَا یَشَآءُ وَھُوَ دول تہٕ قودرتہٕ وول (اَتہٕ
الْعَلِیْمُ الْقَدِیْرُ ۝ آے چھُ سوٗرُے کیٛنٛہہ کرتھ
(۳۰ : ۵۴) ہیٚکان۔ مگر یہ کینژھا کران
چھُ تہٕ چھُ علمہٕ سِتی کران۔

اَلَمْ تَرَ اَنَّ اللّٰہَ کیا توٚہۍ چھِو نا وُچھان
اَنْزَلَ مِنَ السَّمَآءِ زِ خدا ین ترٛووا اسمانہٕ
مَآءً فَسَلَکَہٗ منٛز روٗد تہٕ زمینس پیٹھ
یَنَابِیْعَ فِی یکی تمی ناگہٕ راد۔ پتہٕ کھٔتی
الْاَرْضِ ثُمَّ اَمی آبہٕ سِتی زمینہِ منٛز
یُخْرِجُ بِہٖ زَرْعًا رنٛگہٕ رنٛگہٕ فصل پتہٕ گیۓ
مُّخْتَلِفًا اَلْوَانُہٗ تِم بڈان تہٕ پھبان۔ یوٚتام
ثُمَّ یَہِیْجُ فَتَرٰىہُ پیٚپنتھ تیار گیۓ اَو پتہٕ
مُصْفَرًّا ثُمَّ (آو ترقی پتہٕ زوال) تہٕ
یَجْعَلُہٗ حُطَامًا توٚہۍ چھِو وُچھان زِ تمن پیٚیہ
اِنَّ فِیْ ذٰلِکَ زردی تہٕ پوٚتُس ہوٚکھی
لَذِکْرٰی تہٕ گوکھ بوٚس۔ یِنزی پأٹھۍ
لِاُولِی الْاَلْبَابِ ۝ چھےٚ عقلہٕ والین کرِ اکھ
(۳۹ : ۲۱) منٛز بڈ نصیحتھ۔

یوٚتام غذاہُک توٚلُق چھُ حیوانن منٛز چھُ
اکھ قسم تِمن جانورن ہُنٛد یِہنٛدۍ بچہٕ دودٕ
سِتی رچھنہٕ چھِ یوان تہٕ بیاکھ قسم چھُ
تِہنٛدیم عام غذاہ سِتی رچھنہٕ یوان چھُ۔
سونٛچتو زِ ربوبیتُکی نظامن کِتھہٕ کٔنی چھُ
دودٕ شونی ہنٛدِ رچھنُک بندوبست کوٚرمُت
تہٕ کیٛنٛہہ عجیب بندوبست چھُن کوٚرمُت؟
دودٕ سِتی رچھنہٕ یِنہٕ والین حیوانن منٛز چھُ
انسان تہٕ گوڈنیتھے کٔرۍ تن انسان پننِس
وجودس پیٹھ غور۔ یتھے سُہ زیوان چھُ تمی سُنٛد

غذا چھُ پننہِ نہو سارِ وِہے خاصی بِنوُ مناسبتو
تہٕ شرطو سان پانٔنی پانہٕ آے پادٕ گژھان ۔
تہٕ تمہٕ جایہٕ نشہِ لبہٕ نس منٛز یوان یوسہٕ
اُتھ لوکچارِ کس حالتس منٛز تہنٛدِ خاطرٕ
سارے کھوتہٕ نکھہٕ تہٕ سارے کھوتہٕ
مناسب جاے چھےٚ ۔ موج چھےٚ شُرس لہ
سان پننہٕ پنس سینس سنٛز رٹان تہٕ تتی
چھُ تہنٛد غذہٕک ناگہ راد موجود اوّپنہٕ وُچھتو
اَمہٕ غذِکی ہے حالتس تہٕ تاثیرس منٛز
کوتا چھُ اَمِس شُری سنٛدِ دوہ کھوتہٕ
دوہ بدلہٕ وُنہٕ حالتک خیال تھاوُنہٕ
آمُت ۔ تہٕ کتھہٕ پاٹھی چھُ یہ وارہ وارہ
بدلان روزان ۔ گوڈٕ گوڈٕ چھُ اَمس شُری
سُنٛد میاد تیوت کمزور آسان زِ تمِس
گژھہ سہٹھا توٚن دود واتُن تینٛتھ توٚن
بینتھ منٛز آبک حصہٕ زیادٕ آسہٕ تہٕ موچر یا
چربی کم چنانچہ انسانہٕ سے یوت تہٕ بلکہ تمام
حیوانن منٛز چھُ ماجہ ہنٛد دود سہٹھا توٚن
آسان ۔ تہٕ دوہ کھوتہٕ دوہ یہ بیلہٕ شُری
سنٛز وانٛس بڈان چھےٚ تہٕ میادٕ چھُس
طاقتھ لبان دودُک قوام تہٕ چھُ بڈان تہٕ
موٹان ۔ تہٕ آبی بتس مقابلہٕ چھےٚ اُتھ
منٛز چربی زیادٕ گژھان ۔ یوٚہ تمام شُری سنٛدٕ
دوہ دچھنک زمانہٕ اندواتان چھُ ۔ تہٕ
تُسنٛد میادٕ چھُ عام غذا ہضم کرنس لایق
گژھان ۔ بیٚنھےٚ یہ وَق چھُ واتان، ماجہ
ہنٛد دوٚد چھُ ہوکھُن ہیوان ۔ یہ چھُ رَن
خدا یہ سنٛدِ ربوبیتچ ژینہ وٕنی آسان زِ
دوہ نی روز تہٕ اَمی سنٛدِ خاطرٕ دوہ دِچ ضرورتھ
تہٕ یہ بیٚکہ پرٛتھ قسمُک غذا کھیتھ ۔
وَحَمْلُهُ وَفِصَالُهُ تہٕ حمل تہٕ دود تراونک
ثَلٰثُوْنَ شَهْرًا مُدت چھُ (کم کھوتہٕ کم)
(۴۶ : ۱۵) ترٛیہ ریتھ ۔
بیٚیہ کری تور ربوبیت الٰہی چہ اُنھ کارسازی
پیٹھ غور زِ کتھہٕ پاٹھی چھُ شُری سُنٛد موجبتھ
ماجہ ہنٛدس فطرتس منٛز تراوُنہٕ آمُت
تہٕ کتھہٕ پاٹھی چھُ یہ جذبہٕ انسانہٕ سنٛدٕ بوٚ
سارِ وِہے جذبو کھوتہٕ جوشہٕ بوٚرُت
تہٕ نہ کم گژھن وول پادٕ آمُت کرنہٕ ۔
دُنیہک کُس طاقتھ چھُ یُس تنتھ جوشس
کرِ مقابلہ ییتھ ماجہ ہنٛز ماے ونان چھِ ؟
یمِس شُری سُنٛد زیوٚن اَمِس (ماجہ) کیٚنٛتھ

زِندگی ہِنٛد سارِ وٕہے کھوتہٕ بوٚڑ مُصیبتھ
اوس۔

وَحَمَلَتْهُ أُمُّهُ سٕہ تھوٚو ماجہِ شِکمس منٛز
کُرْهًا وَّوَضَعَتْهُ تہٕ تکلیفہٕ سان تہٕ زیٚنہٕ
کُرْهًا۔ وِزِ تہٕ ٲسِن تہِنٛدِ سیٚتی
(۴۶ : ۱۵) تکلیف۔

تمِ سُندٕے موحبتھ چھُ اُمِس منٛز زِندگی ہُنٛد سارِ وٕہے کھوتہٕ بوٚڑ جذبہٕ شولہٕ ناوان یوٚنامت تہٕ یِہ شُر بالیغ گژھِہ سو چھےٚ نہٕ توٚتام پننہِ خاطرٕ ٹھلی کرِ شُری سٕنٛدِ خاطرٕ زندٕ روزُن یژھان۔ زندگی ہنٛز کانٛہہ خود فراموشی چھےٚ نہٕ سو یتھ منٛز نہٕ سو راوان چھےٚ نہٕ آرائش نہٕ آسائشہِ ہنٛز کانٛہہ قُربانی چھےٚ نہٕ ییٚمہِ زٕشِ سو یتھ آسِہ روزمژ۔ حُبِّ ذات یا نے پننِہ پانکُ موحبتھ یُس انسانہٕ سٕنٛدِ فطرتکُ بڈِ کھوتہٕ بوٚڑ جذبہٕ چھُ تہٕ ییٚمہِ جذبہٕ ورٲے کانٛہہ مخلوق تہِ ہیٚکہِ نہٕ زِنٛدٕ روٗزِتھ۔ یُہ تہِ چھُ اتھ خود فراموشی ہنٛدس جذبس مقابلہٕ کمزور گژھان۔ یِہ وَنُن زِ اگر ماجہ دِژ پننہِ زندگی یتھ شُری سٕنٛزِ زِندگی فوقیت یا شُری سٕنٛدِس موحبتس منٛز کُردیوانن ہنٛدی پاٹھی ماجہ پننہِ زندگی قوربان چھُ مادری فطرتکُ تیوٚت مومولی واقعہٕ یُس ہمیشہ پیش یوان چھُ تہٕ یتھ منٛز نہٕ آسہِ کانٛہہ توٚہر یا تعجب لبنہٕ چھُ یوان۔

ییٚمہِ وُچھو تو کارسازِ فطرتُک سٕنٛز کرٕژھِہ کارسازی چھےٚ زِ یوٚت یوت شُری سٕنٛز وٲنس بڈان چھےٚ ماجہ ہنٛد موحبتچ یہ ریٚہہ چھےٚ وارٕ وارٕ کم گژھان تہٕ پتہٕ چھُ اکھ وَق یوان ییٚلہِ حیوانن منٛز یہ ریٚہہ بلکُل ژھٮ۪نہٕ گژھان چھےٚ تہٕ انسانن منٛز تہٕ چھےٚ نہٕ اتھ سو تیٚہہ باقٕے روزان۔ یہ انقلاب کیازِ چھُ یوان۔ شُرِ زٕ بوٚڈُن کیا زِ چھُ موحبتکُ اکھ آئنتہٕ رٕوس جذبہٕ حرکتس منٛز یوان۔ تہٕ اَکِس خاص وقتس تام باقٕے روٗزِتھ پانٕے پانے غائب گژھان؟ اَمہِ سببہٕ زِ اتھ پتہٕ کتہٕ چھےٚ خدایہ سٕنٛز ربوبیت کام کران تہٕ امیکُ تقاضہٕ اوس یوہے۔ ربوبیت چھےٚ یژھان زِ شُر گژھِہ وچھنہٕ ین۔ تمیٚ اوس رچھنکُ یہ ذرٕ یہ ماجہ ہنٛدِس موحبتہٕ کِس جذبس

منٛز تھوٚو مُت۔ ییٚلہ شُر تِتھ وآنسہٕ ووت ییٚلہ نہٕ تس ماجہ ہٕنٛدِ رچھنُک حاجتھ روٗد آمہِ ذٕری یکُ باقےٚ روزُن تہٕ روٗد نہٕ ضروٗری ووٗنی اگر یہِ باقےٚ روزِ ہے سہٕ بنہٕ ہے ماجہِ کُنٛیت بور تہٕ شُرس کُنٛیت ٹھوٚرتہٕ شُری ہٕنٛدِ حاجتُک ساری کھوٚتہٕ زیادٕ نوٗزُک وقت اوس ییٚلہ سُہ نوٗوُے زامُت اوس۔ اوے اوس ماجہ ہٕنٛدِس موٗجبتس منٛز تہٕ ساری کھوٚتہٕ زیادٕ جوٗش نمی وِز۔ پتہٕ ییٚلہ شُر گوو وُہ کھوٚتہٕ دوٕہ بڈان تہٕ حاجتھ تہِ گوو کم گژھان۔ اَمہ موٗجبتُک جوٗش تہٕ گوو واہ واہ کم گژھان۔ قوٗدرتن چھُ ماجہ ہٕنٛدِ موٗجبتُک دامن شُری ہٕنٛدِس رچھنہٕ کِس حاجتس سیٚتی وٗٹھمُت۔ ییٚلہ حاجتھ زیادٕ اوس موٗجبتُک جوٗش تہٕ اوس زیادٕ۔ ییٚلہ حاجتھ کم گوو موٗجبتھ تہٕ گوو پانے کم ١

یِمن جانورن ہٕنٛدی بچہٕ ٹھوٚلو منٛز نیران چھِ تِمن ہٕنٛدِ جسیچ بناوٹھ تہٕ تِہنٛد طبیعت چھُ دوٕہ دِ والہِن حیوانن ژٕہ ییٚون آسان۔ اوے چھِ تِم گوڈٕ دوہہ پیٹھے موٗموٗلی غذا کھیتھ ہیکان۔ مگر کھیاوُن تہٕ خاطرٕ گژھِکھ کانہہ شفقتہٕ وول راچھی درموجود آسُن۔ چنانچہ تُوہی چھِو وُچھان زِ پوٚت چھُ ٹھوٚلہ منٛز نیرِ وُنے پھل ژھانڈُن ہیوان تہٕ موٗج چھس اَکِہ اَکِہ پھلِہ برٛونٛہہ کُن ترٛاوان تہٕ پننہِ توٚشتہِ منٛز تُلِتھ کھیاوُن ہیچھناوان تہٕ پانس کھیوان مگر ہضم نہٕ کران پانس

حاشیہ ١ انسانس منٛز چھُ ماجہ ہٕنٛد موٗجبتھ شُر بالیغ گژھنہٕ تہِ پتھے کُنٛی باقےٚ روزان تہٕ باقے حالتن منٛز چھُ امیُک جوٗش تیوٚت سخت آسان زِ لوٚکچار کِس لوٚس تہٕ اَتھ لوٚس چھےٚ نہٕ کانہہ فرق باسان۔ مگر شاید چھےٚ یہِ حالت اِنسانہٕ ہٕنٛدِ تمدنہٕ سان تہٕ عقلِہ سان زندگی پھانٛپھلنُک نتیجہٕ تہٕ یہِ چھنہٕ حیوانی فطرتُک نتیجہ۔ انسانس منٛز تہٕ آسہِ فطرتن یہِ موٗجبتھ تتھی حدس تام یوٚت تام شُر بالیغ گژھِہ۔ مگر پتہٕ ییٚلہِ نسل تہٕ خاندان شکلہِ منٛز آے تہٕ ژٕلتھ میلتھ روزنک اِحساس پھانٛپھلیو ماجہ ہٕنٛز مائے بنیہ یہِ اکھ پوٚشہ وُنی مائے۔

اندر نرم تہٕ لوٚت بناوِتھ رٔچھنہٕ تھوان
تہٕ بیمہٕ سا تہٕ بچہٕ غذا خاطرٕ آس مٔرزاوان
چھُہ أتی تہندِس بأمس منٛزٕ وانہٕ ناوان

## ربوٗبیت یا روحأنی تربیت :-

اُمہٕ کھوتہٕ عجیب چھُہ ربوبیتکِ نظامُک
روحأنی پہلو یمبرِ آسی زِ بے زندہٕ روزنکی
تہٕ رٔچھنکی کأنْہہ سامانہٕ ۔ مگر تِم ہیکہٕ ہٮ۪ن
نہٕ کانْہہ فأیدٕ تھ اگر نہٕ یُہ تھ وجوٗدس
اَندرٕ تِمَن کأم ہیٚنچ پوٗرٕ پوٗرٕ قابلیتھ آسہِ
تہٕ تِمی سندی ظأہری تہٕ بأطنی قووتھ تَس
اَتھہٕ روٚٹ کرٕ ہٮ۪ن لہٰذا چھےٚ یہِ ربوٗبیتٕچ
برکتھ زِ یُہ تھ زوٗ زأژ چھےٚ ظأہری تہٕ بأطنی
اَڈرن تٕرٹھ زِ تِمی سُند یُہ تھ کانْہہ قووتھ
چھُہ تہندِ رٔچھنہٕ کہٕ سامانہٕ مطأبق آسان تہٕ
تِمی سُند یُہ تھ کانْہہ چیز چھُہ نَس زندہٕ روزنَس
تہٕ پھانپھہٕ لنٛس مَنٛزٕ اتھہٕ روٚٹ کران ۔ یِہ ہیکہٕ
نہٕ بٔنتھ زِ کانْہہ مخلوق آسہِ تتھ جسمہٕ تہٕ
تتھ قوتو نوسان یم تہندِ ہٮ۪ن اَنٛدی پکھی ماحولہٕ
کہِن تقاضَن خلاف آسَن ۔ اَتھ سلسلس
مَنٛزٕ یِمَن حقیقتَن ہنٛدٕ پے لگان چھُہ تہٕ

غور فکرٕ سٟتی نَنان چھُہ ، تِمَن منٛزٕ چھےٚ
زٕ کنتھ زٕیادٕ نَنہٕ تہٕ اَوَے چھُہ قرآن حکیمن
جایہ جایہ تِمَن کُن ژینہٕ ڈٲنی دِیاوِمژٕ ۔ اَکس
چھُہ قرآن مجیدس مَنٛزٕ "تقدیر" وننہٕ آمُت
تہٕ بیٚیس "ہیدایتھ" ۔

**تقدیر :-** تقدیرُک مانے چھُہ
انداز کرُن یانے کنہٕ چیزٕ خاطرٕ اکہٕ خاص قسمٕچ
حالتھ ٹھٔہراوٕنی یا مقرر کرٕنی ۔ یہِ ٹھٔہراوُن
آسی تَن کمیتہٕ کِنی یا کیفیتہٕ کِنی (کمیت گوٚو
تہٕ کیفیتھ گٔیتھ) اَوَے چھُہ اَسی وُچھان زِ
قوٚدرتَن چھُہ یُہ تھ وُجوٗدکہِ جسمہٕ تہٕ اَندرِمیوٕ
قوتو خاطرٕ اکہٕ خاص قسمُک انداز چھُہ تیتھ
یُس تہنٛزِ زندگی تہٕ پھانپھلنہٕ کہِن سارِنے
حالتَن تہٕ وقتَن سٟتی پوٗرٕ پوٗرٕ رلہٕ وُن
چھُہ آسان ۔

وَخَلَقَ كُلَّ شَیْءٍ تہٕ بیٚیہ کرِی تِمی سارِی
فَقَدَّرَهٗ چیزٕ پأدٕ تہٕ پتہٕ کوٚرُن یُہ تھ چیز
تَقْدِيْرًا خأطرٕ اَمہٕ کِہ حالتہٕ تہٕ ضروٗرتہٕ
(٢٥ : ٢) مطأبق) اَکھ خاص انداز مقرر

یہِ کیا وجہ چھُہ زِ یُہ تھ ماحولس تہٕ تِمہٕ کِس
پأداوارِس مَنٛزٕ چھُہ ہمیشہ آسان تہٕ یہِ چھُہ اَکھ

پاداٰشی ہنٛد تیٚتھ قوٗنوٗن لُس نہٕ زانٛہہ بدلنہٕ ہیٚکہِ۔ یہ کیاہ سبب چھُ زِ پرٛتھ کانٛہہ مخلوق چھُ پننِس نیبرِمِس تہٕ أندرِمِس بناوٹس منٛز تیٚتھۍ پٲٹھۍ تمۍ سُنٛد أندۍ ٲکھۍ ماحول آسان چھُ یہ چھُ تمسُنٛزِ حِکمتہٕ واِلس تہٕ قوٗدرتہٕ واِلس خدا یُن سُنٛد تقدیر نتہٕ تمۍ چھُ پرٛتھ چیز چہ پاداٰشی نتہٕ زندگی خاطرٕ تیٚتھۍ أندازٕ گنٛڈِتھ تھوٚومُت۔ تمۍ سُنٛد یہ تقدیرُک قوٗنوٗن چھُنہٕ صرف حیوانن تہٕ بناتاتن کیٛتۍ یوت ٹلۍ کہ کاینات کرِ پرٛتھ چیز خاطرٕ۔ تارکن ہنٛد یہ سوٗرۍ نظام نتہٕ گردش تہٕ چھُ اُمۍ تقدیر کین قوٗنوٗنن پیٹھ ڈرِتھ۔

وَالشَّمْسُ تَجْرِیْ اَدٕ پتہٕ وُچھو آفتابٕچ
لِمُسْتَقَرٍّ لَّهَا ذٰلِكَ حرکتھ چھےٚ تمہٕ ٹھہرنہٕ چہ
تَقْدِيْرُ الْعَزِيْزِ جایہِ خاطرٕ یوٚسہٕ تس
الْعَلِيْمِ کرٕ مقرر کرنہٕ آمٕژ چھےٚ یہ
(٣٦ : ٣٨) یوہے چھُ تمِس عزیزٕ تہٕ علیم خدا یُن سُنٛد تقدیر۔

پاداٰشی نتہٕ تتھ أندۍ ٲکھۍ ماحول رٕلہٕ وُن آسُن چھُ یوہے قوٗنوٗن یمۍ دوشوٚنی منٛز پاداٰشی ہنٛد ہشر پادٕ کوٚرمُت چھُ نتہٕ پرٛتھ کانٛہہ

[illegible] ماحول [illegible] یمہ مخلوقن آسان چھُ۔

مخلوق چھُ پانس أندۍ ٲکھۍ تی لبان یتھ منٛز تمِس کیٛتۍ رچھنُک نہٕ پھانچہٕ لنُک سامان آسان چھُ۔ جانورٕ سُنٛد جسم چھُ وُڈن وول۔ گاڈِ ہُنٛد چھُ ژھانٛٹھ واین وول۔ چار واین ہُنٛد چھُ پکن وول کیٛم چھُ زمینس سیتۍ کھکھرِ پکان۔ تکیاہ زِ یمو منٛز چھُ پرٛتھ پاداٰشی خاطرٕ تمۍ سُنٛد ماحول ہیتھی سےٚ جسمس کیٛتۍ مناسب یُتھ تس قوٗدرتن دیُتمُت چھُ۔ تہٕ پرٛتھ مخلوقہٕ سُنٛز جسمٕچ بناوٹھ چھےٚ تیٚتھۍ ماحول ژھانڈان یتھ تس دِنہٕ آمُت چھُ۔ دٔری یاوس منٛز چھُنہٕ وُڈوُن جانور پادٕ گژھان تکیاہ زِ یہ ماحول دِیہ نہٕ تس پھانچھلنہٕ۔ خوشکس پیٹھ ہیکن نہٕ گاڈٕ پادٕ گژھتھ تکیاہ زِ خوشکی چھُنہٕ تہنٛدِ خاطرٕ مناسب۔ اگر خدا یُن سُنٛد اَتھ تقدیرس خلاف اَگہِ ماحولکی مخلوق بیٚیس ماحولس منٛز گژھہٕ ہن یا نتہٕ روزن نہٕ تم تتہٕ زندٕ۔ نتہٕ اگر زندٕ روزن تیٚلہ سپدِ وارٕ وارٕ تہنٛدِ جسمٕچ بناوٹھ نتہٕ تہنٛد طبیعت تیٚتھۍ یُتھ تتھ ماحولس منٛز آسُن گژھہٕ۔ اَدٕ پتہٕ چھُ یمو منٛز پرٛتھ

مخلوقہ خاطر مقامی اثرو مطابق مختلف ماحول نہ پیٚٹھ ماحولک چھُ یوٗسہٕ حال بسہٕ رد آبہٕ ہوٗک پاداوار چھُ سرد آبہٕ ہوا خاطر نہٕ گرمُک چھُ گرمہ خاطرٕ۔ قطبِ شمالیس اَندی یکھی روزن وول ہاپُت چھُنہٕ خطٕ استوا ہس نکھہٕ نظر یوان۔ تہٕ یتھے پاٹھی چھُنہٕ منطقہٕ حارک جانور منطقہٕ بارِدس منٛز لبنہٕ یوان۔

---

# ہدایت

ہدایت گو وَتھ ہاوٕنی تہٕ وَتہِ لاگُن، اَکھ چھُ وار یا درجہٕ تہٕ وار یا قِسم تِمن ہنٛد تفصیل ییہِ برونٛہہ پتھ ییتہٕ نس ییہِ حرف ہدایت کِہ تِمہِ مرتبک ذکر کرنہٕ یُس زوزاٹن پیٹھہٕ تِہنٛدِ پھانٛپھرِ لِنج وَتھ یلہٕ ترٛاوان چھُ تِمن زندگی ہنٛز وَتہِ پیٹھ لاگان چھُ تہٕ زندگی ہنٛدی ضروٗرُتھ ژھانڈٕنس تہٕ حاصِل کرنس منٛز وَتھ ہاوان چھُ ربٕ بوبیتک ہدایتھ تہٕ اگر ہدایتھ ربٕ بوبیتس مدد کرِہے تہٕ تیٚلہ اوس نہٕ ممکن زِ کانٛہہ مخلوق تہِ ہیکہ ہا زِندٕ روزِتھ کینٛہہ سامانٕ تہٕ فایدٕ تُلتھ تہٕ زندگی ہنٛز کوششہ یتھن تہٕ بارسس مگر خدایہٕ سنٛدِ ربوبیتک یہ ہدایتھ کیٛا چھُ؟

قرآن پاک چھُ وَنان زِ یہِ چھُ وجدانک فطری اِلہام تہٕ حواسن تہٕ عقلِ ہنٛد قودرتی استعداد یُس چھُ وَنان زِ یہِ چھُ خدایہِ سنٛدِ طرفہٕ سوہ رہنمائی یوٗسہٕ پرتھ مخلوقس اَنٛدر گوہ ڈ۪ وجدانک اِلہام یُتھ نتٛی نیران چھُ تہٕ اَدٕ چھُ عقلِ تہٕ حواسن ہنٛدٕ ژٕونگ زالان یِم چھُ ہدایتہٕ کینٛہہ مختلف درجہٕ منٛز وجدانہٕ تہٕ ادراکِہ ہدایتکی درجہٕ۔

## وجدانک ہدایت

وجدانک ہدایتھ گو یہ زانٛسی چھُ وُچھان پرتھ مخلوقہٕ کِس طبیعتس منٛز کُس تام اَنٛدرِم اِلہام موجوٗد یُس تس

زندگی تہٕ رچھنہٕ چین وَتن کُن پانٔی پانے لاگان چھُ تہٕ سہٕ چھُنہٕ کانٛسہٕ ہنٛدِ وَتھہٕ ہاونکُ تہٕ ہیچھناونکُ موحتاج روزان۔ انسانہٕ سُنٛد شُرا آسِن یا حیوانہٕ سُنٛد بچہٕ یِتھے سہٕ ماجہِ ہنٛدِ شکمہٕ منٛزٕ نیبر نیران چھُ سہٕ چھُ پانٔی پانے زانان زِ تمِی سُنٛد غذا چھُ ماجہِ ہنٛدِس سینس منٛزٕ۔ تہٕ ییٚلہ سہٕ بَب چھُ آسس منٛز رٹان سہٕ چھُ زانان زِ تَس چھُ زور زورٕ ژہہٕ دیُن۔ بیاز بچَن چھُ اَسی وُچھان زِ یُنٛھے تِم زیوان چھِ وُنہٕ چھُکھہٕ نہٕ آسان اَچھ تہِ مُشرادِمٕ مگر موج چھُکھہ آسان سِیٹھا مایہ سان پھیٚشان تہٕ تِم چھِ ماجہِ ہنٛدِس سینس ہیٚٹھ چوَنٛٹھہ پھِروان۔ یِہ بچہٕ ییٚمہٕ زندگی ہنٛدِس عالمس منٛز گوڈنیکُے قدم تھوومُت چھُ تہٕ ییٚمِس نہٕ نیٚبرِمہِ ہوٕیچ چھِہ تہٕ لَجِمِش چھِہ۔ کیتھہٕ پأٹھی چھُ زانان زِ تمِس چھےٚ بَب رٕ ہتھی آسس منٛز تہٕ تِہنٛدِ غذہ یکہ اگر چھُ آتی؟ رٕہ کُس مُلک چھُ یُس تمہٕ سانتہٕ اُمس کتس تل وَنان چھُ زِ یِنہٕ غذا گرِیتھہٕ پأٹھی حاصِل پَزِی پأٹھی چھُ وجدانٔی

ہدایتُک فرِشتہٕ یُس ہے۔ وِجدانٔی ہدایتھ چھُ یُس حواسَن تہٕ عقلہِ ہنٛدِ گاشِ بھولنہٕ برٛونٛٹھے یِرٕتھ مخلوقس پھانچھہٕ کٔنِج تہٕ زندگی ہِنٛزٕ وَتہٕ لاگان چھُ۔

اگر توہہِ کُرِس منٛزٕ چھِمِ بیٚیار آسِو نہٕ توہہِ آسہِ وُچھمُت زِ بیار ییٚلہِ گوڈنچہٕ لٹہٕ بُرٕژرٕ روزِ۔ آمہٕ حالتُک اوسہٕ تٔس اُمہٕ برٛونٛہہٕ کانٛہہ تجربہٕ مگر توتہِ چھُ اُمس منٛز کِتھاہتام یُس اُمس وَنان چھُ زِ بیمار آسی تہٕ رٔ آچھہِ ہِنٛزٕ کوشش چھےٚ شوٗروٗ کرٕنی۔ یِتھے اُمس بیمارِ پرسنک وَق نزدیکھ چھُ واتان پانٔی پانے چھُ تمی سُنٛد توجہٕ پرٕتھ چیزٕ نشہٕ پھیران تہٕ سو چھےٚ کانٛہہ تہِ تِرِ شہِ جائے ژھانڈان یُسہٕ لوٗب کُن تہٕ خطرو آیے آسہِ توہہِ آسہِ وُچھمُت زِ یہ بےٚ قرار بیمار چھےٚ گرکس اَکھ اَکھ کوٗنج وُچھان۔ آخرٕ پانے لوٗب کُن کانٛہہ محفوظ جائے ژھانڈِتھ کڈان تہٕ اَتی بچہٕ دوان۔ یِہ چھُ ہِشہٕ منگہٕ اُمس بچہٕ سُنٛدِ خاطرٕ اَکھ خطرٕ پادٕ گژھان تہٕ سو چھےٚ اُمس جایہ پھیٚر کران روزان سوٗنچی توزِ یہ کُس چیز چھُ یُس اُمس بیمارِ ہِنٛدِس دِلس منٛز یہ خیال چھہ پرٛاوان زِ سو تھوِ کانٛہہ خلوکھ

جاے وُچھتھ تکیاز جلدی پییہٕ تَس اَمہِ جایہِ
ہنٛدِ ضوٗرٕ وٕرتھ۔ یہِ کُس اِلہام چھُ یُس اُمِس
خبر چھُ دوان زِ بیوٗر چھُ یمَن بچن ہنٛد دشمن
نہٕ سُہ چھُ مُشک ہیوان یمَن ژھاران۔ لہٰذا
گژھِہ یمَن جایہِ پھُشِیر کران روزُن شکہ وٕرآے
چھُ یہِ خدایہِ سنٛدِ ربوبیتُک وجدآنی ہدایتھ
بیٚیمیُک الہام پیٚرتھ مخلوقس اَنٛدر موجوٗد
چھُ نہٕ یُس تِمَن پیٹھ زنٛدگی نہٕ پھانپھلنہٕ چیر
سارے ونہٕ بلہٕ ٹراوان چھُ۔

## حواسَن ہُنٛد ہدایتھ :۔

ہدایتُک دوٚیم مرتبہ چھُ حواسَن ہُند
ہدایتھ۔ تہٕ یہِ چھُ تیوٗت توٚن تہٕ معلوٗم زامہِ
کہِ ونٛہٕ ہنٛ گرٕ ہنٛ چھِنہٕ ضوٗرٕ وٕرتھِ۔ اُسی
چھِ وُچھان یوٚدوَے حیوان چھ دٕماغہٕ کہِ تمہِ
جوہرٕ نشہٕ محروم ییتھ فکرٕ تہٕ عقل ونان چھِ
توٚنہٕ چھُ قدرتن یمَن احساسکی نہٕ عقلہِ ہنٛدی
ہم سارٕی قوتھ دِتی مِتی یم تِہنٛزِ زنٛدگی تہٕ
زِنٛدٕ روزنہٕ خاطرٕ ضوٗرٕ وٕری آسی۔ یمہٕ نے
بنٛدِ مدد سیتی چھِ تِم بینٕہ روزنکی کھینہٕ چینٛکی
نسل کشی ہنٛدِ حِفاظتکی تہٕ راچھی ہنٛدی
سآری فرض سبٹھا جان پاٹھی انجام دِوان
روزان۔ اوٚپتہٕ چھُنہٕ حواسَن نہٕ عقلہِ ہنٛد
یہِ ہدایتھ پیٚرتھ اَکی سنٛدِ خاطرٕ ہیوٗے
بُلکہ چھُ پیٚرتھ وجوٗدس تیٚتھنے تہٕ تیٚتھے طاقتھ
دِنہٕ آمُت یُتھ نہٕ یوٗت تہٕنٛدِ خاطرٕ ضوٗرٕ وٕری
اوس۔ رتےٚ یہِ ہنٛدِ مُشک ہیٚنک طاقتھ
چھُ سبٹھا تیز تکیاز اَمی طاقتہٕ کہِ مدد دِ
چھِہے سُہ پننِ غذا حاصل کرِتھ ہیکان۔
گانٹہٕ نہٕ پانٛزٕ سَس چھِہے نظر تیز تکیاز اگر
تِمَن نظر تیز آسہِ نہٕ تِمَن ییہ نہٕ کھٔنٛڈ وُچھان
پنن شکار لبنہٕ۔ یہِ چھِہے نہٕ پیٚرژ صحیح کتھ زِ
حیوانن ہنٛد پنن حواسَن نہٕ عقلہِ ہنٛز آسا
گوٚڈٕ پیٹھے یہا آے حالتھ کنہٕ حالاتن نہٕ
واقاتن ہنٛدِ ضوٗرٕ وٕرتہٕ سبہٕ ہشرٕ کہٕ قونہٕ
کہٕ اثرٕ سیتی گیہٕ وارٕ وارٕ یہِ حالتھ پاداٗ دَسبہٕ
زِ کانٛہہ نہٕ ضوٗرٕ وٕرتھ آسی تن بہر حال چھُ یہِ
قوٗدرتہٕ کے بخشمُت طاقتھ نہٕ پھانپھلنک
نہٕ بڈنک قونوٗن نہٕ چھُ قودرتہٕ کے بنو مُت
قونون۔ یوہے چھُ ہدایتُک سُہ مرتبہ ییتھ
قرآن پاک خدایہِ سنٛدِ ربوبیتچ وحی ونان
چھُ۔ عربی زبانی منٛز چھِ وحی ژورِ پاٹھی اشارس

تہٕ ژینہٕ وُٹنی وَنان ۔ یہ چھُ زَن قُدرتہٕ کہِ
طرفہٕ اَنٛدری کٕنی شیٚنچھ آسان یوسہٕ پرٛتھ
مخلوقس عملہٕ ہنٛز وتھ ہاوان چھُ ۔

وَاَوۡحٰی رَبُّکَ — بیٚیہ وُچھو زِ تہٕنٛدی
اِلَی النَّحۡلِ اَنِ — پروردگارن ترٛاو ماچھ تُلرِ
اتَّخِذِیۡ مِنَ — ہنٛدِس دِلس منٛز یہِ کتھ
الۡجِبَالِ بُیُوۡتًا — زِ سوٗ بناوِ بالن، کُلی دٕرین
وَّمِنَ الشَّجَرِ — تہٕ تھٔرن جاین پیٚٹھ
وَمِمَّا یَعۡرِشُوۡنَ — پینٛی ماچھ گن ۔

(۱۶ : ۶۸)

تہٕ یوہے چھُ خدایہٕ سُنٛدِ ربوبیتُک سُہ ہیدایتھ یمیُک حضرتِ موسیٰ علیہ السلام سٕنٛزِ زبٲنی اِشارٕ دِنہٕ آمُت چھُ۔ فرعونن بیٚیلہِ تمن پرٛژھ فَمَنۡ رَّبُّکُمَا یٰمُوۡسٰی زِ تہٕنٛد پروردگار کُس چھُ یہنٛدِس ناوس پیٚٹھ توٚہی میٚنہٕ سیٚتی مقابلہٕ چھِو یژھان کرُن۔ اَتھ دِیُت تَس حضرتِ موسیٰ ہن جواب قَالَ رَبُّنَا الَّذِیۡۤ اَعۡطٰی کُلَّ شَیۡءٍ خَلۡقَہٗ ثُمَّ ہَدٰی (۲۰ : ۵۰) زِ سون پروردگار چھُ سُہ یمی پرٛتھ کانٛہہ چیز بنوو تہٕ پتہٕ ترٛاوُن تَس پیٚٹھ زندگی تہٕ روزگارٕچ وَتھ یَلہٕ اَوٚپتہٕ چھُ یوہے سُہ ہیدایتھ یتھ نٲویں جایہٕ عملہٕ ہنٛز وتھ سہل کرٕنی وَننہٕ چھُ آمُت مِنۡ اَیِّ شَیۡءٍ خَلَقَہٗ مِنۡ نُّطۡفَۃٍ خَلَقَہٗ فَقَدَّرَہٗ ثُمَّ السَّبِیۡلَ یَسَّرَہٗ (۸۰ - ۱۸ - ۲۰) تمۍ کمہِ چیزٕ نِشہٕ کوٚر انسان پٲدٕ؟ سُہ کوٚرُن نطفہٕ نِشہٕ پٲدٕ پتہٕ کوٚرُن تہٕنٛدین اَنٛدرِمین تہٕ نیبرِمین قوتن ہنٛدِ خٲطرٕ اکھ اندازٕ مقرر تہٕ تَس پیٚٹھ کٔرُن زندگی ہنٛز تہٕ عملہٕ ہنٛز وتھ سہل یتھ آسے "ثُمَّ السَّبِیۡلَ یَسَّرَہٗ" یانے عملہٕ ہنٛز وتھ سہل کرٕنی چھےٚ وجدانُک تہٕ ادراکُک ہیدایتھ یُس تقدیرٕ پتہٕ چھُ تکیشارٕ اگر فطرٕچ یہ رہنمٲیی آسہِ ہے تہٕ تیٚیلہ اوس نہٕ ممکن زِ اَسی ہیکہٕ ہوٚپنہٕ زندگی ہنٛدی ضرورتھ حاصِل کٔرِتھ ۔

برٛونہہ کُن تھٕ سپدِ توٚہہ معلوم زِ قرآنِ پاک چھُ تکوینِ وجودٕکی ژور مرتبہٕ بیان کران یِمن منٛز چھُ ترٛیٚیم تہٕ ژورِم مرتبہٕ یوہے تقدیر تہٕ ہیدایتھ ۔ ژور مرتبہٕ گٔیہ تخلیق، تسویہ، تقدیر تہٕ ہیدایتھ ۔

اَلَّذِیۡ خَلَقَ فَسَوّٰی وَالَّذِیۡ قَدَّرَ فَہَدٰی
(۸۷ - ۲ - ۳)

سُہ پروردگار یِمی انسان پاد کورٕ تہٕ پتہٕ شوٗزُن وارٕ پاٹھی۔ بییہ سُہ پروردگار یِمی پرٕکھ وجودٕ خاطرٕ اکھ اندازٕ مقرر کورٕ پتہٕ ترٛاوٕن تس پیٹھ عملہٕ ہنٛز وتھ یلہٕ۔

## قرآنِ مجید چہٕ دٔلیلہٕ نہٕ تمَن ہُنٛد آگر:-

یوہ ہے وجہ چھےٚ زِ قرآنِ پاک چھُ خدایہٕ سٕنٛز ہستی تہٕندِس توحیدس تہٕ صفتن پیٹھ جایہ جایہ ربوبیتکہٕ نظامہٕ سِتی دٔلیل دِوان تہٕ یہ استدلال چھُ تمہٕ چوٚبجو دٔلیلو مَنٛز۔ مگر یمہ تشریح کرنہٕ بروٗنٛہہ چھُ مناسب زِ قرآنِ مجیدکہٕ استدلال کرنہٕ کہٕ طریقہٕ چہٕ کیٛنہہ بُنیادی کتھہٕ پن نٔنہٕ راونہٕ نکیاز کینٛژ وجوہاتو کنی یمَن ہنٛدِ وضاحتُک یہ چھُنہٕ موقہٕ۔ چھُ قرآنی مطلبَن ہنٛد یہ حصہٕ یتھ کُن ترٛاونہٕ آمُت تہٕ ضروٗرتھ چھےٚ آمہٕ کتھہٕ ہنٛز زِ آمہٕ راوِ ہِشہٕ حقیقتک پیہ بییہ پے کڈنہٕ۔

### عقلہٕ ہنٛز دعوت

قرآنِ مجید کہٕ استدلال کہٕ طریقُک گوڈنیکہ آگر چھُ عقلہٕ تہٕ فکرٕ ہنٛز دعوت یانے سُہ چھُ جایہ جایہ اتھ کتھہ پیٹھ زور دِوان زِ انسانس چھُ یہ کینٛژھا سٕنٛہ پننہٕ تس وجودس اندر تہٕ آمہٕ نبرٕ وُچھتھ تہٕ موٗحسوس کرِتھ ہیکان چھُ تتھ پیٹھ کرِ غور تہٕ فکر چنانچہ قرآنِ پاکُک کانٛہہ سورہ یا سوٗرُک کانٛہہ حصہٕ چھُنہٕ یُس آمہٕ عقلہٕ تہٕ فکرِ ہنٛدِ دعوتہٕ نِشہٕ خٲلی آسہٕ۔

| | |
|---|---|
| وَفِي الْأَرْضِ | تہٕ پزٕ ھ والین کرٕ چھےٚ |
| آيَاتٌ لِّلْمُوقِنِينَ | زمینس منٛز معرفتہٕ حقہٕ |
| وَفِي أَنفُسِكُمْ | چہٕ نشانہٕ بییہ تہٕندس وجودس |
| أَفَلَا تُبْصِرُونَ | منٛزٕ تہٕ۔ تیلہ کیا توٗہی چھُونا |
| (۵۱ : ۱۹) | وُچھان۔ |

سُہ چھُ وَنان زِ انسانس چھےٚ عقل تہٕ بُصیرت دِنہٕ آمٕژ تہٕ آمہٕ کنی پیہ تس آمہٕ قوتہٕ کہٕ صحی یا غلط ورتاونہٕ خاطرٕ پزٕ ژھہٕ گارٕ کرنہٕ۔

| | |
|---|---|
| إِنَّ السَّمْعَ وَالْبَصَرَ | یقینَن چھُ (انسانہٕ سٕنٛد) |
| وَالْفُؤَادَ كُلُّ | بوزُن، وُچھُن تہٕ موچٛن |
| أُولَٰئِكَ كَانَ | پرٕتھ کانٛہہ چیز یتھ پزٕ ھ |
| عَنْهُ مَسْئُولًا | گارٕ کرنہٕ ییہ۔ |

۵ حقیقت ظٲہر کرنہٕ باپت خُدایہٕ سٕنٛد بخشنہٕ آمژِ عقلہٕ سٕنٛد استعمال ضروری

سہ چھُ ونان زِ زمینکِس پٔرتھ چیزس
منز آسمانہٕ کِس پٔرتھ نظارس منز تہٕ زندگی
ہِنٛزِ پٔرتھ تبدیلی منز چھےٚ اِنسانہٕ سِنٛزِ عقلہ
ہِنٛدِ خاطرٕ حقیقتہ پرٛزناونچہٕ نشانی یہٕ مگر
شرط چھُ زِ سہ نیرِ غفلتہٕ منز بییہٕ آسہ
نہٕ بُتھی پھیرُ۔

| | |
|---|---|
| وَکَاَیِّنْ مِنْ | بییہٕ چھےٚ آسمانس تہٕ زمینس |
| اٰیَۃٍ فِی | منز (حق پرٛزناونچہٕ) وارِیا |
| السَّمٰوٰتِ وَ | نشانِیہٕ مگر (افسوس انسانہٕ سِنٛدِس |
| الْاَرْضِ یَمُرُّوْنَ | غفلتس پیٹھ) لوکھ چھِ |
| عَلَیْھَا وَھُمْ | تِمَو پیٹھی پکان مگر اَچھی |
| عَنْھَا مُعْرِضُوْنَ | تُلِتھ نہٕ وُچھان۔ |

(۱۲ : ۱۰۵)

پٔرزٕ پاداَشی (تخلیق بالحق) :۔ اگر انسان عقلہٕ تہٕ بصیرتس کام ہیٚیہِ۔ کائیناتس پیٹھ کرِ غور تہٕ فِکر۔ حقیقتہ پرٛزناونکُس دروازٕ پیہٕ تہٕنٛدِ خاطرٕ وٚتھ
ترٛاونہٕ؟۔

قرآن چھُ ونان زِ گوڈنیچ حقیقتہ یوسہٕ تس برٛونٛہہ کنہٕ تٔنی نیرِ سوٚ چھےٚ پٔرزٕ پاداَشی عالمگیر تہٕ بنی یادی قونوٗن

یا نےٚ سہ وُچھہٕ زِ کائنات تہٕ تتھ منز موجود پٔرتھ کانٛہہ چیز چھُ تتھہٕ پاٹھی بناونہٕ آمُت زِ سہ چھُ نظمہٕ تہٕ ترتیبہٕ سان اَکِس خاص نظامس تہٕ قونوٗنس ماتحت پکان تہٕ کانٛہہ چیز چھُنہٕ یُس حکمتہٕ تہٕ مصلحتہٕ ورٲے آسہِ بنہٕ کٔرتھ چھےٚ نہٕ زِ سوٗرے کینٛہہ کیٛاہ چھُ تخلیق بالباطل۔ یا نےٚ کُنہِ مقصدٕ تہٕ تنظیمہٕ ورٲے کیٛاہ آسہِ ہا وجوٗدس منز آمُت اگر سو کتھ آسہِ ہےٚ تیٚلہِ اوس نہٕ ممکن زِ اَمہِ رَبطہٕ تہٕ ہشر سان کیٛاہ آسہِ ہےٚ اَرِیچ پٔرتھ کانٛہہ کتھ کُنہِ حکمتس تہٕ مصلحتس پیٹھ

| | |
|---|---|
| خَلَقَ اللّٰہُ | خدایَن چھِ آسمان تہٕ زمین |
| السَّمٰوٰتِ | حکمتہٕ تہٕ مصلحتہٕ سان |
| وَالْاَرْضَ | پادٕ کٔرِی مِتی شکہٕ ورٲے |
| بِالْحَقِّ اِنَّ | چھُ اَتھ کتھِ منز ایمانہٕ |
| فِیْ ذٰلِکَ لَاٰیَۃً | والین کٕرٛ (معرفتہٕ حقیقہ |
| لِّلْمُؤْمِنِیْنَ | اکھ بٔڈ نشانی۔ |

(۲۹ : ۴۴)

سورۂ آلِ عمران کِس مشہور آیتس منز چھُ تِمَن عقلہٕ والین ہنٛزِ ہم آسمانہٕ چہٕ تہٕ زمینہٕ ہنٛزِ پاداَشی پیٹھ غور تہٕ فِکر

کران چھہ یہ آواز بوزنہٕ یوان ۔

رَبَّنَا مَا خَلَقْتَ   اے سانہٕ پروردگارٕ یہٕ
هٰذَا بَاطِلًا   سورٕے چھُتھنہٕ ژٕ یہٕ محض
(۳ : ۱۹۱)   بے کارٕ تہٕ ٹلی پاٹھی کورمُت ۔

بییس جایہ چھُ تخلیق بالباطِلس "لعب"

یانے گِندُن وننہٕ آمُت ۔ یانے گِندان گِندان گِنہٕ معقول غرضہٕ تہٕ مقصدٕ ورأے پأٹھ کرُن ۔

وَمَا خَلَقْنَا   اَسہِ کرٕی نہٕ آسمان تہٕ
السَّمٰوٰتِ   زمین بییہ یہ کینژھا
وَالْاَرْضَ وَ   تمن منزٕ باگ چھُ گِندان
مَا بَيْنَهُمَا   گِندان پأٹھ ، نہٕ اَسہِ کرٕی نہٕ
لٰعِبِيْنَ ۝ مَا   تم پأٹھ مگر حِکمتہٕ تہٕ مصلحتہٕ
خَلَقْنٰهُمَا   سان ۔ مگر واریاہ
اِلَّا بِالْحَقِّ   لوٗکھ چھہ تم کمین نہٕ اَمہِ
وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ   حقیقتُک عُلم چھُ ۔
لَا يَعْلَمُوْنَ ۝

(۴۴ : ۳۸-۳۹)

پَتہٕ چھُن جایہ جایہ اَمہِ تخلیق بالحقٕچ تشریح کرِمژٕ ۔ مثلن اَکِس جایہ چھُ تخلیق بالحقہٕ کِس اَکھ پہلو ہیس کُن توجہ دیاونہٕ آمُت زِ کائیناتُک پرتھ کانٛہہ چیز چھُ فائدٕ تہٕ فائضہٕ خاطرٕ ۔ تہٕ قودرتھ چھےٚ یژھان زِ یہٕ کینژھا بناوُن گژھہِ تہٕ گژھہِ تیتھہ بناوُن ییتھہ سۭہ وجودٕ تہٕ زندگی ہٕنٛدِ خاطرٕ نفع تہٕ راحتھ بنہِ ۔

خَلَقَ السَّمٰوٰتِ   تمی چھہِ آسمان تہٕ زمین حِکمتہٕ
وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ   تہٕ مصلحتہٕ سان بناوِمٕتۍ
يُكَوِّرُ الَّيْلَ عَلَى   تمی کوٚر راژ تہٕ دوہکہِ اختلافُک
النَّهَارِ وَيُكَوِّرُ   تہٕ ظہورُک تیتھ انتظام زِ
النَّهَارَ عَلَى الَّيْلِ   راتھ چھےٚ دوہس ولنہٕ
وَسَخَّرَ الشَّمْسَ   یوان تہٕ دوہ چھہ راژ ییٹھ
وَالْقَمَرَ كُلٌّ يَّجْرِيْ   ولنہٕ یوان (یہ چھُ اَمہِ موکھہٕ
لِاَجَلٍ مُّسَمًّى اَلَا   زِ زوٗن تہٕ آفتاب چھہ دوشوے
هُوَ الْعَزِيْزُ الْغَفَّارُ ۝   تمہٕندی قودرتن مسخر کرِتھ
(۳۹ : ۵)   تھوٚوی متی تہٕ ساری چھہ

(پننہ پننہ جایہ) پننہ مقرر وقتہٕ خاطرٕ حرکتس منز ۔ زانوٗ زِ سۭہ چھُ زبردست تہٕ بخشنہٕ وول ۔

بییس اَکِس موقس پیٹھ چھُ خصوصیتہٕ سان اجرام سماوی ہٕنٛدِس فائدس تہٕ فائضس کُن توجہ آمُت دیاونہٕ تہٕ تتھ تخلیق بالحق وننہٕ آمُت ۔

هُوَ الَّذِیْ جَعَلَ — سُہ (قودرتک کارساز) یَمۍ
الشَّمْسَ ضِیَآءً — آفتاب پرٛزلہٕ وٕن بنوو
وَّالْقَمَرَ نُوْرًا — تہٕ زونہٕ دِیُتن گاش اَمہٕ
وَّقَدَّرَہٗ مَنَازِلَ — پتہٕ کوٚرُن زونہٕ ہنٛد گردِشہٕ
لِتَعْلَمُوْا عَدَدَ — خاطرٕ مُنزل مقرر - یُتھ توہۍ
السِّنِیْنَ وَ — ہیٚکِو وٕرِیَن ہنٛد شمار تہٕ
الْحِسَابَ مَا — (وقتُک) حساب مولوٗم
خَلَقَ اللّٰہُ — کرِتھ - بلا شبہ یہ سورُے
ذٰلِكَ اِلَّا — چھُنہٕ خداین پانٛہ کوٚرمُت
بِالْحَقِّ یُفَصِّلُ — مگر حِکمتہٕ تہٕ مَصلحتہٕ سان
الْاٰیٰتِ لِقَوْمٍ — یمہٕ دٔلیلہٕ چھےٚ صاف
یَّعْلَمُوْنَ ۝ — صاف تمَن لوٗکن وننہٕ یوان
(۱۰ : ۵) — یم زانن وآلۍ چھِہ۔

بیٚیس اکِس جایہ چھُہ فطرتہٕ کِس حُسنس تہٕ جمالس کُن اشارٕ کرنہٕ آمُت تہٕ تتھ تخلیق بالحق وننہٕ آمُت - یانے کائیناتہٕ کِس فطرتس منٛز چھُہ حُسنُک تہٕ زیبائی ہنٛد قوٗنوٗن کام کران تہٕ سُہ چھُہ یتھ صان زِ یہ کینٛہ صابنہٕ سُہ گژھِہ تیٚتھ بنُن ییٚتھ منٛز حُسن تہٕ جمال بیٚیہ خوٗبی تہٕ کمال آسہ۔

خَلَقَ السَّمٰوٰتِ — تَمۍ کرِ آسمان تہٕ زمین
وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ — حِکمتہٕ تہٕ مَصلحتہٕ سان
وَصَوَّرَكُمْ — پانٛہ بیٚیہ بناوِ تمۍ تُہنٛز شکلہٕ
فَاَحْسَنَ صُوَرَكُمْ — تہٕ کیا زبر تہٕ حُسنہٕ سان بناوِن

(۶۴ : ۳)

یتھے پاٹھۍ چھُہ سُہ قوٗنوٗن مجازاتن (بیلنہٕ جزیہ کِس تہٕ سزایہ کِس قوٗنوٗنس) پیٹھ تہٕ امی تخلیق بالحقہٕ سیتۍ دٔلیل دوان۔ توہۍ چھِو وُچھان زِ دُنیہِ ہِس منٛز چھُہ پرٛتھ کانٛہہ چیز کانٛہہ نہ کانٛہہ خاصیتھ تہٕ نتیجہ تھاوان تہٕ یمہ سارے خاصیتہٕ تہٕ نتیجہ چھِہ لاٗزمی تہٕ یقیٖنی لہٰذا اکتھ پاٹھۍ چھُہ ممکن زِ انسانہٕ سٕنٛزن عملن کیا آسن نہ رٕژہٕ تہٕ خراب خاصیتہٕ تہٕ نتیجہ تہٕ تِمہ کیا آسن نہ ضوٗروٗری تہٕ یقیٖنی خدایہ سٕنٛز بناوِ مٕژ یوسہٕ فطرت دُنیہِ کِس پرٛتھ چیزس منٛز رٕژ تہٕ خرٛاچ فرق چھےٚ کران کیا انسانہٕ سٕنٛدین اعمالن منٛز رو زِ یا سو فرق کرنہٕ یِیہ نہٕ یتھ؟

اَمْ حَسِبَ الَّذِیْنَ — یم لوٗکھ بدی کران چھِہ کیا تِم
اجْتَرَحُوا السَّیِّاٰتِ — چھا زانان زِ اَسۍ کرو کھ
اَنْ نَّجْعَلَهُمْ — تِم تمَن لوٗکن ہوی یِموٚ

كَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا يِمَو ايمان اوٗن تہٕ يِہنٛز عملہٕ
وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ رٕژٕ چھےٚ؟ دوٕ نوٕے گرٛھن
سَوَآءً مَّحْيَاهُمْ هوی زندگی منٛز تہٕ مرٛتھ تہٕ
وَمَمَاتُهُمْ سَآءَ (یانے بدی تہٕ نیکی کیٛشت آ
مَا يَحْكُمُوْنَ اکےٚ قسمُک حکم۔) اگر یِہنٛز
وَخَلَقَ اللّٰهُ عقلہٕ یوٕ ہے فاصلہٕ دِیت)
السَّمٰوٰتِ وَ افسوس یِہنٛدِس فاصلس پیٹھ
الْاَرْضَ بِالْحَقِّ تہٕ (یہ کیتھہٕ پاٹھی ہیکہ بنتھ
وَلِتُجْزٰى كُلُّ یتھ کہٕ حقیقتھ چھےٚ یہ زِ خدایَن
نَفْسٍۭ بِمَا چھ آسمان تہٕ زمین حکمتہٕ تہٕ مصلحتہٕ
كَسَبَتْ وَهُمْ سان بناوٕمتی تہٕ اوٕمو کھہٕ
لَا يُظْلَمُوْنَ بناوٕمتی یُتھ پرٛ تھ شخصس
(۴۵-۲۱-۲۲)
میلہٕ پنٕنہٕ کرمَن مطابق بدلہٕ (تہٕ کانٛہہ کام
روزِ نہٕ بدلہٕ روٚس) تہٕ یاد تھاوِ و یہ بدلہٕ چھُ پورٕ
پورٕ۔ اَتھ منٛز ییہ نہٕ کانٛہہ سیتی ظلم کرنہٕ (جزا
تہٕ سزا تولَن واجینٛہٕ کرکرنہٕ تولہٕ تَس منٛز آسِی
دانَس یوت تہٕ کمی یا زیادتی)

## مَعاد

۔ یانے مرنہٕ پتہٕ زندگی پیٹھ
تہٕ چھےٚ جایہ جایہ اَمہٕ سیتی دلیل دِنہٕ آمژ
زندگی ہنٛدس کائیناتس منٛز چھُ پرٛتھ
کانٛہہ چیز کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ مقصد تہٕ نتیجہٕ تھاوان

لہٰذا چھُ ضروری زِ انسانہٕ سنٛدِ وجودٕ
خاطرٕ تہٕ آسہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ مقصد تہٕ نتیجہٕ
یوٕ ہے نتیجہ چھُ آخرتُک زندگی۔ تکیا زِ یہ ہیکہ
نہٕ بنتھ زِ زمینہٕ کہ کائیناتُک رنٛنہٕ کھوتہٕ رُت
مخلوق آسہٕ صرف امی خاطرٕ پادٕ آمُت کرنہٕ
زِ کینٛہہ دوہ زندٕ روٕزِتھ گژھِ فنا۔
اَوَلَمْ يَتَفَكَّرُوْا فِيْٓ کیا یِمَو لُکَو کوٚرُکنہٕ سانہٕ
اَنْفُسِهِمْ مَا خَلَقَ پننہٕ نَس دِلَس منٛز اَتھ
اللّٰهُ السَّمٰوٰتِ وَ کتھِ پیٹھ غور زِ خدایَن
الْاَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَآ چھُ نہٕ آسمان تہٕ زمین
اِلَّا بِالْحَقِّ وَاَجَلٍ تہٕ ییہ یہ کینٛژھا تمن منٛز
مُّسَمًّى ۗ وَاِنَّ كَثِيْرًا چھُ محض عبث تہٕ بیکار
مِّنَ النَّاسِ بِلِقَآئِ پادٕ کرٛی متی۔ ضرورٕ
رَبِّهِمْ لَكٰفِرُوْنَ چھُ یِم حکمتہٕ تہٕ مصلحتہٕ
(۳۰ : ۸) سان بناونہٕ آمتی۔ تہٕ اَمہٕ
خاطرٕ چھُ اکھ مقرر وقت ٹھہراونہٕ آمُت حقیقتھ
چھےٚ یہ زِ انسانن منٛز چھ وارِیاہ تم یِم خدایہٕ
سنٛدِ ملاقاتہٕ نِشہٕ بلکُل منکر چھ۔

## دلیلہٕ ہنٛد گوڈ

غرض زِ قرآنِ مجید
یتھ بنیادس پیٹھ دلیل چھُ دوان

سوٗ چھےٚ یہ زِ (۱) دینٛدآری تہٕ خدا پرستی ہٕنٛدِ یِم پٕم تصوّر قرآن مجید نازل گژھنہٕ بروٚنٛہہ موجوٗد آسی تِم آسی نہٕ صرف عقلہٕ ہٕنٛدِ ملاوٕ نہٕ نشہٕ خٲلی بلکہ تِمن ہٕنٛز ساریے بنٛیاد آسی عقلہٕ رُستین عقایدن پیٹھ تھاونہٕ آمٕژ۔ مگر تِمی (قرآنن) کوٗر خدا پرستی خاطرٕ عقلہٕ ہٕنٛد تصوّر پاد۔

(۲) تِمہ کہ دعوٕتیچ ساریے بنٛیاد چھےٚ عقلہٕ تہٕ فکرِ پیٹھ تہٕ سہٕ چھہ خصوٗصیتہٕ سان کائناتہٕ چہ پاد آسنہٕ ہٕنٛدِ مطالعچ تہٕ تتھ پیٹھ غور تہٕ فکر کرنٕچ دعوتھ دوان۔

(۳) سہٕ چھُ وَنان زِ کائناتہٕ کہ مطالعہ تہٕ تفکّر سیتی چھہ انسانس پیٹھ تخلیق بالحق حقیقتھ واضح گژھان۔ یانے سہٕ چھُ وُچھان زِ یمہٕ زندگی ہٕنٛدِ کارخانکُ کانٛہہ چیز چھُنہٕ سہٕ یُس کُنہ مقررٕ مقصدٕ تہٕ مصلحتہٕ نشہٕ خٲلی آسہِ۔ تہٕ یُس نہٕ پاد آسی ہٕنٛدس کُنہ تھدٕس قونونٕس ماتحتھ ظاہر سپدمُت آسہِ۔ یتھہ چیزس ہنٛن وجوٗد چھُ سہٕ چھہ اکِہ نظمہٕ تہٕ ترتیبہٕ سان حکمتچہٕ تہٕ مصلحتچہٕ عالمگیر رزِ گنٛڈ تھ۔

(۴) سُہ چھُ وَنان زِ یلہٕ انسان یمن مقصدن پیٹھ سوٚنچہٕ خدا شناسی ہٕنٛز وتھ گژھِہ تَس پیٹھ پانٛی پانے یلہٕ تہٕ جہالتچہٕ تہٕ اَنہٕ رٕچھو گمراہیو نِشہٕ لبہٕ سہٕ نجاتھ۔

## ربوٗبیتٕچ دٔلیل

مظاہرِ کائناتہٕ کین یمن مقصدن تہٕ مصلحتن ہٕنٛز اتھ سلسلس منٛز قرآنِ مجیدن مثال چھےٚ دِژمٕژ۔ تِمن منٛز چھےٚ زیادٕ عام دٔلیل ربوٗبیتٕچ دٔلیل تہٕ اَوے چھہ آسان اتھ "برہان ربوبیت" وَنان۔ قرآن چھُ وَنان زِ زندگی ہٕنٛدِ ین تمام اعمالن تہٕ مظاہرن ہُنٛد یتھہ کُنی آسُن زِ پٔتھ کانٛہہ چیز چھُ رٔچھن وول تہٕ پٔتھ کانٛہہ تاثیر چھُ زندگی دنہٕ وول تہٕ اوچتہٕ اکِہ یتھہ نظامِ ربوٗبیتک موجوٗد آسُن یُس پٔتھ حالتک خیال چھُ تھاوان تہٕ پٔتھ قسمٕچ مناسبت نظر تھاوان چھُ۔ یہ چھُ پٔتھ کائنہ انسانس وجدانہٕ کُنی اَمہٕ کتھِ ہٕنٛز پژھ انان زِ زندگی ہٕنٛد عالمگ اکھ پروردگار چھُ موجوٗد تہٕ تمِس منٛز چھہ تِم ساری صفت یموٗ وراے نظام ربوبیتُک بہ کامِل تہٕ

بے عیب کارخانہ ہیکہ ہے نہ وجودس منز
پیتھ تسند ونن چھ زِ نظامِ ربوبیتک
یہ سورے کارخانہ چھ پانَے پانے وجودس
منز آمت تہ اکھ پتہ کنی چھےٚ نہ کانہہ
زندگی ، کانہہ ارادٕ ، کانہہ قوّت رتھ نہ
کانہہ سبکتھ۔ کیا یہ چھا ممکن زِ زندگی
ہندِ کارخانہ کِس پرتھ کنہِ چیزس منز
آسہِ اکھ کتھ کرٕ دِنی پروردگاری تہ تنہ
وانْجہ کارسازی موجود۔ مگر کانہہ پروردگار
تہ کارساز آسہ نہ موجود؟ تیلہِ کیا یہ چھا محض
اکھ اُتہ زُرفطرت۔ زروس مادس چھسہ
رُسی تہن الیکٹرانن ہنز خاصیتھ یموٚ ستی
پروردگاری تہ کارسازی ہُنْد یہ سورے
کارخانہ ظہورس منز آمت چھ نہ عقل تہ
ارادٕ تھاون واجینی کانہہ ہستی چھےٚ نہ
موجود؟

پروردگاری چھےٚ موجود۔ مگر کانہہ
پروردگار چھُنہٕ موجود۔ کارسازی چھےٚ
موجود مگر کانہہ کارساز چھُنہٕ موجود رحمت
چھےٚ موجود مگر کانہہ رحیم چھُنہٕ موجود۔
حِکمت چھےٚ موجود مگر کانہہ حکیم چھُنہٕ موجود

سورے کینہہ چھ موجود مگر کانہہ چھُنہٕ
موجود۔ عمل کانہہ عاملس ورٲے
نظم کانہہ ناظمس ورٲے قیام کانہہ
قیومس ورٲے۔ عمارت کانہہ دسی
لس ورٲے، نقش کانہہ نقاشس
ورٲے۔ سورے کینہہ کانہہ موجودس
ورٲے (نہ۔ نہ۔ انسانہ سنز فطرت
ہیکہ نہ یہ کتھ باور کرتھ) تسند وجدان
چھےٚ اورےٚ تیتھ سانچہ ہتھ آمت ییمہ
منز صرف ایمانہ تہ یقینے یوت نیرتھ ہیکہ
نہ شکہ نہ انکارچ چھےٚ نہ تتھ منز کانہہ
جاے۔ قرآن چھ ونان زِ یہ کتھ چھےٚ انسانہ
سندِ وجدانہ کِس یقینس خلاف زِ سہ
کرِ نظامِ ربوبیتک مطالعہ۔ تہ اَکِس
"رب العالمین" ہستی ہُند یقین گرٕ ھِ
نہ تس منز بیدار۔ سہ چھ ونان زِ اکھ
شخص ہیکہ غفلتہ کنہِ تہ نہ بغاوت
کہ جوشہِ سبب پرتھ چیز تہِ انکار کرتھ
مگر پننہِ فطرتہ نشہِ ہیکہ نہ بُتھ پھِرتھ۔
سہ ہیکہ پرتھ چیزس خلاف جنگ کرِتھ
مگر پننس فطرتس خلاف ہیکہ نہ ہتھیار

تُلِتھ ییٚلہٕ سُہ أندی پکھی ژوٕ واپاسے زندگی تہٕ پروردگٲری ہُنٛد اکھ عالمگیر کارخانہٕ وۄہرٲوِتھ وُچھان چھُ تمہٕ وِزِ کُس ناو چھُ تہنٛزِ فطرت لایان؟ تہنٛزِ دِلہٕ چہٕ أکِس أکِس رگِ منٛز کُس اعتقاد چھُ بڑٕتھ آسان؟ کیا یِی چھُنا آسان؟ زِ زندگیہ ہُنٛد اکھ پروردگار چھُ موجود۔ تہٕ یِم ساری چھِ تسنٛدی تماشہٕ۔

یہ گژھِ یاد تھاوُن زِ قرآن مجیدُک اسلوبِ بیان چھُنہٕ یہ زِ سُہ کرِ کینٛہہ علمی دعویٰ تہٕ پتہٕ دِیہِ کینٛہہ عقلی دٔلیلہٕ۔ تہٕ پتہٕ کرِ تِمن پیٹھ بحث تہٕ تقریر کرِتھ پننِس مخاطبس کانٛہہ چیز ردکرنس پیٹھ یا کانٛہہ چیز مانٛنس پیٹھ مجبور۔ تمیُک سورے خطاب چھُ انسانہٕ سنٛدِس فطری وجدانس تہٕ ذوقس سٟتی آسان۔ سُہ چھُ وَنان زِ خدا پرستی ہُنٛدِس جذبس پیٹھ چھےٚ انسانٕ سنٛدِ فطرتُچ ٲدرُن۔ اگر اکھ انسان امہِ نِشہٕ بُتھ چھُ ہیوان پھرُن یہ چھےٚ تہنٛزِ غفلت۔ لہٰذا چھُ ضروری زِ امہِ غفلتہٕ نِشہٕ کڈنہٕ خاطرِ ین تس برونٛہہ کُن دٔلیلہٕ پیش کرنہٕ۔ مگر یہ دٔلیل گژھن نہٕ ترٛشِ آسٕنی یوسہٕ تہنٛدِس دِماغس تہٕ ذِہنس منٛز وُشش پاداہ کرِ بلکہ گژھن یِم ترٛشِ آسنی یوسہٕ تہنٛدِ دلُک درواز مُژراوِ۔ تہٕ تہنٛدِس فطرتس تہٕ وجدانس وُزناوِ۔ اگر تہنٛد وجدان بیدار گوٚو تیٚلہٕ پیٚیہ نہٕ یہ مقصد ثابت کرنہٕ خٲطرٕ کُنہِ تشریح تہٕ تقریرٕچ ضرورت۔ یمی سُنٛد وجدان واتناوِ تس پانے مقصدس تام یوسہٕ چھُ وجہ زِ قرآن پاک چھُ پانہٕ انسانہٕ سنٛدِ فطرتَہٕ نِشے اِنسانس پیٹھ حجّت قایم کران۔

| | |
|---|---|
| بَلِ الْاِنْسَانُ | بلکہ انسانہٕ سُنٛد وجود چھُ |
| عَلٰی نَفْسِہٖ | تَس خلاف (یانے تہنٛدِ ین غلط |
| بَصِیْرَۃٌ وَّلَوْ | اندیشن خلاف) پانے حجت یوٚد |
| اَلْقٰی مَعَاذِیْرَہٗ | وَے سُہ کرِ پننِس وجدانس |
| (۷۵: ۱۴-۱۵) | خلاف کٲتیاہ حیلہٕ تہٕ بہانہٕ۔ |

تہٕ اَدٕ چھُ سمجھایہ جایہ انسانہٕ سنٛدِس فطرتس مخاطب کران تہٕ تمہٕ کِنہ وسٕنی منٛز جواب منگان۔

| | |
|---|---|
| قُلْ مَنْ يَّرْزُقُكُمْ | اے پیغمبر یمن وٕنِو سُہ کُس |
| مِّنَ السَّمَآءِ وَ | چھُ یُس آسمانس (منٛز |
| الْاَرْضِ اَمَّنْ | وۄہرٲوِتھ زندگی ہُنٛدِ |
| يَّمْلِكُ السَّمْعَ وَ | کارخانہٕ منٛز تہٕ زمینہٕ کِس |

الْاَبْصَارَ وَمَنْ وسعتس منز پادٕ کرٕ ھن
یُّخْرِجُ الْحَیَّ مِنَ والہٕ رزقہٕ) منز چھو توٚہۍ
الْمَیِّتِ وَیُخْرِجُ رزق سوزان؟ یا سُہ کُس
الْمَیِّتَ مِنَ الْحَیِّ ط چھُ یِنٛدِس اختیارس
وَمَنْ یُّدَبِّرُ منز تھٕنٛد بوزُن تہٕ وچھُن
الْاَمْرَ ط فَسَیَقُوْلُوْنَ چھُ؟ سُہ کُس چھُ یُس زندس
اللّٰہُ ج فَقُلْ اَفَلَا نٕشہٕ موٚردٕ تہٕ موٚردس
تَتَّقُوْنَ ۵ فَذٰلِکُمُ نٕشہٕ زندٕ چھُ کڈان۔ امہٕ
اللّٰہُ رَبُّکُمُ الْحَقُّ ج پتہٕ کوٚس چھےٚ سو ہستی یوٚسہٕ
فَمَاذَا بَعْدَ الْحَقِّ امہٕ نظمہٕ تہٕ نگرانی سان یہٕ
اِلَّا الضَّلٰلُ ج فَاَنّٰی سورے کارخانہٕ خلقت
تُصْرَفُوْنَ ۵ پکہٕ ناوان چھُ؟ اَسے
(۱۰: ۳۱-۳۲) پانٛبر یقینن وَنِن یِم (بے
اختیار پانٛٹھی) سُہ چھُ اللہ (تمِس ورائے
کُس ہیکہٕ آستھ؟) اچھا تیلہٕ وُنو یِمَن بیٚیلہٕ نہٕ
توٚہۍ امہٕ کتھہٕ ہُنٛد انکار چھُو تیلہٕ کیا وجہ چھُ نہٕ
توٚہۍ چھو نہٕ غفلتہٕ تہٕ بغاوتہٕ نٕشہٕ پتھ روزان
اُوٚپزی پانٛٹھی (چھُکھ) خلائے سُہ یُس تُہُنٛد پروردگار
برحق چھُ تہٕ دوٚنی یٚیلہٕ یہ چھُ حق تہٕ حقہٕ کہٕ
ظہور پتہٕ سُہ نہٕ مانُن گمراہی چھنہٕ تہٕ اَدٕ
کیا چھُ (افسوس تُہُنٛز عقلہٕ پیٹھ۔ توٚہۍ

کوٚت چھُو گرٕ ھان حقیقتہٕ نٕشہٕ بُنٛھ پھرٕ کٕھ)
بٹیس اکس جایہ فورماوان:-
اَمَّنْ خَلَقَ سُہ کُس چھُ یمی آسمان تہٕ
السَّمٰوٰتِ وَ زمین پادٕ کٔرۍ۔ بیٚیہ تُہُنٛدِ
الْاَرْضَ وَاَنْزَلَ لَکُمْ خاطرٕ آسمانہٕ پیٹھٕ
مِنَ السَّمَآءِ مَآءً ج آب (رود) ترٛوو
فَاَنْۢبَتْنَا بِهٖ حَدَآىِٕقَ پتہٕ کھا ئِن امہٕ سِگہٕ
ذَاتَ بَهْجَةٍ ج مَا سیتی شوبہٕ وٕنی باغ
کَانَ لَکُمْ اَنْ تُنْۢبِتُوْا حالانکہ توٚہۍ ہیکہ ہوٚنہٕ
شَجَرَهَا ط ءَاِلٰهٌ مَّعَ یہ کرتھ یِمَن باغن
اللّٰهِ ط بَلْ هُمْ قَوْمٌ ہُنٛد کُلۍ کھا لِہ ہو۔ کیا امہٕ
یَّعْدِلُوْنَ ط اَمَّنْ کامہٕ کرن وآلِس خدایس
جَعَلَ الْاَرْضَ سیتی چھا بیٚیہ کانٛہہ معبود
قَرَارًا وَّجَعَلَ (افسوس یِمَن لوکن ہنٛز
خِلٰلَهَآ اَنْهٰرًا عقلہٕ پیٹھ۔ حقیقت آسی
وَّجَعَلَ لَهَا رَوَاسِیَ تن کاتٕ ابے نٕنی) مگر
وَجَعَلَ بَیْنَ یم چھُ تم لوکھ یِہُنٛد وٕطیرے
الْبَحْرَیْنِ حَاجِزًا ط ہول پکُن چھُ۔ اچھا
ءَاِلٰهٌ مَّعَ اللّٰهِ ط وُنو سُہ کُس چھُ یمی زمین
بَلْ اَكْثَرُهُمْ زندگی ہنٛز تہٕ روزگارٕچ
لَا یَعْلَمُوْنَ ط جائے بناو۔ اَتھ منز

اَمَّنْ یُّجِیْبُ پکہٕ ناوِن آبہٕ کوٗلہٕ - امہٕ کرٕ رٕ
الْمُضْطَرَّ اِذَا خاطرٕ تھٕر آوُن بال - دوُن
دَعَاہُ وَیَکْشِفُ ڈٕری یاوُن منز یانے ڈٕری
السُّوْٓءَ وَیَجْعَلُکُمْ یاوس تہٕ سمندرس منز کرِن
خُلَفَآءَ الْاَرْضِ ط ترٕ تھ دوس پاؔد یتھ دوٗنوے
ءَاِلٰہٌ مَّعَ اللّٰہِ ط پنہٕ پنہٕ جایہ حدس منز
قَلِیْلًا مَّا تَذَکَّرُوْنَ ہ روزان چھہ - کیا خدایس
اَمَّنْ یَّھْدِیْکُمْ فِیْ سٕتی چھا بیٚیہ کانْہہ؟
ظُلُمٰتِ الْبَرِّ وَ (افسوس کاژٕ اشی کتھ
الْبَحْرِ وَمَنْ یُّرْسِلُ چھےٚ) مگر یمن لوکن منز
الرِّیٰحَ بُشْرًا م چھ واریاہ تھیمہ ییمہٕ زانان
بَیْنَ یَدَیْ رَحْمَتِہٖ ط چھہ - اچھا ڈٕنوسہٕ کس
ءَاِلٰہٌ مَّعَ اللّٰہِ ط چھُ یُس بےقرار دلن ہنز
تَعٰلَی اللّٰہُ عَمَّا دُبہٕ راے چھُ بوزان سٕلیہ
یُشْرِکُوْنَ ہ اَمَّنْ تم پرٕ تھ طرفہٕ نادو میدِ
یَّبْدَؤُا الْخَلْقَ گزٕ ھتھ تس ناد چھہ لایان -
ثُمَّ یُعِیْدُہٗ وَمَنْ تہٕ سہٕ کُس چھہ یُہنْد دود
یَّرْزُقُکُمْ مِّنَ السَّمَآءِ تہٕ دگ ٹلہٕ راوان -
وَالْاَرْضِ ءَاِلٰہٌ مَّعَ تہٕ سہٕ کُس چھُ یمہٕ تُوہی
اللّٰہِ ط قُلْ ھَاتُوْا بُرْھَانَکُمْ زمینکی خلیفہ یاد آرش
اِنْ کُنْتُمْ صٰدِقِیْنَ ہ دربناوِ - کیا خدایس

سٕتی چھا بیٚیہ تہٕ کانْہہ (افسوس تہندس غفلتس
پیٹھ) سیٹھا کم چھہ تم یم عبرت تہٕ نصیحتھ
رٹن - (اچھا ڈٕنوسہٕ کُس چھُ یُس صحرادن تہٕ
سمندرن ہنزٕ گٹہٕ منز توہہ وتھ چھُ ہاوان -
تہٕ بیٚیہ کُس چھُ سہٕ یُس باران رحمت ترآوِ نہٕ بروٗنہہ
خوشخبر دینہٕ وول ہوا چھُ پکہٕ ناوان - کیا خدایس
سٕتی چھا بیٚیہ تہٕ کانْہہ معبود - (ہرگز نہٕ) خدایہ
سٕنز ذات چھےٚ کانْہہ تیتھ شریک آسنہٕ نشہٕ
منزٕ تہٕ پاک یُس یم لوکہ تہندس معبود آسنس
منز ٹھہراوان چھہ - اچھا ڈٕنوسہٕ کُس چھُ یُس
مخلوقاتچ پاؔدآئش دِس ٹلان چھُ - تہٕ پتہٕ
چھُ پھِرِ پھِرِ پاؔدٕ کران - بیٚیہ کُس چھُ سُہ
یُس آسمانہٕ کیو تہٕ زمینہٕ کیو رزقہٕ کیو خانو
منزٕ توہہ رزق چھُ دوان؟ کیا خدایس
سٕتی چھا بیٚیہ تہٕ کانْہہ معبود؟ - اے
پاؔغمبر یمن ڈٕنوا اگر توہی دپنس وطرس منزٕ
پزٕری زیاری چھو تہٕ (انسانی عقلہٕ تہٕ بصیرتہٕ
کس اُکھ عالمگیر شہادتس خلاف توہہ
کانْہہ ڈٕلیل چھےٚ پٕ) توہی اُنو پننہٕ ڈٕلیل
برٕ دنہہ کنٕ -

یموسوالو منزٕ چھُ پرٕ تھ کانْہہ سوال پننہٕ

جاپہٕ اکھ مُستقل دٔلیل تِکیازِ یمو منز
ہیٚکہ پٔرتھ سوالس اَکُے جواب آسِتھ
تہٕ سُہ انسانی فطرتُک عالمگیر تہٕ مانٕنہٕ
آمُت یقین۔ سانین متکلمین اَسنہٕ
اوٚکُن نظر تہٕ اَوے ہیٚوکنہٕ قرآنُک طریقہٕ
تِمَن فکرِ ترِتھ تہٕ پییے مقصدٕ نِشہٕ وارِیا
دور۔

بہرحال قرآنکی تم بے شمار مقامات یمین
منز کایناتِ ہستی ہندین رچھن والین
سروسامانن تہٕ نظامِ ربوبیتہٕ کین کارسازین
ہندِ ذکر کرنہٕ آمُت چھُ چھُ دراصل اَتھی
استدلالس پیٹھ قایم۔

فَلۡيَنظُرِ الۡاِنۡسَانُ انسان اَسے دِیتے یونہ گرِ نزرِ
اِلٰى طَعَامِهٖۤ اَنَّا پننہِ نس غذہس پیٹھ ترِاوِ
صَبَبۡنَا الۡمَآءَ نظر دیُس سُہ راتس دوہس
صَبًّا ۙ ثُمَّ استیمال کران روزان چھُ)
شَقَقۡنَا اُسی چھ گوڈٕ زمینس پیٹھ
الۡاَرۡضَ آب ترِاوان اَوِ پتہٕ تمچ
شَقًّا ۙ کنڈ ژٹان اَوِ پتہٕ چھُ
فَاَنۡۢبَتۡنَا کھسان یہ کینژھا تمہِ
فِيۡهَا حَبًّا ۙ منزِ کھسان چھُ۔ اُسی چھ

وَّعِنَبًا وَّ تمہِ نِشہِ قسمہٕ
قَضۡبًا ۙ وَّ قسمکی چیز پادٕ کران
زَيۡتُوۡنًا وَّ پھل پھلی۔ دچھِ راتھی۔
نَخۡلًا ۙ وَّ خُزرہٕ ہیلی۔ سبزی تہٕ ترکاری
حَدَآئِقَ زیتونُک تیل۔ گلی گلزار
غُلۡبًا ۙ وَّ فَاكِهَةً قسمہٕ قسمکی میوٕ۔ قسمہٕ قسمکی گاسہٕ
(تہٕ یہ سورُے کمہِ خاطرٕ
وَّاَبًّا ۙ مَّتَاعًا لَّـكُمۡ تُہندِ فایدِ خاطرٕ
وَلِاَنۡعَامِكُمۡ ؕ تہٕ تُہندین چارواین
ہندِ فایدہٕ خاطرٕ۔ (۸۰ : ۲۴-۳۲)

یمن آیَن منز یُس فَلۡيَنظُرِ الۡاِنۡسَانُ
آیتس پیٹھ زور چھُ دنہٕ آمُت تتھ پیٹھ
پزِ غور کرُن۔ انسان گژھی تن کونا تہٕ غافل
کونا تہٕ پھِری تَن حقیقتہٕ نِشہِ مُنہ۔ مگر حقیقتچہ
دٔلیلہٕ چھےٚ تیژاہ زیادہٕ تہٕ پٔرتھ طرفہٕ نال
وٚلِتھ زِ تم ہیٚکن نہٕ زانہہ تہٕ تہنز ونظر وٚتلہٕ
ڈٔلِتھ۔ اکھ انسان ژٔتِن پٔرتھ طرفہٕ
اَچھ مگر پننہِ دوہ رٔژ ہندِ غذانِشہٕ ہیٚکہ
نہٕ اَچھ ؤٹِتھ۔ یُس غذا تس بروٚنہہ
کنہٕ چھُ آسان تتھ پیٹھ تراوِ نظر سُہ کیا
چھُ؟۔ یہ چھُ کنِکہٕ پھوٚل۔ اچھا وونی
تُلی توٚ اکھ کنِکہٕ پھوٚل پننِس اتھس منزٕ امہٕ

پتہٕ کرِی تو اَمہِ کہِ زبتہٕ پیٹھ پپہٕ نُس تام
تہٕ پوٗرٕ گژھنہٕ کِین سارِنے حالتن پیٹھ
غور۔ کیاہ یہِ حقیقت ہیوٗ اکھ پھَل پھوٗل تہٕ ہیکیا
وجوٗدَس مَنٛز یتھ۔ اگر سورُے کارخانہٕ
ہٕستی اکِہ خاص نظمہٕ تہٕ ترتیبہٕ سان امہِ
کِس بناوتس تہٕ تیار کرنس مَنٛز ہوٗل
گنڈِتھ روزِہانہٕ تہٕ اگر دُنیاہس مَنٛز
اکھ تیتھ نظام ربوٗبیت موجود چھُ تہٕ یہِ
ہیکہٕ ئنتھ زِ اکھ ربوبیتہٕ واجبِنہٕ ہٕستی کیا
آسہِ نہٕ موجوٗد۔ سوٗرَتِ نحلس مَنٛز
چھُ یوٗہے استدلال بییہِ اکِہ طریقہٕ
نوٚن درامُت۔

---

وَ اِنَّ لَکُمۡ فِی الۡاَنۡعَامِ لَعِبۡرَۃً ؕ
نُسۡقِیۡکُمۡ مِّمَّا فِیۡ بُطُوۡنِہٖ مِنۡ
بَیۡنِ فَرۡثٍ وَّ دَمٍ لَّبَنًا خَالِصًا
سَآئِغًا لِّلشّٰرِبِیۡنَ ۝
وَ مِنۡ ثَمَرٰتِ النَّخِیۡلِ وَ
الۡاَعۡنَابِ تَتَّخِذُوۡنَ مِنۡہُ
سَکَرًا وَّ رِزۡقًا حَسَنًا ؕ
اِنَّ فِیۡ ذٰلِکَ لَاٰیَۃً لِّقَوۡمٍ
یَّعۡقِلُوۡنَ ۝ وَ اَوۡحٰی رَبُّکَ اِلَی
النَّحۡلِ اَنِ اتَّخِذِیۡ مِنَ
الۡجِبَالِ بُیُوۡتًا وَّ مِنَ الشَّجَرِ
وَ مِمَّا یَعۡرِشُوۡنَ ۝ ثُمَّ کُلِیۡ
مِنۡ کُلِّ الثَّمَرٰتِ فَاسۡلُکِیۡ
سُبُلَ رَبِّکِ ذُلُلًا ؕ یَخۡرُجُ
مِنۡۢ بُطُوۡنِہَا شَرَابٌ مُّخۡتَلِفٌ

بییہِ (دُچھِوِیم) چاروآیے (یِم توہیہِ چھان
چھُوٚکھ) یمن مَنٛز چھیے تہٕنٛدِ خاطرٕ سوچنچ
تہٕ نتیجہِ کڈنچ) سبٹھا بڑ عبرت۔ یِہٕنٛدِ
جسمہٕ مَنٛز چھہٕ اُسی خوٗنس تہٕ کثافتس مَنٛز دوٗد
پادٕ کران۔ یُس چینہ والین ہنٛدِ خاطرٕ سبٹھا
رُت تہٕ موٗدُر چھُ۔ (یتھے پاٹھی خُضرتہٕ دَچھ ہوی
میوٚ یمن نشہِ دول تہٕ رُت غذا (عارق) دوشونٕ قسمن
ہنٛدی چیز چھو حاصل کران۔ پزی پاٹھی چھُ اتھ
کتھِ مَنٛز عقلِہ والین کیُٛت (خدایہ سنٛدِ ربوبیتک)
بوڈ نشانہٕ اوپتہٕ وُچھتو تہٕنٛدی پروردگارن
ترآو ماچھ تُلِرِ ہنٛدِس دِلَس مَنٛز یہِ کتھ زِ بالَن مَنٛز
گُلین پیٹھ تہٕ لشن پیٹھ یم تھزٕ راونہٕ چھِ آمتی
بنادِین گرِ بتہٕ تِہہِ پرٕتھ قسمکین پوشن ہنٛد
رَس۔ پتہٕ پکہِ پننس پروردگار سنٛدس مقررٕ
کرٕ ئمتِس طریقس پیٹھ پوٗرٕ فرمانبرداری سان

اَلْوَانُہٗ فِیْہِ شِفَآءٌ لِّلنَّاسِ ؕ اِنَّ فِیْ ذٰلِکَ لَاٰیَۃً لِّقَوْمٍ یَّتَفَکَّرُوْنَ ٥

(۱۶ : ۶۶ - ۶۹)

(چنانچہ توہۍ چھو وُچھان زِ) تہندِ شکمہ منز چھ مُختلِف رنگن ہندی رس نیران ییتھ منز انسانَس کُیتن شفا چھُ۔ یپڑی پاٹھی چھُ اتھ کیتھ منز تمَن لوکن کیتن یِم غور و فکر کران چھِ (خودایہ سندِ ربوبیتُک) بوڈ ثبوت۔

ییتھ کنی تمی جایہ جایہ خِلقتہ سیتی دلیل چھے دِژمژ یانے دُنیا ہس منز چھُ پرتھ کانہہ چیز مخلوق تہ اوسے چھُ ضوٗروٗری زِ خالق تہ آسہِ۔ ییتھے پاٹھی چھُ سُہ ربوبیتہ سیتی دلیل دِوان۔ یانے دُنیا ہس منز چھُ پرتھ کانہہ چیز مربوٗب اَسے چھُ ضوٗروٗری زِ کانہہ روب تہ آسہِ تہ دُنی یہس منز چھے ربوبیت کامل تہ بے داغ۔ لہاذا چھُ ضوٗروٗری زِ روب تہ آسہِ کامل تہ عایبہ روس۔ زیادِ تنہن لفظن منز ہیکو ییتھ کنی وُنتھ زِ

اَسی چھِ وُچھان زِ دُنی یہس منز چھُ پرتھ کانہہ چیز تیتھ ییتھ رچھنہٕ ہنٛج ضوٗروٗرتھ چھے تہ سُہ چھُ رچھنہٕ یوان لہاذا چھُ ضوٗروٗری زِ کانہہ رچھن وول تہ آسہِ موجود۔ یہ رچھن وول کُس چھُ یقیناً ہیتکہ نہ یہ سُہ آسِتھ۔ یُس پانہ آسہِ رچھنہٕ آمُت تہ رچھنہٕ ینک موحتاج قرآنَس منز ییتھ ییتھ جایہ اَمہِ قسمُک خوطبہٕ دِنہٕ آمُت چھُ ییتھ کنی سوٗرے واقعہٕ کین یمن آیتن منز چھُ تمیُک بنی یاد چھے اَتھی دلیلہِ پیٹھ۔

اَفَرَاَیْتُمْ مَّا تَحْرُثُوْنَ ٥ ءَاَنْتُمْ تَزْرَعُوْنَہٗۤ اَمْ نَحْنُ الزّٰرِعُوْنَ ٥ لَوْ نَشَآءُ لَجَعَلْنٰہُ حُطَامًا فَظَلْتُمْ تَفَکَّھُوْنَ ٥ اِنَّا لَمُغْرَمُوْنَ ٥

اچھا توہہ کوٚرو اَتھ کیتھِ ہیٚنٛھ غور زِ یہ کینژھا توہۍ دِوان چھوہ سُہ چھوٚ توہۍ وۄپدا وان اگر اَسی یژھو اَسی کرَو تتھ بوٗسہ تہ توہۍ روزِو ویٚشے یوٗبٕ وَنہ خاطرِ زِ افسوس اَسہِ پیٚیہ اَمہِ نوقصانُک تاوان دِیُن۔ تیٚتھے یوت نہٕ بلکہ اَسہ

بَلْ نَحْنُ مَحْرُوْمُوْنَ ○ اَفَرَءَيْتُمُ
الْمَآءَ الَّذِىْ تَشْرَبُوْنَ ○ ءَاَنْتُمْ
اَنْزَلْتُمُوْهُ مِنَ الْمُزْنِ اَمْ نَحْنُ
الْمُنْزِلُوْنَ ○ لَوْ نَشَآءُ جَعَلْنٰهُ
اُجَاجًا فَلَوْلَا تَشْكُرُوْنَ ○
اَفَرَءَيْتُمُ النَّارَ الَّتِىْ
تُوْرُوْنَ ○ ءَ اَنْتُمْ
اَنْشَاْتُمْ شَجَرَتَهَا
اَمْ نَحْنُ الْمُنْشِئُوْنَ ○
نَحْنُ جَعَلْنٰهَا تَذْكِرَةً
وَّ مَتَاعًا لِّلْمُقْوِيْنَ ○
( ۵۶ : ۶۳ - ۷۳ )

چھوٚل پَنٕنہِ میٚحنتہٕ کیٚو سارِ وہے فآیدٕو
نِشہِ اَتھہٕ ۔ اَچھا توٚہۍ دُچھوٕیہ کتھہ تہٕ
رِیہ آب یُس توٚہۍ چیوان چھِو اَتھ کُس چھُ
والان، یہ چھا أسی والان کِنہٕ توٚہۍ چھِو
والان ۔ اگر أسی یژھوٚیہ کرو (سمنٛدرکہِ
آبکۍ پأٹھۍ) ہیٚوٚٹھ ۔ تیٚلہِ کیٚا اَمہِ
نیٚامتہٕ خأطرٕ چھُنا ضوٗروٗری زِ توٚہۍ روزِو
شُکر گذار؟ اچھا توٚہۍ دُچھوٕیہ کتھہ تہٕ زِ
یہ نار یُس توٚہۍ زالان چھِو اَمہِ خأطرٕ کوٚرُو
زُیُت توٚہہ پأدٕ کِنہٕ أسی چھِ کران پأدٕ ۔
یہ بنٕو اَسہِ سفر کرَن والین کیٚت نصیحتُک
تہٕ فأیدُک چیز ۔

## نظامِ ربوبیتہٕ سیٚتی توحیدس پیٚٹھ دٔلیل

بیٚتھے کٔنی چھُ سُہ نظامِ ربوبیتہٕ سیٚتی
توحیدِ الٰہیس پیٚٹھ دٔلیل دوان
یُس رَبُّ الْعٰلَمِیْن سارِسے
زندگی ہنٛدِس کأیناتس رَچھان چھُ
تہٕ یمۍ سٕندِ ربوبیتُک اعتراف
تُہٕنٛزِ دِلہِ چہِ أکِس رگہِ
مَنٛز موجوٗد چھُ ۔ تہنٛدِ کھوٚہ تہٕ
کُس چھُ اَمہِ کتھہِ ہنٛد حقدار ۔
زِ بندگی ہنٛد تہٕ عاجزی ہنٛد کلہٕ
بیٚیہِ کمِس برٛونٛہہ کنہ نوٚمراوِنہٕ ۔

يٰاَيُّهَا النَّاسُ اعْبُدُوْا رَبَّكُمُ
الَّذِىْ خَلَقَكُمْ وَالَّذِيْنَ مِنْ
قَبْلِكُمْ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُوْنَ ۝
الَّذِىْ جَعَلَ لَكُمُ الْاَرْضَ
فِرَاشًا وَّالسَّمَآءَ بِنَآءً
وَّاَنْزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً
فَاَخْرَجَ بِهٖ مِنَ الثَّمَرٰتِ
رِزْقًا لَّكُمْ فَلَا تَجْعَلُوْا
لِلّٰهِ اَنْدَادًا وَّاَنْتُمْ
تَعْلَمُوْنَ ۝

(٢ : ٢١-٢٢)

اے انسانو پننس پروردگارہ سٟنز عبادت
کرٕو۔ تمِس پروردگارہ سٟنز یمؠ تۄہؠ پٲدٕ کٔرۍ
وٕ تہٕ بییہ کٔرن تم سارے تہٕ پٲدٕ یم تۄہہ برونٛہہ
گذرؠمتؠ چھہ۔ تہٕ اوے خٲطرٕ کٔرۍ نو پٲدٕ یتھ
تۄہؠ بڈؠ یون تہٕ پتھ روزِو۔ سُہ پروردگارِ
عالم یمی تہندِ خٲطرٕ زمین فرشکی پأٹھی وتھراو۔
تہٕ آسمان یٔتشکی پأٹھی بنوو۔ پتہٕ یمی سٟنز پروردگارٕ
آسمانہٕ پیٹھہٕ آب چھٕسے والان۔ امہٕ سٟتؠ چھہ قسمہٕ
قسمکی میوٕ تہندِ غذا خٲطرٕ پٲدٕ گرٕھان۔ لہذا
(بییہ خالقیت تٕسنز خالقیت چھسے تہٕ ربوبیت
تٕسنز ربوبیت چھسے) تہٕ متہٕ کٔرۍ تۄہؠ ژٕ کانٛہہ
دۄیمہ ٹھہراویون تٕس برابر تہٕ تۄہؠ چھِو تہٕ امہٕ
حقیقتہٕ نشہٕ بے خبر۔

یا یِتھے کٕنہٕ چھہ سورتِ فاطرس منز:۔

يٰاَيُّهَا النَّاسُ اذْكُرُوْا
نِعْمَتَ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ ؕ
هَلْ مِنْ خَالِقٍ غَيْرُ اللّٰهِ
يَرْزُقُكُمْ مِّنَ السَّمَآءِ
وَالْاَرْضِ ؕ لَآ اِلٰهَ اِلَّا
هُوَ ؗ فَاَنّٰى تُؤْفَكُوْنَ ۝

(٣٥ : ٣)

اے انسانو خدایَن یمو نعمتو سٟتؠ تۄہؠ
فیضیاب کٔرۍ تو تمن پیٹھ کرِو غور۔ کیا
خدایس ورأے چھا بییہ کانٛہہ تہٕ خالق
یُس تۄہہ زمینہٕ چھو تہٕ آسمانہٕ چھو
بخشایشو سٟتؠ رزق دوان چھُ؟ تہٕ کانٛہہ معبود چھنہٕ
مگر تہندٕے اکھ ذات۔ تیلہٕ کیازٕ چھو تۄہؠ
وتہٕ ڈلان۔

## نظامِ ربوٗبیتہٕ نٔشہِ وحی تہٕ رسالتہٕ کٔس ضروٗرژ تٔس پیٹھ دٔلیل:-

یتھےٚ پاٹھۍ چھُ سُہ نظامِ ربوبیتہٕ کیو اعمالو سیتۍ انسان سٕندِ سعادتہٕ تہٕ شقاوتہٕ کِس روحانی قونن تہٕ وحی تہٕ رسالتہٕ کٔس ضروٗرژ تٔس پیٹھ دٔلیل دوان۔ ییٚمۍ رب العالمینن توٗہی رژھنہٕ خاطرٕ ربوبیتک یتھ نظام قایم کوٚرمُت چھُ۔ کیاہ یہ چھا ممکن زِ تمۍ آسہِ نہٕ تہٕندِ روحانی فلاح وسعادتہٕ کہ خاطرٕ کانہہ قونن کانہہ نظام تہٕ کانہہ قاعدٕ مقرر کوٚرمُت؟ یتھ کٔنۍ تہٕندِ جسمکۍ ضروٗرتھ چھِ یتھےٚ کٔنۍ چھِ تہٕندِ روحکۍ ضروٗرتھ تہٕ ادٕ کِتھہٕ پاٹھۍ چھُ ممکن زِ جسمہٕ کہ پھلنہٕ خاطرٕ آسہِ نہٕ تٔس نٔشہِ کانہہ پروردگاری؟ اگر سُہ رب العالمین چھُ تہٕ تہٕندِ ربوبیتکہ فائضک چھُ یہ حال زِ یڑتھ ذرس سکہ ناونک تہٕ یڑتھ ریہ ہٕنٛدِ خاطرٕ چھےٚ تٔس نٔشہِ کارسازی تہٕ یہ کِتھہٕ کٔنۍ ہیٚکو یقین کٔرتھ زِ انسانہٕ سٕندِ روحانی سعادتہٕ تہٕ خاطرٕ آسہِ نہٕ تٔس نٔشہِ کانہہ ناگ راد جسمن رژھنہٕ تہٕ پھاںپھلاونہٕ خاطرٕ آسہِ تہٕنٛز پروردگاری آسمانہٕ پیٹھ آب والان مگر روحس سگہ دنہٕ خاطرٕ آسہِ نہٕ تٔس نٔشہِ اکھ آبہٕ قطرٕ تہٕ۔ توٗہی چھِو وُچھان زِ ییٚلہِ زمینس سگ چھےٚ واتان تہٕ سو چھےٚ مورٕد گژھان۔ اَتی چھُ تسند یہ قونن زِ باران رحمت چھُ نوٚن نیران تہٕ زمینک چپہٕ چپہٕ چھُ زندگی ہنٛزٕ وبرکتو سیتۍ مالامال گژھان۔ تیٚلہ کیاہ یہ چھا ضروٗرژ زِ ییٚمہِ ورٕ عالمِ انسانی یتھ ہدایتہٕ تہٕ سعادتہٕ چیو برکتو نٔشہِ محروم گژھہِ تمہِ ورٕ نیرِ بارانِ رحمت نوٚن تہٕ اُکس اُکس روحس دِیہ زندگی ہنٛد پیغام۔ روحانی سعادتچ یہ بارش کیاہ چھےٚ؟ سُہ چھُ وَنان زِ سو گیہ وحی الٰہی۔ توہہ یہ چھِو نہٕ یہ منظر وُچھنہ زانہہ تہٕ تعجب گژھان زِ زُدپیٚو تہٕ مورد زمین گیہ زِندٕ تیٚلہِ کیاہ زٕ گژھو توٗہی یہ کتھ بوزتھ حیران زِ وحی الٰہی گیہ ظاہر تہٕ مورد روحن منٛز گیہ زندگی ہنٛز حرکتھ پاد۔

حٰمٓ ۝ تَنْزِيلُ الْكِتَابِ مِنَ
اللّٰهِ الْعَزِيزِ الْحَكِيمِ ۝ إِنَّ فِي
السَّمٰوَاتِ وَالْأَرْضِ لَآيَاتٍ
لِلْمُؤْمِنِينَ ۝ وَفِي خَلْقِكُمْ وَ
مَا يَبُثُّ مِنْ دَآبَّةٍ آيَاتٌ
لِقَوْمٍ يُوقِنُونَ ۝ وَاخْتِلَافِ
اللَّيْلِ وَالنَّهَارِ وَمَا أَنْزَلَ
اللّٰهُ مِنَ السَّمَاءِ مِنْ رِزْقٍ
فَأَحْيَا بِهِ الْأَرْضَ بَعْدَ
مَوْتِهَا وَتَصْرِيفِ الرِّيَاحِ
آيَاتٌ لِقَوْمٍ يَعْقِلُونَ ۝ تِلْكَ
آيَاتُ اللّٰهِ نَتْلُوهَا عَلَيْكَ
بِالْحَقِّ فَبِأَيِّ حَدِيثٍ بَعْدَ
اللّٰهِ وَآيَاتِهِ يُؤْمِنُونَ ۝
(۴۵ - ۱:٦)

یہ چھےٚ خودایہ سنٛدِ طرفہٕ (ہیدا بینچ)
کتاب نازِل یوان کرنہٕ یُس عزیزتہٕ حکیم
چھُ۔ ایمانہٕ والین ہنٛدِ خاطرٕ آسمانن
تہٕ زٕمینس منٛز (خدایے پرٛزٕناوِنچہٕ)
بےشمار نشانہٕ بییہٕ تہنٛدِس زٕمینس
تہٕ ہمِن چاروایَن منٛز یِم زٕمینس منٛز
چھکہٕ راوی متی چھہٕ، چھےٚ پزٕ ژھِ والین کرٕ
بجہٕ نشانہٕ۔ یِنھے گٔنی راتٕ تہٕ دوہس اکس
اکھ پتہٕ بیٚس منٛز بییہٕ رزقہٕ کس تنھ
دولتس منٛز یتھ سہٕ آسمانہٕ پیٹھٕ والان چھُ
تہٕ اَتی چھےٚ زٕمین مرنہٕ پتہٕ بییہٕ زِندہٕ
گژھِتھ وۄتھان بییہٕ چھُ ہوہٕ کس دلہٕ
بدل گژھنس منٛز عقلہٕ والین کرٕ بجہٕ نشانیہٕ
اے پاٚغمبر یمہٕ چھےٚ خدایہ سنٛزٕ آیتہٕ یِمہٕ
پزٕ پاٚٹھی اَسی توہہٕ بوزٕناوان چھِوٕ۔ تہٕ
خدایے تہٕ تہنٛزٕ آیتو پتہٕ کُس چیز رودُیُس بوزِتھ یِم لُکھ ایمان اَنن۔

سوٗرٕے "انعامہٕ" منٛز چھُ یِمن لوکن ہنٛدِ یِم خدایے سنٛزِ وحی بیٚنس پیٹھ تاجب کران چھِ
یِمن لفظن منٛز ذکر کرنہٕ آمُت:۔

وَمَا قَدَرُوا اللّٰهَ حَقَّ قَدْرِهِ إِذْ قَالُوا
مَا أَنْزَلَ اللّٰهُ عَلَىٰ بَشَرٍ مِنْ
شَيْءٍ ۝ (٦ : ۹۱)

تہٕ خدایہ سنٛزٕ ن کامِن ہنٛز یوہٕ قدر یِمن کرٕنی
آسہٕ سو کرنہٕ یِمو پزٕ پاٚٹھی بیٚلہٕ یِمو یہ کتھ وٕنی زِ
خدایِن کوٚرنہٕ کُنس کانٛسہٕ بنٛدس پیٹھ کانہہ چیز نازِل

اَوِ پتہٕ چھُ توراتس تہٕ قرآنس کنہٕ زولُک ذِکر کرنہٕ پتہٕ یہ بیان شوٗر دِگژھان ۔

اِنَّ اللّٰہَ فَالِقُ الْحَبِّ وَالنَّوٰی ط
یُخْرِجُ الْحَیَّ مِنَ الْمَیِّتِ وَمُخْرِجُ
الْمَیِّتِ مِنَ الْحَیِّ ط ذٰلِکُمُ اللّٰہُ
فَاَنّٰی تُؤْفَکُوْنَ o فَالِقُ الْاِ
صْبَاحِ ج وَجَعَلَ الَّیْلَ سَکَنًا
وَّالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ حُسْبَانًا ط
ذٰلِکَ تَقْدِیْرُ الْعَزِیْزِ الْعَلِیْمِ o
وَھُوَ الَّذِیْ جَعَلَ لَکُمُ النُّجُوْمَ
لِتَھْتَدُوْا بِھَا فِیْ ظُلُمٰتِ الْبَرِّ
وَالْبَحْرِ ط قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰیٰتِ
لِقَوْمٍ یَّعْلَمُوْنَ o
( ٦ : ٩٥ - ٩٧ )

یقینن چھےٚ یہ خدایہٕ سِنٛزِ ے قوٗدرتھ زِ سُہ
چھُ پھلس تہٕ آنچہ پھاسہٕ وان (تہٕ تمہٕ منٛز
پرٛٹھ کنٛینک کُل پادٕ کران)۔ سُہ چھُ زِندس
کران مورٕدٕ چیزٕ نشہٕ پادٕ تہٕ مورٕدٕ کران
زِندس نشہٕ پادٕ۔ اوٕہے چھُ تُہند خدا ۔
تیٚلہٕ کوٚت چھِوٕ توٚہۍ تس نشہٕ رٕوگردان
سپدِتھ تہٕ وتہٕ ڈلتھ پکان۔ اوٕہے چھُ
یُس (راتھ ہنٛدٕ پردٕ ژٕٹتھ) صبحک گاش
نوٚن کڈن وول چھُ۔ سُے چھُ یٚمی راتھ
بناوٕ آرامک تہٕ سوٚکوٗنک ذٕریہ۔ تہٕ یٚمے
چھُ یٚمی آفتابک تہٕ زوٗنہٕ ہنٛدِ گردش
ترٛژہِ درستی سان قایٔم کوٚرمُت چھُ زٕ (سُہ چھُ
حسابک میعار بنیوٗمُت۔ یہ چھُ تس عزیز تہٕ حکیم خدایہ سُنٛد مقرر کوٚرمُت اندازٕ۔ (اوٕ پتہٕ وُچھو
یہِ چھُ سُے کارساز یٚمی تُہندِ خاطرٕ تارکھ پادٕ کرِی یِتھ توٚہۍ صحراون تہٕ سمندرن
ہنٛزن انہٕ گٹن منٛز وتھ لبِو۔ شکہٕ ورآےٚ چھےٚ اَسہٕ تمن لوکن کرِ ہیم زانن والی چھِ صاف
صاف دٔلیلہٕ دژٕمٕژٕ۔

یا ہے ہمِس پروردگارن عالمہٕ سنٛدِ
ربوٗبیتک تہٕ رحمتک یہ سُورُ ے
فاضِل توٚہۍ راتس دوہس وُچھان چھِوٕ
یہ چھا ممکن زٕ تُہندِ جسمہٕ کہِ رچھنہٕ تہٕ
ہیدایتہٕ خاطرٕ کرِ سُہ یہ سورُ ے کینٛہہ
مگر تُہندِس روٗحس رچھنہٕ تہٕ ہیدایتھ
دِنہٕ خاطرٕ آسہِ نہٕ تس نشہٕ کانٛہہ سامانہٕ
سُہ چھُ زمینہٕ کِس موتس زِندگی منٛز

بدلاوان۔ کیا تہند رودٕ کس موتس

ہیکہٕ نا سُہ زندگی سیتی بدلاوتھ۔ سُہ

چھُ تارکن ہنٛدِ گاشہٕ سیتی خوشکی نہٕ سمندرن

ہنٛزن اَنہٕ گٹن منٛز وتھ ہاوان۔ یہٕ کتھ پاٹھی

ہیکہٕ ٲنٛتھ زِ تہنٛزِ روحانی زندگی ہنٛزن اَنہٕ

گٹن منٛز وَتھ ہاوُن خاطرٕ آسہٕ نہٕ کانٛہہ گاش؟

توٚہی یم اکھ کتھِ پیٹھ زانٛہہ تاجب چھوٕ نہٕ

کران زِ زٔمینس پیٹھ دَجہِ ڈوری شولان تہٕ

آسمانس پیٹھ چھہ تارکھ پرٛزلان کیازِ چھوٕ

اکھ کتھِ پیٹھ تاجب کران زِ خدا یہٕ سُنٛد

وحی چھُ اِنسانہٕ سنٛدِ ہدایتہٕ خاطرٕ نازل

سپدان۔ اگر توٚہہ تاجب سپدان چھوٕ

تہٕ یہ چھُ اَمہٕ کتھِ ہنٛد نتیجہ زِ توٚہہ چھُوٕ وَن

نہٕ خدایے تہنٛدِن صفتن منٛز تتھ کنٛہ

وُچھمٕت یتھ کنٛہ سُہ وُچھُن گوٚژھہ۔ توٚہہ

چھوٕ یہٕ کتھ فکرِ تران زِ اَکس رسے یہٕ ہنٛدِ

رَچھنہٕ خاطرٕ چھُ سُہ ساری ہے کارخانہٕ

حیاتس آور تھوان۔ مگر یہٕ کتھ چھے نہٕ توٚہہ

فکرِ تران زِ نوعِ انسان سنٛدِ ہدایتہٕ خاطرٕ

گژھہِ وحی تہٕ تمنٛز یکُ سِلسِلہٕ قائیم

گژھُن۔

ربوبیتہٕ کِہ نظامہٕ نٕشہٕ معادکس وجودس

پیٹھ دٔلیل:۔

یتھٕ پاٹھی چھُ سُہ ربوبیتہٕ کِہ اعمالو

سیتی معادس تہٕ آخرتس پیٹھ تہٕ دٔلیل

دوان۔ یُس چیز یوٚت زیادٕ نگرانی تہٕ اہتمامہٕ

سان بناونہٕ یِیہٕ تیوٚت چھُ سُہ زیادٕ مولُل

وَرتاونہٕ تھوٚد مقصد تھوان۔ زیادٕ رُت کارٕ یگر

گوٚسے یُس پننہِ کارٕ یگری ہُنٛد زیادٕ رُت

استیمال تہٕ تھوٚد مقصد آسہِ تھوان۔ لہاذا

انسان یُس یمہِ زٔمینک بہترین مخلوق

چھُ تہٕ تہنٛدِ سارے سلسلے خِلقتک لُبِ

لباب چھُ تہٕ یمی سنٛزِ جسمانی تہٕ روحانی (معنوی)

پروٚرِشہٕ خاطرٕ قوٚدرتن بیتی انتظام کٔرِ

متھ چھہ۔ یہٕ کتھ پاٹھی ہیکہٕ ٲنٛتھ زِ یہٕ آسہِ

صرف دُنیہ ہچہِ زندگی ہنٛدِ ہن کیشٕن دوہن

ہنٛدِ خاطرٕ بناونہٕ آمُت۔ تہٕ اَمی سُنٛد آسہِ نہٕ

کانٛہہ بہتر استیمال تہٕ زیادٕ تھوٚد مقصد۔

اَدٕ پتہٕ اگر خالقِ کائنات "رٮ۪ب" چھُ تس چھے

کامل درجٕچ ربوبیت تیلہ کتھ کنٛہ ہیکوٕ یہٕ کتھ

مانِتھ زِ تمی آسہِ اکھ پنُن بہترین مربوب یانے

انسان یُس تمی روٚچھمُت چھُ محض اَدٕ خاطرٕ

بنوو مُت زِ سُہ تراوِنَس بے مقصد تہٕ بے نتیجہٕ ۔

اَفَحَسِبْتُمْ اَنَّمَا خَلَقْنٰکُمْ عَبَثًا وَّاَنَّکُمْ اِلَیْنَا لَا تُرْجَعُوْنَ ○ فَتَعٰلَی اللّٰہُ الْمَلِکُ الْحَقُّ ج لَآ اِلٰہَ اِلَّا ھُوَ رَبُّ الْعَرْشِ الْکَرِیْمِ ○

( ۲۳ ؛ ۱۱۵ - ۱۱۶ )

اَسہِ کوٚرٕ یہٕ مقصد تِتھے کٔنہ سادٕ پاٹھۍ بیان یِتھہٕ کٔنہ قرآنکہ بیانُک تہٕ خطابُک طریقہٕ چھُ ۔ مگر یوٚہے مطلب ہیکو علمی بحثہٕ کِس تہٕ تقریرٕکِس اندازس منٛز یِتھہٕ پاٹھۍ وٕنِتھ زِ انسانہٕ سُنٛد وجود چھُ زمینَس پیٹھ پادٕ آمٕتۍ ہنٛد سلسلُک پتِم تہٕ سارِوے کھوتہٕ اعلا وجود تہٕ اگر زندگی ہنٛز پادٕ آمٕتۍ پیٹھ انسانہٕ سُنٛد وجود مکمل گژھنس تامہٕ کِس تارٛیخس پیٹھ نظر تراوو سو آسہِ تیتہٕ وِ ٹھیچ ہیتھے ترقی لبہٕ ژیچ تہٕ پھانپھہٕ لیٖچ تارٛیخ یِتھہٕ نہٕ اسی شمار ہیکو کٔرِتھ ۔ گو فطرتن یُس ساسہٕ بدٕ ین تہٕ لچھہٕ بدٕ ین وٕری ین ہنٛزِ کامہٕ تہٕ کاریگری سیٖتۍ زمینس پیٹھ ساری

کیاُ تو ہٕہ چھُوِیہٕ زونمُت زِ اَسہِ چھُو توٚہۍ کُنہِ مقصدٕ تہٕ نتیجہٕ ورٲے پادٕ کٔرۍ متۍ ۔ تہٕ توٚہۍ چھُونہٕ اَسہِ کُن پھیرتھ یُن ؟ خدایے یُس یِمہ کٲنٛاتُک حقیقی حکمران چھُ سُہ چھُ اَمہِ نِشہ سیٹھاہ تھوٚد زِ سُہ کَرِ کانٛہہ کام بلِگٕ تہٕ کُنہِ مقصدٕ ورٲے ۔ کانٛہہ معبود چھُنہٕ مگر سُے یُس تھدِ عرشُک پروردگار چھُ ۔

کھوتہٕ تھوٚد وجوٗد تیار کوٚر مُت چھُ سُہ چھُ انسان ۔

پتھ کُن کٔرۍ تو اَکہِ سیٹھاہ پرانہٕ زمانُک تصوٗر ۔ یِیٚلہ سانٛنۍ زمین آفتابکہِ نارٕ گولہٕ نِشہِ ژھینٕہ آس گٔمژ چھے تہٕ خبر کوتاہ زمانہٕ آسہِ تتھ شیہلہٕ نس تہٕ معتدل بنہٕ نس لوٚگمُت تہٕ یہِ بنے یہِ اتھ لایق زِ زندگی ہنٛدۍ عناصر ہیکن اتھ منٛز پھانپھہٕ لِتھ ۔ اَدٕ پتہٕ آو سُہ وقت یِیٚلہ اَمہِ چہ تھٕرٕ پیٹھ نشو نما ہس گوڈ لوٚگ ۔ اَدٕ پتہٕ چھُنہٕ پتاہ کاتیا مدتہٕ پتہٕ ہیوٚک زندگی ہنٛد سُہ گوڈنیُک بیوٗل پادٕ گژھِتھ یِتھہٕ پروٹوپلاسم (Protoplasm) وَنان چھِ ۔ اَدٕ پتہٕ گو حیاتِ عضوی کہ پھانپھہٕ لنُک

دورِ شورُو۔ اَدٕ پتہٕ چھُنہٕ پتاہ کو تاہ مدت گو
بیٚیلہٕ اَمی دورن بسیط پیٹھٕ مرکیس تام
تہٕ ادنیٰ پیٹھٕ اعلا درجس تام ترقی ہنٛدی
مٔنزِل طے گرٕی۔ یوٚ تام حیوانن ہنٛدی گوڈنکی
نشانہٕ نٔنی دڑاے۔ اَدٕ پتہٕ گیٚے لچھ بٕڈی
وٕری پتھے کیٚنی نیرتھ۔ یتھہ پتہٕ ارتقاہک سلسلہ
تھدان تھدان انسانی وجودس تام ووٚت
انسانہٕ سٕنٛد جسمانی ظہور سپد نہٕ پتہٕ سپُد
تہنٛدِ ذہنی ارتقاہک سلسلہ شورُو۔
تہٕ اتھ پیٹھٕ تہٕ گذریوٚ واریاہ زیوٚٹھ مدت۔
چھیکرس... ہیوٚک ہنٛہٕ بدبن تہٕ ساسہٕ
بدن وٕری بن ہنٛدِ اجتماعی تہٕ ذہنی ارتقا
پتہٕ سُہ انسان وجودس منٛز یتھ لٔس
زٕمینہٕ کہ تاریخی زمانک (متمدن، عقیل، یانے
تمدنہٕ وول تہٕ عقلہٕ وول تہٕ عامل یانے
عملہٕ وول انسان چھُ۔ گوٚ زٕمینہ چہ پادٲشی
پیٹھٕ ترقی یافتہٕ انسانہٕ سٕنٛدس تکمیلس
تام یہ کینٛژھاہ گذریوٚ تہٕ یہ کینٛژھاہ بنان تہٕ سپدان
روٗد سُہ چھُ سوری انسانہٕ سٕنٛز پادٲشی
تہٕ تکمیلہٕ چی داستان۔ سوال چھُ یہ زٕ یمہٕ دوٚن
چہ پادٲشی خاطرٕ فطرتن یوٚت اہتمام کوٚرمُت

چھُ سُہ اوسا صرف اَوے خاطرٕ زٕ زیوٚ
کھیٚیہ، چیٚیہ، مرتہٕ گژھہ ختم۔
فَتَعٰلَى اللّٰهُ الْمَلِكُ الْحَقُّ لَآ اِلٰهَ اِلَّا
هُوَ رَبُّ الْعَرْشِ الْكَرِيْمِ (۱۱٦:۲۳)
پانے چھُ یتھ بیاکھ سوال تہٕ پادٕ گژھان
زٕ اگرچہ حیوانی وجود پتہٕ نٕس یتھمس زمانس
منٛز ہمیشہ یوٚتس پتھ بدلان تہٕ ترقی کران
روود مُت چھُ۔ تیٚلہٕ کیازٕ۔ وزٕ نہٕ یہ بدلن تہٕ
ارتقا نٕہین بڑوٚ ٹھہ کُن تہٕ برابر جاری۔
اگر اکھ کتھ پیٹھٕ اَسہٕ کانٛہہ تاجب چھُنہٕ
یوان زٕ یتھمس زمانس منٛز مٹے یہ واریاہ
صوٗرژٕ تہٕ نوٚ زندگیہ آیہ بارسس تہٕ اَکھ
کتھ پیٹھٕ کیازٕ چھُ اَسہٕ تاجب یوان زٕ
موجودٕ زندگی ہنٛد مٹُن تہٕ چھُنہٕ بلکل ختم
گژھُن۔ اَمہٕ پتہٕ تہٕ چھُ اَکھ زیادٕ تھزٕ
شکل تہٕ زندگی۔
اَيَحْسَبُ الْاِنْسَانُ اَنْ يُّتْرَكَ سُدًى ۝ اَلَمْ يَكُ
نُطْفَةً مِّنْ مَّنِيٍّ يُّمْنٰى ۝ ثُمَّ كَانَ عَلَقَةً
فَخَلَقَ فَسَوّٰى ۝ (۷۵ = ۳٦)
کیا انسانس چھا خیال زٕ سُہ یہ یلہٕ پتھے کیٚنی
ژٲونہٕ (تہٕ یمہ زندگی پتہٕ آسہٕ نہٕ بیاکھ زندگی)؟

کیاسہ چھنا۔ یمہ حالہ گذریومُت زِ زہنہِ برونٹہ
اوسُس سہٕ نطفہٕ پتہٕ بنیوو نطفہٕ نشہِ علقہٕ
(یانے دژ کہِ ہنز ہش شکل گییس) پتہٕ آو
علقہٕ نشہِ (تُسند جسم) پیدٕ کرنہٕ پتہٕ آو یہ
جسم شیرنہٕ تہٕ سنبھالنہٕ۔

سورتہِ "ذاریاتس" منز چھُ ساری
"دینکُ" یانے جزٕہک بیان

اِنَّمَا تُوْعَدُوْنَ لَصَادِقٌ ۙ وَّ اِنَّ الدِّیْنَ لَوَاقِعٌ ۝ (۵۱ : ۵ - ۶)

حق چھُ یہ زِ یمہ چیزٕک توٚہہ خوف چھُوٚدنہٕ
یوان سُہ چھُ پوٚز تہٕ عملن ہُند جزا چھُ ضروٗر
ینہٕ وول۔ اوٚ پتہٕ چھےٚ تِمہِ پیٹھ ربوبیتہٕ
کیو اعمالو سیتی یانے ہوٚہکہ پکنہٕ تہٕ رودٕ ینہٕ
کہِ اثر نشہِ دٔلیل دِنہٕ آمژ۔

وَالذّٰرِیٰتِ ذَرْوًا ۙ فَالْحٰمِلٰتِ وِقْرًا ۙ فَالْجٰرِیٰتِ یُسْرًا ۙ فَالْمُقَسِّمٰتِ اَمْرًا ۙ (۵۱: ۱-۴)

قسم چھُ تمن ہواہن ہُندیم گرد تُلن وٲلی
چھِہ۔ اوٚ پتہٕ چھِہ آبہ بوٚرت اوٚبر تُلن وٲلی
پتہٕ چھِہ وارٕ وارٕ پکن وٲلی۔ پتہٕ چھِہ اکھ بڈ کام
(رود) باگرٕ نِیچ کام کرن وٲلی۔

اوٚ پتہٕ چھُ آسمانہٕ چِین تہٕ زٔمینہٕ
ہنزن بخشایشن پیٹھ تہٕ پانہٕ انسانہٕ
سِند وُجودچِن اَندرِمن شہادتن
پیٹھ توجہ آمُت دِیاوُنہٕ۔

وَفِی الْاَرْضِ اٰیٰتٌ لِّلْمُوْقِنِیْنَ ۙ وَفِیْٓ اَنْفُسِكُمْ ۭ اَفَلَا تُبْصِرُوْنَ ۙ وَفِی السَّمَاۗءِ رِزْقُكُمْ وَمَا تُوْعَدُوْنَ ۝

زٔمینس منز چھِ وارِیاہ نِشانہٕ یقین کرن
والین کِتی۔ بیہ توٚہہ پانہٕ پننس وجودس
منز کیا توٚہہ چھُنا بوزنہٕ یوان۔ آسمانہٕ سے
منز چھُ تُہند رزق تہٕ سُہ چیز تہٕ ییمیُک
توٚہہ وعدٕ چھُ دنہٕ یوان ۔ اَمہِ پتہٕ فرماوان

فَوَرَبِّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ اِنَّهٗ لَحَقٌّ مِّثْلَ مَآ اَنَّكُمْ تَنْطِقُوْنَ ۝

(۵۱ : ۲۰ - ۲۳)

آسمانہٕ کِس تہٕ زٔمینہٕ کِس روٗبہٕ سُند قسم
(یانے آسمانہٕ تہٕ زٔمینہٕ کِس پروردگارٕ سِنز
پروردگاری چھےٚ گواہی دِوان زِ بے شک
چھُ سُہ مامُلہٕ (یانے جزٕہک تہٕ سزٕہک مامُلہٕ)
پوٚز بِلکُل تِتھے پٲٹھی ییتھہٕ کنہٕ یہ کتھ چھےٚ زِ توٚہی
چھِو کتھ کران (یا توٚہہ چھِوٕ زبو۔)

یُتھ آیتس منز چھ اثباتِ جزا خاطرٕ خود این
پانہٕ پننہِ وجود کی قسم ہو ومُت مگر لفظِ "رب"
ونتھ چھُن پننہِ ناد ہیو تھمُت۔ عربیس منز چھُ
قسمُک مطلب یہ آسان زِ کُنہِ کتھ پیٹھ یہ کُنہ
کتھِ ہنزِ گواہی پیش کرٕنی۔

لہٰذا ادرا و یہ مطلب زِ پروردگارِ عالمہٕ
سِنز پروردگاری چھےٚ گواہی دوان زِ کتھ
چھےٚ پزر۔ یہ گواہی کیا چھےٚ؟ یہ چھےٚ سوے
ربوبیتچ گواہی۔ اگر دُنیاہس منز پرورش
موجود چھےٚ پرورد موجود چھُ تہٕ ادے چھُ
پروردگار تہٕ موجود۔ لہٰذا چھُنہٕ ممکن زِ جزائُک
معاملہٕ آسہٕ نہٕ موجود۔ نہٕ سہ کیاہ تراوِ کُنہ نتیجہ
ورآسے انسانس۔ چونکہ لوکن ہنز نظر
آسنہٕ اکھ حقیقتس پیٹھ اوسبب
ہیوک نہٕ تمو قسمُک تہٕ بیمیک قسم ہاونہٕ
اوس آمت پانہٕ وٲنی تولق نہٕ راوتھ
قرآن حکیم چھِن دلیلن تہٕ برہانن پیٹھ
غور کرنہٕ وِزِ گژھہ یہ حقیقتھ پزر تھ ساتہٕ
نظر تل تھاونی زِ تمہ کہ دلیل یا ثبوت
دِنُک طریقہ چھُنہٕ منطقی تہٕ تقریرک طریقہ
یتیمہ خاطرٕ وایہن گوڈ کتھن (نہٕ مقدمن)
ہنز ضرورت تھ چھےٚ آسان۔ اوپنہٕ
چھ مدعا ثابتھ کرنچہ شکلہ ترتیب دِنہٕ
یوان۔ بلکہ چھُ سُہ ہمیشہ براہِ راست تلقینُک
قودرتی تہٕ سیود ساد طریقہ اختیار
کران۔ عمومن چھےٚ تمہ چہ دلیلہٕ تمہ کِس
اُسلوب بیانس تہٕ خطابس منز پوشیدہ
آسان یُس چھُ یانہٕ کُنہٕ مطلبہٕ خاطر خطابک
تیتھ طریقہ اختیار کران زِ تمی منز چھُ
ثبوتُک گاش پھولان۔ نتہٕ کُنہٕ مطلبس پیٹھ
زور دوان دوان اکھ تیتھ لفظ ونان یُیمہ
کِس تاثیرس منز تمیُک ثبوت تہٕ موجود
چھُ آسان۔ مخاطب سُند ذہن چھُ
پانے پانے ثبوتس کُن پھیران۔ چنانچہ تیچ
اکھ نٔو مثال چھےٚ امی ربوبیتہٕ کہ صفتُک
جایہ جایہ استعمال کرنُک۔ ییلہ سُہ
خدا یہ سِنز ہستی ہُند ذکر کران کران
تُس "رب" ونان چھُ تہٕ یتھ کُنی "رب"
ونن تھہِندِس اکس صفتس نہٕ راوان
چھُ۔ تتھے کُنی چھُ تہنز یہ حقیقتھ تہٕ
نہٕ راوان زِ سُہ چھُ "رب" تہٕ یہ چھےٚ
حقیقتھ زِ تہنز ربوبیت چھےٚ تو ہہ

ژوٕ اپآرۍ نال وٲلِتھ۔ خوٗد تہنٛدِس دِلس
منٛز گرٕ کرِتھ۔ اَدٕ کتھہٕ کیٚنٛہہ چھو تۄہہِ جرأت
کرِتھ ہیٚکان زِ تہنٛدِ وجوٗدٕ نِشہٕ کرِو اِنکار۔
سُہ چھُہ ربٕ تہٕ رُبس ورٲے کُس ہیٚکہِ
آسِتھ یُس تہنٛزِ بندگی تہٕ عاجزی ہُنٛد
حقدار چھُہ؟ چنانچہ قرآنکِس تمام سارۍ مُقامات
یِمن منٛز یِیمہِ طریقہ خطاب چھُہ کرنہٕ آمُت زِ:-

یَا اَیُّھَا النَّاسُ اعْبُدُوا رَبَّکُمُ الَّذِیْ
خَلَقَکُمْ (۲۱:۲) اُعْبُدُوا اللّٰہَ رَبِّیْ وَ
رَبَّکُمْ (۵-۷۲ و ۱۱۷) اِنَّ اللّٰہَ رَبِّیْ وَ
رَبُّکُمْ فَاعْبُدُوْہُ (۳-۵۱) ذٰلِکُمُ اللّٰہُ
رَبُّکُمْ فَاعْبُدُوْہُ (۱۰-۳) اِنَّ ھٰذِہٖ
اُمَّتُکُمْ اُمَّۃً وَّاحِدَۃً وَّ اَنَا رَبُّکُمْ
فَاعْبُدُوْنِ (۲۱-۹۲) قُلْ اَتُحَاجُّوْنَنَا
فِی اللّٰہِ وَھُوَ رَبُّنَا وَ رَبُّکُمْ (۲-۱۳۹)

وغیرہ۔ یِمن گژھن نہٕ خٲلی امر تہٕ خطابے
یوت زانُن بلکہ چھےٚ یِمن منٛز خطابت تہٕ
دٔلیل دۄشوے۔ تیکیازِ ربّ لفظن چھےٚ
پانے برہانِ ربوبیتس کُن وَتھ ہاوٕنۍ۔
افسوس چھُہ زِ قرآنہٕ کِبن عام مفسرن تہٕ
ترجمہ کرن والین چھےٚ نہٕ اَتھ حقیقتس پیٹھ

نظر آسمٕژ۔ تیکیازِ منطقی استدلالس
منٛز بوڈ نہٕ سبہٕ آسی تِم قرآنکہ دٔلیل
دِنہٕ کہِ طریقہٕ نِشہٕ بے پرواہ گژھمٕتۍ۔ نتیجہ
درأوی یہ زِ یِمن جاین ہُنٛد تفسیر تہٕ ترجمہ
کرن وِزِ ہیوکنہٕ قرآن کہِ اسلوبِ بیانک اصل
رُوح نون نیرتھ تہٕ استدلالک پہلو
رُود رنگہٕ رنگہٕ چین توجیہاتن منٛز ژورِ۔

# اَلرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ

الرَّحمٰنُ تہٕ الرَّحیٖمُ : - الرَّحمٰن تہٕ الرَّحیٖم چھہٕ دۄ شوٗے رحمہٕ نِشہِ دراَمتی۔ عربی زبٲنی مَنٛز چھِ رحمت دِلہٕ کِس تتھ رِقتس تہٕ نرمی وَنان ییٚمہٕ سِتی بیٚیِس کانٛسہ ہِنٛدِ خٲطرٕ اِحسانُک تہٕ شفقتُک ارادٕ جوشس مَنٛز ییٚیہِ۔ لہٰذا رحمتس مَنٛز چھُ موحبتھ، شفقت، فضل، احسان سارٕنے ہِنٛد مفہوم داخل تہٕ خٲلی موجبتہٕ لطفہٕ تہٕ فضلہ نِشہِ چھُ یہِ لفظ زیادٕ وسیع تہٕ نال وٕلِتھ

یوٚدوَے یِم دۄ شوٗے اِسم چھِ رحمتہٕ نِشہِ دراَمتی۔ مگر یِم چھِ رحمتہٕ کیٚن دۄن مختلف حیثیتَن نِشہِ راوان۔ عربی زبٲنی مَنٛز چھُ باب "فعلان" عموٗمن تِتھن صفاتَن ہِنٛدِ خٲطرٕ استعمال کرنہٕ یِوان یِم محض صفات عارضہ آسَن۔ (فعلی ظہوٗر چھُنہٕ تِہنٛدِ خٲطرٕ ضروٗری آسان) بیٚتھہٕ کِنٛہ تریشہِ ہِنٛدِ سِنٛدِ خٲطرٕ عطشان، شرارت برٕ تہٕ سِنٛدِ خٲطرٕ غضبان، پریشان سِنٛدِ خٲطرٕ حٲران، مست سِنٛدِ خٲطرٕ سکران۔ مگر "فعیل" کِس وزنس مَنٛز چھِ صفاتِ قایمہٕ تہٕ تِمن ہِنٛز خاصیتھ یانے یہِ چھُ عموٗمن تِتھین صِفتَن ہِنٛدِ خٲطرٕ وَننہٕ یِوان یِم جذبات تہٕ عوارِض آسنہٕ بجایہ صفاتِ قایمہٕ آسان چھِ (تہٕ پانٛن فعلی ظہوٗر نہِ چھِ تھوان) مثلن 'کریم' کرم کرن وول 'حکیم' حِکمتھ تھوَن وول 'عظیم' بجر تھوَن وول 'علیم' علم تھوَن وول۔ لہٰذا 'الرَّحمٰن' گو یہ مانے زِ سُہ ذات یُس مَنٛز رحمت چھےٚ تہٕ 'الرَّحیم' گو یہ مانے زِ سُہ ذلت یُس مَنٛز رحمتے یا آثٕ چھےٚ تہٕ ٹیٚکہِ یُس نِشہِ پرٛتھ وِزِ رحمتُک ظہوٗر

سَپدان روزان چھُ ۔ تہٕ پرٛتھ وزِ تہٕ پرٛتھ
سانہٕ چھےٚ سارٕے کائناتس خلقتس
نِشہِ فائض لبان ۔ رحمت کیازِ آیہِ دوٚیہٕ یوٚن
بیٚون ناو وسیتی پیش کرنہٕ؟ اَمہِ موکھہٕ زِ
خدایہٕ سندِ تصورُک یُس نقشہٕ قرآنَس
منٛز بیٚنہٕ ناوُن چھُ یِژھان تتھ منٛز چھُ
سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ نوٚن تہٕ بوٚڈ صِفت
رحمتہٕ ہُنٛز صِفَت ۔ بلکہ پزِ وَنُن زِ سورُے
چھُ رحمتے رحمت ۔

وَرَحْمَتِیْ وَسِعَتْ كُلَّ شَیْءٍ

( ۷ : ۱۵۶ )

تہٕ میانۍ رحمت چھےٚ دُنیہکِس پرٛتھ چیزس
نال وٚلتھ ۔

لہٰذا اوس ضرورۍ زِ خصوصیتہٕ
سان ین اَمہِ چہ دوشوَے حیثیتہٕ صفتی
تہٕ فعلی تہٕ نشہِ راونہٕ ۔ یانے تس منٛز چھےٚ
رحمت تکیازِ سُہ چھُ "الرحمٰن" تہٕ یُنے
یوت نہٕ بلکہ ہمیشہٕ چھُ تس نِشہِ رحمتُک
ظہور سپدان تکیازِ "الرحمٰن" آسہٕ
نَس سیتی چھُ سُہ "الرحیم" تہٕ

رحمت :- مگر خدایہٕ سنٛز رحمت کیاہ چھےٚ؟

قرآن چھُ وَنان زِ زندگی ہندِس کارخانس
منٛز یہ کینٛژھا جانٛی یا جانہٕ تہٕ کمال چھُ سُہ چھُنہٕ
اَمہِ ورٲے کینٛہہ تہٕ کہ یہ چھُ خدایہٕ سندِ
رحمتُک ظہور ۔ ییٚلہ اَسی زندگی ہندِ
کائناتہٕ کین اعمالن تہٕ منظاہرن پیٹھ چھِ
غور کران تہٕ گوڈنچے حقیقتھ یوسہٕ اَسہِ
برٛونہٕ کُن ننان چھےٚ سُہ چھُ تسُند نظامِ
ربوبیت ۔ تکیازِ فطرتس سیتی سانٛی
گوڈنچ پارٕ زان چھےٚ ربوبیتہٕ کے
ذٔریہٕ گژھان ۔ مگر ییٚلہ اَسی علمچ تہٕ
عقلِہ ہنٛز دَتہٕ منٛز کینٛہہ قدم برٛونٛہہ
کُن چھِ پکان اَتہٕ چھِ دُچھان زِ ربوبیتہٕ
کھوتہٕ اکھ زیادٕ وسیع تہٕ عام حقیقت
چھےٚ سارِۍ سے زندگی ہندِس
کائناتس منٛز کام کران تہٕ ربوبیت
تہٕ چھےٚ یانہٕ اَمہِ کے فائض و برکتُک اکھ
حصہٕ ۔ ربوبیت تہٕ تمیُک نظام کیاہ چھُ؟
یہ چھُ زندگی ہندِ کائناتُک رچھُن ۔ مگر
زندگی ہندِس کائناتس منٛز چھنہٕ رچھنے
یوت ۔ بلکہ رچھنہٕ کھوتہٕ زیادٕ تہٕ چھےٚ اکھ
بناوٕنچ ہٕ سنباہنچ تہٕ فائدٕ واتناونچ

حقیقت کا٘م کران ۔ اَسی چھِ وُچھان زِ تِہنٛدِس فطرتس منٛز چھُ بناوُن ۔ تِہنٛدِس بناوِنس منٛز چھُ جانر ۔ تِہنٛدِس مزاجس منٛز چھِ ہشر ۔ تِہنٛزَن کامَن چھےٚ خاصِیت ۔ تِہنٛدِس صوٗرتَس منٛز چھُ حُسن ۔ تِہنٛدِ بن آلوَن منٛز چھُ نغمہٕ ۔ تِہنٛدِس مُشکَس منٛز چھےٚ خوشبو تِہنٛز کاٮ۪نہہ کتھ چھےٚ نہٕ یوٗسہٕ نہٕ امہِ کارخانہٕ کِہ تامیرَس تہٕ سجاوَنہٕ خاطرٕ مفید آسہِ ۔ لہٰذا یہ حقیقت یوٗسہٕ بناوَنَس تہٕ فاص واتناوِنس منٛز ربوٗبیتہِ کھۄتہٕ زیادٕ وسیع تہٕ عام چھِ کاٮ۪ناتہٕ کس پأدٕ کرَن وٲلِس سٕنٛدِ رحمانیتُک تہٕ رحیمیتُک ظہور ۔ کاینا تُک تأمیر تہٕ تمیٖک حُسن چھُ خدایہٕ سٕنٛدِ رحمتُک نتیجہٕ ۔ زندگی تہٕ حرکتُک یہ عالمگیر کارخانہٕ ییہٕ ہانہٕ وجوٗدس منٛز اگر یہ پننہِ پٔرتھ کامہِ منٛز بنہٕ نہٕ تہٕ بناوُنک ، سنبہٕ نُک تہٕ سنبالنُک تہٕ پٔرتھ قسمہٕ زیادٕ رُت تہٕ زیادٕ مکمل آسہٕ پنٛچ خاصیتھ آسہٕ ہانہٕ تھوان ۔ کاٮ۪ناتہٕ کِس فطرتس منٛز کیا زِ چھےٚ یہ خاصیتھ اَوَسبہٕ زِ بناو گرٛچھہٕ سپدُن ۔ بگاڑ گرٛچھہٕ سپدُن جانبر

گرٛچھہٕ گرٛچھن تہٕ خرٲبی گرٛچھہٕ نہٕ گرٛچھنی ۔ مگر یہ کیا زِ سپدِ زِ فطرت گرٛچھہٕ بناوِنی تہٕ شیرنی ۔ بگاڑنی تہٕ کھرٲنُن گرٛچھہٕ نہٕ یہ کیا وجہ چھُ زِ یہ کینژھا بنان چھُ تہٕ چھُ رُت تہٕ جانہٕ آسان ۔ خراب تہٕ ناکارٕ چھُنہٕ آسان ۔ انسانہٕ سٕنٛدِ علمہٕ تہٕ عقلہٕ ہنٛز وکوشش ہیوک نہٕ وُنستام یہ شُر گُھم ژٕرِتھ ۔ فلسفُک تہٕ نظریہٕ ہک قدم ہیٚلہِ تہٕ زانہہ اتھ حدس نام ووت سُہ گودم چھُٹی ۔ مگر قرآن چھُ وَنان زِ یہ چھُ اوَسبہٕ زِ کاٮ۪ناتہٕ کِس فطرتس منٛز چھےٚ رحمت تہٕ رحمتُک تقاضہٕ چھُ یوٗسہٕ ہیے زِ رٕژر تہٕ جانہٕ آسہِ بگاڑ تہٕ خرٲبی آسہِ نہٕ ۔ انسانہٕ سٕنٛز علمہٕ تہٕ عقلہٕ ہنٛز کوشش چھےٚ وَنان زِ زندگی ہنٛد کاٮ۪ناتُک یہ تأمیر تہٕ سجاوٹ چھےٚ گوٚڈنکین عناصرَن ہنٛدِ ترکیبک تہٕ ترکیبہِ کرِ اعتدالُک تہٕ ہشرمُک نتیجہٕ ۔ مادہٕ عالمُک چھُ امہِ کِس مقدارَس منٛز تہٕ چھُ اعتدال تہٕ امہِ کِس حالتس منٛز تہٕ چھُ اعتدال ۔ یوٗسہٕ ہے اعتدال چھُ ییمہِ سٕتی سوٗرُے کینہہ بنان چھُ ۔ تہٕ

یہ کینژھا بنان چھ تہٕ چھ رُت تہٕ مکمل بنان۔ یوہے اعتدال تہٕ تناسُب چھ دُنیہکین سارِنے تامیرن تہٕ ایجابی حقیقتن ہنٛز بُنیاد۔ وجوٗد زندگی، تندرستی، حُسن خوشبو تہٕ نغمہٕ چھ بناونکی تہٕ خوبی ہنٛد وارٕناو۔ مگر حقیقت چھے کُنی تہٕ سُہ چھ اعتدال مگہٕ کاینات کِس فطرتس منٛز کیازِ چھ یہ اعتدال تہٕ تناسب؟ یہ کیا وجہ چھ زِ عناصرن ہنٛدِ کُنہِ بیٚلہ پانہٕ وٲنی رلان چھ یم چھ اعتدالہٕ تہٕ تناسبہٕ سان رلان تہٕ مادس چھےٚ یہاے خاصیتھ آمٕژ کھاٲونہٕ زِ نتہٕ منٛز گژھِہ اعتدال تہٕ تناسب آسُن تہٕ نہ گژھِہ اَتھ برخلاف آسُن تہٕ نہ حدٕ نیرتھ۔ انسانہٕ سنٛد علم چھ دَم پھٹٕ تہٕ حاران۔ مگر قرآن چھ ونان زِ یہ سپُد اَوسبہٕ زِ تہٕنٛز رحمت چھےٚ پننٕ ظہور تہٕ تھاوان۔ تہٕ یَس منٛز رحمت آسہٕ تہٕ تہٕنٛز رحمت آسہِ ظہور تہٕ تھاوان ادٕ یہ کینژھا تَس نِشہِ نیرِتھ منٛز آسہ جانہٕ رے جانہٕ حُسن تہٕ جمالے یوت۔ اعتدال تہٕ تناسبے یوت۔ تہٕ اَتھ خلاف ہیکہٕ نہٕ کینٛہہ تہٕ آسِتھ فلسفہٕ چھ اَسہ ونان زِ تامیر تہٕ تحسین چھےٚ فطرژ خاصیتھ۔ تامیرٕچ خاصیتھ چھےٚ یژھان زِ بناوگژھِہ سپدُن تہٕ تحسینٕچ خاصیتھ چھےٚ یژھان زِ یہ کینژھا بنِہ نتہٕ منٛز گژھِہ حُسن تہٕ کمال آسُن۔ تہٕ یمہٕ دوٕنوے خاصیتھ چھےٚ قوتٕ ہٕن ضوٗروٗرنگ نتیجہِ زندگی ہنٛدِ کاینات کِہ ظہور تہٕ تکمیلہٕ خاطرٕ آسٕ ضوٗروٗرتھ زِ تامیر سپد بیٚیہٕ آسٕ ضوٗرورتھ یہ کینژھا تامیر سپدِ سُہ سپدِ حُسنہٕ تہٕ خارِسان۔ یہاے ضوٗروٗرتھ بنے یہ پانے اکھ ”علت“ تہٕ اَوے یہ کینژھا فطرتس نِشہِ ظہورس منٛز چھ یوان سُہ چھ تیٚتھے آسان یُتھ تمیُک آسُن ضوٗروٗری اوس۔

مگر امہِ تعلیلہِ (تعلیل گو وجہ تہٕ سبب دِنُن) سِتی تہٕ گو نہٕ یہ مشکل مسلہٕ حل۔ سوال ییتھ جایہ اوس تمہِ نِشہِ پوٚک ہٮ۪نا بروٗنٛہہ۔ توٚہی چھو ونان زِ یہ کینژھا بنان چھ یہ چھ اَوسبہٕ بنان زِ ضوٗروٗرتھ کُس قوتون چھ موجود۔ مگر سوال چھ یہِ زِ

ضوٗرۄ رنٛگ قونون کیاہ چھُ موجوٗد؟ کیاہ
بنیٚو یہِ ضوٗرۍ زِ یہِ کیٚنژھاہ وجوٗدس منٛز
ییِہ، سُہ آسِہ ضوٗرورتہٕ مطابق تہٕ ضوٗرو رنٛگ
اوٚسُس یوٗ ہیٚے تقاضہٕ زِ جانہٕ تہٕ رٕژر آسِہ
خرابی تہٕ تباہی آسِہ نہٕ۔ انسانہٕ سٕنٛدۍ علمیٚہ
کوٗششہِ چھِے نہٕ امیُک کانٛہہ جواب
ہیٚکان دِتھ۔ اکِس مشہور فلسفی سٕندۍ
لفظن منٛز ییٚمہِ جایہِ ییٚژھ "یہ کیاہ" شوٗرو گژھِ
اتی گژھِ زانُن زِ فلسفہٕ کہِ غور و فکرچ سرحد
گیہٕ ختم۔ مگر قرآن چھُ امی سوالُک جواب دوان
سُہ چھُ وَنان زِ یہِ ضوٗرورتھ چھےٚ رحمتٕچ
تہٕ فضلُچ "ضوٗرورتھ"۔ رحمت چھےٚ یژھان
زِ یہِ کیٚنژھاہ ظہوٗرس منٛز ییِہ، سُہ گژھِ
آسُن رُت تہٕ نفع دِوُن۔ اَوے یہِ
کیٚنژھاہ ظہوٗرس منٛز چھُ یوان تہٕ چھُ
آسان رُت تہٕ نفع دِوُن۔

امہِ پتہٕ گژھِ یہِ حقیقت تہٕ زانٛنۍ زِ دُنیہس منٛز زندگی گذارنہٕ تہٕ زِنٛدٕ روزنہٕ خاطرٕ یمن چیزن ہنٛز ضوٗرورتھ چھےٚ جمال تہٕ زیبائی چھےٚ تمو کھوتہٕ اکھ ہریَمہٕ بخشایش تہٕ اَسی چھِ وَنان زِ جمال تہٕ زیبائش چھےٚ موجوٗد۔ لہٰذا ہیکوٚ نہٕ یہِ وَنِتھ زِ یہِ سوٗرُے چھُ قونون ضوٗرورتہٕ کِنۍ۔ نتیجہٕ ضوٗرورتھ چھےٚ زِندگی تہٕ زِنٛدٕ روزنُک سنٛز تہٕ سامانہٕ یژھان۔ مگر زِندٕ تہٕ باقے روزنہٕ خاطرٕ کیاہ چھُ جمال تہٕ زیبائش ضوٗرورتھ۔ اگر جمال تہٕ زیبائش تہٕ چھےٚ یِیتہٕ موجوٗد چھےٚ یقیناً یہِ ببیہ ہین میہربانی تہٕ احسان۔ امہِ سٕنٛزٕ چھُ یہِ معلوم سپدان زِ فطرت چھےٚ نہٕ زندگی یوٗتے بخشان بلکہِ چھِ زندگیہِ حسین تہٕ لطیف بناوُن یژھان۔ لہٰذا ہیکہٕ نہٕ یہِ محض زندگی ہنٛدِ ضوٗرورتُک قونون آسِتھ۔ یہِ چھےٚ امہِ ضوٗرورتہٕ کھوتہٕ کانٛہہ تھزٕ ضوٗرورتھ۔ یُس یژھان چھےٚ میہربانی تہٕ فائض گوژھ آسُن۔ قرآن چھُ وَنان یہِ چھُ رحمتُک ضوٗرورتھ۔ تہٕ رحمتُک تقاضہٕ چھُ یہِ زِ تہٕ سوٗرُے گژھِ ظہوٗرس منٛزٕ یُن یہِ رحمتہٕ سٕتی ظہوٗرس منٛز یِن گژھِ

قُلْ لِّمَنْ مَّا فِی السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ
قُلْ لِّلّٰهِ ؕ كَتَبَ عَلٰى نَفْسِهِ الرَّحْمَةَ (۱۲:۶)

(ترجمہ) اے پٲغمبر مین لوکن پرٛزِھو
آسمانَن تہٕ زٔمینس منٛز یہٕ کینٛژھا
چھُ تہٕ کَس کیٛتُ چھُ۔ (اے پٲغمبر)
وُنو خودایہٕ سِند خٲطرٕ ییمی ینہٕ خٲطرٕ ضرور دِیٚسی
کوٚرٕ زِ رحمت گرٛژھِ آسٕنی۔

وَرَحْمَتِیْ وَسِعَتْ کُلَّ شَیْءٍ (۷:۱۵۶)

تہٕ میٲنی رحمت چھےٚ دُنیہِکس پرٛتھ چیٖزَس
نال وٕلِتھ۔

## قودرتُک فٲیدٕ تہٕ فٲض

اتھ سِلسلس منٛز یوٚسہٕ گوڈنِچ
حٔقیقتھ اَسہِ برونٛہہ کُن نَنان چھےٚ
سوٚ چھےٚ زندگی ہٕنٛدِ کٲناتُک تہٕ تمہ
کِنہِ ساریٖنی چیٖزَن ہند فٲیدٕ ووٚل تہٕ
فٲض بخشِ ووٚن آسُن۔ یانے اَسی
چھِ وُنان زِ فطرتہٕ چاین سارٕنی
کامن منٛز چھہٕ پوٚرٕ ہشٕر تہٕ نظمہٕ سان
فٲیدٕ مشدٕ تہٕ بکاریوٚ وُن آسنٕچ خاصیتھ
تہٕ اگر کُلس پیٛٹھ وُچھو تہٕ معلوم چھُ سپدان
زِ زن چھُ یہ سورُے عالمُک کارخانہٕ امی
خٲطرٕ بنیوٚمُت زِ اَسہِ واتناوِ فٲیدٕ تہٕ

ساٲنی حاجتھ پوٚرٕ کرنُک بنٛہ ذٔریہٕ۔

وَسَخَّرَ لَکُمْ مَّا فِی السَّمٰوٰتِ
وَمَا فِی الْاَرْضِ جَمِیْعًا مِّنْہُ ط
اِنَّ فِیْ ذٰلِکَ لَاٰیٰتٍ لِّقَوْمٍ
یَّتَفَکَّرُوْنَ ۝ (۴۵ : ۱۳)

بیٛنیہٕ آسمانن تہٕ زٔمینس منٛز یہٕ
کینٛژھا چھُ سُہ سورُے چھُ خدایَن تٔہنٛدِ
خٲطرٕ مسخّر کوٚرمُت (یانے تٔہنٛد قوت تہٕ
تاثیر چھُ تتھہٕ کٕنی تٔہنٛدِس تصرّفس منٛز دِنہٕ
آمُت زِ یتھہٕ پٲٹھی پرٛزِھو تمہ ہیٚیو کام)
شُکہٕ ورآے چھےٚ اَتھ کتھِ منٛز تِمن لوکن
کرٕ یم غور تہٕ فکر کرن وٲلی چھِ معرفتہٕ حقہٕ
چہ بجہٕ نشٲنیہٕ۔

(حاشیہ) یتھ آیہٕ شریفس منٛز تہٕ امی
مانہٕ کِنہِ بیٛین آیاتن منٛز چھُ "سخر"
لفظ ورتاونہٕ آمُت۔ یانے سارٕی
چیٖز آے تٔہنٛدٕ خٲطرٕ مسخر کرنہٕ۔ عربی
زبٲنی منٛز چھُ تسخیر بلکل تتھی مانے
یس منٛز ونہٕ یوان یتھ منٛز اَسی اردو
زبٲنی منٛز ورتاوان چھِ یانے کُنہِ چیٖزُک
قہرٕ تہٕ حکمہٕ سیٛتی تیٚتھ فرمانبردار بنن زِ

ییتھ کُنہِ تنھ کأم ہیٚنی یَژھ وتہٕ تیتھ کینہہ ہیموس۔ سوٗنچِو تو اِنسانہٕ سٕنز عظمت تہٕ تٔسُند بجر نہٕ راوُنہٕ خأطرٕ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ دُرِست کُس لفظ ہیکہ آسِتھ۔ قرآنِ مجید نازِل سپدنہٕ برونٛہہ ڈاوس دُنیہِ ہٕکِن ساریٖ قومن ہُند دینک تصورٕ عقلہِ خلاف مگر قرآنن کوٚر یتھ یوت زِ عقلہِ ہُند حوصلہ بڈوون ٹٕکہ تہٕنٛد ہمت عقل تہٕ تھوٚد ارٕ دینیو علمہ خأطرٕ اکھ تیتھ معیار بیٚمہِ کھوتہٕ بہتر از نہٕ ممکن چھُنہٕ۔ آسمانن تہٕ زمینن منٛز یہٕ کینہہ چھا چھُ سُہ چھُہ اَمہِ خأطر زِ انسانہٕ سٕندِ خأطر گژھہ مسخر نہٕ انسان ہیٚکہِ نتھ کأم۔ اِنسانہٕ سٕنز عقلِ تہٕ فکرِ خأطر ہیکہ نہٕ اَمہِ کھوتہٕ تھوٚد کانھہ نصب العین آسِتھ۔ اَدٕ پتہٕ سوٗنچِو تو زِ "تسخیر" لفظ کوتاہ مناسب لفظ چھُ انسأنی عقلہِ ہُند اقتدارٕ خأطر۔ اَمہِ تسخیرُک برٛونہہ منظر اوس یہ زِ انسانہٕ سُند لوکٹ اشرٕ اوس زِ گرٛزِ پچہِ لٲوتھ سمندرِ کس سینس پیٹھ سوار سپدان تہٕ تُوٚ منظر چھُ یہ زِ نارکس، ہوٗکس آبس تہٕ بجلی سارنی عناصرن پیٹھ چھُ حکومت کران۔

تو تہٕ گژھِ یہ کتھ یاد تھاوٕنی زِ قرآن مجیدن ییٚتہِ نس ییٚتہِ نس اَمہِ تسخیرُک تذکرٕ کوٚرمُت چھُ تمیُک تولُق چھُ صرف بُتر آژہِ ہُندس کأئناتس سیتی یا آسمانہٕ کیٚن تمن سیارن سیتی یم اَسی بییتہٕ محسوس کران چھکھ۔ یہ آو نہٕ وَنہٕ زِ تمام موجودات تہٕ مخلوقات کیاہ آسے تہٕنٛدِ خأطرٕ مسخر کرنہٕ یا وجود کیٚن تمام موجوداتن منٛز کیا چھُ سُہ سارِوے کھوتہٕ تھوٚد تہٕ اعلا مخلوق تہٕ کیاہ زِ یہ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ پأٹھی لبنہٕ یوان زِ سون دُنیا چھُنہٕ زندگی ہُند کأینات کِس سمندرس منٛز اکھ قطرٕ کھوتہٕ زیادٕ کینہہ تہٕ وَمَا يَعْلَمُ جُنُودَ رَبِّكَ إِلَّا هُوَ۔ (تہٕ چانِس ربہٕ سٕنز لشکر چھہِ نہٕ پانہٕ تَس ورأے کانٛہہ تہٕ زانان) تہٕ انسانس کُس تہٕ تجربہٕ تہٕ تھر چھُ سُہ چھُس ییٚمہِ دُنی یہٕکِن مخلوقن منٛز۔ (حاشیک اَنٛد)

اَسی چھِ وُچھان زِ عالمِ کأئناتس منٛز

یہ کینہہ تہٕ موجوٗد چھہ تہٕ یہ کینہہ ظٲہرس
منٛز یوان چھُ تتھ منٛز چھہ پرٛتھ کُنہِ چیٖزس
کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ خاصیتھ تہٕ پرٛتھ حادثس
چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ تاثیر۔ اَوے پتہٕ چھہ اَسی
یہ تہٕ وُچھان زِ یمہٕ خاصیتہٕ تہٕ یمہٕ اثرات
چھہ تتھ پاٹھی موجوٗد زِ پرٛتھ خاصیتھ
چھے ساٲنی کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ ضروٗرتھ
پوٗرٕ کران تہٕ پرٛتھ کانٛہہ تاثیر چھُ سانہِ
خاطرٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ فٲیدٕ تھوان۔ آفتاب
زوٗن، تارکھ، ہوا، روٗد، سمنٛدر،
بال سارے چھہ خاصیتھ تہٕ فٲیدٕ تہٕ
ساری چھہ سانہِ خاطرٕ آرامُک تہٕ آسایشہٕ
ہنٛد سامانہٕ آیتن تھاوان۔

اَللّٰہُ الَّذِیۡ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضَ
وَاَنۡزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً فَاَخۡرَجَ
بِہٖ مِنَ الثَّمَرٰتِ رِزۡقًا لَّکُمۡ وَسَخَّرَ
لَکُمُ الۡفُلۡکَ لِتَجۡرِیَ فِی الۡبَحۡرِ بِاَمۡرِہٖ ۚ
وَسَخَّرَ لَکُمُ الۡاَنۡہٰرَ ۚ وَسَخَّرَ لَکُمُ
الشَّمۡسَ وَالۡقَمَرَ دَآئِبَیۡنِ ۚ وَسَخَّرَ
لَکُمُ الَّیۡلَ وَالنَّہَارَ ۚ وَاٰتٰىکُمۡ مِّنۡ
کُلِّ مَا سَاَلۡتُمُوۡہُ ؕ وَاِنۡ تَعُدُّوۡا
نِعۡمَتَ اللّٰہِ لَا تُحۡصُوۡہَا ؕ اِنَّ
الۡاِنۡسَانَ لَظَلُوۡمٌ کَفَّارٌ ۠

(۱۴ : ۳۲-۳۴)

(ترجمہ) یہ چھُ خدا یُس یمۍ کٔرِن زِ تمۍ کٔرۍ
آسمان تہٕ زمین پٲدٕ تہٕ آسمانہٕ ووٚلن
روٗد تہٕ تمہِ کٔر تاثیر سیتۍ کٔرِن قسمہٕ قسمکۍ
میوٕ تُہُنٛدِ کھینہٕ خاطرٕ پٲدٕ۔ یِتھے کٔنۍ کٔرۍ
تمۍ یہ کتھ تہٕ مقرر زِ سمنٛدرس منٛز چھہ
جہاز توٚہہ ماتحت روزان تہٕ خدا یس سندِس
حکمس پیٹھ پکان۔ یِتھے پاٹھۍ چھہ
درِیاو تہٕ (تُہنز کامہِ پوٗرٕ کرنہٕ خاطرٕ)
مسخر کرنہٕ آمتۍ تہٕ (یتے یوٗت نہٕ کینہہ
بلکہ اگر توٚہۍ غور کٔرِو تہٕ آفتاب تہٕ زوٗن تہٕ
چھہ تُہنٛدِ خاطرٕ مسخر کرنہٕ آمتۍ زِ اَکِس
خاص اندازس منٛز چھہ گردِشس منٛز تہٕ
دُہ تہٕ راتھ ہنٛد اختلاف تہٕ چھُ (تُہنٛدی
فٲیدٕ خاطرٕ مسخر۔ غرض یہ کینٛژھا توٚہہ ضروٗرتھ
اوسُو تہٕ سو رُے کینہہ کوٚر تمۍ عطا تہٕ اگر توٚہۍ
خدا یسنٛز نعمژ گنٛزراونہٕ یِژھو تمہِ چھے تیٚژر زِ
توٚہۍ ہیکوٕ نہٕ ہرگز گنٛزرِتھ۔ یژی پاٹھۍ چھہ انسان
سیٹھہ ہے ناانصاف تہٕ ناشکرگذار۔

زمینس کُن وُچھو اَمِچ تھَرِ چھےٚ میوَو تہٕ پوشو سِیتی بَرِتھ، ژلی کٔنی چھس میچھ آبہٕ چھ جو یہِ یکان سِنہٕ رومنز چھس سوٗن تہٕ روٗپہ تیران سُہ یوٚدوے جسمہٕ کٔنی گول چھُ مگر بَرِتھ کانہہ حصہٕ چھُ تتھ پأٹھی روٗزِتھ زِ بوزنہٕ چھُ یوان زِ ن چھُ اکھ ہموار فرش وتھرأوِتھ

اَلَّذِیْ جَعَلَ لَکُمُ الْاَرْضَ مَھْدًا
وَّجَعَلَ لَکُمْ فِیْھَا سُبُلًا لَّعَلَّکُمْ
تَھْتَدُوْنَ ۝ (۴۳: ۱۰)

وَھُوَ الَّذِیْ مَدَّ الْاَرْضَ وَجَعَلَ
فِیْھَا رَوَاسِیَ وَاَنْھٰرًا ۭ وَمِنْ کُلِّ
الثَّمَرٰتِ جَعَلَ فِیْھَا زَوْجَیْنِ اثْنَیْنِ
یُغْشِی الَّیْلَ النَّھَارَ ۭ اِنَّ فِیْ
ذٰلِکَ لَاٰیٰتٍ لِّقَوْمٍ یَّتَفَکَّرُوْنَ ۝
وَفِی الْاَرْضِ قِطَعٌ مُّتَجٰوِرٰتٌ
وَّجَنّٰتٌ مِّنْ اَعْنَابٍ وَّزَرْعٌ وَّ
نَخِیْلٌ صِنْوَانٌ وَّغَیْرُ صِنْوَانٍ یُّسْقٰی
بِمَآءٍ وَّاحِدٍ وَّنُفَضِّلُ بَعْضَھَا عَلٰی
بَعْضٍ فِی الْاُکُلِ ۭ اِنَّ فِیْ ذٰلِکَ
لَاٰیٰتٍ لِّقَوْمٍ یَّعْقِلُوْنَ ۝ (۱۳: ۳-۴)

وَلَقَدْ مَکَّنّٰکُمْ فِی الْاَرْضِ وَ
جَعَلْنَا لَکُمْ فِیْھَا مَعَایِشَ ۭ
قَلِیْلًا مَّا تَشْکُرُوْنَ ۝ ۔ (۷: ۱۰)

(ترجمہٕ) سُہ پروردِگار یُمی تہُندِ خاطرٕ زمین تتھ کٔنی بنأوِ زِ فرشکی پأٹھی چھ وُتھرأوِتھ تہٕ تہُندِ خاطرٕ کٔرِن اَتھ پیٹھ پکنہٕ خاطرٕ سٔری وَتہٕ یادِ تیٚتھ توٚہی وَتھ لبِو۔

تہٕ یہِ چھےٚ تمی سے پروردگارٕ سٕنز قوٗدرتھ زِ تمی وَہرأوِ زمین (تہُندِ روزنہٕ خاطرٕ) تہٕ تتھ منز بنأوِن بال تہٕ کولہٕ تہٕ بٕڈیہِ کٔرِن یادٕ بَرِتھ قسمہٕ کین میوَن ہِندی زٕ زٕ قسم اَدٕ یتہٕ چھُ یہِ تُسندُے کٔرِن زِ دوہ تہٕ راتھ چھ اکھ اَکِس پتہٕ یوان+ روزان تہٕ راتھ منز گٹہٕ چھےٚ دوہہٕ کٔرِس گاشس وَلان۔ یٕژی پأٹھی تمن لوٗکن کرِ یم غور تہٕ فکر کرن وآلی چھ چھےٚ اکھ منز (معرفتِ حقہٕ چہ) بجہٕ نشأنی یہ۔ اَدٕ یتہٕ وُچھو زمینچ تھَر چھےٚ ترِ ژھہ بنا وِ تہٕ آمرٕ یتھ منز اَکِس اکھ نکھہٕ آبأدی ہِندی حصہٕ بنیمتی چھ۔ تہٕ دَچھ باغ، کھیتہٕ تہٕ خضر گٔنہ چھ یادِ گیمتی۔ یمن کلین منز چھ اڈٕن کلین

گٔنی لنگ تہٕ اڈٕ ین تٔنی ۔ یوٚد وَنے سارٕ نے
چھہ اَکی قسمہٕ کہٕ آبک سَگ واتان ۔ مگر میوٕ
چھکھہ تہٕ ہیوی تیران ۔ اَسہٕ چھُہ اڈٕ ین گُلین میوٕ
کہٕ منز کِنی بیٚین گُلین پیٹھہ تھزہ دِثِتُ مُت ۔
پٔنزی پأنٹھی چھےٚ اَکھ کتھہ منز عقلہ والین
کرٕ (حق پرزٕ ناونہٕ چھہ) بجہٕ نشانہٕ بہ ۔

بیٚیہ (وُچھو) اَسہٕ دِژٕ وِ توہہٕ زٔمینس [۴]
منز طاقتہ تہٕ اختیارٕ سان جائے تہٕ بیٚیہ
کرٕی زندگی ہنٛدی سآری سامانہٕ پأدٕ مگر
(افسوس) سیٹھا کم لُکھ چھہ خُدایہٕ سٕندین
نعمتن ہنٛدی شُکر گذار روزان (ترجمہٕ ختم)
سمندرس کُن تراوِ و نظر اَمہ چہ تھری
پیٚٹھی چھہ جہاز پکان ۔ تٔمِس تل چھےٚ گاڈٕ
ژھانٛٹھہ وایان ۔ سمزرَن منز چھہ موختہ تہٕ
مروارید پأدٕ گژھان ۔

وَهُوَ الَّذِي سَخَّرَ الْبَحْرَ لِتَأْكُلُوا
مِنْهُ لَحْمًا طَرِيًّا وَتَسْتَخْرِجُوا
مِنْهُ حِلْيَةً تَلْبَسُونَهَا وَتَرَى
الْفُلْكَ مَوَاخِرَ فِيهِ وَلِتَبْتَغُوا
مِنْ فَضْلِهِ وَلَعَلَّكُمْ تَشْكُرُونَ ۝
(۱۶ : ۱۴)

(ترجمہٕ) بیٚیہ وُچھو یہ چھےٚ تہنٛزے قوٚدرتھ
زِ تٔمی چھہ سمنٛدرٕ تہنٛدِ خأطرٕ مسخر کوٚرمُت ۔
یُتھہ توہی پننہِ خأطرٕ تازٕ ماز حاصِل کرِو تہٕ
زیورکی قیمتی چیز کڈِو تہٕ یِم توہی (شوقہٕ خاطرٕ)
لاگان چھِوٕ ۔ بیٚیہ چھِو توہی وُچھان زِ جہاز چھہ
سمنٛدرس منز آبہٕ ملخن ژٹان تہٕ پکان
بیٚیہ ژھانڈو (سیر تہٕ سیاحتی کہ ذریعہ)
خدایہ سُنٛد فضل یُتھہ تہنٛزن نعمتن ہنٛدی
شُکر گذار روزِو ۔

حیوانن کُن وُچھو ۔ زٔمینکی چار
وآے ، ہوکی جانور ، آبچ گاڈٕ ۔
سآری چھہ اَوے خأطرٕ زِ یِم واتناون
پننہِ وجوٗدس اَسہٕ فأیدٕ کھینہٕ خأطرٕ
تہنٛد دود تہٕ ماز ۔ سوارِ خأطرٕ تہنٛزِ
تھر ۔ حِفاظتہٕ خأطرٕ تہنٛز آچھہ ۔ لاگنہٕ
خأطرٕ تہنٛد مُسلہ تہٕ مُون ۔ تہٕ استیمالہٕ
خأطرٕ چھےٚ تہنٛد جسمہ چہ اَڈی جہ تام
فایدٕ منٛد یانے مُفید ۔

وَالْأَنْعَامَ خَلَقَهَا لَكُمْ فِيهَا
دِفْءٌ وَمَنَافِعُ وَمِنْهَا تَأْكُلُونَ ۝
وَلَكُمْ فِيهَا جَمَالٌ حِينَ

[۴] وَلَقَدْ مَكَّنَّاكُمْ فِي الْأَرْضِ وَجَعَلْنَا لَكُمْ فِيهَا مَعَايِشَ ۚ قَلِيلًا مَا تَشْكُرُونَ ۝

تُرِيحُونَ وَحِينَ تَسْرَحُونَ ۝ وَتَحْمِلُ اَثْقَالَكُمْ اِلٰى بَلَدٍ لَّمْ تَكُوْنُوا بٰلِغِيْهِ اِلَّا بِشِقِّ الْاَنْفُسِ اِنَّ رَبَّكُمْ لَرَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ ۝ وَّالْخَيْلَ وَالْبِغَالَ وَالْحَمِيْرَ لِتَرْكَبُوْهَا وَزِيْنَةً وَّيَخْلُقُ مَا لَا تَعْلَمُوْنَ ۝ (١٦: ٥-٨)

وَاِنَّ لَكُمْ فِي الْاَنْعَامِ لَعِبْرَةً نُسْقِيْكُمْ مِّمَّا فِيْ بُطُوْنِهٖ مِنْ بَيْنِ فَرْثٍ وَّدَمٍ لَّبَنًا خَالِصًا سَآئِغًا لِّلشّٰرِبِيْنَ ۝ (١٦ : ٦٦)

وَاللّٰهُ جَعَلَ لَكُمْ مِّنْ بُيُوْتِكُمْ سَكَنًا وَّجَعَلَ لَكُمْ مِّنْ جُلُوْدِ الْاَنْعَامِ بُيُوْتًا تَسْتَخِفُّوْنَهَا يَوْمَ ظَعْنِكُمْ وَيَوْمَ اِقَامَتِكُمْ وَمِنْ اَصْوَافِهَا وَاَوْبَارِهَا وَاَشْعَارِهَآ اَثَاثًا وَّمَتَاعًا اِلَى الْحِيْنِ ۝ -

(١٦ : ٨٠)

(ترجمہ) بییہ چھِ ن چارواے یادٕ کرِی میتی یِمن منٛز تُہنٛدِ خاطرٕ ڈُنٛڈک سامانہٕ تہٕ بے شمار فایدٕ چھِ (تہٕ بییہ چھُ توٚہی یِمن نِشہ پنُن غذا تہٕ حاصل کران) بییہ وُچھِو بییلہ تُہنٛدی کھیٚلی شامس گاسہٕ کھیتھ چھِ واپس یوان تہٕ بییلہ صبحس رکھسن کُن چھِ نیران یِہنٛدِس اتھ نظارس منٛز چھےٚ توٚہہِ کُنڑ رونق تہٕ یِمہٕ نے منٛز چھِ تِم جانور تہٕ یِم تُہنٛد بور تُلان چھِ تہٕ تِمن دوٗر دراز شہرن منٛز واتناوان یوٚت نہٕ توٚہی سخت میٚحنتہٕ ورٲے واتنا وِتھ ہیکہِ ہو۔ پٔزی پأٹھی چھُ تُہنٛد پروردگار سیٹھاہ ہیے شفقتہٕ وول تہٕ رحمتہٕ وول۔ بییہ وُچھو گُرِی، فاطر، تہٕ کھر آسی یادٕ کریہ یتھ توٚہی تِمن سوار ہیٚکِو آم ہیٚکِو تہٕ بییہ بنَن تُہنٛز شوبہ، تُہنٛد سامانہٕ بییہ چھُ سُہ بنٲوان کُنز قسمہٕ چیز یادٕ کران یِم تہٕ توٚہی زانِو۔ بییہ (چھہَ) چار واین ہنٛدِس وجوٗدس منٛز تُہنٛدِ خاطرٕ فہم و بصیرچ بُڈ عبرت۔ یِمہٕ نے جانورن ہنٛدِ جسمہٕ منٛز چھِ آسی خوٗنہٕ تہٕ کثافتہٕ منٛز پاک تہٕ صاف دوٗدٕ پادٕ کران یُس چینہٕ والین کیٚوت خوشگوار یوان تہٕ موٚدُر شربت چھُ۔ بییہ وُچھو خُدا ین بناو تُہنٛدی گرہ تُہنٛدِ خاطرٕ روزٕ نچ جاے تہٕ (یِم لوکھ تہٕ شہرن منٛز

بَسان چھِ تِہنٛدِ خاطرٕ کوٚرٕن تیٚنٛھٕ سامانہٕ
نٕ) چارواین ہنٛدِ مُسلٕکی خیمہٕ بناوٕن یِم
سفرَس تہٕ اقامتَس دوشوٕنی منٛزٕ چھِ وٕکھ
لوٚٹ لبان۔ یِتھے کٕنٛی جانورن ہنٛدِ بیٖیرٕ،
تہنٛزٕ موٗنہٕ تہٕ تہنٛزٕ جٕٹ سیٖتی چھُو توٚہی
وارِیاہ قسمکی سامانہٕ تہٕ چیز بناوان۔ یِمو
سیٖتی اَکِس خاص وقتَس تام توٚہی فایدٕ
چھُو واتان۔ (ترجمہٕ ختم)

اَکِس اِنسانَس آسِتن کانٛہہ اَتھوٚٹ
نہٕ پسماندٕ زندگی مگر سُہ ہیٚکہٕ نہٕ اَمہِ حقیقتہٕ
نِشہٕ بےخبر آسِتھ زِ تمِس اَندی پکھی چیز
چھِ تَس فایدٕ واتناوان۔ اَکھ زِ نی موٚزوٗر
تہٕ چھُ پننہٕ پہر منٛز بہِتھ وُچھان آسان تہٕ
یوٚدوے سُہ ہیٚکہٕ نہٕ پنُن احساس زیادٕ تیٖن
لفظن منٛز وَنِتھ مگر یہِ حقیقتھ چھِ سُہ ضروٗر
محسوس کران زِ یٖیلہٕ سُہ بیمار گژھان چھُ
اَتھ چھِ جنٛگلچ جٕڑِ بوٗٹہٕ کھوان ییٖلہٕ تاپھ
چھُس ستاوان سُہ چھُ گُلٕن تلہٕ کٕنہٕ شہجارس
بیٚہان ییٖلہٕ بیکار چھُ آسان تمہِ وِزِ چھُ
پنہٕ وُتھرٕن ہنٛدِ سبزار تہٕ پوشن ہنٛدٕ لوب
وُچھِتھ اَچھ شیٚہلاوان۔ پتہٕ چھُ یِمے گُلی

یِم اَمِس پھوٚلِتھ میوٕ چھِ دِوان۔ پوٚختہٕ
گَرٕ ہینٛتھ یِچہٕ بنان تہٕ ہوٚکھِتھ زالنس لگان چھِ
کُنے گُل چھُ یُس پننہٕ نظارٕ سیٖتی اَچھن
شیٚہلتھ تہٕ دِلَس فرحت بخشان چھُ
پننہٕ مُشکہٕ سیٖتی ہوا ہَس خوشبودار بناوان
چھُ۔ یِمہٕ کُس میوس منٛز وارِیاہ غِذا
چھُ تہٕ پننہٕ یِچہٕ سیٖتی تامیرکی سامانہٕ دوان
چھُ۔ تہٕ پتہٕ ییٖلہٕ ہوٚکھان چھُ اَمہِ کہٕ زالنہٕ
سیٖتی چھُ نار گژھان تیار، دان گژھان گرم
موٗسِم معتدل بنان تہٕ اَمہِ چہ گرمی سیٖتی چھ
وارِیاہ چیز رنٛنہٕ یوان، گالنہٕ یوان تہٕ بناونہٕ
یوان۔

اَلَّذِیْ جَعَلَ لَکُمْ مِّنَ الشَّجَرِ الْاَخْضَرِ
نَارًا فَاِذَآ اَنْتُمْ مِّنْهُ تُوْقِدُوْنَ ۝ (ترجمہ)
(۸۰:۳٦)

وُچھوا چھُ سُہ قوٗدرتُک کارساز یٖمی
سَبزٕ کُلہِ منٛز تِہنٛدِ خاطرٕ نار کوٚر پاد۔ ووٚنی
چھُو توٚہی اَمہِ سیٖتی پننہٕ زَن دانٛن سنٛدراوان
اَوینہٕ چھِ یِم تِم فایدٕ یِم توٚہی پننہٕ جایہٕ محسوس چھو
کران مگر کُس ہیٚکہٕ وَنِتھ زِ یِم ساری چیز کَمن کَمن
مصلحتن ہنٛدِ خاطرٕ چھِ قوٗدرتن پادٕ کٔری میتی۔
تہٕ عالمُک کارساز کَمہٕ کَمہٕ کامہِ چھُنہٕ یمَن ہیوان یہٕ

دُنِی بابناونہٕ تہٕ سجاونہٕ خاطرٕ۔

وَمَا يَعْلَمُ جُنُودَ رَبِّكَ إِلَّا هُوَ

(۳۱ - ۷۴)

(ترجمہ) یہ تہنٛد زندگی ہُنٛد کارخانہٕ چلاونہٕ خاطرٕ یم فوج چھِ تٔمِس پروردگارٕس نِشہِ چھہٕ تِمَن ہنٛد حال کُس زانہِ تٔس ورٲے

اوہِتہٕ گژھِ یہ حقیقتھ تہٕ نظرِ تل وٕزنی زِ قودرتِن چھہ زنٛدگی ہنٛدِ کاینات کہِ قاضگ نظام تِتھہِ پأٹھی بنومُت زِ سہٕ چھہٕ اَکی سأتہ پٔرتھ مخلوقَس ہوی فایدٕ واتناوان۔ تہٕ پرتھ مخلوقہٕ سُنٛد ہیوٗے خیال تھاوان اگر اکھ انسان پننِس عالیشان مکانَس منٛز بیہِتھ محسوس چھہ کران زِ سورُے زنٛدگی ہنٛد کارخانہٕ چھہ تٔہنٛزِ ے کامہِ پورٕ کرنہٕ خاطرٕ بنیومُت تہٕ بلکل پیتھے کٔنی ہیکہِ اکھ ربیہِ تہٕ پننہٕ وأرج منٛز وٕنتھ زِ قودرتچہ سارے کامہِ چھِ صِرف تِمی سٕنٛزِ ے کامہِ پورٕ کرنہٕ خاطرٕ تہٕ کُس چھہ یُس اکھ اپزٕ ونہٕ۔ کیا پزی پأٹھی آفتاب چھُنا امہِ خاطرٕ تٔس گٔرٕ واتناوِ گرمی۔ کیا رٕدٕ چھُنا امہِ باپتھ زِ تٔہنٛدِ خاطرٕ واتناوِ سیٚنہ کیا ہوا چھُنا امہِ خاطرٕ زِ تٔہنٛزِ نستہ واتناوِ کھنٛڈٕک مُشک۔ کیا زمین چھُنا امہِ خاطرٕ زِ پٔرتھ موٗسمہ تہٕ حالتہٕ مطأبق بنہٕ تٔس وٕزنٕچ جاے۔ دراصل چھہ قودرتہٕ چین بخشایشِن ہُنٛد قونوٗن تیٚتھ عام تہٕ سارِسے ولہٕ وُن زِ سہٕ چھہ اَکِی وقتہٕ اَکی طریقہٕ اکی سے نظامَس ماتحت پٔرتھ مخلوقَس رأچھ کران تہٕ پٔرتھ مخلوقس فایدٕ تُلنہٕ نِک ہیوٗے موقہٕ دِوان۔ یُتھ زَن پٔرتھ کانٛہہ وجوٗد پننہٕ جایہ محسوس ہیکہِ کٔرِتھ زِ سورُے کارخانہِ عالم چھُ تٔہنٛزِ ے کامہِ تہٕ آسایِشہٕ خاطرٕ کامہِ لگِتھ۔

وَمَا مِن دَابَّةٍ فِي الْأَرْضِ وَلَا طَائِرٍ يَطِيرُ بِجَنَاحَيْهِ إِلَّا أُمَمٌ أَمْثَالُكُم

(۶ : ۳۸)

(ترجمہ) تہٕ زمینکی سأری جانور تہٕ پکھو سیٚتی وُڈن وألی سأری جانور چھِ دراصل تٔہنٛدی پأٹھی اُمتہٕ (پروردگارِ عالمینن چھہ تِمنے پأٹھی تِمَن زنٛدگی تہٕ روزگارُک سامانہٕ دِیتمُت یِتھہٕ کٔنی تۆہہِ چھُنو دِیتمُت۔

## کائیناتُک تخریب تہٕ چھےٚ تامیٖر خاطرٕ

البتہٕ یہ حقیقتھ لگہٕ نہٕ مشرآوٕنۍ زٕدُنۍ یا چھہٕ عالم کون وفساد۔ یتہٕ چھہٕ پرٕتھ بنہٕ نَس ستی بگرٕن تہٕ پرٕتھ وٕتہٕ نَس ستی چھکرٕن۔ مگر یتھہٕ کٕنۍ سنگتراشہٕ سُند توڑ پھوڑا وٕ خاطر آسان چھہٕ یُتھہٕ اکھ رٕتہٕ تہٕ خوش پوٗنۍ شکل کرِ اختیار۔ یتھے کٕنۍ چھہٕ کائناتہٕ کِہ عالمُک سورُے بگاڑ اوٕ خاطر تا کہٕ بناوُک تہٕ بہترۍ ہٕنٛد فاض ییہ ظہورس منز۔ توٚہۍ چھوٚ اکھ عمارت بناوان مگر یہ بناوُن کیا مطلب چھُہ تھاوان؟ کیا امیُک مطلب چھُنا یہ آسان زِ وارِ یا بناوٕ میتی چیزین لوٗرُنہٕ۔ کٕنہٕ شیلہٕ نے ژٹنہٕ یہن سیر کوندرٕ نے پینہٕ یہن۔ گلہٕ نے لیٚٹر لاگنہٕ ییہِ یہِ نٕنۍ کیتھہ چھےٚ زِ لُرتہٕ بنہٕ ہا نہٕ۔ اوٕ پتہٕ یُس آرام تہٕ اطمینان اَکِس لَرِ منز روزنہٕ ستی توٚہہ حاصل چھوٚ سپدان، یہ کَمہِ کیتھہ ہٕنٛد نتیجہ چھُہ۔ یقینن چھُہ یہ تمۍ لوٗرنہٕ کہ شور وشرُک تہٕ ہنگامُک نتیجہ یُس تامیرکہِ سامانکۍ جدوجہدن وارِ یاہس کالس جارۍ!

تھوومت اوس۔ اگر تخریبُک یہ شوروشر آسِہ ہا نہٕ تہٕ امہ عمارژ ہٕنٛدۍ عیش تہٕ سکون تہٕ پہانہٕ وُجودس منز۔ بس یوٗے حال زٕ آنۍ توٚ فطرتہٕ چہن تامیرۍ کامن ہٕنٛد تہٕ۔ سو چھےٚ زندگیہِ ہنٛز عمارژ ہٕنٛد اکھ اکھ گوشہٕ بناوان روزان، سو چھےٚ امہِ کارخانکُ اکھ اکھ کیٚل تہٕ پرزٕ بناوان روزان۔ امہ چہ درستی تہٕ خوبی ہٕنٛد حفاظتہٕ خاطر چھےٚ پرٕتھ نوقصانَس تہٕ خرابیہ دوٗر پرٕھان کرٕن۔ بناوٕنچہ تہٕ شیرنہٕ چہ یمے سرگرمی یہ چھےٚ یمہٕ توٚہہ کٕنہ کٕنہ ساتہٕ تباہی تہٕ برباد ہنٛز خوفناکھ شکلہِ منٛز بوزنہٕ یوان چھےٚ۔ حالانکہ یتہٕ کتہٕ چھُہ تخریب یا لوٗرُن۔ یتہٕ یہ چھُہ تہٕ چھُہ تامیرے تامیر۔ سمنٛدرُک طوفان۔ دٕریاوُک سیلاب بانن ہٕنٛد نار۔ روٗد، وٕنٛدُک شین پیوٚن تہٕ ریتہٕ کالُک گرم ہوا۔ روٗد، وزاوٕ برُ تہٕ داوٕ طوفان چھنہٕ تہٕنٛدِ خاطر کانٛہہ خوش یووُن نظارٕ۔ مگر توٚہۍ چھوٚزانان زِ یمو منٛز چھُہ پرٕتھ کانٛہہ حادثہٕ زندگی ہٕنٛدِ سِ کائناتَس بناونہٕ تہٕ شیرنہٕ خاطرٕ تیتھے

ضوٗرۄری یوٗت تہنٛدٮ۪ن نظرن منٛز دُنیہک
کانٛہہ پتہٕ کھو تہٕ رُت چیز ہیکہ آسِتھ۔ اگر
سمندرس منٛز طوٗفان وۄتھہٕ ہانہٕ تہٕ مادانن
تہٕ واتہٕ ہانہٕ زندگی تہٕ سگہٕ خاطرٕ رۄدُک اکھ
قطرٕ۔ اگر اوٚبرٕ چھ گگرایہٕ تہٕ وُزملن ہنٛز ٹاے
آسہٕ ہانہٕ تیٚلہٕ آسہٕ ہانہٕ بارانِ رحمتُک فاض
تہٕ برکتھ تہٕ اگر آتش فشان بالن ہنٛدی
تینتالی کھٹہٕ ہن تہٕ زمینس اندر گرٕکہٕ وُن ماد
کرٕ ہا تہٕ زمینچ سطح پارٕ پارٕ۔ توٚہی وُنو زمینس
اندر یہ مادٕ کیا زٕ آو پادٕ کرنہٕ مگر تہنٛد گژھہِ زانن
زٕ اگر یہ مادٕ آسہٕ ہانہٕ زمینہٕ کہٕ پھانپھلنہٕ کہٕ توتُک
اکھ ضوٗرۄری چیز گژھہِ ہا کم۔ یہ ہہ آسے حقیقتھ
چھپے ییتھ کُن قرآنِ حکیم جایہ جایہ اشارٕ
چھ کران۔

سوٗرۍ روٗمس منٛز چھ اللہ تعالیٰ
فرماوان:۔

وَمِنْ اٰیٰتِهٖ يُرِيْكُمُ الْبَرْقَ خَوْفًا وَّ
طَمَعًا وَّيُنَزِّلُ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً
فَيُحْيٖ بِهِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَا
اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ ٥
(۳۰ : ۲۴)

(ترجمہ) بیٚیہٕ (وُچھو) تُہنٛز قودرتہٕ چیوتہٕ
حکمتہٕ چیونٛ شانہو منٛز چھےٚ اکھ نشانی
یہ زٕ وُزملہٕ تہٕ گگرایہٕ چھےٚ نٔنہٕ نیران تہٕ امہٕ
سیٚتی چھو توٚہی خوفس تہٕ وۄمیدس
دۄشونی حالتن منٛز پیوان۔ اوٚیتہٕ چھ یہ
سپدان زٕ سُہ چھ آسمانہٕ پیٛٹھہ رۄدٕ والان
تہٕ آبہٕ کہٕ تاثیرٕ سیٚتی چھےٚ زمین مرنہٕ پتہٕ
بیٚیہٕ زندٕ گژھان۔ یٔتی پاٹھی چھ یمن
کتھن منٛز عقلہٕ والین (تہٕ وُچھن والین)
کرِ خدایہ سنٛدِ حکمتہٕ چہ بجہٕ نشانہٕ۔

## جمالِ فطرت یا قودرتُک حُسن

مگر فطرتکہٕ فایدٕ تہٕ فایضچ بڈ بخشایش
چھےٚ تمیُک عالمگیر حُسن تہٕ جمالِ فطرت
چھنہٕ صرف بناوُن تہٕ سجاوُنے یوٗت
بلکہٕ چھ ییتھ کُنی بناوان تہٕ سجاوان اکہٕ تہنٛدس
پرتھ بناوُنس منٛز چھ حُسنک تہٕ زیبایی ہنٛد
جلوہٕ تہنٛدین پرتھ ظہورن منٛز چھ نظر
پرزٕ لاونٕچ تہٕ روح پھانپھلاونٕچ خاصیتھ

پادٕ گژھان۔ زندگی ہنٛز کائنات وُچھوٗن اَمہِ کِس مجموعی حیثیتس منٛز تہٕ تراوِو اَمہِ چہ پادآشی ہنٛدِس اَکِس اَکِس گوشس پیٹھ نظر۔ اَمیُک کانٛہہ بُتھ چھُنہٕ یتھ پیٹھ نہٕ حُسنن تہٕ جمالن پننہٕ زیبائشہِ ہنٛد نقاب آسہِ ترٛوومُت۔ تارکن ہنٛد نظام تہٕ تِہنٛد پھیرُن تہٕ گردش کرُن، آفتابُک گاش تہٕ تمیٖچ ژنگاژنگی، زونہِ ہنٛد گردِش تہٕ تمیُک وُسُن کھسُن، دُنیہُک بحر کھجر تہٕ تمِکی عجائبات۔ رُودُک نظارٕ تہٕ تمِکی اثرات سمنٛدرُک نظارٕ تہٕ دٔری باوَن ہنٛد پکُن۔ باغن ہنٛد تھزر تہٕ تمن منٛز باگ مآدانن ہنٛد سنبر۔ حیوانن ہنٛدی جسم تہٕ تمن ہنٛد قِسمہٕ قِسمہٕ آسُن۔ نباتاتن ہنٛز مختلِف شکلہٕ تہٕ باغن تہٕ پوشہِ وارِن ہنٛد حُسن۔ پوشن ہنٛد مُشک تہٕ وُڈوٗنین جانورن ہنٛد نغمہٕ صُبحک آسہٕ وُن بُتھ تہٕ شامُک پردٕ ژھایہ جلوٕ۔ غرض کہِ زندگی ہنٛدِس ساری سے تماشہِ گاہس منٛز چھےٚ حُسنٕچ نمائش تہٕ نظرن خوش یوٗن منظر۔ باسان چھُہ زن تہٕ یتھ زِندگی ہنٛدِس پردس پتہٕ کُنہٕ چھُہ

حُسن افروزی تہٕ جلوٕ آرائی ہنٛد اَکھ طاقتھ کام کران۔ یُس یژھان چھُہ زِ یہِ کینژھا ظُہورس منٛز یِیہِ حُسنہٕ تہٕ زیبائشہِ سان یِیہِ ظُہورس منٛز تہٕ زندگی ہنٛدِ کارخانُک پرٛتھ کانٛہہ حصہٕ بنہٕ نظرن کیٛژ شیٛہجار کُنہِ کیٛژ سوکھ تہٕ روٗحہٕ خاطرٕ راحتُک تہٕ سۄکونُک سامانہٕ۔

دراصل چھےٚ زِندگی ہنٛد کائناتُک اٰڈرنے حُسن تہٕ زیبائش۔ فطرتن یتھہ کٔنی اَمہِ کہِ تامیرِ خاطر مادی عناصر پادٕ کٔری تِتھے کٔنی چھن اَمہِ کہِ حُسنہٕ تہٕ زیبائشہِ خاطرٕ معنوی عناصرن ہنٛدی رنٛگ تہٕ روغن سجاوی میتی۔ گاش رنٛگ خوشبو تہٕ نغمہٕ یِم چھہ حُسنکی تہٕ زیبائشہِ ہنٛدی تم سامانہٕ یِمو سیٖتی فِطرتٕچ سازٕ گرٕ وُجودِکِس رُوٗیس ساز چھےٚ کران۔

" مشاطہ را بگو کہ براسبابِ حُسنِ یار
چیزے فزون کُند کہ تماشا بما رسد"

" جلوٕ گوژھہ آسہٕ تام واتُن سازٕ گرٕ دٔنی توٚ سوٗ بُتھ
دِلبرس ہرا دِکینٛہہ سازس تہٕ سامانس اَندر۔"

صُنعَ اللہِ الَّذِیْ اَتْقَنَ کُلَّ شَیْءٍ۔ (۲۷:۸۸)

(ترجمہ) یہ چھےٚ خدا یس سٕنٛز کارٕگری یمی پرٕتھ کانٛہہ
چیز جان پاٹھی تہٕ شیرتھ تہٕ سٔنبہٲلِتھ بنوومت
چھُہ ۔

ذٰلِكَ عٰلِمُ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ الْعَزِيْزُ الرَّحِيْمُ ۙ الَّذِيْٓ اَحْسَنَ كُلَّ شَيْءٍ خَلَقَهٗ ۔ ( ۳۲ : ۶-۷ )

(ترجمہ) یہ چھُہ خدایی محسوساتن تہٕ غیر محسوساتن
سارِنٕے ہُنٛد زانن وول، طاقتہٕ وول،
تہٕ رحمتہٕ وول، یمی یُس چیز بنووُ سہ
بنووُن حُسنہٕ سان تہٕ خوبی سان ۔

## بُلبُل سٕنٛدی نغمہٕ تہٕ کاوٕ سُنٛد ٹاو ٹاو

پزی پاٹھی چھہ فطرت کہ کارٕ بارٕ کی
کینٛہہ نظارٕ ژھتھ تہٕ یمن منٛز تو یہ حُسنٕچ تہٕ خوبی
ہنٛز کانٛہہ کتھ محسوس چھےٚ نہٕ سپدان تویہی
چھُو وَنان زِ قمرس تہٕ بُلبُل سٕنٛدین نغمن
سٕتی کیاژ چھہ کانٛہہ ہنٛد تہٕ کاوٕ سُنٛد
ٹاو ٹاو تہٕ ہاو ہاو! مگر تو یہ چھُو مُشتہ گژھان
زِ زندگی ہنٛد سازٕ کی نغمہ چھنہٕ اکے لیٛکہ ہنٛدی
آسان بنٕے متی تہٕ نہٕ گژھن بنیٚ۔ یتھ کنی تھہٕ تمنز
موسیقی ہنٛدین سازن ہنٛدین پردن منٛز
زیر و بم یہ چہ سارے لیٛکہ موجود چھےٚ آسان ژتھے

کنی چھُہ فطرتک سازٕ تہٕ یمہٕ چاپن تارن منٛز
کھسہٕ وسہٕ تہٕ وسہٕ وسہٕ سارے لیکہٕ موجود
چھےٚ تتھ منٛز چھہ لوہ تہٕ کھوتہٕ لوٚت سُرتہٕ
یمو منٛز زٲوی جہ تہٕ میچھہ آوازٕ نیران چھےٚ
تہٕ گو یہ کھوتہٕ گوبی سُرتہٕ یمو منٛز تھدکھوتہٕ
تھز آوازٕ پادٕ چھےٚ گژھان ۔ یم سٲری سُر
رٕلنہٕ سٕتی یُس یہ کیفیتھ پادٕ چھےٚ گژھان
تتھ چھہ ونان موسیقی ہنٛز حلاوتھ ۔ تکیازِ
دُنی یا یکین سارِنٕے چیزن ہنٛدی پاٹھی چھےٚ
موسیقی ہنٛز حقیقتھ تہٕ مختلف اجزاہن
ہنٛد یا نہٕ وٲنی رٕلنہٕ سٕتی پادٕ گژھان ۔ یہ ییکہٕ
نہٕ تنتھ زِ کنہٕ اکے سُرٕ سٕتی گژھہ نغمچ حلاوت
پادٕ ۔ اگر تو یہی بین یا سیتارہ تلوٚتہٕ نمہٕ کہ
چڑھاوُک کانٛہہ اکھ سَر دٕلاو یوُن یا پیانو
چھو بجو کنز و منٛز ہیٚو اکھ کنز واین تہٕ یہ آسہٕ
نہٕ نغمہٕ تٔلی کہ آسہٕ اکھ بھآں بھآں کَرٕ وِنی
اکھ کھروٕنی کرٕ یکھ ۔ یو ہے حال چھہ قود رتچہٕ
موسیقی ہنٛد زیر و بمُک ۔ تو یہ چھےٚ نہٕ
کاوٕ سٕنٛدس ٹاو ٹاو کرنس تہٕ کانٛہہ ہنٛدس
چکہٕ دنس منٛز کانٛہہ کشش باسان ۔ مگر
فطرت چہ موسیقی ہنٛد ترکیبہ خاطرٕ یتھ کنی

قُمرِس تہٕ بُلبُلہٕ سُنٛد لوٚت سُر صنوٚبرٕ ری
چھُ تِتھے کُنۍ چھِ کاوِس تہٕ گانٹہٕ ہُنٛد گوٚب
تہٕ بچھ سُر تہٕ صنوٚبرٕ ری بُلبُل تہٕ قُمرِ مآنۍ
تون اَمہٕ سَرگَمُک اُتار تہٕ کاو تہٕ گانٹھ مآنۍ تون
چڑھاو۔

"براہلِ ذوق در فیض در نمی بندد
نوائے بُلبُل اگر نیست صوتِ زاغ شنو"

"چھُنہٕ شوقہٕ والین کیوٚن گوٚمُت فآضُک بَر زانہٕ ہُنٛد
کاوِس دِکَن بیٚیہ وِزِنہٕ بوزِکھ نالہٕ بُلبُل ہٕنٛدۍ"

تُسَبِّحُ لَهُ السَّمٰوٰتُ السَّبْعُ وَ
الْاَرْضُ وَمَنْ فِيْهِنَّ ۭ وَاِنْ مِّنْ شَيْءٍ
اِلَّا يُسَبِّحُ بِحَمْدِهٖ وَلٰكِنْ لَّا
تَفْقَهُوْنَ تَسْبِيْحَهُمْ ۭ اِنَّهٗ كَانَ
حَلِيْمًا غَفُوْرًا ٥ (١٧ : ٤٤)

(ترجمہ) سَتہٕ وَے آسمان تہٕ زمین بیٚیہ یُس
کانٛہہ تِمن منٛز چھُ سآری چھِ (پننہٕ پننہٕ شکلہٕ
تہٕ کآری گرۍ ہُنٛدِس لکھس پیٹھ) خدا یِہ
سِنٛدِ بجرُک تہٕ تھنر یآکی ہُنٛد (زبان حالہٕ
سیتۍ) اعتراف کران بیٚیہ (دِیتے یوٚت تہٕ ٹلی کہ
خِلقتہٕ کِس کاینا تس منٛز) چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ
چیز تیتھ یُس تہٕ (زبان حالہٕ سیتۍ تھنر یآکی

تہٕ حُمد آسہٕ بیان کران مگر افسوس زِ توٚہۍ
چھِوٚ نہٕ (پننہٕ جہلہٕ تہٕ غفلتہٕ کِنۍ) یِہ تسبیح
ہُنٛد ترانہٕ سمجھان، پَزۍ پآٹھۍ چھُ سُہ
سیٚٹھاہ ہے حلیم تہٕ بخشن ہار۔

## قودرتکہٕ حُسنکی جلوٕ تہٕ خدایہٕ سُنٛدِ رحمتچ بخشآیش۔

ڈیٛور زِ چھ کھنڈ گرِ وبیٚیہ تمن سوالن پیٹھ
غور یم اَمہٕ برونٛہہ گذر یمتۍ چھِ۔ کاینا تہٕ کہٕ
فطرتُک یہٕ سۅرُے حُسن تہٕ حُسنکی جلوٕ کیاز
چھ؟ کیازِ چھے فطرت حسین تہٕ یہٕ کینشہٕ ہا
اَمہٕ نشہٕ ظآہر چھُ سپدان چھُ حُسن تہٕ
جمالہٕ آسان۔ کیا یہ ہیٚکہٕ ہنا بنِتھ زِ زندگی
ہُنٛد کارخانہٕ آسِہ ہا مگر نظرن پٔرزٕلاو وِنۍ رنگ
آسہٕ ہَن نہٕ۔ مُشکِچ عطرتہٕ دِلس پٔریہٕ وُنۍ رنگ
آسہٕ ہَن نہٕ۔ کیا یہ ہیٚکہٕ ہنا بنِتھ زِ یہٕ سۅرُے
کینٛہہ آسِہ ہا مگر سبزارُک تہٕ پوشن ہُنٛد
حُسن تہٕ قُمرِس تہٕ بُلبُلہٕ سُنٛدۍ نغمہٕ آسہٕ
ہَن نہٕ۔ یقینن ہیٚکہٕ ہا دُنیا اَمہٕ ورآے
تہٕ بنِتھ زِ پوشپری سُنٛدِ ہن پٔرن پیٹھ آسہٕ
ہَن عجیب نقش بنِتھ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ خوش

یوٚدوٚی جانور آسہ ہن لنجن پیٹھ بہتھ
بول بوش کران۔ یتہ ہیکہ ہانٛتھ زِ گلی
آسہ ہن مگر قدٕک تھزر چھنہٕ ہشر لنجن
ہُند آسے، ڈیٖھرن ہنٛز سبزی، پوشن
ہنٛز رنگارنگی آسہ سہ ہے نہ۔ اُمیُک کیاہ وجہ
چھُ زِ سارنٕے حیوانن چھُ پننہٕ پننہٕ حالتہ تہ
ماحولہ مطابق مناسب جسم تہ اعضا ہن ہُنٛد
ہشر آسان تہ کانٛہہ وجہ چھُنہٕ یُس نہٕ پننہٕ
شکلہِ تہ نظرن منٛز اکھ خاص قسمُک ہشر تہ
برابری آسہ تھاوان۔ انسان ہُنٛد علمیچ
تہ مکر ہنٛز کوشش ہیٚچھ نہٕ از تام یہ مسلہ
اُنٛزراوتھ زِ تمہ پس سیٖتی کیاہ زِ چھُ
ییٚتہ تحسین۔ مگر قرآن چھُ ونان زِ یہ سورے
چھُ امہِ موکھہ زِ خالق کاینات چھُ "الرحمٰن"
تہ "الرحیم" یانے سُہ چھُ رحمتہٕ وول تہ
تہُندِس رحمتس چھُ ظہور تہ فعل تہ
رحمتُک تقاضہ اوس پئی زِ بخشش آسہِ
فیضان آسہِ، جودتہ احسان آسہِ۔ لہذا
دۄیمہِ اکہِ طرفہ زندگی تہ زندگی ہُنٛد سارے
احساس تہ (جذبات) ییمہ سیٖتی اَسی خوش
یوٚدوٚس تہ کھرٕ وِس منٛز فرق کران تہ چھنہ
تہ جمالہ سیٖتی خوشی تہ فرحت حاصل چھِ کران
بیٚیہ طرفہ کوٚرُن زندگی ہُنٛد کارخانہ پننہِ
حُسنہ کیو جلوو تہ دِلکشی سیٖتی تتھ کٔنی آراستہ
زِ میٚنگ پرتھ کانٛہہ گوشہ چھُ نظرن کیٚنٛژن
خوشی، کٔنن کیٚنٛژن شیرینی تہ روحہ خاطرٕ
آرامُک تہ خوشیہ ہُنٛد سرمایہ بنیومُت۔

فَتَبٰرَكَ اللّٰهُ اَحْسَنُ الْخٰلِقِيْنَ ۝

(۲۳: ۱۴)

(ترجمہ) اَدٕ کوٚتاہ برکتہ وول چھُ سُہ ذات خدایہ
سُنٛز۔ بناون والین منٛز سارِی کھوتہ زیادٕ
حُسن تہ خوبی سان بناون وول۔

"قودرتکی پانے دِتی ہمتی عاشکی تہ آراکی سامانہ تہ
انسانہ سِنٛز ناشکری"۔

اَسی چھِ زندگی ہنٛزن بناوٹی تہ پانے بناوٕ ژن
آسایشن منٛز تیٚتی مشغول گامتی زِ اَسہِ چھُنہٕ
قودرتہ کین راحتن پیٹھ غور کرنک موقعے میلان۔
تہ واریاہ لٹہٕ چھِ اَسی تمن ہنٛز قدر تہ قیمتھ
پرزناوتہ تتہ تہ ستھ پھران۔ مگر ہر گاہ کینٛہ بزرن
ہنٛدِ خاطرٕ اَسی پنٛن پان امہِ غفلتہٕ نشہ ووٚزناوون اَسی
زانو زِ زندگی ہنٛد کاینات کُس حُسن تہ جمال چھُ فطرچ
اکھ سبٕتھاہ بڈٕتہ آنتھ روٚس بخشش۔ تہ اگر

یہ آسِہ ہانہٕ یا آسِہ ہے نہٕ اُمِیُک اِحساس تیلہِ آسِہ ہانہٕ زندگی، چھِنے نہٕ خبر کیا چیز آسِہ ہا۔

ممکن چھُ مونہٕ چھِن بدحالین ہُند اکھ سلسلہٕ آسِہ ہا۔ تِہِس اَکِس کرٕ تو تصوُر زِ دُنی یا چھُ موجوُد مگر حُسنہٕ تہٕ زیبایِشہِ ہُند پوسارٕ وِنے جلوو نہٕ اِحساسوَنِشہِ چھُ خالی۔ آسمان چھُ مگر فضہٕ ہِک اُچھِن خوش یوٕ وُن نیجر چھُنہٕ، تارک چھِہ مگر تِہُند پٕرزُلُن تہٕ گاہ ترٕاوُنکی چلوٕ چھِنہٕ۔ گُل چھِہ مگر سبزی رُوستے۔ پوشُن چھِہ مگر نہٕ رنگ تہٕ نہٕ مُشک، چیزن منز اعتدال، جِسمَن منز ہشر، آوازن منز ترنم، گاشُک تہٕ رنگُک تماشہٕ ہیُو منز چھُنہٕ، کُنہِ چیزُک تہٕ وجوُد نہٕ وَنوا اَسِہ چھُنہٕ یمَن چیزن ہُند اِحساس ہَنا سوچِو اَکِس تِتھِس دُنی یاہس منز زندگی ہُند تصور کوتاہ کھوژوُن تہٕ ہیبتناک منظر چھُ نظرِ تَل اَنان۔ اکھ تِژھ زندگی یتھ منز نہٕ کُنہِ حُسنُک اِحساس آسِہ تہٕ نہٕ آسُن حُسنکی جلوٕ۔ نہٕ آسہٕ نظرن کیُت سروٗرٕ نہٕ کَنن کِژ حلاوت نہٕ آسِہ جذباتن ہنز رِقت تہٕ نہٕ محسوساتن ہنز لطافت۔ یہ چھِے یقیناً مصیبژ تہٕ عذابٕچ اکھ تِژھ حالتھ یتھ سون تصور زندگی ہُنٛد

ناوِ دِنکُ تہٕ جرأت چھِنہٕ ہیکان کرِتھ مگر یِمی قُدرتن اَسِہ زندگی دِژ تِمی زوٗن یہ ضرورٕری زِ زندگی منز سارِی کھوٗتہٕ بٔڈ نعمت یانے حسن تہٕ زیبایش دِتھ تہٕ کرٕ اَسِہ مالامال تِمہٕ دِیُت اَسِہ اَکہٕ اَکھ حسنُک اِیحساس تہٕ دوٕ بیمہٕ اُتھ بنووُن سورُے دُنی یا اَکھ حُسنُک جلوٕ۔ یہ آسِہ حقیقتھ چھِنے یوٕ رحمنکہٕ موجوٗد آسنُک یقین دِیاوان چھِنے اگر زندگی ہِنٛدِس پٕرٕدَس پتہٕ کُنہِ صرف خالقیتِے یا آژ آسِہ ہا، رحمت آسِہ ہا نہٕ۔ یانے پأدٕ کرنُک تہٕ پأدٕ کرِتھنُک قوت آسِہ ہا مگر فایدٕ دِین تہٕ فایض واتناونُک اِرادٕ آسِہ ہانہٕ تیلہ آسِہ ہانہٕ زندگی ہِندِس کاینادس منز فِطرت کِہ فضلک نہٕ اِحسانک یہ عالمگیر مظاہر تہٕ

اَلَمْ تَرَوْا اَنَّ اللّٰهَ سَخَّرَ لَكُمْ مَّا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ وَاَسْبَغَ عَلَيْكُمْ نِعَمَهٗ ظَاهِرَةً وَّبَاطِنَةً ۭ وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يُّجَادِلُ فِي اللّٰهِ بِغَيْرِ عِلْمٍ وَّلَا هُدًى وَّلَا كِتٰبٍ مُّنِيْرٍ ۝

(۳۱ : ۲۰)

(ترجمہ) کیا تۄہہِ کوٚرُونہٕ اَتھ کتھہِ پیٹھ زانہہ تہٕ غور

زِ یہ کینژ چھا آسمانن مَنٛز چھُ تہٕ یہ کینژ چھا زمینس
مَنٛز چھُ تہٕ سورُے چھُ خدا ین تہٕنٛدِ خاطرٕ مسخر
کوٚرمُت تہٕ پنٛنہ سارے نعمژ ظاہر پاٹھۍ تہٕ
باطنہٕ پاٹھۍ تہٕ پورٕ کرمژ۔ انسانن مَنٛز چھِ تِتھۍ
کینہہ لُکھ ییم خدا یہ سِنٛدِس معاملس مَنٛز جھگڑٕ کران
چھِ امہٕ ورٲے زِ تِمن آسہٕ ہا کانہہ علم یا
کانٛہہ ہِدایتھ یا کانٛہہ رٛوشن کتاب۔

انسانی طبیعتھ چھے یہ عالمگیر کمزوری
زِ یوٚتام نہٕ تس نِشہٕ اکھ نعمت چھے اُتھہ ہِنٛنہٕ،
یوان توٚتام چھے نہٕ تس قدرٕ یوان تہٕ سُہ چھُنہٕ
تمہٕ کہ قیمتک پورٕ پورٕ اندازٕ ہیکان کٔرِتھ توٚہۍ
چھِوٕ وچھمٕتۍ ہِتھ بسان اوے چھُ توہہ
نِشہٕ ساری کھوتہٕ بے قدر چیز آب مگر ہر گاہ
یوٚ ہے آب توہہ ژٕ دوہن ۲۴ گانٛٹن میلہٕ نہٕ اُتی
زانِو توٚہۍ امِچ قدر تہٕ امیُک قیمتھ کوتاہ چھُ
یوٚہے حال چھُ قدرتکہ حُسنک تہٕ تمہٕ کہ فیضک
تہٕ نعمتک عام تہٕ بے پرد جلوٕ چھُ راتس دوہس
تہٕنٛزَن نظرَن تَل یوان۔ اوے چھِنہٕ توہہ تہٕنٛز
قدر تہٕ تہٕنٛد قیمتھ محسوس گژھان۔ صبح چھُ
پٕنُن جلوٕ ہاوان تہٕ دوہ ہے ہاوان۔ اوے چھِوٕ
نہٕ توٚہۍ بسترٕ پیٹھہٕ کلہٕ تھوٚدٕ تُلنُک ضرورٕ تھ
محسوس کران۔ زُوٚن چھے ہمیشہ پنٛنہ حُسنہٕ
سان پیٹھ ژلان۔ اوے چھِو توٚہۍ دارِ دِتھ
شونٛگان مگر ییلہ یمے رٲژ تہٕ دوہ کٔی قدرتی
جلوٕ تہٕنٛزَو نظرو نِشہٕ غائب چھِ گژھان
یا توہہ مَنٛز چھِنہٕ یہنٛدِ وُچھنک یا بوزنک
طاقتھ باقے روزان اَتی سوٗنچِو توٚہۍ تہٕنٛدِ ین
احساسن ہنٛز حالتھ کیا چھے آسان۔ کیا توٚہۍ
چھِوٕ نا محسوس کران زِ ییمو منٛز اوس یژھ کانٛہہ
چیز زندگی ہِنٛد اکھ حد کھوتہٕ زیادٕ موٗلُل سرمایہ
تہٕ زندگی گذراونچ اکھ بڈ کھوتہٕ بڈ نعمت یُس روٗد
مُلکہٕ کین روزن والین پیٹھ زٕ ژھی توٚہۍ یتہٕ وُری یک
زیادٕ حصہٕ اوٚبرس تَل گذران چھُ کیا آفتابچ
ژٕژ کھوتہٕ تہٕ ہیکیا زندگی ہنٛز کانٛہہ خوشی
آسِتھ؟ اکس بیمارس پیٹھ ژھی توٚہۍ یُس
پھیرتھ تھوٚرتھ تہٕ وُچھتھ چھُنہٕ ہیکان تہٕ
بیمارٕ ہِنٛدِس بسترس پیٹھ چھُ پیتھ یُس
وُنہٕ زِ آسمانہ کہ صاف تہٕ نیلہٕ فضہٕ ہُک اکھ نظارٕ
کٲژاہ بڈرٲحت تہٕ سکونٕچ دولتھ چھُ۔

اکھا اوٚن یُس نہٕ پانٛہ آسی اوٚن اوس
ہیکہٕ نہٕ توہہ وُنتھ زِ آفتابک گاش باغک
تہٕ چمنک بہار وُچھنہٕ ورٲے زندگی گذارنی

کاڑانا قابل برداش مُصیبتھ چھےٚ۔ توٚہی چھوٚ وار یاہ لٹہٕ زندگی ہٕنزٕ مصنوعی آسائشن ہٕنٛدِ خاطرٕ ترسان تہٕ خیال چھوٚکران زٕ زندگی ہٕنٛزٕ ساری کھوٚ تہٕ بدٕ نعمت چھےٚ سوٚ یہٕ تہٕ روٗپہٕ ڈیر تہٕ جاہ و حشمتچ نمائش۔ مگر توٚہہ چھوٚ مٔشِتھ گژھان زٕ زندگی ہٕنٛزن حقیقی خوشین ہُنٛدیُس قوٗدرتی ساماہٕ فطرتن پٔرتھ مخلوقہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ یادٕ کٔرِتھ چھُ تھوٚوٗمُت نمہٕ کھوٚ تہٕ تھوٚدُس عاشُک تہٕ خوشی ہُنٛد سامانہٕ ہیکہِ دُنی یاکہ دولتہٕ تہٕ حشمتہٕ سیتی حاصِل گژھِتھ۔ اگر اُکِس اِنسانس یہ سوٗرُے کینہہ میسر آسہِ تہٕ تمہِ پتہٕ کیٛا چھُ پرٕ روزان یتھ دُنیاہس منٛز دوٚہے آفتاب آسہِ پرٕزلان۔ ییتہِ صبح آسہِ دوٚہے آسان تہٕ شام آسہِ دوٚہے راتھ ہٕنٛدِس پردس

منٛز ژورِ روزان۔ یمہِ چہ راتھ آسمان چھوٚ مشالو سیتی سجاوِتھ آسن تہٕ یمیک زوٗنہ گاش حُسنہٕ کہِ پرتو سیتی دُنیاہس پرٕزٕلاوان آسہِ۔ یمیُک بہار سبزارو تہٕ پوشو سیتی بٔرِتھ آسہِ۔ ییتہِ دجہِ ڈار آسن شولہٕ وٕنہٕ فصلہٕ سیتی بھٔری بھٔری۔ یتھ دُنیاہس منٛز گاش پرٕزلہٕ وُن چھُ، رنٛگ قسمہٕ قسمہٕ چھِ۔ خوشبوٗ پھالہٕ وُن چھُ تہٕ موسیقی چھُ یُن نغمہٕ تہٕ لے کیٛا تمہِ دُنیاہُک روزن وول ہیکیٛا زندگی ہٕنٛزٕ آسائشہِ نشہِ محروم تہٕ کُنہِ نعمتہِ نشہِ مُفلِس آسِتھ۔ کیٛا کُنہِ اُچھ خاطرٕ یوسہِ وُچھنہٕ آسہِ ہیکان تہٕ کُنہِ دماغہٕ خاطرٕ یُس محسوس آسہِ کٔرِتھ ہیکان۔ چھا یتھس دُنیاہس منٛز نامرادتہٕ بدبخت آسہٕ نچ شکایتھ کٔرنی جایز؟ قُرآن چھُ جایہ جایہ انسانس تہٕنٛدِس اتھ کُفرانِ نعمتس کُن حس دیُت مُت۔

وَ اٰتٰکُمْ مِّنْ کُلِّ مَا سَاَلْتُمُوْہُ ؕ وَ اِنْ تَعُدُّوْا نِعْمَتَ اللّٰہِ لَا تُحْصُوْھَا ؕ اِنَّ الْاِنْسَانَ لَظَلُوْمٌ کَفَّارٌ ؒ

(۱۴ : ۳۴)

پتہٕ دِتی تمہٕ توٚہہ تمہٕ ساری چیز یم توٚہہ ضروٗرژی آسوٚ تہٕ اگر خدا یہٕ سٕنٛزٕ نعمژٕ گنٛزراوتہٕ یٔژہٕ ھو تمہٕ چھےٚ تیٚژٕ زیٛمہٕ توٚہی زانہٕ گنٛزرِتھ ہیکوٚ تہٕ۔ پٔزی پاٹھی چھُ انسان سیٹھا نا انصاف تہٕ ناشُکرُ گُذار۔

# جمالِ معنوی یا رُوحانی یا اصلی حُسن

اوپتہ ترآوو فطرت چہ بخشائش جمالہ
کِس اتھہ گوشش پیٹھ تہ نظر زِ تمی پیٹھہ کٔرِ
جِسمس تہ شکلہ حُسن تہ زیبائش بخشمژ
چھےٚ۔ ییٚھے کٔنی چھُن ہیچ اصلیتھ تہ جمالِ معنوی
سیتی آراستہٕ کرمژ۔ جسمک تہ شکلہ ہنْد
جمال چھُ پٔرتھ وجودٕکِس قد و قامتس تہ اعضاہن
تہ اُنھن کھورن منز اَسہٕ تناسب وقفے معنویتک

وَاللّٰهُ أَخْرَجَكُم مِّن بُطُونِ أُمَّهَاتِكُمْ
لَا تَعْلَمُونَ شَيْئًا وَجَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ
وَالْأَبْصَارَ وَالْأَفْئِدَةَ لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُونَ

(۱۶ : ۷۸)

جمال چھُ یہ کہ پٔرتھ چیزکِس کیفینس تہ باطنی
قوتن منز آسہ اعتدال، اُمے کیفیتہ کہ اعتدالہ
سیتی چھ خواص تہ فوآید پادٕ گژھان تہ یوہے
اعتدال چھُ یمی حیوانن منز ادراکی تہ حواسن
ہندی قوت بیدار کری تہ پتہ انسانہٕ ہنْدِس
درجس پیٹھ واتتھ زوٗلن عقلہ تہ فکرٕ ہنْدِ
جوہرک ژونگ۔

ییٚہ وُچھو یہ چھےٚ خدایہ سٕنزِ رےکامہ زتو ہی چھو
پننِ ماجن ہنْدِ شکمہٕ نش پادٕ گژھان، تہ توہہ چھو
نہ کُنہ قسمُک حِس ہوش آسان مگر تمی بناوی تُہنْدِ
خاطرٕ وُچھنک تہ بوزنک حواس تہ سوچنہٕ تہ سمجھنہ
خاطرٕ دِژ تو عقل یتھہ تہٕ ند امہٕ نعمتکی شُکر گذار رُوزِو

زندگی ہندِ کائناتکی اسرار تہ تمیک زاوی جار چھ
بے شمار مگر حیوانی رُوحُک جوہر ادراک چھ زندگی
ہنْد ساری کھوتہ زیادٕ مُشکل شرٕ کھ۔
حیوانہٕ نے منز چھ کیمی کرٕ اَل نام پٔرتھ قسمُک
احساس تہ عقل تھوان۔ تہ انسانی دِماغہ
کِس خلوتس منز چھُ عقلہ تہ فکرٕ ہنْد ژونگ
دزان۔ یہ احساسُک یہ ادراکُک تہ عقلہ ہنْد

قوت کتھہ پاٹھی گوٚ پادٕ۔ مادی عناصرن ہنْز ترکیبہ
تہ رٕلنہٕ سیتی کتھہ کٔنی گوٚ سہ اکھ تیتھہ جوہر پادٕ
یُس نہ مادٕ چھُ۔ رسے یہ کُن وُچھو تُہنْد دِماغک
بجر مادٕ آسہٕ تہ پتہٕ کھوتہ بناز یادٕ مگر مادٕکِس
اُمِس حقیر ترین عصبی ذرس منز نہ چھُ احساس
تہ ادراک، میژنت تہ استقلال ترتیب تہ
تناسب نظم تہ ضبط، صنعتہ تہ اختراعکی ساری

قوت پوشید آسان۔ تہٕ سو چھہ پننہٕ ہنو پننہٕ عجیب کامو سیتی اَسہِ مرعوب تہٕ حٲران کران، ما چھہ تمہِ ہنٛز کامہ تہٕ چھےٚ دوہے تہٕ ہنٛزن نظرن تل یوان۔ یہ کٔس چھُ یمی اَکِس لوکچہ تُکرِ منٛز نامیرک تہٕ تخٔینک یُتھ نظیمہٕ وول قوت پاد کوٚر۔ قرآن چھُ وَنان زِ یہ چھُ اُوسبہٕ زرحمتُک تقاضہٕ اوس جمال تہٕ ضوٚروری اوس زِ یتھہٕ کٔنٛزنتمی صوٗرتکہٕ جمالہٕ سیتی (دُنیاہ) چھُ آراستہٕ کوٚرمُت تیتھے کٔنٛزکرِ سُہ تتھ معنوی یا اَصلی جمالہٕ چھو بخشاٲیشو سیتی تہٕ مالا مال۔

ذٰلِكَ عَالِمُ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ الْعَزِيزُ الرَّحِيمُ ۝ الَّذِي أَحْسَنَ كُلَّ شَيْءٍ خَلَقَهُ ۖ وَبَدَأَ خَلْقَ الْإِنْسَانِ مِنْ طِينٍ ۝ ثُمَّ جَعَلَ نَسْلَهُ مِنْ سُلَالَةٍ مِنْ مَاءٍ مَهِينٍ ۝ ثُمَّ سَوَّاهُ وَنَفَخَ فِيهِ مِنْ رُوحِهِ ۖ وَجَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ وَالْأَبْصَارَ وَالْأَفْئِدَةَ ۚ قَلِيلًا مَا تَشْكُرُونَ ۝

(۳۲ : ۶ - ۹)

یہ چھُ محسوسات تہٕ غٲر محسوسات ہنٛد زانن وول عزیز تہٕ رحیم یمی یُس تہٕ چیز بنوو حُسنہٕ تہٕ خوبی سان بنوون۔ چنانچہ یہ چھےٚ تہٕ ہنٛزے قودرتھ تہٕ حکمتھ زِ انسان سُنٛز پاداٲیشی تُلُن مٔژِ سیتی دِس۔ اَدٕ پتہٕ کوٚرُن تس سنٛدِ زینُک تہٕ پرٛسنک سلسِلہٕ خوٗنہٕ کہ جوہرٕ سیتی قٲیم یُس اَکھ ناچیز ہیو قطرٕ چھُ۔ اَمہِ پتہٕ شیرِن تہٕ ہنٛدی ساری قوت تہٕ پننہٕ روٗح (منٛز اکھ قوت) تَرٛوونس پھوکھ دِتھ تہٕ یتھہٕ پاٹھی کٔرِن تہٕ ہنٛدِ خاطرٕ بوزنٕکی وُچھنکی تہٕ فکر کرنکی قوتا پاد مگر افسوس انسانہٕ سنٛدِس غفلتس پیٹھ۔ سٹھا کم چھُ یہ بنان زِ سُہ آسہِ خدا یس سنٛد رحمتُک شکر گذار۔

## بقاءِ انفع (نفع دِنہٕ والیُک باقی روزُن)

مگر زندگی ہنٛدِ کٲناتک یہ بنُن، یہ حُسن تہٕ یہ وونُلُن ہیکیا ہانہٕ ڈنجہِ روزِت اگر اتھ منٛز رُت زندٕ روزنُک تہٕ خراب ختم گژھنُک اکھ اٲلی قوت کٲم کران روزِہانہٕ۔ یہ قوت کیا چھُ؟ یہ چھُ فطرتک انتخاب تہٕ فطرت چھےٚ ہمیشہ ژٲر کران روزان سُہ چھُ پرٛتھ گوشس منٛز رٕژر تہٕ جانٛہر باقی تھوان تہٕ خرابی تہٕ نوقص نہٕ یہ ناوان۔ اَسی چھےٚ نہٕ قودرتہٕ چہ اَمہِ ژٲرٕ نہٕ بے خبر۔ اَسی چھِ اتھ بقاءِ اصلح وَنان

صلح یانے رٹنہ کھوتہ رٹ (Intellect F) مگر قرآن
چھ "بقاء اصلح" بدلہ "بقاء انفع" ونان۔
سہ چھ ونان ینہٕ جمالہ کس تہٕ فائضہ کس
کارخانس منز چھ صرف سے چیز باقی یوان
تھونہ ییتھ منز نفع آسہ تہ نکیاز ییتہٕ چھے رحمت
کام کران تہٕ رحمت چھے پرٛتھان زِ فائدٕ تہٕ فائض

گرٛزہ آسُن۔ سو چھیے نہٕ خرابی تہٕ نقصان ییتہٕ
رآوتھ ہیکان۔ تو ہی چھیو سون تھاجہ منز تر آوتھ
نارس پیٹھ تھاوان۔ کھوٹ چھ دزان تہٕ شوٗد
سون چھ باقے روزان۔ یہے آسے مثال چھیے
فطرت کہ انتخابچ۔ کھوٹس منز اوس نہٕ نفع سہ
آو نابود کرنہ سونس منز اوس نفع سہ روٗد باقے

أَنزَلَ مِنَ السَّمَاءِ مَاءً فَسَالَتْ
أَوْدِيَةٌ بِقَدَرِهَا فَاحْتَمَلَ السَّيْلُ
زَبَدًا رَّابِيًا ۚ وَمِمَّا يُوقِدُونَ عَلَيْهِ
فِي النَّارِ ابْتِغَاءَ حِلْيَةٍ أَوْ مَتَاعٍ زَبَدٌ
مِّثْلُهُ ۚ كَذَٰلِكَ يَضْرِبُ اللَّهُ الْحَقَّ وَ
الْبَاطِلَ ۚ فَأَمَّا الزَّبَدُ فَيَذْهَبُ
جُفَاءً ۖ وَأَمَّا مَا يَنفَعُ النَّاسَ فَيَمْكُثُ
فِي الْأَرْضِ ۚ

(۱۳ : ۱۷)

پروردگارن تر وو آسمانہٕ پیٹھہ روٗد تہٕ کولن تہٕ نالن
منز پیٛو گنجائش آس تیوٗت بھرِن تم (مگر زمینچ
کثافتہ رلنہ سبب) یوناہ پوٗس پیٹھ کُن کھوتمُت اوس
سہ نیوٗ سیلابن پیٛر۔ ییتھے کنی ییلہ زیور یا کُنہ قسمک
سامانہ بناونہ خاطر (مختلف قسمکی دھات) نارس منز
تاوان چھ نتہ تہٕ چھ پوٗس کھسان تہٕ مل ول دِزِتھ
الگ نیران۔ ییتھے کنی چھ خدا تہٕ باطلچ مثال بیان
کران۔ پوٗس گژھہ ضایع (تکیاز تتھ منز اوس نہٕ نفع)
ییتھ منز انسانس کیوٗت نفع آسہ تہٕ روز زمینس پیٹھ باقے

## تدریج تہٕ امہال (وارہ وارہ تہٕ موہلتہ سان)

ووٚنی اگر زٕ یاد غورٕ سان وُچھو تو درٕ نہ کینہ
عاملن ہنٛد فائدٕ یچ حقیقتھ چھے نہ تیٛلہ کینہہ
ہمہ یے مظاہرن پیٹھ موقوف ٹلکہ زندگی

ہنٛدِ کارخانہ کین سارنے اعمالن تہٕ قوتن
ہنٛد چھ یوہے حال۔ تو ہی چھو وُچھان زِ فطرتکی
ساری قوتن چھ پننس نوعیتس منز تمہ طریقہ

موجوٗد۔ اگر لفظن منٛز تمن ہنٛز وضاحت کرٕنی
یِیہِ صرف ہیٚکو تمن فطرت کہِ فضلہٕ تہٕ رحمتہٕ
کٕے ناو دِتھ۔ ییٚہ کانٛہہ ناو ہیٚکہِ نہٕ میلتھ۔
مثلن تہنٛدین قوتن ہنٛد عمل چھُنہٕ زانٛہہ جلد
نہٕ ہنٛگہٕ منٛگہٕ سپدان۔ سوٗ یہِ کینٛژھا کران
چھےٚ تہٕ چھےٚ کران وارٕ وارٕ تہٕ تدریجہٕ سان تہٕ
اَمہِ تدریجی طرزِ عملن چھُ دُنیاہکہِ خاطرٕ موہلتُک
تہٕ ڈیجرُک فائدٕ پادٕ کوٗرمُت۔ یانے تُہنٛد یِژھ
کانٛہہ قونوٗن چھُ فرصتن پیٹھ فرصت دوان
تہٕ تُہنٛد یِژھ کانٛہہ فعل چھُ عفوٗک تہٕ بخشایشُک
ہُنٛد دروازٕ آخرس تام وٗتھ تھاوان۔ بے
شک چھِ تہنٛدی قونوٗن اَٹل تہٕ نافذ گژھن
وٲلی، یمن ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ ردّ و بدل گژھتھ۔

مَا یُبَدَّلُ الْقَوْلُ لَدَیَّ۔ (۵۰ : ۲۹)
اَسہِ نِشہِ یوٚسہٕ کتھ اکہِ لٹہٕ مُقرر آیہ کرنہٕ سوٗ ہیٚکہِ نہٕ پَتہٕ زانٛہہ نہٕ بدلِتھ۔

تہٕ اَدٕے چھو توٗہی خیال ہیوان کرُن زِ یمن ہُنٛد
قطعی یا کامِل آسُن چھُنہٕ بے رحمی نِشہِ خٲلی مگر
توٗہی چھوٕ نہٕ سوچان زِ یم قونوٗن پننہِ نفاذس
منٛز پیٚتی قطعی تہٕ بے پرواہ چھِ پننہِ نوعیتہٕ کنی
کانٛہہ چھِ تیمے عفو تہٕ درگذر موہلتھ، بخشش
تہٕ اِصلاح کرنُک روٗح تھوان۔ اَدٕے
چھُ پیٹھ کنہِ لیکھی مٕتس آیس منٛز مَا یُبَدَّلُ
الْقَوْلُ پتہٕ فورماونہٕ آمُت:۔

وَمَا اَنَا بِظَلَّامٍ لِّلْعَبِیْدِ (۵۰ : ۲۹)
مگر یہِ تہٕ چھُنہٕ زِ اَسی کیا آسوٚ بنٛدن پیٚٹھ ظُلم کرن وٲلی۔

فطرت اگر یِژھ ہا یِژھ کانٛہہ حالتھ گژھہ ہا اَکے
ساتہٕ ظٲہر تہٕ تہنٛدین قونوٗنن ہنٛد نفاذ گژھِ
ہا جلد تہٕ ہنٛگہٕ منٛگہٕ۔ مگر توٗہی چھوٕ وُچھان تہٕ چھُنہٕ
سپدان۔ یِژھ حالتھ یِژھ تاثیر تہٕ یِژھ
کامہِ ہنٛد ظہور تہٕ بلوغہٕ خٲطرٕ چھُ اکھ خاص
مدت مقرر کرنہٕ آمُت۔ تہٕ ضروٗرٕ ژی چھُ زِ
وارٕ وارٕ تہٕ پادٕ پادٕ ین مختلف منٛزل برٛونٛہہ
کُن۔ یِتہٕ چھِ یِژھ منٛزِلس پَنُن نشانہٕ تہٕ
علامژ۔ یم پنہٕ والیو نتیجوٕ نِشہِ خبردار کران
چھےٚ روزان۔ زندگی تہٕ موت کیٚن قونوٗنن پیٹھ
سوٗنچِو۔ کِتھ کٕنی چھےٚ زندگی وارٕ وارٕ پھانٛپھہ
لان تہٕ وارٕ وارٕ مختلف منٛزِلو گُذران۔ تہٕ کِتھ
کٕنی چھُ موت خرٲبی تہٕ کمزوٗری ہُنٛد اکھ زیٖٹھ
زیوٗٹھ سلسلہٕ۔ یُس گوڈٕ پیٹھے شروٗ چھُ گژھان
تہٕ وارٕ وارٕ مختلف منٛزِلو نیران تہٕ پوٗتس بجرس
تام واتان چھُ، توٗہی چھِو بد پرہیزی کران

اَمہِ سٕتی چھُو نہٕ تۆہی تمی ساتہٕ مران ٹیٚکہ وارٕ وارٕ چھِو موتَس کُن پکُن ہیوان تہٕ پۆتُس اَکِس خاص مُدتَس منٛزٕ یُس پٔرتھ وِزِ ہیٚتھوٗے چھُنہٕ آسان وارٕ وارٕ وَسان تہٕ موتہٕ چہ کو چھِہ منٛزٕ لاینہٕ یوان ۔ نباتاتن کُن وُچھِو گُلبن اگر سٕنگ چھِنہٕ واتان یا بیٚیہ کانٛہہ نوقصان یا خرابی چھکھ گژھان یہ چھِنہٕ سپدان زِ تمی ساتہٕ ہو کھَن یا وو دٕہتی ووٕ دٕنی پیٚن وُسِتھ ۔ ٹیٚکہ چھِہ وارٕ وارٕ ژَمُن ہیوان ۔ تہٕ پتہٕ گُنِہ خاص وقتس منٛز یُس مُقرَر چھُ کرنہٕ آمُت یا تہٕ بالکل ہو کھان نتہٕ چھکھ مُولَن سوٗ سٕر لگان یا وُسِتھ پیوان ۔

## قرآنی اصطلاحس منٛز "اجل" ۔

یوٗہے حال چھُ کائناتہٕ چین سارِنے تبدیلین ہُنٛد تہٕ اَثرٕ رٕٹہٕ نگُ ۔ کانٛہہ تبدیلی چھےٚ نہٕ سوٗ یوٗسہٕ نہٕ وارٕ وارٕ آسہٕ سپدان ۔ پٔرتھ کانٛہہ چیز چھُ وارٕ وارٕ بنان تہٕ پتھے کُنِہ وارٕ وارٕ بِگران ۔ بنان آسِتن یا بِگڑان ، یہ ہیٚکہ نہٕ بنِتھ زٕ اَکھ خاص مُدت گذرنہٕ ورٲے کیٛشا ہیکہ کانٛہہ حالتھ تہٕ پننس کامِل صورتس منٛزٕ نٕنیر تھ ۔ یہ مُدت یُس پٔرتھ حالتہٕ کہ ظہوٗرٕ خاطرٕ تمیٛک "اجل" یانے گنٛڈِتھ وقت چھُ پٔرتھ جایہ تہٕ پٔرتھ حالتس منٛز بیٚون بیٚون ۔ کینٛژن حالتن منٛز چھُ یہ تیوٗت زیوٗٹھ زِ بنَنہٕ وقتہٕ کہ حسابہٕ ہیکو نہٕ اَسی سُہ گنٛزٕرِتھ ۔ قرآن چھےٚ یتھِہ کُنِہ اَہم تشریح کرٕ مژ زِ یتھہ مُدتس تۆہی بنَنہٕ حسابہٕ اَکھ دوہ چھِوزانان اگر تتھہ اَکھ ۱۰۰۰ ساس وٕری یا پنٛژاہ ۵۰۰۰۰ ساس وٕری تصوُر کرَو تہٕ یتھِو دوہو سٕتی یِم رٔنتھ تہٕ وٕری بنَن تِم کائناتس ٹھۄ آسَن ۔

| | |
|---|---|
| وَاِنَّ یَوْمًا عِنْدَ رَبِّکَ کَاَلْفِ سَنَۃٍ مِّمَّا تَعُدُّوْنَ ۝ (۲۲ : ۴۷) | بےشک تُہنٛدِس پروردگارٕ سٕندِس حسابس منٛز چھُ اَکھ دوہ یک مُدت تیوٗت یوٗت تُہنٛدِ حساب اَکھ ساس وٕری چھُ ۔ |

## تکویر :-

یوٗہے چھُ فطرتُک سُہ تدریجی طرزِ عمل یتھ قرآن "تکویر" وَنان چھُ یانے ولنہٕ یُن ۔ سُہ چھُ وَنان زِ اچانک دٕہلِ گاش ینہٕ تہٕ ہٕنگہٕ منٛگہ

رآژ ہێنز اَنہٕ گٹہٕ دوٚ تلنہٕ بجایہ چھُ قوُدرتن رآژہنٛد
نہٕ دُہک ظہوٗر تیتھہ وارٕ وارٕ پکہٕ وُن بنوٚ مُت

زباسان چھُ زرانتھ چھِے وارٕ وارٕ دوٚ ہس پیٹھ
وٚلنہٕ یوان تہٕ دوہ چھُ ہێنہٕ ہێنہٕ رآژ پیٹھ وٚلنہٕ یوان ۔

خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ ج
یُکَوِّرُ الَّیْلَ عَلَی النَّہَارِ وَ
یُکَوِّرُ النَّہَارَ عَلَی الَّیْلِ
وَسَخَّرَ الشَّمْسَ وَالْقَمَرَ ط
کُلٌّ یَّجْرِیْ لِاَجَلٍ مُّسَمًّی ط ۵

(۳۹ : ۵)

خدا ین چھِ آسمان تہٕ زٔمین حِکمتہٕ تہٕ مَصلحتہٕ سان پاآدٕ
کرٕی متی۔ تمی چھُ راتھ تہٕ دوہ اَکھ اَکس پتہٕ یوان روزنک
انتظام کوٚرمُت زِ راتھ چھِے دوٚ ہس وَلنہٕ یوان تہٕ دوہ
چھُ رآژ پیٹھ وَلنہٕ یوان تہٕ آفتاب تہٕ زوٗن دوشوٕے چھِ
تٔہنٛدی قوُدرتَن (اَکِس خاص انتظامَس ماتحت) مسخر کرٕی متی۔
سآری چھِ (پنٔنہٕ پنٔنہٕ جایہ) پننس مقرر وقتَس تام حرکتس مَنز۔

قرآن چھُ اَتھ ہێنہٕ ہێنہٕ کآم پکہٕ نادنس فآیدٕ
تُلنک موقہٕ دِیُن ڈیچر تراوُن، عفو کرُن تہٕ مآفی دِنی
تہٕ اَکِس خاص وقتس تام زندگی ہێنز موہلتھ دِنی
وَنان۔ بییہ چھُ ونان یہ چھُ امہٕ سبہٕ زِ زندگی ہنٛدِ
کآئناتس مَنز چھِے فضلچ تہٕ رحمچ مشیّت کآم
کران تہٕ سُہ چھُ یژھان پژتھ غلطی شیرنہٕ خآطرٕ
پژتھ کانٛہہ نوقصان پوٗرٕ کرنہٕ خآطرٕ، پژتھ رِکنہٕ پتہٕ
کھور ڈٔھہراونہٕ خآطرٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ تہٕ بییہ تہٕ بییہ

اِصلہٕ ہِچ موہلتھ دِنہٕ بینی تہٕ تمیُک درواز گژھِہ نہٕ کآنٛسہِ
پیٹھ بند گژھُن ۔

## اَجلِچ موہلتھ

سُہ چھُ ونان زِ اگر تدریج تہٕ اِمہالچ
یمہٕ فُرصتہٕ تہٕ بخشِشہٕ آسہٕ ہَن نہٕ دُنی یا ہس مَنز ہیکہ ہا
نہٕ اَکھ وجوٗد تہٕ زندگی ہنٛدِ فُرصتہٕ نِشہٕ فآیدٕ تُلِتھ۔ پژتھ
غلطی، پژتھ کمزوری، پژتھ نوقصان تہٕ پژتھ خرآبی
ہیکہ ہا ہنٛگہ مَنٛگہ تہٕ اَکی ساتہٕ برآدی تہٕ ہلاکتُک سبب بنِتھ۔

وَلَوْ یُؤَاخِذُ اللّٰہُ النَّاسَ بِمَا کَسَبُوْا مَا
تَرَکَ عَلٰی ظَہْرِہَا مِنْ دَآبَّۃٍ وَّلٰکِنْ یُّؤَخِّرُہُمْ
اِلٰٓی اَجَلٍ مُّسَمًّی ج فَاِذَا جَآءَ اَجَلُہُمْ
فَاِنَّ اللّٰہَ کَانَ بِعِبَادِہٖ بَصِیْرًا ۵ (۳۵:۴۵)

تہٕ انسان یِہ کینٛژھا پنٔنہٕ عملہٕ سیتی کمآے چھُ کران اگر خدا یِہ تتھ پیٹھ
(تمی ساتہٕ) رٹہ ہا تیٚلہِ ین گروُزِمین چہ تھٔر پیٹھ روزِ ہا نہٕ اَکھ زوُ
ذات تہٕ زند مگر (یہ چھِے تٔہنٛز رحمت زِ) تمی چھِے اَکِس خاص
وقتس تام زندگی ہێنز فرصت دِتھ تھوٚومژ۔ البتہٕ ییلہٕ سُہ مقرر
وقت ییہِ (تویتہٕ تھٔوو یاد) خدا چھُنہٕ پنٔنین بندن ۂنزِ عملہٕ نِشہٕ
بے خبر۔ تٔہنٛز نظر چھِے پژتھ ساتہٕ تہٕ پژتھ حالتس مَنز سوٗرے کینہہ وُچھان

## تدریج تہٕ امہال چھُ نیکی یہٕ تہٕ بدی یہٕ دوشوٕنی کیُت

قودرٔتی طور چھُ یہ ڈیجر نیکی یہٕ تہٕ بدی یہ دوشوٕنی کیُت نیکی خاطرٕ اَدسبہٕ ییتھ بییہ

کُلًّا نُّمِدُّ هٰٓؤُلَآءِ وَهٰٓؤُلَآءِ مِنْ عَطَآءِ رَبِّكَ ۚ وَمَا كَانَ عَطَآءُ رَبِّكَ مَحْظُوْرًا ۝

( ۱۷ : ۲۰ )

ہَن پھانپھلہٕ تہٕ بدی خاطرٕ اَدسبہٕ زٕ نصیحتھ رٔٹہٕ تہٕ خبردار گژھتھ کرٕ اصلہٕ یُک تہٕ درستی ہُنٛد سامانہٕ

یِمَن لوٗکن تہٕ تہٕ ہُمَن لوٗکن تہٕ (یانے نیکن تہٕ تہٕ بدَن تہٕ) سارِنے چھُ تہٕندِس پروردگارٕ سنٛز بخشِشہِ منٛز حِصہ ملان ۔ تہٕ تہٕندِس پروردگارٕ سنٛز بخشش چھِنہٕ کانٛہہ پیٹھ بند ۔

---

اگر فطرتہٕ کین قونوٗنن ہٕنٛدِس دِتی منتِس موٗلنِس فایدٕ تُلتھ نوقصانک تہٕ خرابی ہُنٛد اِصلاح کَرنہٕ ییہ مثلن توٗ ہہٕ آسو بدپرہیزی کرمژ سوٗ تراوِ تہٕ تیٚلہ چھُ تمی فِطرتُک یہٕ تہٕ قونوٗن زِ سُہ چھُ اِصلاح تہٕ تلافی ہٕنٛز پترٕ تھ کانٛہہ کوٗشش قبوٗل کران تہٕ نوقصانکی تہٕ خرابی ہٕنٛدی یِم نتیجہ وٕ تلنی آسن ہیٚتی منتی تہٕنٛد بییہ ہن و وٕ تلن چھُ نِتھے بَند گژھان ۔ یُتےٚ یوٗت نہٕ ٔلی کہ اگر اصلاح وقتس پیٹھ نہٕ وارٕ پاٹھی کرنہٕ چھُ آمُت تیٚلہ گژھن

ہٕتم مُضر اَثرات تتھہٕ پاٹھی غاب زنتہٕ کانٛہہ خرابی گیمژے آس نہٕ ۔ مگر ہَرگاہ فطرتچہ بیمہٕ دِژمژ مُہلژ ضایہٕ گَیہٕ، تہٕنٛزن پھِری پھِری تہٕ وِز وِزٕ نصیحتَن نہٕ دراونہٕ کانٛہہ ثَر (نتیجہٕ) تیٚلہ چھُ سُہ پٔرزی پاٹھی ہٕتم حدنوٗن نیران بوٗنتھ وآتتھ فِطرت ہِنٛزی ہٕتم فاصلہٕ دِوان چھِہٕ ۔ ادِ یٚلہ سُہ یُن فاصلہٕ دِوان چھُ تیٚلِہ چھُنہٕ تتھ منٛز اَچھہ ٹٕہ وارُک ژیر ہیکان گژھتھ تہٕ تہٕ چھُ کُنہٕ پاٹھی تتھ منٛز ڈیچر یا پھیر گژھان ۔

---

فَاِذَا جَآءَ اَجَلُهُمْ لَا يَسْتَاْخِرُوْنَ سَاعَةً وَّلَا يَسْتَقْدِمُوْنَ ۝

( ۱۶ : ۶۱ )

پتہٕ ییٚلہٕ تہٕنٛد مقرر وقت آوادٕ ییکن نہٕ تمہٕ نِشہٕ اَکِس ژٕہس تہٕ پتھ روٗزِتھ تہٕ برونہہ ٹکِتھ ۔ (یانے تمِہ کِس جآری گژھِہ نس منٛز گژھِہ نہٕ بِلکُل پتھ برونٛہہ ہیٚنِس وقتس پیٹھ چھُ تتھ سپدان ۔

# تسکینِ حیات یا زندگیہ ہُنْد آرام تہٕ تسلا

زندگی ہنٛز میہنتھ تہٕ سختیہٕ :-

اُسی چھہ وُچھان زِ انسانہٕ سٕنٛز معیشت چھےٚ زِندٕ تہٕ باقے روزنکہٕ جدوجہدُک تہٕ کشمکشُک ناو - اوے چھہ اُمیُک پرٕ تھ کانٛہہ حِصہٕ میہنتہٕ تہٕ مشقتہٕ سیتی ڈٕلتھ تہٕ مجموعی حیثیتس منٛز چھےٚ زندگی مجبوٗری بہٕ ہنٛزٕ ن ذمہٕ وارین ہُنْد بورٕ تہٕ یوٚتس پیٹھ مشقتن ہنٛز آزمایش -

| | |
|---|---|
| لَقَدْ خَلَقْنَا | پزی پاٹھی چھہ اَسہٕ انسان |
| الْاِنْسَانَ | تتھہٕ کٕنی بنوومُت زِ تٔمہ سٕنٛز |
| فِیْ کَبَدٍ ○ | زندگی چھےٚ سختیو سیتی |
| (٩٠ : ٤) | ڈٕلتھ - |

## آوٕریر تہٕ چھوے :-

مگر یہ سوٗرٕے اَستھ تہٕ چھہ فطرتن معیشتُک کارخانہٕ تتھہٕ کٕنی بنوومُت تہٕ طبیعتن منٛز تیٚز خاہش تہٕ جوش تہٕ اَثر قبوٗل کرنٕچ خاصیتھ تھوومٕژ یمہٕ سیتی زندگی ہنٛدِس پرٕ تھ حِصس منٛز اکھ عجیب قٕسمچ دِلچسپی، آوٕریر، چہل پہل تہٕ رونق چھےٚ پاد گمٕژ تہٕ زندگی ہنٛز یہاے چھوے تہٕ شوق چھہ یمہٕ سیتی پرٕ تھ کانٛہہ زُو ذات زندگی ہنٛز سختیہٕ یوٚت چھنہٕ ہلان بٔلکہ چھہ یمہٕ نے سختین تہٕ تکلیفن منٛز بڈٕ کھونہٕ بوڈ لذت تہٕ آرام محسوس کران - یم تکلیف یوٚت زیادٕ آسان چھہ تیو تاہ چھےٚ زندگی ہنٛز دِلچسپی تہٕ تمیُک موجب بران - اگر اکِس انسانہٕ سٕنٛز زندگی یمو تکلیفو نٕشہٕ موکلہٕ سہٕ کرِ محسوس زِ زندگی ہنٛد یوسارِ دے لذتو نٕشہٕ چھوٚل تمہٕ اَتھہٕ تہٕ وونی زِندٕ روزُن چھہ تٔہنٛدِ خاطرٕ سیٹھا گوٚب بور -

## حالات بیوٚن بیون مگر زندگیہ ہُنْد بول تہٕ آوٕریر ہیوٗے :-

اَوٕ پتہٕ وُچھو قدرتہٕ کِس کارسانہٕ سٕندی تماشہٕ زِ حالاتن منٛز فرق، طبیعت بیوٚن بیوٚن، کامہٕ مختلف، حاجتھ اکِس اکھ خلاف، مگر زندگی ہنٛدِ خاطرٕ ہیوٗے جوش تہٕ خاہش - مرد تہٕ زنانہٕ، شُری تہٕ بڈٕ ی

اٰمیر تہٕ غریب ، عالم تہٕ جاہل ، طاقتہٕ وول تہٕ کمزور
اَوّر دٔر تہٕ بیمار ، اَنہوٚر تہٕ نیتھر وول ، حامِلہٕ تہٕ
دوٚد چاوَن واجینی ۔ ساری چھِ پنٕنہٕ پنٕنہٕ حالہٕ
آدٕری کانہہ چھُنہٕ تہٕ یُس تہٕ زندگی ہنٛز کوششہٕ
منٛز محو آسہٕ ۔ اٰمیر چھُہ پننِس محل خانس منٛز
عاشس تہٕ عشرتس منٛز تہٕ غریب چھُہ پننہِ غریبی
منٛز فاقہٕ پھر زندگی گذاران ۔ مگر دوشونی ہنٛدِ
خاطرٕ چھےٚ زندگی ہنٛدین آوریٚن منٛز دلچسپی
تہٕ کانٛہہ ہیٚکہ نہٕ وٕنتھ زِ کُس چھُہ زیادٕ آدرٕ ۔

اَکھ باپاری ییٚمہ شوقہ سان پنٕنین لچھہ
بدین روپین ہنٛز آمدنی ہنٛد حساب چھُہ کران ،
تیتھے کٔنی چھُہ اَکھ مزدور تہٕ پننہٕ دوہچہ میٚہنتٕ ہٕندی
کینٛہہ پانٛسہٕ گنزران تہٕ دوشونی چھُہ زندگی سیٚتی
ہیوٗے محبت ۔ اَکھ عالِم وُچھون یُس پننہٕ
عملہ چہٕ تہٕ عقلہِ ہنٛزن کوششن منٛز لوڈٕ ہوٚمُت چھُہ
آسان ۔ تہٕ ییٚہ اَکھ گرٛیوس یُس دٕہرس ناپہٕ تادِ
منٛز دوٚ ڈوٗنے دانٛد چھُہ وایان ، اَدٕ پتہٕ ژٕنی تو
کُس چھُہ زندگی ہنٛدین آوریٚن منٛز زیادٕ دلچسپی
نوان ۔ اَدٕ پتہٕ وُچھو شری شنٛدزیوٚن کوٚتاکٕدرٕ
نہٕ کرٕ وٕٹھ مصیبت چھُہ ماجہ ہنٛدِ خاطرٕ آسان پتہٕ
تسنٛدٕ چھن تہٕ پالُن کتھہ کٔنی چھُہ سخت میٚہنتک
اَکھ زیوٚٹھ سِلسِلہ ۔ مگر یہ سورُے مامِلہ چھُہ
کینٛژن تٕرژھن خاہشن تہٕ جذبن سیٚتی رلاونہٕ
آمُت زِ یتھ زنانہٕ منٛز چھےٚ ماج بننہٕ ہنٛج قودرتی
طلب تہٕ یتھ کانٛسہٕ ماجہِ چھُہ اولادِ ہنٛدِ ژھینہٕ
خاطرٕ دیوانن ہنٛدی پاٹھی پنٕن پان مُشتھ گژھان ۔
سو کرٕ زندگی ہنٛد ساری کھوتہٕ بوڈ تکلیف برداشت
تہٕ پتہٕ کرٕ تمہ تکلیفس منٛز ساری کھوتہٕ بڈ خوشی
محسوٗس ۔ ییٚمہ وقتہ سو پننہِ زندگی ہنٛز سارے
آسائشہٕ تہٕ آرام قوربان کران چھےٚ تہٕ پننہٕ ننن
رگن ہنٛد خوٗنک اَکھ اَکھ قطرٕ دوٚدبنٲوِتھ چاوان چھےٚ
تمہٕ زِ چھےٚ ہنٛدٕ لچ اَکھ اَکھ رگ زندگیہ ہنٛز ساری
کھوتہٕ بجہ خوشی ہنٛد اِحساسہٕ سیٚتی بھرنہٕ یوان ۔

اَمہٕ پتہٕ وُچھتو قودرتہٕ چین کامین ہنٛز یہ
کرامتھ زِ کتھہ کٔنی چھُہ مختلف تہٕ منتشر اِنسان اجتماعی
زندگی ہنٛز رٕزِ منٛز پانہٕ وانٛنی گنڈنہٕ آمتی ۔ تہٕ
کتھہ کٔنی چھُہ صِلہ رحمی ہنٛدی رشتن پتھ انسانس
ہنٛتہٕ بدین تہٕ ساسہٕ بدین اِنسانن سیٚتی
واٹھ دیُت مُت ۔ مانٛی تو زندگی آسہٕ ہا ہیمو
سارِ دے جذباتو نشہِ خالی ۔ مگر قرآن چھُہ
وَنان زِ خالی ہیٚکہ ہا نہٕ آسِتھ ۔ تیکیٚازِ کاینانہٕ
کِس فطرتس منٛز چھےٚ رحمت موجود تہٕ رحمتک

تقاضہ اوس یو ہے زِ زندگی ہنزن سختین بناوِ دِلس پرٛیہ وُن۔ تہٕ زندگی خاطرٕ کرِ تسکینُک تہٕ راحتُک سامانہٕ پادٕ، ییٚمہٕ چھےٚ رٕحمنہٕ چےٚ گرٲمژ ییمو تکلیفو منٛز آرام، غمس منٛز لذت، سختین منٛز دِلچسپی ہنٛز کیفیتھ پادٕ کرٕمژٕ چھےٚ۔

"چیٖزن ہُنٛد بیٚون بیٚون آسُن تہٕ تسکینِ حیات"

چنانچہ قرآن چھُ تسکینِ حیاتہٕ کِہن مختلف پہلوہن پیٹھ جایہ جایہ توجہ دِیاوان اَمہٕ اَنٛدرٕ چھہ پادٕ آشی ہنٛدِ کاینانہٕ کِہن منظرن تہٕ چیٖزن ہُنٛد اِختلاف تہٕ تِہنٛد بیٚون بیٚون آسُن۔ انسانی طبیعتس چھےٚ خاصیتھ زِ ہشرٕنٛہ چھہ تھکان تہٕ تبدیلی تہٕ بیٚون بیٚون قسمن منٛز خوشی تہٕ لذت محسوس کران۔ لہٰذا اگر کاینات تہٕ عالمس منٛز ہشرٕنہٕ اکھ رنگی آسِہ ہا یہ دِلچسپی تہٕ خوشگواری ہیکہ ہا نہٕ پادٕ سپدِتھ یوسہٕ اَمِہ کِس پرٛتھ گوشش منٛز نظرِ یوان چھےٚ۔ وقتن ہُنٛد بیٚون بیٚون آسُن، موسمن ہُنٛد اختلاف خوشکی تہٕ تری ہنٛز فرق، طبیعتہٕ کِہن حالتن تہٕ پادٕ آشی ہنٛدین چیٖزن ہُنٛد اختلاف، اتھ منٛز اگر اکہ طرفہٕ بے شمار مصلحتہٕ تہٕ فایدٕ چھہ تتہٕ

چھےٚ اکھ بٔڈ مصلحت دُنیا ہِچ زیبایش، زینت تہٕ معشیتُک تسکین تہٕ راحت تہٕ۔

"گلہائے رنگ رنگ سے ہے زینتِ چمن
اَے ذوق اِس چمن میں ہے زیبِ اختلاف سے"

"گلُن ہنٛدی رنگ بیٚون بیٚون پوشہ وارِن پوش ہُرٛاوان جہانٕچ شوٗب تمہٕ کِس اختلافس انقلابس منٛز"

رٲژ ہُنٛد تہٕ دوہُک اِختلاف :-

چنانچہ اَتھی سِلسِلس منٛز چھُ وُ رٲژ تہٕ دوہہ کِہ اختلافُک ذِکر کران تہٕ وَنان زِ اگر غور کرِو اَتھ اختلافس پتہٕ کِنہٕ چھےٚ خُدایہ سنٛدِ حکمتہٕ چہِ وارِیا نِشانیہِ۔ یہ کتھ زِ رٲژ تہٕ دوہ یِمہ ییٚنہٕ گژھنہٕ چہِ چھےٚ زِ مُختلِف حالتہٕ مقرر آمژٕ کرنہٕ تہٕ وۄنٛچ کیفیتھ یوسہٕ پرٛتھہ دِہ بدلان چھےٚ روزان چھےٚ زندٕگی ہنٛدِ خاطرٕ سیٹھا تسکینُک تہٕ دِلچسپی ہُنٛد ذٔری یہ، اگر یتھہٕ کُنہٕ آسِہ ہا نہٕ تہٕ وقت روزِ ہا ہمیشہٕ اَکی سے حالتس پیٹھ قایم دُنیا ہس منٛز زندٕ روزُن گژھہ ہا مُشکل۔ اگر توہیٚ قُطبین کُن گژھِو یتہٕ رٲژ ہُنٛد تہٕ دوہُک فرق نوٚن چھُنہٕ نیران توہیٚ زانِو یہِ اختلاف کوٚتاہ بٔڈ نعمت چھےٚ زندگی گُذارنہٕ خاطرٕ۔

إِنَّ فِي خَلْقِ السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ
وَاخْتِلَافِ اللَّيْلِ وَالنَّهَارِ
لَآيٰتٍ لِّأُولِي الْأَلْبَابِ ۝

(٣ : ١٩٠)

ہُنزی پاٹھی چھِ آسمانن تہٕ زمینن ہنٛزِ پادٲیشی منٛز تہٕ رآتھ تہٕ دوہکس اختلافس منٛز عقلہِ والین کرٕ ( خدا یہ سندِ حکمتہٕ چہ ) بجہٕ نشانہٕ۔

رآتھ تہٕ دوہ ہِکۍ اختلافن چھِ زندگی دوٚن بیٚون بیٚون حصن منٛز باگرٲومتٕ۔ دُہلی گاش چھُ جدوجہد چ سرگرمی پادٕ کران۔ رآتھ ہنٛز انہٕ گٹہٕ چھِ آرامک تہٕ راحتک بستر وہراوان۔ یُتھ دوہ یہ کیہ میٚحنتہٕ پتہٕ چھُ رآتھ ہنٛد آرام تہٕ آسایش تہٕ یُتھ رآتھ ہنٛدِ آرامہٕ پتہٕ چھِ ٹۆ دوہ ہیچ نوٚ جدوجہد۔

وَمِنْ رَّحْمَتِهِ جَعَلَ لَكُمُ اللَّيْلَ
وَالنَّهَارَ لِتَسْكُنُوا فِيهِ وَلِتَبْتَغُوا
مِن فَضْلِهِ وَلَعَلَّكُمْ تَشْكُرُونَ

(٢٨ : ٧٣)

بیٚیہٕ (وُچھو) یہ چھِ تُہنٛدے رحمچ کارسٲزی زِ تُہنٛدِ خاطرٕ آے دوہ تہٕ راتھ (بیٚون بیٚون) کتھاو نہٕ یُتھ راتس آرام کٔرو تہٕ دوہس ژھانٛڈو توہیہ ہنٛد فضل (یانے زندگی ہنٛدس کاروبارس منٛز گژھو مشغول) بیٚیہ یُتھ توہی تشکر شکر کرو۔

دوہچہ بیٚون بیٚون حالژ تہٕ رآتھ ہنٛد بیٚون بیٚون منزل :۔

اوٚ پتہٕ چھُنہٕ رآتھ ہنٛد تہٕ دوہ ہُک اختلاف صرف رآتھ ہنٛد تہٕ دوہہ کی یوت اختلاف بلکہ یُتھ دوہ چھُ مختلف حالتو منٛزی گذران تہٕ یُتھ راتھ چھِ مختلف منٛزی لوگنی یژ دوہہ پکان۔ تہٕ یُتھ حالتس چھُ اکھ خاص قسمک تاثیر تہٕ یُتھ منٛزلہٕ خاطر چھُ اکھ خاص قسمک منظر آسان۔ صبح چھِ پھولان تہٕ تمیک چھُ اکھ خاص تاثیر آسان۔ دوہ چھُ ڈلان تہٕ تمیک چھُ اکھ خاص منظر آسان۔ وُفتک یہ دوہے بدلن چھُ سانین احساساتن ہنٛدِ مزبدلاوان روزان اکی حالتہٕ چہ بے رونقی ہنٛزِ جایہ چھِ تبدیلی تہٕ نوٚرک لذّت تہٕ جوش پادٕ گژھان روزان۔

فَسُبۡحٰنَ اللّٰہِ حِیۡنَ تُمۡسُوۡنَ وَحِیۡنَ تُصۡبِحُوۡنَ ۝ وَلَہُ الۡحَمۡدُ فِی السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ وَعَشِیًّا وَّحِیۡنَ تُظۡہِرُوۡنَ ۝

( ۳۰ : ۱۷ - ۱۸ )

اَدٕ پاکی چھُ خدایہٕ سُنٛدی خاطرٕ یہٕ آسمانن تہٕ زمینَن پیٹھ چھ تٔہنٛدی خاطرٕ حمد تہٕ تعریف۔ ییٚلہ توٚہہ شام چھُ واتان تہٕ ییٚلہ نوٚو صبح چھ پھولان تہٕ ییٚلہِ دوہُک پٔتِم وَرَخ چھُ آسان تہٕ ییٚلہ توٚہہ دُپہَر چھُ واتان ۔

حیوانَن ہُنٛد اختلاف :-

پٔتھ کُنہِ وُچھِتن اِنسان پانہٕ پننِس وجودس تہٕ سارنے حیوانن کُن۔ فطرتن کتھ

وَمِنَ النَّاسِ وَالدَّوَآبِّ وَ الۡاَنۡعَامِ مُخۡتَلِفٌ اَلۡوَانُہٗ

( ۳۵ : ۲۸ )

کُنہٕ چھُ رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ اختلافہٕ سیتی اَمِس مَنٛز بیٚون بیٚون رَنٛگ تہٕ حُسن پادٕ کوٚرمُت۔

تہٕ اِنسان ، جانور ، چاروائے چھ قِسمہٕ قِسمہٕ کِہن رَنٛگَن ہُنٛدی۔

نباتات :-

نباتاتَن ہُنٛد عالم وُچھتو کُلِہن ہُنٛد قدو قامتھ تہٕ شکلہٕ تہٕ صوٗرژ چھُ مختلف۔ رنٛگ

چھُ بیٚون بیٚون۔ تہٕ خوشبوٗ الگ الگ۔ خاصیتھ چھےٚ مختلف تہٕ بیتہٕ ییٚلہ تِمن ہُنٛد پھل تہٕ پھوٚل کھیمو تہٕ مزٕ تہِ چھُ مختلف قِسمُک ۔

اَوَلَمۡ یَرَوۡا اِلَی الۡاَرۡضِ کَمۡ اَنۡۢبَتۡنَا فِیۡہَا مِنۡ کُلِّ زَوۡجٍ کَرِیۡمٍ ۔ ( ۲۶ : ۷ )

کیا یِمو لُکو نٕز آو نا زانہہ تہِ زمینس پٮ۪ٹھ نظر تہٕ سوٗنچُک ناز نباتاتہٕ کیو پٔژ تھہ دوہ یود وہ یوٚ رٕ تھو قِسمو مَنٛز کا تیا (بے شمار) کُلی کرٕ ی اَسہِ پادٕ۔

وَمَا ذَرَاَ لَکُمۡ فِی الۡاَرۡضِ مُخۡتَلِفًا اَلۡوَانُہٗ ؕ اِنَّ فِیۡ ذٰلِکَ لَاٰیَۃً لِّقَوۡمٍ یَّذَّکَّرُوۡنَ ۝ ( ۱۶ : ۱۳ )

بیٚیہ (وُچھو) خدا یَن یُس پاداوار تُہنٛدِ خاطرٕ مختلف رنٛگن ہُنٛد زمینس مَنٛز وہرٕ دومُت چھُ تتھ مَنٛز تہِ چھےٚ نصیحتھ رٹن والین کِرژ (خدا سُنٛدِ حِکمتہٕ چہ) بجہِ نشانی بہ۔

وَھُوَ الَّذِیۡۤ اَنۡشَاَ جَنّٰتٍ مَّعۡرُوۡشٰتٍ وَّغَیۡرَ مَعۡرُوۡشٰتٍ وَّالنَّخۡلَ وَالزَّرۡعَ مُخۡتَلِفًا اُکُلُہٗ۔

( ٦ : ۱۴۱ )

تہٕ سُہ (حکیم تہٕ قدیر) یُس قسمہٕ قسمکۍ باغ زمینَس منٛز پادٕ کرٕتھ چھُ پرٛن پیٹھ کھاٗلۍ متۍ تہٕ کھالنہٕ ورٲے خضر کُلۍ تہٕ (قسمہٕ قسمہٕ چہ) کھیتہٕ یمن ہنٛدۍ پھَل پھٔلۍ بیٚون بیٚون مزٕ وٲلۍ چھہٕ

جمادات :-

حیوانَن تہٕ نباتاتن ہنٛزٕ ے بآژ چھےٚ نہٕ کنتھ جماداتن منٛز تہٕ چھہٕ یوٚہے قونوٗن

کاۘم کران۔

وَمِنَ الۡجِبَالِ جُدَدٌۢ بِیۡضٌ وَّحُمۡرٌ مُّخۡتَلِفٌ اَلۡوَانُہَا وَغَرَابِیۡبُ سُوۡدٌ

بیٚیہٕ (وُچھتو) یم رنگہٕ رنگہٕ بال کیٚنہہ چھیٚتۍ، کیٚنہہ ووزٕلۍ کیٚنہہ کرٕہنۍ کال ہوی۔

( ۳۵ : ۲۷ )

پرٛتھ چیٖزُک زٕ زٕ آسنُک قونوٗن :-

امۍ قانوٗنِ اختِلافُک اکھ حصہٕ چھُ سُہ یتھ قرآن "تزویج" چھُ ونان تہٕ آسۍ ہیکو اَکھ قانوٗنِ تثنیہ تہٕ وٕنِتھ۔ یانے پرٛتھ چیٖزُک زٕ زٕ آسُن یا مقابلہٕ تہٕ ہیُوٗے آسنگ قانوٗن۔ پآدآشی ہنٛدِ کاۘئناتُک کانٛہہ تہٕ حصہٕ وُچھِتو توٚہہ ییہ نہٕ کانٛہہ چیٖز نَہٕ اَگُن تہٕ طاق بوزنہٕ۔ پرٛتھ چیٖزَس منٛز چھےٚ جوڑی جوڑی تہٕ زٕ زٕ آسِنۍ

حٔقیقتھ کاۘم کران۔ نتہٕ ہیکو یتھ کنۍ وٕنِتھ زٕ پرٛتھ چیٖزَس چھُ ضروٗرۍ پنُن جور، تہٕ آسان رآژ خاطرٕ چھُ دوہ، صبحہٕ خاطرٕ چھُ شام، نرٕ سٕنٛدِ خاطرٕ چھےٚ مادٕ۔ مردٕ سٕنٛدِ خاطرٕ چھےٚ زنانہٕ۔ زندگیہ خاطرٕ چھُ موت۔ ساٗ

ساٗ (حاشیہ) قرآنِ مجیدن یموٗ یموٗ دلیلو سیتۍ آخرتُک یقین پادٕ چھُ کورمُت یمو منٛز چھُ ییہ تہٕ اکھ یُس چھُ ونان دُنیہس منٛز چھُ پرٛتھ کانٛہہ چیٖز پنُن کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ مقابلہٕ کرن وول یا جورٕ ضروٗرۍ

تھاوان۔ لہٰذا چھُ ضروٗرۍ زٕ زندگی خاطرٕ نتہٕ آسہٕ کانٛہہ مقابلہٕ کرن واجیٖنۍ زندگی یا دوٚیِم زندگی، دُنیہِچہ زندگی مُقابلہٕ چھےٚ آخرژِچ زندگی تہٕ قرآن مجیدَس منٛز چھےٚ کیٚنٛژن سوٗرن منٛز یمہٕ وٕ ے اَکس اَکھ مُقابلہٕ مظاہرو سیتۍ شہادت دِنہٕ آمژ یتھ کنۍ و الشمس سوٗرس منٛز چھُ فرماوان :- وَالشَّمۡسِ وَضُحٰہَا وَالۡقَمَرِ اِذَا تَلٰہَا وَالنَّہَارِ اِذَا جَلّٰہَا وَالَّیۡلِ اِذَا یَغۡشٰہَا وَالسَّمَآءِ وَمَا بَنٰہَا وَالۡاَرۡضِ وَمَا طَحٰہَا الخ (۹۱ : ۱-٦)

وَمِنْ كُلِّ شَيْئٍ خَلَقْنَا زَوْجَيْنِ لَعَلَّكُمْ تَذَكَّرُوْنَ ۝

(۵۱ : ۴۹)

تہٕ تمام چیزن کٔرۍ اَسہ جوڑہٕ پٲدٕ (یانے زٕ زٕ تہٕ اَکھ اَکِس مُقابلہٕ چیز کٔرۍ پٲدٕ) یُتھ توٚہۍ نصیحتھ رٹو۔

سُبْحٰنَ الَّذِیْ خَلَقَ الْاَزْوَاجَ كُلَّهَا مِمَّا تُنْۢبِتُ الْاَرْضُ وَمِنْ اَنْفُسِهِمْ وَمِمَّا لَا یَعْلَمُوْنَ ۝

(۳۶ : ۳۶)

پاکی تہٕ بجر چھُ تَس ذاتَس کیٛوٚت یمۍ زمینہٕ کِس پٲداوارَس منٛز تہٕ انسانَس منٛز بیٚیہ تِمَن سارِنے مخلوقاتن منٛز یِہنٛد اِنسَس عِلم چھُنہٕ زٕ زٕ تہٕ اَکِس اَکھ مقابلہٕ چیز پٲدٕ کٔرۍ۔

## مرد تہٕ زنانہٕ:-

یہ ہے قونوٗنِ فطرت چھُ یِمہٕ انسان دوٚن مختلف جنسن یانے مردَس تہٕ زنانہٕ منٛز تقسیم کوٚر۔ اَدٕ ہیٚنہٕ کٔرِن تِمن منٛز فعلکی تہٕ انفعالکی تہٕ جذبکی تہٕ انجذابکی کیفیہ تہٕ تِھی وجدانی اِحساسات پٲدٕ زٕ پرٕتھ جنسٕ چھُ پنہٕ نِس جنسَس سیٛتۍ رلہٕ نیچ قودرتی طلب تھوان تہٕ دوشونی ہنٛدٕ رلنہٕ سیٛتۍ چھے ازدواجی زندگی ہنٛز اَکھ کامِل معیشت پٲدٕ گژھان۔

فَاطِرُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ جَعَلَ لَكُمْ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ اَزْوَاجًا وَّمِنَ الْاَنْعَامِ اَزْوَاجًا

(۴۲ : ۱۱)

تہٕ آسمانَن تہٕ زمینُک بناوَن وول تِمۍ بناوِ توٚہۍ منٛز تُہنٛدۍ جوڑہٕ (یانے مردَس کٔرِ زنانہٕ تہٕ زنانہٕ کیٛوٚت مرد) تیٚتھے کٔنۍ کٔرِن چارواین منٛز تہٕ جوڑہٕ پٲدٕ۔

قرآن چھُ وَنان یہ چھُ اَمہ سببہٕ تیٚتھ موجب تہٕ سکون روزتہٕ دوٚن شخصن ہنٛز رفاقتہٕ تہٕ اشتراکہٕ سیٛتۍ زندگی ہنٛز محنتہٕ تہٕ سختیہٕ سَہل تہٕ بیٚیہ رادَنس لایق بَنن۔

وَمِنْ اٰیٰتِهٖۤ اَنْ خَلَقَ لَكُمْ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ اَزْوَاجًا لِّتَسْكُنُوْۤا اِلَیْهَا وَجَعَلَ بَیْنَكُمْ مَّوَدَّةً وَّرَحْمَةً ؕ اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ

بیٚیہ (دُچھو) تُہنٛدٕ (رحمتہٕ کیو) نشانو منٛز چھُ اَکھ نشانہٕ یہ زِ تِمۍ بناوِ تُہنٛدۍ جوڑہٕ توٚہۍ منٛز (یانے مردَس کٔرِ زنانہٕ تہٕ زنانہٕ کیٛوٚت مرد) یُتھ اَمہ سیٛتۍ توٚہۍ سکون لَبِو

لَاٰیٰتٍ لِّقَوْمٍ یَّتَفَکَّرُوْنَ ۝

(۳۰ : ۲۱)

تو یِتہٕ وُچھو یہِ تُہنٛز قوٗدرتھ زِ توٗہہ منٛز (یانے مرد کس تہٕ زنانہ منٛز) کوٗرُن موجوٗبتک تہٕ رحُمنک جذبہٕ پآدٕ پٕزِ پآٹھی ممن لوٗکن کرٕزیم غوٗر تہٕ فکر کرن وآلی چھہ چھِلّے اکھ مَنٛز خدایہ سِنٛدِ حکمتہٕ چہ بجہ نشانہٕ۔

## نسب تہٕ صِہر :-

اوٗ یِتہٕ چھہ اَمی اِزدواجی زندگی سیٖتی زُہنک تہٕ پٕرسنک اکھ تیٖتھ سِلسِلہٕ قآیم گومت زِ پٕرتھ کانہہ وجوٗد چھُ پآدٕ گژھان تہٕ پٕرتھ کانہہ وُجوٗد چھُ پآدٕ کران۔ اکہِ طرفہٕ چھہ سُہ نسبک رِشتہٕ تھوان یُس لس اَتھی بین سیٖتی رلاوان چھُ دوٗیمہِ طرفہٕ چھہ صِہر۔ یانے دامادی ہُنٛد رِشتہٕ تھوان یُس لس بُتھِ یِنہٕ والین سیٖتی رلاوان چھُ۔ نتیجہ چھُہ یہِ زِ پٕرتھ شخصہ سِنٛز شخصیت چھِبے اکہِ بڈِ دآیرِکس کُرلس منٛز وہراونہٕ آمٕژ تہٕ رِشتن تہٕ آشناوَن ہُنٛد اکھ مُنظم دآیرٕ چھُ پآدٕ گومُت۔ یِہنٛچ پٕرتھ کانہہ لنٛڈ بیٖبرس لنٛجہ سیٖتی رلِتھ چھِبے۔

وَھُوَ الَّذِیْ خَلَقَ مِنَ الْمَآءِ بَشَرًا فَجَعَلَهٗ نَسَبًا وَّصِهْرًا ۝

(۲۵ : ۵۴)

تہٕ سُہے (حکیم تہٕ قدیر) چھُ یٖمی آبہٕ تہٕ (یانے نطفہٕ سیٖتی) انسان پآدٕ کوٗر اوٗ یِتہٕ (اَمی پآدٕ آسٕنی ہِنٛدِ رِشتہٕ سیٖتی) بنووُن سُہ نسبک تہٕ صِہرک رِشتہٕ وول۔

## صِلہ رحمی تہٕ خاندآنی دآیرِچ تشکیل :-

اوٗ یِتہٕ وُچھو اَمہِ نسبہٕ تہٕ صِہرہ کہِ رِشتہٕ سیٖتی کتھہٕ کنٔی چھُہ خاندانُک تہٕ قبیلُک نظام قآیم گومُت۔ تہٕ کمہِ عجیب تہٕ غریب طریقہٕ چھہ صلۂ رحمی یانے رِشتہٕ دآری ہِنٛز طنابہٕ اکھ اَکِس سیٖتی واٹھ دِوان تہٕ معاشرتی زندگی ہِنٛدِس پانہٕ وآنی محبتس تہٕ اتھہٕ رٹس وُنٛتس دِوان۔ دراَصل چھُہ انسانہٕ سِنٛزِ اجتماعی زندگی ہُنٛد سورُے کارخانہٕ اَمی صلۂ رحمی کہِ ڈورِ گنڈِ سیٖتی دٕرِتھ۔

يَاۤ اَيُّهَا النَّاسُ اتَّقُوْا رَبَّكُمُ الَّذِىْ
خَلَقَكُمْ مِّنْ نَّفْسٍ وَّاحِدَةٍ وَّخَلَقَ
مِنْهَا زَوْجَهَا وَبَثَّ مِنْهُمَا
رِجَالًا كَثِيْرًا وَّنِسَآءً ۚ وَاتَّقُوا
اللّٰهَ الَّذِىْ تَسَآءَلُوْنَ بِهٖ
وَالْاَرْحَامَ ؕ اِنَّ اللّٰهَ كَانَ
عَلَيْكُمْ رَقِيْبًا ۝

(۴ : ۱)

اَے اِنسانو پَنِس پَروردگارِس نافرمانی نِشہ بچو (تہ تمی سندِ بن مقرر کرِ متین رِشتن نِشہ مَہ وِزرِو بےپَروا) سہ پروردگار یُمی تو ہی کری نو اُکِس کِنس شخص نِشہ پَیدا (یانے ماءَ آکِس نِشہ کری نو پَیدا) تہ تس نِشہ کورَن تُسندجوڑ (یانے حوا) تہ پَیدا۔ یانے بیتھہ کِنی مَرد سندِ نسل نِشہ نیچو پَیدا گو نہ تِنھے کِنی گیہ کور تہ پَیدا۔ اُوپنہ تہندِ (یانے آدمہ تہ حوا سندِ) نسل نِشہ اکھ بُڈ تعداد مَردن تہ زنانن ہِنز پَیدا تہ پھالیہ (بیتھہ کِنی کر اَکِس کِنس شخصہ سندی رِشتن اکِہ بُڈ خاندانچ تہ قبیلچ شکل پَیدا) لہٰذا رُوزِو خدا یہ سِنز نافرمانی نِشہ بچتھہ۔ یِسندِس ناوَس بیتھہ پانہ وانی (موجبنگ تہ شفقتک) سوال کران چھو۔ بیٚیہ بچیو صلہ رحمی ژَٹنہ نِشہ تیمہ کِس ناوَس بیتھہ اکھ اَکِس نِشہ اَتھہ رٔٹ و ومید چھوتھوان)۔ یٔژی پاکھو چھُ خدا سے تہندر آچھو دَر۔

وَاللّٰهُ جَعَلَ لَكُمْ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ
اَزْوَاجًا وَّجَعَلَ لَكُمْ مِّنْ
اَزْوَاجِكُمْ بَنِيْنَ وَحَفَدَةً

(۱٦ : ۷۲)

بیٚیہ (وُچھو) یہ چھُ خدا یُمی تہندے جنسہ نِشہ تہُندجوڑ بنوو (یانے مردس کرِ زنانہ تہ زنانہ کیٚوت مرد) پتہ کورُن تہندِ پانہ وانی نیتھہ سیتی شُربن تہ زُربن ہُند سلسلہ قایم۔

زِندگی ہِندبن دوہَن ہِنز تبدیلی تہ ادلہ بدلی :-

بیٖنھے کُنی چھپے زندگی ہِندبن دوہَن
منز تبدیلی تہ اَدلا بدلی منز نہ تسکینِ جاءِ چ

اکھ سبٹھاہ بڈ مصلحت پوشید۔ یہ زِ تھ کانھہ
زِندگی چھےٚ لوکچار، جوانی تہٕ بجر کیو مختلف
منزلو گذران۔ تہٕ یتھ منزلس چھہ پنٕنی نوٚی نوٚی
احساسات تہٕ نوٚی نوٚی آوریر تہٕ نوٚی نوٚی کوشش
نتیجہ چھہ یہ زِ سانٛی زندگی چھےٚ ہستی ہنٛد
عالمک اکھ دلچسپ سفر بنیمژ۔ اگہ منزلہ
کیو کیفیتو نِشہ چھُنہٕ وُنہ دِل آسان سیر
گومت زِ دوٚیم منزل چھُ بڈ ونہہ کنہِ واتان
تہٕ یتھ کنٛی چھُنہٕ زندگی ہنٛد مادانک زیچھر
محسوس سپدان گژھان۔

هُوَ الَّذِي خَلَقَكُم مِّن تُرَابٍ ثُمَّ مِن
نُّطْفَةٍ ثُمَّ مِنْ عَلَقَةٍ ثُمَّ يُخْرِجُكُمْ
طِفْلًا ثُمَّ لِتَبْلُغُوا أَشُدَّكُمْ
ثُمَّ لِتَكُونُوا شُيُوخًا ۚ وَمِنكُم
مَّن يُتَوَفَّىٰ مِن قَبْلُ ۖ وَلِتَبْلُغُوا
أَجَلًا مُّسَمًّى وَلَعَلَّكُمْ تَعْقِلُونَ ۝

(٤٠ : ٦٧)

سُہ (پروردگار) یُس تُہنٛد وجود میژِ نِشہ پادٕ کوٚر پتہٕ
نطفہٕ نِشہ او پتہٕ علقہ (یانے دزِ کہ ہوا اکہ چیز نِشہ او
پتہٕ چھو توٚہۍ شُری سِنٛز شکلہِ منز ماجہ ہنٛدِ شکمہ
منز نیران۔ او پتہٕ چھو بڈ گژھان تہٕ بالغ سپدان
او پتہٕ چھُہ تُہنٛد زِندہ روزُن او سُہ آسان یتھہ
توٚہۍ بجرس تام واتو۔ پتہٕ چھُہ توٚہ منز کانھہ یمو
منزلو برونٛہہ مران (تہٕ کانھہ چھُہ شراونہ یوان)
یتھ پننِس مقررہ وقتس تام زندگی گذارِتھ تہٕ یتھ
توٚہۍ عقلہ کام ہیٚیو۔

## مال جاداد تہٕ شُرین باژن ہنٛز شوب تہٕ تھکُن :۔

یتھ کنٛی چھےٚ رنٛگہ رنٛگہ خاہشہ تہٕ
جذبہ، زیبایش تہٕ تھکنکی ولولہ مالکُ تہٕ
جاداک موجبتھ، شُرین باژن ہنٛز ماے
زندگی ہنٛز دلچسپیہ تہٕ شوقہ خاطر پادٕ کرنہ آمژ۔

زُيِّنَ لِلنَّاسِ حُبُّ الشَّهَوَاتِ مِنَ
النِّسَاءِ وَالْبَنِينَ وَالْقَنَاطِيرِ
الْمُقَنطَرَةِ مِنَ الذَّهَبِ وَالْفِضَّةِ

اِنسانہ سنٛد خاطرٕ چھہ مردس تہٕ زنانہ ہنٛدِس توقعس
منز، اولادن منز، سونہ تہٕ روپہ کیہن خزانن منز

وَالْخَيْلِ الْمُسَوَّمَةِ وَالْأَنْعَامِ وَالْحَرْثِ ذٰلِكَ مَتَاعُ الْحَيٰوةِ الدُّنْيَا ج وَاللّٰهُ عِنْدَهٗ حُسْنُ الْمَاٰبِ

( ۳ : ۱۴ )

ژٲرِ مَتین گُرین منٛز، چار واین منٛز، دَچھ ڈارِس منٛز، موٗجبتھ پانٛدٕ آمت کرنہٕ۔ تہٕ یہٕ سورُے کینٛژھا چھُ دُنیہِچہ زِندگی ہُند جاداد تہٕ پٔژ روزن جاے چھ خدایس سٟتی نِشہ۔

## روزگارُک اختلاف تہٕ زندگی ہنٛز کشمکش:-

ییٚتھے کٔنی چھُ روزگارُک اختلاف تہٕ اَمہٕ سٟتی پانٛدٕ گژھَن وآلی مختلف درجہ تہٕ حالژ زندگی ہنٛزن دلچسپین ہُند اکھ بوڈ محرک تکیاز

اَمہٕ سٟتی چھُ زندگی منٛز مقابلہٕ مان مان پانٛدٕ گامِتی تہٕ آتھ سٟتی لگتھ روزٕ نہٕ سٟتی گیہ زندگی ہنٛز سختیہ بتہٕ راوٕنہٕ سہل بٔلکہ یِمے سختیہ بنیہِ آرامُک تہٕ خوشی ہُند سامانہٕ۔

وَهُوَ الَّذِیْ جَعَلَكُمْ خَلٰٓئِفَ الْاَرْضِ وَرَفَعَ بَعْضَكُمْ فَوْقَ بَعْضٍ دَرَجٰتٍ لِّيَبْلُوَكُمْ فِیْ مَآ اٰتٰىكُمْ ؕ اِنَّ رَبَّكَ سَرِيْعُ الْعِقَابِ ۖ وَاِنَّهٗ لَغَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ

( ٦ : ٦٥ )

تہٕ یہٕ چھُ تمی سٟے قوٗدرتہٕ واٰلس تہٕ حکمتہٕ واٰلس خدایس سُند کرُن زِ تمی بنٲوی تۄہہ زمینس پیٹھ (پننٮ بن ہندی) جانشین تہٕ توہہ منٛز دِتُن اَکھ بِہ اَکھس پیٹھ درجہٕ تہٕ تھزر یتھ یہ کینٛہ توہہ دِنہٕ آمت چھُ تتھ منٛز کرِہ تُہنٛز عملہٕ تہٕ درتاوچ آزمایش۔ بیٚیہ پانٛٹھ چھُ تُہُند پروردگار عملہٕ ہنٛدِس نتیجس منٛز جلد سزا دوان یانے تمی سُند قونون مکافات چھُنہٕ عملہٕ ہنٛدِس نتیجس منٛز لوٗن یکان مگر سٟتی چھُ بخشن وول تہٕ رحمتہٕ وول تہٕ۔

لہٰذا اگر اکہٕ طرفہٕ عملن ہنٛد نتیجک قونون کام کران چھُ دویمہ طرفہٕ چھ زندگی ہنٛز آزمایشہٕ منٛز قسمہٕ قسمہٕ کین فائدن تہٕ برکتن ہنٛدی تہٕ سامانہٕ کرنہٕ آمتی۔

## بُرہانِ فضل و رحمت :-

چنانچہ یوہے وجہ چھہ زِ یتھہٕ کٕنی قُرآن ربوٗبیتہٕ کیو اعمالو تہٕ مظاہرو سیتی دٔلیل چھےٚ دِژِمژ تِتھےٚ کٕنی چھُہ سُہ رحمتہٕ کیو آثارو تہٕ حقیقتو سیتی تہٕ جایہ جایہ دٔلیل دِوان ۔ تہٕ برہانِ ربوٗبیتکۍ پأٹھۍ چھہ برہانِ فضل و رحمت تہٕ تٕہنٛدِ دعوتکُ ارشادک اکھہ عام خطابک اَنٛداز ۔ سُہ چھُہ وَنان زِ کأینات خلقتہٕ کِس پَرٛتھہ چیزس مَنٛز اکھہ مقرر نظامہٕ سان رحمتہٕ کین تہٕ فضلہٕ کین مظاہرن ہِنٛد موجوٗد آسُن چھُہ پانے انسانس اَمہٕ کتھہٕ ہِنٛد یقین دِوان زِ اکھہ رحمتہٕ وول خالق کأینات چھُہ موجوٗد ۔ تکیازِ یہِ ہیکہ نہٕ ئنتھہ زِ فضلُک تہٕ رحمتُک یہِ پورٕ کأینات آسہِ موجوٗد تہٕ فضلُک تہٕ رحمتُک کانٛہہ زِنٛدٕ ارادٕ آسہِ نہٕ موجوٗد ۔ چنانچہ تِمَو ساری مقامات یِمَن مَنٛز خلِقتہٕ کہِ کأئناتہٕ کین فأیدن تہٕ فأضن زِ ہنٛنکُ تہٕ جمالُک موزوٗنیتُک تہٕ اعتدالُک ، سبزرٕکُ تہٕ پرزرُک ادرُک تہٕ دَرِرُک ذِکر چھُہ کرنہٕ آمُت ۔ چھِہ اصلی اتھی بُنیادس پیٹھ دٔرِتھہ ۔

وَ اِلٰهُكُمْ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ ۚ لَاۤ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ الرَّحْمٰنُ الرَّحِيْمُ ۝ اِنَّ فِىْ خَلْقِ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَاخْتِلَافِ الَّيْلِ وَالنَّهَارِ وَالْفُلْكِ الَّتِىْ تَجْرِىْ فِى الْبَحْرِ بِمَا يَنْفَعُ النَّاسَ وَمَاۤ اَنْزَلَ اللّٰهُ مِنَ السَّمَآءِ مِنْ مَّآءٍ فَاَحْيَا بِهِ الْاَرْضَ بَعْدَ مَوْتِهَا وَبَثَّ فِيْهَا مِنْ كُلِّ دَآبَّةٍ ۖ وَّتَصْرِيْفِ الرِّيٰحِ وَالسَّحَابِ الْمُسَخَّرِ بَيْنَ السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ ۝

اَو پتہٕ (وُچھو) تُہنٛد معبود چھُہ سُے اکھہ معبود ۔ کانٛہہ معبود چھُنہٕ مگر تِسٕنٛز اکھہ ذات رحمتہٕ واجینۍ تہٕ پننہِ رحمتہٕ چھِو بخشایشو سیتی پرٛتھہ وِزِ فأض واتہٕ ناوَن واجینۍ ۔ پرٛزی یأٹھۍ آسمانن تہٕ زمینہٕ کِس پأدٕ کرنَس مَنٛز تہٕ راژ تہٕ دوہہ کِس اکِس اکھہ پتہٕ بینِس مَنٛز بیٚیہ ناوِ مَنٛز یوسہ اِنسانہٕ سٕنٛزِ کامہِ آنٛزرٕ اوٗنَس مَنٛز بکاریہٕ خأطرٕ سمنٛدرس مَنٛز پکان چھےٚ ۔ بیٚیہ روٗدس مَنٛز یُس آسمانہٕ پیٹھہٕ خدا سےٚ تراوان چھُہ تہٕ اَمہٕ کِہ سگہٕ سیتی چھُہ زمین مرنہٕ پتہٕ زِنٛدٕ گژھان ۔ بیٚیہ اتھہ کِنہِ مَنٛز زِ پرٛتھہ قسمکۍ جانور چھِہ زمینس مَنٛز چھکرِتھہ تھأوی متی ۔ بیٚیہ ہوا ہہ کِس (مختلِف طرفن) پھیرنس مَنٛز بیٚیہ اوٗبرس مَنٛز یُس آسمانس تہٕ زمینس مَنٛز باگہٕ رٹنہٕ

۱

ریتھے کُنی کرِ یہِ تۄ ہمَن جایَن ہُنٛد مطالعہ ییتھ

خصوٗصیتہٕ سان فطرتہٕ کہِ حُسنہٕ تہٕ جمالہٕ سیتۍ

مقرَر جایہٕ اَنٛدر) ٹھُہرِتھ چھُہ۔ عقلہٕ والیٚن کرِ چھےٚ اَتھ اَنٛدر (خُداہٕ سٟنٛز ہٟستی تہٕ تہٕنٛدین فضلہٕ تہٕ رحمتہٕ کیٚن قونوٗنن ہٟنٛز) بجہٕ نشانی یہِ۔

دٔلیل چھےٚ دِنہٕ آمٕژ۔

اَفَلَمْ يَنظُرُوا إِلَى السَّمَاءِ فَوْقَهُمْ كَيْفَ بَنَيْنَاهَا وَزَيَّنَّاهَا وَمَا لَهَا مِن فُرُوجٍ ۝ وَالْأَرْضَ مَدَدْنَاهَا وَأَلْقَيْنَا فِيهَا رَوَاسِيَ وَأَنبَتْنَا فِيهَا مِن كُلِّ زَوْجٍ بَهِيجٍ ۝ تَبْصِرَةً وَذِكْرَىٰ لِكُلِّ عَبْدٍ مُّنِيبٍ ۝

(۵۰ : ۶-۸)

بٲپھولو وُچھنا کُنہِ ساننہٕ آسمانَس کُن نظر تُلِتھ زِ کیتھہٕ لٔنی چھُ اَسہِ یہِ بنووُمُت۔ تہٕ کیتھہٕ کٔنی چھےٚ اَمہِ کِس منظرَس مَنٛز شوب آنی مۄشر زِ کُنہِ جایہِ چھُنہٕ اَتھ مَنٛز فاس۔ ییٚتھے کٔنی وُچھون زٔمین زِ کیتھہٕ کٔنی ڈٔوِ پدآوِ اَتھ مَنٛز قِسمہٕ قِسمہٕ خوش شکل نباتات۔ یِژ تھٔرٕ لَس بندس کرِ چھےٚ اَتھ مَنٛز سوچنچ کتھ تہٕ نٔصیحتُک گاش یُس حقس کُن پھیرِن وول چھُ

۴ چھہ اَسہٕ یہٕ فرشکۍ پاٹھۍ وۄتھراوِتھ تہٕ ببیہٕ نزاد اتھ منز بالن ہِنٛد لنگر اوپتہٕ کتھ کنہٕ

وَلَقَدْ جَعَلْنَا فِي السَّمَاءِ بُرُوجًا وَزَيَّنَّاهَا لِلنَّاظِرِينَ ۝

(۱۵ : ۱۶)

بیٚیہٕ (وُچھو) اَسہِ بناوِ آسمانَس مَنٛز (تارکن ہٟنٛدِ گردِشہٕ خاطرٕ) بُرج۔ تہٕ ییتھہٕ کٔنی بناوِ زِ وُچھن والیٚن کرِ چھےٚ ہمَن مَنٛز خوش نُمٲئی۔

وَلَقَدْ زَيَّنَّا السَّمَاءَ الدُّنْيَا بِمَصَابِيحَ ۝

(۶۷ : ۵)

بیٚیہٕ (وُچھو) اَسہِ بنوو دُنِیُک آسمان (بُتراژ ہٕنٛد فضا) تارکن ہٟنٛدِ پوٗژا ٹِنگیو سیتۍ خوش منظر۔

وَلَكُمْ فِيهَا جَمَالٌ حِينَ تُرِيحُونَ وَحِينَ تَسْرَحُونَ ۝

(۱۶ : ۶)

بیٚیہٕ (وُچھو) زِ تہٕنٛدِ خاطرٕ چھُ چاروایَن ہٟنٛدِس وُچھنَس مَنٛز بیٚیلہِ تُہۍ شامہٕ کہِ وقتہٕ گھاسہٕ رٔکھو ییٚتھہٕ واپس چھِو وَلہٕ نان تہٕ صبحکہِ وقتہٕ بیٚیہٕ نوان چھِو وَلہٕ اکہِ قسمُک حُسن تہٕ نظرن پٔریُن نظارٕ

## موزونیت تہٕ تناسب یانے ہشر تہٕ برابٔری :-

یتھ چیزس اُسی جمال چھ وناں تہٕ کیا چیز چھُ موزونیت تہٕ تناسب یہے موزونیت تہٕ تناسب چھُ یُس بناوکھن / پاراوکھن تہٕ اَرٕ رکھن سارِنے منظاہرن ہنز بنیاد چھُ ـ

وَاَنۢبَتۡنَا فِيۡهَا مِنۡ كُلِّ شَىۡءٍ مَّوۡزُوۡنٍ ۝

(۱۵ : ۱۹)

بیٚیہ (وُچھو) اسہِ ووپدوو زمینس منٛز پرتھ کانٛہہ چیز موزونیتہٕ سان تہٕ تناسبہٕ سان۔

## تسویہ :-

اتھی مفہومس منز چھُ قرآن "تسویہ" لفظ تہٕ ورتاوان ـ تسویہ گو کانٛہہ چیز تیتھ کٔرِتھ سیٚود تہٕ برابر کرُن ز رنیچ پرتھ کانٛہہ کتھ آسہِ اَرٕ تہٕ جایہ سان ۔

الَّذِىۡ خَلَقَ فَسَوّٰى ۝ وَالَّذِىۡ قَدَّرَ فَهَدٰى ۝

(۸۷ : ۲-۳)

سُہ پروردگار یٔمی پرتھ کانٛہہ چیز پاد کوٚر تہٕ کورُن واریاہ اتھی سیٚود تہٕ برابر ـ بیٚیہ سُہ یٔمی پرتھ وجودٕ خاطر اکھ اندازٕ مقرر کوٚر تہٕ پتہٕ ترٛاوُن (زندگی ہنٛز تہٕ روزگارچ) وَتھ تس پیٚٹھ ہیٚلہ ۔

الَّذِىۡ خَلَقَكَ فَسَوّٰٮكَ فَعَدَلَكَ ۝ فِىۡۤ اَىِّ صُوۡرَةٍ مَّا شَآءَ رَكَّبَكَ ۝

(۸۲ : ۷-۸)

سُہ پروردگار یٔمی توٚہی پاد کٔری تہٕ پتہٕ کٔری توٚہ واریاہ اتھی سیٚدی ـ پتہٕ تھوٚوُن تُہندِ ظاہری تہٕ باطنی قوتن منٛز اعتدال تہٕ تناسب نظرِ تل ـ اَدٕ یِتھہٕ صوٗرت بناوُنی یِژھ ہن تژھہ بناوُن ۔

## اتقان :-

یہاے حقیقتھ چھے یتھ قرآن "اتقان" تہٕ چھُ وَنان ـ یانے پاد آسی ہندٕ کانیانہٕ کٔرِتھ چیز کہٕ اَرٕ تہٕ دروہان آسُن تہٕ کُنہ جایہ ہیکہٕ نہٕ اتھ منٛز کانٛہہ نوقص، خرابی تہٕ ڈول آسُنھ، سُنبرتہٕ ووگنیار تہٕ ناہموارای نظر یتھ

صُنْعَ اللّٰهِ الَّذِیْٓ اَتْقَنَ كُلَّ شَیْءٍ

( ۲۷ : ۸۸ )

مَا تَرٰی فِیْ خَلْقِ الرَّحْمٰنِ مِنْ
تَفٰوُتٍ ؕ فَارْجِعِ الْبَصَرَ ھَلْ تَرٰی
مِنْ فُطُوْرٍ ۝ ثُمَّ ارْجِعِ الْبَصَرَ
كَرَّتَیْنِ یَنْقَلِبْ اِلَیْكَ الْبَصَرُ
خَاسِئًا وَّھُوَ حَسِیْرٌ ۝

( ۶۷ : ۳ - ۴ )

یہ چھےٚ خودایہٕ سٕنز کاریگری یٚمی پٔرتھ کانٛہہ چیز
اَرِ رٕنہٕ دَرِ رٕسان بنوو۔
توٚہہ لوٚبوٗ نہٕ تٔمِس رحمانہٕ سٕندِس بناوتس منٛز (تکیازِ
یہ چھےٚ تٔہنٛدِ رحمتہٕ کےٚ ظہوٗر) زانٛہہ کانٛہہ سَنہ روگٕنیار۔
(اچھا نظر تُلِتھ وُچھو نہٕ اَوٕ ہٕتہٕ وُچھو کاریگری ہٕنٛزِ اَتھ تماشہ
کٔرِو). اَکہٕ لٹہِ نہٕ پھِرِ پھِرِ وُچھو، کیاہ توٚہہ چھیوٚ کانٛہہ پھرِ اکھ
پِوان بوزنہٕ؟ توٚہہ رٕزِو ہٕتھے کٔنۍ اَکِس اَکھ ہٕتہٕ وُچھان۔
تُہنٛز نظر وۄتھن نہٕ تھکِتھ نہٕ پھٔٹِتھ ہِن پھِرِتھ۔ مگر
کانٛہہ نوقص ہیکن نہٕ ژٕینتھ۔

فرموون "فِیْ خَلْقِ الرَّحْمٰن" یہ اَرِ رٕنہٕ
نہٕ دَرِ رٕچھ اَوٕ سَببہٕ زِ یہ چھےٚ رحمتہٕ والی سٕنز

کاریگری نہٕ رحمتُک اَوس یوٗہے تقاضہٕ زِ ژٕ نہٕ
حُسن آسِہ دَرِ رٕنہٕ کمال آسِہ، نوقص نہٕ ناہموآری آسِہ

## رحمتہٕ سٕنٛدی معادٕچ بانےٚ آخرٕنٛچ دلیل:-

خدایہٕ سٕنٛدِس آسنس نہٕ تٔہنٛدِ توحیدہٕ نہٕ
صِفاتَن ہٕنٛدی پاٹھی چھُ سُہ آخرتہٕ چہ زندگی ہِیٹھ
نہٕ رحمتہٕ سٕنٛدی دلیل دِوان۔ اگر رحمتُک تقاضہٕ
یہ اوس زِ دُنی یٚہَس منٛز گژھِہ زندگی ہنٛد ظہوٗر
اَمہٕ اَرِ رٕنہٕ کمالہٕ سان آسُن تیٚلِہ کیتھہٕ کٔنۍ ہیکو اَتھ

کتھِ ہیٚٹھ پٔژ ھ کٔرِتھ زِ دُنی یٚچھ کینٛژ دوہَن ہٕنٛز
زندگی ہٕتہٕ گژھِہ نُشند فاض نہٕ بَرکتھ ختم نہٕ رحمتہٕ
کِس خزانس منٛز روزِ نہٕ انسانس تٔمی سٕنٛزِ
زندگی نہٕ تٔہنٛدِ تامیرِ خاطرٕ کینٛہہ نہٕ باقی۔

اَوَلَمْ یَرَوْا اَنَّ اللّٰهَ الَّذِیْ خَلَقَ
السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ قَادِرٌ عَلٰٓی

کیاہ ہموٗ کوٚر ناہ اَتھ کتھِ ہیٚٹھ زانٛہہ نہٕ غور زِ خدایے
یٚمی آسمان نہٕ زمین چھہ پاد کٔرِی مِتی ہیکہ نہٕ اَمہٕ کیتھہٕ نِشہِ

أَنْ يَخْلُقَ مِثْلَهُمْ وَجَعَلَ لَهُمْ
أَجَلًا لَّا رَيْبَ فِيهِ فَأَبَى
الظَّالِمُونَ إِلَّا كُفُورًا ۝
قُل لَّوْ أَنتُمْ تَمْلِكُونَ
خَزَائِنَ رَحْمَةِ رَبِّي
إِذًا لَّأَمْسَكْتُمْ خَشْيَةَ
الْإِنفَاقِ ۝

(١٧ : ٩٩ - ١٠٠)

عاجز گژھ ستھ زِ یمہِ نے ہِوی (انسان کرِ یمہِ اکہ لٹہ) پاد تہٕ بییہ یہِ زِ تمی چھہ تِہنٛدِ خاطرٕ اکھ مقرر وقت ٹھہراوِمت ییتھ منٛز نہٕ کُنہِ قسمُک شک تہٕ شُبہ چھُہ (افسوس تِہنٛزِ بدبختی پیٹھ) اوٚ پتہٕ تہٕ کرٕ نہٕ یمَو ظالموَن خاطرٕ کانٛہہ قبوٗل یَنٛد مگر حقیقتہٕ نشہٕ یَتھ پھرٕ نچ - اے پائغمبرؐ یمن فرماوو اگر میانِس پروردگارٕ سنٛدِ رحمتکی خزانہٕ تِہنٛدِس اتھس منٛز آسہٕ ہن تتھ حالتس منٛز تھوی ہوَ توٚہی ضرور رژ خرچ گژھنہٕ کہ خوفہ اتھہٕ وٹتھ - (مگر یہ چھُہ خدا یی یمی سنٛدِ رحمتکی خزانہٕ زاتہ تہٕ وورِ برن نہ چھہ تہنٛزِ رحمتہٕ چہ بخشایشہٕ ہنٛد کانٛہہ آنتھے

## رحمتہٕ سیتی وحی تہٕ تنزیل کرِس ضروٗرتس پیٹھ دلیل :-

ییٚتھے کنی چھُہ رحمتہٕ سیتی وحی وتنزیل کرِس ضرورتس پیٹھ تہٕ دلیل دِوان ییمہ چھُہ وَنان زِ یوٗت رحمت زندگی ہنٛد کارخانہ کیٚس پرتھ حصس منٛز فایدُک تہٕ فاضُک اگر چھُہ۔ کیتھہ کنی ییکہ ہاوتھ زِ انسانہٕ سنٛد معنوی (روحانی) ہدایتہٕ خاطر آسہ ہا نہٕ تتھ نشہٕ کانٛہہ فاض تہٕ

سوٗ تراوِہا انسس نوقصانس تہٕ ہلاکتس منٛز؟ اگر توٚہی دِین حصن منٛز فاض تہٕ رحمت محسوس چھو کران - کانٛہہ وجہ چھنہٕ زِ کُنہی میلس حصس منٛز کرِو امہٕ نشہٕ انکار - یوہے وجہ چھُہ زِ تمی چھُہ جایہ جایہ وحی نازل کرنس کتابہٕ سوزنس تہٕ پائغمبر مبعوث کرنس رحمت وونمت -

وَلَئِن شِئْنَا لَنَذْهَبَنَّ بِالَّذِي
أَوْحَيْنَا إِلَيْكَ ثُمَّ لَا تَجِدُ لَكَ
بِهِ عَلَيْنَا وَكِيلًا ۝ إِلَّا رَحْمَةً
مِّن رَّبِّكَ إِنَّ فَضْلَهُ كَانَ عَلَيْكَ كَبِيرًا ۝

(١٧ : ٨٦ - ٨٧)

تہٕ (اے پائغمبرؐ) اگر آسی یژھوتہٕ یہ کینژھا توٚہہ پیٹھ وحی کرٕتھ سوزنہٕ آمُت چھُہ سُہ یمَو تُلتھ (یانے تنزیل تہٕ وحیک سِلسلہٕ روزِ نہٕ باقے) تہٕ توٚہی لبہِ بوٗن نہٕ کانٛہہ تتھ مددگار یُس اَسہٕ مجبور ہیکہ کرِتھ - مگر یُس یہ وحیک سِلسلہٕ جاری چھُہ

یہ چھنہٕ اَمہِ ورٲے کینہہ تہٕ زِ یہ چھِے تٔہندِس پروردگارٕ سٕنٛز رحمتھ تہٕ یقین کرٕونوٗ ہہ پیٹھ چھُ تسٕنٛد سیٹھاہ بوٚڈ فضل۔

تَنۡزِيۡلَ الۡعَزِيۡزِ الرَّحِيۡمِۙ لِتُنۡذِرَ قَوۡمًا مَّاۤ اُنۡذِرَ اٰبَآؤُهُمۡ فَهُمۡ غٰفِلُوۡنَ ۝

(٣٦ : ٥-٦)

(یہ قرآن چھُ) عزیز تہٕ رحیم خودایہ سٕنٛدِ طرفہٕ نازل کرنہٕ آمُت یتھ مَنِ لوکن یِہنٛدی آباواجداد (کانٛسہِ پاٚغمبرٕ سٕنٛزِ زبٲنۍ گمرٲہیہِ ہٕنٛدِ نتیجہٕ نِشہِ) کھوژناونہٕ چھنہٕ آمٕتۍ تہٕ اَوے چھِ غفلتس منٛز پیٚمتۍ۔ توٚہۍ کھوژناوِو وُدکھ (بدعملن ہٕنٛدِ نتیجہٕ نِشہٕ)

توراتَس، انجیلَس تہٕ قرآنَس نسبتھ چھِے جایہ جایہ وضاحتھ آمژ کرنہٕ زِ یِہٕنٛد نزول چھُ رحمت۔

وَمِنۡ قَبۡلِهٖ كِتٰبُ مُوۡسٰۤى اِمَامًا وَّرَحۡمَةً ؕ

(١١ : ١٧)

تہٕ اَمہِ برٛونٹھہ (یانے قرآنہٕ برٛونٹھہ چھِے (حضرت موسیٰؑ سٕنٛز کتاب اُمتہٕ خاطرٕ پیشوا تہٕ رحمت۔

يٰۤاَيُّهَا النَّاسُ قَدۡ جَآءَتۡكُمۡ مَّوۡعِظَةٌ مِّنۡ رَّبِّكُمۡ وَشِفَآءٌ لِّمَا فِى الصُّدُوۡرِ ۙ وَهُدًى وَّرَحۡمَةٌ لِّلۡمُؤۡمِنِيۡنَ ۝ قُلۡ بِفَضۡلِ اللّٰهِ وَبِرَحۡمَتِهٖ فَبِذٰلِكَ فَلۡيَفۡرَحُوۡا ؕ هُوَ خَيۡرٌ مِّمَّا يَجۡمَعُوۡنَ ۝

(١٠ : ٥٧-٥٨)

اے انسانوٚ تُہٕنٛزِ پاٚٹھۍ چھِے یہ تٔہنٛدِس پروردگارٕ سٕنٛدِ طرفہٕ نصیحتھ یوٚس تُہٕنٛدِ خاطرٕ آمٕژ چھِے تہٕ تِمو سارِوے بیمارِو خاطرٕ یِمہٕ انسانہٕ سٕنٛدِ دِلہٕ چہ بیمارِ چھِے۔ چھُ نسخہٕ شفا بیٚیہِ چھُ ہِدایتھ تہٕ رحمت۔ ایمانہٕ والین کیٚوت (اے پاٚغمبرٕ یِمَن لوٚکن) ڈٲوِ زِ (یہ کینٛژھاہ چھُ) تہٕ چھُ خدایہ سٕنٛدِ فضلہٕ تہٕ رحمتہٕ سیتۍ تہٕ توٚہہ پزِ (یِمِس فاضل لبنس پیٹھ) خوش گژھن (یہ چھُ یِمہٕ نین برکتن منٛز تِمو سارِوے چیزو کھوتہٕ بٔہتر یِم توٚہۍ (پننہٕ زندگی ہٕنٛزِ کامیابی خاطرٕ) جمع کران چھِو۔

هٰذَا بَصَآئِرُ لِلنَّاسِ وَهُدًى

یہ (قرآن) چھُ لوٚکن کیٚوت تِمن دلیلن ہٕنٛد گاش

وَرَحْمَةً لِّقَوْمٍ يُّوقِنُونَ ۝
(۴۵ : ۲۰)

تہٕ بیٚیہ چھُ ہِدایتھ تہٕ رحمت یُقینہٕ والین کیٚوت

أَوَلَمْ يَكْفِهِمْ أَنَّا أَنزَلْنَا عَلَيْكَ الْكِتَٰبَ يُتْلَىٰ عَلَيْهِمْ ۚ إِنَّ فِي ذَٰلِكَ لَرَحْمَةً وَذِكْرَىٰ لِقَوْمٍ يُّؤْمِنُونَ ۝
(۲۹ : ۵۱)

(یِم حقس اِنکار کرن وٲلی چھِ معجزٕ ژھانڈان مگر) کیا یہ معجزٕ چھُنا یِمن لوٗکن کیٚوت کٲفی زِ اَسہٕ کوٚر توٚہہ پیٹھ کتاب نازِل یوٚسہٕ یِمن (پھِری پھِری) بوزناونہٕ یِوان چھےٚ؟ پزی پٲٹھی یِم پٔرِھ وٲلی چھِ یِمن کرِ چھےٚ اَتھ (معجزس) منٛز رحمتہٕ رحمت تہٕ عقل تہٕ گاش۔

چنانچہ اَتھی بنا ہس پیٹھ چھُ سہٕ پیغمبرِ اسلام سٕندِس ظہورس تہٕ فیضانِ رحمت وَنان:۔

وَمَا أَرْسَلْنَٰكَ إِلَّا رَحْمَةً لِّلْعَٰلَمِينَ ۝
(۲۱ : ۱۰۸)

اے پیغمبرٕ تُہنٛد نبوتُک ظہور چھُنہٕ اَمہِ ورٲے کیٛنہہ زِ ساری جہانہٕ خاطر چھُ یہ سانہٕ رحمتُک ظہور۔

## اِنسانی اعمالن ہٕندِ بن معنوی قونوٗنَن پیٹھ "رحمتہٕ" سٟتی دٔلیل تہٕ بقاءِ انفع:۔

یتھےٚ کنٛی چھُ سہٕ رحمتہٕ کیٛو مادی مظاہرو نِشہٕ انسانی اعمالن ہٕندِ بن روحانی یا معنوی قونوٗنَن پیٹھ تہٕ دٔلیل دوان۔ سہٕ چھُ یہ وَنان زِ بیٚیہٕ رحمتُک یہ تقاضہٕ اوس زِ دُنیہس منٛز چھُ بقای انفع ہُک قونوٗن نافذ یانے سُے چیز چھُ باقی روزان یُس نفع دِنہٕ وول آسہٕ۔ یتھہٕ کنٛی ہیکہٕ ہا نہٕ تھ زِ سہٕ روزِ ہا انسانی اعمالن ہٕندِ طرفہٕ غافل تہٕ نفع دِنہٕ والین تہٕ نفع نہٕ دِنہٕ والین منٛز کرِ ہا نہٕ فرق؟

لہٰذا مادی چیزن ہٕندی پٲٹھی معنوی چیزن پیٹھ تہٕ چھُ یہ قونوٗن نافذ تہٕ وارٕ پٲٹھی چھےٚ نتیجہ پٲٹھی یٔہی احکام تہٕ نتایج کھوان یتھہٕ کنٛی توٚہی مادی چیزَن منٛز وُچھان چھِو۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھُ سہٕ زٕ لفظ ورتاوان۔ "حق تہٕ باطل"۔

## حق تہٕ باطل:۔

شوٗرےٚ رعدس منٛز چھُ بیٚیہ بقای انفع ہُک

قونون پیش چھُ کرنہٕ آمت تہٕ چھُ یتہِ آمُت وننہٕ زِ امہِ بیانہٕ سیتی چھےٚ حقیچ تہٕ باطلچ حقیقتھ ننہِ راوِنی۔

کَذَالِكَ يَضْرِبُ اللهُ الْحَقَّ وَ الْبَاطِلَ ج

(۱۳ : ۱۷)

یتھٕ کٕنی چھُ خدا حقیچ تہٕ باطلچ اکھ مثال بیان کران

سیتی چھُ بیٚیہِ ہَن وضاحتھ کران۔

فَأَمَّا الزَّبَدُ فَيَذْهَبُ جُفَاءً ج وَ أَمَّا مَا يَنْفَعُ النَّاسَ فَيَمْكُثُ فِي الْأَرْضِ ط كَذَالِكَ يَضْرِبُ اللهُ الْأَمْثَالَ ٥ لِلَّذِينَ اسْتَجَابُوا لِرَبِّهِمُ الْحُسْنَىٰ ط وَالَّذِينَ لَمْ يَسْتَجِيبُوا لَهُ لَوْ أَنَّ لَهُمْ مَا فِي الْأَرْضِ جَمِيعًا وَّ مِثْلَهُ مَعَهُ لَافْتَدَوْا بِهِ ط أُولَـٰئِكَ لَهُمْ سُوءُ الْحِسَابِ ٥

(۱۳ : ۱۷ - ۱۸)

اَدٕ (وُچھو) ملہٕ وٕلہٕ سیتی یُس پوٚس کھسان چھُ سُہ چھُ غآب گژھان تکیٛازِ تتھ منٛز اوسہٕ انسانس کیٛوٚت نفع۔ مگر یتھ چیٖزس منٛز انسانس کیٛوٚت نفع چھُ آسان سُہ چھُ زمیٖنس منٛز موجوٗد روزان۔ یتھےٚ کٕنی چھُ خدا پننہِ (عملہٕ ہنٛدین قونونن ہنٛز) مثالہٕ دِوان۔ لہٰذا یِمو لُکو پننِس پروردگارُنٛد حکم مون تِہنٛد خاطرٕ چھُ رٕژ رےٚ رٕژر تہٕ یِمو لُکو نہٕ مون (حقیقتھ چھ جایہ رٕٹکھ باطلچ وَتھ) تِمَن لُکَن چھُ (تِہنٛزن بد عملن ہنٛد) گُڈر حساب دِیُن۔ تہٕ اگر یِمَن لُکن ہنٛدس اتھس کینٛہہ تہٕ سورُے آسہِ یہٕ زمیٖنس منٛز چھُ تہٕ بیٚیہِ تیوٗت رلاوِہن تتھ سیتی تہٕ تہٕ سورُے دِتھ یٔژھن عملہٕ ہنٛدِ نتیجہٕ نشہِ بچُن تو تہٕ ہیکن نہٕ بچِتھ۔

عربس منٛز چھےٚ حقیچ خاصیتھ، ثبوت تہٕ قیام باوٕنی یوسہٕ کنہِ ثابتھ آسہِ تہٕ پننہِ جایہ نہٕ ڈلہٕ وِنی آسہِ مانابوٗد ہیکہِ نہٕ گژھتھ تتھ ونو حق۔ باطل چھُ بلکل اکھ برعکس۔ تیٚتھ چیٖزس نہٕ ثآبتھ چھُ تہٕ نہٕ قآیم پننہِ جایہ نٕشہ ڈلہٕ وُن مانابوٗد گژھہٕ وُن نہٕ باقی نہٕ روزن وول۔ چنانچہ قرآنس منٛز چھُ جایہ جایہ لیحقّ

لِّحَقَّ وَیُبْطِلَ الْبَاطِلَ (۸ : ۸)

## قضاءِ بالحق قوتون :—

ژُ چھُہ وَنان زِ یتھٕ کٲئنٲتس منٛز ماڈی چیٖزن منٛز وُچھان چھوٗز فِطرت چھےٚ ژٲر کران رُدٕ زان یُس چیٖز نفع دِنہٕ وول آسان چھُہ تِتھ چھےٚ موجوٗد تھوان۔ تہٕ یُس نہٕ نفع دِنہٕ وول آسان چھُہ تِتھ چھہِ نابوٗد کران۔ بِلکُل چھےٚ یِژھے عمل معنوی چیٖزن منٛز تہِ جٲری۔ یوسہٕ عمل حق آسہِ سو روزِ قٲیم تہٕ ثٲبِتھ تہٕ یوسہٕ باطِل آسہِ سو گژھہِ نابوٗد۔ تہٕ بیٚلہِ زانٛہہ حقس تہٕ باطلس مقابلہٕ گژھہِ (باقٕے روزُن آسہِ حقٕ کہِ خاطرٕ نہٕ کہِ باطلہٕ خاطرٕ) تِتھ چھُہ سُہ قضاء بالحق وَنان یانے فطرتُک فٲصلہٕ حق یُس نہٕ باطلہٕ خاطرٕ آسِتھ ہیٚکہِ۔

فَاِذَا جَآءَ اَمْرُ اللّٰہِ قُضِیَ بِالْحَقِّ وَخَسِرَ ھُنَالِكَ الْمُبْطِلُوْنَ ○

(۴۰ : ۷۸)

اَدٕ بیٚلہ سُہ وقت آوٕ زِ حکمِ الٰہی گژھِہ جٲری اَتھ گوٚ (خدا یہٕ سُنٛد) پوٚز فٲصلہٕ نافِذ تہٕ تمہِ وقتہٕ گیہٕ تمَن لوٗکن کرِ تباہی یِم باطلس پیٚٹھ آسی۔

تمی چھُہ اَمہِ حقیقتہٕ کہِ وضاحتہٕ خاطرٕ حق تہٕ باطِل لفظہٕ استیمال کٔرِتھ محض یِمو دوٚیو لفظو سٟتی حقیچ نوعیت واضح کرٕمژٕ۔ تکیازِ حق چھُہ تتھی چیٖزس وَنان یُس ثٲبِتھ قٲیم تہٕ اٹل آسہِ تہٕ باطلُک مانے چھُہ نابود گژھُن تہٕ قٲیم تہٕ باقٕے نہٕ روزُن۔ لہٰذا بیٚلہ سُہ کُنہٕ کتھِ وَنان پتھ یہ چھُہ حق تہٕ یہ چھُہ صرف دعواہے یوٗت آسان ژٕلی کہِ دعو ہس سٟتی چھُہ تمہِ کہِ پرکھاوٕ نیچ تہٕ اکھ کھوٚٹ برٕ ونٛہہ کُن اَنان۔ یہ کتھ چھےٚ حق یا نہٕ ڈٕلن واجِبی۔ تہٕ نہٕ مٹن واجِبی کتھ۔ لہٰذا یوسہٕ کتھ اٹل آسہِ تمِیُک اٹل آسُن ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ نظرٕ نشہِ ژٕوٗرِ رٲوِتھ تہٕ یوسہٕ کتھ مٹن واجِبی چھےٚ تمِیُک مٹُن وُچھہِ پرٕ تھ کانٛہہ۔

خدا یہٕ سُنٛدی صفت تہٕ چھُہ الحق۔ چنانچہِ سُہ چھُہ خدا یس نسبتھ تہٕ "الحق" کہِ صفتُک استیمال کران تکیازِ تِہنٛز ہستی کھوٚنہٕ کوسہٕ حقیقتھ چھےٚ یوسہٕ

ثابت ته ڏيڻ وني آسٿه سگهي.

فَذٰلِكُمُ اللّٰهُ رَبُّكُمُ الْحَقُّ

(١٠ : ٣٢)

اڍيوه هي جهه نهند پروردگار "الحق"

فَتَعٰلَى اللّٰهُ الْمَلِكُ الْحَقُّ

(٢٠ : ١١٤)

اڍ کيا تهود درجه ڇهه خدا يه سند "الملك" يا نے پادشاه ته "الحق" يا نے ثابت ته.

## وحي وتنزيل ته ڇهه "الحق"

وحي ته تنزيلس ته ڇهه سه الحق

ورنان تکيا زمسو ڇهي ڏني يهيچ اکهه ثابت ته قائم حقيقت ته، يمو قوتو سو مٽا وني برهائي تم مٽي ته

پا نه يتهه زاز ڇهنه تهند ناو نه نشانه ته باقي مگر وحيچ، ته تنزيلچ حقيقت ته روز هميشه قائم ته ازنه ڇهي قائم.

قُلْ يٰٓاَيُّهَا النَّاسُ قَدْ جَآءَكُمُ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّكُمْ ۚ فَمَنِ اهْتَدٰى فَاِنَّمَا يَهْتَدِيْ لِنَفْسِهٖ ۚ وَمَنْ ضَلَّ فَاِنَّمَا يَضِلُّ عَلَيْهَا ۚ وَمَآ اَنَا عَلَيْكُمْ بِوَكِيْلٍ ۝ وَاتَّبِعْ مَا يُوْحٰٓى اِلَيْكَ وَاصْبِرْ حَتّٰى يَحْكُمَ اللّٰهُ ۚ وَهُوَ خَيْرُ الْحٰكِمِيْنَ ۝

(١٠ : ١٠٨ - ١٠٩)

(اے پيغمبر)، وَنوزا اے انسانو اپڙي پاڻهي آو تهندس پروردگار سند طرفه تهند خاطر سه چيز يس حق ڇهه. اڍ يمي وونی اگي سو سيئنز وتهه رٽ ته يه سيئنز وته يکن ڇهه تهنز بجائي خاطر ته يس وته ڏول تهند وته ڏلنگ نوقصان ته ڇهه تسي کيوت ته (ميانی کام ڇهي صرف حقيچ وتهاوني) يه ڇهس ته تو هه يپٹهه راڇهدر آمت بناونه (زز بردستي زٿهه لاگو وتو هي وته پيٹهه) ته اے پيغمبر يه کينه ساد حي تو هه کن سوزنه ڇهي آمزتنته ييٹهه کرو عمل ته صبرس ييبو کام يونام خدا اے فاصله کرته سه ڇهه فاصله کرن والين منز رت فاصله کرن وول.

وَبِالْحَقِّ اَنْزَلْنٰهُ وَبِالْحَقِّ نَزَلَ ۔

(١٧ : ١٠٥)

ببيه (اے پيغمبر) سانه طرفه تمتيگ (يانے قرانک)

نازِل سپدُن چھُ حق تہٕ سُہ چھُ حقہٕ سلٕے نازِل
نہٕ سپدمُت ۔

## قرآنہٕ کِس اصطلاحس منٛز "الحق"

ہیتھے کینٛہہ ہیٚبہٕ سُہ تاریخی علامتہٕ سان گُنہٕ کتھہٕ "الحق" وَنان چھُ تہٕ یمہٕ سیٚتی تہٕ چھِے یہاے حقیقتھ مقصود آسان تہٕ اَوٕے چھُ سُہ اکثر حالتن منٛز صرف "الحق" ؤنتھ ژھوپہٕ کران تہٕ اَمہٕ علاوٕ کینہٕ وَنن چھُنہٕ ضوٗرٕ زانان۔ تکیازِ اگر فطرت کہ کاینات یہ قونوٗن چھُ زِ سُہ چھُ حقہٕ تہٕ باطلہٕ کِس جنگس منٛز حقہٕ ہے باقی ژھوان تہٕ تیٚلہٕ چھُ کُنہٕ کتھہٕ ہنٛدِ حق

الحَقُّ مِنْ رَّبِّكَ فَلَا تَكُونَنَّ
مِنَ الْمُمْتَرِينَ ۝

(۲ : ۱۴۳)

چونکہ عام مفسرین آسہٕ اَکھ بنی بادس ہیٚتھ نظر یتھو ہیوٚک نہٕ اَمہٕ خطابُک صحی مُقام متعین کٔرِتھ تہٕ فَلَا تَكُونَنَّ مِنَ الْمُمْتَرِينَ نُک مطلب زونکھ زِ اَمہٕ ماملہٕ کِس خدا یہ ہنٛدِ طرفہٕ آسہٕ نس منٛز مہٕ کٔرِو شک۔ حالانکہ داعی اسلام صلی اللہ علیہ وسلّم ہنٛد دلِ مبارک یُس پانہٕ محل وحی

آسنہٕ خاطرٕ یُتھے یوت وَنُن سپٚھا زِ سُہ چھُ حق یا نٕے سُہ چھُ باقی تہٕ قایم روزُن واجِبی حقیقتھ نہٕ تمیُک بقا تہٕ قیام کٔرِ پانٕے پننہٕ حق آسنُک اعلان۔ چنانچہ سوٗرِ بقرِ ہس منٛز ہیٚتہٕ یِنس قبلہٕ بدلہٕ نُک ذکر چھُ کرنہٕ آمُت تِتھی تھِے چھُ اہلِ کتابن ہنٛز تعصبہٕ بٔرتھ مخالفتس کُن اِشارٕ کران فرماوان:-

(حاشیہ ۴۷)

یہ (یانٕے قبلہٕ بدلہٕ نُک ماملہٕ) چھُ تُہنٛدِس پروردگارٕ سنٛدِ طرفہٕ اَکھ حقیقی کتھ اَدٕ وُچھو تُہنٛدِ نہٕ ترٛٹھ کتھ گرٛٹھ زِ تُہو ہیٚ بُتھوشک کرن والیو منٛز۔

اوٚسُ سُہ کتھہٕ کینٛہہ ہیبِکہٕ ہا اَکھ ماملس شکچ جاے آسِتھ۔ دراصل چھُ اَمہٕ خطابُک مقصد یے بیا کھ قبلہٕ بدلنہٕ کِس ماملس منٛز آس کمزور تہٕ بے سروسامان مسلمانن ہنٛدِ ایمانہٕ خاطرٕ سپٚھا بڈٕ آزمایش۔ مظلوم تہٕ مقہوٗر انسانن ہنٛز اَکھ ژھوٹ جماعتھ یمو دُنیہٕ ہیکین دوٚن ساردٕ کھوژ

مذہبی طاقتن ہندِس قبلس مقابلہ ینٔن ہیوٚن
قبلہ ٹھہرٕوِمُت اوس تہٕ یرِوشلمکُ عٔظیم الشان
تہٕ ہنٛنہٕ بدن وٕرۍ ین ہند مونہٕ مُت ہیکل ترٛاوتھ
آسی عربہٕ کہِ اکہِ سیٚکہِ صحراوکِس اکِس گمنام تہٕ
بے رونق معبدَس کُن پھیرِ متی۔ یتھس حالتس
منٛز کُس ہیکہِ ہاوِتھ اُمید کرِتھ زِ یہٕ بے باک جرأت
ہیکہ کامیاب گژِھتھ۔ تہٕ دُنیہکی قوم پھیرن
اوٚرۍ کُن ہنٛگہٕ منٛگہٕ یہاے چھےٚ سو حقیقت یتھ
کُن یمن لفظن منٛز زِ یہٕ وُنی چھےٚ دِنہٕ آمٕژ۔

وَإِنْ كَانَتْ لَكَبِيرَةً إِلَّا عَلَى الَّذِينَ هَدَى اللَّهُ ۗ وَمَا كَانَ اللَّهُ لِيُضِيعَ إِيمَانَكُمْ (۲ : ۱۳۸) لہٰذا آس ضروٗرتھ
زِ کمزورٕ دِلَن تسلا دِنہٕ خاطرٕ یِیہِ یہ کتھ نٔنہٕ راونہٕ
زِ یہِ مامَلہٕ آسی نَن کانٛہہ نِ خراب حالاتن منٛز پیش
آمُت تہٕ ناکامی ہندۍ اسباب آسی نَن کانٛہہ بے
ٹاکارٕ پاٹھی بوزنہٕ یوان، تو تہٕ چھےٚ کامیابی تہٕ فتح
تمی خاطرٕ تکیا زِ یہِ چھِ خدایہٕ سنٛدِ طرفہٕ ٹھہراونہٕ آمُت
"امرِ حق" تہٕ یہِ حق آسہِ تہٕ چھُ قایم، تہٕ باقے روزنہٕ
خاطرٕ آسان نا بوٗد گژھنہٕ خاطرٕ چھُنہٕ آسان۔ یتھ
سٕہ چیز یُس اَتھ مقابلہ آسہِ تہٕ اَچھ وٕتھرو کہِ سٕہ
مٹہٕ تہٕ گژِھ فنا۔ پتھے کٔنی یِنہٕ سورۍ آل عمرانس

منٛز مسیح سنٛدِس الوہیت کِس اعتقادس ردچھُ
کران فرماوان:۔

| | |
|---|---|
| اَلْحَقُّ مِنْ رَّبِّكَ | یہ چھُ تہٕنٛدِس پروردگارٕ |
| فَلَا تَكُونَنَّ | سنٛدِ طرفہٕ امرِ حق۔ اد (وچھو) |
| مِنَ الْمُمْتَرِينَ | یتہٕ ترٛتھ کتھ گژھِ زِ تو ہی آسو |
| (۳ : ۶۰) | شک کرن والیو منٛز |

ربوبیت مسیحک اعتقاد اوس مسیحی کلیسہک
بُنیادی اعتقاد بنیومُت۔ تہٕ ییمہ زورٕ تہٕ شورٕ
سان اوس دُنیہس منٛز امیک ڈنڈورٕ آمُت
دِنہٕ، تتھ خلاف کانٛہہ دعوت کامیاب گژھنی آس
یوان محال بوزنہٕ۔ خصوصن اَتھ دعوتس یتھ
پتہٕ اکھ ترٛتھ جماژ وراے کانٛہہ طاقتھ تہٕ شوکت
اوسنہٕ یوس وُنی وُنی زامٕژ تہٕ بے آسرٕ آس۔ اُتی
فرموون "اَلْحَقُّ مِنْ رَّبِّكَ" مسیح سنٛد اعتقادُک
آسی نَن کوتاہے بجر تہٕ تھزر لوٚ بمُت۔ مگر مسیح سنٛد
عبدِ یَت، دعوت چھُ اکھ امرِ حق۔ تہٕ اوے یِیلہ
حقس تہٕ باطلس ٹھول لگہ باقے تہٕ ثابت روزُن
آسہِ حقہٕ کے خاطرٕ، باطلہ کہِ خاطرٕ آسہِ نہٕ۔ باطلچ
چھےٚ یہ خاصیت زِ سہ چھُ مٹن وول چیز۔ وُنہٕ کیٚن
پیٚتن یہ دعوت کانٛہہ کمزور بوزنہٕ مگر۔ وقت
چھُنہٕ دوٗر یِیلہ یہ ینہٕ کامیابی ہنٛز علم تھزراو

تِتھے کٔنھ گژھِہ تمَن سارِنے جایَن پیٹھ غور کرُن تیتھ تھٕ "الحق" استیمال چھُ کرنہٕ آمت ۔

## حَقیچ تہٕ باطلٕچ لڑآے :-

قرآن یُس یہ جایہ جایہ حقہٕ تہٕ باطلہٕ چہٕ لڑایہٕ ہنٛز ذکر چھُ کران ۔ تہٕ یہاے بنی یاد بناوِتھ اَتھ کنتھ پیٹھ زور دِوان زِ کامیابی چھےٚ حقہٕ خاطر تہٕ ناکامی تہٕ گاٹہ چھُ باطلس کیٛت ۔ تہٕ یمہٕ سارے جایہ چھےٚ اَمی قانونِ قضا بالحقیچ وضاحتھ کران تہٕ یہاے حقیقتھ بروٚنٛہہ کنہِ رٹتھ گژھِہ یمَن جاین ہنٛد مطالعہ کرُن ۔

بَلْ نَقْذِفُ بِالْحَقِّ عَلَى الْبَاطِلِ فَيَدْمَغُهُ فَإِذَا هُوَ زَاهِقٌ ۔ (۲۱ : ۱۸)

بلکہ چھ سون قونون یہ زِ حق چھُ باطلس ٹھولہ لگان تہٕ تمہ چھلہ چھلہ کران تہٕ اَتی چھُ سہ ہنگہٕ منگہٕ نابود گژھان ۔

وَقُلْ جَاءَ الْحَقُّ وَزَهَقَ الْبَاطِلُ ۚ إِنَّ الْبَاطِلَ كَانَ زَهُوقًا ۝ (۱۷ : ۸۱)

تہٕ ونیو حق درائو تہٕ باطل گو نابوٗد ۔ تہٕ پزی پاٹھی اوس باطل نابوٗد گژھن وول ۔

## خدا یہٕ سنٛز شہادت :-

اَد یتہٕ چھےٚ حقہٕ تہٕ صداقتہٕ خاطر یہاے خدا یہٕ سنٛز شہادت یوسہٕ یمِنس معزرہٕ وقتس پیٹھ نٔنی چھےٚ نیران تہٕ بلہٕ چھُ وَنان زِ حق کُس سپتی اوس تہٕ باطلہٕ پوز اُکُس اوس کران یانے قضاء بالحق قونون چھُ حقس ثابتھ تہٕ قایم تھوِتھ تہٕ تمہ کُس مدِ مقابلس مٹاوِتھ تہٕ نابوٗد کرِتھ اصل حقیقتھ اعلان کران ۔

قُلْ كَفَىٰ بِاللَّهِ بَيْنِي وَبَيْنَكُمْ شَهِيدًا ۚ يَعْلَمُ مَا فِي السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضِ ۗ وَالَّذِينَ آمَنُوا

یمن لوکن ڈیوٚد وٕنی چھنہٕ بلہٕ کنہٕ حجیچ ضرورتھ منٛز تہٕ تہٕ یمَن منز بڈ چھےٚ خدا یہٕ سنٛز شہادت سُٹھا۔ یہ کینٛہ چھا آسمانن تہٕ زمینس منز چھُ سُورے چھُ

بِالْبَاطِلِ وَكَفَرُوْا بِاللّٰهِ
أُولٰئِكَ هُمُ الْخٰسِرُوْنَ ○

(۲۹ : ۵۲)

تہندس علمس منز۔ لہٰذا یم لوکھ حقہ چہ جایہ باطلس
پیٹھ پژھ کرِتھ چھ تہ خدایہ سِندس پژس چھ بُتھ
پھران یقین چھیے ناکامی تہ تباہی تہندے خاطرِ۔

بیٚیِس اکس جایہ چھ امہ کہِ فاصلہ خاطرٕ اتھ ساری کھوتہ بڈ شہادت وننہ آمٕژ۔

قُلْ اَیُّ شَیْءٍ اَكْبَرُ شَهَادَةً
قُلِ اللّٰهُ شَهِیْدٌ بَیْنِیْ وَبَیْنَكُمْ

(۱۹ : ٦)

پرژھِو کوسہ کتھ چھیے ساری کھوتہ بڈ گواہی؟ (اے پیغمبر)
وٚنیو خدایہ سِنز گواہی سوٕے چھ میٚنہ تہ تُہنز (فاصلہ
امہ خاطرٕ) گواہی دِنہ وول۔

## قضاء بالحق چھ مادِ ینک تہ روحانی ینک عالمگیر قوٗنوٗن:۔

سہ چھ وَنان امہ قونوٗنہ زِ کتھ کٕنی ہیکو نہ
بُتھ پھرِتھ بیٚیلہ زَن زمینک تہ آسمانک سورے
کارخانہ امہِ کینہِ حکمن پیٹھ ڈرِتھ چھ۔ اگر کانہ اپنہِ
فطرت نوقصانچ تہ بدی ہنز زٲر روزِہا تہ کران
تہ پرتِس تہ اری سیٚے پوٚت کیٚت باقے تہ قایم

روزن آیہ ہا تہ تیٚیلہ اوس نوٗنے زِ ساری
سے زندگی ہندِس کارخانس گژھِہا چھلہ وہلاے
بیٚیلہ نوٗہی جسمہِ کِس عالمس منز فطرتہ کِس اتھ
قونوٗنس چھو سِنز کام کران وُچھان تہ معنوی روحانی
عالمس منز کیازِ آسہِ نہ تُہ اتھ پیٹھ پژھ۔

وَلَوِ اتَّبَعَ الْحَقُّ اَهْوَآءَهُمْ
لَفَسَدَتِ السَّمٰوٰتُ وَ
الْاَرْضُ وَمَنْ فِیْهِنَّ ؕ

(۲۳ : ۷۱)

تہ اگر حق تہندزَن خاہشن پتہ پتہ پکِہ یقین کرو
یہ آسمان تہ زمین بیٚیہ یہ کینہ ہا اَتھ منز چھ گژھِہ
چھلہ وہلاے

### انتظار تہ تربص (پرارُن)

قرآنس منز بیٚیہ بیٚیہ انتظارس تہ
تربصس پیٹھ زور چھ آمت دِنہ تہ وننہ چھ آمٕژ
زِ وُژھہ مہ کرِو پرارو۔ جلدی گژھِہ حقس تہ باطلس

فاصلہٕ مثالے

قُلْ فَانْتَظِرُوْا اِنِّیْ مَعَکُمْ مِنَ الْمُنْتَظِرِیْنَ ۝ (١٠ : ١٠٢)

نہٕ اَمہٕ نشہٕ تہٕ چھےٚ یہاے حُقیقتھ مقصوٗد :-

وٚنِو (اے پاٚغمبر!) اِدِ پرٛاٚرِو تہٕ بہٕ تہٕ چھُس توٚہہٕ سٟتی پرٛارن والہٕ ہٕنے منٛز۔

## قضاء بالحق تہٕ تدریج و امہال :- (فرصت تہٕ مُہلت)

مگر کیا قضاء بالحقُک نتیجہٕ چھا یہ نیران زِ پرٛتھ باطل عمل گژھہِ تِتھے نابوٗد تہٕ پرٛتھ عملِ حق گژھہِ سٟتی کامیاب؟ قرآن چھُ ونان زِ نہٕ تہٕ ہیٚکہٕ نہٕ بنِتھ۔ تہٕ رحمتُک تقاضہٕ چھُ یوٚہے زِ تہٕ گژھہِ نہٕ سپدُن۔ یٕمہٕ رحمتُک تقاضہٕ بہٕ اوس زِ مادی چیزن منٛز چھُ تدریج تہٕ امہالُک قونوٗن چلان۔ یٕمی رحمتُک تقاضہٕ

سپدہ یہ زِ معنوی زندگی ہٕندِس کائناتس منٛز تہٕ چھُ تدریجُک تہٕ امہالُک قونوٗن کام کران۔ تہٕ مادی عالم آسی تن یا روحانی پرٛتھ جایہ چھُ قونوٗنِ فطرت کُنُے۔ اگر یہ آسہِ ہا نہٕ تیٚلہ ہیٚکِہ ہا نہٕ بہٕ بنِتھ زِ دُنیہس منٛز لبہ ہا کانٛہہ جمانژ یس نہٕ بدعملن سٟتی زندگی ہٕنٛز مُہلت

وَلَوْ یُعَجِّلُ اللّٰہُ لِلنَّاسِ الشَّرَّ اسْتِعْجَالَھُمْ بِالْخَیْرِ لَقُضِیَ اِلَیْھِمْ اَجَلُھُمْ۔

(١٠ : ١١)

تہٕ یِتھہٕ کٕنٛہ انسان فایدٕ خاطرٕ وُژھہِ وار چھُ آسان۔ اگر خدا ے تِتھے کٕنٛہ انسانس سزا دِنہٕ خاطرٕ جلد باز آسِہ ہا تہٕ (انسانہٕ سٕنٛزن غلطین تہٕ گونہٕ ہن ہٕنٛد چھُ یہ حال زِ) کرِ تام آسِہ ہا فاصلہٕ گوٚمُت تہٕ تِہنٛد مقرر وقت نیرِ ہا جلد نوٗن۔

## تاجیل :-

سہٕ چھُ ونان زِ یِتھہٕ کٕنٛہ مادی عالمس منٛز پرٛتھ کانٛہہ حالتھ وادہٕ کھانیتھ لان چھےٚ تہٕ پرٛتھ نتیجہٕ کہٕ ظہوٗرٕ خاطرٕ چھُ اکھ خاص مقدار اکھ خاص مدت تہٕ

اَکھ خاص وقت مقرر کرنہٕ آمُت بلکُل نتّھے کُنہٕ
چھ عملہٕ ہنٛد نتیجہٕ خاطرٕ خاص مِقدارِ کی تہٕ اوقاتن
ہنٛدی اَحکام مقرر، ضروٗری چھُ زِ پرٛتھ نتیجہٕ
نیرِ اَکہِ خاص مُدتہٕ پتہٕ تہٕ اَکِس خاص
مِقدارس تام پھانپھلنہٕ پتہٕ نوٗن۔ مثلن فطرتُک
قونوٗن چھُ زِ اگر آب ییہِ نارس پیٹھ تھاونہٕ سہٕ
ہیٚیہِ گرم گژھنہٕ گژھِکُن۔ مگر آب گرم گژھنس تہٕ
پوٗنس گژھِکنہٕ خاطرٕ چھےٚ گرمی ہنٛز اَکھ خاص
مِقدار ضروٗری تہٕ سوٗ ظاہر تہٕ پورٕ گژھنہٕ خاطرٕ
چھُ ضروٗری زِ کُنہٕ وقتس تام ییہِ پرٛارنہٕ۔ یہِ
ہیٚکہِ نہٕ ییتھ زِ توٗہی نھووٕ آب دانس پیٹھ
نہٕ سہٕ ہیٚیہِ گژھِکُن یہٕ ہیٚیہِ ضروٗر گژھِکُن
مگر تمہٕ وزِ ییلہِ گرمی ہنٛز ضروٗری مِقدار
وارٕ وارٕ اَندٕ رس واتہٕ۔ بلکُل ییتھے کُنہٕ یوٗتام نہٕ
انسٲنی عملن ہنٛد اثر خاص مُقرر مِقدارس
تام واتہٕ توٗتام ہیٚیہِ نتیجہٕ نوٗن نیرِنس پرٛارُن

نتیجہٕ چھُ یہ زِ اَمہٕ (پرٛارنہٕ) ندرِ پچہٕ تہٕ اِمہالہٕ
سٟتی چھےٚ عمل حق تہٕ عملِ باطل دوشوٕنی
ہنٛد ظہورٕ خاطرٕ نا اجل یا مُہلت پاد گمژ۔
یانے دوشوٕنی ہنٛد نتیجہٕ چھُنہٕ ژٕلی نوٗن نیران۔
پتہٕ نِس مُقررٕ اَجلس یانے مُقررٕ وقتس پیٹھے
ہیٚکن نیٚرِتھ نہٕ نیٚرِتھ۔ البتہٕ حقہٕ خاطرٕ چھےٚ مُہلت
اَوسہٕ آسان ییتھ نمہٕ چہ کامیابی ہنٛد طاقتھ
پھانپھلہٕ تہٕ باطلہٕ خاطرٕ چھےٚ اَوسہٕ آسان
یُتھ تمیٚچ فنا گژھنٕچ واجبنی کمزوٗری آتنقص
تام واتہٕ۔ اَمہٕ موہلتہٕ خاطرٕ چھُنہٕ کانٛہہ اَکوے
وقت مُقرر۔ پرٛتھ حالتس چھےٚ اَکھ خاص خاصیتھ
آسان، پرٛتھ کُنہٕ ماحولس چھُ پنُن اَکھ خاص
تقاضہٕ آسان۔ یہ تہٕ ہیٚکہِ ییتھ زِ اَکہِ خاص حالتہٕ
خاطرٕ مُقرر کرٕنۍ مُدتہٕ چھِ مِقدار آسہٕ
سیٹھا کم تہٕ یہ تہٕ ہیٚکہِ ییتھ زِ سیٹھا
زیادٕ آسہٕ۔

---

فَاِنۡ تَوَلَّوۡا فَقُلۡ اٰذَنۡتُكُمۡ
عَلٰى سَوَآءٍ ؕ وَاِنۡ اَدۡرِىۡۤ
اَقَرِيۡبٌ اَمۡ بَعِيۡدٌ مَّا
تُوۡعَدُوۡنَ ٥

ادٕ ییلہِ یم لوکھ پھرن۔ یمن ونوٗ زِ مےٚ دِژ توٚہہ
بسٲی (حقیقتِ حالُک) خبر تہٕ مےٚ چھےٚ نہٕ خبر اعمالِ
بدٕکہِ ییمہٕ نتیجُک توٚہہ سٟتی وعدٕ چھُ کرنہٕ آمُت
تمیُک وقت چھانکھ کینہٕ ونہٕ چھُ دور۔

إِنَّهُ يَعْلَمُ الْجَهْرَ مِنَ الْقَوْلِ
وَيَعْلَمُ مَا تَكْتُمُونَ ۝ وَإِنْ
أَدْرِي لَعَلَّهُ فِتْنَةٌ لَّكُمْ وَ
مَتَاعٌ إِلَىٰ حِينٍ ۝

( ۲۱ : ۱۰۹ - ۱۱۱ )

یُزِری پأٹھی چھےٚ خدایَس پٔرٕ تھٕ کُنہٕ کتھِ ہنٛز خبر۔ چاہے سو آسی تن ننٛی پأٹھی تہُنٛز زبو ییٚٹھ یا تہنٛدِس دِلس منٛز آسی تن ژور۔ بیٚیہ مےٚ کیٛا چھےٚ خبر بنان چھُ زِ یہ ژیر آسہِ اَمہ موکھٕ زِ تہُنٛز آزمائش ییہِ کرنہٕ یا اوٚمو کھٕ زِ اَکِس خاص وقتس تام ییہِ توہہِ فائدٕ تُلنُک (بیٚیہ ہٕنَن) موقہٕ دِنہٕ۔

## فِطرتہٕ کہِن قونونَن ہنٛد معیارِ اوقات :۔

قُرآن چھُ وَنان زِ یٔمہِ حسابہٕ توٚہی پنُن وقت گُذراوان چھِو سُہ وقتہٕ انٛدازہٕ کرِو توٚہی فِطرتہٕ کہِن قونوٗنَن ہنٛدِ پکنُک یا عمل کرنُک۔ فطرتہٕ چھِ کامہِ ہنٛد دآیِرٕ چھُ تیوٗت بوٚڈ زِ تہنٛدِ حسابہٕ مطابِق بڑِ کھو تہٕ بوٚڈ مُدت چھُنہٕ تمہِ کہٕ اَکہ دوٚہہ کھوتہٕ زیادٕ۔

---

وَيَسْتَعْجِلُونَكَ بِالْعَذَابِ وَلَن
يُخْلِفَ اللَّهُ وَعْدَهُ ۚ وَإِنَّ
يَوْمًا عِندَ رَبِّكَ كَأَلْفِ سَنَةٍ
مِّمَّا تَعُدُّونَ ۝ وَكَأَيِّن مِّن
قَرْيَةٍ أَمْلَيْتُ لَهَا وَهِيَ ظَالِمَةٌ
ثُمَّ أَخَذْتُهَا وَإِلَيَّ الْمَصِيرُ ۝

( ۲۲ : ۴۷ - ۴۸ )

یِم لوٗکھ چھِ عذابہٕ خأطرٕ تاوٗلی کران۔ (یانے اِنکارٕ تہٕ شرارتہٕ سِتی چھِ وَنان زِ اگر یُزری پأٹھی چھُ عذاب ینہٕ وول سُہ کیٛتہٕ چھُ) اَدٕ کُری وٕ یَژھ زِ خدا چھُنہٕ پنُن وعدٕ ٲنہہ تہٕ بدلاوَن وول۔ مگر کتھ چھےٚ یہ زِ خدا یہ سُنٛد اَکھ دوٚہ چھُ تیوٗت یوٗت تہنٛدِ حسابک ساس ؤری چھِ۔ چنانچہ کأژا یسی نیٚہ چھےٚ یمَن (واریہٕس کالس) ڈیٚجر آدِ تراونہٕ یوٚدوَے تِم ظالم آسی، اَدٕ (بیٚیلہِ نتیجہ نیرنُک وقت آو) تہٕ سون عذاب دژا وٗنوٚن (تِمَن کُتھ چھےٚ زِ پھیرتھ چھُ) اَسی کُن ین۔

# عذابچ وُتاوُلی :-

یمَن آیتن مَنز یتھ انسانہ سٕنز ذیہنچہ گمراہی "استعجال بالعذاب" (عذابہ خاطرٕ وُتاوُلی کرٕنی) وننہٕ چھُہ آمُت سوٚ آس نہ تمن حقہٕ کین مُنکرن ہنٛزے بلکہ گمراہی یم اسلامہٕ کہ نوّن بیرنہ کہ وقتہٕ تمہ چہ دُشمنی ہیٚتھ ہوٚلہ گنٛڈِتھ آسی دراہمتی بلی کہ چھےٚ یہ پرٛتھ زمانس مَنز انسانہٕ سٕنز کج اَندیشی روٗزمٕژ چھ واریاہ لٹہٕ قوٗدرتہٕ کِس دِتی مِتس مُہلتس فأیدٕ تُلنہٕ بدلہٕ بیٚیہ زیادٕہَن شرس تہٕ فسادَس مَنز بے خوف تہٕ دِلیر بنان تہٕ وَنان زِ اگر پٔزی پاٚٹھی حقہٕ تہٕ باطلہٕ خاطرٕ پنُن پنُن نتیجہٕ تہٕ انجام چھُ نیٚبلِہ کنہٕ چھِہ تمِ تہٕ ژٔلی ژٔلی کوٚنہٕ چھِہ نیران؟۔ قرآن چھُ جایہ جایہ حقہٕ نِشہِ پھیتھ پھِرن والین ہُنٛدِ یہ خیال نقل کران تہٕ وَنان زِ اگر زندگی ہُندِس کاینا تس مَنز سوٚ نُہِ حقیقتہ پرٛزلہٕوٕنی

آسہٕ ہانہٕ ییتھ "رحمت" چھ وَنان۔ تہٕ یقینن زیہن یم نتیجہٕ ہشگہ مَنگہ تہٕ اکی ساتہٕ ژننی تہٕ انسان ہیٚکِہ ہانہٕ پنہٕ نہوٚ بیچھ عَملو سان ہرگز تہٕ زندگی ہُندشِہ کھٔ آلتھ۔ مگر بیٚینہٕ چھُہ سارِنی حکمَن تہٕ قونوٗنَن ہیٚتھ رحمتکُ قونوٗن تہٕ تمیُک تقاضہٕ چھُ یوٗہے زِ حقکی پاٹھی بیہ باطلس تہٕ زِندگی تہٕ روزگارچ مُہلت دِنہٕ تہٕ توبک تہٕ بٔدی نِشہِ پوٚت پھیرنگ تہٕ عفوکُ تہٕ بخشایشہٕ ہُنٛد دروازٕ روزِ پرٛتھ حالتس مَنز وٚنتھ۔ اگر کاینا تہٕ کِس فِطرتس مَنز یہ رحمت آسِہ ہانہٕ تیٚلِہ آسِہ ہا پٔزی پاٹھی سوٚ عَملہٕ ہُنٛد جزادِنس مَنز جَلد باز۔ مگر تَتھ مَنز چھےٚ رحمت تہٕ اَدِ نہٕ چھےٚ تہٕنٛز مُہلت بخشنچ کانٛہہ حَد تہٕ نہٕ کانٛہہ تَسنٛدِ عفوک تہٕ مآفی ہُنٛد کانٛہہ اَنتھ۔

— —

وَيَقُولُونَ مَتَىٰ هَٰذَا الْوَعْدُ إِن كُنتُمْ صَادِقِينَ ۝ قُلْ عَسَىٰ أَن يَكُونَ رَدِفَ لَكُم

بیٚیہ چھ (اے پأغمبر) یم (حقیقتہٕ نِشہِ غافل) وَنان زِ اگر توٚہی (ظُلمہٕ تہٕ بغاوتہٕ کِہ نتیجہٕ نِشہِ کھوٚژنس مَنز) پٔزی زیاری چھوٚ تیٚلِہ کر چھےٚ سوٚ کتھ

بَعْضُ الَّذِیْ تَسْتَعْجِلُوْنَ ٥
وَاِنَّ رَبَّكَ لَذُوْ فَضْلٍ
عَلَى النَّاسِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ
لَا يَشْكُرُوْنَ ٥
(۲۷ : ۷۱-۷۳)

گرٛ ژھَن واجینِی (تہٕ گرٛژھان کوٚنہٕ چھےٚ؟) یِمَن ڈِنو
(یا شبرِ ومہٕ) بییِمہٕ کنٛتھِ خاطرٕ تۄہیٚ وَناوٲلی چھِو کران
تاجب چھُنہٕ تمیٚک اَکھ حصہٕ ما آسہِ بلکُل نکھہٕ روٚ و تہٕ
مُت۔ تہٕ اے پاٚغمبر تٕہنٛدِ پرٕوردگار چھُ انسانن ہٕنٛدِ
خاطرٕ سیٹھا فضل کرن وول (یِس یِتھ حالتس
منٛز شیٚر نِیچ تہٕ سنٛبالنِیچ فرصتھ چھُ دوان) مگر
(افسوس انسانن ہٕنٛدِس غفلتس پیٚٹھ) اکثر لوکھ
چھِہ نہٕ یِم (تٕہنٛدِس رحمتس تہٕ فضلس فایدٕ تُلنہٕ
بدلہٕ) تٕہنٛز ناشکری چھِہ کران۔

وَيَسْتَعْجِلُوْنَكَ بِالْعَذَابِ وَ
لَوْلَآ اَجَلٌ مُّسَمًّى لَّجَآءَهُمُ
الْعَذَابُ ط وَلَيَاْتِيَنَّهُمْ
بَغْتَةً وَّهُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ ٥
(۲۹ : ۵۳)

بییہٕ چھِہ یِم لوکھ عذابہٕ خاطرٕ وَناوٲلی کران (یانے
اِنکار تہٕ ٹھٹھہٕ پاٹھۍ چھِہ وَنان زِ اگر پزی پاٹھۍ
عذاب یِنہٕ وول چھُ تہٕ یوان کوٚنہٕ چھُہ؟) تہٕ حقیقتھ
چھےٚ یہٕ زِ اگر خاص وقت ٹھہراونہٕ آسہٕ ہانہٕ آمُت
تہٕ (یُقیٖن تھٲوِو بییلہٕ سہٕ ییہِ سہٕ ییِہ تیتھہٕ کٕنی
زِ) ہٕنگہٕ مٕنگہٕ ییہِ یِمَن پیٚٹھ تہٕ تِمَن آسہٕ
نہٕ امیُک گُمان تہٕ۔

وَمَا نُؤَخِّرُهٗۤ اِلَّا لِاَجَلٍ
مَّعْدُوْدٍ ٥
(۱۱ : ۱۰۴)

بییہٕ تھٲوِو یاد اگر اَسۍ اَتھ مامَلس منٛز ژیر
چھِہ کران سہٕ چھُ صرف اَمہٕ موکھہٕ زِ ییہٕ چھُ اَسۍ
اَکھ گنٛزرٲوِمتہٕ وَقتہٕ خاطرٕ سیٚتھہٕ کٕنۍ تھوان۔

## اَلْعَاقِبَةُ لِلْمُتَّقِيْنَ :-

سہٕ چھُ وَنان زِ بیٚیہٕ چھےٚ زندگی تہٕ عملہٕ
ہٕنٛز مُہلت سارنے کرٕ تکیاہٕ زِ رحمتُک تقاضہٕ

ادٕس یوٗ ہے۔ لہٰذا اگر ژٕ ہِ نہٕ اَمہٕ کتھہِ سیتی دونکھہٕ کھیوٗن تہٕ یہٕ گژھِہ نہٕ زانُن زٕ عَملَن ہِنٛدِ ـــــــ نتیجک قونوٗن چھُنہٕ موجوٗد۔ وُچھُن گژھِہ زٕ نتیجٕ کامیاآبی کٔس بیٚیہ حصہٕ تہٕ پوٚشٕکٔس لَبہٕ یِزٕ نہٕ۔

قُلْ يٰقَوْمِ اعْمَلُوْا عَلٰى مَكَانَتِكُمْ اِنِّیْ عَامِلٌ ج فَسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ مَنْ تَكُوْنُ لَهٗ عَاقِبَةُ الدَّارِ ؕ اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الظّٰلِمُوْنَ ۝ (٦ : ١٣٥)

(اے پاآغمبر) یمَن لوٗکن ؤنِو وُچھو (وونی چھہ میانہٕ تہٕ تُہنٛدِ مالِکٕ فاآصلہٕ خدا بِس اَتھہٕ) تو ہی یہٕ کینٛہہ کران چھِو تہٕ روٗزِو پننہِ جایہِ کران تہٕ بہٕ تہٕ چھُس پننہٕ جایہِ کاآم کران جلدی بیٚیہِ زانہٕ تٔہ مَنٛزِ کُس چھُہ بَس کیٚوٗت آخرٕ نکٕ (رُت) گرہٕ چھُہ۔ شکہٕ ورٔآے چھُہ (تَیہٕ تُسنٛد قونوٗن) زِ ظُلم کرَ دٔآلی چھِنہٕ زانٛہہ تہٕ کاآمیاآبی ثبتھہٕ ہیکان۔

## قرآنکی نِم سآری آیہ یمَن منٛز ظُلمہٕ تہٕ کُفرٕ خاآطرٕ فلاح تہٕ کامیاآبی نٕشہِ انکار چھہٕ آمُت کرنہٕ

تہٕ رستگاری نِشہٕ نکار چھہ کرنہٕ آمُت تہٕ نیک عملو خاآطرٕ کامیابی تہٕ

بیٚینہِ نٔس گژھِہ یہٕ قاآعدٕ تہٕ مولوٗم کرُن زٕ قرآنِ حکیمَس منٛز بیٚینہِ نٔس ظُلمہٕ، فسادٕ، فسقہٕ، کُفرٕ بیترِ بد عملو خاآطرٕ کامیاآبی تہٕ کاآمرآنی ہنٛد یقین چھُہ دِنہٕ آمُت یمَن سارنے جاین تہٕ چھہ اَتھی حقیقتَس کُن ژِینہٕ ونی دِنہٕ آمُژ مثالے

اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الظّٰلِمُوْنَ (٦ : ٢١)

اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الْمُجْرِمُوْنَ (١٠ : ١٧)

اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ الْكٰفِرُوْنَ (٢٣ : ١١٧)

لَا يُصْلِحُ عَمَلَ الْمُفْسِدِيْنَ (١٠ : ٨١)

وَاللّٰهُ لَا يَهْدِی الْقَوْمَ الْكٰفِرِيْنَ (٩ : ٣٨)

وَاللّٰهُ لَا يَهْدِی الْقَوْمَ الظّٰلِمِيْنَ (٣ : ٨٦)

وَغاآرٕ۔ خداے چھُنہٕ ظُلم کرَن والین کامیاآبی دوان۔ یانے تُسنٛد قونوٗن چھہ زِ ظُلمہٕ خاآطرٕ گژھِہ نہٕ کامیاآبی تہٕ بجاآی آسِنہٕ۔ خداے چھُنہٕ ظُلم کرن والین

وَتھ ہاوان ۔ یانے تَسُند قونوٗن چھُ یوٗسہٕ ہیٚے
زِ ظُلم کَرن والین ہُنٛدِ خاطرٕ چھَنہٕ کامیابی
ہیٚنٛز تہٕ سعادَتچہٕ وَتہٕ یلہٕ گژھان ۔ یہٕ چھُنہٕ مطلب
زِ خداے چھُ تِمَن پیٹھہٕ ہیٚداینٛکی تہٕ رہنمٲیی ہُنٛد
درواز بنٛد کران ۔ تہٕ تِم چھِ گُمراہیہٕ ہیٚنٛز اَنہٕ ہ چ
زندگی گُذارنَس پیٹھ مجبوٗر یوان کرنہٕ ۔ افسوٗس
چھُ زِ قُرآنُک کیٚنٛہہ مُفسرَو چھُنہٕ یمَن جاین ہُنٛد
ترجمہٕ زیادٕ غورٕ تہٕ فِکرِ سان کوٚرمُت ۔ لہٰذا
ہیٚکی نہٕ مطلب یَتھ اصلی شکلہِ منٛز نَنِتھ

## تمتّع :-

اوٚیتہٕ چھُ قُرآنُکس
اِصطلاحَس منٛز یوٗسہٕ ہیٚے تہٕ "تمتّع"۔ فآیدٕ یانے
زندگی ہٕنٛز فآیدٕ تُلنُچ مُہلتھ ۔ ییٚمیُک سہٕ پھِری
پھِری ذِکر کران چھُ نہٕ یوٗسہٕ سارنے ہِشی چھِ دِنہٕ آمٕژ۔

بَلْ مَتَّعْنَا هٰٓؤُلَآءِ وَاٰبَآءَهُمْ
حَتّٰى طَالَ عَلَيْهِمُ الْعُمُرُ ؕ
(٢١ : ٤٤)

بَلکہِ کَتھ چھےٚ یہِ زِ اَسہِ چھِ یمَن لوٗکن تہٕ یہنٛدین
مالین بٔڈی بَبن زِندگی ہُنٛدِ موہلتہٕ نٕشہٕ فآیدٕ تُلنٕکی
موقہٕ دِتی مٕتی ۔ یوٚتام تہٕ تِمَن (خوشحالی ہیٚنٛز) واریاہ عُمر
گُذرِتھ گٔیہ ۔

یتھے کٔنی چھُ سہٕ جایہٕ جایہٕ مَتَّعْنٰهُمْ اِلٰى حِيْنٍ
(١٠ : ٩٨) وَ مَتَاعًا اِلٰى حِيْنٍ (٣٦ : ٤٤)
فَتَمَتَّعُوْا فَسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ (١٦ : ٥٥)
بیٚنہٕ دِنتھ تہٕ اَتھی حقیقتس پیٹھ زور دوان۔

## قضاء بالحق تہٕ قوم تہٕ جمآژ :-

یتھے کٔنی چھُ سہٕ قضا بالحقہٕ کِس قونوٗنس
قومَن تہٕ جمآژن ہُنٛدِس کھسنس تہٕ وَسنَس
پیٹھ مُنطبق کران تہٕ وَنان زِ یتھٕ کٔنی فطرت چھےٚ
زآر ہُنٛد قونوٗن فردن تہٕ جسمَن منٛز پکہٕ وُن
چھُ تِتھے کٔنی چھُ قومَن تہٕ جمآژن منٛز تہٕ پکہٕ وُن
یتھٕ کٔنی فطرت نفع دِنہٕ والین چیٖزن باقی
تھوان چھےٚ تہٕ نفع نہٕ دِنہٕ والین زآرتھ

چھ کڏان بلکل چھ تنھے کئی جماڙن منزنہ
صِرف تنھی جماڙ کیوت باقیءَ تہ زنڈرو زُن
یتھ منزدُنی یہکہ خاطرِ نفع آسہ، یوسہ جماتھ
بےفایدہ بنان چھے سو چھے ژآرِتھ یوان

کڏنہ یُس چھ ونان یہ چھے تہنز رحمت تکیا
زِ اگر یہ کنتھ آسِہ ہانہ دُنی باہس منز بیہ ہانہ
انسانہ سِنڈ ظُلمہ تہ بغاوتہ خاطرِ کانْہہ
ٹھوَر بوزنہ۔

وَلَوۡلَا دَفۡعُ اللّٰہِ النَّاسَ بَعۡضَھُمۡ
بِبَعۡضٍ لَّفَسَدَتِ الۡاَرۡضُ
وَلٰکِنَّ اللّٰہَ ذُوۡ فَضۡلٍ عَلَی
الۡعٰلَمِیۡنَ ۝

(٢ : ٢٥١)

بیّیہ (وُچھو) اگر خدا ین (قومن تہ جماڙن منز
پانہ وانی کشمکش آسہ ہانہ پادہ کرمژ تہ سہ آسہ
ہانہ) اڈین لوکن اڈین ہنڈ اکھ وتہ ژ ہٹاوان
روزان تہ یڑی پاٹھی پھالہ ہاز میننس منز خرابی یگر
اللہ تعالی اچھ دُنی یہکہ خاطر فضلہ تہ رحمتہ وول (اَدے
چھ تمی انسان سُنڈ ظُلم تہ فساد گالہ نک سامانہ کورمُت)

بیّیس اکس جایہ چھے یہاے حقیقتھ یمن لفظن منز باوتہ آمژ۔

وَلَوۡلَا دَفۡعُ اللّٰہِ النَّاسَ بَعۡضَھُمۡ
بِبَعۡضٍ لَّھُدِّمَتۡ صَوَامِعُ وَ
بِیَعٌ وَّصَلَوٰتٌ وَّمَسٰجِدُ
یُذۡکَرُ فِیۡھَا اسۡمُ اللّٰہِ کَثِیۡرًا ؕ
وَلَیَنۡصُرَنَّ اللّٰہُ مَنۡ یَّنۡصُرُہٗ ؕ
اِنَّ اللّٰہَ لَقَوِیٌّ عَزِیۡزٌ ۝

(٢٢ : ٤٠)

اگر یہ کنتھ آسہ ہانہ تنیمژ زِ خدا ے آسہ ہا بعض جماژن
بعض جماژن ہنڈِ دستہ ہٹاوان روزان تیلہ کرِ ی
تو تقین زِ دُنی یہس منز اوسہ انسانہ سِنڈ ظُلمہ تہ
فسادِ خاطرِ کانْہہ ٹھوَر (تہ) یم ساری خانقہ، گرجہ
عبادت گہ، مشیدیمن منز یُوت کثرتہ سان خدایہ
سُنڈ ذکر چھ یوان کرنہ یم یہن لُہراونہ۔ تہ (یاد تھوو)
یُس اکھ خدایہ سِندس یژس جمایتھ کرِ ضرورہ
کرِ خداے تس مدد۔ اتھ چھنہ کانْہہ شک زِ
خداے چھ طاقتہ وول تہ سارنے پیٹھ غالب۔

## قضاۂ بالحقہٕ کِس اجتماعی نِفاذس منٛز چھُ تدریج، امہال تہٕ تاجیل

مگر یہ چھُ وَنان یتھ کٔنی کائیناتہٕ فطرتہٕ چین سارِنے کامن منٛز تدریج تہٕ امہالک قونوٗن چھُ کام کران تتھے کٔنی یہ کینٛژھا سہٕ قومن تہٕ جماژن ہنٛدِس ماملس منٛز کران چھُ تہٕ چھُ تدریجہ سان کران یانے واریاہ کران تہٕ اِصلاحُک، جاگی ہُنٛد تہٕ پوٚت پھیرنک تہٕ توبہٕ کرنک درواز یتمِس وقتس تام یلہٕ تھاوان تیکیازِ رحمتُک تقاضہٕ چھُ یِ ۔

---

وَقَطَّعۡنٰهُمۡ فِى الۡاَرۡضِ اُمَمًا‌ ۚ مِنۡهُمُ الصّٰلِحُوۡنَ وَمِنۡهُمۡ دُوۡنَ ذٰ لِكَ‌ وَبَلَوۡنٰهُمۡ بِالۡحَسَنٰتِ وَالسَّيِّاٰتِ لَعَلَّهُمۡ يَرۡجِعُوۡنَ ۝

(۷ : ۱۶۸)

تہٕ اَسہِ کوٚر یتھ کٔنی زِ تِہنٛز ہیوٚن ہیون جماژ پھالے بر زمینس منٛز یمو منٛز اَسی کینٛہہ رژٕ عملہٕ والی تہٕ کینٛہہ بیٚیہ قِسمکی اوٚتہٕ آزماوی یم آسہٕ دوشوٕنی حالتن منٛز نیکی ین منٛز تہٕ بدی ین منٛز تہٕ یُتھ تم نافرمانی نِشہ پوٚت پھیرن ۔

یتھے کٔنی جسمہٕ چہ پرتھ تبدیلی خاطرٕ قودرتن سبب تہٕ وجہ اکِہ خاص میقدارہٕ تہٕ مدتہٕ سان مقرر کوٚرمُت چھُ تتھے کٔنی چھُن قومن ہنٛدِ زوالہٕ تہٕ موتہٕ خاطرٕ ہلاکتہٕ کین سامانن ہنٛز اکھ خاص میقدار تہٕ مُدت مقرر کٔرمِتی تہٕ یہ چھُ تہُنٛد "اجل" یوٚتام تہٕ یہ اجل یوان چھُ خدا یہ سُنٛد قونوٗن چھُ تمن پوٚتس یتھ خبردار گژھہٕ پنٕج تہٕ عبرت رٹہٕ پنٕج موہلتھ دِوان

---

اَوَلَا يَرَوۡنَ اَنَّهُمۡ يُفۡتَنُوۡنَ فِىۡ كُلِّ عَامٍ مَّرَّةً اَوۡ مَرَّتَيۡنِ ثُمَّ لَا يَتُوۡبُوۡنَ وَلَا هُمۡ يَذَّكَّرُوۡنَ ۝ (۱۲۶:۹)

کیا یم لوکھ چھنا وُچھان زِ تمن پیٹھ چھِنہٕ تیتھ کانہہ وری گُذران ییلہٕ تہٕ آسی تم اکِہ یا دوٚیہ لٹہٕ ازماوان آسو کھ (یانے تِہنٛز بدعملی ہنٛدی نتیجہ آسن تہٕ بروٚنٛہہ کُن یوان) تو تہٕ چھِنہٕ یم تہٕ توبہ

کران نہ حالاتن نصیحتھ رٹان۔

مگر ہر گاہ یمو نصیحتھ رٹہ نہٕ

سارے مولّٹ ضایہ گییہ تہ یمون آو تہ

فاید تُلنہٕ تیلہِ چھُ خدایہ سُند حکم جاری سپدان

پتم وقت تون نیران تہ ییلہ سہ وقت ییہ

تہ اَدہ چھُہ یہ قودرتک پتم تہٕ اٹل تہ تیتھ

فاصلہ یمہ نش تہ کانہہ بچتھ ہیکہ نہ ہیکہ

اَتھ منز اَکہ ذرہک ذیر گژھتھ تہ نہ ہیکہ

پننہ مقررہ وقتہ بروٚنہہ اکھ ذیشہ پتہ۔

---

وَلِكُلِّ أُمَّةٍ أَجَلٌ ۖ فَإِذَا جَاءَ

أَجَلُهُمْ لَا يَسْتَأْخِرُونَ

سَاعَةً ۖ وَلَا يَسْتَقْدِمُونَ ۝

(٧ : ٣٤)

ییہ وچھو پرتھ اُمتہ خاطرچھُ اکھ مقرر وقت تہ ییلہ

تہند مقرر وقت یوان چھُ اَدہ چھنہ تمہ نش اکھ ذیشہ

پتھ روزتھ ہیکان یا بروٚنہہ نیرتھ ہیکان۔

وَمَا أَهْلَكْنَا مِن قَرْيَةٍ إِلَّا

وَلَهَا كِتَابٌ مَّعْلُومٌ ۝ مَا

تَسْبِقُ مِنْ أُمَّةٍ أَجَلَهَا

وَمَا يَسْتَأْخِرُونَ ۝

(١٥ : ٤-٥)

یتھے کنی چھُ "بقاء انفع" تہ "قضاء بالحق"

قونونن پتمس قومس ژارتھ کڈان تہ تمہ بدلہ اکھ

تہ اَسہ کرٕ نہ کانہہ بستی ہلاک مگر تمہ خاطر اوس (اسانہ

گنڈمتہ قونونہ مطابق) اکھ مقررہ وقت موجود تہ کانہہ

قوم ہیکہ نہ پننہ مقررہ وقتہ نش بروٚنہہ نیرتھ تہ نہ

ہیکہ پتھ روزتھ۔

نوٚو قوم پادہ کران تہ یہ سورے کینہہ چھُ اَدہ سببہ

سپدان زِ رحمتک تقاضہ اوس یوہے۔

---

ذَٰلِكَ أَن لَّمْ يَكُن رَّبُّكَ

مُهْلِكَ الْقُرَىٰ بِظُلْمٍ وَأَهْلُهَا

یہ (تبلیغک تہ ہیدایتک) سورے سلسلہ چھُ اَدہ

سببہ زِ تہندس پروردگارس سنز طریق چھے

غٰفِلُوْنَ ۝ وَلِكُلٍّ دَرَجٰتٌ مِّمَّا
عَمِلُوْا ۗ وَمَا رَبُّكَ بِغَافِلٍ
عَمَّا يَعْمَلُوْنَ ۝ وَرَبُّكَ الْغَنِيُّ
ذُو الرَّحْمَةِ ۗ اِنْ يَّشَاْ
يُذْهِبْكُمْ وَيَسْتَخْلِفْ مِنْ
بَعْدِكُمْ مَّا يَشَآءُ كَمَآ
اَنْشَاَكُمْ مِّنْ ذُرِّيَّةِ قَوْمٍ
اٰخَرِيْنَ ۝

(٦ : ١٣١ - ١٣٣)

یہ زِ سہ کرِ بُستین ظُلمہٕ تہٕ سِتمہٕ سیتی ہلاک تہٕ تِمن ہِنٛدی بسَن واَلی آسَن اَمہ کِنہٕ حقیقتہٕ نِشہٕ بے خبر۔ تِمی سُنٛد قونوٗن چھُ یہِ زِ یِتھ عَمَل چھِیٚ تِمی مطابق چھُ تَس اَکھ درجہِ۔ تہٕ تِمی درجہِ مطابق چھُ تِمِس نیکی تہٕ خراب نتیجہٕ نیران۔ بییہٕ تھٲوِ یاد یِمہٕ کینٛہہٕ یِتھ کینٛہہ لوٗکن ہِنٛز عَملہٕ چھِیٚ تِہُنٛد پروردگار چھُنہٕ تِمہ نِشہٕ بے خبر۔ بییہٕ چھُ تِہُنٛد پروردگار رحمتہٕ وول تہٕ بے نیاز۔ اگر سُہ یِژھہ سہٕ کڈِ توٚہہٕ دُنیا نِشہٕ تہٕ توٚہہٕ پتہٕ یِس یِژھہ تَس اَنِہ تِہنٛز جاے تِتھے کٔنی یِتھہٕ کٔنی اَکِس بییِس جماژہِنٛد نسلہٕ نِشہٕ توٚہہٕ بییَن ہِنٛدی جانشین بناوِ نوو۔

## انفرادی زندگی تہٕ مجازات دنیوی :-

یِتھے کٔنی چھُ سُہ وَنان زِ شخصی زندگی ہِنٛزن عملَن ہِنٛد جزاہک تہٕ سزاہک چھُنہٕ دُنیِہِچہِ زندگی سیتی واٹھ تہٕ نہ چھُ آخرتس پیٹھ تُراونہٕ آمُت تہٕ دُنیاہس منٛز چھِیٚ نیکَس تہٕ بدس پٔتھ کانٛہہ کرٕہشی زندگی ہِنٛز موٚہلَتھ تہٕ روزگارٕچ برکتھ تہٕ یہِ چھُ اَمی حقیقتُک نتیجہٕ زِ یہِ تہٕ چھِیٚ "رحمت" کٲم کران۔ تہٕ رحمتُک تقاضہٕ اوس یوہے زِ تِہنٛدِس فاضِس تہٕ بخشایِشہِ منٛز آسہٕ کُنہٕ پاٹھی فرق۔ تہٕ زندگی ہِنٛز موٚہلتھ یِیہِ سارِنے پوٗرٕ پاٹھی دِنہٕ۔ تِمی کرٕ اِنسانہٕ سٕنٛز زندگی زٕ حصہٕ۔ اَکھ حصہٕ چھُ دُنیِہِچہِ زندگی ہُنٛد یَتھ منٛز موٚہلتھے موٚہلتھ چھِیٚ۔ تہٕ بیاکھ حصہٕ چھُ مرنہٕ پتہٕ تُک تہٕ جزاہک تہٕ سزاہک معاملہٕ چھُ تتھ سیتی توٚلُق تھوان۔

وَرَبُّكَ الْغَفُوْرُ ذُو الرَّحْمَةِ
لَوْ يُؤَاخِذُهُمْ بِمَا كَسَبُوْا
لَعَجَّلَ لَهُمُ الْعَذَابَ ؕ بَلْ
لَّهُمْ مَّوْعِدٌ لَّنْ يَّجِدُوْا
مِنْ دُوْنِهٖ مَوْئِلًا ۝

(۱۸ : ۵۸)

تہٕ (اے پیغمبر یقین کٔرِو) تُہُنٛد پروردگار چھُ بوٚڈ بخشنہار رحمتہٕ وول۔ اگر سُہ یِمَن لوکن زِنہ تہِنٛزِ عملہٕ مطابق پڑزہ گار کرِ ہا تہٕ تِمَن گژھِ ہا عذاب نازِل۔ مگر تِہنٛدِ خاطرٕ چھُ اکھ وَقت مُقرر کرنہٕ آمُت۔ تہٕ بیلہِ سُہ یِیہِ یِم ہیکن نہٕ تمہِ نِشہِ بچنہٕ خاطرٕ کانٛہہ چھپن جاے لبِتھ۔

هُوَ الَّذِيْ خَلَقَكُمْ مِّنْ طِيْنٍ
ثُمَّ قَضٰىٓ اَجَلًا ؕ وَاَجَلٌ
مُّسَمًّى عِنْدَهٗ ۔

(۶ : ۲)

یہ چھُ سُے یُس تۄہی میٚژِ نِشہِ پادٕ کرٕی وۄپتہٕ کوٚرُن تُہنٛزِ زندگی خاطرٕ اکھ وقت مُقرر تہٕ یتھے کُنی چھُ تَس نِشہِ بیاکھ مُدت تہٕ گنڈنہٕ آمُت (یانے قیامژ ہُنٛد دوہ)

## معنوی قونونن ہِنٛز مولِتھ تہٕ توبہٕ :۔

سُہ چھُ وَنان ییتھہٕ کُنی جسمانی عالمس مَنٛز تۄہی جسمٕ چھان زیرٕ تھہ کمزوری تہٕ خرابی خاطرٕ چھُ فطرتن تمیُک اکھ لازمی نتیجہٕ مقرر کوٚرمُت۔ مگر تۄہہ تہٕ چھُنہٕ حالات ٹھیک کرنٕکی دروازٕ بند کران تہٕ مولِنس پیٹھ چھ مولِتھ دِوان روزان۔ تہٕ اگر وقتس پیٹھ ییہِ اصلاح کرنہٕ تِمتھ چھُ قبول کران۔ بلکہ تِمہِ پاٹھی چھُ تِمی تۄبک تہٕ پۄت پھیرنک دروازٕ وۄتھ تھوو مُت کانٛہہ بچھ کام کانٛہہ گوناہ، کانٛہہ جرم تہٕ کانٛہہ خرابی تہٕ آسی تن سوٕ تہٕ آسی تن کانٛہہ اسخ تہٕ کانٛہہ بٔڈ۔ مگر یتھے تۄبک تہٕ ندامتُک احساس اِنسانس منٛز وۄتلان چھُ خدا یہٕ سِنٛز رحمت چھےٚ تِتھے اِجابتکی درواز ڈُکھی نژاوان۔ تہٕ ندامتُک اکھ اشی پھیوٚر چھُ بد عملہٕ ہنٛدی تہٕ گونہٕ ہنٛد ہنٛد بے شمار داغ تِتھہ کُنی چھلان زِ تہٕ تِہنٛزِ عملہٕ ہنٛدِس دامنس پیٹھ کانٛہہ داغ لوگمتے اوس نہٕ۔ "اَلتَّائِبُ مِنَ الذَّنْبِ كَمَنْ لَّا ذَنْبَ لَهٗ"۔ گوناہن نِشہِ توبہٕ کرن وول چھُ تِتھے یُتھ نہٕ زانٛہہ گوناہ ہے کوٚرمُت آسہِ۔

إِلَّا مَنْ تَابَ وَآمَنَ وَعَمِلَ
عَمَلًا صَالِحًا فَأُولٰٓئِكَ يُبَدِّلُ
اللّٰهُ سَيِّاٰتِهِمْ حَسَنٰتٍ ؕ وَ
كَانَ اللّٰهُ غَفُورًا رَّحِيمًا

(۲۵ : ۷۰)

اَدٕ مگر یِمو اَکی توبہ کوٚر تہٕ ایمان اوٚنُن تہٕ بڑٕ وٕنہٕ کُن ہیٚتِھن رٕتہٕ عملہٕ کرٕ نہٕ۔ یِم گٔئے تِم لوٗکھ یِہنٛزن بَدی یَن خُدائے نیکی یَن منٛز بدلاوان چھُ، تہٕ خُدائے چھُ بوٚڈ بخشنہار تہٕ بوٚڈ رحم کرن وول۔

## خُدایہٕ سٕنٛز رحمتُک، مغفرتُک، بخشایِشہٕ ہُنٛد بجرنہٕ ہُرہ:-

قُرانس منٛز چھُ اَتھ مامَلَس منٛز خدایہٕ سٕنٛدِ رحمتُک بجرنہٕ تہٕنٛدِ مغفرتُک، بخشایِشہٕ ہِنٛز کٕتھ تُک نقشہٕ اَچھن تَل اوٚنُمت چھُ۔ تیٚتھ چھِنہٕ کانٛہہ حد تہٕ اَنٛتھ۔ گوٗناہ آسہِ تَن کاتیا زیادٕ۔ تِم آسہِ تَن کاتیا سخ گوٗناہ۔ تِم آسہِ تَن کانٛہہ حدٕ تِکی مگر یِژھ تِس انسانہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ یُس تِس سٕنٛدِس رحمتس پَس بَرٕس ٹھِک ٹھاک کٕرِتھ ہیٚکہِ تہٕ قبول لیٚنہٕ وٕرآے کانٛہہ آلو آسہِ تھ۔

قُلْ يٰعِبَادِيَ الَّذِينَ أَسْرَفُوا
عَلٰى أَنْفُسِهِمْ لَا تَقْنَطُوا مِنْ
رَّحْمَةِ اللّٰهِ ؕ إِنَّ اللّٰهَ يَغْفِرُ
الذُّنُوبَ جَمِيعًا ؕ إِنَّهُ هُوَ
الْغَفُورُ الرَّحِيمُ

(۳۹ : ۵۳)

(اے پیغمبر) لوکن وَنو اے میانہِ بنٛدو یِمو (یِچھہٕ عملہٕ کٔرِ کٔرِ) پانس پیٹھ ظلم کوٚرمُت چھُ (تِہنٛز بدعملہٕ کوٗنہٕ آسن کانہٕ ژٕ اسِخ تہٕ کانٛژٕ زیادٕ) مگر خدایہٕ سٕنٛدِ رحمتہٕ نِشہٕ مہ گٔژھو ناوُمید۔ یَقیناً بخشہٕ خدائے تُہنٛدی ساری گوٗناہ۔ یِژی پانٛژھی چھُ خدائے بوٚڈ بخشنہار تہٕ بوٚڈ رحمتہٕ وول۔

## اِسلٲمی عقایدن ہُنٛد دینی تصوٗر تہٕ "رحمت":-

تہٕ اوٚپنہٕ چھُ یوہے وجہ زِ اَسی چھِ دُچھان زِ قرآنس منٛز اِنسانہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ

دینی عقائدن تہ عملن ہُند تصوّر قایم کورمت چھُ
تمیچ بُنیاد تہ چھَن سآرِے رحمتس تہ موحبتس
پیٹھ تھوٚمژ۔ تکیازِ سُہ چھُنہ اِنسانہ سُنزِ
روحآنی زندگی قوٚدرنہ کہِ عالمگیر کارخانہٕ نِشہٕ
کانہہ بیوٚن تہ بے تولُق چیز مانان۔ ٹیٚکہ اَمہٕ
کے اکھ اَز صیوّن حِصہ مانان تہ اَو سَبَبہٕ
وَنان زِ یَمہ قوٚدرتُک کارسازن زندگی ہُند
ساری کارخانٕچ بُنیاد رحمتس پیٹھ تھوٚمژ
چھِے، ضوٚروری اوس زِ اَتھ حِصّس منز تہٕ
آسن تہٕہندی ساری حُکم اَندٕ وَندٕ رحمتٕچہ شکلہِ۔

## خدایس تہ تہٕندین بندن ہُند رشتہٕ چھُ موحبتُک رشتہ

چنانچہ قرآن چھِے جایہ جایہ یہ حقیقتھ
نُنی راوِمژ زِ خدایس تہ تہٕندین بندن ہُندیُس
رِشتہٕ پانہ وآنی چھُ سُہ چھُ موحبتُک رشتہٕ تہٕ بندگی چھِے تمیٚنزِ
بندگی یُتھ زِ خآطرٕ معبوٗد صرف معبوٗد یے یوٚت آسہ نہ
بلکہ آسہ محبوٗب تہٕ

---

وَمِنَ النَّاسِ مَنْ يَتَّخِذُ مِنْ
دُوْنِ اللّٰهِ اَنْدَادًا يُّحِبُّوْنَهُمْ
كَحُبِّ اللّٰهِ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْٓا اَشَدُّ
حُبًّا لِّلّٰهِ۔

(۲ : ۱۶۵)

بیٚیہ (وُچھو) اِنسانو منز چھِہ کیٚنہہ اِنسان تِتھِ یِم بیٚین شخصن
خدایس برابر بناوان چھِہ تہٕ تِمن تِتھہٕ کٕنی لول بَران
ییٚتھہٕ کٕنی خدایس گژھہ لول بَرُن۔ حالانکہ یِم لوکھ ایمانہ
وآلی چھِہ تہٕندِ زیادٕ کھوتہ زیادٕ موحبتھ چھُہ خدایہ سٕندے
یوٚت خآطرٕ آسان۔

قُلْ اِنْ كُنْتُمْ تُحِبُّوْنَ اللّٰهَ
فَاتَّبِعُوْنِيْ يُحْبِبْكُمُ اللّٰهُ
وَيَغْفِرْ لَكُمْ ذُنُوْبَكُمْ
وَاللّٰهُ غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ۝

(۳ : ۳۱)

(اے پیغمبرؐ یِمن لوٗکن وَنِو) اگر توٚہۍ ژٕھۍ پٲٹھۍ خدایس
سٕتی موحبتھ چھِو تھوان تیٚلہِ پَزِ توٚہہِ مےٚ پتہٕ پتہٕ پکُن یُو
چھُسو توٚہہِ خدایہ سٕندِ موحبتٕچ اَصل وَتھ ہاوان) اگر
توٚہہِ تہٕ کوٚرو تیٚلہِ بَنِو نہٕ توٚہۍ خدایس سٕتی موحبتھ کَرن وٲلی
یوٚت بلکہ ہیٚیہِ خدا پانہٕ توٚہہِ سٕتی موحبتھ کَرُن تہٕ تہٕندی

گوناہ بخشنہٕ تہٕ خدا ے چھ بخشنہٕ وول تہٕ رحمتہٕ وول۔
سُہ چھ جایہٕ جایہٕ اتھ حقیقتس پیٹھ زور دِوان زِ خدا یس پیٹھ ایمانک نتیجہ چھ تہٕند موحبتھ تہٕ محبوٗبیت۔

یَآاَیُّھَا الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡا مَنۡ یَّرۡتَدَّ مِنۡکُمۡ عَنۡ دِیۡنِہٖ فَسَوۡفَ یَاۡتِی اللّٰہُ بِقَوۡمٍ یُّحِبُّھُمۡ وَیُحِبُّوۡنَہٗۤ

(۵ : ۵۴)

اے ایمانہٕ کرِس دعوتس پتہٕ پتہٕ یکن والیو اگر توہہٕ منز کانٛہہ دینچہٕ وِرتہٕ نش پوٚت پھیرِ تہٕ سُہ مہٕ زانِن زِ حقہٕ رِس دعوتس وٲتہٕ امہٕ سیتی نوقصان۔ جلدے کرِ خدا اکھ جماتھ پٲدہ ین خدا پرستن ہنٛز، یادِ یمن خدایہٕ سُند موحبتھ حاصل آسہٕ تہٕ تِمہٕ آسن خدا یس محبوب تھٲوَن وٲلی۔

یُس خدا یس سیتی چھ موحبتھ کرُن یژھان تس پزِ تہٕندین بندن سیتی موحبتھ کرُن :-

مگر بندِ سِند خاطرِ کوسہ حبل دِتھ چھِے خدایہٕ سِندِ موحبتچ۔ سُہ چھ وَنان زِ خدایہٕ سِندِ موحبتچ وَتھ چھِے بندن ہٕنٛد موحبتہٕ منٛزی نیران۔ یُس اِنسان خدایس سیتی موحبتھ کرُن آسہٕ یژھان تس پزِ خدایہٕ سِندین بندن سیتی موحبتھ کرُن ہیچھُن۔

وَاٰتَی الۡمَالَ عَلٰی حُبِّہٖ

(۲ : ۱۷۷)

بٔڈیہ یِم پنُن مال خدایہٕ سِندِس موحبتس منٛز کڈان تہٕ خرچان چھِ۔

وَیُطۡعِمُوۡنَ الطَّعَامَ عَلٰی حُبِّہٖ مِسۡکِیۡنًا وَّیَتِیۡمًا وَّاَسِیۡرًا۔ اِنَّمَا نُطۡعِمُکُمۡ لِوَجۡہِ اللّٰہِ لَا نُرِیۡدُ مِنۡکُمۡ

تہٕ خدایہٕ سِندِس موحبتس منٛز چھِ تِم مِسکینن، یتیمن تہٕ قیدین کھیاوان (بٔڈیہ چھ وَنان) سون یہٕ کھیاوُن چھنہٕ امہٕ سوا کینہٕ تہٕ زِ یہٕ چھ محض خدا یہٕ سِندِ خاطرِ۔ نہٕ چھِ اسی

## جَزَآءً وَّلَا شُكُوْرًا ٥
(٧٦ : ٨ - ٩)

تو ہٕ نٕشہِ کانٛہہ بدلہٕ یژھان نہٕ نہٕ کنٛہہ قسمُک شکر گذآری ۔

اَکِس حدیث قُدسیس منٛز چھےٚ یِہاَے حقیقتھ سیٹھا اثر کرٕوِنس اَندازس منٛز نٕنہٕ ٲونہٕ آمٕژ ۔

یَا ابْنَ اٰدَمَ مَرِضْتُ فَلَمْ تَعُدْنِیْ
قَالَ: كَيْفَ اَعُوْدُكَ وَاَنْتَ رَبُّ
الْعَالَمِيْنَ ؟ قَالَ اَمَا عَلِمْتَ اَنَّ
عَبْدِیْ فُلَانًا مَرِضَ فَلَمْ تَعُدْهُ ؟
اَمَا عَلِمْتَ اَنَّكَ لَوْ عُدْتَهٗ
لَوَجَدْتَنِیْ عِنْدَهٗ، يَا ابْنَ اٰدَمَ
اِسْتَطْعَمْتُكَ فَلَمْ تُطْعِمْنِیْ
قَالَ: يَا رَبِّ كَيْفَ اُطْعِمُكَ
وَاَنْتَ رَبُّ الْعَالَمِيْنَ ؟ قَالَ
اَمَا عَلِمْتَ اَنَّهٗ اِسْتَطْعَمَكَ
عَبْدِیْ فُلَانٌ فَلَمْ تُطْعِمْهُ ؟
اَمَا عَلِمْتَ اَنَّكَ لَوْ اَطْعَمْتَهٗ
لَوَجَدْتَ ذٰلِكَ عِنْدِیْ ؟

(قیامژ دوہ سپدِ یہٕ ز خدا ے پرژھِ اَکِس انسانس) اے آدمہٕ سٕنٛدِ نیچوِ بہٕ اوسُس بیمار مگر ژٕ ہےٚ ہیٚیُژھ نہٕ مےٚ خبر۔ بنٛدٕ گژھِ تاجبس منٛز تہٕ وَنِس تہٕ کتھہ کٕنۍ ہیٚکہ بٕنِتھ اے خدا یہٕ ژٕ ہے رب العالمین چھکھ۔ خدا ے فرماوِس میٚون فلانۍ بنٛدٕ اوس ژٕ ہےٚ نکھہ بیمار ژٕ ہے ہیٚیُژھ نہٕ تَس خبر، یوٚد وے ژٕ تَس خبر ہیٚیہِکھ ژٕ بہٕ ہیٚکھ مےٚ تس نٕشہ (یانے تس ز خدمتھ کرنۍ آسہ میانۍ خدمتھ کرنۍ) پتھ کنۍ فرماوِ خدا ے اے آدمہٕ سٕنٛدِ نیچوِ مےٚ منٛگو مے ژٕ ہےٚ کھٮ٘ن مگر ژٕ ہےٚ کھیوٚ ژھُنہٕ۔ بنٛدٕ کرِ عرض آخر تہٕ کتھہ کٕنۍ ہیٚکہ بٕنِتھ ز ژٕ ہے آسہٕ کنٛہہ چیزِک ضۆرورتھ تہٕ حاجتھ ژٕ ہے چھکھ رب العالمین خدا ے فرماوِس کیاژ ہےٚ چھےٚ ناخبر میانۍ بوچھہِ مٕتۍ بنٛدن منٛگو نے ژٕ ہےٚ کھٮ٘ن مگر ژٕ ہےٚ دِژنہٕ کھیٚنہٕ اگر ژٕ ہےٚ آسہٕ ہیتھ سہ کھیوٚ ومُت ژٕ لبہٕ ہیکھ از سہ مےٚ نٕشہ پتھ کنۍ وَنہٕ خدا ے اے ابن آدم بہٕ اوسُس ترٛیشہٕ ہوٚت مگر ژٕ ہےٚ چوٚ وکھنہٕ بہٕ ترٛیش۔ بنٛدٕ وَنہٕ بہٕ کتھہ کٕنۍ چاوہتھ ژٕ ہے رب العالمین چھکھ۔ خدا ے فرماوِس میٚون فلانۍ بنٛدٕ اوس ترٛیشہ

یَا ابْنَ اٰدَمَ اِسْتَسْقَيْتُكَ فَلَمْ
تَسْقِنِیْ . قَالَ: كَيْفَ اَسْقِيْكَ
وَاَنْتَ رَبُّ الْعَالَمِيْنَ ؟ قَالَ
اِسْتَسْقَاكَ عَبْدِیْ فُلَانٌ

فَلَمْ تَسْقِهِ ۔ أَمَا اِنَّكَ لَوْ سَقَيْتَهُ لَوَجَدْتَ ذٰلِكَ عِنْدِیْ

(مسلم عن ابی ھریرۃ رضؓ ۔ کتاب البر والصلۃ فضل عیادۃ المریض)

ہوٚت مگر ژےٚ چوٚونھن نہٕ تٔمِس ۔ اگر ژےٚ چوٚد مُت آسِہٕ ہیٚنھ از لبہٕ تگھ سُہ مےٚ نِشہٕ ۔

## عملہٕ تہٕ عبادژ بیٚیہ اخلاق تہٕ خصلت :۔

یتھے کنٔی یوٚسہٕ شکل قرآنَن عملَن تہٕ عبادژن دِژمٕژ چھےٚ اخلاقو تہٕ خصلتو منٛز تِتھ کنہ ہیٚتھ زور چھُن دیُت مُت ۔ اوامِرن تہٕ نواہیین منٛز یِم اصول تہٕ نبی بادِ نظر تل تھاوِتھ چھِ یِمَن سارنے منٛز نہٕ چھےٚ یِہ آےٚ حُقیقتُھ کام کران تہٕ یِہ چھہ تیوٚت نوٚن نہٕ مولوٗم زکُنہ تخٕیِح تہٕ بیاکھ چھےٚ نہٕ ضوٗرورتھ

## قرآن چھُ سورُے خدایہٕ سُنٛد رحمتُک پٲغام :۔

اَوٕیہٕ چھُ یُہ ہے وجہ زِ قرآن چھُنہٕ خدا یہ سُنٛد تیتھ کانٛہہ صفت تیوٚت کثرتہٕ سان پھیٖرُمُت نہٕ نہٕ چھُ بیٚیہ کانٛہہ مطلب اَمِہ کِہن صفتن منٛز تیوٚت نُنہٕ رآدِتھ یوٚت رحمت چھُ ۔ اگر قرآنہٕ چہ تمہٕ سارے جایہ سو مبٔژاونہٕ ین یمَن منٛز رحمتُک ذکر کرنہٕ چھُ آمُت تمہٕ سِتمن نرسےٚ بوٚ ہتو کھوتہٕ زیادٕ جایہ تہٕ اگر تمہٕ سارے جایہ تہٕ اَتھی سِتی رٔلاونہٕ ین یمَن منٛز یوٚدوے رُحمتُک لفظ درتاوِتہٕ چھُنہٕ آمُت مگر یمَن ہُنٛد تولُق چھُ رحمتےٚ سِتی ۔ مثلن ربوبیت، مغفرت رأفت، کرم، حلم، عفو بیترِ تہٕ تیلہ چھُ یہ تیداد نتھ ہدس نام واتان زِ آسی ہکو وُنتھ زِ قرآن چھُنہٕ گوڈٕ پیٹھٕ انٛدس تام خدا یہٕ سُنٛدِ رحمتکہِ پٲغامہٕ ورآسے بیٚیہ کینٛہہ ۔

## کینٛہہ احادیث

اُسی چھہ ییٚتہِ نَس زانٛنہٕ مانٛنہٕ تمہٕ سارے وَضاحتہٕ ترٛاوان یِمَن ہُنٛد ذکر حدیثَن مَنٛز موجوٗد چھُہ۔ تکیازِ یہ جاے ہیکہِ نہٕ تفصیلی زیچھر نہٕ بحث ییٚتہٕ رٲوِتھ۔ یِنہِ قولہٕ تہٕ عملہٕ سٟتی اِسلامٕچ یوہٕ حقیقتھ اَسہِ پیغمبرِ اسلام صلی اللہ علیہ وسلّمَو وَنہٕ مٕژ چھےٚ سو چھےٚ سارٕے یہاے زِ خدایہ سٕنٛز عبادت سٕہ کُن زانٛنہٕ کَرٕنۍ تہٕ تہٕنٛدین بندن سٟتی شفقت تہٕ رحمت وَرتاوٕنۍ۔ اکھ مشہوٗر حدیث یُس پرتھ مسلمان واعظس تہٕ ووستادس زیوٕ پیٹھ چھُہ چھُہ اَسہِ وَنان زِ "اِنَّمَا یَرْحَمُ اللّٰہُ مِنْ عِبَادِہِ الرُّحَمَاءُ" (طبرانی تہٕ ابن جریر، صحیح سنٛدِ سان) خدایہ سٕنٛز رحمت چھےٚ تمہٕ سٕنٛدین بندن کرِ یم تہٕنٛدین بندن پیٹھ رحم کَرن۔ حضرت مسیح سٕنٛدِ وعظٕچ مشہوٗر کتھ "زمینس پیٹھ کٔرِو رحم تیٚتہٕ رُس آسمانس پیٹھ چھُہ کَرِتو یہٕ پیٹھ رحم" چھُہ یتھے کُنۍ پاغمبرِ اسلام صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛدس زبانِ مبارکس پیٹھ جاری سپیٚنہ مٕژ "الرحمان تبارک وتعالی، اِرْحَمُوا مَنْ فِي الْأَرْضِ یَرْحَمْکُمْ مَنْ فِي السَّمَاءِ" (۴۳) یتھے یوت نہٕ بلکہ اسلامَن یوہٕ انسانی رحمچ تہٕ شفقتچ ذہنیت پادٕ کٔرٕنۍ بٕڑ ہٕ مٕژ چھےٚ سو چھےٚ تیٚژ وسیع زِ بے زبانی جانور تہٕ چھِنہٕ تمہٕ نِشہِ نیبر۔ اکھ کھوتہٕ زیادٕ حدیث چھہ امہِ مضموٗنٕکی موجوٗد زِ خدایہ سٕنٛز رحمت چھےٚ رحم کَرن والین کرِ یوٗدوَے یہ رحم کونہٕ آسہٕ اَکس ژٔرِ ہٕنٛدِ خاطرٕ۔ "مَنْ رَحِمَ وَلَوْ ذَبِیْحَةَ عُصْفُوْرٍ رَحِمَهُ اللّٰهُ یَوْمَ الْقِیَامَةِ" (۴۴)

## انسانیتک مقام تہٕ خدائی صفتن سٟتی مُشابہت تہٕ ہِشر:-

حقیقتھ چھےٚ یہ زِ قرآن چھےٚ خداپرستی ہٕنٛز بُنیادے اَتھی جذبس پیٹھ تھوومٕژ زِ انسان گَرِ خدایہ سٕنٛدین صفتن ہُنٛد پرتَو پانس مَنٛز پادٕ سُہ چھُہ انسانہٕ سٕنٛدِس وجوٗدس اکھ تِژ ھہ سَرحد وَنان یُتہِ نَس حیوانیتُک دَرجہ ختم چھُہ گژھان تہٕ اکھ حیوانی یتہٕ نِشہِ تھود درجہ شورو چھُہ گژھان۔ یہٕ چھُہ وَنان زِ انسانہٕ سُنٛد سہ جوہرِ انسانیت یُس تَس حیوانَن ہنٛدِ درجہٕ نِشہِ تھزراوان تہٕ ممتاز کران چھُہ۔ چھُنہٕ خودایہ سٕنٛدین صفتن ہنٛدِ پرتوٕ ورٲے کینٛہہ تہٕ۔ اَوے چھےٚ

انسانیت تیلہ مکمل بیلہ تنتھ منز زیاد کھوتہ زیاد
خدائی صفت تہ تمن سیتی مشابہت پاد گژھ
یوہے چھ وجہ زِ تمی بییتہ نس بییتہ نس انسان

ثُمَّ سَوّٰىهُ وَنَفَخَ فِيهِ مِن رُّوحِهِ وَجَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ وَالْاَبْصَارَ وَالْاَفْئِدَةَ ○

(۳۲ : ۹)

"در ازل پرتوِ حسنت ز تجلی دم زد
عشق پیدا شد و آتش بہمہ عالم زد"

'ازلے ییلہ اُمی جانی حسنن جلوہ پنن ہوو
عشق آو زنمس عالمس تمی نارِ دِس ترژوو'

ادہ اگر سُہ خدا یہ سندِ رحمتک تصور اَسہ منز پاد کرُن چھ یژھان ۔ یہ چھ اوسبہ زِ سُہ چھ یژھان زِ اَسی تہ گژھو ہیربون رحمت تہ موحبتھ بننی ۔ اگر سُہ ربوبیتک نقشہ پھری پھری ساہن نظرن تل انان چھ امیک وجہ چھ زِ سُہ چھ یژھان زِ اَسی تہ گژھو پننہ اخلاقہ کِس تھس ہیٹھ ربوبیتک خولہ خط پاد کرِنی ۔ اگر سُہ تسنز میہربانیہ تہ شفقتک ذکر کران چھ تہندِ لطفکی تہ کرمکی جلوہ ہاوان چھ تسنز سخاوژ تہ بخشایشہ ہندِ نقشہ

سندین خاص صفتن ہند ذکر کوڈ مُت چھ تمن چھن سیود پاٹھی خدا یس کُن نسبتھ دِژمژ ۔ تیوت زِ جوہر انسانی یتس چھن خدا یہ سندِ روح پھوکھ تراوُن وونہ مُت ۔

یانے خداین ترژوو بننہ روحہ منز کینہ آدمس منز پھوکھ دِتھ تہ تمہ کے نتیجہ دراو زِ تس منز آو عقلِ تہ حواسن ہند ژونگ پرزلاونہ ۔

برزونہ کن انان چھ تہ یہ چھ اوسبہ زِ سُہ چھ یژھان زِ اَسہ منز تہ گوژھ یمن خدائی صفتن ہند جلوہ نون نیرُن ۔ سُہ چھ بییہ تہ بییہ اَسہ بوزناوان زِ خدا یہ سنز بخشش تہ مافی چھنہ کانہہ حد تہ یتھ کنی چھ یاد پاوان زِ اَسہ منز تہ گژھہ تہندین بندن ہند خاطرہ بخشایش تہ مافی ہند حد روس جوش پاد گژھن ۔ اگر اَسی تہندین بندن ہند خطا بخشتھ ہیکو نہ اَسہ کیا حق چھ زِ پننہ گنہو گنہو خاطرہ پرارو تیلہ تہنزِ بخشایش ۔

## حکم تہ شریعت :-

یو نام شریعتہ کین احکامن ہند تعلق چھ پنزی پاٹھی چھنہ تمی ووٹمت زِ دشمنس اللہ سیتی

کرٕو موحبتھ نکیاز تہٕ وَنُن اوسنہٕ حُقیقتھ رُسہٕ — دُشمنَس بخشن ہیچھہِ تمی سُند دِل گرٕٹھہِ پأنۍ پانے
اوس مجاز۔ مگر تمُو وَنِ زِ دُشمنَس تہٕ بخشِو تہٕ لُس — انسانہٕ سُند بُو غصہٕ تہٕ نفرتہٕ چوٚنا پأنۍ گیو نشہِ پاک۔

وَالْكَاظِمِينَ الْغَيْظَ وَالْعَافِينَ
عَنِ النَّاسِ ۗ وَاللَّهُ يُحِبُّ
الْمُحْسِنِينَ ۚ

(٣ : ١٣٤)

(بیٚیہ خدا یہٕ سُندی تِم نیک بَندٕ) یِم ژٕکھ ژاپن وأنۍ تہٕ لُوکن ہندی خطا بخشن وأنۍ چھِہ تہٕ خدا یہٕ سُند لول چھہٕ تِہندی خاطرٕ یِم احسان کرن وأنۍ چھِ

وَالَّذِينَ صَبَرُوا ابْتِغَاءَ وَجْهِ
رَبِّهِمْ وَأَقَامُوا الصَّلَوٰةَ وَأَنْفَقُوا
مِمَّا رَزَقْنٰهُمْ سِرًّا وَّعَلَانِيَةً
وَّيَدْرَءُونَ بِالْحَسَنَةِ السَّيِّئَةَ
أُولٰٓئِكَ لَهُمْ عُقْبَى الدَّارِ ۙ

(١٣ : ٢٢)

بیٚیہ یِموٚ لُوکوٚ خدا یہٕ ہِندس موحبتس منٛز غم تہٕ سختیہِ تُجہِ) نِماز کرِکھ قأیم، خدا یہٕ سُند دِتُن مُت روٗزی کوٚرُکھ ژٕھیٚپہٕ تہٕ نَنہِ وانہٕ تِہندِ بن بَنٛدن ہندِ خاطرٕ خرچ۔ بیٚیہِ دِتِکھ تہٕ بُدی یَن ہُند جواب بُدی یہٕ سِتی بلکہٕ نیکی سِتی تہٕ (یَژھ کرِو) یِمے لُوکھ چھِہ یِہندِ خاطرٕ آخرتُک رُت گرٕ چھُ۔

وَلَمَنْ صَبَرَ وَغَفَرَ إِنَّ ذٰلِكَ
لَمِنْ عَزْمِ الْأُمُورِ ۝

(٤٢ : ٤٣)

بیٚیہ (وُچھو) یُس کُنہِ بُدی یہٕ پیٹھ صبر کرِ تہٕ (تتھ) درگُذر کرِ یُقیٖنَن چھےٚ یہٕ بُڈِ عزمٕچ تہٕ ہِمتٕچ کأم۔

وَلَا تَسْتَوِي الْحَسَنَةُ وَلَا السَّيِّئَةُ ۚ
ادْفَعْ بِالَّتِي هِيَ أَحْسَنُ فَإِذَا
الَّذِي بَيْنَكَ وَبَيْنَهُ عَدَاوَةٌ
كَأَنَّهُ وَلِيٌّ حَمِيمٌ ۝ وَمَا يُلَقَّاهَا
إِلَّا الَّذِينَ صَبَرُوا ۚ وَمَا يُلَقَّاهَا إِلَّا

بیٚیہ وُچھِو نیکی تہٕ بُدی ہیٚکہٕ نہٕ برابر آسِتھ (اگر کانٛہہ بُدی کرِ تہٕ بُدی ہند جواب دِیو تتھ کُنۍ یُس رُت طرٖیقہٕ آسِہ اگر تُوہہِ تہٕ کوٚرِو تیٚلہِ وُچھِو یُس شخص سِتی تُوہہِ عداوت اوس تہٕ سُہ چھُہ بنیومُت ہنٛگہٕ منٛگہٕ تِہند یار تہٕ مددگار۔ البتہ یہٕ چھُہ تیٚتھ مقام یُس تُسی ہیٚکہٕ حاصِل

ذُوْحَظٍّ عَظِيْمٍ ۝

(۴۱ : ۳۴ - ۳۵)

پُزی پاٹھی چھنہٕ تمی بدلہٕ ہینہٕ نٕشہِ بلکُل پتھ
رٹہِ مُتی تہٕ سُہ کتھہِ کُنی ہیکہِ ہاپتھہ رُٹتھہِ بیلہِ
زَن جیوآنی طُبیعتچ یہ قدرتی خاصیتھ چھے
تہٕ نفرچہ حِفاظتُک چھُہ اُتھی پیٹھ دارٕمدار
مگر ییتہِ نُسں تہِ تمی امیُک اجازتھ دیُت مُت
گرٕ ھتھہ یَس (بدسلوکی ییتہٕ راوٕنچ) سکت آسہِ
تہٕ یَس زنیکی یہِ ہشد تہٕ سعادتُک بوڈ بوک آسہِ توٚر مُت
چھُہ سیتی چھُن ماف کرنُک تہٕ بخشنُک تہٕ بدی بہ
بدلہٕ نیکی کرنُک تیتھ اثر کرٕ دُن ترغیب دیُت
مُت زِ یہ ہیکہِ دُشمن تھے زاکھ خدا پرست انسان
کیا گژھہِ تہٕ تمہِ نِشہِ متاثر۔

---

وَاِنْ عَاقَبْتُمْ فَعَاقِبُوْا بِمِثْلِ
مَا عُوْقِبْتُمْ بِهٖ ط وَلَئِنْ صَبَرْتُمْ
لَهُوَ خَيْرٌ لِّلصّٰبِرِيْنَ ۝

(۱۶ : ۱۲۶)

بیٚہ وُچھو اگر توہی بدلہٕ ہیٚو تیٚلہِ پزِ یژھ تہٕ ییژ
بُدی توہہِ سیتی کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ تمی مطابق تہٕ تیٚشتےٚ
بدلہٕ ہیٚون (ییتھ تہٕ حدٕ نیرِ و) ووٕنی ہرگاہ بیٚتہٕ راٚوِو
تہٕ بدلہٕ ہیٚپو نہٕ تیٚلہِ تھُو و یاد صبر کرن والین کیٚوت
چھُہ صبر کرُنے مُنٕز جانیٚر۔

وَجَزٰٓؤُا سَيِّئَةٍ سَيِّئَةٌ
مِّثْلُهَا ج فَمَنْ عَفَا وَاَصْلَحَ
فَاَجْرُهٗ عَلَى اللّٰهِ ط

(۴۲ : ۴۰)

بُدی خاطر چھُہ تیتھے تہٕ تیٚتُے بدلہٕ یژھ تہٕ ییژ بُدی
کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ مگر یُسی اُکی عفو کوٚر تہٕ مامِلہٕ بگاڑ نہٕ بجایہ
سنبھولُن تہٕ تمیُک اجر چھُہ خدا لیَس
پیٹھ۔

## انجیل تہٕ قرآن :-

اَسی چھِ قرآنکی عفو تہٕ بخشش وٲلی آیتہ نقل کران۔ تِمی چھینہٕ وونمت زِ دُشمنس بُرِ زیو لول نکیاز نہٕ وَنن آسہٕ حقیقت، سہ گیشو مجاز، ضنوڑوڑی چھُہ زِ زھوڑی باٹھی بیہ ارپچ تشریح کرہٕ۔

حضرت مسیح علیہ السلامن اوس یہودیت ہشزِ ظاہر پرستی تہٕ بد اخلاقی بجایہ رحم تہٕ محبتس، عفوس تہٕ بخشائشہ ہشزن اخلاقی قربانین پیٹھ زور دیتمت۔ تہٕ یہند دعوتُک اصل روح اوس یہ ہے۔ چنانچہ اَسی چھِ انجیلہ کین وعظن منز جایہ جایہ امہ قسمکی خطاب لبان۔ "تۆہہ آسیو بوزمت زِ بیتہ من آو وَنہٕ زِ دندس بدلہ دند تہٕ اچھی تہٕ اچھ مگر بہٕ چھُس وَنان شرواتاون وٲلی سُند مقابلہ کری زیو تہٕ۔" "تہٕ بیہ تین ہمساین یوت تہٕ، دُشمن ستی تہٕ کرو محبت"۔ تہٕ مثلن" اگر تۆہہ اکہ طرفہ کاٹہ چیاٹھ لایہ تۆہہ بیزہ دوییمہ طرفہ تہٕ سُنجھ بڑوشہ کن اُن"۔

سوال چھُہ زیم خطاب کمہ قسمکی آسی؟ یہ اوسا اخلاقی فضیلتُک تہٕ قربانی ہُند اکھ اثر ہرون انداز بیان کینہ یہ اوس شریعت بیان کرن، یا نے قونوان بناون۔

## مسیحٕ سُنز دعوت تہٕ دُنیہچ حقیقت فراموشی :-

افسوس چھُہ زِ انجیلس پیٹھ اعتقاد تھَوَن والیو تہٕ نکتہ چینو دوشوٚیو کھیوٚ اتھ غلطی۔ دوشوے گئے اَتھ غلطیہ منز مُبتلا۔ زِ یہ اوس شریعتُک حکم لہٰذا بیوٚو دوشونی مانُن زیم چھہ تِتھی احکام یمن پیٹھ نہ عملے ہیکہ سپدِتھ۔ اعتقاد والیو کوٚر خیال یوٚدوے یمن احکامن پیٹھ عمل ہیکہ نہ سپدِتھ، توتہ چھہ مسیحنکی احکام یمے۔ تہٕ یمن احکامن پیٹھ عمل سپدنہ خاطر چھُہ یِ سیٹھاہ زِ گوڈ گوڈٕ آسِ کیشنز وولِیو تہٕ شہیدو یمن پیٹھ عمل کرمُت۔ کیٹھ کڈن والیو وون زِ یہ چھہ سارے اکھ خیالی تہٕ اکھ نا قابلِ عمل تالیم۔ ییٚہ بیۍ تن یہ کتھ کاٹہن رتین لفظن منز وَنہٕ مگر عملہ کنی چھینہٕ اَکھ کاتھہ تہٕ وقعت تہٕ یہ چھہ انسانی فطرتس بِلکل خلاف۔

پزی باٹھی چھے انسان ہشز یہ بُڈ نا انصافی یوسہ تاریخ انسانیتہ کس امس عظیم الشان معلمس ستہ کرنہ آیہ۔ یتھہ کنی یہ درد نکتہ چینو تمی زانہ ینچ کوشش کرنہ تتھی کنی کوٚر نادان معتقدو تہٕ غفلہ تہٕ بصیرتس کام ہینہ نشہ انکار۔

حضرت مسیحؑ سٕنٛز تعلیم اِنسانی فطرتس خلاف زانِتھ
گوٚ بنیبن منٛز فرق کرُن۔ مگر کانٛہہ اِنسان یس قرآنکہ
پرٛنٛج پٔرِتھ آسہِ، ہیٚکیا یہِ خیال کٔرِتھ زِ حضرت
مسیحؑ سٕنٛز تعلیم کیا اُس اِنسانی فطرتس خلاف،
تہٕ اوے اُس ناقابلِ عمل ؟ ہرگز نہٕ۔ قرآنس پیٹھ
پٔرِتھ کرِ نہٕ ہیٚکہِ یہِ پیٚتھ غلط خیال ییٚنہٕ۔ اگر
اسۍ اَکِ زِ یہِ خاطرِ نہٕ یہِ کیتھ مانو تہٕ تمیُک مطلب
گوٚ زِ حضرت مسیحؑ سٕنٛز تعلیم پٔز آسنہِ نِشہِ کرو
اسۍ اِنکار تکیازِ یوسہٕ تعلیم اِنسانی فطرتس خلاف
آسہِ سو ہیٚکہِ نہٕ ہرگز تہٕ اِنسانس کُنہِ پٔز تعلیم آسِتھ۔
مگر پیٚتھ اعتقاد آسہِ نہٕ صرف قرآنکس رو چھے
یوت خلاف۔ بلکہ تمہِ کہِ دعوتکس اصل بُنیادس
پیٹھ بُنٛیل۔ تمہِ کہِ دعوتُک اصل بُنیادی اصول چھُ
یہِ نہٕ زِ سہٕ چھُ دُنیہکین ساریٚنے وَتہٕ ہاوکین ہیٚشوٕ
بُزٕرگ زیوُر مانان تہٕ ساریٚنے خدایہ سٕنٛدۍ پیغمبرن تمیُک
پیغام اَنٕن والی مانان۔ سہٕ چھُ وَنان زِ مذہبہ کین
"پاروٕن ہٕنٛز سارِوے کھوتہٕ بڈ گمراہی چھے
"تفریق بین الرسل" یانے ایمان انٛنس تہٕ پٔزۍ
زِ تیارۍ زانٛنس منٛز خدایہ سٕنٛدین رسولن منٛز فرق
کرُن۔ کانٛہہ اکھ مانُن تہٕ کانٛہہ اکھ اپُز زیور زانُن
یا ساری مانِتھ تہٕ کانٛسہِ اَکی سُنٛد اِنکار کرُن تہٕ

اَوے چھُ تمی جایہ جایہ اِسلامچ یہِ وَنٕتھ وُنۍ مِثر زِ:-
لَا نُفَرِّقُ بَیْنَ   اَسۍ چھِنہٕ خدایہ سٕنٛدیو
اَحَدٍ مِّنْھُمْ   رسولو منٛز کانٛسہِ اَکِس
وَنَحْنُ لَهٗ مُسْلِمُوْنَ   تہٕ بیٚیِن نِشہِ بیوٚن
(۳ : ۸۴)   کڈان (زِ کانٛہہ مانون
تہٕ کانٛہہ مانون نہٕ، اسۍ
چھِ خدایس پٔزۍ تھٕہ کٔرِتھ
تمِسنٕے (تَسنٕد پَزُت
اَسۍ تَن کُنہِ طرفہٕ تہٕ آمُت،
تہٕ کانٛسہِ ہِنٛز زٕلو آمُت
اَسہِ چھےٚ تَتھ پیٹھ
پَزٕھ)۔
اَمہِ علاوٕ چھُ بابتہٕ قرآنٕ حضرتِ مسیحؑ سٕنٛزِ
تعلیمہِ ہُنٛدیو ہےٚ پہلو جایہ جایہ نٕشرووُمُت
زِ سُہ اوس رحمتُک تہٕ محبتُک پیغام
اَنٕن وول۔ تہٕ یہوٗدین ہٕنٛدِس اخلاقی
ترٛوٗشرس تہٕ خرابی مُقابلہٕ چھےٚ مسیحی اخلاقچہ
نرمیہ تہٕ محبتکی ہیٚری ہیٚری تعریف کٔرۍ متٕو۔
وَلِنَجْعَلَهٗٓ اٰیَةً   بیٚیہِ چھُتھ اَسۍ سُہ
لِّلنَّاسِ وَرَحْمَةً   (یانے حضرت مسیحؑ سٕنٛد
مِّنَّا وَكَانَ   ظہوٗر) لوکن ہٕنٛدِ خاطرٕ

أَمْرًا مَقْضِيًّا ۝ — اکھ خدائي نشاني ۽ پنهنجي
رحمتنک اکھ فيصلو
(٢١:١٩)
بناوون ته به ڪيتھ آس
(خدا جي سنڌس مشيئتس
مڃ) طي آهي ڪري ٿو.

وَجَعَلْنَا فِي — ٻيٻي تنهن لوڪن جنهن
قُلُوبِ الَّذِينَ — دلين مٿي هيو (مسيحؑ
اتَّبَعُوهُ رَأْفَةً — سنڌ) پاڙوي ڪرتڙو
وَرَحْمَةً — آسي شفقت
ته رحمت.
(٢٧:٥٧)

پيٺين نسي ڪڙهي به ڪيتھ ته ياد ٿيڻي ز قرآن
پام ۾ صفت يا نسبت بيان ڇهه ڪري ٿي.
تنهي اوصاف جهن پوڙ وڏهي وانهي نورا ۽
۽ انجيل خاطر بيان ڪري ٿي. مثلن ٻهڙ ڪني
سي نبين خاطر هدايت ڪرڻ وول، گانشه
وول، نصيحت ڪرڻ وول، قومن هند امام،
پرهيزگارن هند و ۽ هاڪ ونان جهه، بلڪل
نتهي ڪئي جهه بڑو تنهڙيءَ من صحيفن ۽ پيو سارو
صفتون سان ماڻان. جيناچهه انجيل تي نسبت
جهه آسي جا به جا به ٻڌان:-

وَآتَيْنَاهُ الْإِنجِيلَ فِيهِ هُدًى
وَنُورٌ وَمُصَدِّقًا لِّمَا بَيْنَ يَدَيْهِ
مِنَ التَّوْرَاةِ وَهُدًى وَمَوْعِظَةً
لِّلْمُتَّقِينَ ۝ (٥/٤٦) سُني ڪتھ ڇهڻ ز
يوسي ۽ تعليم بشري فطرتس خلاف ۽ ناقابلِ
عمل آسي. سو هيڪ ۽ زانشه نور ۽ هدايت
۽ موعظه لِلْمُتَّقِين آسيٖ.

## مسيحؑ سنڌِ دعوئ حقيقت

اصل ڪتھ ڇهڻ يه ز حضرت مسيحؑ
سنڌ امه ساري تعليم هشتر آسي ۽ سو
حقيقتهي يوسي ۽ غلطيه سان سمجهڻ آيه.
۽ دُني پهس مٿ ڇهي ۽ انسان سنڌ ساري کھو ۽
يڏ گمر آهي تهند انڪار سبه ٻلڪه غلط طريقه
مانه ۽ اعتقاد ستي يا ڌ گمرت. حضرتِ مسيحؑ
آسي دُني پهس مٿ آئي تنهس اُڪس زمانس
مٿ پيلهِ يهودين هند اخلاق زوال آنهس
وو تمت اوس ۽ دلچه نيڪي ۽ اخلاقن هشتر
پاڪي بدله آس محض ظاهري احڪامن ۽ رسمن
هشتر پوڙا. ديند آري ۽ خدا پرستي زانته
بوان. يهودين وراڻي پم تهذيبه وائلي

أنٛدۍ کِنھہ آسۍ مَشلَن رۆمی، مصری، آشوری، تِم تہٕ آسۍ رحمہٕ تہٕ مُحبتہٕ کِہ رۆچہٕ نِشہِ بِلکُل ناواقف۔ لُکو آس یہِ کَتھ زانٛہہ زِ جُرمَن گوژھہَن سیٹھاہ گَژھِہ مُجرِمَن سَزا دِنۍ، مگر اَمہِ حقیقتہٕ نِشہِ آسۍ بےخبر زِ رحمہٕ تہٕ مُحبتہٕ عفو تہٕ بخشایشہِ ہِنٛد سِلاح ہیٚتھ گَژھِہ جُرمَن تہٕ گوژھہَن ہِشۍ پادٕ آشی رکاوٹ۔ اِنسانَن ہِنٛد قتلُک تہٕ ہلاکتُک تماشہِ وُچھُن قسمہ قسمہ کیو خوفناک طریقو مُجرِم ہلاک کَرِنۍ۔ زِنٛدٕ انسان وحشی جانورَن برٛونٛہہ کنہٕ ترٛاوِنۍ، آباد شہر بےوجہ زالِتھ سۄر کَرِنۍ۔ بیٚنہِ قومہٕ ورٛاے ساری انسان غولام زانٛنۍ تہٕ غولام بنٛاوِتھ تھاوِنۍ۔

رحمتہٕ، مُحبتہٕ، ترٛمیہِ تہٕ شفقتہٕ بدلہٕ سنگدلی تہٕ بےرحمی سیٹھاہ فخر کرُن اوس رۆمی تہذیبُک اخلاق تہٕ مصری تہٕ آشوری دیوتا آسۍ ہِنٛد دِلَس پٮ۪ٹھ یِوُن طریقہٕ۔ ضۄرورتھ آسَس زِ اِنسان سٕنٛدِ ہدایتہٕ خاطرٕ بییہِ اکھ تیٚژھہ ہستی سوزنہٕ، یوسہِ سراسر رحمتُک تہٕ مُحبتُک پاٚغام آسہِ۔ یوسہِ اِنسانی زِندگی ہِنٛدین سارِنۍ گوشَن اَکِنہ کُن ترٛاوِتھ صرف تہِنٛدِ دِلچہٕ تہٕ اَنٛدرمہِ حالتہٕ کِس اصلحَس تہٕ پاکی سیٹھاہ یٚنِنۍ ساری پاٚغمبرانہٕ ہمت لاگِہ۔ چنانچہ حضرتِ مسیحؑ سٕنٛدِس شخصیتس منٛز ڈرا یہِ سۄ ہستی نٚنی۔ تِم پھیرِ جسمہٕ بجایہِ رۆحس کُن۔ زبٲنۍ بجایہِ دِلَس کُن تہٕ ظاہرٕ بجایہِ باطِنس کُن۔ انسان سٕنٛد نوعہ تہٕ اعلیٰ

اِنسانِیتُک
مشروومُت
سبق یووُن
بییہِ
ژہتس۔

## مُسیح سُندِس وعظہِ کِس مجازَس شرُیعت تہٕ حُقیقت زانٕنی چھےٚ بڈ غلطی:-

موموٗلی کھوتہٕ موموٗلی کلامس منٛز تہٕ چھہِ
اگرچہ بلیغ آسہِ پننہِ بلاغتکی مجازات آسان۔
قوٗدرتی طور آسی اکھ الہامی بلاغتس تہٕ مجازان
ہِم امہ کہٕ تأثیرُک گہنہ تہٕ دِلپسند آسنٕک حُسن
چھہِ۔ مگر افسوس زِ دُنیایس اقوامن تلا
تہٕ کفارہ ہوی بیکار عقاید پاداکرِن وول اوس
ہیوٚک نہٕ تہِندین وعظن ہُند مقصد تہٕ موقہٕ پرزٕ
ناوِتھ تہٕ مجازاتن حُقیقتھ زانتھ گو غلط فہمین
ہُند شکار۔ تِمو ییٚتہٕ لُنس تہٕ یہ وونمت چھُ زِ
"دُشمن سیٚتی کرِو محبت" تہٕ پزی پاٹھی اوٚد سنہ
اَمیُک مطلب زِ پرٛتھ انسانس پیٚزِ پننین دُشمنن
ہُند عاشق زار بنُن۔ بلکہ اَمیُک سیود تہٕ سادٕ
مطلب اوس یہ زِ تو ہیٚہ گژھہِ ژکھہِ، شرارتہٕ
نفرت تہٕ انتقامہٕ بدلہٕ رحمُک تہٕ محبتُک
جوشہِ پوٗرُت جذبہٕ پاداکرُن۔ اَدٕ پتہٕ دوس
گژھی آسی تھےٚ دُشمن سیٚتی تہٕ عفو تہٕ درگذر کرُن
اَمہِ مطلبہٕ خاطرٕ زِ (رحم کرِو) بخشو تہٕ انتقامس
پتہٕ مہٕ لگو۔ یہ چھُ اکھ سیٹھا مانہٕ پوٗرُت تہٕ
اثر کرُون اندازِ بیان زِ دُشمن تام کرِو محبت

اُکِس تِتھِس ماحولس منٛز ییٚتہٕ لُنس ہنہٕ نین تہٕ
آشناون سیٚتی تہٕ رحم تہٕ محبت ورتاونہٕ اوس
نہٕ یوان۔ یہ وَنُن زِ پننین دُشمن سیٚتی تہٕ مہٕ
کرِو نفرت اوس رحمہٕ تہٕ محبتکہِ ضوٗر ورنگُ
اکھ اعلا کامِل ترین تخیّل پاداکرُن۔

"شنیدم کہ مردان راہِ خدا
دلِ دشمنان ہم نہ کردند تنگ
ترا کے میسّر شود این مقام
کہ با دوستانت خلاف است جنگ"

"مےٚ بوزم چھہِ یم دوستانِ خدا
تِمو کورنہٕ دِل دُشمنن ہُند تہِ تنگ
مےٚ ونتم زِ کتہِ زَن لبکھ تِتھُے مقام
ژےٚ چھُوے دوستن سیٚتی نفرت تہٕ جنگ"

یا مثلن اگر تِمو وَون" اگر کانہہ توہہِ اکہِ طرفہٕ
بُتھِس چپاتھ لایہ پیٚیہ بیاکھ طرف تہٕ اُنیوس برٛونٹھ
کُن" تہٕ یقینن اوس نہٕ اَمیُک یہ مطلب زِ
پزی پاٹھی اُنو توہی بُتھ لُنس برٛونہہ کُن۔
بلکہ اَمیُک صاف مطلب اوس زِ انتقامہٕ
بجایہ ہیٚیو توہی بخشانہٕ تہٕ معافی کام۔ کلامہٕ کہِ

بلاغتکی چھ یم نَم مجازات یم پرٛتھ زبانی منٛز چھ ہوی۔ تہٕ پہٕ چھےٚ ہمیٚنہٕ بٔڈ جھالیچ تہٕ نادانی ہنٛز کنھ مانٔنہٕ یوان زِ تِہنٛد مقصد تہٕ مفہوم زانٔنہٕ بدلہٕ پیہ نمہٕ کیٚن لفظن پیٹھ زور دنہٕ۔ اگر امہٕ قسمہٕ کیٚن مجازاتن ہنٛدس ظاہری مانیس نِفِچھ کرٛو تیٚلہ گژھہ نہٕ ساری سے الہامی تالیمے یوت چھلہٕ وِلائی بلکہ انسان شُنٛدٕ سورُے کلام یُس ادبہٕ تہٕ بلاغتہٕ سان دُنی ہیٚچھن ساریٚنی زبانن منٛز موجود چھ گژھہِ تباہ۔

## انسانی عملن ہنٛز بُنیاد چھےٚ رحمتس تہٕ موحبتس پیٹھ، سزہس تہٕ انتقامس پیٹھ نہٕ:-

پتھ روز یہ کتھ زِ حضرت مسیحن دیُت سزاہ بدلہٕ صرف رحمس تہٕ موحبتس پیٹھ زور۔ تِہنٛدین وعظن ہنٛز اصل حقیقتھ زانٔنہٕ بپتہٕ چھےٚ یہ کتھ تہٕ وارٕ پاٹھی زنان۔ یرٛی پاٹھی اوس شریعتن سزا دِنک تہٕ بدلہٕ ہینک حکم دیُت مُت۔ مگر امہٕ خاطرٕ نہٕ زِ سزا تہٕ عذاب چھ بجاے خود کانٛہہ رٕژ کام بلکہ امہٕ موکھہٕ زِ یہ چھ انسانی زندگی ہنٛزن کینٛہہ مجبورین ہُنٛد اکھ مجبوری ہنٛد علاج۔ یمیٚن لفظن منٛز ہیکو یتھ کنہٕ ونتھ زِ اکھ لوکٕٹ پاپ بدی آیہ اوسنہٕ ییٚتہٕ راونہٕ زِ یتھ زن بٔڈ پاپہٕ چھ بدی یہ ہیکو پتھ رٕٹتھ۔ مگر دُنیہن ہنُو وُ یہ علاج بدلہٕ اکھ دِس پرٕ یوٗن مشغلہٕ بلکہ ہنیو وارٕ وارٕ یہ انسان سُنٛد عذابک تہٕ ہلاکتک اکھ خوفناک ہتھیار۔

چنانچہ اسی چھ وچھان زِ انسانی قتلہٕ تہٕ لوٗٹ مارٕچ کانٛہہ ترٛہرٕ دِنی کام چھےٚ نہٕ ترٕتھ یوسہٕ نہٕ شریعتس تہٕ قونونس ناوس پیٹھ کرٕ نہٕ آسہٕ آمٕژ۔ تہٕ یوسہٕ نہٕ امی انتقام ہیٚنہٕ کہٕ تہٕ سزا دِنہٕ کہٕ حکمک ظالمانہٕ استیمال آسہٕ۔

اگر تاریخس پرٛژھنہٕ ییہ زِ مادانِ جنگہٕ ورٲے ہلاکتکی ساری کھوتہٕ بٔڈی قوت کم چھ تہٕ یقینن وُچھن تِہنٛز اُشنگجہ ہمن عدالت وانن کِن یم مذہبس تہٕ قونونس ناوس پیٹھ قایم آیہ کرنہٕ۔ تہٕ یمو ہمیشہ پننٛین ہم جنسن عذاب دِیچ تہٕ ہلاک کرٕنچ کام انتہائی دٕرندگیہ تہٕ ظلمہٕ سان جاری تھوَ۔ (۴۷)

---

شاید لیٚہ نہٕ انسانی گمراہی ہنٛزن حالاتین ہنٛز امہٕ کھوتہٕ کانٛہہ بٔڈ مثال زیٚمہِ انجیلہ چھ تالیمہ ہنٛد یہ مطلب نِنہٕ آوٕ زِ سہ

وونی اگر حضرت مسیحن سزا تہٕ عذاب بَدلہٕ رحمس تہٕ معافی ہیوٚٹھ زور دیُت تہٕ تہٕ سہٕ اوسہٕ اوٚسبہٕ زِ تِم آسی تعزیرس تہٕ سزہس خلاف کانٛہہ نوٚو شریعت پیٚش کران دیُن۔ بلکہ تہٕندٕ مقصد اوس تِمہٕ خطرناک غلطیہٕ نِشہٕ انسانس نجات دیاوُن۔ یتھ منٛز سُہ سزہِکہٕ تہٕ عذابکی غلبن گیر گوٚمُت اوس۔ تِم آسی دُنی یِہس وَنُن یژھان زِ انسانی اعمالن منٛز چھُ عملہٕ ہنٛد مول رحم تہٕ محبت۔ نفرت تہٕ انتقام چھُنہٕ۔ تہٕ اگر سزا تہٕ عذاب جائز تھونہٕ آمُت چھُ، سُہ چھُ صرف اَوسبہٕ زِ اکہٕ مجبوری بہٕ ہنٛدِ علاجکی پأٹھی بہٕ اتھ پیٹھ عمل کرنہٕ بہٕ مقصد اوس نہٕ زِ تہٕندی دلِ بَنَن رحمہٕ تہٕ محبتہٕ بجائے سراسر نفرتکی تہٕ انتقامکی مرکز۔ موسوی شریعت کیو پأٹھی کارِ واوس شریعت صرف سزا

چھےٚ نہٕ کُنہٕ تہٕ حالتس منٛز انتقامک تہٕ سزہِک اجازت دوان۔ تِمے انجیلہٕ کیو مانن والیو تھوٚو ہیتہٕ بَدَن ڈرِیِن انسانی ہلاکتک تہٕ عذابک عمل تِمہٕ بے رحمی تہٕ درنٛدگی سان زاری زارٕ چھِنہٕ اُسی تمیک تصور تہٕ ہیبتہٕ تہٕ خوفہٕ ورأے کرتھ ہیکان تہٕ یہ کینٛہ ژھاکرنہٕ آو تہٕ آو انجیلہٕ کِس تہٕ تِمہٕ کِس مقدس معلمہٕ سٕنٛدس ناوس پیٹھ کرنہٕ (باقی حاشیہ صفحہ ۱۷۴)

دِنک تھی یار بنومُت۔ حضرت مسیحن فرموو زِ شریعت چھُنہٕ سزا دِنہٕ خاطرٕ بلکہ نجاتچ وَتھ ہاونہٕ خاطرٕ تہٕ نجاتچ وَتھ چھےٚ سارے رحمچ تہٕ موحبتچ وَتھ۔

## عملہٕ تہٕ عاملس منٛز فرق:۔

دراصل چھُ اتھ عاملس منٛز انسان سٕنٛز بٔنی یأدی غلطی یِہ روزمژ زِ سُہ چھُنہٕ عملہٕ منٛز تہٕ عاملس منٛز فرق ہیکان تھوٚوتھ حالانکہ یوٚہ تام مذہب چھِ تألیمہٕ ہنٛد توٚلُق چھُ اَتھ کَنتھِ منٛز زِ اکھ عمل کرِتھ چھےٚ تہٕ عمل کرن وول کُشتھ چھُ چھےٚ سیٹھا فرق تہٕ دوشونی کیوٚت چھُنہٕ گُنٕے حکم۔ یِژی پأٹھی چھُ یہ سارِنٕے مذہبن ہُنٛد عالمگیر مقصد روٗدمُت۔ زِ تِم کرن نچھ عملہٕ تہٕ گوٚنہہ نِشہٕ انسان سٕنٛدِس دِلس منٛز نفرت پأدٕ مگر یہ کوٚژ تِموٚ زانہہ تہٕ برداشس زِ انسانس تہٕ انسانس منٛز گژھِ پانہٕ وأنی نفرت پأدٕ۔ یقینن چھُ تِمو اتھ کتھِ پیٹھ زور دیُت مُت زِ گوٚنہوٚ نِشہٕ گژھِ نفرت۔ مگر

یہ ووٚننکھ نہٕ زانہہ زِ گنہگارس سیتی کرِو نفرتھ۔ تِمچ مثال چھےٚ یتھ کُنی زِ اکھ حکیم چھُ لوکن بیمار یو نِشہٕ کھوژناوان روزان تہٕ واریاہ لکہٕ

چھُ یمن بیمارن ہنٛدٮ۪ن خطرناک نتیجن ہُنٛد
نیتھہ کھوژُن نفسہٕ بڑوٚ شہ کٕن آتان زِ
وُچھن وآلی چھِ تہٕ ہران۔ مگر سُہ چھُنہٕ پژھ کنھ
زانُہ تہٕ کران زِ یم لوٗکھ بیمار گژھن تمن نِشہٕ
ہیٚیہ۔ کھوژُن تہٕ نفرت کرٕنی یا لوٗکن وَنہٕ زِ
کھوژِو تہٕ نفرت کرِو ہیٚنے یوٗت نہٕ بٔلکہ تہنٛد
سمار، نوجہ تہٕ شفقتُک مرکز چھُ بیمار سُنٛد
وجوٗد آسان۔ تہٕ یُس انسان یوٗت زیادٕ
بیمار آسہِ تیوٗت زیادٕ بنہِ سُہ تہنٛدِ رحمتُک
تہٕ شفقتُک حقدار۔

## مرض تہٕ مریض:-

بَس ییتھہٕ کٕنی جِنمُک حکیم بیمار بوٗ خاطر
نفرت تہٕ بیمار سٕنٛدِ خاطر شفقت تہٕ ہمدردیہ
ہنٛد تلقین کران چھُ بلکُل تتھے کٕنی چھِ روحُک
تہٕ دِلُک حکیم تہٕ گونٛہہ ونِشہٕ نفرت تہٕ گونٛہگارن
ہنٛدِ خاطر اسر رحمتُک تہٕ شفقتُک پأغام
آسان۔ یہِ چھُ پوٚز زِ تم چھِ پژھان اَسہِ منٛز
گونٛہہ ونِشہٕ (یمہ روٗح تہٕ دِلہ چہ بیمار چھِے)
خوف تہٕ نفرت پادٕ کرٕنی مگر گونٛہونِشہٕ تہٕ
گونٛہگار انسانونِشہٕ نہٕ۔ تہٕ یہا آسے چھِے

سوٚ نازُک جایہ۔ ییٚنہِ نس مذہب کیٚہو
پآرٕو کارو ہمیشہِ غلطی کھیٚیہ۔ مذہبو یژھو و
زِ یم ہیچھنا وکھ بدِ یوٗنِشہٕ نفرت کرٕنی مگر بدی
نِشہِ نفرت کرنہٕ بدلہٕ ہیوٚچھ تموٚ تمن انسانن
سٟتی نفرت کرٕنی یمن تم پننی کٕنی بدی ہُنٛد
قصوٗر وار زانان چھِ۔

## گونٛہونِشہِ کرِو نفرت مگر گونٛہگارن پیٹھ کرِو رحم:-

حضرت مسیح سٕنٛز تألیم آس سارے
اُتھی حقیقتس کُن نادر۔ گونٛہونِشہٕ کرِو نفرت
مگر تمن انسانن سٟتی مہ کرِو نفرت یم گونٛہن
منٛز مُبتلا چھِ گژھان۔ اگر اکھ انسان گونٛہگار چھُ
تمیُک مطلب گو تسُنٛد روٗح تہٕ دِل چھُ
بیمار۔ وونی اگر تمی بدبختی سٟتی پننی تندرستی
ضایہ کرمٕژ چھےٚ تہٕ توٚہی کیاز کرِو تس سٟتی نفرت
سُہ ہیٚے چھُ پننی تندرستی راوٕرِتھ بیٚیہ
ہیٚن تہنٛدِ رحمتُک تہٕ شفقتُک حقدار بنیوٚمُت
توٚہی کرِو پننِس بیمار بآیس تیمارداری
کِنہ مارِو اَتلس اَکھ ڈیاوٕ یُس کمیہ سُہ
وقت کرِو یاد ییمیُک تفصیل سینٹ لوقا
(SAINT LUKE) سٕنٛزِ زبوبر منز چھُ

بیٚلہِ اکھ گونٛہگار زنانہٕ حضرت مسیٖح سٕندِس
خدمتس منٛز آیہِ تہٕ تمہٕ وۄٹھر آوٕ پننہِ ترٛوس
ٹٹھو سٕتی تہنٛدی کھور تہٕ اکھ بیٚٹھ آو ریاکار
فریسیون (PHARISEE) نس بڈٕ تاجب
(وۄنی چھہ فریسنگ مانے پی ریاکاری بنیوٚمُت
یانے (PHARISAISM) مگر تمہٕ وۄنکھ
حکیم چھہ بیمارن ہنٛدِ خاطر آسان نہٕ کہ صحتہٕ والین
ہنٛدِ خاطر، او پتہٕ دِژکھ خدا یس تہٕ تہنٛدین
گونٛہگار بندن ہنٛدِ رحمتک رشتہٕ تنہٕ راو نہٕ
خاطر اکھ سیٹھاہ ہے اثر کرٕ وۄنی تہٕ دِلس
پٔریہ وۄنی مثال۔

۲ مانی تو اکس ساہوکارس آسی زٕ
قرضدار اکھ دارِہس پانٛژ ہاٹھ روپیہ تہٕ بیاکھ
دارِہس ساس روپیہ۔ ساہوکارن کوٚر
دۄشونی ہنٛد قرضہ ماف۔ وۄنی تو کُس قرضدار
کوٚر امی زیادٕ احسان تہٕ کُس کرٕ امس سٕتی زیادٕ
موحبتھ سُہ یس پانٛژ ہاٹھ روپیہ ماف کرٕ ین
کنہٕ سُہ یس ساس روپیہ ترٛوٗ وُن۔ ساری نے
پیٚیوٚ جواب دِیُن سُے یس زیادٕ رقم ترٛوٗ وُن۔
" نصیب ماست بہشت ای خداشناس برو
کہ مستحق کرامت گناہ گارانند"

" نصیبس آسہِ گونٛہگارن تہٕ جننتھ
ژٕ سے چھے زاہدِ دِلس منٛز بلی گمانا"
یہاے حقیقتھ چھے بنتھ کن تابعین ہنٛدیو
کینژو اماموژ پتہٕ وۄنی چھے دِژمژ۔" انکسار
العاصین احب الی اللہ من صولۃ
المطیعین" خدا یس چھے عبادت گذار
بندن ہنٛدِ شانہٕ کھوتہٕ گونٛہگار بندن ہنٛز
عاجزی تہٕ نرمی زیادٕ ٹاٹھ۔

" گدایاں را ازین معنی خبر نیست
کہ سلطان جہان با ماست امروز"
فقیرن چھے نہٕ باو تھ امہٕ راز چ
چھہ ما آسہِ سٕتی از سلطانِ عالم
قرآن تہٕ گونٛہگار بندن کرٕ شرح تہٕ رحمچ آواز۔

او پتہٕ چھے یہاے حقیقتھ زٕ اسی چھہِ
قرآن مجیدس منٛز وۄچھان زِ پیتہٕ نس بیٚتہِ
نس خداین گونٛہگار بندن ہنٛد ذکر کوٚرمُت
چھہ سُہ چھُن یاے نسبتی سٕتی کوٚرمُت
یوسہ عظمچ تہٕ موحبتچ نشانی چھے:۔
قل یعبادی الذین اسرفوا علی
انفسھم لا تقنطوا من رحمۃ اللہ
(۳۹-۵۳)

ءَاَنْتُمْ اَضْلَلْتُمْ عِبَادِیْ (۲۵ : ۱۷)
وَقَلِیْلٌ مِنْ عِبَادِیَ الشَّکُوْرُ۔

(۳۴ : ۱۳) اَمِچ مثال چھےٚ بِلکُل تِتھٕے بیتھ
کُنہِ اکھ مول موجبنہٕ کِس جوشس منٛز پنٕنِس نیچوِس آگو چھُ دِوان تہٕ خصوصیتہٕ سان
چُھ پنٕنِس مول آسنس پیٹھٕ زور دِوان۔
ہا میانہِ نیچوِ! ہا میانہ گوٚبرا! حضرتِ امام جعفر
صادق (درود و سلام آسِن تِمَن پیٹھ بیٚیہ
تِہنٛدین آباؤ اجدادن پیٹھ) چھِ سوٗرِ زمرہ
کہ آیہٕ رحمیچ تفسیر کران کیٛاہ جان فرماوان
"بیٚیلِہ اُسی پنٕنین اولادن پانس کُن نِسبتھ
وَالَّذِیْ نَفْسِیْ بِیَدِہٖ! لَوْ لَمْ تُذْنِبُوْا
لَذَھَبَ اللّٰہُ بِکُمْ وَلَجَآءَ بِقَوْمٍ
یُذْنِبُوْنَ فَیَسْتَغْفِرُوْنَ
(مسلم عن ابی ھریرۃ رضی اللہ عنہ)
وایضا عَنْ اَنَسٍ قَالَ رَسُوْلُ اللّٰہِ صلی اللہ
عَلَیْہِ وَسَلَّمْ والّذی نفسی بیدہٖ! لو
اخطأتم حتی تملأ خطایاکم ما بین السمآء
والارض ثم استغفرتم اللہ یغفر لکم۔
وَالذی نفسی بیدہٖ! الو لم تخطئوا لجاء اللہ
بقومٍ یخطئون ثم یستغفرون فیغفر

دِتھ نادلایان چھِ، تِم چھِ کُنہٕ خوفہٕ تہٕ خطرو روٚٔے
اَسہِ کُن دِوان یوان تکیٛازِ زانان چھِ اَسہٕ چھُنہٕ
تِمَن پیٹھ ژکھ۔ اگر ژکھ آسہِ ہیٛکھ تیٚیلہ دِہَن نہٕ
نادبیٛنھ کُنہٕ۔ قرآنس منٛز چھُ خدا ییٚن دوٚہَو ۲۰
کھوتہٕ زیادٕ موقن پیٹھ اَسہٕ "عِبَادِیْ" وُنِتھ
پانَس کُن نِسبتھ دِژمٕژ تہٕ بڈ کھوتہٕ بڈین
گوٚنہگار انسانن تہٕ "یٰعِبَادِیْ" وُنِتھ آلو
دُیتمُت۔ کیٛاہ امہ کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ ہیٛکیا تِہنٛد رحمتُک
تہٕ موحبتُک کانٛہہ پاغام آسِتھ۔ صحیح مسلم کہ حدیثُک
مطلب کیٛتھہٕ کُنہٕ چھُ وارٕ پاٹھی نَنان بیٚیلہ اَسی اَکھ
روشنی منٛز تمیُک مُطالہٕ کران چھِ
تُس ذاتہٕ سُنٛد قسم یُس سُنٛز موچھِ منٛز میٛون زو چھُ اگر توٚہیٚ
نٕکھ کانٛہہ گوٚناہ کرِو نہٕ تہٕ خدا سے تُلِہ توٚہہِ زمینہٕ پیٹھٕ
تُہنٛز جایہ کرِ بیاکھ قوماہ پاَدٕ یُہنٛد شیوہ یہ آسہِ زِ گوٚنہن منٛز
گرٛصِن گیرٕ تہٕ پنٕنہٕ منٛگَن خدا یَس بخشش تہٕ مغفرت۔
لهم۔ اخرجه احمد وابو یعلی اسناد
رجاله ثقات وعن ابن عمر مرفوعا
لو لم تذنبوا الخلق اللہ خلقا یذنبون ثم
یغفر لهم۔ اخرجه احمد والبزار ورجاله
ثقات واخرج البزار من حدیث ابی سعید
نحو حدیث ابی ھریرۃ فی الصّحیح وفی اسناده

یحیی بن بکیر وھو ضعیف۔

"فدائے شیوۂ رحمت کہ در لباس بہار
بعذر خواہی رندان بادہ نوش آمد"

"کفیل رحمت گوٚ گنہگارس بہٕ آوٕے سرزنشس نگارس
یِوان رِندن شراب نوشن بہار لاگِتھ سہ زا رپارس"

انجیل تہٕ قرآنچہ تألیمہ منٛز چھےٚ نہٕ کانٛہہ بنٛیادی فرق۔ بس حقیقتن چھےٚ نہٕ حضرت مسیحؑ سٕنٛز تألیمہ تہٕ قرآنچہ تألیمہ منٛز کانٛہہ فرق۔ دوٚنوٚنی ہُنٛد معیار احکام چھُ کُنُے۔ فرق چھےٚ صرف محل بیانُک تہٕ پیرایہٕ بیانُک یانے کَتِہ نَس آو وَننہٕ تہٕ کیتھہٕ کٔنی آو وننہٕ۔ حضرت مسیحن دِیُت صرف اخلاقس پیٹھ تہٕ دِلچہ پاکی پیٹھ زور تکیازِ موسوی شریعت اوس موجود تہٕ تمہ آسی نہٕ تمیُک اکھ پھِشور تہٕ یِژھان بدلاوُن مگر قرآنس آسی اخلاق تہٕ قونوٗن دوشوٚنی ہُنٛدی احکام اکی ساتہٕ بیان کَرٕنی۔ اوے کوٚر تمہِ پانے بیانُک سُہ انداز اختیار یُس مجازاتن تہٕ متشابہاتن ہنٛز جایہِ احکاماتن تہٕ قونوٗنن ہُنٛد صاف صاف تہٕ مناسب انداز بیان اوس۔ تمہِ دیُت گوڈٕ نیتھے عفوٗ تہٕ مأفی پیٹھ زور تہٕ پتہ موٚنن نیکی ہُنٛد تہٕ بجرُک بنٛیاد تہٕ موٗل تہٕ سیتی تھوٗون بدلہٕ ہینک تہٕ سزادِنُک درواز تہٕ یلہٕ تکیازِ مجبوری ہنٛزن حالتن منٛز چھُ نہٕ امہ بغار تہٕ کانٛہہ چار۔ مگر یِہ کیتھہ ڈُنن صاف تہٕ واضح لفظن منٛز بۄنہ تہٕ بۄنہ زِ بدلہٕ ہینس منٛز تہٕ سزادِنس منٛز گژھِ نہٕ کُنہِ قسمٕچ بے انصأفی تہٕ زیادتی گژھنی۔ یقینن چھےٚ دُنیہکین سارنی نبین تہٕ شریعتن ہُنٛدین احکامن ہُنٛد لُبِ لباب یمے ترٛےٚ اصول روٗدی متی۔

وَجَزٰٓؤُا سَيِّئَةٍ سَيِّئَةٌ مِّثْلُهَا
فَمَنْ عَفَا وَاَصْلَحَ فَاَجْرُهٗ عَلَى
اللّٰهِ اِنَّهٗ لَا يُحِبُّ الظّٰلِمِيْنَ ٥
وَلَمَنِ انْتَصَرَ بَعْدَ ظُلْمِهٖ

بۄنہ (وچھو) بدی بہٕ خاطر چھُ بدلہٕ بلکل تیُتھے تہٕ تیُتنے یِژھ بدی آسہِ کَرنہٕ آمٕژ۔ مگر یُس بخشہ تہٕ بگاڑٕ بجایہ سنٛبالِہ تہٕ نقین کرِ تسنٛد جزا چھُ خدایس مٔنہ۔ یِژی پاٹھی چھُنہ خدا یے تمن لوکن

فَاُولٰٓئِكَ مَا عَلَيْهِمْ مِّنْ سَبِيْلٍ ○
اِنَّمَا السَّبِيْلُ عَلَى الَّذِيْنَ
يَظْلِمُوْنَ النَّاسَ وَيَبْغُوْنَ فِي
الْاَرْضِ بِغَيْرِ الْحَقِّ اُولٰٓئِكَ
لَهُمْ عَذَابٌ اَلِيْمٌ ○ وَلَمَنْ
صَبَرَ وَغَفَرَ اِنَّ ذٰلِكَ لَمِنْ
عَزْمِ الْاُمُوْرِ ○

(۴۲ : ۴۰ - ۴۳)

دوس تھوان یم حد نیرن وآلی چھہ ۔ مگر یُنہ یہ وِطیر آسہ زِ تس پیٹھ آسہ ظُلم کرنہ آمُت نہ سہ ہیہ ظُلمہ پتہ تمیُک بدلہ تہٕنٛدِ خاطرٕ یم انسانن پیٹھ ظُلم کران چھہ تہٕ بلہ چھہ مُلکس منز ناانصافی تہٕ فسادک باعث بنان، تِمن پیٹھ چھہ یمے لُوکھ یم عذابکی حقدار چھہ مگر یُس اکھاہ بدلہ ہینہٕ بجایہ بدی ییہ زاو تہٕ بخشہ تہٕ تمی کری پانٛھی چھے سو سیٹھا بڈ ہمتُک تہٕ حوصلک کام۔

انداز بیانس پیٹھ کرِو غور یوٚدوَے گوڈٕ اوٚس صاف صاف وَنمت زِ فَمَنْ عَفَا وَاَصْلَحَ فَاَجْرُهٗ عَلَى اللّٰهِ تہٕ بظاہر اوس عفو تہٕ بخشایشہ خاطرٕ ییژہن وَنُن سیٹھا مگر پوٚتس ذِتِن بیہ اتھ پیٹھ سیٹھا زور - وَلَمَنْ صَبَرَ وَغَفَرَ اِنَّ ذٰلِكَ لَمِنْ عَزْمِ الْاُمُوْرِ۔

یہ تکرار چھہ اوسَبہٕ تیتھ عفوٕ تہٕ درگذر کرنٛچ اہمیتھ ننہ یانے یہ حقیقتھ نیرِوارٕ پانٛھی ننٛز زِ یوٚدوَے بدلہ ہینک تہٕ سزا دِنک درواز یلہ چھُ آمُت تھاونہ۔ مگر نیکی یہ ہنٛز تہٕ فضیلتچ وَنہ چھے عفوچ تہٕ بخشایشی ہنٛز وَتھ۔ اَو پتہ گژھہ یہ کتھ تہٕ نظرِ تل تھونی زِ قرآن چھہ

تمہ سنٛز ہکہ خاطرٕ یُس بدی بدلہ دِنہ بیہ بدی ہنٛدے لفظ ورتاوان "وَجَزٰٓؤُا سَيِّئَةٍ سَيِّئَةٌ مِّثْلُهَا یانے سَيِّئَة بدلہ یہ کینژھا کرنہ ییہ تنہ آسہ سَیِّئَہ - عمل حسن آسہ تہٕ امیُک برآو اَمہ سَبہ یلہ تھاونہ زِ اگر یلہ ییہ نہ تھونہ تہٕ اَمہ کھوتہ زیادٕ بدی یہ ہین وجودس منٛز ییہ۔ اَو پتہ وَنُن تس انسانس نسبت یُس ماف کرِ" اصلح " لفظ یانے شیرن وول اَمہ سیتی سپد معلوم زِ ییٚنہ چھہ خرابی ہنٛدی اصلی شیرن وآلی تمے یم انتقامہ بجایہ عفوٕ تہٕ درگذر کرن وآلی چھہ۔

# قرآنکی زواجر تہٕ قوارع

ممکن چھُ کینٛہہ طبیعت کرن بیٚیہ لَس
اکھ خدشہٕ محسوس اگر درحقیقت قرآنچہ
ساری تالیمہٕ منٛز نٕنٛزُن یاد رٲچھنہٕ چھےٚ تبلہ کیا
زِ چھُ تمی پنہٕ زٕنہٕ مخالفن نِسبتھ ملامتک
سخت رویہ اختیار کورمُت۔ امیُک مُفصل
جواب بیہ پنہٕ لَس موقس پیٹھ دِنہٕ۔ مگر بحث
مکمل کرنہٕ خاطرٕ بیہ بیٚنہٕ لَس مو مختصر اشارٕ
کرنہٕ۔ اکھ منٛز چھنہٕ کانٛہہ شک زِ قرآنِ مجیدس
منٛز چھےٚ نمہٕ جایہ بیٚنہٕ لَس تمی مخالفن ہُنٛدِ
خاطرٕ شدّت تہٕ سختی ورتاومٕژ چھےٚ کمن مخالفن
ہُنٛد خاطرٕ تمن مخالفن ہُنٛد خاطرٕ یِہنٛز مخالفت
بینتھ منٛز دُشمنی تہٕ زور تہٕ جبر چھُنہٕ۔ اَسہٕ چھُ امہٕ
بلکُل انکار۔ اَسی ہیکو پوٗرٕ وثوقہٕ سان وٕنِتھ
زِ ساریوے قرآنس منٛز چھُنہٕ شدّتک تہٕ
سختیہ ہُنٛد اکھ لفظ تہٕ یُس امہٕ قسمہٕ کین
مخالفن ہُند ذکر کران سخت الفاظ ورتاوی
منٛ چھُ تمیُک سوٗرے تعلُق چھُ تمن مخالفن
سٕتی یِہنٛز مخالفت تہٕ دُشمنی بغض تہٕ
فساد بیہ ظُلمہٕ تہٕ فساد کِس زورس تہٕ
زبردستی پیٹھ آسٕ۔ نہٕ نٕنٛز کنہ چھےٚ زٕ اصلیح
تہٕ ہیدایت بینچ کانٛہہ تالیم تہٕ ہیکہ نہٕ امہٕ صورت
حالہٕ نِشہٕ بچتھ۔ اگر یِمن مخالفن سٕتی
تہٕ نرمی تہٕ شفقت ورتاوٕنہٕ ییہ تہٕ یہ گوٗیِ پزی
پاٹھیٚ رحمتک سلوک مگر یہ آسہٕ تہٕ انسانی پیتہٕ
خاطرٕ یہ آسہٕ ظُلمہٕ تہٕ فسادٕ خاطرٕ تہٕ پزی پاٹھیٚ
گژھہٕ تہٕ یہ پزٕ رحمتک معیار آسُن زِ سہ
پھانٛپھلاوِ ظُلمس تہٕ فسادس۔ ووٚنی سپد
توہہٕ کینٛہ وضفو پنہٕ مولوم زِ قرآنس چھُ خدایی
صفاتن منٛز رحمتہٕ پتہٕ عدالتس تہٕ پنٛنی جاے
دِژمٕژ۔ تہٕ سوٗرے فاتحس منٛز چھُ ربوبیتہٕ تہٕ
رحمتہٕ پتہٕ عدالتہٕ کِ صِفت جلوٕگر سپدیومُت
یہ چھُ اوے سبب زِ سہٕ چھُنہٕ رحمتہٕ نشہٕ
عدالتس بیون کڈان بلکہ چھُ تتھ عین رحمتک
تقاضہ ٹھہراوان یِہ چھُ ونان تہٕ نی ہیکو
تہٕ انسانس سٕتی رحم تہٕ موجبتھ ورتاوِتھ
اگر ظُلمہٕ تہٕ فسادٕ خاطرٕ توہہ منٛز سختی چھےٚ نہٕ۔
انجیلس منٛز چھُ اَسی وچھان زِ حضرت مسیحؑ
تہٕ گے پنہٕ زٕنہٕ مخالفن سرفہ پیچہٕ تہٕ لوٗٹھاتھ ونُس پیٹھ مجبور

## کُفرِ محض تہٕ کُفرِ جارحانہٕ :-

قرآنَس منز چھہٕ کُفرُک لفظ انکارس
مانے لَس منز ورتومت تہٕ انکار چھہٕ دوٚ یِہ
قسمُک آسان۔ اکھ گو محض انکار یوت۔
تہٕ بیاکھ گو جارحانہٕ انکار۔ انکارِ محض گو یِہ
اکھ شخص چھُنہٕ تہنٛز تالیم قبول کران تکیا
زِ یہ چھُنہٕ تَس فکرِ تران نتہٕ اوسبہٕ زِ تَس
منز چھُنہٕ پزرُک تلاش۔ نتہٕ امہٕ کنہٕ زِ بیٚنھ
وتہٕ پیٚٹھ سہ پکان چھُہ تمہٕ نِشہٕ چھُنہٕ ڈلس
بڑھان۔ تاَرکا نہٕ تہٕ وجہ آسی تن سہ
چھُنہٕ توٚہہٕ سیتی متفق۔ جارحانہٕ انکار چھِے
انکارَچ سو حالتھ یوس انکارس یوت پیٚٹھ
بس کَرِ نہٕ بلکہِ تتھ منز گژھہِ تہنٛدِ خاطرٕ دشمنی
تہٕ ضد پاد۔ او پتہ چھِہ یہ ضد تہٕ دشمنی بڈان بڈان
بوغضیچ تہٕ عنادچ، ظلمچ تہٕ فسادچ سخت تہٕ
کھوتہٕ سخت شکل اختیار کران۔ امہٕ قسمُک
مخالف چھنہٕ صرف یتھے یوت کران زِ توٚہہٕ
سیتی چھہٕ اختلاف تھوان بلکہ چھُہ تَس
منز بوغضُک تہٕ عنادُک اکھ جذبہٕ تہٕ سٕہ
جوش پاد گژھان۔ سہ چھہٕ پننہٕ زندگی تہٕ زندگی
ہنٛدی ساری قوت ہیہتھ تہنٛز بربادی تہٕ
ہلاکتس پتہ لگان۔ توٚہہٕ ونی توٚ سیٚٹھہٕ ہہہ
یہِ ژکتھ سہ دِیہِ وا پیٚز چھہٕ ونان۔ توٚہہٕ ورتاوتو
کو تہٕ ہے رُت سہ واتناو بوٚیہ زاہ۔ توٚہہٕ ونی
توٚ گاش چھُہ گٹہِ کھوتہٕ جان سہ ونہ بوٚ گٹہ کھوتہٕ
چھُنہٕ کانہہ تہٕ چیز جان۔ توٚہہٕ اگر ونو ٹیچھہِ
کھوتہٕ چھُہ میچھہِ جان، سہ دِپہِ بوٚ ٹیچھہِ چھُہ ونی
یہمک ساری کھوتہٕ بوٚڈ لذت۔ یہاے حالتھ
چھِے یتھ قرآن انسانی فکرِ ہنٛد تہٕ
بُصیرتُک بیمار تہٕ بیکار گژھن ونان
چھُہ۔ نتہٕ امی قسمکی مخالف چھِہ یہنٛدِ
خاطرٕ تہنٛز ساری ملامتہٕ تہٕ سختیہٕ
نِنہٕ درامتہٕ چھِے۔

---

لَهُمْ قُلُوبٌ لَّا يَفْقَهُونَ بِهَا وَ
لَهُمْ أَعْيُنٌ لَّا يُبْصِرُونَ بِهَا وَ
لَهُمْ آذَانٌ لَّا يَسْمَعُونَ بِهَا

تِمَن نِشہٕ چھِہ دِل مگر سوٚنچان چھُنہٕ۔ تِمَن نِشہٕ چھِے
اَچھہٕ مگر وُچھان چھُنہٕ۔ تِمَن نِشہٕ چھِہ کَن مگر
بوزان چھُنہٕ۔

أُولٰٓئِكَ كَالْاَنْعَامِ بَلْ هُمْ اَضَلُّ ؕ اُولٰٓئِكَ هُمُ الْغٰفِلُوْنَ ۝ (۷ : ۱۷۹)

ساٚنؠ مُفسِر چھِ اَتھ دوٚیمِس حالتس "کُفر جحود" وَنان۔ دُنیِہس منٛز یِیلہِ زانہٕ پَنُن نَچ کانٛہہ کتھ یا دعوت نٕنی دراٛمٕژ چھےٚ تہٕ سو چھےٚ کینٛژَو لوٗکو ماںنمٕژ تہٕ کینٛژَو لوٗکو چھُ اَمہِ کہِ ماننہٕ نِشہٕ بُتھ پھیرمُت۔ مگر کینٛہہ لوٗکھ چھِ تِتھؠ تہٕ آسؠ مٕتؠ یِمو تمہِ خلاف بغاوژ تہٕ تشدُدٕچ تہٕ ظُلمہٕ تہٕ فسادٕچ جو تھٕ بنٛدی کٔرمٕژ چھےٚ۔ یؠیلہِ قرآنک ظہور سپُد تمؠ تہٕ لَبہِ یِمہٕ ترٛینَو وٕے جماژ پانس برونٛہہ کُنہِ۔ تمہِ رُٹ گوڈنٛچ جماتھ پَننہِ تربیتہٕ چہِ کوچھہِ مَنٛز۔ دوٚیم جماتھ بناوِن پَننہِ دعوٕژ تہٕ نصیحتچ مخاطب۔ مگر تریمہِ جماژ ہٕنٛدس ظُلمس تہٕ بغاوتس ہیٚٹھ کوٚرُن حالتہٕ تہٕ ضرورتہٕ مطابق ملامت تہٕ تنبیہ۔ اگر یِژھہِ جماژ خاطرٕ تہٕ تہنٛز زِہہِ نٕز سختی رحمتس خلاف

یِہُنٛز حالتھ چھےٚ تِژھ یِتھ چارٕ واے آسان چھِ نہٕ بٔلی کہِ چار وایو کھو تہٕ زیادٕ وۍ مٕتؠ یِوؠ۔ یِژ پاٹھؠ چھِ یِمہِ لوٗکھ یِم غفلتس منٛز ڈٕو بیمٕتؠ چھِ

چھےٚ تِیلہِ چھُنہٕ یِژ پاٹھؠ قرآن مجید امہِ لحاظٕ رحمتُک دعویٰ کران تہٕ یُقینَن ہیکو تہٕ تہنٛز رحمت اَمہِ نکرِ تولِتھ۔

تو یہِ چھُو پھیرِ پھیری بوز مُت زِ سُہ چھُنہٕ دین حنفہ کِہن اصلی قونونن کائنات فطرتہٕ کہو عام قونونو نِشہِ بیون تھوان بلکہِ تمہِ یے ہِندا کھ حصہٕ ماںنان۔ فطرتٕ کائنات کٔرتھ سنا چھےٚ پننہٕ سارِوے کامو تہٕ ظہورِ کنی۔ تمہِ حالتھ چھےٚ زِیوٚدٕوے سو رحمتے رحمت چھےٚ مگر رحمتس ستی چھےٚ عدالت تہٕ بخشاٚئش ستی چھِ تس نِشہِ جزاک تہٕ سزاک قونون تہٕ۔ تہٕ قرآن چھُ وَنان زِ یہِ ہیکہ نہٕ فطرتہٕ کھونہٕ زیادٕ کینٛہہ تہٕ دِتھ۔ تہنٛد یِمہِ خیالی رحمتہٕ نِشہِ فطرتکی خزانہٕ خالی چھِ سُہ ہیکہ نہٕ یُقینَن مِیانِس ہلمس منٛز لبتھ۔

---

فِطْرَتَ اللّٰهِ الَّتِیْ فَطَرَ النَّاسَ عَلَیْهَا ؕ لَا تَبْدِیْلَ لِخَلْقِ اللّٰهِ

خدا یہ سنٛز فطرت یَتھ پیٹھ انسان خدا ین پادٕ کوٚرمُت چھُ۔ خدا یہ سنٛز پادٕ آشی منٛز ہیکہ نہٕ زانٛہہ تہٕ

ذَالِكَ الدِّيْنُ الْقَيِّمُ وَلٰكِنَّ
اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ ٥

( ۳۰ : ۳۰ )

تبدیلی گژھِ نہٕ یِہہ آے ( خدایہٕ سُنٛز مُقرر کرٕمژ فطرت ) چھےٚ پوٚز نہٕ اصل دِین۔ مگر سیٹھا لُوکھ چھِہ تمہِ حقیقتہٕ نِشہٕ بے خبر چھِہ۔

قرآن چھِہ تمِنٚ سارنٕے جاین
اگر نظریہٕ ترٛاوِنہٕ بیٚیتہِ نَس تمِہ سخنیہ سان

مخالفن ہُنٛد ذِکر کوٚر مُت چھُہ نہٕ آکی نظرِ
نَنہٕ یِہ حقیقتھ تہِ ۔

# مٰلِكِ يَوْمِ الدِّيْنِ

ربوٗبیتہٕ تہٕ رحمتہٕ پتہٕ ییمہ صفتُک ذکر کرنہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ عدالت۔ تمہِ خاطرٕ چھُ مٰلِکِ یَوْمِ الدِّیْنِ ونہٕ آمُت۔

"الدِّیْنُ":۔ سامی زبانن ہُنْد اکھ قدیم مادٕ چھُ "دان" تہٕ "دین"۔ یُس بدلہٕ کِس تہٕ مُکافات کِس مانے یَس منٛز ونہٕ چھُ یوان تہٕ اَو پتہٕ ہیوٚتُن آئین کِس تہٕ قونوٗن کِس مانے یَس منٛز استعمال سپدُن۔ چنانچہ عبرآنی تہٕ آرامی زبانی منٛز چھُ اَمکۍ وار یا مشتقات۔ آرامی زبانی پیٹھٕ ووت یہ لفظ غالبن قدیم ایرانس منٛز تہٕ تہٕ پہلوی زبانی منٛز آو "دینیہ" "شریعت کِس تہٕ قونوٗن کِس مانے یَس منٛز ورتاونہٕ

خورداوستاہس منٛز چھُ اکھ ونہٕ زباد موقن پیٹھ یہ لفظ ورتاونہٕ آمُت۔ زردشتین ہنٛدِس پرانِس ادبیاتس منٛز چھُ انشانہٕ کِتاب ہیتہ کہن اصولن تہٕ قاعدن تہٕ "دین دبیرہ" ناو دنہٕ آمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھُ زردشتین ہنٛز اَکِس کتابہٕ "دین کارت" ناو یُس غالبن نوٗیمہ صدی مسیحی منٛز عراقکۍ اَکۍ موٗبدن مرتب کرمُت آس۔ بہرحال "الدین" چھُ عربس منٛز بدلس تہٕ مُکافاتس ونان۔ اَدٕ مہ بدلہٕ نیکی ہُنْد آسی تن یا بدی ہُنْد۔

ستعلم لیلی ای دین تداینت
وای غریم فی التقاضی غریمہا

اَدٕ "مٰلِکِ یَوْمِ الدِّیْن" اُک مطلب گو
سُہ یُس جزایہ تہٕ سزایہ دوٚہُک حاکِم
چھُ ۔ یانے قیامتکہِ دوٚہُک ۔ اتھ سلسلَس
منٛز چھےٚ واریاہ کَتھٕ غور کرنَس لایق ۔

## دِین لفظُن نٕہ راوُجِنٕہ ہیچ حقیقتھ

گوڈٕنیتھ قرآنن چھےٚ اُتھی بوت
جایہ بُلکہ عام پاٹھی جزا تہٕ سزا خاطرٕ "الدّین"
لفظ ورتاوِمُت ۔ اَوے چھُ سُہ قیامتس تہٕ
"یَوْمُ الدِّیْن" ونِتھ پیش کران ۔ یہ لفظ چھُ
اَدٕ سبب آمُت ورتاونہٕ زِ جزایس تہٕ سزایس
یُس اعتقاد آیاد اوس یژھان گرُن تمہ خاطرٕ
اوس یُوہے لفظ ساری کھوتہٕ زیادٕ مُناسب
تہٕ سہل لفظ ۔ سُہ چھُ جزایس تہٕ سزایس
عملن ہُنٛد قُدرتی نتیجہ تہٕ مُکافات مانان ۔
قرآن کہِ نازِل سپدنہٕ وِزِ اوس سارنے
مذہبن ہِنٛدین مانن والین ہُنٛد یہ عالمگیر
اعتقاد زِ جزا تہٕ سزا چھُ محض خدایہ سٕنٛز
خوشنوٗدی تہٕ تہنٛدِ قہرٕ تہٕ غضبُک نتیجہ عملن
ہنٛدِ نتیجُک چھنہٕ اتھ منٛز کانٛہہ دخل ۔ خدائی
تہٕ پادشاہی ہنٛز یا نہٕ وانی مشابہت آسس

سارنے مذہبی تصوّراتن ہنٛدی پاٹھی
اَتھ ماملس منٛز تہٕ فکرِ ہنٛز گُمراہی ہُنٛد سبب بنیمژ
۔ لُکھ آسی وُچھان زِ اکھ مُطلق العنان
بادشاہ چھُ اَکہ ساتہٕ خوش گژھِتھ انعام
تہٕ خلعت دوان تہٕ بییہ ساتہٕ ناراض گژھِتھ
سزا دِوان ۔ اَوے آسی تِم خیال کران زِ
خدا یہ سُنٛد تہٕ چھُ یُوہے حال سُہ چھُ کُنہِ
وِزِ اَسہِ پٮ۪ٹھ خوش گژھان تہٕ کُنہِ وِزِ
غضبس منٛز یوان تہٕ ناراض گژھان ۔
تہٕ قسمہ قسمہٕ چین قوربانین ہُنٛد تہٕ
نذرانن ہُنٛد رسم چھُ امی اعتقادُک
نتیجہ ۔ لُکھ آسی دیوتاہن ہنٛدِ غضبُک
جوش ٹھہراونہٕ خاطرٕ قوربان کران تہٕ تہنٛز
موحبتہٕ چہ نظر حاصِل کرنہٕ خاطرٕ نذرانہٕ دِوان
یہوٗدین تہٕ عیسایَن ہُنٛد عام تصور اوس
یونانی تصوراتو نِشہِ تھدیوٗمُت ۔ مگر یوٚتام اِمہِ
مامُلک تعلُق چھُ تہنٛدی تصورن تہٕ آس نہٕ کانٛہہ
خاص ترقی گرٕمژ ۔ یہودی آسی وارِہن دیوتاہن
بدلہٕ اِسرائیل سٕنٛدِ خاندانُک اَکِس اَکِس خدایس
مانان ۔ مگر پرانین دیوتاہن ہنٛدی پاٹھی اوس
یہ خدا یہ تہٕ شاہی تہٕ مُطلق العنانی ہُنٛد

خدایس یُس اوس کُنہ ساتہٕ خوش
گژھان یِمَن پَنُن قوم بناوان۔ تہٕ بییہ ساتہٕ
اوس انتقامکِس جوشس منز بیٚتھ برباد ی
تہٕ ہلاکتس منز تراوان۔ عیسایَن ہُند اعتقاد
اوس زِ آدمہٕ سُند گوٚنہ کٔنی گوٚ تٔمِسند سوریے
نسل غضبس منز مبتلا۔ تہٕ یوٚت تام نہٕ خدایَن
پنُن نیچُو آسہٕ ہنک صفت مسیح علیہ السلام سُنز
شکلہِ منز قوربان کوٚر تٔمِسُند نسلی گوناہ تہٕ
غضبس منز مبتلا آسنک کفارہ ہیوٚ کٔنہ نٔنتھ۔

## عملن ہُند جزا نہٕ چھہٕ عالمگیر قونونِ فطرتُک اکھ حِصہٕ:-

مگر قرآنَن چھُ جزہک تہٕ سزہُک
اعتقاد بییہ سے اکِس شکلہِ منز تہٕ اندازس
منز پیش کوٚرمُت۔ تہٕ سُہ چھُنہٕ نتھ خدایہٕ سُنز
کانٛہہ ترِشہ کامہ ٹھہراوان یُس یاد آسِتھ ہنْدِ
کاینات کیو عام قونونو تہٕ نظامہ نِشہٕ ہیوٚن آسہٕ
بٔلکہ چھُ تمہٕ کے اکھ قودرتی حِصہ مانان۔ سُہ
چھُ وَنان زِ زندگی ہند کائناتک چھہ یہِ عالمگیر
قونونُن زِ پٔرزٕنتھ حالتک چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ
اثر آسان تہٕ پٔرتھ چیزس چھہ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ
خاصیتھ۔ یہِ ہیکہِ نہٕ بٔنتھ زِ بیتہِ آسہِ کُنہِ چیزس
پنُن وجود تہٕ بیتہٕ آسہٕ اثراتن تہٕ نتیجن ہُنز ہانکلہ
نیبر۔ بیٚتھ کُنی خدایَن اجسامن تہٕ موادن مَنز
خاصیتہ تہٕ نتیجہٕ تھوٚوی متی چھہ نتھے کٔنی چھَن
عملن منز تہٕ خاصیتہ نتیجہٕ تھوٚوی متی۔ تہٕ بیٚتھ کُنی
انسان سُند جسم پانے کُنہ چیزک اثر قبول چھُ
کران نتھے کُنی چھُ انسان سُند رُوح تہٕ کُنہ
چیزُک اثر قبول کران۔ جسمانی اثر تراون
والین چیزن ہُند اثر جسمس پیٹھ پیوان تہٕ
معنوی یا روحانی اثر تراون والین چیزن
ہُند چھُ روحس پیٹھ اثر پیوان۔ عملن ہُندی
چھہ یے قودرتی خاصیتہ تہٕ نتیجہٕ۔ یِمن جزا تہٕ
سزا چھُ ونہٕ آمُت۔ رٔژ عملہ ہُند نتیجہٕ
چھُ رٔژر تہٕ یہِ گوٚ ثواب۔ تہٕ بدعملی ہُند نتیجہٕ
چھُ بُدی تہٕ یہِ گوٚ عذاب۔ ثوابہٕ تہٕ عذابہٕ
کہِن یِمن نتیجن ہنز شکل کیا آسہٕ۔ خدایہٕ سُنز
وُحی چھہ ساتہٕ عقلہِ تہٕ طاقتہ مطابق اکھ
نقشہٕ بنومُت۔ اکھ نقشس منز چھے اکھ
شکل جنتچ تہٕ بیا اکھ دوزخچ۔ جنتہٕ چہِ نعمژ
چھے تہند خاطرِ یہنز عملہ جنتی آسن۔ تہٕ دوزخُک
عذاب چھُ یمن کیوٚت۔ یہنز عملہ دوزخی آسن۔

لَا یَسْتَوِیْۤ اَصْحٰبُ النَّارِ وَ
اَصْحٰبُ الْجَنَّةِ ؕ اَصْحٰبُ
الْجَنَّةِ هُمُ الْفَآئِزُوْنَ ۝

## مادیتکۍ پآٹھۍ چھہِ معنویاتس وِ روحانیتس تہٕ پننۍ نتیجہٕ :-

سُہ چھُ وَنان توٚہۍ چھِوٕ چھان

فِطرَت چھہٕ زندگی ہِنٛدِس پرٛتھ گوشس مَنٛز پَنُن مکافاتُک قونوٗن چلاوان۔ یہِ ہیکہ نہٕ بُنتھہ زٕ سُہ بَدلِ یا تتھ مَنٛز بیہِ غفلت کَرِ نہٕ قودرَتَن چھیٚ نارس مَنٛز خآصیتھ تھووٕمٕژ زِ سُہ زالِ۔ وونۍ یُس یہِ تٔرِ ژٕ نہٕ گرمی چھیٚ یہِ گو قودرتُک سُہ مکافات یُس پرٛتھ تیٚسٕ انسانہٕ سٕندِ خآطرٕ چھُ۔ یُس نارٕ رٔٹِتھ مَنٛز اَتھ تٔرٕ اوِ یہ ہیکہ نہٕ بُنتھہ زِ توٚہۍ ترٛاوِو نارس ووٚٹھ تہٕ اَمہِ کامہِ ہِنٛدِ مکافاتہٕ نِشہِ بچِو۔ آہِنٛچ خآصیتھ چھیٚ تیر تہٕ سٔرٛٹیہہ۔ یلہِ یہِ تیر تہٕ سٔرٛٹیہہ چھُہ سُہ مکافات یُس آبس مَنٛز امانت چھُہ آمُت تھاونہٕ۔ وونۍ ہیکِہ نہٕ یہِ بُنتھہ زِ توٚہۍ ڈُبو ڈری یا وٚسِ مَنٛز تہٕ مکافاتہٕ نِشہِ بچِو۔ اَوٕ پتہٕ یوٚسہ فطرت زندگی ہِنٛدِ کائناتکِس

دوزخکۍ لوکھ تہٕ جنتکۍ لوکھ ہیکن نہٕ (پننین عملن ہِنٛدِس نتیجس مَنٛز) ہِوی آسِتھ۔ کامیاب انسان چھہ تِمے یِم جنتکۍ لوکھ چھہ۔

پرٛتھ چیزس تہٕ حالتس مَنٛز مکافات تھوان چھہ کنتھہ کُنۍ ہیکہ بُنتھہ زِ انسانہٕ سٕنٛزِ عملو خآطرٕ آسہِ نہٕ تَس نِشہِ مکافات یُوہَے مکافات گو جزا تہٕ سزا۔

نار چھہ زالان، آب چھُ شٔہجار پادٕ کران شنکیاہ کھینہٕ سٕتی چھہِ مَران دوٕ دِ سٕتی چھُ طاقت بنان نہٕ کو نین سٕتی چھُ تنہٕ وَسان۔ یلہِ نہٕ چیزن ہِنٛدٕن یِمَن سارِنے مکافاتن پیٹھ توٚہہ تعجب چھُ سپدان نکیاز یِم چھِہ تِہنٛزِ زندگی ہِنٛدِ یقینی چیز تیلہِ کیازِ چھِوٕ عملَن ہِنٛدِس مکافاتس پیٹھ توٚہہ تعجب سپدان؟ افسوٗس توٚہہ پیٹھ توٚہۍ کآتیاہ نالایق چھِوٕ پننیٚن فآصلن مَنٛز۔

توٚہۍ چھِوٕ کُنکھ وَوان تِہنٛدِن دِلن مَنٛز چھینہٕ زانہہ تہٕ یہِ شک گرٛھان زِ کُنکھ ماگرٛھہ نہٕ پادٕ۔ اگر توٚہہ کانٛہہ وَنہِ یہِ زِ ممکن چھُ کُنکہِ بدلہٕ گرٛھہ وُشکہ پادٕ نہٕ توٚہۍ زانیو سُہ پاگل۔ کیازِ؟ اوسہٕ زِ فطرتکہ قونوٗن مکافاتک

یُقین چھُ تِہنٛدِس دِلَس مَنٛز بوٚختہٕ پاٹھی بِہتھ۔ تِہنٛدِس وہمَس نہٕ گُمانَس مَنٛز تہٕ ہیکہِ نہٕ یہِ خطرٕ پادٕ گٔژھتھ زِ فطرت نیہِ اَسہِ نٕش کٔنہہ تہٕ اورٕ دیہِ وُشکہٕ۔ تِہنٛزِ یوت نہٕ بٔلکہ توٚہی ہیکو نہٕ یہِ نہٕ مانٕتھ زِ رٕنٛز کٔنہہ بدلہٕ کیہِ دیہِ سو نابکارٕ کٔنہہ۔ نہٕ کیٛازِ توٚہی چھوٕ زانان زِ بدلہٕ دِنَس مَنٛز

چھُ نہٕ یُقینی نہٕ کُنہ شکہٕ تہٕ شبہٕ وٕرٕ آے۔ تیٚلہِ دُنی توٚ یوٚسہِ فطرت کٔنہہ بَدلہٕ کٔنہہ تہٕ وُشکہِ بَدلہٕ وُشکہٕ دوان چھےٚ کِتھہٕ کٔنہہ ہیکہِ بٔنتھ زِ سوٚ آسہِ نہٕ رٕژِ عملہِ بدلہٕ رُت تہٕ یچھہٕ عَملہِ بدلہٕ تچھ نتیجہِ دوان۔

اَمْ حَسِبَ الَّذِیْنَ اجْتَرَحُوا السَّیِّاٰتِ اَنْ نَّجْعَلَهُمْ كَالَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ سَوَآءً مَّحْیَاهُمْ وَمَمَاتُهُمْ سَآءَ مَا یَحْكُمُوْنَ ۝ وَخَلَقَ اللّٰهُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ وَلِتُجْزٰى كُلُّ نَفْسٍۢ بِمَا كَسَبَتْ وَهُمْ لَا یُظْلَمُوْنَ ۝

( ۴۵ : ۲۱ - ۲۲ )

یِم لوٗکھ بُدی یہِ کران چھِ تِم چھِ زانان زِ اَسی کروکھ تِم تِمہٕ نے لوٗکن ہوی یِم ایمانہٕ وآلی چھِ تہٕ یِہنٛزِ عملہٕ رٕژٕ چھےٚ۔ دوٚنوَے گژھن ہوی زِندگی مَنٛزِ تہٕ مرِتھ تہٕ (اگر یِمَن لوٗکن ہنٛزِ عَقلِہ تِہنٛد یوٚ ہے فاصلہٕ چھُ) تیٚلِہ چھُ افسوٗس یِہنٛدِس فاصلَس پیٹھ تہٕ ( خدا یَن چھِ آسمان تہٕ زُمین بٔلی تہٕ بیکار بناوِ نہٕ بجایہ) حِکمتہٕ تہٕ مصلحتہٕ سان بناوی مِتی تہٕ اَمِ سَبہٕ بناوی مِتی یُتھ پٔرتھ کانٛہہ شخص پننہِ کمایہ مطابق مکافات لبہٕ یہِ مُکافات چھُ پوٗرٕ پوٗرٕ عملہِ مطابق میلان۔ یہِ ہیکہِ نہٕ بٔنتھ زِ کانٛہہ سیتی یہِ کانٛہہ ظُلم کرُن۔

چنانچہ یوٚ ہے وجہ چھُ زِ قُرآن چھُ جزا تہٕ سزا خاطرٕ لفظِ "الدّین"

ورتاوُمُت۔ نیکیاں زِ عَملہِ ہنٛدِ مکافاتُک مطلب ادا کرنہٕ خاطرٕ اَوس سارِوے کھوٚتہٕ مناسب لفظ یوٚ ہے۔

## قرآنی اصطلاحس منٛز کسب:-

امہِ پتہٕ چھُ یوٗہے وجہ زِ اُسی چھِ چھانوٗن
زِ تُمی چھُ رٕژ تہٕ خراب کٲم کرنس جایہِ جایہِ کسب
کرُن وونمت۔ کسب چھُ عربیس منٛز کمٲیۍ
کرنس وَنان۔ یانے ترٛژھ کٲم یمیہٕ کہِ نتیجہ
نٕشہِ توٗہی کانٛہہ فایدٕ لبُن چھُو یژھان۔ یوٗد
وَ یے فایدٕ بدلہٕ نوقصان تہٕ گژھِ۔ مطلب
دڑاو یہِ زِ انسان سٕندِ خاطرٕ چھُ جزا تہٕ سزا
پانہٕ انسانہٕ سٕندٕ ےِ کمٲے۔ یژھہ کانٛہہ
کمٲے آسہِ تِتھُے نتیجہ لبہِ نتیجہ۔ اگر اکھ انسان رٕژ
کامہٕ کرِتھ رٕژ کمایے چھِ کرمژ تہٕ تہنٛدِ خاطرٕ چھُ رٕژر
تہٕ اگر کانٛہہ بدی کرِتھ بدی چھِ کمٲومژ تس کرِژ
چھِ بدی۔

كُلُّ امْرِئٍۭ بِمَا كَسَبَ رَهِيْنٌ ۝

(۵۲ - ۲۱)

یِرتھ کانٛہہ انسان چھُ تِتھُے نتیجس سٕتی گنڈتھ
یمیچ تمی کمٲے کرٕ۔

سوٗرتہِ بقرٕہس منٛز چھن جزک تہٕ سزک بُنیادی فونون ووٗنمت

لَهَا مَا كَسَبَتْ وَعَلَيْهَا مَا اكْتَسَبَتْ ۝

(۲ : ۲۸۶)

یرتھ انسانس کیوٗت چھُ نیٛ یژھ تس کمٲے آسہِ
یہِ کینژھا تس لبُن چھُ تِتہٕ چھِ تہنٛز کمٲے تہٕ یمیہٕ
خاطرٕ تس جواب دِیُن چھُ تِتہٕ چھِ تہنٛزٕ کمٲے۔

یتھے کنۍ وونُن قومن تہٕ جماژن منٛلِق تِ اکھ عام قاعدٕ۔

تِلْكَ أُمَّةٌ قَدْ خَلَتْ لَهَا مَا كَسَبَتْ وَلَكُم مَّا كَسَبْتُمْ وَلَا تُسْأَلُونَ عَمَّا كَانُوا يَعْمَلُونَ ۝

(۲ : ۱۳۴)

یہِ آسہِ اکھ اُمت یوٗس گُذرے۔ یہِ تہنٛدِ خاطرٕ
اوس سُہ نتیجہ یُس تمو کمو و تہٕ تہنٛدِ خاطرٕ
سُہ نتیجہ یُس توٗہی کمٲوِ و۔ توٗہہ یمیہٕ نہٕ
یہِ پرٛژھنہٕ زِ تِمن لوکن ہنٛز عملہٕ کرِژھٕ
آسہِ۔

امہِ علاوٕ چھِ نیٛ رٲوِنہِ صاف صاف لفظن منٛز
جایہِ جایہِ یہِ حقیقتھ زِ اگر خدایہٕ سٕنٛدِ دِنٕژن

عملن ہُنٛد ترغیب چھ دِوان تہٕ بد عملو نِشہٕ پتھ چھُ رٹان۔ یہ چھُ صرف امہٕ خاطرٕ زِ انسان گوٚژھہ نقصانہٕ نہٕ ہلاکنہٕ نِشہٕ بچُن نہٕ نجات نہٕ سعادت حاصل کرُن۔ یہ چھےٚ نہٕ کتھہٕ زِ خدا یس شُنٛد غضب تہٕ قہر چھُ یتس عذاب یژھان دِیُن نہٕ تمہٕ نِشہٕ بچنہٕ خاطرٕ کیاہ چھےٚ مذہبی ریاضتن تہٕ عبادتن ہُنٛز ضروٗرتھ۔

مَنْ عَمِلَ صَالِحًا فَلِنَفْسِهٖ وَ مَنْ اَسَآءَ فَعَلَيْهَا وَ مَا رَبُّكَ بِظَلَّامٍ لِّلْعَبِيْدِ ۝

(۴۱ : ۴۶)

یُس کانٛہہ نیک کام کرِ تمی کرِ پننہٕ خاطرٕ تہٕ یُس اکھ بدی کرِ تس پیہِ پانہٕ سیٚ سُہ بھتہٕ تہٕ تہُنٛد پروردگار چھُنہٕ پننہٕ بندن پیٹھ ظلم کرن وول۔

اُکس مشہوٗر حدیث قدسیس منٛز چھےٚ اتھ حقیقتس کُن زیٚنہٕ وُنی دِنہٕ آمُژ۔

یاعبادی! لو ان اولکم و آخرکم وانسکم وجنکم کانوا علی انقی قلب رجل واحد منکم مازاد فی ملکی شیئًا۔ یاعبادی لو ان اولکم و آخرکم وانسکم وجنکم کانوا علی افجر قلب رجل واحد منکم مانقص ذالك من ملکی شیئًا۔ یاعبادی لو ان اولکم و آخرکم وانسکم وجنکم قاموا فی صعید واحد فسألونی فاعطیت کل انسان

اے میانو بندو! اگر تُوہہ منٛز ساری انسان یِم بروٛنٛہہ گذرییمتی چھِ بیٚیہ یِم پتہٕ یِن تہٕ گژھن بیٚیہ ساری انسان تہٕ جِن تس شخصس ہوی نیک بنہٕ یُس تُوہہ منٛز ساروٕے کھوتہٕ زیادٕ پرہیزگار چھُ۔ یادٕ تھٲوِو امہٕ سیٚتی ہرِ ہانہٕ میانہِ خداوندی منٛز کیٚنہہ نہٕ۔ اے میانو بندو اگر تِم ساری یِم بروٛنٛہہ گذرییہ تہٕ بیٚیہ تِم ساری یِم پتہٕ یِن بیٚیہ ساری انسان تہٕ جِن تس شخصس ہوی بدکار بنن یُس تُوہہ منٛز ساروٕے کھوتہٕ زیادٕ بدکار چھُ امہٕ سیٚتی گژھہ ہانہٕ میانہِ خداوندی منٛز کیٚنہہ تہٕ کمی۔ اے میانو بندو! اگر تِم ساری یِم تُوہہ بروٛنٛہہ گذرییمتی چھِ تہٕ یِم پتہٕ یادٕ گژھن اکی سیٚ جایہ سمِتھ مےٚ

مسألته ، ما نقص ذالك مما
عندی الا کما ینقص المخیط
اذا ادخل البحر۔ یاعبادی!
انما ھی اعمالکم احصیھا
لکم ثم اوفیکم ایاھا۔ فمن
وجد خیرا فلیحمد اللہ و
من وجد غیر ذالك فلا یلومنّ
الاّ نفسه (مسلم عن ابی ذر) (۵۵)
صحیح مسلم کتاب البر والصلة والآداب
باب تحریم الظلم۔

منگہِ ہن بہٕ دِمہٕ ہا پرتھ اَکِس تِیٚ یہِ تِس مُراد اوس۔
میانِس رحمتس یا رحمتہٕ کِس تہٕ بخشاآشی ہُندِس خزانس
گژھہِ ہا نہٕ زِیاد کمی (یِمہٕ کھوتہٕ بیٚیشر کمی یِ سٕتی نہٕ پیٚیتِس یوت
آبہٕ مَنٛز نیرنہٕ پتہٕ سمندرس ہیکہِ گژھِتھ۔ اَے میانہِ
بندو (یاد تھوو) یِمہٕ چھےٚ تہٕنٛزٕ عملہٕ یِمہٕ بہٕ تُہُندِ خاطرٕ
حِفاظتہٕ تہٕ حسابہٕ سان تھوان چھُس او پتہٕ چھُس
تُہُندی نتیجہٕ چھُو نہٕ راوُنہٕ تہٕ ہُر راونہٕ ورآے توہہٕ پھیرِتھ
دِوان یُس توہہٕ مَنٛزٕ رژر لبہِ تَس پزٕ خدایہٕ سُند حمد تہٕ
ثنا دِیُن۔ تہٕ یُس اَکِس بُدی یِیہِ بیٚیتھہِ تَس پزِ نہٕ
پانس ورآے بیٚیہٕ کانٛسہِ تہٕ ملامت کرُن۔

یِیٚتِہٕ نَس گژھِہ نہٕ کانٛسِہ ہِنْدِس
دِلس مَنٛزٕ یِہ خدشہٕ پادٕ گژھُن زِ قرآنَن تہٕ
چھُہ جایہٕ جایہٕ خدایہٕ سٕنٛزٕ خوشنودی تہٕ تُہنٛزٕ
ناراضگی ہُنٛد ذکر کوٚرمُت۔ پٕزی پاٹھۍ چھُن
کوٚرمُت۔ مُیٚتےٚ یوت نہٕ بُلکہ چھُہ انسان سٕنٛزٕ
نیک عملہٕ ہُنٛد تھوٚد درجہ یوسہٕ ما نان زِ
سُہ یِہ کینٛژھا کرِنہٕ کرِ خدایہٕ سٕنٛزٕ خوشنودی
خاطرٕ۔ مگر خدایہٕ سُند بیٚیہٕ رضہک تہٕ
غضبک سُہ اقرار کران چھُہ سُہ چھُنہٕ جزک
تہٕ سزٕہک وجہ بلکہ چھُہ سُہ جزٕہک تہٕ
سزٕہک خدآیی نتیجہٕ۔ یانے سُہ چھُنہٕ

بہٕ ونان زِ جزا تہٕ سزا چھُہ محض خدایہٕ سٕنٛزٕ
خوشنودی تہٕ ناراضگی ہُنٛد نتیجہٕ۔ نیک تہٕ بد عملَن
ہُنٛد نتیجہٕ چھُنہٕ بلکہ سُہ چھُہ ونان زِ جزا تہٕ سزا
چھُہ سورے انسان سٕنٛزن عملَن ہُنٛد نتیجہٕ
تہٕ خدائے چھُہ رژٕ عملو سٕتی خوش گژھان تہٕ
بد عملَن ناپسند کران۔ ہِنٛی کتھ چھےٚ زِ یِہ تالیم
چھےٚ تہٕ پرانہٕ اعتقادٕ نِشہٕ مختلف یوت بلکہ چھُہ
تتھ برعکس۔ بہر حال جزٕ بچ تہٕ سزٕ بچ
یِہ حقیقتھ زانُنہٕ خاطرٕ چھُہ "الدّین" نہایت
موزُون لفظ۔ تہٕ یِہ چھُہ تِمَن سارِنے گمراہیَن
مَنٛزٕ وتھ بند کران۔ یِمہٕ اتھ سِلسِلس مَنٛزٕ پھالیمٕ

آسہ سورُے فاتحس منز صِرف یہ لفظ ورتاونَن نہ رٲوجہ ہیچ نہ سنز ہیچ اصل حُقیقتھ۔

## "الدّین" بہ معنے قونوٗن نہ مذہب:

یوٗ ہے وجہ چھُ زِ قانونس تہ مذہبہ خاطرٕ چھُ "الدّین" لفظ استیمال آمُت کرنہ

مَا كَانَ لِيَأْخُذَ اَخَاهُ فِي دِيْنِ الْمَلِكِ اِلَّآ اَنْ يَّشَآءَ اللّٰهُ ؕ

(١٢ : ٧٦)

تکیازِ مذہبک بُنیادی اعتقاد چھُ عملن ہندِ مکافاتُک اعتقاد۔ نہ قونوٗنچ بُنیاد نہ چھے عملن ہندس سزٕ ہس نہ تنبیہ ہس پیٹھ۔

سوٗرِ یوسفس منز بیٚیتہ لِس یہِ واقعہ چھُن بیان کوٚرمُت زِ حضرت یوسف علیہ السّلامن اوس پنُن لوکٹ بوئے پانس نِشہِ روٚٹمُت تِتہ لِس فرموٗن۔

حضرت یوسف ہیکہ ہا نہ پنہِ نِس بآیس پادشاہ مصرٕ سندِ قونوٗنہ (دینہ) مطابق رٔٹِتھ مگر خدایہ سُند یژھُن نے آسہ ہا۔

بیٚیتہ لِس چھُ پادشاہ مصرٕ سندِ دینہ نِشہِ مراد تُسند قونوٗن۔

## "مالِكِ يَوْمِ الدِّيْنِ" چھُ خدایہ سندِ عدالتُک اعلان:۔

٣۔ بیٚیتہ لِس چھُنہ رحمتہ تہ ربوبیتہ پتہ قہر نہ جلالہ کیو صفتو منز کُنہ تہ صفتُک ذکر آمُت کرنہ۔ بلکہ آو "مالِكِ يَوْمِ الدِّيْنِ" صفتُک بیان کرنہ۔ یمہ سیتی خدایہ سندِ عدالتُک تصوٗر سانس دِلس منز پاد چھُ گژھان۔ امہ سیتی سپُد معلوم زِ خدایہ سندِ ن صفاتن ہندِ یُس تصوٗر قرآنن قایم کوٚرمُت چھُ تتھ منز چھے نہ قہرس تہ غضبس کُنہ کانٛہہ جاے۔

اَدٕ عدالت چھے ضرور۔ نہ قہر بٕرٕ تی یم یم صفت چھِ بیان کرنہ آمتی۔ تم چھِ دراصل امہ کی مظاہر [ اگر بیٚیتہ لِس مالِكِ يَوْمِ الدِّيْن بجایہ کانٛہہ تیتھ صفت نوٗن نیرِ ہا یمہ منز قہر نہ غضبُک مطلب نیرِ۔ یِیز کتھ چھے زِ تیلہ نہ ہانہ یہ حُقیقتھ تہ خدایہ سُند تصوٗر بوٗدُہ ہا قہرس نہ غضبس منز] حُقیقتاً چھِ خدایی صفاتن ہند تصوٗرک یوٗ ہے مقام بیٚیتہ لِس

انسان سٕنز عقل ہمیشہ کھوٚنٹ لوٚگ۔ یہ چھُنہٕ ہوی زِ کائنات کِس فطرتس چھِ ربوبیتس تہٕ رحمتس سیتی پننی مجازات (بدلہٕ تہٕ جزا) تہٕ تہٕ اگر اتھ منٛز اکہِ طرفہٕ رٕچھُن تہٕ بخشش چھُ بییہِ طرفہٕ چھُ پرٕژھ گآر تہٕ مکافات (بدلہٕ) تہٕ۔ انسانہٕ سٕنز عقلہ برٕونہہ کنہٕ اوس یہ سوال زِ فطرتکی مجازات (جزا تہٕ سزا) چھا تہٕنٛدِ قہرٕ تہٕ غضبک نتیجہِ کِنہٕ عدلُک تہٕ انصافُک؟۔ تہٕنٛز ناقص عقلہِ ہیچھنہٕ عدلیچ تہٕ انصافٕچ حقیقتھ زانٛنھ۔ تمی زآنی مجازات قہرٕکٕ تہٕ غضبکی نتیجہِ تہٕ اَتی پیٹھ گو خدایہ سٕندین صفتن منٛز خوفُک تہٕ کھوژُنگ تصوٗر پآدٕ۔ حالانکہ اگر سہٕ کآئنات کِس فطرتس زیادٕ نکھہِ گژھِ ہنتھ وُچھنہٕ ہیکہ ہا سہٕ زآنِتھ ہا یمن مظاہرن سہٕ قہرُک تہٕ غضبُک نتیجہِ وَنان چھُ تِم چھنہٕ قہرُک تہٕ غضبکی نتیجہِ بلکہ چھِ تِم تہٕ رحمتکی تقاضہٕ۔ اگر کائنات کِس فطرتس منٛز مکافاتٕچ پرٕژھ گآر آسہ ہانہٕ یا تامیر کرِ حُسنہٕ تہٕ تکمیلہٕ خاطرٕ تخریب آسِہ ہانہٕ۔ تیٚلہِ روزِ ہا نہٕ عدلیچ تہٕ کرٕ ینہِ جایہ تہٕ زندگی ہِنٛدِس نظامس گژھِ ہا چھِلہٕ وٕلآے۔

## ۲، ربوٗبیت، رحمت تہٕ عدالت زندگیہ ہِنٛدِ کارخانکی ترٕ ے روحآنی عناصر۔

ییتھ کٕنی پآداَشی ہِنٛد کارخانہٕ زِنٛدٕ تہٕ باقی روزنہٕ خاطرٕ ربوٗبیتُک تہٕ رحمتُک موحتاج چھُ تیتھے کٕنی چھُ عدالتُک تہٕ موحتاج۔ یِمے ترٕ ے چھِ اصل تہٕ حقیقی جُزٕ یمو سیتی پآداَشی تہٕ زندگی ہِنٛد قوام تیار گمٕنت چھُ۔ ربوٗبیت چھُ ے رٕچھان۔ رحمت چھُ ے فایدُک تہٕ فآضُک آگُر تہٕ عدالتہٕ سیتی چھُ تامیر تہٕ حُسن پآدٕ گژھان تہٕ نوقصانہٕ تہٕ خرآبی نِشہٕ بچِتھ روزان۔

## تامیر تہٕ تحسین چھُ عدلہٕ تہٕ ہلشہٕ سیتی:۔

توہہِ کوٚرٕ وٕونی رحمتہٕ کِہن تہٕ ربوبیتہٕ کِہن مقامن ہُنٛد مشاہدٕ۔ اگر برٕونہہ پکِو

یِتھے کُنہٕ نَنہِ وٕ عدالتُک مقام تہِ۔ تۆہۍ وُچھیٚو یَتھ زندگی ہِنٛدِس کارخانَس مَنٛزٕ یہِ کینٛژھا بناوُن، سنٛبالُن، جانہٕ تہٕ حُسن چھُہ سُہ چھُ عدلہٕ کہ تہٕ ہیٚشرِ کہ حقیقتُک ظہوٗر تہٕ تمہٕ ورٲے چھُنہٕ کینٛشہ تہِ۔

ایجاب تہٕ تآمیر چھِو تۆہہ تمہِ چھَن بے شمار شکلن مَنٛزٕ وُچھان تہٕ اَدٕ چھِو تۆہۍ تِتھ بے شمار ناوٕ دِوان مگر ہر گاہ تۆہۍ حقیقتس پیٚٹھ کٔڈِو تۆہۍ وُچھو زِ ایجابی حقیقت چھےٚ یِتہِ صرف اکٲے تہٕ سُہ چھُہ عدل تہٕ اعتدال۔

"عدل" گو برابر آسُن۔ کم زیادٕ نہٕ آسُن اَدٕ چھُہ لین دین تہٕ مقدمہٕ فاصلہٕ کرنَس عدالت وَنان۔ یِیتہِ لَس حاکِم دوٚن فریقن ہنٛزٕ اکھ اَکِس سیٖتؠ زیادتی دوٗر کَران چھُہ۔ تَرٛ کرِ تولنَس تہِ چھِہ معادلت (عدلٕ کرُن) وَنان۔ تکیشاہِ سُہ چھُہ دۆشوٚنی پوترٕ ین ہُنٛد وزن برابر کَران۔ یہٕ آے عدالت یِیلہ چیٖزن مَنٛزٕ نٔنؠ نیران چھےٚ سۆ چھےٚ تِہنٛدِس میقدارس تہٕ حالتَس مَنٛزٕ تناسُب پٲدٕ کَران۔ اگِر جُزوک بٮ۪بیس جُزوَس سیٖتؠ میقدارس تہٕ شکلِہ مَنٛزٕ ہِوی تہٕ برابر آسُن چھےٚ عدالت۔

دوٕ ذِکری تۆ غور زندگی ہِنٛدِس کارخانَس مَنٛزٕ یِم تآمیرکۍ تہٕ حُسنکۍ مظاہر چھِہ کیتھہٕ کُنہٕ چھہ اَمِ حقیقتہٕ سیٖتؠ وُجوٗدَس مَنٛزٕ آمتؠ؟

وُجوٗد کیا چھُہ؟ ۔ حکیم چھِہ وَنان زِ یہ چھُہ عناصرن ہنٛزٕ آڈرِنہٕ ہُنٛد اعتدال، یانے ہیٚشرٕ اگر اتھ اعتدالَس کُنہِ حالتَس مَنٛزٕ فتوٗر پیہِ (کمی یا زیادتی) گژھِہ وجوٗد گژھِہ ختم۔

جسم کیا چھُہ؟ ۔ جسمانی مواد یچ اکھ خاص اعتدالٕچ حالتھ۔ اگر اَمیُک اکھ جزوٕ تہٕ اعتدالہٕ نِشہِ ڈٔلہِ۔ جسم صوٗرتھ چھےٚ بدلہِ۔

صِحت تہٕ اَربر تہٕ رِژر کیا چھُہ؟ ۔ اخلاطن ہُنٛد اعتدال [اخلاط گَیہِ صفرا، سودا، بلغم، تہٕ خوٗنِ ۔۔۔ ترجمہ کار] یانے اَمیُک قوام ڈٔول۔ صحت گو خراب، حُسن تہٕ جمال کیا چھُہ؟ ہیٚشرٕچ تہٕ اعتدالٕچ اکھ حالت۔ اگر انسانَس مَنٛزٕ چھُہ تہٕ سُہ چھُہ خوٗبصورت انسان بناتن مَنٛزٕ آسہِ تہٕ خوش پوٗشاکن پوشس آسہِ عمارتَس مَنٛزٕ آسہِ تہٕ سُہ آسہِ تاج محل۔ نغمُک میچھر کیا چھُہ؟ آوازن ہنٛزٕ آڈرِنہٕ ہُنٛد ہیٚشرٕ تہٕ اعتدال۔ اگر سُر تہٕ بے جوڑ گژھِہ، نغمُک سوٗرُے لطف راوِ۔ اَدٕ پیتہٕ چھُنہٕ چیٖزن تہٕ جِسمن ہِنٛزٕ یآیژ

کتھ۔ زندگی ہٕنٛدِ کارخانکُ سورُے نظامے
چھُ عدلس تہٕ برابری پیٹھ قایم۔ اگر اگہ
ژٕہ خاطرٕ یہٕ حُقیقت نابوٗد گژھہٕ سورُے
نظامِ عالم گژھِہ چھٕلِہ ولایہ۔ یہ کیاسنا
وجہ چھُ زِ نظامِ شمسیک پرتھ کانٛہہ گولہٕ
چھُ پننہٕ پننہٕ جایہِ آویزان۔ پننس پننس دٲیرس
منٛز پھیران۔ نہ یہ چھُنہٕ زانٛہہ بنان زِ اکھ زرہٕ
تہٕ ڈٲلن امہٕ نِشہِ اورٕ یورٕ۔ یوٚہے گوٚ عدالتُک
قونوٗن ییمِہ سٲری اکِس خاص رنٛگہٕ گنٛڈتھ
چھُ تھٕوِ منٛز۔ سٲری کرہ (گولہٕ) چھِ پننہٕ پننہٕ
کٔشِس تھوان تہٕ ییمِن سارنٕے ہٕنٛد اکھ
اکِس کٔشِش کرنہٕ سٕتی چھُ تیتھہٕ توازُن پاد
گومُت زِ پرتھ کانٛہہ کرہ چھُ پننہٕ جایہ رُوزِتھ
تہٕ آویزان۔ اگر کانٛہہ امہٕ قونوٗنِ عدالتہٕ نِشہٕ
نیبر نیرِ تمی ساتہٕ ییہ بیاکھ کرن سٕتی ڈٲسنہٕ
تہٕ سورُے نظامِ شمسی گژھِہ چھٕلِہ چھٕلِہ

عددن ہٕنٛدِ تِنا سیچ عظیم الشان صداقتھ
یٔتھ پیٹھ ریاضی تہٕ حسابہٕ چین سارنٕے
حُقیقتن ہُنٛد دارٕ مدار چھُ کیا چھہ؟ ۔ اکھہ منٛز
تہٕ چھےٚ یہاے عدالتھ (عدلچ تہٕ پانہٕ وٲنٛ
برابری آسنٕچ حُقیقتھ) ییمہ دوہہ انسانہٕ
سٕنٛزِ عقلہٕ منٛز یہ کتھ آیہ تمی دوہہ گےٚ علمکی تہٕ
معرفتکی سٲری دروازٕ وٕتھ۔

---

## وضع میزان:-

چنانچہ قرآن مجیدن چھےٚ جایہ جایہ اکھ حُقیقتس کُن ژٕرینہٕ دٕنی دِژمٕژ۔

وَالسَّمَآءَ رَفَعَهَا وَوَضَعَ
الْمِيزَانَ ۝ أَلَّا تَطْغَوْا فِي
الْمِيزَانِ ۝ (۵۵ : ۷، ۸)

تہٕ تمی تھٕوٕ رو آسمان تہٕ بنوٕوُن اجرام سماوین ہٕنٛدِ
قایم روزنہٕ خاطرٕ عدالتُک قونوٗنِ میزان۔ یتھ تہٕ توہیہ
تولنس منٛز کمی بیشی کرٕو۔

یہٕ "المیزان" یا نے ترٛکٕر کیاہ چھےٚ؟ یہ چھُ عدلُک
تہٕ برابری ہُنٛد قونوٗن۔ ییمہ سٲری اجرام
سماوی یِمنہٕ یمن مُقررٕ جاین پیٹھ ژٕٹتھ
چھِ تھٕوِ منٛز تہٕ زانٛہہ چھُنہٕ تِہنٛدِ وزنکُ پوٚتُر

کُنہ اَکی سے طرفس نمان۔ یوہ ہے اجرام سماوین ہُندُس نظرِ نہ ینہٕ وول تھم

یتھہ مُتلق سورسے رعدس منز فرماوان چھُ :-

---

اَللّٰهُ الَّذِیْ رَفَعَ السَّمٰوٰتِ بِغَیْرِ عَمَدٍ تَرَوْنَهَا ۚ

(۱۳ : ۲)

خدائے یُمی آسمان (یانے اجرام سماوی) کُنہ تھمہٕ ورآئے تھزراوی متی چھہ نہ توہی چھوا تسنز یہ حکمت وُچھان -

تہٕ سورسے لُقمانس منز تہ چھُن اَتھی کُن ژینہٕ وُنی دِژمژ :-

خَلَقَ السَّمٰوٰتِ بِغَیْرِ عَمَدٍ تَرَوْنَهَا ۔

(۳۱ : ۱۰)

تمی کٔر پٲدٕ آسمان (یانے اجرام سماوی) نہ توہی چھوٕ وُچھان زِ تمن چھِنہٕ کانٛہہ تھم رُٹتھ -

یہ وَنُن چھنہٕ ضوروری زِ عدلچ نہ برابری ہنز حقیقتھ فکر تارنہ خاطر ہیٚکہ ہانہ میزان یانے ترٛکرِ کھوتہٕ بہتر کانٛہہ سہل نہ دِلس پٔرِ یہ وُن لفظ آسِتھ -
یتھے کنی چھُن سورسے آلِ عمران

کِس مشہور آیہ شہادتس منز قَآئِمًا بِالْقِسْطِ (۳ : ۱۸) وُنتھ تُتھی حقیقتس کُن ژینہٕ وُنی دِژمژ ۔ یانے پٲدٕ آسنی ہُندِس کائناتس منز چھے تھنز سارے کامہ عدلس پیٹھ دُرتھ ۔ نہ تمی چھ زندگی قایم روزنہ خاطر یوہ ہے قونون بنو ومُت -

---

## عمل صالح :-

قرآن چھُ ونان ییٚلہ عدالتک یہ قونون پٲدٕ آسنی ہُندِ کائناتہ کِس پٔرتھ حصس منز جاری چھُ تہ یہ کتھہ کنی ہیٚکہ

بُنتھ زِ انسان سِندین خیالن تہ عملن ہُندِ خاطر گژھِ یہ بے اثر؟ لہذا چھُ انہ حصس منز تہٕ سے خیال تہٕ سوے عمل قبول گژھان یوہ کمی بیشی آنکارہ تہٕ نکارہ بدلہ فطرتہٕ کِس عدلس

تہٕ انصافس پیٹھ روزتھ آسہٕ تہٕ اُکھی چھہ وحی الٰہی، قولِ ثابت تہٕ عملِ صالح وناں۔ اگر تمہ میٚر کی نہٕ جمالکی ہنز بدی ناوتو یہ کُنہٕ غلطیہِ منز چھہ نہٕ تراوان تہٕ یہ کتھ چھو توہی لبان زِ یمَن سارِنے ہنز حقیقتھ چھے اُکاّے۔ تہٕ سوے چھے عدالت۔ تہٕ یتھ جایہ ایمانہٕ تہٕ عملہ ہنز اصطلاح بوزتھ کیاہ چھو توہیہ دِے گژھان نہٕ سونچنہٕ تہٕ سمجھنہٕ وراۓ چھو یکدم نکار کران۔

---

أَفَغَيْرَ دِيْنِ اللّٰهِ يَبْغُوْنَ وَلَهٗ أَسْلَمَ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْأَرْضِ طَوْعًا وَّكَرْهًا وَّإِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ۝

(٣ : ٨٣)

کیاہ یم لوکھ چھا یژھان خدا یہ سُند مقرر کوٚرمُت دین ترٲوِتھ ژھانڈُن بیٚیہ کانہہ دین؟ حالانکہ آسمانن تہٕ زمینس منز یُس کانہہ تہٕ چھہ سارِی چھہ تہندِ سے حکمس پیٹھ پکان خوشیہ سان یا جبر سان (مگر سارِنے چھہ پکُن تہندِ سے مقرر کرِی منس قوتونس پیٹھ) تہٕ پوٚتس چھہ سارِی تسٕی کُن پھیرتھ گژھن واّلی۔

## بد عمل:۔

یہ ہے وجہ چھہ زِ قرآنن یِم لفظ بد عملہ تہٕ بدی یہ خاطر ورتاوی متی چھہ تم سارِی چھہ تیتھی زِ اگر تہندِس ماننے یس پیٹھ غور یہ کرنہٕ تہٕ تم گژھن عدلہ تہٕ برابری ہندی ضد تہٕ مخالف ثابت تھ۔ گویا قرآنس نشہ چھنہٕ بدی ہنز عدلہ کہ حقیقتہ نشہ ڈلتھ آسنہٕ وراۓ کانہہ تہٕ حقیقتھ۔ مثلن ظلم طغیان۔ اسراف۔ تبذیر۔ فساد۔ اعتدا عدوان تیتر

ظلم:۔ ظلمُک مانے چھہ "وضع الشیئ فی غیر موضعہ" یعنی یُس چیز یتہ نش آسُن گژھہ تیتہ نش آسہ نہٕ غلط جایہ آسہ تہٕ لوغنس منز ڈنوا اتھ حالتس ظلم۔ اَوے چھہ قرآنن شرکس ظلم عظیم وونمُت۔ تکیازِ امہ کھوتہٕ زیادٕ بے موقع ہیٚکہ نہٕ کانہہ کنہ آسنہ۔ تہٕ تسی کتھ چھے زِ کُنہٕ چیز یُک پنُنہٕ جایہ نہٕ آسُن چھہ ترتھ اکھ حالت یُوٚد عدلہ کس حقیقتس بلکل خلاف چھے۔

طُغیان مانٕے گو کُنہِ چیٖزُک پننہِ حدٕ نِشہِ نیرُن
دٕری یاوُک آب پنٕنِس پننہِ حدٕ نِشہِ تھدان
چھُہ تتہٕ چھِہ وَنان طُغیان "طغی الماء" صاف
کتھ چھےٚ زِ حدٕ نِشہِ نیرُن چھُہ عدالتس بلکُل خلاف۔

اسراف چھُہ سرفٕ نِشہِ دٔرامُت تہٕ
سرف گوزِ یُس چیز بوٚنت خرچ کرُن
گژھہِ تمہِ کھوتہٕ بییہِ زیادٕ خرچ کرُنہٕ

تبذیرُک مانے چھُہ کانٛہہ چیز تیٚتھِ جایہِ
خرچ کرُن یتھِ نہٕ سُہ خرچ گوژھ
کرُن۔ اِسرافَس تہٕ تبذیرَس چھُہ مقدارُک
تہٕ موقُک فرق (یانے کوٚت تہٕ کتہِ [ترجمہٕ کار]
کھٕلنس منٛز خرچ کرُن چھُہ خرچ کرُنُک صحی
موقہٕ۔ مگر ضورٕ رٕتہٕ کھوتہٕ زیادٕ اگر یِہ خرچ
کرنہٕ یِیہ گو اِسراف۔ دٕری یاوَس رٔوپیہ
ترٛاونہِ چھےٚ نہٕ کانٛہہ خرچ کرنٕچ جاے۔ اگر
تو ہیرٕ روپیہ دِیوا آبس دآرِتھ۔ تہٕ یہِ کآم
گژھہِ تبذیر۔ دوشوَے صورژٕ چھےٚ عدالتس
خلاف تِکیازِ عدلٕچ حقیقتھ چھےٚ مقدار
تہٕ محل۔ کانٛہ نہٕ کتہِ۔ دوشوٕنی منٛز ہشر
بیٚڑھان۔

فساد مانٕے گو "خروج الشیئ عن
الاعتدال" یانے کُنہِ چیزُک اعتدالہٕ کہ حالہٕ نِشہِ
ڈلُن۔ اعتدا تہٕ عدوان چھہِ اکی مادٕ نِشہِ
تہٕ دوشوٕنی ہُنٛد مانٕے گو حدٕ نِشہِ نیرُن۔

# قرآن تہٕ خدایٔی صِفتن ہُنٛد تصوٗر

قُرآنَن بُس خدا یَس سٕنٛدِین صِفتن ہُنٛد تصوٗر قایِم کوٚرمُت چھُ۔ سوٗرے فاتحہ چھُ تمیُک گوڈنیُک نوٗمونہٕ۔ اَتھ تصوٗرَس منٛز چھ اَسی سو شکل وُچھِتھ ہیکان یوٚسہٕ قرآنن اِنسانَس برٛونٛہہ کُن اَنٛنی مژٕ چھےٚ۔ یہ چھےٚ ربوٗبِیَتٕچ، رحمتٕچ تہٕ عدالتٕچ شکل۔ یمہٕ ترٛین صِفاتن پیٚٹھ غور و فکر کرنہٕ سٟتی ہیکوَ اَسی اَمہٕ کہِ خدایٔی تصوٗرٕچ پارٕ زانی حاصِل کٔرِتھ۔ اِنسانہٕ سٕنٛز روٗحانی تہٕ اخلاقی زنٛدگی چھےٚ ہمیشہٕ خدا یَس سٕنٛدِس تصورَس اَنٛدۍ پٔکھی پھیران روٗزمٕژ۔ یہ کتھ زانٛگہِ مذہبیک معنوی تہٕ نفسیاتی مزاج کیٛا چھُ تہٕ یِنہٕ بین مانَن والین ہٕنٛدِ خاطرٕ کمہٕ قسمکۍ اثرات چھ تتھ مَنٛز۔ یہ ہیٚکہٕ معلوٗم سپٕدِتھ صرف یہِ کتھ وُچھنہٕ سٟتی زِ تمیُک خدایٔی تصوٗر کمہِ قسمُک چھُ؟۔ ایوٚہے وجہ چھُ زِ عِلم اجتماعکۍ مفکر چھ خاص پاٹھۍ اَتھ کتھِ پیٚٹھ زور دِوان۔ تِم چھِ وَنان زِ کُنہٕ جماعژ ہنٛز ذِہنی تہٕ اخلاقی ترقی ہنٛز رفتار وُچھنہٕ خاطرٕ گژھِ ساری برٛونٛہہ اَمہٕ کتھ ہُنٛد پَے کَڈُن زِ تمۍ کتھ شکلہِ تہٕ صوٗرژ منٛز اوس پنُن خدا یے وُچھمُت۔ اُتھی شکلہِ تہٕ صوٗرژ منٛز ییہِ توٚہہِ تہٕ تمہِ جماعژ ہٕنٛدِ ذِہنیٚچ تہٕ اخلاقیٚچ صوٗرتھ بوزنہٕ۔

## انسانہٕ سُنٛد گوڈنیُک تصوٗر:۔

ییٚلہِ اَسی مُختلِف زمانن منٛز انسانہٕ سٕنٛدِین خدا یَس مُتلِق تصوراتن ہُنٛد مُطالہٕ کران چھ اَسی چھِ وُچھان زِ یِہنٛدِ بدلنٕچ تہٕ چھےٚ عجیبے رفتار روٗزمٕژ۔ تہٕ تعلیلکی تہٕ توجیہکی اِکیا زِ تہٕ کتھ کٔنی (ترجمہ کار) کہ عام اصوٗل چھِنہٕ کام دِوان۔ پادٕ آسٕنہٕ ہٕنٛدِس پٔرتھ کُنہٕ حِصس منٛز چھ تدریجی ارتقا یانے وار وارٕ بڑنُک تہٕ کھڈنگ (EVOLUTION) قونوٗن کام

کران رٕوٕدمُت تہٕ انسان سُند جسم تہٕ دہماغ تہٕ چھُنہٕ اَمہِ نِشہِ رٕچھ ۔ ییتھہٕ کٔنی انسان پادٕ پادٕ ترقی کران بوٚنہِ میوٚ پایوٚ ییٚتھہٕ ہیرٕمِن پادٕ پن تام ووت ییتھے کٔنی وآئی تِسُند دہماغی تصوّرات تہٕ بوٚنہِ درجہ ییٚتھہٕ وارٕ وارٕ تھدان تھدان ہیبرٕ مِن درجن نام گرِ یوٚ نام خدا یہٕ سُندٕ ہستی ہنٛدین تصوّراتن ہنٛد تولُق چھُ مولوٗم چھُہ سپدان زِ اَتہٕ تَس چھےٚ صورت حال بِلکُل برعکس رٕوزمٕژ ۔ تہٕ ارتقاۂ بدلہٕ چھُ اَتھ منٛز اَکِہ قسمُک تنزُل یا ارتجاع کآم کران رٕوٕدمُت ۔ اَسی ییٚلہِ ابتدآئی زمانہٕ کِہن انسانن ہُنٛد پےٚ گڈان چھِ تہٕ اَسہِ چھُ تِہُنٛد قدم بڑوٚٹھہ پکنہٕ بجاے پتھہٕ گژھان یوان بوزنہٕ ۔ انسآنی دہماغُک ساری کھوتہٕ زیادٕ پرٛون تصوّر ییٚس پرٛانہِ رٕچہ گیہِ منٛز پرزلان چھُہ سُہ چھُ توحیدُک تصوّر ۔ یانے اَکِس نظرِ نہ ییہٕ واجنہِ تہٕ تھزٕ ہستی ہنٛد تصوّر ییمیٚ انسان تہٕ بیٚیہ تمام سآری چیز پادٕ کٔری یم سُہ پانَس اَنٛدی بِکھٕ وُچھان ووس مگر اَمہِ پتہٕ چھُ بوزنہٕ یوان زِ ییٚنہٕ ہیٚتِن تِہُنٛدی قدم پتھ پکنہِ نہٕ توحیدٕ بدلہٕ ہیٚوٚتُن وارٕ وارٕ اشراکُک تہٕ تعدُدِ الاہُک تصوّر پآدٕ گژھُن یانے تَس اَکِس ہستی سیٚتی یوسہ سارِوٕے کھوتہٕ تھزٕ چھےٚ ، ہیٚتِن وونی بییہ قوت تہٕ شٔریک گژھنی تہٕ اَکِس معبودس بدلہٕ ہیٚوٚتُن وونی انسانہٕ سُند کلہٕ وارٕ یہن معبودن ہُنٛدِ برٛانٛد کنہٕ ییٚتھہٕ نمُن ۔

اگر خدا یہٕ سُندِس تصوّرس منٛز وَحدَنُک تصوّر انسآنی دہماغُک زیادٕ تھود تصوّر چھُ ۔ تہٕ اشتراک تہٕ تعدّد چھُ وُستھ درجُک تصوّر تیلہِ چھُ ییٚتھہ نتیجس ییٚتھہٕ واتُن پہوان زِ ییٚتہِ تَس گوڈنیکُ کوٚرتوٚن دراو سُہ اوسنہٕ تمہِ درجُک بلکہ اوس سُہ پیٚٹھِمہِ درجُک تہٕ اَمہِ پتہٕ یم کٔری ووتلان گئے تِم سٕتی تھزٕ ییٚتھہٕ سٕزِس کُن وسان گویا ارتقاہُک عام قونون گو اَتہٕ بے اثر تہٕ ترقی بدلہٕ ہیٚوٚتُن تنزُل بارسس یُن ۔

## کُنوُہِمہِ صدی ہُنٛد نظریہ ارتقائی مذہب ۔

کُنوُہِمہِ صدی ہنٛدین اجتماعیاتہٕ کِہن عالمَن ہُنٛد اوس یہِ عام پآٹھی خیال زِ انسانَس ہنٛدین دینی خیالن لوٚگ کُن

تِمو وٕہمی خیالو پیٹھ یِم گوڈ پیٹھ لگٕنہٕ بسنہٕ کیٛو
قودرتی تقاضو تہٕ حالاتن تہٕ واقاتن ہنٛد بوٚ
قودرتی اثرانو کِنی پھاپھلنہٕ لگی متی آسی۔ یِم
تصوٗر رودی ارتقہٕ کس قونوٗنس ماتحت
وار وار بڑوٗنہٕ پکان تہٕ چھیکرس ژٹی تِمو
بنٕنہٕ ترقی یافتہٕ شکلہٕ منٛز اکس اعلا ہستی
ہنٛز تہٕ خالقِ کُل سنٛد عقیدٕچ شکل۔ گو یا
امہٕ ارتقہٕ کہ سِلسِلک گوڈنیٚکیٚ کڑوٚ اوس
وٕہمی تصوٗر۔ یمو منٛز قسمہٕ قسمہٕ کِہن خدائی
قوتن ہنٛد تصوٗر پاد گو۔ تہٕ اوٚپٕتہٕ لٔب اَمی
تصوٗرن ترقی کران کران خدا یہٕ سنٛد توحیدی
اعتقادٕچ شکل۔ کینٛہہ نامناسب روز نہٕ
اگر یِتہٕ لٔنس ژھوچر سان تِمن سارنی
نظرِ پیٹھ اکھ سرسری نظر ترٛاونہٕ ییہ
یِم اکھ سِلسِلس منٛز پوٚتس پیتھ تھنی درامتے
تہٕ بنٕنہٕ وقتہٕ کِہن علمی دٲیرن پیٹھ اثر ترٛاوکھ
اکہٕ مستقل علمی شعبہ کہٕ حیثی یتہٕ چھ
دینی عقایدن تہٕ تصوٗرن ہنٛز تاریخ گنوٗہمہٕ
صدی پٲداوار۔ ارداہمہٕ صدی
ہنٛدِس آخرس پیٹھ ییلہ انڈو جرمن
(INDO - GERMAN) قبایل یانے
وسطِ ایشیاہکی آریائی قبایل تہٕ تِہندِ زبانِن ہنٛز
تاریخ تشٕنی درایہ اَتی سنٕتی ییٚہ تِہنٛدی دینی عقاید
تہٕ تِہندی گِنی گو بحثک تہٕ تنقیدک اکھ نوٚو
مادان پاد۔ یوہے مادان اوس ییمہ کیٚو بحثو
گنوٗہمہٕ صدی ہنٛدِس ابتدایس منٛز بحثہٕ
تہٕ تنقیدٕچ اکھ مستقل شاخ پاد کٔر۔ یانے
دینی عقایدن ہنٛز پاداَشی تہٕ تِہنٛد پھاپھلنہٕ
کہ تاریخک علم ہیوٗن مدوّن سپدُن! اَتھ
زمانس منٛز اوس یہ عام خیال زِ خوٗدا پرستی
ہنٛد ابتدا سپٕز نیچرِ متعلقہ (NATURE - MYTHS)
کیٛو تصوٗرانو سٟتی۔ یانے تِمو خرافاتی داستانو
سٟتی یِم فطرت کِہن مظاہرن متعلق بنٕتی آسن
ہیٚتی متی۔ مثلن گاشک بنیوا اکہٕ مستقل ہستی
ہنٛد تصوٗر۔ رودکی قوتن گٔر اکس دیوتاہنٛز
شکل اختیار۔ امہٕ خیالک مواد اوس پرانو
آریائی تصوٗرانو تہٕ اَتھ آمت یِمن ہنٛز
بُنیاد فطرتہٕ کِہن مظاہرن ہنٛز پوزا یہ پیٹھ
آسس۔

مگر گنوٗہمہٕ صدی ہنٛدِس گوڈنکِس
نصفس منٛز ییلہ افریقہ تہٕ امریکہ کِہن
وحشی قبایلن ہنٛدی حالات بڑوٗنہٕ گٔن آے

تہ تِھنٛدین دینی تصوُّراتن ہِنٛدی تحقیقاتن
اوّن اکھ بوڈ نظریہ بارسس ۱۷۶۰ سنہ ہس
منز اوس ڈی بروسے (DE-BROSSES)
ین یمہ سٕہے وُحشی قبائلن ہنٛد بو عقائدو رٛشہ
فٹش وُرشِپ (FETISH-WORSHIP)
کوڈ مُت ۔ یانے تِتھین چیزن ہنز پوٗزا
یمن سٕنی کانٛہہ جنہ سُنٛد روٗح زِ لنھ
آسُن یُقین اوس یوان کرنہ ووٗنی کوّر
ببیہ ۱۸۵۱ سنہ ہس منز اے کامٹن
(A-COMTE) اَمی پوٗزایہ نِشہ خدا
پرستی ہِنز یا پَد آشی ہُنٛد نظریہ پیش تہ
سَر جان لبکن (SIR JOHN LUBBOCK)
(یُس پتہ لارڈ ادیبرے (LORD-
AVEBURY) کِہ لقبہ مشہوٗر گو
بنووِ یہ بییہ ہیَن بحثُک تہ تنقیدُک موضوٗع
یہ نظریہ آو تِمَن دوہن عام پاٹھی پسند
کرنہ تہ وقتہ کِہن علمی حلقن منز گییہ اتھ
قبوٗلِیت حاصِل ۔

تقریبَن اوس یوہے دور بیّلہ
مین اِزم (MANISM) یانے اجداد
پرستی ہُنٛد نظریہ ووتلیوو ۔ اَمہ نظریہ چ
بُنی باد آسس یتھ قیاسس پیٹھ کھوژنہ آمژ
زِ انسانس ہا و پنہ نین آباو اجدادن ہِنٛدی
موجبن تہ تِہُنٛدی بچرن گو ڈٕ تِہنٛز پوٗزا یہ
ہِنز وَتھ ۔ تہ پتہ رُٹ اُمی پوٗزا یہ ارتقہ کِس
قونوٗنس ماتحتھ ترقی کرِتھ خدا پرستی
ہِنز شکل ۔

صحراون منز روزن والین تہ چراگاہن
ہُنٛد تلاش کرن والین قبیلن ہِنٛزِ ین گوڈ
نِکین تصوُّراتن منز اوس اجداد پرستی ہُنٛد
ذیٚہنی مواد موجود ۔ چینہ کِس پرٛانِس تاریخس
منز تہ اوسُن اَمہ پوٗزایہ ہُنٛد پے لبن ہیوو امُت
اوسمہ بنیواتھ نوٚسس نظریہ ہس کیٛوت
تہ ضوّروٗری مواد ۔ ۱۸۷۰ سنہ ہس منز بییلہ
ہربرٹ سپنسرن (HERBERT -
SPENCER) پننہ آسیبی نظریہ
ہیچ (GHOST THEORY) بُنی یاد
خیالس پیٹھ ڈُر راو ۔ تِمہ وقتہ کیٚو فلسفی بو
تہ اجتماعیات کیو عالمو گرٛ یہ سینٛتی منظور ۔

یمہ سٕہے دوہن آو بیاکھ نظریہ تہ
بارسس یتھ بڈ مقبولیت حاصِل گیہ
یہ اوس ای۔بی ٹیلر (E.B. TYLOR)

سُنٛد انیمی ازمُک (ANIMISM) نظریہ ۔ ۱۸۷۲ سنہ ہَس مَنٛز کرٚتھ پننہِ مشہوٗر کتاب پرِمی ٹیو کلچر (PRIMITIVE CULTURE) شایع تہٕ اَتھ مَنٛز کرٕن دینی عقایدن ہنٛز کمہٕ کھوتہٕ کم تارٟیف ۔

انیم ازمکہٕ ذٕرِیہ انیمزم زِٕ چھُ یہ مقصد زِ اِنسان سٕندٮ۪ن تصورٲتن مَنٛز گژھہِ تہٕ ہنٛز جسمٲنی زندگی ورٲے اکھ مُستقِل روٗحٲنی زِندگی ہنٛد تصوٗر تہٕ پادٕ ۔ امہِ مُستقِل روٗحٲنی زندگی ہنٛد تصوٗر اوس "ٹیلرس" زِٕ خدا پرستی تہٕ دینی عقایدن ہنٛد بُنیادی مادٕ ۔ اُمی مادٕن کرٕ ترقی لَبِتھ خدا یہ سٕندِ وجوٗدکہٕ عقیدٕچ شکل اختیار ۔ شاید چھُ دینی عقایدن ہنٛز پادٲشی ہُندٮ۪ن سارِنے نظریہَن منٛز یہ گوڈنیُک نظریہ یُس علمی طریقس پیٹھ پوٚرٕ پاٹھی مُرتب آو کرنہٕ تہٕ بحثکہٕ تہٕ تنقیدکی ساری طرف آے شیرنہٕ تہٕ سنبالنہٕ ۔ تمیُک نتیجہِ دراو یہ زِ وقتہٕ کین سارِنے علمی حلقن پیٹھ پیو امہِ نظریہ ہُک خاص اثر تہٕ عموٗمن اوس یہ اَکِس مُفرِز شکلہِ منٛز بٔڑو تھہ کٔرِتھ ہیوٚنمُت ۔

کُنُوہِمہِ صدی ہنٛدِس آخرس تام روٗد امہِ نظریہ ہُک اقتدار کُنہِ شرکانہٕ ورٲے قایم

اَتھ دورانَس مَنٛز اوسُن مِصر، بابِلہ تہٕ ایشوریا کہو پرٲنو آثارو تہٕ کتباتن ہنٛدِ حَل گژھنہٕ سیٖتی پرٲنہِ تٲریخُک اکھ نوٚو وُے باب گاشہِ راونہٕ یِن ہیوٚتمُت ۔ تہٕ یِمَن بیٚیہ پیٹھ سپدی ہنتی بحث آسی مُستقِل علم بنے مِتی ۔ اُمی نوٚوی موادن دِژ فطرتہٕ کین مُظاہرن ہنٛز پوٗزا یہ ہِنٛدِس بُنیادس نوٚو سرٕ اہمیت تہٕ دُنِتھ ننکیارِ وادی نیل تہٕ دجلہ تہٕ فراتکی بم دوٚشوے قدیم تمدن آسی یمہٕ بیٚنے دینی عقایدن تہٕ تصورٲتن نٔنہٕ راوان ۔ امہِ سیٖتی گو بیٚیہ اکھ نوٚو مذہب (سکول) پادٕ یُس خدا پرستی ہنٛز پادٲشی ہنٛز گوڈنیُک بُنیاد مُظاہرِ فِطرتکِس اثرس پیٹھ تھوان اوس ۔ تہٕ خصوصیتہٕ سان اجرام سماوی کین تاثراتن پیٹھ زور دوان ۔ امہِ نظریہ کہو مانن والیو کرٕ انیمزمچ مخالفت ۔ یم گئے ایسٹرل تہٕ نیچر میتھالوجسٹس (ASTRAL AND NATURE MYTHOLOGISTS) کہٕ ناوٕ سیٖتی مشہوٗر ۔

مگر کُنوُہی مہ صدی ہنٛدِس ہیٚتِمس
نیٚصفَس منٛز بیٚیلہ یِم ساری نظریہ وقتلیٚتھی
آسی بیٚیہ طرفہ اوس اکھ خاص علمی حلقہ بیٚیہ
یِس اکِس نظریس کُن دِوان ۔ امہ نظریہ
ہکُ مواد اوس سیٚٹھا پرانیٚن تمدنی زمانہ
کیٚن شکار پیشہ قبایلَن ہنٛدیو تصوّراتو منٛز
اَتھِ لوٚگمُت ۔ یِہنٛدی حالات ووٚنی تاریخہ
کِہ اتھہ نیبر آسی نہ ۔ یہ نظریہ سپُد ٹوٹمزم
(TOTE MISM) کہ ناوہ سیٚتی مشہور ۔
نہ جلدی پھیوٚر اَمی اَدبی حلقن ہنٛد توجہ پانس
کُن ۔ ٹوٹمزم (TOTE MISM) نِشہ چھُ
مقصد مختلف چیزن تہ جانورن ہُنٛد سُہ احترام
یُس انسانی جماعژ ہنٛدِ گوڈنچہ قبایلی زندگی
منٛز پاد گوٚمُت اوس تہ کینٛہہ زمانہ گُذرنہ
پَتہ بڈ بوٚو یِمن چیزن تہ جانورن ہُنٛد احترام
حد کھوتہ زیادٕ ۔ امہ نظریہ کِنی آو یہ خیال کرنہ
زِ ہندوستانٕچ گاد ، مصرک مگرمچھ تہ دانٛد
شمالی علاقن ہنٛد ہاپتھ تہ صحراون منٛز
روزن والین قبیلن ہُنٛد سفید ووٚژھ چھُ
اصلہ تلہ ٹوٹمزم نِشنے باقے روٗدمُت ۔ گوڈنیتھے
کوٚر ۱۸۸۵ ہَس منٛز رابرٹسن سمتھن
(ROBERTSON SMITH) امہ نظریہ
ہکُ اعلان ۔ نہ پتہ تُل وقتہ کیٚنہو بیٚیو نظریہ دِنہ
والیو نہ اوٚری کُن قدم ۔ مگر کینٛہہ وقت گُذرنہ
پتہ ہیوٚتُن یہ نظریہ پرانُن ۔ پروفیسر جے ۔ جی
فریزر (J.G. FRAZER)
سُنٛد جمع کوٚرمُت مواد بیٚیلہ برونٛہہ کُن آو
مولوٗم سپُد زِ ٹوٹمزم ہکی تصوّرات آسی نہ
دینی تصوّرات تہ نہ آس تِمن منٛز دینی تصوّراتن
ہُنٛد گوڈنیک صلاحیتھ ۔ یِہنٛز اصلی نوعیت
آس زیادٕ کھوتہ زیادٕ اکہ اجتماعی نظامچ
یِتھ سیٚتی قسمہ کیٚن تصوّراتن ہُنٛد
اکھ سِلسِلہ ریٚشمُت اوس ۔ اتھ سِلسِلس
منٛز ہیٚکو نہ یِمن امہ کھوتہ زیادٕ اہمیتھ دِتھ
مگر سیٚتی اوس امہ مسلکُک بیاکھ اکھ پہلو
تہ بنیومُت ۔ فریزرن اوٚ ٹوٹمزم کیٚن تصوّراتن
منٛز اکھ خاص قسم تیٚشتھ تہ لوٚب مُت یتھ منٛز
دینی عقایدن ہُنٛد ابتدائی مواد بنہنٕچ زیادٕ
صلاحیتھ بوز نہ آس یوان ۔ یہ چھُ سُہ قسم
ییٚمیُک تعلق "جادِ" کِس اعتقادس سیٚتی
چھُ ۔ اتھ پیٹھ یُس بحث تہ تنقید سپُد
تمہ سیٚتی پھیوٚر مفکرن ہُنٛد اکھ بوڈ تعداد

اُنھ ڪُن - تہ ہيءَ جادوئي نظريہ وڏن علمي
حلقن ۾ سنہ ١٨٩٢ع ھس ۾ اوس اُکي
امريڪي عالم جي - ڪي ڪيننگ ( J. K.
KENNE G ) ھن اُنھ ڪُن توجہ ڏيئو وُٺت
وڏني سپنز وُهي مہ صدي هنڌس ابتدا ھس
۾ اڪي ساتہ جرمن فرانس تہ امريڪا جيو علمي
حلقو ۾ پيٺھ اُرچ صدا بہ بازگشت تہ انيمزمس
( ANIMISM ) خلاف هيٺرن ڪنھ
ووٺي - وڏني گو يہ خيال عام زِ انيمزم بڙو ٺهہ
نہ چهہ انساني تصوراتن هُنڌ اڳهہ دور اوسمت
تہ پہ انيمزم بڙو ٺهيو (Pre - Animisim)
دوراوس جادوءَ ڪين تصورن هُنڌ دور نہ
اُمي جادو ڪہ عملہ هنڌي عقيدن رُٽ پيتہ روحاني
عقيدن هنز شڪل تہ خدا پرستي تہ ديني عقائدن
هنز ابتدائي ڪنھ گئيہ پادِ -

وڏني بنيو و جادوئي نظريہ اڳهہ عام
تہ مقبول نظريہ تہ بڙو ٺهم نظريہ هيئين ختم
گرڏھني - سنہ ١٨٩٥ع پيٺھ سنہ ١٩٠٨ع ھس تام
آيے واريا مُفڪر بہ وَتپنہ بحثہ تہ فڪر هنز
سارسے عمارت اُٿي پيٺھ بناوِ - يمن ۾
چهہ آر - آر - ميرٽ (R.R. Marett)

هيوٽ ( Hewitt ) ڪے پر هو - K)
(Preuss) ، اے فيرڪنڈٽ (Avier Kandat)
اِی - ايس هاٽ لينڈ (E.S. Hartland)
بڈي مشهور - زيادہ حصہ نئو فرانسہ جيو عالمو ۾
دُرخيم Durkhem سنڈي همخيال آسي - اُمہ
جماڻ هنڌي زہ ٺهي آسي گوڈ ا ئچ هيوبرٽ
( H. Hubert ) تہ ايم ماس (M. Mass)
تہ سنہ ١٩١٢ع ھس ۾ آو پانہ "دُرخيم" بڙو ٺهہ ڪُن
تہ نبيو و اُمہ نظريہ هڪ ساري کهو تہ لوڈ
علمبردار - اُمہ جماڻ هنزرا ے چهےّ زِ ٽوٽم
(Totemism) تہ جادوءِ ڪي تصورات آسي
پانہ وآني زِ ليتھ انسان سنڈين ديني تصوراتن
هُنڈ گوڈ - بيئيچ مثال وسط آسٽريليا ڪين قبائلين
هنڌين او هامن ۾ لبنہ يوان چهےّ ارتقہ ڪس
فونوٽنس ماتحتہ ڪر، يمہ وِے تصورا تو
خداپرستي هنڌين ترقي يافتہ عقائدن هنز شڪل
پاڈ اُمہ پتہ ڪينہ وُري گز هتہ تراو ڪينہ پروٽسٽنٽ
عالمويم ديني عقائدن هنڌس نفسياتي مطالعہ
ھس ۾ مشغول آسي اُنھ مسلس پيٺھ نفسياتي
نقطہ نگاہ سيتي نظر تہ اُمہ نظريہ هيچ صحابيتھ
هيبز کھ ڪرڊني - تھند خيال اوس زِ خداپرستي

ہِنٛدِ عقیدُک اگر پیٚز اَسہِ مذہبہٕ کہِن تہٕ سمجھ کہِن رَلہٕ مِلہٕ تصوٗراتن مَنٛز ژھانڈُن۔ اَمہِ جمآژہِنٛد زیُٹھ اوس آرچ بشپ سوڈربلوم (Sodarblom) یُس سِنٛدی مباحث ۱۹۱۶ ہس مَنٛز شایع سپدی۔ اَمہِ پتہٕ اوس گوڈنِکہِ عالمگیر جنگُک زمانہٕ یُس وُہی مہِ صدی ہُنٛد اکھ دور ختم کرِتھ دِمہِ دوٚرک دروازہٕ وۄتھ اوس ترٛاوان۔ اَمی دورن بیییہٕ علمہٕ تہٕ تنقیدکہِن وارِہَن گوشن مَنٛز انقلاب اوٚن تتہٕ کوٚرُن علمہٕ کِس بیتھ شوبس مَنٛز تہٕ اکھ انقلابی دور شورو۔ یمن سارِنے نظریہَن ہنٛز بُنیاد آس مادی مذہب ارتقاہس یانے (Materialistic Evolutionism) مَس پیٹھ۔ یمن سارِنے مَنٛز آس یہِ بُنیادی حقیقتھ کام کران زِ جسمن تہٕ مادن ہِنٛدی پاٹھی چھہ دینی عقیدہٕ تہٕ وارہٕ وارہٕ بوٚنہِ موجود چھو پیٹھہٕ ترقی کران۔ اَعلا درجُن تام وۄتمت تہٕ خدا پرستی ہِنٛدِس عقیدس مَنٛز چھہ توحیدُک تصوٗر (Monotheism) اکھ زیٹھہِ زیوٗٹھ سِلسِلہٕ ارتقاہُک نتیجہِ

کنوہی مہِ صدی ہُنٛد پتِم نِصف اوس ڈاروِنزم (Darwinism) کہِ رواجُک تہٕ پھانپھلنُک زمانہٕ تہٕ۔ یہِ اوس بکنر (Buckner) ویلز (Wells) تہٕ اسپنسرن (Spencer) پتہٕ نِہو فلسفیانہٕ بحثو سیٖتی انسانی فکرِ تہٕ عملہٕ ہِنٛدیٚن سارِنے دایرن مَنٛز پھالو وُمُت۔ قودرتی طور لو خدا یہِ سُنٛد اعتقاد پاد گژھنُک مسلہٕ تہٕ اَمہِ سیٖتی متاثر۔ تہٕ تنقیدکہِ تہٕ تحقیقی یِم تہٕ قدم وۄتھی تم ہیٚتِن اکھ وۄنہٕ پیٹھہٕ پکنہِ۔

## مذہب ارتقاہک خاتمہٕ تہٕ اَزکی تحقیقات

مگر وۄنہِ آسنہٕ وُہِم صدی پتہٕ نئین انقلاب انگیز انکشافن مَنٛز زیادٕ بڑو تھہٕ پچھِ زِ یمن سارِنے نظریاتن ہنٛزن کرن ہیوٚتن بُنیٛل ین۔ تہٕ گوڈنِکہِ عالمگیر جنگہٕ پتِم زمانن کوٚر یمن وارہٕ پاٹھی لوٚرہٕ پار۔ وۄنی آو سارِنے مفکرن نظرِ زِ اکھ وۄنہِ مَنٛز یُس تہٕ قدم تُلنہٕ اوس آمُت سُہ اوس غلط۔

تکیازِ یمن سارِنے ہنٛز بُنیاد آس ارتقاہکِس قونونس پیٹھ تھاود تہٕ آدشہ

تہٕ ارتقائی حقیقتیچ رٕ نمائی چھےٚ اکھ منٛز
فائدٕ بجایہٕ وَتہٕ ڈالونی تا ابتھ سیٛزِ مٕژ وہٕنی
آوتمن ٹھوس تہٕ ناقابل انکار تاریخی
شہادتن ہنٛدِس گاشس منٛز نظر رٕ
انسان سٕنٛدین دینی عقایدن ہنٛز یوسہٕ
حقیقتھ ہمو تھز تہٕ ترقی یافتہ ماینہٕ مٕژ آس
سو چھےٚ نہٕ پتمین زمانن ہنٛز پاداوار
بلکہ چھ سو انسانی جماژ ہنٛد ساری کھوتہٕ
برٛونہہ جاداد۔ فطرتہٕ کہن مظاہرن ہنٛز نوژا
حیوانی اختراکی تصوٗر۔ اجداد پرستی ہنٛدی
رسم تہٕ جادکہٕ وُہمہٕ بٔرٕ وٕنہہ تہٕ ییمی تصوٗرن
انسان سٕنٛدِس دِلس تہٕ دماغس پیٹھ
پنُنہٕ برٛونتراوِ تہٕ اوس اَکس تھزِ کھوتہٕ
تھزِ ہستی ہنٛد موجود آسنک صاف تہٕ
پاک تصوٗر۔ یا نے سہٕ اوس خدا یہٕ سٕنٛز
ہستی ہنٛد توحیدی اعتقاد۔ چنانچہ وونی
چھ اکھ معمس پیٹھ بحث تہٕ تنقید کرنہٕ وژ
ارتقائے مذہبک پوٕرٕ پاٹھی خاتمہٕ گومُت
ڈبلیو شمٹ (W. Schmidt) واین یونیورسٹی
ہنٛدی پروفیسر ہموا اکھ موضوعس پیٹھ اُنزی
کہٕ زمانچ ساری کھوتہٕ اُر کتاب لیچھمٕژ چھےٚ

چھ لیکھان :-

" انسانی خاندانن تہٕ قبیلن ہنٛدِس علمہٕ
کس مادانس منٛز چھ وونی پرانی ارتقائی
مذہبن پوٕرٕ پاٹھی دیوول کوڈمُت۔ ترقی ہنٛزن
تیار کرمژن کرہن ہنٛز سو خوش یوٗ وونی ہاتکل
یوسہٕ اُمی مذہبن بڑٕ چاوسان تیار کرمژ آس
چھےٚ وونی ٹکرٕ ٹکرٕ گامٕژ تہٕ نوی نوی تاریخی رجحان
چھےٚ یہٕ تِلتھ نتراوتھ تہٕ ژھنمٕژ (دی اوریجن
اینڈ گروتھ آف ریلیجن The origin
(and growth of Religion

بییس اکس جایہ چھ لیکھان :-

وونی چھےٚ یہٕ کتھ وارٕ پاٹھی ننےمٕژ زٕ انسان
سٕنٛد ابتدائی تہذیب یہٕ تہٕ تمدنہٕ کہ تصوٗرچ
اعلاترین ہستی اوس حقیقتن توحیدی
اعتقادک کُنی خداے تہٕ انسان سٕنٛد دینی
عقیدُس امہٕ ژٕنہ نوٗن دژاوٕ سہٕ اوس
(امہٕ ژٕنہ) پوٕرٕ پاٹھی اکھ توحیدی دین۔ یہٕ
حقیقتھ چھےٚ وونی بیش ننےمٕژ دژام مٕژ تحقیقچ
اکھ سرسری نظر تہٕ چھ اکھ کافی۔ انسانی
نسلہٕ کیو پرانیو ژھوٕتہٕ قدیمو قبیلو منٛز ہیکو
وارہٕہن نسبت یہٕ کتھ وثوقہٕ سان وٕنتھ-

پتھ کُنی یم حالات ابتدآیی زمانہ کِہن جنگلی
قبیلن ہندی بڑو شہرٕ کٔنہ آمتی چھ تہٕ کرنآیی
Karnai ، جولن Jolin تہٕ جنوٗب مشرقی
آسٹریلیا کِہن یائین Yain قبیلن نسبت
یُس تآریخی مواد اَتھ آمُت چھُ تمہ سارِ
کے تحقیقات چھُ اَسہِ انھ نتیجس نام وانہٕ
ناوان - آرکٹک ARICTIC تہذیبہ کِہن
قبیلن ہندی رہوایتی آثار تہٕ شمالی امریکا
کِہن قبیلن ہندِن دینی تصوٗرانن ہنز چھان
بین تہٕ چھِسے چھیکرس یوہے نتیجہ
نُنہ راوان [ (ایضاً) ص ۲۶۲ ] زمانہٕ حالہ کِہو محققو
چھُ وونی امہ مسلکُ موسوعاتی
Pantologic طریقس پیٹھ مطالعہ
کورمُت تہٕ قدیم مولوماتن تہٕ مباحثن
ہنز سارے لَنجہ جمع کٔرِتھ مجمو، عی
نتیجہ کڈمتی - ضروٗری چھُ زِ اَکھ
سِلسِلس منز بیہ کینژن جدید تحقیقاتن
پیٹھ اکھ سرسری نظر تراوہٕ تکیازِ یُم چھنہ
تم تیتی شایع گمتی یتھ عام پاٹھی نظر تہٕ
مطالعہ ہس منز آمتی آسن -

## آسٹریلیا تہٕ جزایرکِہن وحشی قبیلن تہٕ مصرکِہن پرانین آثارن ہنز نوٚ تحقیقات :-

آسٹریلیا تہٕ جزایرِ بحرِ محیط کی وحشی
قبیلہ روٗدی اَکہِ نامولوم قدیم زمانہ پیٹھ
پننہِ گوڈنچہ ذہنی اَسری لآنہٕ ہنز زندگی
گذاران - زندگی تہٕ روزگارچہ سارے
ترقی یافتہ گریہِ عام پاٹھی انسآنی جماژن
ہندِ ذہنی ارتقاہک سلسلہ چھ قآیم کران
چھ یتہ بلکُل غآب - ابتدآیی زمانہ چھِ
انسآنی جماژہ ہنز جسمآنی تہٕ دماغی خصوصینہ
آسہ تہنز قبآیلی زندگی منز بوزنہ یوان -
تہندی تصوٗر آسی ہینز ژھوٚٹی نہ وہمن
تہٕ خرافاتن منز تہٕ اوس نہ کُنہ قسمک انتقالی
نظم - تو پتہ یتہِ اوس تہندا اکھ اعتقادی تصوٗر

بلکُل نوٚن زِ اکھ سیٚٹھاہ تھٔد ہستی چھےٚ یِمو
تہٕنٛد زمین تہٕ تہٕنٛد آسمان پاد کوٚر تہٕ تہٕنٛد
مرُن تہٕ زِندٕ روزُن چھُ تہٕنٛدی ہتھہٕ اَتھس
منٛز۔ مصرکۍن قدیم باشنٛدن ہٕنٛد آٹھو ساسو
وٕری یوکھو تہٕ برٕونٛہہِم آلو چھُ سانٮ۪ن کنٛن
تام واتی منٛنی۔ قدیم تصوّراتن ہٕنٛد سوٗرُے
سلسلہٕ چھُ پننٮ۪و وقتہٕ وقتہٕ چیو تبدیلی یوٚ
سان اَسہِ برٕونٛہہ کنہِ دٔوتلیومُت۔ اَسہِ
چھُ وارِ پاٹھۍ نظرِ یِوان زِ اَکِس خدایہٕ سنٛدِ
عبادژنٛگ تصوّر دٔوتلیوونہٕ اَتھ سِلسِلس
منٛز ییٚنہٕ بلکہ چھُ یہِ اَمہِ ہانکلہِ ہٕنٛد گوڈنِکۍ
کوٚر۔ مِصرکۍ تِم ساری معبوٗد یِہنٛز شکلہٕ تِمہِ
کۍن مشہوٗرِ عالم ہیکلن تہٕ میٖنارن ہٕنٛزن
دیوارن پیٹھ نقش کرِتھ چھےٚ۔ آسی نہٕ اَتھ
قدیم زمانس منٛز پنُن کانٛہہ وجوٗد نٮ۪ہاوان ییٚلہِ
اَکِس اوسریز OSIRIS سٕنٛزِ نظرِ نہٕ ییٚنہٕ
واجنہٕ ہستی ہٕنٛد اعتقاد دٔری باپتھ نیل چھِن
سارنٕے آبادیَن تہٕ وادیَن پیٹھ نال ولِنٕھ
اوس۔

---

"مردہ سٕنٛز کتاب" چھےٚ قدیم مصری تصوّراتن ہٕنٛد ساری
کھوتہٕ زیادٕ مرتب تہٕ منضبط تحریر۔ مصریاتہٕ کِس مشہور محقق ڈاکٹر
بج BUDGE سٕنٛز رائے چھےٚ زِ یہِ چھُ ساری کھوتہٕ پرٛون
فکری مواد یُس مصری آثارو اَتھ پیٹھ رود مُت چھُ۔ یہِ چھےٚ پانہٕ
تیٚژاہ پرٛانی یوٚژاہ مصری تمدن پرٛون چھُ مگر یِم تصوّرات اتھ منٛز
سومبراونہٕ چھِہ آمتی تِم چھِہ مصری تمدنہٕ کھوتہٕ پرٛانی۔ تِم چھِہ
تیٚژی پرٛانی زِ اَسی ہیٚکو نہٕ تہٕنٛدِ پرٛانہٕ رُک کانٛہہ تاریخ مقرر
کرِتھ۔ اَتھی کتابہِ منٛز چھِہ اوسریز سٕنٛدی یِم صفات نظرِ
یِوان۔ ساروٕے کھوتہٕ بوٚڈ معبوٗد، خارِ سے خار۔
ازلی پادشاہ تہٕ آخرنٛک مالِک۔

## دجلہٕ تہٕ فراتہٕ چھِن وادیَن ہٕنٛز پرٛانہٕ آبادی تہٕ خدایہٕ سٕنٛز ہستی ہٕنٛد توحیدی تصوّر:۔

گوڈنِکہِ عالمگیر جنٛگہٕ پتہٕ یوس نوٚو
کھدائی عراقہٕ کۍن مختلِف حصن منٛز شوٗرو
آس کرنہٕ آمٕژ تہٕ یوس موجوٗد جنٛگہ سبب
اَڈلیچ روزٕ تمہِ کیو انکشافو ستی چھُ یہِ مسلہٕ
نوٚوِ سرٕ کاشرادنہٕ آمُت۔ وۆنی چھُنہٕ اَتھ
معاملس منٛز کانٛہہ تہٕ شک باقی رودمُت

ڙنڍڙي بابيه نيبلڪي پاڻهي بيلھ دجلھ ته فرات ته
چين واديئن منز ته انسانن گوڙ گوڙ پننس
خدا ايس ناد ڏيت سُه اوسنه وار پهين
هستين منز باگرته ٻلي ڪه اوس سُه اُکي
سي نظر نه ينه واجنه هستي منز نون ڏرامت
ڪالڊيا Chaldea يا سوميري Sumerian

ته عڪادي Akadian قبيله يمين انسآني
نسلن هندي وآرٽ دربي منز آسي تم آسنه شمس
ياني آفتاب ته نانعار ياني زو ته هندي پوزا
ڪرن وآلي ٻلي ڪه تس اُکي سي لازوال هستي
هند هيمي آفتاب ته زون ته ساري پرزلهوني
تارڪ بنآوي منز ڇهه ـ

## مهنجو دارو يڪ خدا يه واحد "اون" "OUN"

هندوستانس منز ڇهه آسه مهنجو دارو يڪ
آثار آريا هن هند ينه ڪه زمانه نه ٻڙو نهه
پڪه ناوان ـ نمن هند مطالعه ته تحقيقيچ ڪآم
ڇهي نه وينه پوزگمش ـ تو ته ڇهي اکه حقيقته
وار پاڻهي ننيمش ـ امه ساري کهو ته پرانه
انسآني بستي هندين روزن والهين هند
ٻني يادي تصورا اوس خدا يه هند ڪن آسنگ
تصور ـ بت پرستي هند تصور اوس نه ـ تم آسي
پنه لس ڪنس خدا ايس "اون" OUN

ونته ناد لايان ـ بيهچ مشابهت اسه سنسڪرت
زبآني هندس "اندوان" UND WAN
لفظس منز لبنه ڇهي يوان ـ اُمس ڪنه هستي
هنز حڪومت ڇهي ساري سي نال ولته ساري
طاقته واجنه هستي ڇهي تهند سي مقرر ڪري متس
قونونس ماتحته ڪآم ڪران ـ تند صفت ڇهه
"ويدوڪن" vedukan ياني ترزهه هستي
يُنز اڇه زانهه غآفل ڇهي نه ڪرزهان ـ
" لا تأخذه سنة ولا نوم ـ "

## خدا يه سنز ڪنه ته نظر نه ينه واجنه هستي هند پرون سآمي تصور

سآمي قبيلن هند اصل آگر اوس
عربه ڪه صحراوي ڪي ڪبنه سرسبز علاقه يله انه آگرس
بيهه انسآني نسلڪ آب هران اوس سُه اوس
اطرافن منز پهآئن ميوان ـ ياني قبيلن هندي

قافلہٕ آسی عربہٕ منٛز نیرتھ اندی پکھی ملکن منٛز چھکرنہٕ پوان۔ تہٕ گینٛز وسدی یوٚ پتہٕ آسی نوٚی رنگ وروٗپ تہٕ نوٚی ناو اختیار کران۔ شاید چھ انسانی قبیلن ہنٛد پھالاو کرۂ ارض کیو د وٕ یوٚ مختلف حصو منٛز اکی ساتہٕ جاری روٗدمت یُس پتہٕ پتہٕ والین مختلف قومن تہٕ تمدنن ہنٛد بنیاد بنیٚوو۔ صحرائے گوبی کہ آگرہٕ پیٹھ دڑاے تم قبیلہٕ یمن ہندی۔ یورپی Indo European آریاہن ہنٛد ناو پیو تہٕ عربہٕ کہ صحراوٕ منٛز دڑاے تم قبیلہٕ یمن گوڈٕ سامی ناو پیو۔ تہٕ پتہٕ روٗدیہ ناو بے شمار ناوَن ہنٛدس ہجوٗمس منٛز۔ انھ حدس نام واتنہ چھ تاریخکی موجوٗدٕ معلوٗمات ختم گژھان تہٕ برٛونٛہہ کن چھکھ نہٕ خبر۔

عرب قبیلن ہنٛدیہ پھالاو اوس وارٕ وارٕ مغربی ایشیا تہٕ قریبی افریقہ کین سارِنے دوٗر دراز حصن نام ووتمت فلسطین، مصر، لوٗبیا تہٕ خلیج فارسکی ساحل آسی یمہٕ ہنٛدس پھالاوس دایرس منٛز آمتی۔ عاد۔ ثموٗد۔ عمالقہ۔ ہکسوس موابی۔ آشوری۔ عکادی۔ سومیری۔ عیلامی آرامی تہٕ عبرانی وغارٕ چھ مختلف جاین تہٕ مختلف زبانن ہنٛدین قومن ہنٛد ناو مگر دراصل چھ یم ساری اکے قبایلی آگرہٕ پیٹھ دڑامتی۔ یانے عربہٕ منٛز۔ وونی چھے جدید سامی آثریاتن ہنٛدِ مطالعہ سیتی ییمہِ گُہ توٗلُق یمن سارِنے قومن سیتی چھُ۔ اکھ حقیقتھ وارٕ پاٹھی ننی دڑامژ۔ یانے یمن سارِنے قومن منٛز اوس نظریہ ینہٕ وایلِس خدایہ سنٛزِ ہستی ہنٛد اعتقاد موجوٗد۔ تہٕ تس اوس اِل، الاہ یا "اللّٰہ" ناوٕ سیتی نادٕ دِنہٕ یوان۔ یوٚسے الاہ چھ ییتھ کُنہِ جایہِ "ایل" وننہٕ آو کُنہِ "الوہ" تہٕ کُنہِ "الاھیا" حجازچہ سرحدٕ ہچ وادی عقبہ تہٕ شمالی شام کہِ راس شمرکی یم آثار پتی مہ جنگہٕ پتہٕ لبنہٕ آے تمو سیتی چھے یہ حقیقتھ وارٕ ننان مگر ییتہِ تس چھنہٕ تمِ وژھ ناو نکُ موقہٕ۔

# انسان سٕنٛزِ گوڈٕنٕچ وَتھ آس ہیدا یٕنٕچ گمرٲہی آیہ پیتہٕ :-

بہرحال وُنہی مہ صُدی ہُنٛد جستجو یوکُن وونِی اِسہِ یکہٕ ناوان چھُ، سُہ چھُ انسان سُنٛد سارِی کھوتہٕ پرٛون توحیدی تہٕ غٲر اصنامی اعتقاد۔ امِہ کھوتہٕ زیادٕ پرٛانٛی چھِنہٕ تہندِ ین تصوّراتن ہنٛز کانٛہہ تہِ کتھ۔ یِنٛھےٚ تِمہِ لوکچارس منٛز ہوشہِ تہٕ عقلہٕ ہنٛز اُچھ مُژراوِ مٕژ آسہٕ اَکِس کُنہِ ہستی ہُنٛد اعتقاد اوسُن پانَس منٛز موجوٗد لوٗ یمُت۔ پتہٕ ہیٚتِن تَس وارٕ وارٕ کھورٕ ڈٕلنی۔ تہٕ نیبرِ مِیوا اثرا نو ہیٚتِش تَس نٔوِ نٔوِ صوٗرٕ وٕژ تہٕ نٔوی نٔوی تماشہِ ہاوٕنی۔ اَتی لوٗگ اَکہِ کھوتہٕ زیادٕ "مافوق الفطرت" طاقتن ہُنٛد تصوُّر پوچھہ لبنہِ تہٕ فطرتہٕ کین بےشمار مظاہرن ہنٛد جلوٕ ہیٚوتُن تَس پانَس کُن لمنہِ۔ یوٗتام پوٗزا یہِ ہنٛز نَزِ ژھٕ بڑاند کنہٕ بَنِنہِ ہیٚژٕن یمَن پیٹھ سُہ پننہِ بندگی ہُنٛد ڈیکہٕ ترٛاوِتھ اوس ہیکان تہٕ تصوّراتن ہنٛز نَژھٕ صوٗرٕژ ہیٚژٕن وونٛلنہِ یمہٕ تہندٕ ین صوٗرت پرست اُچھن ہنٛد گنہِ نٛنتھ آسہٕ ہیکان۔ اَتی نیبےٚ لوٗگ تَس کھوٗنٛت۔ مگر وَتھ آس ترٛژھہِ زکھوٗنٛت لگنہٕ

لِشہِ ہیکہِ ہانہٕ سُہ بچِتھ نہِ۔

"کمند کوتہ و بازوی سُست و بام بلند
بمن حوالہ و نومیدیم گنہ گیرند"

"ژھوٚٹ کمند نَرِ لوسمٕژ بیٚیہ یام تھوٚد
دِتھ یہ دوٚ پنٕم ناوُمیدی بوٚڈ گوناہ"

پَس سپُد معلوٗم زِ انتھ وتہِ منٛز یوسہٕ رُکن انسانس گیٚیہِ سو گٔیِیس پیتہٕ۔ گوڈٕنٕچی حالت آسنہٕ رُکنہِ ہنٛز سو آس سیٚزٕ وَتہِ پیٹھ پکنٕچ حالت۔

"من ملک بودم و فردوس برین جایم بود
آدم آورد درین خانۂ خراب آبادم"۔

"ملک اوسُس تہٕ فردوس برینس منٛز مےٚ جای آسیم
بوٚ اوننس آدمن یتہٕ نال وولنم نفس امارن"

اگر اتھ حالتس گمرٲہی وَنِتھ ہیکو نیٚیِلہِ ہیٚیہ ماتن زِ گوڈنٕچ حالتھ یوسہٕ انسانس پیش آمٕژ آس سو آس نہٕ گمرٲہی ہنٛز سو آس ہیدا یتھ۔ نمی آسہٕ گاشس منٛز اُچھ مُژراومٕژ تہٕ پتہٕ ہیٚوتُن وارٕ وارٕ گژھٕ زوٚل گژھُن۔

## دینی کتابن ہنٛز شہادت تہٕ قرآنک اعلان :-

زمانہٕ حال کین علمی تحقیقاتن ہنٛد
پہ نتیجہ چھہ کتابن ہنٛد وضاحتہٕ مطابق ۔
مصر، یونان، کالڈیا، ہندوستان،
چین، ایران سارنے ہنٛز مذہبی ریوایژ
چھےٚ اکہ تیتھہ ابتدائی زمانچ خبر دوان ییلہٕ
تہٕ انسان گمراہی تہٕ نافرمانی نِشہٕ واقف
اوس تہٕ فطری ہیدایتس ماتحت اوس زندگی
گذاران ۔ عالمہٕ چہ آبادی ہنٛز یوسہٕ حکایت
افلاطونن کریطیاس Critias منٛز
درج کرمژ چھےٚ تتھہ منٛز چھےٚ امہٕ اعتقادچ
پورٕ ژینہٕ وُنی موجوٗد تہٕ طیماوُس
Timaeus سنٛز (حکایت) یوہ زِ
اُکس مصری پجاری سنٛزِ زبو چھےٚ چھہ ـ
مصری ریوایژ ہنٛز خبر دوان ۔ توراتچ کتاب
پاداییش چھےٚ آدمہٕ سنٛد قصہٕ بیان کران ۔
اُتھی قصس منٛز آس آدمہٕ سنٛز گوڈنیچ
زندگی ہیدایتچ تہٕ بہشتی زندگی ۔ پتہٕ گیس
لغزش تہٕ بہشتی زندگی گیہٕ ختم ۔ اتھ قصس
منٛز چھےٚ یہاے حقیقتھ کام کران زِ یتہٕ اوس
گوڈنیک دور فطری ہیدایتک ۔ نافرمانی
تہٕ گمراہی ہنٛز ومتہٕ گیہٕ پتہٕ ییلہٕ ۔
قرآنن چھہ صاف صاف اعلان
کورمُت زِ :-

وَمَا كَانَ النَّاسُ إِلَّا أُمَّةً
وَاحِدَةً فَاخْتَلَفُوا ط ۔
(١٠ : ١٩)

گوڈ گوڈ آسی ساری انسان اکاے جماتھ
(یا نے بیون بیون وتن منٛز آسی نہٕ آوی منٛی)
پتہٕ پیہے اختلافن منٛز ۔

دویمہِ جایہ چھےٚ بییہ یتھ تشریح کرنہٕ آمژ :-
كَانَ النَّاسُ أُمَّةً وَاحِدَةً فَبَعَثَ

گوڈ آس سارنے انسانن ہنٛز کُنی جماتھ

اللّٰهُ النَّبِيّٖنَ مُبَشِّرِيْنَ وَمُنْذِرِيْنَ
وَاَنْزَلَ مَعَهُمُ الْكِتٰبَ بِالْحَقِّ
لِيَحْكُمَ بَيْنَ النَّاسِ فِيْمَا اخْتَلَفُوْا
فِيْهِ ط (۲ : ۲۱۳)

(یانے فِطری ہیٚد ابتہٕ چہٕ اکی سے وَتہٕ پیٚٹھ آسی پتہٕ گیٚے اختلاف پادٕ۔ پتہٕ سوٗزی خدایَن اکھ اکِس پتہٕ نبی تِم آسی رٕژَن عملَن ہنٛدین نتیجَن ہنٛز خوشخبری دِوان تہٕ بدعملَن ہنٛدِ نتیجہٕ نِشہٕ کھوژناوان۔ تیٚمہٕ سوزن تِمن سٕتی کتابہٕ یِمَو زَن تِمن کتھن ہنٛد ژَرِن فاصلہٕ یِمَن مَنٛز لوکھ پانہٕ وٲنۍ اختلاف کَران چھِ۔

# ارتقأیی نظریہٕ چھنہٕ خدایہٕ سٕنٛزِ ہستی ہنٛدِس اعتقادس مَنٛز بٔکہٕ تِہنٛدین صِفتن ہنٛدین تصوٗراتن ہنٛدِس مطالعس مَنٛز مدد دِوان۔

خدایہٕ سٕنٛزِ ہستی متعلق چھنہٕ وونی کُنہِ ہِمہٕ صدی ہنٛدِس ارتقأیی نظریس کانٛہہ تہٕ اہمیت باقے روٗزمٕژ تہٕ سہٕ چھُ گیٚمِتس بحثس تہٕ تنقیدَس مَنٛز سیٚٹھاہ کَم مدد ہیکان دِتھ۔ مگر یوٗت تام انسان سٕندین تِمَن تصوٗرَن ہُنٛد تولُق چھُ یِم خدایہٕ سٕنٛدین صفاتَن نقش بناوان روٗدی مِتی چھِ۔ اسہِ چھُ ارتقأیی نقطۂ نظریہٕ نِشہٕ ضروٗر مدد میلان تکیازِ اَتھٕ نِشہٕ چھِ گژھان تصوٗراتن ہنٛدِ پھانٛپھہٕ لنٛگ اکھ تیٚتھ سِلسِلہٕ موجوٗد یِمہٕ چہٕ ارتقأیی کرِ ہ

اکھ اکِس نِشہٕ جُدا کٔرِتھ ہیکوکھ تہٕ اُسی ہیکوٗ تِم مُو درجو پیٚٹھہٕ ہیٚرمِس درجن کُن ٹکِتھ۔ باسان چھُ زَن انسان سٕنٛدین مٲدی تصوٗراتن ہنٛدی پأٹھۍ تِہنٛدین خدا پرستی ہنٛدین تصوٗراتن تہٕ وارٕ وارٕ ارتقاہک سِلسِلہٕ پکہٕ وُن روٗدمُت۔ تہٕ پاوِ پاوِ ادنیٰ پیٚٹھہٕ اعلاہس کُن تہٕ سَنہٕ پیٚٹھہٕ تھزرس کُن ترقی روٗزمٕژ سپدان۔ یِژی پأٹھۍ اَمہٕ ہانکلِہ ہنٛد گوڈنیک کوٚرٕ لَبُن چھُ مُشکِل تکیازِ یوٗت پیٚتھ پیٚتھ بکو تیوٗت چھُ تأریخک گاش گوٚٹہٕ گژھان۔ تہٕ وچھِو تہٕ

نبوٗ تِچ زَبان نہٕ چھےٚ تفصیلات دِنہٕ نٕش
خاموش۔ تو تہِ چھِ قومَن نہٕ جمأٔژَن ہِند مختلف
زَمانہٕ اَسہِ برونٛہہ کنہِ۔ تہِ تمو سٟتی ہیکو اُسی
اَمہِ ہانکلہِ ہنٛدی مختلف کٔری لٟبتھ۔ اگریم سآری
کٔڑی نآرتِچہِ تربیتہٕ سو نبہ۔ راونہٕ ین صاف یِہ
بوزُنہٕ زِ اَمہِ ہانکلہِ ہنٛد ییتم تہٕ ساری کھوٚنہٕ
ترقی یافتہٕ گوٚر چھِ سُے یُس قرآنَن اِنسانَس
برونٛہہ کُن اوٚنمُت چھُ۔ مگر یاد تھوٚوِزِ یٚیتہِ
نَس چھُ خدایَس ہنٛدِ تصوٗرٕ نٕش مراد
تِہنٛدین صِفاتن ہُنٛد تصوٗر۔ تِہنٛزِ ہستی ہُنٛد
اعتقادنہٕ۔۔۔ خدایہٕ سٕنٛزِ ہستی ہُنٛد
اعتقاد اوس نہٕ انسانہٕ سٕنٛدِ ذیہنچ
پٲدٲشی پٮ۪تھ زَن ذیہنس کٔس بدلنس سٟتی
سہٕ تہِ روزِ ہا بدلان۔ بلکہ اوس سُہ
تِہنٛدِ فِطرتُک اکھ احساس تہٕ وجدانی احساس
ییٚتھ چھُنہٕ ذیہنُک تہٕ فکرِ ہُنٛد کانہہ

اثر پیوان نہٕ۔ نہ چھُ نیٚبرِم اثر تتھ بدلاو تتھ
ہیکان۔ مگر انسان سٕنٛز عقل چھےٚ ذات
مُطلق (یانے خدایِہ سٕنٛزِ کُنی ذات) کہٕ تصوٗرٕ
نٕشہٕ عاجز۔ ییٚلہِ سو کُنہِ چیزُک تصوٗر چھ
پٲدٕ کرٕن مگر تصوٗرس مَنٛز چھِ صِفتے
پیوان تہٕ صِفتن ہِنٛد جمع تفریقہٕ سٟتی چھ
سُہ تتھ چیزُک تصوٗر سجاوان۔ ادِ ییٚلہِ
فِطرتُکی اَنٛدرِم جذبَن اکھ تھٕز کھوٚتہٕ تھٕز ہستی
ہنٛد اعترافُک شوق پٲدٕ کوٚر اَتی ہیوت ذیہن
تمیُک تصور سجاوُن۔ مگر ییٚلہِ تصوٗر کٔرُن سُہ
اوسنہٕ تِہنٛدِ ذاتُک تصور۔ بلکہ اوس صِفتن
ہُنٛد تصوٗر تہٕ صفتو مَنٛزِ تہِ تمہٕ نے صفتن ہُنٛد
تصوٗر یمَن ہند انسانہٕ سٕنٛدی ذیہن خیال
ہیوٚک کٔرِتھ۔ اَتی پیٚٹھ ہیوٚک خدا
پرستی ہنٛدس فِطری جذبس مَنٛز ذیہن
تہٕ فکرِ دخل دِیُن۔

## انسٲنی عقلہِ ہنٛز لاچاری:۔

انسانہٕ سٕنٛز عقلِہ ہنٛز کام چھےٚ
محسوساتن ہنٛدِس دایرس مَنٛزِ ہنٛد
اوٚسے چھُنہٕ تُہنٛد تصوٗر اَمہِ دایرٕ نیبر

قدم ہیکان کٔڈِتھ۔ ییٚلہِ سُہ کُنہِ تتھ چیز
تصوٗر کرِ یُس نہٕ وُچھنہٕ یِیہِ تہٕ نہٕ گژھِ
محسوس نہٕ ضوٗرٕ ژین اکھ تصوٗرس مَنٛز تمے

صِفَت پٮ۪ن سٕہ وُچھان تہٕ بوزان چھ یِم تہٕ
ذایقہٕ تہٕ لامسہ کہ حِسہٕ تِہٕ نِبر چھ اَوٕ پَنہٕ
یُن نامنہٕ تُسُند ذیٛہن تہٕ فِکر وٲتنہٕ ہیٚکان
چھُ۔ یِہ چھُنہٕ اَکی ساتہٕ نِنیومُت۔ بلکہ چھُ سہٕ
واریاہ کالکہِ پَھانچھ لِنکُ تہٕ وۄتلنگ نتیجہِ
گوڈٕ گوڈٕ اوس تسُند ذیٛہن شُرِ ہِلہٕ منز تہٕ
اوے آسی تِہندی تصوُرات تہٕ نِمی قِسمک آسان
پتہٕ یوٗت تس تہٕ تِہندس ماحولس منز ترقی
گیہِ گژھان، تُسند ذیٛہن تہٕ گو ترقی کران تہٕ
ذیٛہنچہِ ترقی تہٕ صاف یہ سیتی آیہ تِہندین تصوُرن
منز تہٕ شایستگی تہٕ تھزر۔ امیک قُدرتی
نتیجہ دراو یہ زِ انسان سُندی ذیٛہن بناو
خدا یہ سِنز تِیژھے شکل تہٕ صوٗرت یِیژھ
نِمی تہٕ تِہندی ماحولن پادٕ آس کرمژ۔ تہٕ یوٗت
تِہنزِ فِکرِ ہِند معیار بدلان گو تیوٗت گو سہ تِنس
معبوٗدس تہٕ شکل بدلاوان۔ تس آس پننہٕ فکرِ
ہِندس آنس منز اکھ شکل بوزنہٕ یوان تہٕ سہٕ
اوس زانان زِ یہ چھے تِہندس معبوٗدٕ سِنز شکل
حالانکہ سو آس تہٕ تِہندس معبوٗدٕ سِنز شکل
سہٕ اوس تس پننی ذیٛہنک تہٕ صِفتن ہِند
پرٛدٕ۔ انسانی فِکرِ ہِنز گوڈٕ نچ لاچاری آس
یِہےٚ یوسہٕ اَکھ وۄنہٕ منز بڑٕ وۄنٹھ آیہ ۔

"حرم جویاں درے رامے پرستند
فقیہاں دفترے رامے پرستند
برافگن پردہ تا معلوم گردد
کہ یاراں دیگرے رامے پرستند"

"عابد چھُ نمان آستانن
عالِم چھ نمان کتاب خانن
تُل پردٕ تہٕ تھوٚد تہٕ وار ڈیشکھ
ساری چھ ہیٚمتی غلط گمانن"

یہ آے چھےٚ سو لاچاری یمہِ نِشہٕ نجات
دِنہٕ خاطرٕ خدا یی وحیک ہدایتھ ہمیشہ یوان
نیران روزٕد۔

(بہر حال انسان سُندین ساری نِہ تصوُرن
ہِندی پاٹھی چھ خدایی صفاتن ہِند تصوُر تہٕ
تِہنزِ ذیٛہنی تہٕ معنوی ترقی سیتی ترقی روزٕد مُت
کران)۔ انبیاے کرام علیہ السلام ہِند دعوتچ
اکھ بُنیادی خاصیتھ چھےٚ یہ روزمژ زِ سو
چھےٚ ہمیشہ خدا پرستی ہنز تالیم تِیژھے شکلہِ
تہٕ تِتھی سے اندازس منز دِژمژ یِیژھ
شکلہِ تہٕ انداز کہ سمجنک تہٕ یتہٕ راونک
طاقتھ یمہ کین مخاطبن منز پادٕ اوس گومُت

تم آسی اِنانی جماژ ہیندی "معلم" تہٕ "مربی"
معلم سُند فرض چھُ زِ ژاٹھن منٛز ییٚمہ قسمُک
استعداد آسہِ تمے قسمُک تہٕ درجُک دِیکھ سبق
لہٰذا انبیاءِ کرام اوسہٕ یُس وقتہٕ وقتہٕ خدایہ
سِندین صِفتن ہنٛز تالیمہ ہُنٛد طریقہٕ درتوو
سہٕ اوس نہٕ تمہِ ارتقاہُک سلسلہٕ نٔشہ نیبر
بلکہ چھُ سہٕ تمہِ کی مُختلف کڑی بڑوٕنہہ کُن
انان۔

ییٚلہِ اُسی ارتقاہس اتھ سارس ہیہ
سِلسِلس پیٹھ نظر چھِ تراوان تہٕ امہ
کہن فطری عناصرن ہیٚون ہیٚون وُچھان چھہٕ اَیہ
چھُ مولوم سپدان زِ یوٚد وے یم ہیکو کھ بے شمار
قِسمن منٛز باگرتھ مگر ارتقائی نقطہٕ چھِ ہمیشہ
نٔرے آسی ہتی۔ تہٕ تمہٕ وے سیتی ہیکہ
امہ سِلسِلک گوڈ تہٕ اَند (ابتدا تہٕ انتہا)
مولوم گژھتھ۔

(۱) مجسمہ پیٹھٕ تنٛز یہس کُن (مجسم گو خدایس
نسبتھ تنٛتھ تصور کرُن قایم زِ تس چھُ
مخلوقن ہندی پاٹھی جسم تہٕ صورت۔ تشبیہ
گو زِ تہندی صِفت تہٕ چھِ تتھی ییٚتھی مخلوقاتن
ہِندی چھِ۔ تنٛز یہ نٔشہ چھُ مُراد زِ تمو سارِوے
کنھ نٔشہ ییٚمہ تس مخلوقاتن ہوی کرُی آسن
یا تہنٛز پاکیہ (پاکی) تہٕ قدوسیتس تہٕ
عظمتس تہٕ کبریائی خلاف آسن تموٚ نٔشہ
پاک زانُن۔ انگریزی یس منٛز چھِ تجسیم خاطر
Anthropomorphism تہٕ
تشبیہ خاطر Anthropophusim
اصطلاحات استیمال سپدان۔

(۲) تعدادٕ تہٕ شِرکہ Polytheism
نٔشہ توحیدس Monotheism کُن۔

(۳) قہر تہٕ جلالہٕ کیو صِفتو نٔشہ رحمتہٕ کہن تہٕ جمالہٕ
کہن صِفتن کُن یانے تجسم تہٕ قہر بٔرتن صِفتن
ہُنٛد تصور چھُ تُسند گوڈنیکی تصور تہٕ تہنٛز
رحمتہٕ تہٕ جمالہٕ کہن صِفتن ہُنٛد تصور چھُ اعلا تہٕ
کامِل درجُک تصور۔ یُس تصور یوت گوڈنیکی
تہٕ کم ترقی پرووُمت چھُ تیتھے منٛز چھُ تجسم تہٕ
قہر بٔرتن صِفتن ہُنٛد تیوٚتاہ زیاد حِصہ
تہٕ یُس تصور یوت زیادٕ ترقی پرووُمت
چھُ تیوت چھُ سہٕ زیادٕ منزّہ تہٕ رحمتہٕ کیو
تہٕ جمالہٕ کیو صِفتو سیتی بٔرتھ۔

# اِنسانٕ سٕندِس تصوٗرس کیٛازِ لوٗگ قہرٕ تہٕ جبرٕ کین صِفتن ہِندِ خٲلبہٕ گوڈ سٕتی؟

اَمیُک وَجہ چھُ نوٚن ـ کاینات تہٕ کہ فِطرتُک
تٲمیر چھُ تخریب کَرِس پَرٕ دَس مَنٛز ژورِ اِنسٲنی
فطرتکی لوٗکچارِ ہیوٚک نہٕ تٲمیرُک حُسن وُچھنہٕ
تہٕ تخریب چہٕ تباہی بہٕ وُچھنہٕ نٔژر یوٗت ـ
تٲمیرُک حُسن تہٕ جمال وُچھنہٕ خاطرٕ آس عقلہٕ
ہِنٛز زیچھِ نظرٕ ہِنٛز ضروٗرت ـ تہٕ سوٚ آس
نہٕ وُنہٕ تہٕنٛزن اَچھن مَنٛز پادٕ گمٕژ ـ یتھ کنہٕ
دُنی بہہس مَنٛز پیٚٹھ چیز کَس یُن اکھ مزاج
آسان چھُ تیتھے کنی چھُ پیٚٹھ کامہٕ ہِنٛز شکلہِ
مطابق تمیُک مزاج تہٕ آسان ـ تباہ چھے
اکھ تیژھ حالتھ ییمیُک مزاج سکوٗن تہٕ
خاموشی یاد آژ چھے تہٕ بگاڑ چھے اکھ
تیژھ حالتھ ییمیُک مزاج شوٗرِش تہٕ
تباہی چھے ـ بناو چھُ ایجاب یہ چھُ نظم ـ یہ چھُ جمع
تہٕ ترتیب ـ بگاڑ چھُ سلب ، بد نظمی ، تفرقہٕ
تہٕ انتشار ـ سوٚ نبرٕ ژٕنہٕ تہٕ ترتیب ، حالتھ چھے
سکوٗنٕچ حالتھ ـ دٕوٗس (دیوار) ییمہٕ
وٕزبان چھے توٚ یہ چھا کانٛہہ شوٗر باسان ـ
مگر ییمہٕ وِزِ دٕسی چھے پیوان ، تمہٕ وِزِ چھُ
گرٕزن گرٕژھان تہٕ توٚہی چھِو تھوٚدٕ گرٕژھان دُتھ
اَمیُک نتیجہ چھُ نیران ژِ حیوانی طبیعت چھُ
سلبی کامہِ ہُنٛد فوٗرَن متأثر گرٕژھان تکیازِ
تہٕنٛدس نَنرس مَنٛز چھُ فساد تہٕ تباہی ـ مگر
ایجابی کامہِ ہُنٛد اَثر رٹہٕ تس مَنٛز چھُ ژیر
لگان ـ تکیازِ تہٕنٛد حُسن تہٕ جمال چھُنہٕ یکدم بوز
نہٕ یوان تہٕ تہٕنٛد مزاج چھُ شوٗرِشہِ بجایہ خاموشی
تہٕ سکوٗن ـ [چنانچہ توٚہی چھِو وُچھان ژِ انسان
سٕند شُر آسی تَن یا حیوان سٕند بچہ یِم چھِ کھوژان
زیادٕ تہٕ سوی گرٕژھان دار یاہ کٲلی ـ گوڈنیُک
اَثر ییُس تمِ رٹَن سُہ آسہِ خوفُک ـ اُنٛشکُک تہٕ
موحبتُک آسہِ نہٕ]

یوہے اوس وجہ زِ بیٚلہِ انسٲنی عقلہِ
پننس لوکچارس مَنٛز اَچھی مُژرٲوِ سوٚ گیہِ فطرت
کہ کایناتکی مُظاہر وُچھتھ فوٗرَن متأثر تکیازِ
تمِ آسی زیادٕ نٔنی تہٕ شوٗر برٕتی ـ تہٕ ایجابی تہٕ
تٲمیری حقیقتن ہِنٛد اَثر رٹنس مَنٛز لوٚگ
ژیر ـ تکیازِ تمن مَنٛز اوس نہٕ شوٗر تہٕ ہنگامہٕ
اوٚبرٕ چہٕ گگرایہ ـ وُزملہٕ ہِنٛز ٹاسہ رارے

آتش فشان بالن ہُنْد نار ژھٹن، زمینکی بنلی آسمانک ڈوٹھ تہٕ روٗد، دریاوک سیلاب تہٕ سمندرک طوفان یِمن سارِنی سلبی مُظاہرن منز اوس لُکن کیوت رعب تہٕ ہیبتھ۔ اتھ ہیبتس منز آسی تمی اکِس خوفہٕ وآلِس تہٕ غضبہٕ برِی لُکس خدا یہ سٕنز صوٗرت وُچھنی ہیتشمژ۔ تمِس اوس نہٕ وُزملن منز کانْہہ حُسن باسان تہٕ نہٕ اوس گگراین منز کانْہہ کشِش لبان۔ سہٕ ہیکہِ ہانہٕ آتش فشان بالن ہِنْدِس گنہ روٗدس سیتی موجبنہٕ کرِتھ۔ نہٕ تہٕنز عقل آسِس وُنہ خدا یہ سٕنز وِیمہٕ وِسے کامبوٗنشِ واقف گئمژ۔ گوڈ گوڈ اوس تُہُنْد ینِن زندگی گذارنک طریقہٕ تہٕ یُتھے یتھ منز انسہٕ نہٕ موجبنہٕ بجائے خوفکی تہٕ وحشتکی جذباتھ وُبرہن۔ سہٕ اوس کمزور تہٕ چھنہٕ آکھو تہٕ دُنی یہک پئرتھ کانْہہ چیز اوس لُکس دشمنی تہٕ ہلاکتس پیٹھ تیار یوان بوزنہٕ۔ ڈیٖمبن ہِنْدی مُہ آسی پئرتھ طرفہٕ نژان۔ زہریلہٕ جانور آسی پئرتھ جایہٕ پکان۔ درِنْدن ہِنْدِن حملن ہُنْد اوس پئرتھ ساتہٕ پیوان مقابلہٕ کرُن

کلس پیٹھ آسِس تاپہٕ کرٕلے۔ تہٕ پئرتھ طرفہٕ اوس موسمک اثر خوفناک۔ غرض تہٕنز سارے زندگی آس جنگ تہٕ میٖحنتھ تہٕ اَمہِ ماحولک قوٗدرتی نتیجہ اوس یہ زِ تہٕنْد ذیٖہن بیٖلہ خدا یہ سُنْد تصوُّر اوس کران۔ سہٕ اوس خدا یہ سٕنْدِن یِمہٕ نی تباہیٖن کُن گژھان تہٕ رحمتک تہٕ فائضک تصوُّر اوس نہٕ ہیکان کرِتھ۔ مگر یوٗت تُہُنْد ماحوٗل بدلان گو تہٕنْدِس تصورس منز تہٕ گو ناوِمیدی تہٕ خوفہٕ بدلہٕ وِمیدک تہٕ رحمتک حِصّہٕ رلان۔ یوٗتام تھ معبوٗدیتہٕ کِس تصوّرس منز رحمت کیو تہٕ جمالہٕ کیو صِفتو ترٕشھے جاے رُٹ ییٚژھ قہر کین تہٕ جلالہٕ کین صِفتن کرٕ آس۔ چنانچہ اگر اُسی پرانین قومن ہِنْدِن بُت پرستانہٕ تصوراتن ہُنْد مُطالعہ کرو اُسی وُچھو زِ تِہنْدگوڈ چھ پئرتھ جایہٕ غضبہٕ تہٕ قہرکین تصوراتن پیٹھ لوٗگمُت تہٕ پتہٕ چھِ وارہٕ وارہٕ رحمتہٕ کین تہٕ جمالہٕ کین صِفتن کُن تہٕ قدم دوٗہمت تہٕ پوٗتس یِہ بوزنہٕ زِ قہر تہٕ غضبہٕ کین صِفتن سیتی چھ رحمتہٕ کین تہٕ جمالہٕ کین صِفتن تہٕ برابر جاے میٖجمژ۔ مثلن قہرکین دیوتاہن

تہٕ قوتن ستی چھہ زندگی، رزقہٕ، دولتہٕ، حُسنہٕ تہٕ علمہٕ کیٚن دیوتاہن ہنٛز پرستش تہٕ شورٕ وُگنِتھ۔ یونانک پوتلی علم چھہ پننہِ تخیلہٕ کہ میچھرِ کِنی سارٕنی پوتلی تخیلاتن منٛز اکھ خاص جاے تھاوان۔ مگر تمہٕ کہِ پوٗزا یہٕ ہنٛدی پرآنی معبودن تہٕ آسی تمیے ییم قہرکرتہٕ غضبکی خوفناک قوت زانتہٕ آسی یوان۔ ہندستانس منٛز چھہ وُنہٕ تہٕ زندگی تہٕ بخشاآشی ہنٛد پو دیوتاہو کھوتہٕ زیادہ ہلاکتہٕ کیٚن دیوتاہن ہنٛز پوٗزا یوان کرنہٕ۔

## قرآن کہ ظہوٗرٕ وِزِ دُنیہکی عام تصوّرات

خارآسہِ پزِ سونچن زِ قرآن کہِ نازل گژھن وِزِ کیٚشا آس خدائی صِفتن ہنٛدِ تصوّرٕ چ عام حالتھ۔ تہٕ قرآنَن یُس تصوّر بروٗنہہ کُن اوٚن تمیُک حیثیت کیا چھے قرآن نازل سپدنہٕ وِزِ آسی پانٛژھ مذہبی تصوّریم انسانی فکرِ نال وُلِتھ آسی۔

۱- چینی۔ ۲- ہندوستانی ۳- مجوسی۔
۴- یہودی تہٕ ۵- مسیحی۔

## ۱- چینی تصوّر

دُنیہکیٚن سارِنے پرانیٚن قومن منٛز چھہ چیٖنیَن ہنٛز یہٕ خصوٗصیت ماننی پیوان زِ تہنٛدی الوہیتکی تصوّرن یوٗسہٕ سادٕ تہٕ مُبہم شکل گوڈٕ گوڈٕ رٹمٕژ آس سوٗ ووٗنیسکھ تام پٔتہٕ تہٕ موجوٗد۔ تہٕ پتہٕ ییمہٕ زمانن نوِ نوِ شکلہٕ بروٗنہہ کُن آنہِ تمو ہیوٚکنہٕ اکھ ہیٚنٛھ زیادٕ اثر ترٲوِتھ۔ تونہِ ہیکِہ تہٕ تصوّرٕ چ کانٛہہ تہٕ شکل رنٛگ و روغنہٕ وَرٲے بنِتھ۔ اوٚ سببہٕ ہیٚتنِ اکھ سادٕ خاکس منٛز تہٕ بیوٚن بیوٚن رنٛگ دِتھ تِلنی تہٕ پوٚتس بنیوٚو یہٕ اکھ رنٛگیٖن تصویر۔

چینس منٛز اوس قدیم زمانہٕ پیٹھے مقامی خداین ستی اکِس آسمانی ہستی ہنٛد اعتقاد تہٕ موجوٗد۔ اکھ ترِژھ ٹھٕز تہٕ بڈ ہستی ییمہِ ہنٛدِ تھٕزرُک تصوّر کرنہٕ خاطرٕ آسمانہٕ وَرٲے اُسی کُنہِ کُن نظر ہیکو نہٕ تُلِتھ۔ آسمانس نِش چھہ حُسن تہٕ بخشاآشی تہٕ تہٕ قہر تہٕ غضب تہٕ۔ تمی سُنٛد آفتاب چھہ گاش تہٕ گرمی دِوان۔ تمی سُنٛدی نارکھ چھہ اَنہِ گٹہِ

رآژن منز ژانگی زالان۔ تِمی سُند روٗد چھُ
زُمینس قِسمہ کھو وہ پدن والیو
چیز وسیتی بران۔ مگر تِمہ چہ ترٹہ چھے
ہلاکتکی پاغام تہ تِمہ چہ گگرایہ چھے دِلس
آلہ الہ تُلان۔ اَدٕ سبہ گیہ آسمانی خدایہ
سِندِس تصورس منز تہ دوٕ نوے صِفت
شُنی۔ اکِہ طرفہ چھے تَسُنز سخاوَت تہ
بخشاشی تہ بییہ طرفہ چھُ تَسُنڈ قہر تہ
غضب چینی شاعری ہنز پرانہ کتابہ
منز چھِ اُسی ساری کھوتہ پرانین چینی
تصورانن ہنز پرٕ وُ چھِتھ ہیکان۔ یِمَن
منز چھِ اَسہِ جایہ جایہ تِتھی تقریر لبنہ یِوان
یِمَن منز آسمانی عملن ہِنٛدِ بِن یِمَن مُتضاد
مظاہرَن پیٹھ حَیرانی تہ پریشانی ہُنٛد
اظہار چھُ آمُت کرنہ "یہ کیاہ وَجہ چھُ زِ
چانین کامین منز چھُنہ ہِشر تہ کُنہ ژھکھ
زندگی تہ دوان تہ ژے نِشِ چھے ہلاکتہ چہ ترٹہ
تِہ یہ آسمان" بنیٛو وِ چینی تصورک اکھ تیتھ
بُنی یادی جُز زِ چینی قومَن پیو آسمانی قوم تہ
چینی سلطنتس پیو آسمانی سلطنت
ناو۔ روٗمین بیلہِ گوڈنی چینس سیتی
زان گیہ تِمَن آس اکہ آسمانی سلطنچ خبر
واتِمژ۔ اَتہ پیٹھ ہیتِن (coelum)
نِشہ نیرن والی لفظ چینکہ خاطر استعمال
سپدنی۔ یانے آسمانہ والی تہ آسمانی
وُنہِ تہ چھُ انگریزی یس منز چینہ کِہن روزن
والین ہِنٛدِ خاطر مجاز اُسلے شُل"
(celestial) لفظ وَرتاونہ یِوان۔ یانے
آسمانی مُلککی روزن والی۔ اَمہِ آسمانی ہستی
ورآے آسی گُذریمتین انسانن ہِنٛدی رُوح
تہ یِمَن دوٗ یمیس عالمس منز واتِتھ تدبیر کی
تہ تصرفکی طاقتہ حاصل گمژ آسی۔ پرتھ
خاندانس آسی پننی معبوٗد روٗح تہ پرتھ
علاقس اوس پنُن مقامی خدا۔

## لاوٗ تزوٗ تہ کنگ فوزی سُنز تالیم

مسیحی سنہ نِشہ پانژھ ہتھ وری برونٹھ
سپُد لاوٗ تزوٗ (Lao Tzu) تہ کنگ فوزی
(Kung - Fu - Tse) سُنڈ ظہوٗر۔ کنگ فوزین
ہاوُ مُلکس عملی زندگی ہنزن سعادتن کُن
وتھ تہ بییہ دِتنکھ لسنہ بسنکہ کِہن حقوٗقن
تہ فرضن ہِنٛدِ نکھ والنگھ قونوٗن۔ مگر یوٗت تام

خدایہ سٕنز ہُسنی ہُند تولُق چھُ آسمانک پرٛون تصوٗر روٗدِ ہِنٛنہِ جایہ موجوٗد۔ تہٕ اجداد پرستی ہِنٛدۍ عُقیدن کرٛاتھ سیٛتی دلِتھ اکھ ترٛتھ حالت پاد زِنتہ آسمانی خدایس تام واتنُک ذرٛیعہ چھُ گذریمٕتین روحن ہُند وُسیلہ تہٕ شفاعت۔ روحانی تصوٗراتن منٛز چھُ وسیلُک اعتقاد ہمیشہ عابدا تہٕ پوزایہ ہنٛز صوٗرتھ پاد کران۔ چنانچہ یہ وسیلہ داری تہٕ آس عملن عبادت گذاری تہٕ پرٛتھ قسمہ چین عملن تہٕ رسمن ہُند مرکز بنیمٕژ۔

ہندوستانس تہٕ یوٗنانس منٛز آسی دیوتاہن ہنٛدی تصوٗرن ترقی لبمٕژ۔ یم خدایٔ ہنٛز اکِس تھزٕ ہُسنی سیٛتی دُنیہک کارخانہٕ پکناوس منٛز شریکھ آسی چینی تصوٗرن منٛز آسی دیوتاہن ہنٛدِ بدلہ بزرگن ہنٛدی روح اَتھ جایہ تہٕ ییتھ کُنی بنے یہ اشتراک تہٕ تعُدد کہِ تصوٗر سیٛتی اکھ پوٗرٕ تصویر۔

کُنگ فوزیس برونٛہہ اوس قوربانین ہُند عام رِواج۔ کنگ فوزین یوٗد وۓ یمن پیٹھ زور دیُت تہٕ مگر یمن پیٹھ کوٗرن نہٕ کانٛہہ اعتراض تہٕ۔ لہاذا روز یم چینی منٛدرن ہنٛدی ضروٗری تھہ پوٗرٕ کران۔ قوربانین ہنٛدِس رسمس پتہٕ کنہٕ آسی بخشاشی ژھانڈنٕکی تہٕ حِفاظتھ حاصل کرنکۍ دوشوے تصور کام کران۔ قوربانیو سیٛتی ہیکہ اُسی پننی مقصد تہٕ حاصل کرِتھ تہٕ خدایہ سٕند قہر تہٕ غضبہ نشہِ تہٕ بچِتھ۔ گوڈِنکہ غرضہ خاطر چھہ یم نذرانہ تہٕ دوٚیمہ غرضہ خاطر فدیہ۔

لاوٗتزوہن ترااو "تاو" یانے "طریقت" کہ مسلکچ بنیاد۔ یہ گژھہ چینُک تصوف تہٕ ویدانت زانُن۔ تاوُہن کرُ چینی زندگی روحانی استغراقہ تہٕ داخلی مراقبہ، نِشہِ واقف تہٕ مذہبی تہٕ اخلاقی تصوراتن منٛز گواکہ طرفہ سنٛزرتہٕ زاو جار پاد تہٕ بیٛیہ طرفہ گیئہ فکرہ ہنٛز تہٕ خیالچہ نوٚو نوٚو تہٕ یلہ۔ مگر تصوف ہیکہ ہاہ ملکک عام دینی تصور بنِتھ۔ اُمیچ ژھوٗٹ جاے روز چینس میسر تہٕ سوۓ یوسہ ویدانچ ہندِن منٛز تہٕ تصوفچ مُسلمانن منٛز روز مژ چھے۔

## چینُک شمنی تصوٗر

[سنسکرت زبانی منٛز چھہ "شمن"

زآیدٕس تہٕ ترک دُنی یا کرن وٲلِس وَنان
بُدھ مذہبکہ تارک دُنی یا آسی آمی ناوٕ مشہوٗر
وارٕ وارٕ ییہو سارِنے بُدھ مذہب کین پیٖرَون
یوٚہے ناو۔ اُتھی شمنی یَس ہنود عربو "سمنی"
تہٕ وسط ایشیاہکیو "شامانی"۔ چنانچہ رٕ یا
رازی۔ البیرونی تہٕ ابن الندیم چھ بُدھ مذہبُک
ذکر "سمنیہ" ناوٕ سیتی کران۔ البیرونی چھُ
بُدھ مذہبہٕ کہِ عالمگیر تبلیغ نِشہٕ تہٕ واقف
ییٚمیچ شمی کتاب الھند کیِس گوڈنکِس بابس
منٛز ذکر چھےٚ کرٕمٕژ۔

چنگیز خانس متلق چھُ مولوم
سپدان زِ سُہ اوس شامانی مذہبُک یا رو
یانے بُدھ مذہبُک۔ چونکہ شامانی تہٕ بُدھ
مذہب اکوے آسنک علم اوسہٕ نہٕ ثبوٗت
اوسہٕ گیہٕ کنُوہی مہ صدی ہندین کینٛژن یورپی
مورخن وار یاہ غلط فہمی تہٕ امیُک صحیح مطلب
توٚر کھ نہٕ فکرِ۔ یہ غلط فہمی چھےٚ اَز تہٕ بوٚرتہٕ کین
عام لکھارین۔ شمالی سائبیریاکہِ تہٕ چینی
ترکستانکہِ ہمسایہ علاقن ہندی توٚرٲنی
قبآلی چھ پنہٕ نین مذہبی پیشواہن (یم تبتی لامن
ہندی پاٹھی مُلکی پیشوا چھ) شامان وَنان۔
یم تہٕ چھ بُدھ مذہبہٕ کی مانن وٲلی مگر یہند بُدھ
مذہب چھُ منگولن ہندِ مذہبچ اکھ مسخ گیمژ
صوٗرتھ۔ لہٰذا چھےٚ اصلیتچ کہہِ ہنا اتھ منٛز
باقی تہٕ اوے چھُ یہند مذہبی اصلیتنک
اُزیکیو لکھاریو چارٔ آنی سان ذکر کوٚرمُت
انگریز چھ اتھ توٚرآنی قبالین ہُند مذہب
زآنتھ شے منٛزم Shamanism
وَنان تہٕ جادوگری ہنٛدٕ رَن کاہن Shamanic
تہٕ Shamanistic وَنان۔ یہ شیمن تہٕ
چھےٚ "شامانی" تہٕ "شمن" چی اکھ بدلے
مژ شکل۔ چونکہ یمن قبیلن منٛز چھ جادوگری
ہُند اعتقاد عام تہٕ تِم چھ پنہٕ نین شامانن
اتھ بیمارین ہُند علاج کرناوان۔ اوسہٕ
آو جادو خاطرٕ یہ لفظ ورتاوس منٛز۔

اَمہِ پتہٕ آو سُہ زمانہٕ ییلہِ
ہندوستانک شمنی مذہب (یانے بُدھ
مذہب چینس منٛز پھاٚلیو یہ اوس مہایانا
Mahayana بُدھ مذہب یُس مذہبہٕ
چھو بنیادی کتھو نِشہٕ وار یاہ دوٗر یوٚمُت
اوس تہٕ یمی بدلیٚ ترٕ ژھ خاصیتھ یادٕ
کرٕمژ آس زیٚنیتہٕ یتھ قالب بنیوس تِتہٕ

تِہٕ شکل رُٹھ ۔ یہ ییلہِ چین، کوریا تہٕ جاپان
ووت اَتہٕ لوٚب اُمی ہندوستان نہٕ لنکا نشہِ
مختلف فِضا تہٕ رُٹھن اَکھ تیچ شکل ۔

بُدھ مذہبس متعلق چھُ یُقین یوان کرنہٕ زِ یُس چھُ خدا یہِ ہندِ تصورٕ نِشہِ خٲلی ۔ مگر بُدھ ہِندیو پٲروَو دِژ بدھ سے خدا یہ ہنز جاے ۔ تہٕ یہنز پوزا یہ ہند کورُکھ اکھ تِیتھ عالمگیر نظام قٲیم یمیُک کانٛہہ قدیم مثال بُت پرست مذہبن ہندِس تارِیخس منز چھِنے نہٕ ۔ لہٰذا چین، جاپان نہٕ کوریاہکی عبادت خانہ نہٕ چھِ وونی اُمس نوٚس معبوٗد سِندیو پوتلیو سٟتی بٔرتھ ۔

## ٢- ہندوستٲنی تصوٗر:-

ہندوستان چھِ خوٗدٲئی تصورٕچ تارِیخ چھےٚ متضاد تصورن ہند اکھ حیرت انگیز منظر ۔ اکہِ طرفہٕ چھُ تمیُک توحیدی فلسفہ تہٕ بییہ طرفہٕ تمیُک عملی مذہب ۔ توحیدی فلسفن کٔرِ فکرن تہٕ عملہِ ہند استغراقکی سیٹھاہ ہے سٟتی تہٕ مشکل مرحلہ طے تہٕ مسئلہ وانہٕ نوٗن فکری بلندی ہندِس تتھ نفرس تام یُمیُک کانٛہہ دوٚیم مثال پرانین قومن ہندین تصوٗرن منز لبنہٕ چھےٚ نہٕ یوان ۔ عملی مذہبن رُٹ تعدد اِلاّ تہٕ اشتراکچ کھُلہٕ وَتھ تہٕ بُت پرستی ہندین تصوٗرن دیتُن تیوٗت رِواج زِ پرتھ کانٛہہ کُنی بنیہٕ یہ معبوٗد ۔ پرتھ گلی ہیٚنز خدائی گرنٕی نہٕ پرتھ کانٛہہ برانٛد کُنی بنیہٕ یہ سجدہ گاہ ۔ اَکی ساتہٕ کھوٚت یُس سیٹھاہ تھزرس کُن تہٕ زیاد کھوٚت تہٕ زیاد سنرس منز تہٕ ہیوٚد ستھ ۔ اَمہ کیو خاصکوٚر پانس کیٚتھ توحید پسند تہٕ عام کرٕنٛز آنکھ شر ڈیکھ تہٕ بُت پرستی ہنز وَتھ مناسب ۔

## اُپنشدُک توحیدی تہٕ وحدۃ الوجوٗدی تصوٗر:-

رگ ویدکین نغمن منز چھُ اُسی اکہِ طرفہٕ قودرتہٕ کین مظاہرن ہنز پوزا یہ ہندا ابتدٲئی تصوٗر وار وار پھٲلان تہٕ مجسم سپدان وُچھان تہٕ بییہ طرفہٕ چھُ اُکس سیٹھاہ تھزرتہٕ خالقِ کُل ہستی ہند توحیدی تصورٕ نہٕ دوٚتلان نظر یوان خوٗصوٗصن چھےٚ دہِمہ حصہٕ کین نغمن منز اَمہٕ چیز پرٕ وصاف بوزنہٕ یوان ۔ یہ توحیدی تصورٕ اوساکنہٕ سیٹھا پرانہٕ زمانہ گہ گذریمتہٕ نبی بادی

تصوّرک باقے رۄ دمُت حصہ کینہہ یہ اوس
قوٗدرتہٕ کِہن مظاہرن ہنٛدِ کثرتُک تصوٗر
وۄنی پانے گژھتہٕ پیٹھ وحدتکس انتہس
کُن پکُن ہیوٚتمُت۔ اَمیُک فاصلہ کرُن چھُ مُشکل
مگر بہر حال اُکِس تتھِس پرانِس زمانس مَنٛز
تہٕ ییٚلہ رِگ وید کیو تصوّرو نظمُک تہٕ شارُک
لباس لاگُن اوس ہیوٚتمُت چھےٚ توحید چھ
پژھ صاف صاف بوزنہٕ یوان۔ خدایَن
ہُنٛد سُہ ہجوم یمَن ہُنٛد تیداد ترسے ہَتھ
تہٕ ہِنٛز تژٕ نام وۄتمت اوس ہیٚتِن پوٚتس
نژن دائرن منٛز سمنی پانے زٕمین ،
شمنی پانہٕ تہٕ آسمان۔ تہٕ یتہٕ کر اُمی اکہٕ
رب الاربابی تصور چھ *Henotheism* شکل پادٕ۔
[حاشیہ :۔ رب الاربابی تصور چھ تتھ تصورس
وَنان ییٚلہ یہ خیال چھُ کرنہٕ یوان زِ وارِیاہَن
خداین منٛز چھُ اکھ خدا سارِوے کھوتہٕ
بوڈ تہٕ لوکٕٹین خداین چھُ تَس ماتحتھ روزُن
پیوان۔ ییٚتھ کُنی یوٗنانین تہٕ روٗمین ہنٛد
مُشتری لِس متعلق عقیدہ اوس ] پتہٕ چھُ یہ
رب الاربابی تصور بییہ ہن ژھوٗٹن ہیوان۔
تہٕ اکھ سارِوے کھوتہٕ بڈ تہٕ سارِنے پیٹھ

غالب ہستی تنی نیبرٕ ہیوان۔ یہ ہستی چھےٚ کُنہٕ
وِزِ "وردَن" شکلہِ منٛز نظرِ یوان کُنہٕ وِزِ
"اِنٛدر" تہٕ کُنہٕ اگنی منٛز بوزنہٕ یوان۔ مگر پوٚتس
چھُ اُکِس خالِقِ کُل ہستی ہنٛد تصوّر پاد گژھان۔
یَس پرجاپتی (پروردگارِ عالم) تہٕ وِشوا
کرمَن پانے (خالقِ کُل) ونہٕ چھُ یوان۔ تہٕ
یُس ساری کائناتُک اصل تہٕ حقیقتھ چھُ
سُہ چھُ کُنے مگر عُلماہ وٲلی چھِ تَس بیوٚن
بیوٚن ناو وَستی نادِ دوان۔ "اگنی" "یم" "ماتری
شوان" (۱۶۴-۴۶) سُہ کُن نہ چھُ آسمان نہ
چھُ زمین۔ نہ چھُ آفتابُک گاش، نہ چھُ
ہوٗہک طوٗفان۔ سُہ چھُ کائناتُک روٗح
سارِنے طاقتن ہُنٛد آگُر۔ ہمیشہ روزوُن
لازوال یُس کیا چھُ؟ سُہ چھُ شاید رٹ جوہر
چہ شکلہِ منٛز یُس چھا دیتی۔ روحانیتکِس لِباسَس
منٛز سُہ شہہِ ورآے شہہ ہینہٕ واجِبی
ہستی (دہیم حصہ ۱۲۱-۲) اُسی چھِن نہ سُہ
وُچھتھ ہیکان نہ چھِ تَس واتہٕ پاٹھی وُنتھ
ہیکان۔ (بیبیہ ۱۲۱) سُہ چھُ "ایکم است"
پانے بے نظیر حقیقتھ الحق۔ یزی کِنی چھےٚ یہاے
وحدت یوسہ کائناتکِس ساری سے کثرتس منٛز

وُچھتھ ہیکو

[حاشیہ - رِگ وید تہٕ اپنشدن ہُند مطلب
چھُ یمو کتابو منٛز حاصل گژھان:-

1) Max-Muller : دی ویدک ہیمز
The vedic Hymns.

2) Bloomfield : دی ریلیجن آف دی وید
The Religion of the ved

3) Kaegi : دی رگ، وید
The Rig ved.

4) Ghate : لیکچرز آن دی رگ وید
Lectures on the Rig ved

5) Deussen :- دی فلاسفی آف دی اپنشدس
The Philosophy of the Upnishads.

6) Hume :- دی تھرٹین پرنسپل اپنشدس
The Thirteen Principal [Upnishads.

تمہِ چھے تمہٕ بنیادی کتھ یموٚ اپنشدن منٛز توحیدِ وجودی Pantheism کہ تصورچ شکل رٹ - پتہٕ کرٕ ویدانتکی مابعد الطبیعات Metaphysics یمہٕ نے بنیادن پیٹھ

فکرِ تہٕ نظرِ ہٕنٛدِ محویت چہ بجہ کرِ تیار۔

وحدت الوجودی اعتقاد اوس ذاتِ مطلق کہن کشفی مشاہداتن پیٹھ دُرتھ نظری عقایدن اوس نہٕ اَتھ منٛز دخل۔ لہٰذا آسہٕ اَتہٕ نَس صفتن ہٕنٛدِ بیانٕچ کہین تہٕ گنجایش اگر آس تہٕ تۄنہٕ ہیکہٕ ہن صرف سلبی صفات Negative Attributes دۄ تلتھ ایجابی Positive صفات ہیکہٕ ہن نہٕ بیانس منٛز یتھ۔ یانے یہ ہیکہٕ ہو وُنتھ سہٕ چھُنہٕ یتھ مگر یہ ہیکو نہٕ وُنتھ زِ سہٕ چھُ یتھ تہٕ تیتھ۔ تکیثارِ ایجابی صفاتن ہُندیُس تہٕ نقشہٕ بناوُنہٕ ییہ سہٕ آسہٕ سانی ذیہنک تہٕ فکرٕ ہٕنٛد ہنو ومت۔ تہٕ سون ذیہن تہٕ سانی فکر چھے امکان تہٕ اضافت چہ چار دیواری منٛز یتھ کنی بَندِ۔ مطلق تہٕ غار محدود حقیقتک تصور ہیکہٕ نہٕ کرِتھ۔ سہٕ ییلہِ تصور کرِ ضۆرۆرا تہٕ مطلقس مشخص کرِتھ بزونہ کُن تہٕ ییلہِ تشخص آو اطلاق روُدنہٕ باقے۔ بابا نغانین چھے دون مصرن اندر امیچ پوٗرٕ تصویر کرمژ۔ "مشکل حکایتیست کہ ہر ذرہ عین اوست
اما نمی توان کہ اشارہ بہ او کنند" (فغانی)

ونن مشکل چھ پرنتھ کانہہ ذرٕ پانٕے

مگر تس ہیکہ کرِتھ تس کُن اشارہ ۔ مترجم

یوہے وَجہ چھُ زِ اُپنشدن وول گوڈٕ،

ذاتِ مُطلق (برھمان) ذاتِ مشخص (ایشور) کِس

درجس پیٹھ ییلہ اطلاق کَن تشخصُک نقاب

بُتھس پیٹھ ترٛاوِتھ آیہ اَمہ نقاب پوشس

رویکی صفات وبرٛونہہ تہ یتھ پاٹھی دیُت

وحدت الوجودی عقیدن ذاتِ مشخص تہٕ

متصف (ساگون) کِس تصورَس ہُنٛد مقام

تہ ہاوِتھ۔

ییلہ یمن صفاتن ہُنٛد اَسی مطالعہ چھِ

کران تہ پتہ کنی چھُ اکھ سیٹھا تھود تصور

برونٛہہ کُن یوان یتھ منٛزِ سلبی تہ ایجابی دوشونٛی

قسمن ہُنٛدی صفت نٕنہِ راونہ آمتی چھِ، تس منٛز

ذان چھےٚ بے نظیر، تس اَکِس کیٛت چھُنہٕ

بیاکھ، سُہ چھُ بے مثال تہ لاجواب، سُہ چھُ

زمانہ تہ مکانہٕ نِشہِ بالاتر، ازلی تہ ابدی عقلہِ

مَنٛزٕ نہ یِنہٕ وول، ــــــــ واجب الوجود

سُے چھُ پاد کرن وول، رچھن وول تہ فنا کرن

وول، سُہ چھُ "علۃ العلل" تہ "عِلّۃ مُطلقہ"

(اپادنا تہ نیمنا کارنا) ساری موجودات بنےٚ یہ

تسٕی نِشہِ۔ تہنٛدِ سیتی چھِ دِرتھ تہ تسی کُن چھِ

پھیرتھ گژھن وٲلی۔ سُہ چھُ نور، سُہ چھُ کمال

سُہ چھُ حُسن تہ پاکیہ پاکےٚ۔ سارِ وے

کھوتہ طاقتہ وول تہ سارِوے کھوتہ رحمہ

تہ موجبتہ وول۔ سارنٕے عبادتن تہ عشقن

ہُنٛد مقصودِ حقیقی۔ مگر سیتی چھُ بییہ طرفہ اَسہ

یہ حقیقتھ تہ صاف بوزنہ یوان زِ توحیدی تصورٕکی

یہ تھزر نہ رُود نہ اِشتراکیہ تہ تعددکہ ملاوٕٹہ

نِشہِ خٲلی۔ نہ توحید فی الذاتس سیتی ہیوٚک

نہ توحید فی الصفاتکہ شوٚد عقیدہ پَنُن جلوہ ہٲوِتھ

زمانہ حالکِس اَکِس ہندو مصنفہ سِنٛدِ پن

لفظن منٛز "دراصل آسی اشتراکی تہ تعددی

تصورن (Polytheistic) ہندوستٲنی

دِلس تہ دماغس منٛز تیتھ موٗل دِنہ مینٛز

دوہی سُہ موٗلہ کڈُن اوس نہ سَہل۔ اوسبہ

گٔے نہ اَکِس بے نظیر ہستی ہُنٛدِ جلو پتہ تہ باقی

خدا نابوٗد، البتہ تمس بے مثال ہستی ہُنٛد

قبضہ تہ اقتدار روٗد تمن سارنٕے پیٹھ غالب

تہ ساری روٗدی تسی مانتھ"۔

[حاشیہ:۔ پروفیسر اس۔ رادھا کرشنن: انڈین

فلاسفی (Indian Philosophy)

جلد اول صفحہ ۱۴۴۔ طبع ثانی ]

دوہ نی چھن امہِ قسمہٕ چہ وضاحتہٕ
دسیاب سپدنہٕ ہیٚنٛژٕ مژ زِ تمِس کھرٛ ہستی
(برہمانس) ورآے ہیکہٕ نہٕ "اگنی" "دیبی"
کینہہ تہٕ کرِتھ۔ یہ چھُ تسُی (برہمان سُند) خوف
یُس سارنے دیوتاہن اکھ تہنٛدی فرایض
منصبی انجام دیاوان چھُ" (تیتریا اپنشد)
راجہ اشواپتی ہَن ہیٚلِہ پانژن گرد والین
پرٛژھ "توٚہی کتھنٛژ پوزا چھو کران ہیٚنس خیالس
منزٕ؟" تہٕ ہمو ہیوٚت پرٛتھ اَکی اَکِس اَکِس
دیوتاسُند ناو۔ یہ بوٗزِتھ دوٚپنکھ اشواپتی
ہَن "توٚہی منز کرِ پرٛتھ کانٛسہٕ حقیقتہٕ کہِ صرف
اَکی حصیچ پوٗزا۔ ہیٚلِہ ہم ساری حصہٕ رلان چھِ
نیٚبلی چھُ سُہ شکلِہ منٛز یوان "اندر" چھُ سُند
کلہٕ "سوریہ" آفتاب چھُ تسنٛز اَچھ "وایو"
چھُ شہہ "آکاش" (ایتھر) چھُ جسم
"دھرتی" زمین چھِ تسنٛد کھور۔" (۲۴)
مگر سیتی چھے یہ تہٕ کتھ رٚیٚلِہ حقیقتس
تیٚو میٚتس تہٕ غلبس پیٹھ چھُ زور دِنہٕ یوان تِمہٕ
وِزِ چھُ سارِنے موجود، دانن سیتی دیوتاہن
ہُنٛد وجود تہٕ غایب گژھان تیکیانزِ ساری
موجودات چھِ تسُی پیٹھ دُرِتھ۔ سُہ چھنہٕ
کانٛسہٕ پیٹھ دُرِتھ۔ ییتہٕ کُنی ٹانگہ کہٕ پہیہ چہ ساری
لنجہ اَکی ہیٚے دآیرس منٛز موجود، دآسان چھے
تِتھے کُنی چھُ ساری چیز، ساری دیوتا، ساری
دُنیاہ تہٕ ساری اسباب تتھی اَکِس وجودس
اندر۔" (برہادرینک اپنشد باب ۲-۵)

ییٚتہٕ چھُ سُہ کُل موجود ییٚمکی موٗل پیٹھ کُن چھِ
دراہتی تہٕ لنجہ چھس بونِ کُن پھالیمژٕ یہ چھُ
برھمان لافانی۔ سارے کاینات چھے
تَس منٛز ہتَس نیبر چھُپنہٕ کانٛہہ (تیتریا ۱۰-۱)
ییٚتہٕ تَس چھِ اُسی ییٚتہٕ مصنف موصوف دِنٛدی
الفاظ دوہرِمی یوان۔

"یہ اوس دراصل اکھ سمجھوتہٕ یُس کینہہ
خاص دِہاغن ہنٛدی فلسفیانہٕ تصورن عام
لوٗکن ہنٛدین وہمی عقیدن سیتی کوٗرمُت اوس۔
اَمیُک دراو یہ نتیجہ زِ خاصن تہٕ عامن ہنٛدِ
ہِہوی سونچہ نک اکھ ماحول گو پادٕ یُس دُرِتھ
گو"۔

بروٚنٹھ پکِتھ گو ویدانتہٕ کِس فلسفس منٛز
سیٹھا بجر تہٕ سنبرِ پادٕ۔ مگر خاصن ہنٛدِس
توحیدی تصورس منٛز یُس عامن ہنٛدِس
اَشتنٛز آکی تصورس سیتی صلحک ماحول پادٕ

گوٚمُت اوس سُہ ہیوٚکنہٕ ڈٕلتھ۔ بٔلکہ یوٚب
تِمی بیٚیہِ ہِنٛ درٕ برٕ نہٕ کھجے۔ یہِ کٔنتھ چھےٚ خاص
پاٚٹھی مانٛنہٕ آمٕژ زِ سالِک بیٚیلہِ عرفانِ حقیقتکِ مَنٛز
ژلے چھُ کران تِمہِ وِزِ چھےٚ ماسوا یے چہ ساریے
ہُستی غاب گژھان تہٕ ماسوا ہَس مَنٛز چھُ دیوتا
ہِنٛ ہُنٛد وجوٗد تہِ۔ گویا دیوتا ہِنٛ ہِنٛز ہُستی
چھےٚ وجوٗد کِہِنٛ مظاہرن ہِنٛز ابتدأیی صوٗرتھ
مگر سیٹھی آیہ یہ ہُنی یاد نہٕ باقی تھوونہٕ زِ یوٚت ام
تہٕ عرفانُک اَس آخری مقامس نام وا تنہٕ بیہِ
توٚتام چھُنہٕ دیوتا ہِنٛ ہِنٛزِ پوٗزا یہ ورا یے چارٕ
تہٕ تِہِنٛزِ پوٗزا یہ ہُنٛد یُس نظام دٔرتھ گوٚمُت
چھُ تِتھی سیٹھی لگہ نہٕ کھینچل کرٕنی۔ یِتھہٕ کٔنی گو گویا
توحیدی اشراکی (Monotheistic
Polytheism) تصوٗرُک اکھ رٕلہ
مِلہٕ مزاج پادٕ ہیُس اَگی ساتہٕ دِلگ تہٕ دماغُک
توحیدی تقاضہٕ تہِ پوٗرٕ کرُن اوس یژھان تہٕ
بُت پرستی ہٕنٛدِن عقایدن ہیٚتھ یکِن وول نظام
تہٕ برقرار تھاوُن اوس یژھان ۔ ویدانیت کِہِن
باضے مذہبن مَنٛز چھُ اَمہِ رٕلہِ مِلہِ شکلہِ ہُنی یادی
تصوٗرن ہیٚتھ تہِ اَثر ترٛوومُت۔ مثلن نیمبارک
تہٕ تِمی سُنٛد شاگرد سری نواس چھُ برہم سوٗنٛزگ

شرح کران اَسہِ وَنان "بوٚد وَے برہما یا
کرشنس ہیو۔ بیٚیہ کانٛہہ چھُنہٕ مگر اُمِس ژِ شہ
ظہورَس مَنٛز آمتی چھِ بیٚیہ تہٕ کینٛہہ قوت یِم
نسٔی سیٹھی شُنی نیران چھِ تہٕ تہنٛدی پاٚٹھی چھِ
حُکم چلاوَس مَنٛز شُریکھ۔ چنانچہ کرشنس
دُچھنی کِنی چھےٚ رادھا یوسہٕ بخشن واجیٚنی تہٕ
سخاوتہٕ واجیٚنی ہُستی چھےٚ۔ ساری نتیجہٕ تہٕ
پھل بخشن واجیٚنی۔ اَسہِ پٔز برہما ہَس سیٹھی
رادھا یہٕ تہِ پوٗزا کرٕنی ۔ [حاشیہ۔ ویدانت
پاری جات سورَبھ۔ ترٛیِم جلد صفحہ ۲۵۔ امیٚک
انگریز ترجمہٕ ڈاکٹر روما بوس لیس حالیے رایل
ایشیاٹک سوسایٹی بنگالن شایع کوٚرمُت چھُ]
بیٚنہِ نَس گژھِ یہ حقیقتھ تہٕ نظرِ تل تھوونی زِ قودرت
کِہ کاینا تُکِہِن بِہِنٛ تدبیر کرَن والین قوتن سامی
تصوٗرن "ملاک" تہٕ "ملایکہ" ناوکوٚرِ تمہٕ سٕنٛدی
دوٗن آریائی تصوٗرن "دیو" تہٕ "یزتا" یونانین
ہُنٛد تھیوس (Theos) روٗمین ہٕنٛد ڈے
یوس (Deus) پارسین ہُنٛد یزتا "یزدان"
بِہنٛ سارنے مَنٛز چھُ سُے اکھ ہُنی یادی مادٕ تہٕ
سُے اکھ ہُنی یادی تصوٗر کام کران روٗدمُت ۔
سنسکرتس مَنٛز چھُ "دیو" اکھ تیتھ نرم لفظ یُس

دارِ ہن مانے ین مَنٛز وَرتاو نہٕ آمُت چھُ۔ مگر یِیٚمہٕ وِزِ مافوق الفطرت ہٮ۪ستیٖن ہنٛدِ خاطرٕ وَننہٕ یوان چھُ تمہٕ وِزِ چھُ امیُک مانے اَکِس غارٕ مادی تہٕ روحانی ہٮ۪ستی ہُنٛد نیران۔ یوسہٕ پَننِس وجوٗدس مَنٛز روشن تہٕ پٔرزلہٕ وِنی آسہِ سامی دِنیٚو دِ ژٕ تہٕ یمَن ہٮ۪ستیٖن امہِ زٕ یادِ کیٚنہہ تہٕ حیثیت زِ یِمہٕ چھےٚ خدایہٕ سٕنٛز یا دِگرِ مَنٛز کارکُن ہٮ۪ستیہِ۔ مگر آرِیاٮ۪ی تصورس آیہِ یِمَن مَنٛز تدبیرٕ کِ تہٕ اختیارٕک مُستقل طاقتھ نظرِ تہٕ یٮِ۪یلہِ توحیدی تصوٗر پاداہٕ گژھنہٕ سیٖتی ... دٔرِ برلفی روٗدنہٕ تہٕ نمو کوٗر توسلک تٕہ زلفُک درمیانی مقام پادٕ۔ یانے یوٗد وے نم پانہٕ

خدا یُ چھنہٕ مگر خدایَس نام وانِنہٕ خاطرٕ چھُ تِہٕنٛز پوٗزا کرٕنی ضوروٗری۔ اَکِس پوٗزا کرَن وٲلی سٕنٛز پوٗزا یوٗد وے معبوٗدِ حقیقی سٕنٛدے خاطرٕ خدایہٕ سٕنٛدِس آستانس تام واتنھ۔ اُسہِ پٔزِ گوڈٕ دیوتاہَن ہنٛدِبن آستانن ہُنٛدُ وسیلہ ژھانڈُن۔ دراصل چھُ یوٗہے توسلُک تہٕ تزلفُک عقیدٕ یُمی پٔتھ حساب توحیدُک اعتقاد تہٕ عَمَل پوٗرٕ گژھنس مَنٛز رُکاوٹ ترآو۔ نتہٕ اوسنہٕ اَکِس خدایہٕ سٕنٛدِس کُن آسہٕ نَس تہٕ بوڈ تہٕ تھوٗد آسنس کانٛسہٕ تہٕ انکار عرب جاہلیتہٕ کین بُت پرستَن ہُنٛد تہٕ چھُ یوٗہے عقیدٕ قرآنن پیش کوٗرمُت۔

---

"مَا نَعبُدُھُمْ اِلَّا لِیُقَرِّبُوْنَا اِلَی اللّٰہِ زُلفیٰ۔" (۳۹-۳)

اَسی چھِ تِہٕنٛز عبادت صرف اَوٕ سَببہٕ کران زِ تِم واتہٕ ناوَن اَسہِ خدایَس تام۔

بہرحال شرک فی الصفات تہٕ شرک فی العبادت تِک اوس یوٗہے بُنیادی مادٕ یِمی ہندوستانُک علمی مذہب اَندٕ پیٹھٕ اَندٕس تام شرکہٕ تہٕ بُت پرستی ہنٛدِ بوٗ عُقیدٕ وسیٖتی بٔرتھ تھووُن تہٕ پوٗتس بنیہ یہِ حالتھ تیٚژ سٕرٛ نی

تہٕ عام زِ یوٗت تام تہٕ اکھ پےٚ کڈُن وول تلاشُک تہٕ تحقیقُک دوٗر دراز سفر کرِ۔ ہنٛدٕ وعقیدٕکہ توحیدی تصورُک ہیٚکہ نہٕ کانٛہہ نشان لبتھ۔ توحیدُک تصوٗر بنیوٚ وائہِ اکھ نیٚتھ راز یِتھ صرف خاص خاص عالِمَو لُبتھ ہیکن۔ اَسی ہیکو

اَمیُک پے بالہٕ گوٚ پھٔن مَنٛز لبنہٕ۔ مگر کوٚچن بازرن
مَنٛز ہیکو نہٕ وُچھنہٕ تہٕ لبنہٕ۔ کاہمہِ صدی عیسوی
مَنٛز ییٚلہِ ابوریحان البیرونی ہِنٛدوستانہٕ کِہِن
عملن تہٕ عقایدن ہُنٛد پے کڈنہِ دراٚمُت اوس
سُہ اوس یِم متضاد صورتھ وُچھنہِ حاران
گومُت۔ یِتھے حاران آسے شراہیمہِ صُدی
مَنٛز ابوالفضلس تہٕ ارداہیمہِ صُدی مَنٛز سَر ولیم
جونٛس (Sir William Jones)
ییٚتہٕ پٕن عذر خواہی یوسہٕ اَمِچ ہیکو کرِتھ
چھیٚے سوٗے۔ ییٚمیچ ژیٚنہٕ وُنی گیتایہ ہنٛدین
مشہور ترانن مَنٛز لبنہٕ چھیٚے یِوان تہٕ ییٚمی
البیرونی سُنٛد فلسفیانہٕ دماغ تہٕ پانَس
کُن پھیر مُت اوس۔ یانے ییٚبنہِ آبہٕ گوٚڈ
دوٚہہٕ پیٚٹھے عقایدن تہٕ عملہِ ہنٛز مختلف
وتہٕ مصلحتن یِلہٕ تھاونہٕ۔ یُتھ خاصن تہٕ
عامن دوشوٚنی ہنٛز عقلہِ تہٕ لیاقتُک
خیال نظرِ تَل روزِ۔ توحیدُک تصوٗر اوس
خاصن ہِنٛد خاطرٕ تکیازِ تمے ہیکہ ہٕن اَمہِ
تھزرُک بوٗر بییتہِ راوِتھ۔ بُت پرستی ہُنٛد
تصوٗر اوس عامن کیٛت تکیازِ تِہنٛز شُری
عقلہِ کِتھ آسہٕ یہٕ آسے دِتھ مُناسب۔

دوشوٚنی چُھنکہ خاص تہٕ ہیکہٕ ہٕن نہٕ سماجہ کیٛو لسنہٕ
بسنہٕ کیٛو عام فایدٕ ونِبر روٗزِتھ۔ اَمہِ کِنی
آسہٕ تِمَن تہٕ عملی زندگی مَنٛز بُت پرستی ہنٛدی
تقاضہٕ پوٗرٕ کرٕنی پیوان۔ تِمہِ ییٚنِہ کِنہِ روٗزِ
ہنٛدین ہنٛزِ زندگی ہنٛز نیبرم چال ڈال سایہٕ
شُرِ ڈیکھ تہٕ بُت پرستی ہنٛزے۔
البیرونی ییٚن چھُ یوٗنانی حکیمن ہنٛدی
اقوال پیش کران ہوومُت زِ اَمِتھ مامَلس
مَنٛز چھُ ہنٛدوستان تہٕ یوٗنان دوشوٚنی ہند
حال ہیوٗے روٗدمُت۔ اَدِ پتہٕ چھُن گیتایہ
ہُنٛد بہٕ قول پیش کوٗر مُت زِ سیٚٹھا لوٗکھ چھِ
مےٚ تام (یانے خدا ایس تام) ییٚتھ کُنی واتن
یژھان زِ تِم چھِ مےٚ ورأے بییَن ہنٛز
عبادت کران مگر بہٕ چھُس تِہنٛدی مُراد تہٕ پوٗرٕ
کران تکیازِ بہٕ چھُس تِمَن نِشہِ تہٕ تِہنٛدِ عبادتہٕ
نِشہٕ بے نیاز۔
کینٛہہ حرج چھُنہٕ اگر ییٚنہِ تَس اُسی اَزی
کِس اَکِس ہنٛدو مصنف سٕنٛز راے تہٕ
نظرن تل اَنو۔ گوتم بُدھ سٕنٛدِ ییٚنہٕ برٕوتھہ
یوسہٕ شکل تہٕ صوٗرتھ ہنٛدو مذہبکی خدائی
تصوٗرن ہُنٛز آس تتھ پیٚٹھ بحث کران چھُ پہ

قابلِ مصنّف لیکھان:-

"گوتم بدھن سندِس زمانس منز یُس مذہب مُلکس منز مروج اوس تمہ چہ نہ کنھہ آسہ یمہ زِ" بہ اوس لرین دیُنک اکھ سوہ دا خدا بس نہ انسانس منز درتھ گومُت یتّیلہ اکہ طرفہ اپنشدک برہمان اوس یُس خدا یہ سندِ ذاتک اکھ تھوّد نہ شوِ بہ وُن تصوّر اوس برونہہ کُن آمان نہ بییہ طرفہ اوس بے شمار خدا ین ہُند ہجوم یہند خاطرِ کانہہ نہ حد گنڈتھ ہیکو نہ۔ آسمانکی تارکھ، ما کُر بزاہ: گلکی حیوان، بالن ہنز شیلہ ڈُری یاوِن ہندی بُٹھ، غرض یاد آسی ہُند کانہہ نہ قسم اوس نہ یُس نہ خدائی ہوکو منتس منز شُریکھ آسہ نہ کرنہ آمُت زننہ اکھ رَزِ روٗ سنٔے نہ پانے ووتلیو مُت خیال اوس یلہ آمُت تراونہ زِ دُنی بہکِن بیتین چیزن خدائی ہندس تختس پیٹھ بیہنہ ناوتھ ہیکہ. بیہنہ ناوِن کانہہ ٹھاکھ چھُسنہ۔ مگر خدا سازی ہُندِ بہ شوق گو نہ خدا ین ہند بوٗد ہجوم وُچھنہ نہ یوِ۔ قسمہ قسمہ کِہن دیوَن نہ عجیب الخلقت جسمن ہنزن خیالی صوٗرَن ہُند رُود اضافہ گژھان۔ اَتھ چھُنہ کانہہ شک زِ اپنشدو کُر علمی نہ عقلی دُنی یہس منز یمَن خدا ین ہنز خدائی چھلہ وُلاے مگر عملی زندگی منز کُر کھ نہ یمَن اسیتی کھینچل تم روٗدی تھے کُنی خدائی ہندِ بن مسندَن پیٹھ بہتھ (۷۷)

(حوالہ پروفیسر ایس رادھا کرشنن۔
انڈین فلاسفی جلد اول صفحہ ۴۵۳ طبع ثانی)

## شمنی مذہب تہٕ تمکی تصوّرات:-

قدیم برہمنی مذہبہ پتہٕ دژاو شمنی مذہب (یانے بدھ مذہب) نوٗن۔ اسلام کہ ینہ برونہہ اوس ہندوستانک عام مذہب یو ہے۔ شمنی مذہب کِہن بنیادی اعتقادن ہندی چھہ مختلف تفسیر کرنہ آمتی۔ کنوٗہی مہ صدی ہندِ بن مستشرقین ہنز اکہِ جماژ اوس اپنشدن ہنز تالیمہ ہُندی اکھ عملی استغراق موٗنہ مُت نہ خیال کور زِ نروانس منز چھےٚ جذب پچ نہ انفصالچی یانے رلہ پچی نہ جدا گژھنچ روحانی حقیقتھ ژبیہ یانے ییمہ آگر بیٹھ انسان سٔنز ہستی دراٗمژ

چھےٚ ۔ بیٚیہ تِتھ سیٚتی رٕلن گو نِروان یا نے
کامِل نجات ۔ یگرو ونی چھُ سارِوٕے مومت
زِ تِمن مذہبن منٛز چھُنہٕ خدایہ سُند نہٕ
روٗحچہ ہستی ہُند کانٛہہ تصوّر ۔ تِمہ کیٚن
اعتقادَک نہٕ عملہٕ ہُند آیر چھُ صرف زندگی
ہِندِس سعادتَس نہٕ نجاتہٕ کِس مسلسلس تام
محدوٗد ۔ یہٕ چھُ صرف "پرکرتی" یا نے
ازلی مادک حوالہٕ دِوان ۔ یتھ کاینٲتی
طبیعتھ حرکتس منٛز انان چھُ ۔ نِروان رُژ
چھُ یہ مُراد (مقصد) زِ ہستی ہنٛز انانیت
گژھ فناہٕ زندگی ہِندِ چکرِ نشہِ لبہ نجاتھ
اَکھ منٛز چھُنہٕ شک زِ یوٚتام پتہ ییٚنہٕ والین
بودھ مفکرن ہِندِ وضاحتک تولُق چھُ
یو ہے تفسیر چھُ صحی لبنہٕ یوان ۔ اگر تہنٛز
اَکھ جماتھ لاادریتس (Agnosticism)
تام واتتھ روٗزٕ گٕیہ نہٕ دوٚیم جماتھ دراٮ یہ
نمہ نہٕ برونہہ تہٕ تمہ کور سیود انکار ۔
موکشاکر گپتا بن چھُ "ترک بھاشا" [علہ] یہ
منٛز تِمہ سارے دٔلیلہٕ ردکرمژ یمہ نیلےٚ

حاشیہ علہ ترک بھاشا ۔ یہ قدیم کتابیمُک صرف
تبتی نسخے دُنی بہکس علی مس منٛز آمت اوس چھُ

نہ ویشیکہ طریقک [٥٢] نظریہ تھون وآلی خدایہ
سُنٛز ہستی ہندس اثباتس منٛز دوان
آسی ۔ تو نہٕ ہیکو نہٕ یہ کتھ یقینہٕ سان وٕنتھ زِ
پانہٕ گوتم سُنٛز ژھوپہ ہُند مطلب اوسا
انکار ۔ تِمی سُنٛز وارہن مسلن منٛز ژھوپہ
چھےٚ تاپتھ نہٕ تِمہ ہیکن وار یا مطلب نیرتھ
اگر تمن کتھن پیٹھ وار سوچنہٕ ییٚیہ یمہ سیدٕ سیود
لَس گُن لاگنہٕ چھےٚ آمژ باسان چھُ تِمی
سُند مسلک چھُنہٕ نفی ذاتک بلکہ نفی صفاتن
ہُند اوسمت نہٕ صفاتن ہِندِ نفی یک مقام چھُ
یہٕ بیٚنہٕ انسان سُنٛز عقلہٕ تہٕ زیوٗ ہندی
ساری تابیر بیکار گژھان چھِ نہٕ ژھوپہ
ورآسے چھُنہٕ کانٛہہ چارٕ روزان

وونی اصل سنسکرتس منٛز دٕرامرنہ گائیکواڑ
اورینٹل سیریز کہ ادارہ طرفہٕ شایع کرنہٕ
آمژ ۔ میسورک مشرقی کتب خانہٕ تہٕ چھُ امیٚک
بیاکھ نُسخہ چھاپنہٕ خاطرٕ ترتیب دوان ۔

٥٢ ۔ نیاے گو منطق ۔
ویشیشیک طریق نظر چھُ منطقی تنقیدک تہٕ
تخیلک اکھ خاص مسلک ۔

اَمہِ پتہٕ گژھہِ نہٕ یہٕ حقیقتھ تہٕ مُنٛز اوٚنی زِ تِہنٛدِ نوٚن نیرِنہٕ وِزِ آسی اَصنامی خدا پرستی ہِنٛزٕ وَضراَبیوٚ سبٹھا شرِٕنی موٚل دِتی مِتی تہٕ اصنامی خداپرستی آس بجایہِ خوٚد حقیقتچہِ وَنہٕ ہُنٛد بوٚڑ ٹھوٚر بنیمژ۔ تِمی یوٚژھ وَتہٕ ہِنٛد یہِ ٹھوٚر کاسُن تہٕ سوٚرُے توجہہ دِیُتُن زندگی ہِنٛدِس عملی سعادنہٕ کِس مسلسل کُن۔ اَمہِ کتھہِ ہُنٛد لازمی نتیجہٕ اوٚس یہِ زِ برہمنی خدا پرستی ہِنٛد یو عقاید وٚنہٕ یہِ یِتھ پھرنہٕ اتھ بیٹھ بیہِ زوردِنہٕ زِ نجاتُک وَتھ چھِنہٕ یِمن معبوٗدنے ہِنٛزِ پوٗزایہِ مَنٛز۔ بلکہِ علمِ حقس تہٕ عملِ حقس مَنٛز یانے "اشٹانگ" [۱] مارگس مَنٛز۔ یِژ و نہہ یہَن ٹکتھ کرٕ امی اصنامی انکارن متلق انکارٕچ صفت پادٕ نہٕ پتہٕ ییلہِ برہمنی مذہبچی مخالفتھ حدکھوٚتہٕ زیادٕ گٔیہِ تہٕ کتھ وآژ ہور نام۔ (۸۱)

بہرحال پانہٕ گوتم بُدھن تہٕ تِمی سِنٛزٕ تالیمہِ ہِنٛد یو شرح کرن والیو آسی تِن اَتھ متلق کینٛہہ تہٕ وَوٚنمت مگر یہِ چھے حقیقتھ زِ تِمی سِنٛد یو مانن والیو تھوٗ نہٕ خدا یہِ سِنٛدِ اقرارٕچ مسند خآلی۔ ییلہِ تمِو یہِ مسند خآلی وُچھ تمِو بیہنوو پانہٕ اَتھ پیٹھ گوتم بُدھہ تہٕ اَدٕ پتہٕ کرٕکھ اُمِس نوٚوِس معبوٗدٕ سِنٛزٕ پوٗزا تمہِ لولہٕ تہٕ تمہِ چادٕ سان زِ نِصفہٕ کھوٚتہٕ زیادٕ دُنیا آو تِہنٛدٕ یو تلیو سِتی برٕنھ۔

"آوارۂ غربت نتوان دید صنم را
وقتست دگر بُتکدہ سازند حرم را" [۱]

"صنم گژھہِ بے وطن آوارہ ذرہ کس
چھ وَرخ از بیٚیہِ کوٚرُن بُت خانہٕ کعبس" (مترجم)

گوتم بُدھس مَرُن اوٚس نہٕ وُنہٕ زیادٕ زمانہٕ گذریومُت زِ بُدھہ سِنٛد یو اکثر پارو دَوآس تِمی سِنٛزٕ شخصیت عام انسآنی سطحِ نِشہِ تھزٕ وُچھن ہیٚژمژ۔ تہٕ تِمی سِنٛدین آثارن تہٕ تبرکاتن ہِنٛزِ پوٗزایہِ ہُنٛد مآل اوٚسُن ہُرُن ہیوٚتمُت۔ تِہنٛدِ مَرنہٕ پتہٕ کینٛہہ ورخ گژھنہٕ ییلہِ مذہبچ بڈ مجلس راجگیری مَنٛز سپزٕ تہٕ تِہنٛدی خاص شاگرد آنندن ییلہِ

حاشیہ [۱] :- اشٹانگ مارگ :- گوتم بُدھہ سِنٛزٕ تالیمہِ مَنٛز چھُ اشٹانگ مارگ یانے آٹھن کتھن ہُنٛد طریقہٕ اکھ بُنیادی حقیقتھ۔ آٹھہ کتھہ چھے علمُک تہٕ عملِہ ہِنٛد تزکیہ تہٕ پاکی۔ علمِ حق۔ رحم تہٕ شفقت۔ قوٗربآنی۔ طمع نِشہِ آزآدی تہٕ پننی خوٗدی مٹاونی بینترِ۔

تہنٛز پٔتِمہِ وُصیت بوزٕناوِ تہٕ وننہٕ چھہ یوان زِلو اکھ گٔےٚ نہٕ تہندِس ریوایتس پیٹھ مطمین تہٕ تَس گٔےٚ مخالِف۔ تکیازِ تہنٛزن ریوایتن منٛز آیہٕ تمَن سوٗ انسانیت کھوٗ نہٕ تھٔزکانہٕ عظمت بوزنہٕ یَتھ وونی تہنٛدی دِل ژھارنہٕ لگہٕ متی آسی۔ قریب ہتھ وُری پتہٕ ییلہٕ دوٚیم مجلِس ویسالی (ازیکُ منظفر پور) منٛز سپز، وونی آسنہٕ مذہبچی سادگی پتہٕ جایہٕ روٗزمٕژ تہٕ تمہِ بدلہٕ آسی نوٚی نوٚی تصوٗر تہٕ رٕلہٕ ملہٕ عقیدٕ زامتی۔ وونی ہیوٚتُن مسیحی مذہبہٕ کٔن اقانیم ثلاثن ہنٛدی پاٹھی پُس پانٛژھ ہتھ وُری گژھنہٕ ظہورس مَنٛز پتہٕ وول اوس اکھ ژٕمنی اقانیمن ہنٛد عقیدٕ بُدھ سٕندس شخصیتس اُندی اُندی منٛڈلکی پاٹھی پٔرزلُن تہٕ سوٗ آیہ انسانی سطحِ نشہِ تھٔزنانہٕ یانے بُدھ سٕندس شخصیتس منٛز سنیہِ ترٛشے وُجوٗد۔ تہنٛزِ تالیمہٕ ہنٛز شخصیت۔ تہنٛدِ دُنیاوی وجوٗدٕچ شخصیت تہٕ تہنٛدِ حقیقی وجوٗدٕچ شخصیت۔ یوسہٕ لوک یانے جنتس منٛز روزان چھےٚ۔ دُنیہس منٛز ییلہِ زانہہ بُدھ سُنٛد ظہوٗر سپدان چھُ سوٗ چھےٚ اَمی وجوٗدٕچ اکھ پرٛو آسان۔ نجات لبنُک مطلب چھُ زِ انسان واتہِ اُمی سیٚے حقیقی بُدھ سٕنٛزِ ماوراءعالم جایہِ نام۔

گوڈنچہ صدی عیسوی منٛز ییلہِ کوشانن ہنٛدِس زمانس منٛز ژوٗرم مجلس پرشادر (ازیکُ پشاور) جایہِ سپز تمہِ وِزِ اوس بُنیادی مذہبہٕ بدلہٕ اکہ قسمُک کلیسائی مذہب بنیومُت تہٕ بُدھ سٕنٛدِ اشٹانگ مارگُک عملی روٗح اوس قمہِ قمہِ کٔن رسمن تہٕ ریواجن منٛز غاب گومُت۔ پوٚتس آیے بُدھ سٕندی پارو دوٚن بڈٕن فرقن منٛز باگرنہٕ "ھین یان" (Hinayana) تہٕ "مہایان" (Mahayana)

گوڈنیُک فرقہٕ اوس بُدھ سٕندس ذاتس منٛز اکِس وَنہٕ ہاوِس تہٕ معلم سٕنٛز انسانی شخصیت وُچھن یژھان۔ مگر دوٚیمِ فرقن بنیہہٕ ناوُس واریاہ پاٹھی اِنسانی بینہٕ نشہِ تھٔدس ربانی درجس پیٹھ۔ تہٕ بُدھ سٕنٛدِ پارون ہنٛز عام وَنہ آس یہاے بنیمٕژ افغانستان۔ بامیان۔ وسط ایشیا۔ چین کوریا۔ جاپان تہٕ تبت یمَن سارنی منٛز آیہٕ

مہایان مذہبچ تبلیغ تہٕ اشاعت کرنہٕ۔ چینی
سیّاح "فاہیان" (Fa-Hien) ییٚلہٕ
ژوٗرِمہٕ صدی عیسوی منٛز ہندوستان آمت
اوس ، تمۍ اوس یوٗر یہٕ کیٚن "ھین یان"
شمنین سیٚتی بحث کوٗرمُت تہٕ مہایان طریقہٕ
کِس صداقتس پیٹھ دٔلیلہٕ دِژمٕژ۔ اُمۍ کیٚس
زمانس منٛز چھےٚ سری لنکاوِ آے ییٚنہٕ
ھین یان طریقچ اکھ ڈٕجِم شکل "تھیراواد"
موجوٗد چھےٚ۔ بُدھ سٕنٛدِ ساری پاروٗن
ہُند مذہب مہایان۔

ییٚمہٕ زمانہٕ کیٚن کینٛہہ بُدھ محققین
ہُند خیال چھُ زِ اشوکہٕ سٕنٛدِس زمانس تام
اوس نہٕ بُدھ مذہبس منٛز بُت پرستی ہُند
عام رِواج لوگمُت۔ تکیازِ اَکھ زمانس
تام یِم بُدھ آثار لبنہٕ آمتۍ چھِ تِمن منٛز چھےٚ نہٕ
بُدھ سٕنٛز شخصیت کُنہٕ بُتہٕ کہ ذٔریہٕ بلکہ
کہ صرف اکہ پمپوشہٕ تہٕ اکہ خالی کرسی ہٕنٛز
شکلہٕ منٛز ہاونہٕ آمٕژ۔ پتہٕ ییٚتھِن پمپوشن تہٕ
خالی کرسی بدلہٕ زٕ قدم نشٲنی نیرنی۔ پتہٕ گوو اَتھ
وارہٕ قدمو بدلہٕ بُدھ سٕنٛد پوٗتل نون۔ اگر
یہٕ نتیجہ کڈُن صحی مانِنہٕ ییٚیہٕ تو نہٕ پییہٕ مانُن زِ
اشوکہٕ سٕنٛدِ زمانہٕ پتہٕ آس بُدھ سٕنٛدِ ن
پوٗتلن ہُنٛز پوٗزا عام پاٹھی شوٗروٗ گمٕژ۔
اشوک سٕنٛد زمانہٕ اوس ۲۵۰ ق م (قبل مسیح)

## ۳- ایرآنی مجوٗسی تصوّر:-

زرتشت سٕنٛدِ ظہوٗرٕ برٛونٛہہ اوس
ماداس (میڈیا - Media) تہٕ پارسس
منٛز اکھ برٛون ایرآنی پوٗزا یہٕ ہُند طریقہ مروج
ہندوستانہٕ کیٚن ویدن منٛز ییٚتھہٕ کٕنٛی دیوتاہن
ہنٛز پوٗزا یہٕ قوٗربانیٚن ہنٛدر رسم عملہٕ چھِ
لگ بھگ آسی تِتھی رسم تہٕ عقایِد پارسس
تہٕ ماداہس منٛز تہٕ مروج۔ دیوتاہن ہٕنٛدۍ
طاقتہٕ آسی تِمو دوٗرن بٔڈٕ ین مظہرن یا حصن
منٛز باگرٲدی مٕتی۔ اکھ طاقتہٕ اوس تِمن
روشن ہستیٚن ہُنٛدیم انسانس زندگی
ہنٛز ساری حوٗشیہٕ بخشان چھِ تہٕ دوٚیِم اوس
تِمن بدی یہٕ ہنٛدِ ن کریٚہٕنہٕن عفریتن ہُنٛد
یِم پرتھ قسمہٕ کیٚن مصیبتن تہٕ ہلاکتن ہُنٛد
آگرٕ چھِ۔ نارچہ پوٗزا یہٕ خاطرٕ آسی قوٗربان گاہ
بناونہٕ یوان تہٕ تِمہٕ کیٚن گوٗرن آسی "موگوش"
ونان۔ اوستا کیٚن گاتھاہن منٛز چھِ تِمن

"کارپان" تہٕ "کاوی" تہِ وننہٕ آمُت۔ پتہٕ تبنٕو امی موگوشُک مطلب آتش پرستی تہٕ غیر قومو وۄن ایرانین مگ تہٕ مگوش۔ عربو بنووبۄ یہے "موگوش" "مجوسی"۔

## مزدیسنا:-

ییلہ زردشت ڈراو تمۍ دِیُت یمَن تموَ پرانو عقاید وِنہِ نجاتھ تہٕ درٛ آنگھ "مزدسینا ہیچ تایم"۔ یلنے دیوتا ہَن بدلہٕ ہیچھناوِن اَکس کُنسِ خدایس "اھورامزدا" سٕنز پوٗزا کرٕنی۔ یہ اھورامزدا چھُ یگانہ۔ بے ہمتا۔ بے مثال۔ نوٗر تہٕ پاکی۔ حکمت تہٕ خاٚرِ یوٗن تہٕ ساری کایناتُک خاٚلق۔ تمۍ بناوی انسانس کِت زٕ عالم۔ اکھ عالم چھُ دُنی یہچہِ زندگی ہُنْد۔ دوٚیِم چھُ مرنہٕ پتچہِ زندگی ہُنْد۔ مرنہٕ پتہٕ چھُ جسم فناگژھان مگر روٗح چھُ باقی روزان۔ تہٕ پننیو عملو مطابق جزا لبان۔ دیوتاہَن بدلہٕ دِیُت تمۍ "امِش اسپند" تہٕ "یزتا" سُنْد تصوٗر یانے فرشتَن ہنٛد تصوٗر۔ یِم فرشتہٕ چھِ اھورامزدا سٕندِ حکمن پیٹھ عمل کران۔ بدی ہِنْدِ نِ تہٕ گٹہِ ہنٛدِ طاقتن بدلہٕ دِژ تمۍ انگرامے نیوش

(Angrame Niyush) یانے شیطانہٕ سٕندِ وجوٗد چی خبر یوٗہے بنیٛو پازند چہِ زبانی منٛز "اھرمن"۔ زردشت سٕنٛز تالیمہِ منٛز چھُ ہندوستانی آریاہَن ہندِ ویدی عقایدن ہنٛد ردٕ ٹاکارٕ پاٹھی نوٚن۔ اَکے ناو چھُ ایرانس تہٕ ہندوستانس دۄشونی جاین وۄتلیوٚمُت۔ مگر مانے اکھ اَکِس مخالف دِوان۔ اوستاہک اھورا چھُ سام تہٕ یجر ویدک "اسورا" تہٕ یوٚدوَے رِگ ویدَس منٛز یہ رِشِس مانے لیس منٛز آمُت چھُ مگر وۄنی چھُ یدی یہِ ہُنْد شیطانی روٗح بنیوٚمُت۔ ویدن ہُنْد "اندرا" گو اوستاہکُ "انگرا"۔ ویدن منٛز اوس سُہ آسمانُک خدا تہٕ اوستاہَس منٛز چھُ زٕمینُک شیطان۔ ہندوستانَس تہٕ یورپَس منٛز چھُ Deva دیو تہٕ ڈےیوس Deus تہٕ تھیوس Theus خدا یہِ سٕندِ خاطرٕ وننہٕ آمُت مگر ایرانَس منٛز گو دیو بمعنے شیطان۔ گویا دۄشوَے عقیدٕ آسی اکھ اَکِس مخالف۔ اَکی سُنْد خدا اوس بییہِ سُنْد شیطان بنان تہٕ بییہِ سُنْد شیطان اوس گوڈنِکس خدایہِ سٕنٛز کام دِوان۔ یِنھے گٔنی چھُ ہندوستانس منٛز

یَم موٗنُک طاقتھ اوسنا ہیچِھن رِوایژن مَنٛز چھُ یَم زِندگی تہٕ انسانی ہیتٕک سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ ظہوٗر تہٕ پتہٕ گوٚیوٚ ہے یَم جَم بنِتھ جمشید۔

"فسانہا کہ بہ بازیچہ روزگار سرود
کنون بہ مسند جمشید و تاج کے بستند"

"چھ یم افسانہ کینٛہہ یم گنڈ باشن منٛز زمانن وُنی
چھُ ازاسہٕ ناو تِمہٕ نے تخت جم تے تاج کے گوٚرمُت" مترجم

مگر مولوٗم چھُ سپدان زِ کینٛژَو ہِنٛزو وٕری یوٚ پتہٕ آیے ایرانکی پرٲنی اعتقاد تہٕ تہذیٖبس اثر غالب تہٕ ساسانی زمانس منٛز بیٚیہٕ "مزدیسنا" سِنٛز تالیٖم نوِس سرٕ نو اوٚنہٕ آیہٕ۔ سو آس قدیٖم مجوٗسی یوٗنانی، زرتشتی عقایدن ہِنٛز اکھ رَلہٕ مَلہٕ کھِچرِ، مگر امیک نیب یُم زنگ روغن اوس سو ژٕے مجوٗسی اعتقادن ہُنٛد بنیوٚمُت۔ بیٚیہٕ اسلامُک ظہوٗر سپُد تِمہٕ وِزِ اوس یوٚہے رَلہٕ مَلہٕ تصوٗر ایرانُک قومی مذہبی تصوٗر۔ مغربی ہندوستان کیو پارسی مہاجرو تہٕ اوٚن یوٚہے تصوٗر پانس سیٖتی ہندوستان تہٕ ییٚتہٕ کھوٚت ییٚتہِ کِہن مقامی اثرن ہِنٛز بیا کھ اکھ تہٕ تِہٕ اکھ پیٹھ۔ مجوٗسی تصوٗرِ ثنٛوِیَت (Dualism) بنٛیاد آس کِس عقیدس پیٹھ یانے خٲرِکی تہٕ شرکی چھِ زٕ ہیوٗن بیوٗن "قوت" "اھورامزدا" یہ کینٛہہ کران چھُ سُہ چھُ خٲر تہٕ گاش "انگرا ینیوش" یانے "اھرمن" یہ کینٛہہ کران چھُ تہِ چھُ شَر تہٕ گٹہٕ۔ عبادژ ہنٛج بُنیاد آیہٕ آفتابچہ تہٕ نارٕ چہ پوزایہٕ پیٹھ تھونہٕ زِ گاش چھُ یزدانی صفتن ہُنٛد بوٚڈ مظہر۔ گویا مجوٗسی تصورن یوٚژھ خٲرُک تہٕ شرُک مسلہٕ ہیتھ کُنی اُشرٕ اوٚن زِ زندگی ہِنٛدِ کارخانٕچ ساری سرداری باگراونی دون مخالف قوتن منٛز۔

## یہوٗدی تصوٗر:۔

۴۔ یہوٗدی تصوٗر اوس گوڈٕ گوڈٕ اکھ ژھوٚٹ نسلی تصوٗر یانے کتاب پادٲش ہُنٛد "یہوا" اوس اسرائیلی خاندانُک نسلی خدا یہٕ سُنٛدِ خٲطرٕ بتہٕ نوٚن درامُت۔ مگر پتہٕ گوٚیہٕ تصوٗر وارٕ وارٕ بڈان یوٚتام "یشعیا" دوٚیم[1] سنٛدس

[1] حاشیہ:۔ عہد عتیقس منٛز یوٚس کتاب "یشعیا" نبیس کُن منسوب چھےٚ کرنہٕ آمٕژ۔ تمہِ چہِ زٕ بٲنی تہٕ مطلبن ہُنٛد چھُ ۵۱ آیس تام اکھ خاص انداز تہٕ امہِ پتہٕ بلکُل بیا کھ۔

صُحیفس منٛز سارِنے قومن ہُنٛد خدا تہٕ سارِنے
قومن ہُنٛد ہیکل" نوٚن دَرٛاو ۔ تو نہٕ روٗزاں اسرآئیلی
خدا یہٕ سِنٛز نسلی خوٗصوٗصیتھ کُنہ نتہٕ کُنہ شکلِہ
منٛز موجوٗد ۔ تہٕ اِسلام کہ ظہوٗرکہ وقتہٕ آسی اکثر
نُنی خالہٕ خط نسلی تہٕ جغرافیکی خال و خط ۔ تجسّم و
تنزیہہ کِنی اوس سُہ اُکس منٛزی مس درٛس
پیٹھ تہٕ اکہٕ منٛز اوس بوٚڈ حصہ قہر تہٕ غضبُک
بیٚیہ انتقامُک تہٕ عذابُک ۔ خدا یہٕ سُنٛد بیٚیہ
تہٕ بیٚیہ شکلِہ منٛز ییتھ نوٚن نیرُن ۔ خدائی کتھن
منٛز انسانی صِفتن تہٕ جذباتن ہنٛز آلائش
آسنی، قہرچ تہٕ انتقامچ شِدّت تہٕ ابتدائی
درجُک تمثیلی اسلوٗب چھُ توراتہٕ کِین صحیفن
ہُنٛد عام تصوّر ۔

خدا ایس چھُ انسانس سِتی تِتھے
رِشتہ یتھ اُکس خاوندس بینہٕ زنانہ

باقے حاشیہ صفحہ ٢٣٩ ۔ گوڈنیُک حصہ چھُ اُکس تھس شخصہ سُنٛد
کلام یاسان یُس قید بابل برونٹھ چھُ اوسمت مگر پتِمس حصس
منٛز چھِ قید بابلکی اثرات تاکارہ پاٹھی لبنہٕ یوان ۔ اوسے ہ
چھُ گنوٗہیمہ صدی ہنٛد بو نقادو یہ دوٚن شخصن ہنٛدس
کلامس منٛز باگر ووٚمت اُکس وونکھ "یشعیا اول"
تہٕ بیٚیس "یشعیا دوم"۔

سِتی آسان چھُ، خاوند چھُ سیٹھا غیوٗر آسان
سُہ کرِ پنِنہٕ زنانہ ہنٛدی ساری خطا ماف مگر یہ
جرم کریس نہٕ ماف زِ سو کرِ تہنٛدِس موجوٗدس منٛز
بیٚیس مردس تہٕ شریک ۔ یتھے کِنی چھُ اسرائیلی
خاندانُک خدا تہٕ بوڈ غار تہٕ وول تہٕ تمی بنوو
اسرآئیلی خاندان پننی ٹاٹھ زنانہ، چونکہ ٹاٹھ
زنانہ بناوٕن او وسنہ چھُ اسرآئیلی خاندانچ بے
وفائی تہٕ غار قومن سِتی آشنائی لتس
سیٹھا کُڈ رگرٛ ھان تہٕ امہ کِنی چھُ سُہ اکھ
جُرمس پیٹھ سخت سزا دِوان ۔

احکامِ عشرہ دہن حُکمن ( Ten
Commandments) منٛز اوس یہ تہٕ
اکھ حُکم زِ تُہہ کُنہ چیزچ شکل بناوکھ نہٕ
تتھ برونٛہہ کُنہ نمکھ ۔ تکیازِ بہ خدا وند چھُن
خدا چھُس رشک کرن وول تہٕ سیٹھا
غار تہٕ وول خدا ۔ (خروج ٢٠ - ٤ + ٥ )

خاوند سُنٛد رشتچ یہ تمثیل یوسہ مصر
منٛز نیرِ تہٕ پتہٕ شکلِہ منٛز آسن ہینٛز ہیتِ مُژ
روٗزٕنی مس زمانس تام کم زیادٕ موجوٗد ۔
یہوٗدین ہنٛز گمراہی پیٹھ چھُ خدا یہ سُنٛد
غضبُک اظہار اُکس شرارتہٕ برُس خاوند

شُند جوشہ بوٗرُت اظہارُس پَننہٕ ٹاچھہ زَنانہٕ تَسٕنزٕ اَکھ اَکھ بے وفأیی یاد پاوان چھُہ۔ تمثیلہٕ ہُنٛد یہِ انداز آسی تَن گوتہٕ ہے اثر کَرُن تہٕ شأیرانہٕ بوزنہٕ یِوان۔ مگر اَتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شَکھ زِ خدا یِہٕ سُنٛد تصوٗر خأطرٕ چھُ یہِ ابتدأیی دورُک اَکھ غأر ترقی یافتہٕ تصوٗر۔

## ۵۔ مسیحی تصوٗر:۔

مگر یشعیا دویمہِ سُنٛدِ زمانہٕ پیٹھہٕ ہیٚنٛزِن یہِ حالتھ بدلنۍ تہٕ یہوٗدی تصورس منٛز ہیٚنٛزِن اَکی ساتہٕ وُسعت تہٕ پاکیزگی پاد گژھنۍ۔ گویا ووٗنۍ اوس نوِ تصور خأطرٕ زمانُک مزاج تیار ہیوٚتمُت گژھُن۔ اَدٕ یِلہِ مسیحیت آیہٕ، سو آیہِ رحمتُک تہٕ موحبتُک عفوُک تہٕ بخشأیِشہِ ہُنٛد نوٚو تصور ہیتھ۔ ووٗنۍ اوسنہٕ خدا یِہٕ سُنٛد تصوٗر اَکِس جابرٕ پادشاہ سٕنٛدی پأٹھۍ قہر بوٗرُت تہٕ نہٕ اوس رَشکہٕ بٔرِس خاوندٕ سٕنٛدی پأٹھۍ سخت گیر بٔلکہ اوس سہٕ مألۍ سٕنٛدِ موحبتہٕ تہٕ شفقتُک مثال پیش کران۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ شَکھ زِ یہوٗدی تصورِس شدتس تہٕ سختیہِ مقابلہٕ اوس یہِ رحمہٕ تہٕ موحبتہٕ چہِ نرمی ہُنٛد اَکھ انقلأبی تصور۔ انسان سٕنٛزٕ زندگی ہٕنٛدِن سارِنۍ رِشتَن منٛز چھُ مألِس ماجہِ ہٕنٛد رشتہٕ سارِی کھوتہٕ تھوٚد رشتہٕ۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ خاوندٕ سٕنٛد رشکٕ پأٹھۍ جذبن تہٕ خأہشن ہُنٛد غرض شأمِل آسان۔ یہِ چھُ سورُے رحم تہٕ شفقتھ بیٚیہ رَچھُن تہٕ پھانپھلاوُن آسان۔ اولادِ کرِ پھر پھر خطا مگر ماجہِ ہٕنٛزٕ مایہ پھرِ نہٕ تونہِ بتھ تہٕ مألۍ سٕنٛزٕ شفقتھ رُوزِ نہٕ ماف کرنہٕ نِشہٕ ہیتھ۔ لہٰذا اگر خدا یِہٕ سُنٛدِ تصورٕ خأطرٕ کُنہِ انسأنی رِشتس سٕنٛزٕ مشابہتہٕ وِزِ چار آسہٕ نہٕ تیلہِ چھےٚ یِزِ کُنہِ خاوندٕ سٕنٛزِ مثالِہ کھوتہٕ مألۍ سٕنٛزٕ مثال وارِیاہ شأیستہٕ تہٕ ترقی یافتہ مثال۔

تجسم تہٕ تثنیہ کِنۍ اوس مسیحی تصورِ تیوٗ تھدیومُت یوٗ تتس یہوٗدی تصورُو وتمُت اوس مگر یِلہ مسیحی عقأیدن روٗمہٕ کِن بُت پرستی ہٕنٛدِن سیتی رلیاے تہٕ اقانیم ثلاثہ، کفارٕ تہٕ مُسیح پرستی ہُنٛد تصور گو غألب تہٕ اسکندریہ کہ فلسفس وٕلِتھ بُت پرستی ہُنٛد تصور سیراپِس (Serapis) بنیوٚو مسیحی بُت پرستی ہُنٛد تصور۔ ووٗنۍ اوس

عیسایین بُت پرستن ہنز بُت پرستی لبِشہِ انکار
مگر پننہ بُت پرستی پیٹھ اوسُکھ نہٕ کانٛہہ تہِ
اعتراض ۔ (میڈونا Medonna)
سُنٛد پرانہ بُت چھ جایہ آو اَکس نوٚ مسیحی میڈونا
(Medonna) سُنٛد بُت بناونہٕ ۔ یہ آس
خدایہ سنٛدِس فرزندس کوچھ منٛز ہیتھ
تہٕ پرٛتھ پرٛژھ و آلس عیسایس اوس اُمس
بروٚنٛہہ کنہِ پانٛن ڈٲکہِ سجدس منٛز ترٛاوُن ۔

غرض ییٚمہِ وِز قرآن نازِل سپُد
مسیحی تصوّر اوس رحمس تہٕ مآلی سنٛدس
موحبتس سیتی اقانیم ثلاثہ کفارہ تہٕ تجسم
رلاوِتھ ۔ اکھ رٕلہِ مِلہٕ "اشراکی توحیدی"
تصوّر بنیوٚمُت ۔

## یوٗنان کِہن فلسفیَن تہٕ اسکندرٛیہ ہِک تصوّر :۔

یِمو تصور و عَلاوٕ چھُ اکھ تصور
یوٗنانی فلسفیَن ہُنٛد تہِ یُس یوٚدوَے مذہبی
تصورن ہنٛدی پآٹھی دِنی یِہکہن قومن ہنٛد
تصور ہیوٚک نہٕ بنتھ مگر انسان سنٛدس ذہنس
پوچھ رِدِنٛس منٛز نیوٚ تمی سیٹھا بوڈ حصہ
تمہِ کِنی ہیکون نہٕ سہٕ نظرانداز کرٕتھ۔ حضرت
عیسیٰ عٔ ہس تقریبن پانٛژھ ہتھ وُری برٛونٛہہ
اوس یوٗنانس منٛز توحیدُک تصور رِکھا سپھلِنہٕ
لوگمُت ۔ اَمِچ ساری کھوتہٕ بڈٕ معلّم شخصیت
دژایہ سقراط (Socrates) سنٛدس
حکمتس منٛز نیٚی ۔ یتھے افلاطونن (Plato)
ترتیب لباس لوگ ۔

یتھے کِنی ہندوستانس منٛز رگ وید
دیوتاہن ہُنٛد تصور پوٚتَس اَکس (رب
الارباب) سنٛز شکلہِ منٛز نوٚن دژاو۔ تہٕ یتہٕ
پوٚک یوٚ ہے رب الاربابُک تصور وارہِ وارہِ
توحیدِس تصورس کُن بِلکُل تتھے کِنی ییٚہو
یوٗنانس منٛز تہٕ اولمپس (Olympus)
کِہن دیوتاہن تہٕ پوٚتَس اَکس رب الارباب
ہستی بروٚنٛہہ کنہِ نمُن ۔ پتہٕ ہیوٚتن یہ رب
الاربابی تصور وارہِ وارہِ کثرتہٕ پیٹھہٕ وحدتس
کُن رِکُن ۔ یوٗنانکی ساری کھوتہٕ پرانی عقاید
مولوٗم کرنُک چھُ اَکے ذٔری یہ تہنٛز پرانی
شاعری ۔ ییٚلہِ اَسی تمیُک مطالعہ کران
چھِ اکھ پتہ کِنہ چھِ عقیدک کام کرونی بوزنہٕ

فلسفس [illegible]

دۄہ تلنہٕ زِ اکہِ طرفہٕ گوٚ ژھٹہ عقایدن سیتی نہٕ ٹھولہٕ
لگُن۔ ہندوستانکی پاٹھی اوس یوٗنانس
منٛز تہٕ خاصَن تہٕ عامَن ہنٛدی اعتقادن
تہٕ عمَلہٕ تہٕ پانہٕ وانٛی سمجھوتہٕ کوٚرمُت بانے
توحیدُک تہٕ بُت پرستی ہنٛدی عقیدٕ آسِن
یکجا پکنہٕ ہیٚتی متی۔ مگر سُقراطُن روحانی
بجر اوس عام سطحِ نشہِ سیٹھا تھدیوٗمُت۔ تِمی
ہیٚوک نہٕ وقتہٕ کیٛن بُت پرستی ہنٛدین عقیدن سیتی
کانٛہہ سمجھوتہٕ کرِتھ۔ تِمی سُنٛدِ توحیدُک تصوّر
دۄقلیثو تجسیم تہٕ تشبہ چھوسارِوے آلودگیو
نشہِ پاک گرٛصتھ۔ تسُنٛد بےلوث خدا پرستی
ہُنٛد تصوّر اوس تیوٗت تھوٚدرِ وقتکی عام مذہبی
تصوّر ہیکہٕ ہَن نہٕ تَس کلہٕ تھوٚد تُلتھ تہٕ وچھتھِ
تہٕ ہٕنٛزن حقیقتھ شناس نظرَن منٛز آسی
نہٕ یوٗنان چہِ اصنامی خدا پرستی ہنٛزامہِ کھوتہٕ
زیادٕ کانٛہہ مُنٛی یادرِ پہٕ اوس اکِہ قسمُک دکان
داری ہُنٛد لین دین۔ یُس پنہٕ نِن پانے گرِمتین
معبوٗدن سیتی کرِنہٕ اوس یوان۔ افلاطوٗن چھُ
اَسہِ یوٗتی فرا (Euthyphro) سِنٛزِ کتھِ
باتھِ منٛز صاف پاٹھی وَنان زِ یوٗنان کیٛن دینی
عقاٗیدن تہٕ عملن نِسبتھ کم بےلاگ فاصلہٕ

دِتی سُقراطَن۔ سُقراطس اوس مذہبُک احتِرام
نہٕ کرِنُچ ہاشژھ لاگنہٕ آمُژ۔ سُہ چھُ پرژھان
"مذہبی احترام" کتھ چھِ وَنان او بیتہٕ یُس
جواب دنہٕ یوان چھُس تتھ چھُ اتھ تنٛقیدس
تام واتناوان زِ "مذہبی احترام چھُ منگہٕ نکُ
تہٕ دِنُک اکھ کسب۔ دیوتاہَن سہٕ چیز منٛگُن
یمیُک اَسہِ حاجتھ چھُ تہٕ تِمَن سُہ چیز دِیُن
یِمیُچ تِمَن ضروٗرَتھ چھے۔ ژھوٚٹی پاٹھی
تجارتُک تہٕ کارِبارُک اکھ خاص طریقہٕ۔ یِژھ
شُنٛی تالیم ہیکہِ ہانہٕ وقتہٕ کِہ سزا نشہٕ بچتھ نہٕ
نہٕ بچِ یہٕ۔ مگر سُقراطہٕ سُنٛد تھدِ عزم دۄل
روٗح ہیکہِ ہانہٕ وَقتہٕ چھُو حاقتو سیتی دُبتھ
تہٕ صبر تہٕ استقامتہٕ سان یُس تہین تہٕ شہیدن
منٛزِ یوت ہیکہِ آسِتھ، تُل تِمی زہر پیالہٕ
تہٕ ڈُکس درٛہہ کھالنہٕ ورآسے ژھنُن چیتھ
"تمنّت سلیمیٰ ان نموت بحبھا
فاھون شیئٍ عندنا ما تمنّت"۔
"نگارس آرزو مرنا یہٕ تَس پتھ
مئے کرِ زن سہل آسی امہٕ کھوتہٕ کانٛہہ کتھ"
یِہ سہٕ تِمی مرنہٕ برٛونٛہہ پنٛنیم کتھ وُنی مژ آس سو آس یہایے
تہٕ سُہ چھُ اکِہ ادتی دُنیاہ نشہِ بہتر دُنیاہس کُن گژھان"

افلاطونن دِژ سُقراطٕ سٕندین منطقی (Dialetic) خیالن یِم اُکِس معلم سٕندِ سبقہٕ نہٕ املا ہِچہٕ شکلِہ منٛز آسی، اَکہِ مکمّل ضابطہٕ شکل نہٕ منطقی تحلیل کہ ذٔری یہ کٔرن تِم کُلیاتن نہٕ اصولن ہٕنٛزِ شکلِہ منٛز مُرتّب۔ تِمۍ تھوو پنہٕ نِہن سارِنٕے فلسفیانہٕ خیالن ہٕنٛز بُنیاد کُلیاتن پیٹھ نہٕ حکومتہٕ پیٹھ خدا یَس نام لوگُن سارِنٕے تصوریتک (Idealism) لباس۔ اگر تصوریت محسوساتو نِشہِ الگ چھہ نبٕلہِ چھُہ "ناوس" (Nous) (۸۵) یانے نفسِ ناطقہٕ نہٕ مادٕنِشہِ الگ پنٕنۍ ہستی تھوان۔ نہٕ اگر نفس مادہ نِشہِ الگ چھُ نبٕلہِ چھہ خدا پہٕ سٕنٛز ہٕستی نہٕ مادٕنِشہِ بیون پنُن وجوٗد تھوان۔ تِمۍ کوٚر انکسا غورسٕندِس (Anaxagoras) مسلکس خلاف دوٚن نفسن منٛز فرق۔ اکھ موٗنُن فانی بیاکھ لافانی۔ فانی نفَس چھےٚ خاہشہِ آسان تہٕ سُے چھُ مجسّم "انا" ایغو (Ego) مگر لافانی نفس چھُ کائناتُک اصلِ عاقلہٕ نہٕ سُہ چھُ جسمانی زندگی ہٕنٛزِ وسارِوے آلایشوٚ نِشہِ پاک۔ یہلے چھےٚ نفسِ کُلی ہیچ سوٚز بیمہِ انسانس منٛز عقلِہ ہٕنٛد ژونگ زولمُت چھُہ۔ یونانس وائتِھ چھُہ نفس کُلیک تصوّر تہٕ اَکہِ قسمکہِ وحدت الوجوٗدی تصوّرٕچ شکل پاداکران۔ دَراصل چھُہ ہِنٛدو فلسفک "آتما" تہٕ یونانی فلسفُک "نفس" اَکے چیز کینٛہہ ناو۔ بٕیتہِ اوس "آتماہ" پتہٕ "پَرم آتما" نوّن دراصُت نہٕ ہُنتہ دِژاو نَفسِ پتہٕ نفس کُلی نوّن۔

سقراطن اوس خدایہ سٕندِ ذاتہٕ خاطرٕ "اگاتھو" (Agatho) یانے الخیرک تصوّر دیُتمت۔ سُہ چھُہ سورُے ہِشر نہٕ حُسن، افلاطونن ترآو وجوٗدکیو عالموٗنھوٗد نہٕ وُڈو نہٕ خالِص خارُک ہیوٗتُن پےٚ کٔڈُن۔ مگر تِمۍ ہیوٚک نہٕ سقراطہٕ سٕندِس صفاتی تصورَس پیٹھ کینٛہہ نہٕ ہُراوِتھ۔ ارسطو (Aristotle) یُس فلسفی اوس روحانی تصورو نِشہِ بیوّن کٔڈِتھ صرف مشاہدس نہٕ احساس کِس دائرَس منٛز وُچھن یژھان ہیکہِ نہ سُقراطہٕ سٕندِس اَتھ تصورس سیتی ٹِکِتھ۔ تِمۍ دیُت عقلِ اول نہٕ عقلِ فعالک تصور یُس اکھ ابدی غیر منتجزی (یتھ نہٕ بیوّن بیوّن حصہ گژھن) بسیط (یُس نہٕ مرکب آسہِ) تہٕ بحت ہستی

(یانی) خائِص چھُ، گو سقراطن تہٕ افلاطونن
بیٚیمہٕ ذاتک صفت "الخیرس" منز وُچھمُت
اوس ارسطوہن وُچھ سُہ "العقل" منز تہٕ
اَتھ منز لَس پیٹھ وائِتھ ٹھہریوو۔ اَمہ
علاوہ یہ گینڈ رہا اُسی مشآئی فلسفس
(Peripatetic Philosophy)
منز لبان چھہ، سو چھِنہٕ ارسطوسند وضاحتھ
شہ چھُ تھنڈ یونانی تہٕ عرب شارِحو ہُر رُوو۔
اَمہ ساری تفصیلہٕ منز سپُد مولوم زٕ "الخیر"
تہٕ "العقل" چھہ یونانی فلسفہٕ کہِ خدائی تصورک
لُب لباب۔

سُقراطُن سُند صفآتی تصور سمجھنہٕ خاطر چھُ
ضروری زِ افلاطونن سٕنز جمہوریتس
(Republic) منز درج یہ کتھ باتھ
بیہ نظر تل تھاونہٕ۔ یتھ کتھ باتھ منز چھُ تمی
تآلیمہٕ ہندِس مسلس پیٹھ بحث کورمُت
تہٕ نہٕ رووُمُت زِ تمکِ بنی یادی اُصول کیا گژھن
آسنی۔

---

[حاشیہ ۸۶ جمہوریتہٕ کین کتھہٕ باتھہٕ منز حصہ نہٕ والین
منز چھہ اڈمنٹس (Adeimantus) تہٕ گلوکن
(Glaucon) افلاطونہٕ سٕندی بایے۔ چنانچہ
اڈمنٹس (Adeimantus) چھُ پڑ ژھان
الوہیتک ذِکر کران کُس انداز بیان پزِ شآیرن
ورتاوُن۔
سقراط:- پڑتھ حالس منز گژھہ خدا یہ سٕنز
تھزنا آریف کرٕنی یتھ سُہ پننِس ذاتس منز چھُ
شار جاہے رزمی آسی تن باغنائی۔ اَمہ علاوہ

افلاطونن چھُ پانہٕ اُکِس جایہ اَمِچ وضاحتھ کرٕمژ۔
افلاطونہٕ سٕنزن باقی کتابن سٕتی اوس جمہوریتُک
ترجمہ تہٕ عربیس منز سپُد مُت۔ شیٚمہٕ صدی ہجری منز
اوس ابن رُشدن اَمیُک شرح لیوکھمُت
شرح چھِ گوڈ کتھہٕ منز چھُ لیکھان زِ میٚ یژھہ وو
ارسطوسٕنز "کتاب السیاستہ" تُک شرح لیکھن
مگر اندلسس منز میوُل نہٕ اَمیُک کانہہ نسخہٕ۔
مجبورن پیٚیم افلاطونہٕ سٕنز کتاب ثلنی۔ اِبن
رشدہٕ سٕندِ شرحکی عبرآنی تہٕ لاطینی ترجمہ چھِہ
یورپس منز موجود۔ مگر اَصل عربی چھُنہٕ دستیاب
یورپکی موجود ترجمہٕ چھِہ سیدِ سیوُد یونانی پیٹھ
سپدی متی۔ اَکھ یہ روٚ نہہ کنہِ چھِ اے۔ ای ٹیلر
(Taylor) تہٕ بی۔ جوویٹ (Jowett) سٕندی
انگریزی ترجمہٕ]

چھُنہٕ اتھ مَنٛز کانٛہہ شکھ زِ خدا یِہ سٕنٛز ذات چھےٚ صالح، لہٰذا چھُ ضوٗروٗری زِ تٔہنٛدین صِفتن مَنٛز تہٕ آسہِ حق تہٕ صلاح۔

اڈِمنٹس :- یہِ چھُ پوٚز۔

سقراط :- بیتہٕ چھےٚ نٕشی کنھہ زِ یُس وجوٗد صلاح آسہِ تمہِ نٕشہِ ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ مُضر کنھہ نیرتھ تہٕ یوٗسہٕ ہٕشتی مُضر آسہِ نہٕ سُہ ہیٚکہِ نہٕ زانٛہہ شَر پٲدٕ کرن واجینی آسِتھ بیتھے کُنی چھےٚ یہِ کنھہ تہٕ نٕشی زِ یوٗسہٕ ذات صالح آسہِ، ضوٗروٗری چھُ زِ سُہ آسہِ نفع دنہٕ واجینی تہٕ لہٰذا اَسِہ گُو معلوٗم زِ خدا چھُ صرف خٲرِچ علّت تہٕ شرِچ علت ہیٚکہِ نہٕ آسِتھ۔

اڈِمنٹس :- صحی چھُ۔

سُقراط :- اَتہٕ تُس نٕنی یہِ یہِ کنھہ زِ خدا یہِ سُنٛد سارِنی حادثن تہٕ کامن ہُنٛد سَبَب آسُن چھُنہٕ ممکن یہِ زَن عام پٲٹھی خیال چھُ کرنہٕ یوان ٹُلِکہ چھُ انسٲنی حالاتن ہٕنٛدِ سِتھا لوٚکٕٹہِ حِصک سَبَب تِکیازِ اَسی چھِ وُچھان زِ بُدی یہِ چھےٚ نیکی یوٚکھو تہٕ زیادٕ تہٕ بُدین ہُنٛد سبب ہیٚکہِ نہٕ خدا یہِ سٕنٛز صالح تہٕ نافع ہٕستی آسِتھ لہٰذا پزِ نیکی یِ یوت تَس کُن نِسبت دِنی تہٕ بُدی یہِ ہُنٛد سبب بیٚیہِ کُنہِ جایہِ ژھانٛڈُن

اڈِمنٹس :- بوٚ چھُس محسوٗس کران زِ یہِ کنھہ چھےٚ بلکل نٕشی۔

سقراط :- لہٰذا چھُ لازم زِ اَسی کرٕ نہٕ شاعرن ہٕنٛدین تتھین خیالن سٕتی اتفاق بیتھ خیالات ہومَر (Homer) سٕنٛد بوٗشار و مَنٛز نَنان چھِ مشتری (۸۷)[1] سٕنٛزِ ڈیٚڈِ پیٹھ چھِ زٕ پیالہٕ تھوٚونہٕ آمٕتی۔ اکھ چھُ خٲرُک تہٕ بیاکھ چھُ شرُک تہٕ یہِ آیی چھِ انسان سٕنٛزِ ساری نیکیہِ تہٕ بُدی ہُنٛد سبب یَس اِنسانس خٲرٕکہِ پیالُک شراب اَتھہٕ آو تَس کیوٚن چھُ خٲرے خٲر تہٕ یَس شرُک پیالہٕ حِصہٕ آو تَس کیوٚت چھُ شرے یوت، اَدٕ یُس دوشونی پیالن ہُنٛد رلہِ ملہٕ دام اَتھہٕ آو تَس آیہِ نیکی نہِ اَتھہٕ تہٕ بُدی نہِ[2] (۸۸)

---

حاشیہ ۱ :- مشتری یانے زیوس (Zeus) چھُ یونانہٕ کین اصنامی عقایدن مَنٛز رب الارباب یانے دیوتاہن مَنٛز سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ حکمران دیوتا۔

ہومرن (Homer) یوسہٕ ایلیڈس (Iliad) مَنٛز دیوتاہن ہٕنٛز مجلِس سجاوِتھ چھےٚ تتھ مَنٛز چھُ مشتری تختس بِہِتھ۔ حاشیہ ۲ :- ایلیڈ کِس یَمِن شارن چھُ سلیمان بستانی عربیس مَنٛز سٕہٕٹھاہ ترجمہٕ کوٚرمُت۔ یِم شار چھِ اصل نسخہٕ کِس حاشیس پیٹھ (ص ۵۳۹ - ۵۴۰)

برٛونٛہہ ٹکیتھ چھُن تجسیمہٕکِس عقیدس پیٹھ زور دِتھ بحث کوٚرمُت نہٕ اَمہِ کیتھہٕ نٔشہِ انکار کوٚرمُت زِ خدا چھُہ اَکِس بازیگرٕسٕندی نہٕ بہروٗپسٕندی پاٹھی گراہ اَکِس شکلہِ مَنٛز نوٚن نیران نہٕ گراہ بێیس شکلہِ مَنٛز۔

## اسکندریہٕک مذہبِ نوٚ افلاطون

ترٛیٚیمہِ صدی عیسوی مَنٛز کوٚر اسکندریہٕکۍ تصوفکۍ فلسفن "مذہب افلاطون جدید" Neo Platonism کہ ناوٕسیتی ظہوٗر۔ اَمیُک بانی اوس اموٗنیس سکاس (Ammonius Saccas)۔ اموٗنیس سکاس سُند جانشین بنیوٗ فلاطینس Platinus نہٕ فلاطینَس سُند شاگرد اوس فورفوریوس Porphyry یُس اسکندر افرودیسیس (Alexander of Aphrodisias) پتہٕ ارسطوٗ سُند سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ شارح مانہٕ آمُت چھُہ۔ یِمی نوٚ افلاطونی ہیٚنٛز گوٚڈ کیتھ مشائی فلسفن سیٚتی رلاوِ۔ فلاطینس نہٕ فورفوریوس سٕنٛز تالیم آس سارٕے تِتھی بنی یادَس پیٹھ ڈٕرتھ یتھ پیٹھ ہندوستانُک مَنٛز اپنشدَن ہُنٛد مذہب چھُہ۔ یانے یِنٛز علمُک اصلی ذرٕیہ چھُہ کشف نہٕ کِہ استدلال نہٕ معرفتُک تھوٚد درجہِ چھُہ جذبُک نہٕ فنہُک مقام حاصل گژھن۔

خدا یہٕ سٕندِس وجوٗدَس مُتلق ووت

فلاطینس نہٕ تِتھی نتیجَس پیٹھ یتھ پیٹھ اپنشدٕکۍ مُصنّف سیٹھا برٛونٛہہ واتی مِتۍ آسی یانے تِمی نہٕ کوٚر نفی صفاتُک مَسلک اختیار۔ ذاتِ مُطلق چھُہ سانہِ منطقہٕ نہٕ خیالہٕ کھوٚرِ و تابیَر و نیبَر۔ اَمہِ کِنی ہیٚکو نہٕ اَسی اتھ پیٹھ کانٛہہ رایہ دِتھ۔ "ذاتِ مُطلق چھُنہٕ تِمو چیزو مَنٛز کہین نہٕ یِم تمہِ نٔشہِ ظہوٗرَس مَنٛز آسے اَسی ہیٚکو نہٕ اتھ پیٹھ کانٛہہ رایہ دِتھ۔ اَسی ہیکو نہٕ اتھ موجوٗدیت دِنِتھ، نہٕ جوہر نہٕ ہیکو یہ وٕنِتھ زِ سو چھےٚ زندگی۔ حقیقتھ چھےٚ ہمو تابیرَو نٔشہِ سیٹھا دوٗر"۔

سقراطَن نہٕ افلاطوٗنَن اوس حقیقتس "الخیر" ووٚنمُت۔ اَمہِ کِنی ہیو کیتہٕ فلاطینس اوٚ نام ونُنہٕ نٔشہِ انکار کٔرِتھ۔ مگر اَمہِ برٛونٛہہ کُن کٔرِ تِمی سارٕے وٕتہٕ بنٛد۔

"بیٚلہِ توٚہی ووٚنِو "الخیر" نہٕ لَس یِنہٕ دٕنِتھ

ڈُہر پلوتہٕ آتھ مہ ہُر رآوِ وکیشہٕ نہٕ اگر توٚہی بیٚیہ
کانہہ خیال ہُر رآوِ ونتھ سیتی، ہُر رآوِ توٚہی اکھ
نوٚو نوقص"۔

ارسطو ہن اوس حقیقتنگ پےٚ عقولِ
مجردہ کٔنی کوٚڈمُت تہٕ علۃ العلل اوسُن عقلِ
اول زونہٕ مُت مگر فلاطینس سُند مطلق
Absolute ہیوٚ کنہٕ امہِ تا آبیُرک گوبیرنہِ
زآلِتھ۔ یہ نہٕ مہ وُنوزِ سہ چھُ عقل۔ ینھِ
کٔنی ہیٚے یون توٚہی سہ بآگرُن۔[دحوالہ ۹۰-۹۱-۹۲
Stephen Mackenna] جلد ۲ صہ ۱۳۴)

وونی اگر اُسی تس عقل ہیکو نہٕ وُنِتھ
تیٚلہِ کتھہِ کٔنی ہیکو اُسی "الوجود" تہٕ "الخیر" وُنِتھ
اگر اُسی پننیو خیٲلی صفتو منزٕ کانہہ تہٕ صفت
تہٕنٛدِ خاطرٕ وُنِتھ ہیکو نہٕ تہٕ تیٚلہِ کیازِ آسہٕ
وجودیت تہٕ خیریت وَنُن تہٕ ممنوٗع۔ امہِ اعتراضکُ
چھُ سہ پانے جواب دِوان۔ "اَسہِ اگر تس
"الخیر" وَون امیُک چھُنہٕ مطلب زِ سہ چھُ
کُنہِ خاص صفتُک باقایدٕ تصدیق کرُن یژھان
یُس تس منز موجوٗد چھُ۔ اُسی چھِ امہِ تا بیرٕ
سیتی صرف یہ کتھ نُنہِ راوِنی یژھان زِ سو
چھےٚ اکھ مقصد تہٕ مُنتہی ییتھ پیٹھ ساری سلسلہٕ

ختم چھِ گژھان۔ یہ چھےٚ زنتہٕ اکھ اصطلاح یوس یہ
اکہ خاص غرضہٕ خٲطرٕ ورتاونہٕ آمٕژ چھےٚ۔ یتھے
کٔنی اگر اُسی تس وجوٗد چھِ ونان نہٕ صرف امہِ
کِنی یُتھ سہ عدمہٕ کہ دآیرٕنِشہِ نیبر تھوون یِیہ
چھُ ہیر تھ چیزنِشہِ تھوٚدٕ تیوٗت زِ وجوٗدکیو اوصاف
تہٕ خواصونِشہِ تہٕ سیٚٹھا تھوٚد۔ (۹۳)

---

حاشیہ مذہب افلاطون جدید آو امہِ سبہٕ افلاطونس
کُن منسوب کرنہٕ زِ امہِ بُنی یاد آس کینژن افلاطونی گوڈنکین
پیٹھ تھونہٕ آمُت۔ مگر پتہٕ یوس وَتھ تمی پننہِ نِس بحثس تہٕ نظریس
منز رٹ تہٕ یمن نتیجن نام سہ ووت تمن اوسہٕ افلاطونس سیتی
کانہہ تعلق۔ مگر عرب فلسفین ہُنٛد اکھ بوٚڈ طبقہ پیو اتھ غلط
فہمی منز زِ یہ چھُ دراصل افلاطونہٕ سُنٛدُے مذہب۔ امہِ
مذہبو کیو کینژو فلسفیو مثلن فورفوریوسن ارسطوٗ سُنٛد
شرح کران یِمہٕ کتھہٕ تہٕنٛدس مذہبس منز ہُررآوِ ثمہٕ تہٕ ہیٚچہِ
تہٕ عرب عالمو بیوٚن کڈِتھ۔ ابو نصر فارابی ییتھہٕ کٔنی "الجمع
بین الرایٔین" کتابہِ منز یُس ارسطوٗ سُنٛد مذہب ظاہر چھُ
کوٚرمُت تمہِ سیتی چھےٚ یہ کتھ وارٕ نان۔ ابن رُشد چھُ
گوڈنیک عرب فلسفی یمی یہ غلط فہمی محسوٗس کٔرتہٕ ارسطوٗ
سُنٛد مذہب یتھٕ پٲٹھی شرح کرن والین ہُنٛد اضافہٕ نِشہٕ
بدوٗن کرِتھ وُچھ۔
سنہ ۵۲۹ م منز ییلہ شہنشاہ جسٹینن سُنٛدِ

اسکندریہ ہکی کلیمنٹ (clement) وۆن
امہ مسلکُک خلاصہ کینژن لفظن منز "سُہ ہیکو ن
نہ امہ سیٹی ییٖتھ زنانہ اوتھ زِ سُہ کیا چھُ؟ صرف امہ
سیٹی زِ سُہ کیا نہ چھُ" یانے ییٖتہ چھِ سلبہ تہٕ
نفی چی وَتھ لبنہٕ یوان - ایجابہ تہٕ اثباتچہ وَتہٕ چھِ
بند -

---

ٹُکمہٕ اسکندریہ ہک فلسفی جلاوطن کرنہ آے تموٚ منز گئے
کینہہ ایران چھپنہٕ - سمپلیسیس (Simplicius)
تہٕ ڈیماسیس (Damasess) آسی خسرو سنٛدس
دربارس منز تھزن جاین پیٹھ، ییٚہندی کنہٕ ووت
مذہب افلاطون جدید پہلوی زبانی منز تہٕ ایرانی
ٹُکیمو کوٚر یہ قومی رنگ دِنہ خاطرٕ زردشتس تہٕ
جاماسپس کن منسوب - بیٚیلہٕ پہلوی ادبیات عربیس
منز پھرنہ آومِن فلسفیانہ مقالاتن تہ سُند ترجمہ
تہٕ عام پاٹھی سپد یہ خیال پاد زِ یہ چھُ زردُشتن
تہٕ جاماسپن اکھ پُر اسرار فلسفہ - چنانچہ شیخ شہاب الدین
چھُ حکمۃ الاشراقس تہٕ شیرازین تمہٕ کس شرحس
منز یمہ دو شوے غلطیہ جمع کرمژ - تم چھِ مذہب
افلاطون جدید افلاطونہٕ سُند مذہب زانان تہٕ
زردُشتہٕ سُند تہٕ جاماسپ سُند نہ حوالہ دوان -

(بقیہ حاشیہ صفحہ ٢٤٩)

" سرُ لسان النطق عنه اخرس
سُہ راز ہیٚمہ کہ اظہار نِشہ زیو چھے کلان"

صفاتن ہندس بابس منز چھِ یہ سوٚرے
کتھ ییٚتھ اُپنشدچہ زبانی منز "نیتی نیتی" وننہ چھ
آمُت - تہٕ یتھ پیٹھ شنکرن پننہٕ مذہب چین
گوڈکتھن ہنز لڑکھاجر چھِ -
وسطی زمانہٕ کین یہودی فلسفین ہُند
تہٕ اوس یہے مسلک - موسیٰ ابن میمون
(٦٠٥ھ) چھُ خدایس الموجود وننہٕ نِشہ تہٕ انکار
کران تہٕ وِنان ییٚتھے اُسی "موجود" وِنان چھِ سائنس
تصورس پیٹھ چھے مخلوقن ہندین اوصافن
تہٕ خاصیتن ہنز ژھاے پیٚنی ہیوان تہٕ خدا ے
چھُ یموا وصافو نِشہ "منزہ تہٕ پاک" تمی کوٚر امہٕ
نِشہ تہٕ انکار زِ خدایس یہ "وحدہ لاشریک"
وننہ نکیا زِ "وحدت" تہٕ "عدمِ شرکت" چھِ تم تصورات
یم اضافی نسبتو نِشہ بدون چھِنہٕ - ابن میمون
سُند یہ مسلک اوس دراصل اسکندریہ فلسفہ کہ
پوٚت آکو -

## قرآنی تصوّر :-

بہرحال شیٖم صدی عیسوی منز اوس

دُنِیہچہِ خدا پرستی ہُنْد خیال ییتھ حدس تام
وۆتمُت ییلہِ قرآن نازل سپُد۔ وۄنی
وُچھتو قرآن کہِ خۄدائی تصورک کیتھ حال چھُ
یِمَن تصوراتن ہِنْد مطالہٕ ییٚنہِ ییلہِ اُسی قرآن
کِس تصورس پیٹھ نظر چھ ترٛاوان تہٕ صاف
چھُ بوزنہٕ یِوان زِ خدائی تصور کیٛن سارِنٕے
عناصرن مَنٛز چھےٚ تیٚمِیٚ جائے تھٔزٕ تہٕ بیٚون۔
اَتھ سِلسلس مَنٛز چھےٚ یِمہٕ کینہہ کتھہٕ غور کرنس
لایق۔

## ۱۔ تنزیہہ پوٚرکرُن:۔

تجسمہ تہٕ تنزیہہ کہِ لحاظہٕ چھُ
قرآنُک تصور تنزیہہ ہیچ اکھ ترٛشہٕ مکمل شکل
ییٚمیُک نہٕ کانٛہہ تہِ نشانہٕ تمہِ وِزِ دُنِیہس
مَنٛز موجوٗد اوس۔ قرآنہٕ برٛونٛہہ ییٚمہِ تنزیہُک
بُڈکھو تہٕ بوٚڈ رتبہٕ انسانہٕ سِنٛد ذہنن ییترٛا ادٕ تھ
ہیٚوکمُت اوس سُہ اوس بُت پرستی بجایہ
گژھِہ اَکِس بِیہ نظرِ نہٕ ییٚنہٕ وٲلِس خدایس سٕنٛز
پوٗزا کرٕنی۔ مگر یُوٚ تام خدائی صفتن ہُنٛد تعلق
چھُ تتھ مَنٛز اوس نہٕ کانٛہہ تہٕ تصور انسانی
اوصافن تہٕ جذباتن ہیٚو آسنہٕ تہٕ جسمہٕ تہٕ
شکلہِ وول آسنہٕ ورٲے ہِنٛد وسنانک

تہٕ یوٗتانُک حال وُچھ اَسہِ۔ یہوٗدی تصور یِمی نہٕ
بُت پرستی ہِنٛز کانٛہہ شکل جایز تھٔوِمٕژ آس
تہِ چھُ اَمہِ قسمہٕ چیٚو تشبیہو تہٕ تمثیلو سیٚتی
بُرتھ۔ حضرت ابراہیم علیہ السلام سُنٛد بلوٗ طہٕ
کیٛن گُلیٛن مَنٛز خدا یہ وُچھُن۔ حضرت یعقوب
علیہ السلام سُنٛد خدایس سیٚتی دَب کرُن۔ میصرٕ
مَنٛز نیرن وِزِ اوٚبرٕ گ تہٕ نارک تھم ینٛنتھ وتھہٕ ہاوُنی
کوہِ طورس پیٹھ نارٕ رِیہہِ مَنٛز نوٗن نیرُن
حضرت موسیٰ علیہ السلام سُنٛد خدایس پتہٕ کنی
وُچھُن۔ خدا یہ سُنٛد شرارتہٕ برُن کانٛہہ کام
کرٕنی تہٕ پتہٕ پچھتاوُن۔ بنی اسرائیلن ہنٛزِ تاریٹھ
زنانہٕ بناوُن تہٕ تہِنٛزِ بدکاری پیٹھ ماتم کرُن
ہیکل چہِ تباہی پیٹھ تسُنٛد وَدُن۔ تہِنٛدین
اُندرِمَن مَنٛز دگ ووٚتھنی تہٕ جگرس گدٕی
گژھنی۔ یہِ ہے چھُ تورانُک عام اسلوبِ بیان۔
حقیقتس چھےٚ یہِ زِ قرآنہٕ برٛونٛہہ آس
نہٕ انسانہٕ سٕنٛز عقل تتھ تھٔزرس واتمٕژ
ییٚتہِ تَس سُہ تمثیلُک پرٛدٕ تُلتھ خدائی
صِفتن ہُنٛد جلوٕ وُچھِہ ہا۔ اَوَے سبہٕ پیٚیہ بَرٕتھ
تصورس چ بُنی یاد سٲرِے تمثیلس تہٕ
تشبیہس پیٹھ تھوٕنی۔ مثلن توراتس مَنٛز

چھہ اسی وچھان زِ اکہِ طرفہٕ چھہٕ زبوٗر کِس ترانن منز تہٕ یشعیاسنزِ کتابہِ منز خدایہ سنزِ خاطرٕ شائستہٕ صفتن ہنٛد خیال موجوٗد مگر بییہ طرفہٕ چھُنہٕ خدایہ سُنٛد کانٛہہ تقریر تیتھُیٛس اَنٛدٕ وَنٛد انسانی صفتو تہٕ جذباتن ہنٛدو تشبیہو سیتی بٔرتھ آسِ نہٕ حضرت مسیحنٕ بیٚیلہِ خدایہ سنزِ رحمتک عالمگیر تصور پادٕ کرُن یوٗژھ نہٕ تمِ نہ گَیہٕ مجبوٗر خدایہ سنزِ خاطرٕ موٗلِ آسنچ تشبیہہ سیتی کام ہیٚنس، امی تشبیہہ سیتی لیچھ ظاہر پرستن غلطی تہٕ مسیح سنزِ تیچو آسنک عقیدٕ کوٗر کھڑا پادٕ مگر یمو سارِوی تصورا تو پتہٕ بیٚیلہِ اُسی قرآنس کُن یوان چھہٕ تہٕ موٗلوٗم چھُہ سپدان زِ زَن آو ہتگہٕ منگہٕ فکرِ ہنٛد تہٕ تصورک اکھ نوٚو دُنیا باہ برٛونٛہہ کُن۔ اَتہٕ نَس چھہِ تمثیلکی تہٕ تشبیہکی ساری پردٕ اکی ساتہٕ دوٚر تھان۔ انسانی اوصافن تہٕ جذباتن ہنٛز مشابہت غائب گژھان تہٕ پرٛتھ طرفہٕ چھُہ مجازٕ بدلہٕ حقیقتُک جلوٚن نیران تہٕ تجسمک شایبہٕ تہٕ چھُنہٕ باقی روزان۔ تنزیہہ چھُ کمالکِس تتھ مرتبس تام واتان زِ:۔

---

لَیْسَ کَمِثْلِہٖ شَیْئٌ (۴۲ : ۱۱)

تس ہیٚو چھُنہٕ کانٛہہ چیز، کُنہ چیزس ہیٚو ہیٚکو نہٕ توہی تس ٹھہرٲوِتھ۔

لَا تُدْرِکُہُ الْاَبْصَارُ وَھُوَ یُدْرِکُ الْاَبْصَارَ ج وَھُوَ اللَّطِیْفُ الْخَبِیْرُ ۝

(۶ : ۱۰۳)

انسانہٕ سنٛز نظر چھِنہٕ تَس وُچھتھ ہیکان یگر سہ چھُ انسان سنٛزَن نظرَن وُچھان۔ سُہ چھُ سیٹھاہ زٲوِ جار وُچھن وول تہٕ باخبر۔

قُلْ ھُوَاللّٰہُ اَحَدٌ ۝ اَللّٰہُ الصَّمَدُ ۝ لَمْ یَلِدْ ۝ وَلَمْ یُوْلَدْ ۝ وَلَمْ یَکُنْ لَّہٗ کُفُوًا اَحَدٌ ۝

(۱۱۲ : ۱ - ۴)

خدایہ سنٛز ذات چھےٚ کُنی، سُہ چھُ بے نیاز، تَس چھےٚ نہٕ کانٛہہ ہنٛز ضرورت۔ نہ گوو تَس زِ کانٛہہ پادٕ تہٕ گوو سُہ کانٛسہِ زِ پادٕ تہٕ نہ چھےٚ کانٛہہ ہستی تَس ہیٚش تہٕ نہٕ تَس سیتی برابری کرن واجینی۔

اَوے چھُ اُسی وُچھان زِ قرآنُک اسلوبِ بیان
چھُ نہٕ تمثیلی اندازٕ نِشہٕ بلکُل مختلِف یُس تورانس
تہٕ انجیلس بیترِ مَنز لبنہٕ چھُ یوان۔ سُہ چھُ پرٛتھ
موقس پیٹھ تمثیلہٕ تہٕ مجازٕ بدلہٕ حقیقتُک تصور
پادٕ بیٚژھان کرُن تہٕ تشبیہہ بدلہٕ تنزیہہ کِس
اعتقادَس پیٹھ زور دِوان۔ سُہ چھُ نہٕ خدایہ
سٕنٛز ہستی مادٕ کی پاٹھی جسمَن تہٕ شکلن ہِنٛز
ہُنی یاد ٹھہراوان۔ نہٕ چھُ تورانکی پاٹھی خداوٕنٛدٕ
سٕنٛز تشبیہہ ورناوان تہٕ نہٕ انجیلکی پاٹھی
مالی سٕنٛدِ رشتُک مشابہت پادٕ کران بلکہ چھُ
سُہ سیٚود اُکِس خالق تہٕ مالکہ ہستی ہُنٛد
تصور پادٕ کران تہٕ اَوے چھُ تہنٛزِ ربوبیتہٕ تہٕ رحمتُک
تہٕ ہیبیتہٕ تہنٛد بِن کامِل تہٕ رتاین صفتن ہُنٛد
اکھ پوٗرٕ نقشہٕ برٛونٛہہ کُن اَنان۔ یہ اوس گویا اَمہِ
تالیمہِ ہُنٛد اکھ ساری کھوتہٕ تھود سبق یُس ییٚمہِ
وقتن مَنز اوس تہٕ اِنسان سُنٛد ذہنی استعداد
نبوت تھَد یوٗمُت زِ سُہ ہیکہِ ہا تمثیلو ورآے
حقیقتُک تصور پادٕ کرِتھ۔ مجبورَن اوس تالیمہِ
ہُنٛد سورُے طریقہٕ تشبیہہ تہٕ مجازس پیٹھ
دٕرِتھ۔ مگر تالیم ییٚلہِ ییٚنہٕ تس کمالس وآتہٕ
تہٕ تمثیلن ہِنٛز ضرورت رُوٕ نہٕ باقے۔ لہذا
بنیو ولازم زِ حقیقتہ ہاوِ سیٚدِ سیٚود پنُن
جلوٕ۔

تورانَس تہٕ قرآنَس مَنز ییٚمہِ جایہ ہِشے چھے
غورٕ سان کرِتھ تمن ہُنٛد مطالہٕ، تورانس مَنز ییٚنہٕ
تَس سیٚدِ سیٚود خدایہ سٕنٛدِ تون نیرنُک ذِکر
چھُ کرنہٕ آمُت۔ قرآن چھُ تتہِ تَس خودایہ سٕنٛدِ
تجلی یُک ذکر کران۔ تورانَس مَنز ییٚنہٕ تَس
توٗہی بہ لبوزِ خدائے ووٗتھ شکلہِ مَنز ینِتھ قرآن
وَنہِ تتھ جایہ خدایہ سُنٛد ملک دٕرٛاو شکلہِ مَنز
ینِتھ توٗن۔ مثالہِ پاٹھی دِیو صِرف اُکِس جایہ
نظر تورانَس مَنز چھُ:۔

" خداوندن ووٗن اے موسیٰؑ وُچھ
یہ جائے چھے مےٚ نِشہ زٕ روزِتھ شیلہِ پیٹھ
ووٗدنہٕ۔ اَدٕ ییٚلہِ میٚون جلال اَپارِ نیرِ تہٕ بہٕ
تھَوتھ زٕ اَمہِ شیلہِ ہِنٛزِ کھرپہ مَنز۔ یوٗتام نہٕ بہٕ
نیرِ توٗتام تھَوتھ پننِس اَتھَس تَل ژھایہ۔ پتہٕ
تُلہٕ بہٕ پنُن اَتھ تہٕ ژٕ وُچھکھ مےٚ پتہِ کنہِ
مگر ژٕ ہیککھ نہٕ میٚون بُتھ وُچھتھ (خروج) پتہٕ
ووٗتھ خداوندا ابرٕ مَنزی تہٕ روٗد خیمہِ کِس دروازس
پیٹھ ووٗدنہٕ...... نتہٕ ووٗن میٚون بندہ موسیٰؑ
وُچھِ پننِس خدایہ سٕنٛز شکل (گنتی ۱۲: ۵-۸)

یوہے واقعہ چھُ قرآن مجیدس منز یتھہٕ پاٹھۍ:۔

قَالَ رَبِّ اَرِنِیٓ اَنْظُرْ اِلَیْكَ قَالَ لَنْ تَرٰىنِیْ وَ لٰكِنِ انْظُرْ اِلَى الْجَبَلِ ٥

(۷ : ۱۴۳)

## تنزیہُک تہٕ تعطیلُک فرق:۔

اَوٕ یہِ کَنہ گژھہِ یاد تھوٕنۍ زِ تنزیہس تہٕ تعطیلس منز چھےٚ فرق۔ تنزیہہٕ نِشہِ چھُ مُراد زِ یوٚ تام انسان ہِنٛز عقل واتِتھ ہیکہِ خودائی صِفت گژھن مخلوقن سٕتۍ مشابہتہٕ نِشہِ پاک تہٕ تھٔدۍ تھوٕنۍ۔ تعطیلُک مانے چھُ یہِ زِ تنزیہُک منع تہٕ نفی پیہِ اتھ حدس تام واتناونہٕ زِ انسانی فکرِ ہِنٛدِ تصورٕ خاطرٕ روٕزِ نہٕ کانٛہہ کنہ تہٕ باقی، قُرانُک تصور چھُ تنزیہُک تکمیل تعطیلُک ابتدا چھُنہٕ۔۔۔۔۔

اُتھ چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ اپنشدو یکنا وتنزیہچ[۱] "نیتی نیتی" وار یاہ بٔڑ وُنہٕ مگر عملن کیا نتیجہ دراو؟

حضرتِ موسیٰ ہٕن وٚن اے پروردگار! مےٚ ہاونہٕ پنُن جلوٕ، ییتھ بوٕ ژےٚ کُن وُچھہِ ہا۔ فرمودس ژٕ ہیکھہ نہٕ مےٚ زانٛہہ تہٕ وُچھِتھ۔ مگر اَوٕ ہُتھ بالس کُن وُچھ۔

یوہے ناز ذاتِ مُطلق (برہمان) لوٚگ تہٕ ذاتِ مُشخص (ایشور) بناونہٕ ورٔے کانٛہہ تہٕ چارٕ۔

بنتی نہیں ہے بادہ وساغر کہے بغیر

ییتھہٕ کنۍ اثبات صفاتن منز غلو تشبیہس کُن نِوان چھُ تیتھےٚ کنۍ چھُ نفی صفاتن ہُنٛد غلو تعطیلس تام واتناوان تہٕ دوشوٕنۍ منز چھےٚ انسانی تصورس کرٕ ژھونٛٹھہ۔ اگر تشبیہ تَس حقیقتہٕ نِشہِ بےخبر کران چھُ تہٕ تعطیل چھُ تَس عقیدکہِ روٗحہٕ نِشہِ اَتھہٕ چھلہٕ ناوان۔ لہٰذا اوس ضرورٕ ژٕری زِ:

اِفراط وتفریط دوشوی نِشہِ بیہِ یتھ روزنہٕ تہٕ تشبیہ تہٕ تعطیل دوشوٕ یو مُنٛزری بیہِ وتھ کڈٕنہٕ۔ چنانچہ قرآنن یوسہٕ وتھ ہیشرٕ چھےٚ

[۱] حاشیہ ۹۵۔ نیتی یانے کلمۂ نفی۔ سُہ چھُنہٕ ییتھ تہٕ، ییتھ نہِ چھُنہٕ برھدرنیاک اپنشدس منز چھُ یہِ نفی وار یاہ زٕ یتھ ہوٗمُت۔ سُہ چھُ کثیف؟ نہ۔ سُہ چھُ لطیف؟ نہ۔ سُہ چھُ ژھوٚٹ؟۔ نہ۔ سُہ چھُ زیوٗٹھ؟ نہ۔ غرض پرژھنہٕ مشابہتہٕ کِس جوابس منز

"چھُنہٕ" ونہٕ یوان۔ نہ چھُ ییتھ نہ چھُ سُہ تیتھ۔

ژٕ میانہِ قیاسو خیالو نہِ بالا

دِمے یوٚد مثالا نہ کرِژھ ہیشِ مثالا (مترجم)

سوٗ چھےٚ دوٚشوٚ یوٗ ونو مَنٛز نیران تہٕ دوٚشوٚتی آسہٕ تھٕ ن گژھہٕ نچہٕ تراہِ نشہِ نیچھہِ نیران۔ اگر خدایہٕ سنٛدِ تصورٕ خاطرِ صِفتن تہٕ عملن منٛز کانٛہہ ترژھہ صورت باقی روزِ نہٕ یوٗسہٕ انسانی عقلہِ منٛز ویتھ ہیٚکہِ تہٕ امیُک نتیجہ کیا نیرِ؟ نتیجہ نیرِ یہ زِ تمن ہیٚکہِ مانے نیرِ وجوٗدُک نفی۔ مثلن اگر ونہٕ یہ زِ خدایہٕ سنٛدِ خاطرِ ہیٚکوٚ نہٕ اسی کانٛہہ تہٕ ایجابی صفت ٹھہراوِتھ تہٕ کیازِ یُس تہٕ صِفت ٹھہراوٚ نہٕ یہ تتھ منٛز گژھہِ مخلوٗقن ہنٛدین صِفتن سٕتی مشابہت پادٕ"۔ ننی کنہ چھےٚ زِ بتھِس حالتس منٛز ہیٚکہِ نہٕ انسانٕ سنٛزِ عقلہِ کیٚوٚن تصورک کانٛہہ سلسلہ باقی روزِتھ۔ نہٕ سُہ ہیٚکہِ نہٕ کُنہ تتھہِ ذاتُک تصوری کرِتھ نہٕ ییٚلہِ تصور ہیٚکہِ نہٕ کرِتھ یتھہ عقیدٕ ہیٚکہِ نہٕ تَس منٛز کانٛہہ اثر یا دلُک تعلق نہٕ پادٕ کرِتھ یُتھہ تصوریوٚد وَے اثبات وجوٗدٕچ کوٗشش کرِ مگر سُہ آسہِ حقیقتَن نفی وجوٗدُک تصور تکیازِ صرف سلبی تصورَو سٕتی ہیکوٚ نہٕ اسی ہستی نیستی نشہِ بیوٚن کڈِتھ۔

خدایہٕ سنٛزِ ہستی ہنٛد اعتقاد چھُہ انسانی فطرت کین اندرِمین تقاضن ہنٛد جواب تمِس چھےٚ حیوانی درجہِ نشہِ تھدٕ نہٕ تہٕ

انسانٕ تہٕ کس تھدِس درجس تام واتنہٕ خاطرٕ اکِہ تھدِ نصب العینچ ضروٗرژ تھ۔ تہٕ امہِ نصب العینچ ضروٗرژ تھہ ہیٚکہِ نہٕ اکِہ تتھہِ تصورٕ ورائے پوٗرٕ گژھتھ یُس کُنہِ نتہٕ کُنہِ شکلہِ منٛز تَس برٕونٛہہ کُن بیہِ مگر مشکل چھُہ یہ زِ مُطلقک تصور ہیٚکہِ نہٕ برٕونٛہہ کُن بیتھ۔ سُہ بیہِ تیٚلی ییٚلہِ ایجابی صفتن ہُنٛد کانٛہہ نقاب تتھِس پیٚٹھ تراوٕ وے ییوٗ ہمیشہِ امہِ نقابکے ذٕرِ یہ حقیقتُک حال وُچھوٗن یہ گو کُنہِ وِزِ گوٚب کُنہِ وِزِ لوٚت کُنہِ وِزِ خوفہٕ بوٗرت تہٕ کُنہِ وِزِ دِلس پرٕ ییہ وُن مگر تلِتہٕ آو نہٕ زانٛہہ۔

"آہ ازان حوصلۂ تنگ وازان حُسن بلند
کہ دلم را گلہ از حسرت دیدار تو نیست"

"مےٚ حسرت پننہ کم ہمتُک زٕ سےٚ حُسنس آنتہٕ روٚس تھزرا
دِلس گلہ چھُم نہٕ آنتہ منٛز کوٚنہٕ ارمان چانہِ دیدارُک" } مترجم

جمالِ حقیقت چھُہ بے نقاب مگر سانین اَچھن منٛز چھُنہٕ وُچھنُک طاقتھ۔ اُسی چھہِ پننہِ نین اَچھن پیٚٹھ نقاب تراوِتھ تَس وُچھن یژھان مگر خیال چھہِ کران زِ تمہنٛدِس بتھس پیٚٹھ چھُہ نقاب۔

" ہرچہ ہست از قامت ناساز و بے اندام ماست ٤٤
ورنہ تشریف تو بر بالاے کس دشوار نیست"

غار صفائی تصور چھُنہٕ انسان زِ تتھہ ہیکان نہٕ تس

٤٤ چھ پننے عملہ بچھ اُسہِ نال و ولمت نفس امارن - یہ برنتہ چانہِ فائضک بند چھاز انہہ کانسہ ہیٹھ گومت (مترجم)

چھےٚ طلب تِتھِس مطلوٗبہٕ سٟتۍ آسان بٔس
سہٕ زٕٹتھ ہیٚکہِ ۔ سہٕ چھُ اُکِس تِتھِس محبوٗب
سُنٛد جلوٕ وُچھُن یژھان یُس سٕنٛدِس عشقس
مَنٛز تَس دِل اُلگتھ ہیٚکہِ ، یٟنٛدِس ژٕ لہٕ
وٕلِس جُنس سہٕ یژٕ لاگِتھ ہیٚکہِ ۔ یٟتِھ
کبریٲیی ہُنٛد دامن رٹنہٕ خٲطرٕ سہٕ ہمیشہ یژنہٕ
عاجزی ہُنٛد تہٕ حاجنک اَتھٕ دٲرِتھ روزِ
یُس یوٗد وٕ سےٚٹھہٕ ہے تھزِ رِس پیٹھ
آسہِ مگر تو نہٕ آسہِ تَس پٕرتھ ساتہٕ ناگے
لاگِتھ ژٕرژان ۔ اِنَّ رَبَّكَ لَبِالْمِرْصَادِ
(۸۹ : ۱۴) پزی پاٹھی چھُ تُہنٛد پروردگار تٔوۍ
ناگے لاگِتھ ژٕرژان ۔ بیٚیہ اِذَا سَأَلَكَ
عِبَادِي عَنِّي فَإِنِّي قَرِيبٌ أُجِيبُ
دَعْوَةَ الدَّاعِ إِذَا دَعَانِ (۲ : ۱۸۶)
تہٕ بیٚیلہِ میٚون بندہ تۄہہِ میٚہ نِسبتھ سوال چھُ کران
تَس وُنِو زِ بو کرِ چھُس تَس نِشہِ دوٗر ۔ بوے
چھُس بلکل تَس نکھہِ تہٕ ادٕ بیٚیلہِ نادِ لاین وول
میٚہ ناد چھُ لایان بو چھُس تَسُنٛد آلو بوزان ۔

" در پردہٕ و بر ہمہ کس پردہ می دری
باہر کسی و با تو کسی را وصال نیست"

"چھکھ روےٚ کھٹتھ پردٕ ژٕٹتھ جلوٕ دوان چھکھ
پرٕتھ کانٛسہِ چھکھ ہمراہ مگر کانٛسہِ وُچھکھ نا" (مترجم)

غار صفاتی تصور چھُ محض نفی نہٕ سلب آسان تہٕ
اَمہِ سٟتۍ ہیٚکہ نہٕ انسان ہٕنٛدِ طبیٚچ ترٛیِش ہمیٚتھ
یُتھ تصور کرٲکھ فلسفیانہٕ تخیل ضوٗر وٕیاد مگر
دِلس صِنْدٕ زِنٛد نہٕ جوشہٕ بوٗرِتھ عقیدہ ہیٚکہٕ نہٕ بٔنِتھ ۔
یوٗہے چھُ وجہ زِ قرآنس یوسہٕ وَتھ ہیٚنز سۄہ
چھےٚ اکہِ طرفہٕ تنزیہس تٕمہِ کُس کمالس (کمال
درجس) تام واتہٕ ناوان تہٕ بیٚیہ طرفہٕ تصورس
تعطیلہِ نِشہِ نہٕ بچاوِتھ نوان ۔ سہٕ چھُ اکہِ اکہِ
سارِنے صفتن تہٕ عملن ہُنٛد اثبات کران مگر
سٟتۍ چھےٚ سہٕ ہشرِس تہٕ مۄلہٕ تلہٕ نفی کران ۔
سہٕ چھُ وَنان خدا یُس چھُ حسنہٕ تہٕ خوبی ہُنٛد کر
تمِ ساری صفت یِم انسان سٕنٛدِس تصورس
مَنٛز بیٚتھ ہیٚکن ۔ سہٕ چھُ زِنٛد تہٕ قوۄدرتہٕ وول ،
رٔچھن وول ، رحمتہٕ وول ، وُچھن وول ، بوٗزن
وول ، سورُے کینْہہ زانن وول تہٕ اَدٕ یژھتہٕ نہٕ یِنہےٚ
یوٗت ٹٲکہٕ انسان سٟتۍ کتھ باتھہ منز قوۄدرتکۍ تہٕ
اختیارکۍ بیٚیہ برادرکۍ تہٕ عملہ ہٕنٛدی یِم رٕنگی تابیر
چھہ تِمن تہٕ چھُ رٕٹیو دُے ورناوان ۔ مثلن
خۄدایہ سٕنٛدی اَتھ چھہ تِنگ " بَلْ يَدَاهُ
مَبْسُوطَتَانِ " تٔہنٛدِ حکومتہٕ تہٕ اقتدارہٕ نبر

چھُنہٕ کانٛہہ تہِ حصہٕ" وَسِعَ کُرۡسِیُّہُ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضَ (۲ : ۲۵۵)

مگر یہِ تہِ صاف نہٕ زٲکارٕ پأٹھۍ وَنان زِ تَس ہیوٗ چھُنہٕ کانٛہہ چیز یُس تٔہنٛدِس تصورس مَنٛز ییتھ ہیکہِ ہٲوِتھ۔ سُہ چھُ بے مثال "لَیۡسَ کَمِثۡلِہٖ شَیۡءٌ" (۴۲:۱۱) تٔہنٛز نظر ہیکَن نہٕ تَس لٲگتھ۔ لَا تُدۡرِکُہُ الۡاَبۡصَارُ (۶ : ۱۰۳) تٔہنٛدِ خاطرٕ مہٕ دِیو پننہِ خیالہٕ مُطابق مثالہٕ" فَلَا تَضۡرِبُوۡا لِلّٰہِ الۡاَمۡثَالَ (۱۶ : ۷۴) لہٰذا چھےٚ سٲنۍ کتھ زِ تٔسنٛد زِندٕ آسُن ہیکہِ نہٕ آسِتھ سأنِس زِندٕ آسنس ہیوٗ۔ تٔہنٛز ربوٗبیت ہیکہِ نہٕ آسِتھ سأنِس ربوٗبیتس ہِش۔ تٔسنٛد زانُن وُچھُن تہٕ بوزُن ہیکہِ نہٕ تیُتھ آسِتھ یُتھ سون زانُن وُچھُن تہٕ بوزُن چھُ۔ تَس چھےٚ ضوٗر وٕر قوٗدرتُک تہٕ بخشاآشی ہنٛدا تھہٕ تہٕ بجرُک تہٕ جلالُک عرش مگر یقینن ہیکہِ نہٕ یمن چیزن ہنٛد سُہ مطلب آسِتھ یُس یمو لفظو سیتۍ سأنِس ذیٚہنس مَنٛز شکلہِ مَنٛز چھُ یِوان ہیوان۔

قرآن کہ خُدا یی تصورُک یہِ پہلو چھُ امہِ وَتہِ ہنٛدٕ سارِنے کٔنٛزٕ چھِرن ہنٛدا کھُل تہٕ ساری وُہرِ ہٕنٛز حأرآنی پنہٕ چھُ اُنھی مَنٛزٕ لَس پیٹھ وآتِتھ تھکھ دِیُن پیہوان۔ انسان سٕنٛز عقل کَری نن کاآژاہ کو، امہِ وراآے ہیکہِ نہٕ کانٛہہ جواب کٔڈِتھ۔ یہِ تہِ چھُ اکہِ طرفہٕ حقیقتکہِ بامُک تھزر تہٕ ژھوچہِ عقلہِ ہُنٛد نہٕ واتُن۔ بییہِ طرفہٕ سانہِ فطرتُک اضطراب تہٕ طلب تہٕ سانہِ دلُک شوقِ دیدار۔ بام تیوٚت تھوٚد زِ تصورچہِ نظرِ ژھکِتھ لوسان تہٕ شوق دیدار تیوٚت سَخ زِ کاآنہِ ہُنٛد جلوٕ بڑ وٕ ژہہ کُن انہٕ وراآے نہٕ آرام یِوان۔

"نہ بہ اندازۂ بازوست کمندم ہیہات
ورنہ باگوشۂ بامیم سروکاری ہست"

"کمنٛد یژھ گژھہِ مےٚ آسنۍ مےٚ دردِس چھُم نہٕ افسوس
ژٕ وُچھہِ نکھ کنہِ دریو پیٹھی بو کتنھ کنہِ ژھالہِ کھسہٕ ہا" (مترجم)

اکہِ طرفہٕ وَتہِ ہٕنٛز بیژٕ سختیہِ بییہِ طرفہٕ سختین ہُنٛد پرواہ نہ کرن واجینۍ طلب۔ وَنن واآلۍ کوٚتاہ جان وۅنمُت:۔

"ملنا تیرا اگر نہیں آسان تو سہل ہے
دشوار تو یہی ہے کہ دشوار بھی نہیں"

اگر تٔمۍ نٕہک پوٚنز گوٚبہِ تیٚلہِ پٮ۪یمو تعطیلس مَنٛز۔ اگر صفتن ہٕنٛدِس اثباتس مَنٛز حدٕ ڈلوٚ تیلہِ چھُ تشبیہس تہٕ تجسیمس مَنٛز راوان۔ بنجاۓ چھےٚ یہاآے یاآژ وَتھ زِ دوشونۍ مَنٛز بکوکھو رٕژ تھ۔ اثباتُک دامَن تہِ گژھہِ نہٕ

اَتھ گژھن تہٕ تنزیٖہچ رٔز تہٕ نہٕ ڈیٖجی گژھنۍ۔ اثبات اَنہِ تھٔنٛدِ پن زٕ تِمن صفاتن ہُنٛد نقشہٕ برونہہ کُن۔

تنزیہہ تھاوِ تشبیہہ چہِ ژھایہٕ نشہٕ بچتھ۔ اُکی سُنٛد اَتھ کرِ حسنِ مُطلقس صفاتن ہنٛز شکلہِ منٛز جلوٕ گر تہٕ بیٚیہِ سُنٛد اَتھ روزِ تَس تِہنٛدِس تھزرِس پیٹھ زٕٹتھ یوٚنہٕ تَس تشبیٖہک گرد و غبار واتتھ ہیکہِ نہٕ۔

"برچہرۂ حقیقت اگر ماند پردہ
جرم نگاہ دیدۂ صورت پرست ماست"

مترجم { "اگر حقیقتُک روٗخ ژورِ روٗدُ پردس تل
خطا چھ سانہِ نۍ صوٗرت پرست نظرن ہُنٛد"

اُپنشد لیکھن والین ہُنٛد نفی صفاتن مَنٛز حدِ نیرُن چھ اَسہِ مولوٗم مگر مسلمانن مَنٛز بیٚلہِ علمہِ کلامکۍ مُختلف مذہب تہٕ رایہ پادٕ گیٔ یہ بہٕنٛدۍ نظریہِ دژاے اَتھ مآدانس مَنٛز تِمن نہٕ بڑو شہہ نہٕ باری تعالیٰ سٕندِ پن صفاتن ہُنٛد مَسلہٕ بنیو وٕکھٕنک تہٕ تنقیدُک اکھ سیٹھا بوڈ مَسلہٕ۔ جہمیو تہٕ باطنیو کورٕ مُلہٕ تلے انکار۔

مُعتزِلیو کورٕ نہٕ انکار مگر تِژاے روٗزٕ کھ توٚہۍ کُن۔ امام ابوالحسن اشعریؒ یوٚد وَے پانہٕ اعتدالہٕ چہِ وَتہِ پیٹھ ٹِکی (یتھ کِنۍ کتابُ الابانہٕ نشہِ ننان چھُ) مگر تِھٔنٛدیو پآرٕ وٕ دیتُ صفاتن ہنٛدِس مسلَس سیٹھا زیچھر تہٕ بحث تہٕ جگرٕ ڈوٚل حدٕ نشہِ۔ مگر بِمو مَنٛز ہیٚو کنہٕ کانٛہہ نہِ اَتھ مامَلس کھرکٕڈتھ۔ اگر اَتھ مَسلَس کھُر کاسنہٕ آو سۭہ آس نہٕ یوٚت طرِیقہٕ کاسنہٕ یُس قرآنن ورتوو مُت چھُ۔ امام جوینی دژاے بیٚیہِ عالمہٕ یہ اقرار کران زِ " وَھَا اَنَا ذَا اَمُوْتُ عَلیٰ عَقِیْدَۃِ اُمِّیْ" (بوٚ چھُس دُنیاہ مَنٛز نیران تِتھی عقیدس پیٹھ یُس بہٕ ماجہِ ادُس ہیچھنو مُت)۔

اشاعرہ ہو مَنٛز روٗدی امام فخرالدین رازیؒ اَتھ مَسلس مَنٛز زیادٕ سرگرم مگر پوٚتس ہیو تِمن پننہِ زندگی ہنٛزِ پتمہِ کتابہِ مَنٛز یہ مانُن زِ:۔

لَقَدْ تَاَمَّلْتُ الطُّرُقَ الْکَلَامِیَّۃَ وَ الْمَنَاھِجَ الْفَلْسَفِیَّۃَ۔ فَمَا رَاَیْتُھَا تَشْفِیْ عَلِیْلًا وَّلَا تَرْوِیْ غَلِیْلًا

مےٚ تِژ آوی علمہِ کلامکۍ تہٕ فلسفکی ساری طرِیقہٕ دارٕ پاٹھی وُچھِنتھ۔ مگر پوٚتَس زونم زِ نہ چھُ تِمن مَنٛز کانٛسہِ بیمارس کیٚہوٚت شفانہٕ کانٛسہِ ترِیشہٕ ہنٛس کیٚہوٚت آب۔

وَرَأَيتُ أَقرَبَ الطُرُقَ طَرِيقُ القُرآن إِقرَاءُ فِي الاِثبَاتِ "الرَّحمٰنُ عَلَى العَرشِ استَوَىٰ" وَفِي النَّفيِ "لَيسَ كَمِثلِهِ شَيئٌ" وَمَن جَرَّبَ مِثلَ تَجرِبَتِي ـ عَرَفَ مِثلَ مَعرِفَتِي (نقله ملا علی القاری فی شرح الفقه الاکبر)

ساری کھوجنا کرڻ کان پوءِ حقیقت کي پهچڻ جو ڏکيو رستو هي آهي ته قرآن پڙهيو وڃي. صفاتن جي اثبات متعلق "الرحمٰن علی العرش استوی" ۽ نفي تشبيهه متعلق "ليس کمثله شيئ" پڙهي اثبات ۽ نفي ٻنهي ڳالهين جو رستو رکجي. جنهن کي ڀروسو هجي ته مون وانگر ڪري ڏسي، ته مون واري تجربي تي اچي ويندو. هن کي به اها حقيقت ملندي.

---

يعني هن جو وجه ته اصحاب حديث ۽ سلفيه جو اهو مسلڪ تفويض جي مسلڪ جي ويجهو آهي. تفويض جي مسلڪ موجب صفاتن جي حقيقت سمجهڻ ۾ عقل کي دخل ناهي. ان ڪري انهن جي باري ۾ بحث ڪرڻ ۽ ڪو رستو ڪڍڻ اڻ ٿيڻو آهي (ڇو ته اهي پنهنجي عاجزي ۽ مجبوري جو اقرار ڪن ٿا). ته ان صفاتن بابت بحث ڪرڻ اسان کي پسند نه آهي. ٻئي طرف ڪجهه جهمين جو تعطيل ۽ معتزلين ۽ اشاعرن جي تاويلن کان بچڻ جي ڪوشش ڪئي ۽ اهي متڪلمين جي تجسيم ۽ تشبيهه جي الزام کان بچيا. مگر اسان وٽ ان کي تعطيل چئجي ٿو، ڇو ته سون تشبيهه کان بچڻ جي ڪوشش ۾ انهن جي عقيدي خاطر ته اهي تصور به باقي نه رهيا. مگر اهڙي سلب ۽ نفي ڪرڻ کان ته اهو بهتر آهي ته ان کي باقي رهڻ ڏجي. متاخرين اصحاب حديث مان امام ابن تيميه رحه ۽ سندس شاگرد ابن قيم رحه به انهيءَ مسلڪ وارا هئا ۽ انهن کي ڪن ٽماشن وارا به سڏيندا هئا.

آريائي ۽ سامي خيالن جو اختلاف:-

آريائي ۽ سامي نالي سان هندي خيالن جو اختلاف اهو آهي ته سامي وارا پاڻ کي وچ ۾ سمجهن ٿا ته انساني فطرت صورت پرستي آهي. جواب ۾ آريائي حڪمت پوءِ ته پوءِ زور ڏنو ته تون اهڙو قرآن جو رستو صفاتن جو ٻڌاءِ نه. ٻئي طرف اهي ڪري نه سگهيا ته ٻنهي کي ساڳيو سمجهجي. نتيجو اهو نڪتو ته سارا فلسفا هندي دروازا بند ٿي ويا ۽ بت پرستي ۽ غير عقلي زندگي

ستی پأدٕ ہیکہ ہن گژھتھ تہٕ ہندوستانس منز پأدٕ گیٔ۔

## محکمات تہٕ مُتشابہات

قرآنس چھ پنہٕ ناہن مطالبن تہٕ قسم کرِتھ اکس وونُ "محکمات" تہٕ بیٚیس "مُتشابہات"۔ محکمات نش چھےٚ تمہٕ کتھہِ مراد ہمہ سیٚود تہٕ صاف پأٹھی انسانس فکرِ تران چھےٚ تہٕ تمن چھ تہنز عملی زندگی ستی واٹھ تہٕ تمہ کنی چھُنہٕ تمن منز اکھ کھوتہٕ زیادٕ کانٛہہ مانے آسنک احتمال۔ "متشابہات" چھ تم ہمن ہنز اصلیتھ رُ چھُنہٕ لبتھہ ہیکان۔ تہٕ امہ ورأے چھُنہٕ چارٕ تہٕ اکس خاص حدس تام گژھتھ ٹھہرُن تہٕ بے مقصد زأوِ جار ییہہ تہٕ ژھارُن۔

---

هُوَ الَّذِيٓ أَنزَلَ عَلَيۡكَ ٱلۡكِتَٰبَ مِنۡهُ
ءَايَٰتٞ مُّحۡكَمَٰتٌ هُنَّ أُمُّ ٱلۡكِتَٰبِ وَ
أُخَرُ مُتَشَٰبِهَٰتٞۖ فَأَمَّا ٱلَّذِينَ
فِي قُلُوبِهِمۡ زَيۡغٞ فَيَتَّبِعُونَ مَا
تَشَٰبَهَ مِنۡهُ ٱبۡتِغَآءَ ٱلۡفِتۡنَةِ وَ
ٱبۡتِغَآءَ تَأۡوِيلِهِۦۗ وَمَا يَعۡلَمُ
تَأۡوِيلَهُۥٓ إِلَّا ٱللَّهُۗ وَٱلرَّٰسِخُونَ
فِي ٱلۡعِلۡمِ يَقُولُونَ ءَامَنَّا بِهِۦ كُلّٞ
مِّنۡ عِندِ رَبِّنَاۗ وَمَا يَذَّكَّرُ
إِلَّآ أُوْلُواْ ٱلۡأَلۡبَٰبِ (٣ : ٧)

سُے خدا چھُے یمی یہ کتاب توہہ پیٹھ نازِل چھےٚ کرٕمٕژ۔ یتھ کتابہ منز چھ دوٚن قسمٕکی آیہ اکھ محکمات یم کتابہ ہنز اصل بُنیاد چھ۔ دوٚیم متشابہات۔ دوٚنی یمن لوکن ہندس دِلس منز ہیچر چھُ تم چھ فتنہ خاطرٕ ہمیشہ متشابہاتنے پتہٕ روزان تہٕ تمن مانہٕ لارگینچ کوشش کران۔ حالانکہ تِہندٕ اصل مانہٕ چھُنہٕ خدایس ورأے کانٛہہ تہٕ زانان۔ اتھ برعکس یم لوکھ علمس منز پوختہٕ کار چھ تم چھ ونان زِ اسہ چھُ یمن پیٹھ ایمان۔ یم ساری چھ سأنس روٚبٕ سٕندے طرفہ تہٕ یہ چھ پوز زِ کُنہ چیز نش صحیح سبق چھ عقلہٕ والی حاصِل کران۔

صفاتِ الٰہی چھِ متشابہاتن منز یوان۔ اَدٕ سبب چھُ قرآن کُنان زِ اتھ مسلسل منز بنہٕ عقلی دلیلہ

کینژہ تہٕ بکار۔ بلکہ گژھن تمہٕ سیٚتی وار یاہن غلط
عقیدن برونٛہہ۔ اَتہٕ تَس چھنہٕ تفویض
ورآے چارہٕ۔ لہٰذا تم ساری فلسفیا نہٕ
بحث یم ساہنو متکلمینو کرٕ منتی چھہٕ ہیکن
نہٕ حقیقتن قرآنچہٕ نا آیمہٕ ہنٛدِس معیارس
سیٚتی ٹکیتھ۔

## اُپنشدک مرتبہٕ اطلاق تہٕ مرتبہٕ تشخص:-

بٔنیہٕ تَس گژھہ یہ کتھ تہٕ صاف گژھی
زِ ویدانت سوتر تہٕ تمکی بڈی شارح شنکر آچارین
یوناہ زور نفی صفاتن پیٹھ دیُتمُت چھہ سُہ
چھُہ حقیقتس تتھ مُطلق مرتبس سیٚتی واٹھ
تھوان یتھ تم "برہمن" وَنان چھہٕ۔ یانے "ذاتِ
مُطلق" مگر تِمن تہٕ چھنہٕ امہٕ نشہٕ انکار زِ اتھ
مرتبہٕ اطلاقس تلہٕ کنہٕ چھہ بیا کھ اکھ مرتبہٕ
تہٕ بٔنیہٕ ساری ایجابی صفت ظہورس منٛز
یوان چھہٕ تہٕ انسان سندِ ہن سارِنے عبادت
کہن تصورن منٛز چھہ سوے صفات واجبہٕ ذات
معبود آسان۔ اُپنشدن منٛز چھہ "ذاتِ مُطلق
"نیرو پادھیک ست" تہٕ "نرگن" یانے سارِوے
مظاہراتو نشہٕ پاک تہٕ صفاتو ورآے اگر کانہہ
ایجابی صفت تَس کُن لاگنہٕ تہٕ ییہ سُہ تہٕ چھُہ
تمی سلبک ایجاب یانے سُہ چھُہ "نرگنو گنی"
صفت چھُس کانہہ صفت نہٕ آسُن۔ اُسی ہیکَو
نہٕ تَس نسبتھ کینژہ تہٕ وَنِتھ تکیازِ اُسی یہ
کینژہ ہا دلو تمیُک نیر ضرور ردیوہ ہے نتیجہٕ
زِ لامحدود بناوون محدود۔ اگر محدود لا
محدودُک تصور کرِتھ ہیکہٕ تیلہٕ پییہ یا تہٕ محدود
لامحدود مانُن نتہٕ پییہ لامحدودس محدود بنُن"
(شنکرا بھاشیا برہم سوتر۔ باب ۳)

"کُنہٕ چیز س کُن اشارٕ کرٕتھ یم الفاظ اُسی وَنان
چھہٕ تم چھہ یا تہٕ تمہٕ چیزک واٹھ کُنہٕ خاص
نوعس یا قسمس سیٚتی ہاوان۔ نتہٕ تمہٕ چیزٕ
کامہٕ ہنٛز خاصیتھ وَنان۔ یا چھُہ تمہٕ کہ وقیچ
خبر دوان نتہٕ کُنہٕ اضافتی حالتچ وضاحتھ کران
مگر برہمن سنٛدِ خاطرٕ ہیکو نہٕ کانہہ تہٕ نوع مقرر
کرِتھ۔ تَس چھُنہٕ کانہہ تہٕ قِسِم۔ تَسنٛز کامہٕ
ہنٛز خاصیتھ ہیکو نہٕ وَنِتھ۔ تَس کُنہٕ
چھُنہٕ کانہہ تہٕ اضافت۔ اُسی ہیکو نہٕ وَنِتھ
زِ سُہ چھُہ یُتھ، یہ تہٕ ہیکو نہٕ وَنِتھ زِ سُہ
چھُنہٕ یُتھ۔ تکیازِ تَس سیٚتی چھِنہٕ کانہہ
مشابہت۔ تہٕ چونکہ مشابہت چھِنہٕ امہٕ کِنی

ہیکہ نہٕ تہنٛز مشابہت نہٕ آسنہٕ نہٕ غیریت نہٕ
انسانی تصورس مَنٛز ییتھ۔ مُشابہتکی پاٹھۍ
چھےٚ ساَنی نفی مشابہت نہٕ اضافی"

(بییہ باب ١-٢)

غرض حقیقتھ چھےٚ نہٕ پننس مُطلق آسنہٕ
کِس مرتبس منٛز "ناممکن التعریف" نہٕ بیہ چھےٚ
منطقی ماورائیتہٕ نِش نہٕ ماورا۔ اَوے چھہ ویدانت
سوترٕ ہستی ہنٛدی اصلی زٕ دٲیرٕ بناوان۔ اکِس
چھُن تصورس منٛز ییہٕ وول نہٕ بییس تصورس
منٛز نہٕ ییہٕ وول۔ دوٚیمِس تصورس منٛز ییہٕ
وول دٲیرٕ چھہ "پراکرتی"، عناصر، ذہن، تعقل نہٕ
خودی ہُند تصورس منٛز نہٕ ییہٕ وول دٲیرٕ چھہ
(برہمن)، ذاتِ مطلق سُند۔ یوہے مذہب اوس
اسکندریہُک نوافلاطونیتُک نہٕ حکماءِ اسلام
نہٕ صوفیاہو نہٕ کور یوہے مسلک اختیار۔ صوفیا
چھِ مرتبہٕ اطلاقس مرتبہٕ احدیت ونان۔ تِم چھِ
ونان" احدیت چھےٚ ناممکن التصور، ناممکن
التعبیر نہٕ سارِوے ماوراہو نِشہٕ "وراءالورا"

"بنام آن کہ آن نامی ندارد
بہ ہر نامی کہ خواہی سر برآرد"

"تسندِ ناوٕ ستی یُس نہٕ کانٛہہ ناو
مگر ییمہ ناوٕ دٔیتمس نا دنوان ژ راو" (مترجم)

مگر یتہٕ چھہ مرتبہٕ اطلاق اکِس تعیّنس مرتبس
منٛز نزول کران ییتھ منٛز سارے ایجابی صفاتن
ہنٛز شکلہ ہُند تشخص ننان چھہ۔ اُپنشد چھ
اَتھ "ایشور" نہٕ صوفیا چھِس "واحدیت" ونان۔
ویدانت سوترکیو شارحو منٛز چھہ شنکر ساروے
کھوتہٕ زیادٕ اپنشدن ہنٛدِس نفی صفاتکِس مسلکس
قایم تھوٗن بڈ ہان نہٕ اتھ منٛز کرتھ بڈ کوشش
تاہم تِس نہٕ ہیو "سگن برہمن" بلنے ذات مشخص
نہٕ متصف سنٛد مرتبُک اعتراف کرُن۔ یوٚدوے
سُہ امہ مرتبہٕ کِس عرفانس "اپرم" یانے دوٚیمہ
مرتبُک عرفان مانان چھہ مگر سیتی چھہ مانان زِ اکِس
معبود ہستی ہنٛد تصور چھہ امہ بغار ممکن نہٕ انسانی
ذہنہٕ نہٕ عقلہ خاطر یوسہ تھد کھوتہٕ تھزٕ ڈوٚڈ
یتہٕ آستھ ہیکہ سوٚ چھےٚ یہاے۔ اسلامی فرقو
منٛز چھہ جہمیہ نہٕ باطنیہ زٕ فرقہ یمو صفاتن ہنٛز
نفی کرمنٛز آس نہٕ یِم آسی اتھی غلطی منٛز پیمتی نہٕ
تمو ہیچ نہٕ تنزیہس نہٕ تعطیلس فرق کرِتھ۔

## ٢- رحمتکی نہٕ جمالکی صفت:-

تنزیہکی پاٹھۍ ییلہ رحمتہٕ نہٕ جمالہٕ کِنی نہٕ قرآنکس

تصورس پیٹھ نظر تراوِ وَنہٕ تہٕ چھ مکمل آسنچ شان چھےٚ نٕنی پأٹھی بوزنہٕ یوان۔ قرآن نازِل گژھنہٕ وِزِ اوس یہوٗدی تصورس منٛز قہرُک تہٕ غضبُک حصہ ژوٚر۔ مجوٗسی تصورن آسی گاشکی تہٕ گٹہٕ ہنٛدی زٕ ہوی تہٕ ہیٚون ہیٚون تاقتو بنأوی متی۔ مسیحی تصورن اوس رحمس تہٕ موحبتس پیٹھ زور دیتمُت۔ مگر جزٕ ہیچ تہٕ سزٕ ہیچ حقیقتھ آس ژوٚرِ روٗزمٕژ۔ ییٚتھے کنٕی دیتُت بدھہ سندٕ پیٚارَو وَنہٕ صرف رحمس تہٕ موحبتس پیٹھ زور۔ مگر عدالتس پیٹھ پیٚیٚر نہٕ تِمَن نظر۔ گوٚیا یوٚتام رحمتُک تہٕ جمالُک توٗلُق چھُ یا اوس قہرُک تہٕ غضبُک حصہٕ غالب نتہٕ برابر۔ نہٕ نتہٕ اوس رحم تہٕ موحبتھ۔ سُہ تہٕ تِتھہٕ کنٕی زِ عدالتہٕ خأطرٕ آسنہٕ کانٛہہ تہٕ جاے باقے روٗزمٕژ۔ مگر قرآنن کوٚر اکِ طرفہٕ رحمتُک تہٕ جمالُک تیٚتھ کأمِل تصور پاد یَتھہ منٛز نہٕ قہرس تہٕ غضبس کرٕ کانٛہہ جاے روٗز۔ بییہٕ طرفہٕ تراوِن نہٕ جزٕ ہیچ تہٕ سزٕ ہیچ رَزنہٕ اَتھہٕ منٛز۔ تکیازِ جزٕ ہکہٕ تہٕ سزٕ ہیہٕ کہ اعتقادٕچ بُنیاد تھوٚون نہٕ قہرس تہٕ غضبس پیٹھ بلکہ تھوٚون سو عدالتس پیٹھ۔ چنانچہ خدأیی صفتن مُتلق چھُ تسٕندٕ یہ عام اعلان :—

---

قُلِ ادْعُوا اللّٰهَ اَوِ ادْعُوا
الرَّحْمٰنَ اَيًّا مَّا تَدْعُوْا
فَلَهُ الْاَسْمَاۗءُ الْحُسْنٰى
(١٧ : ١١٠)

اے پیغمبر یمن وٗنِو توہی دِ یو خدایس ناد اَللّٰہ وٗنِتھ یا رحمان وٗنِتھ۔ ییٚمہِ صفتہٕ تہٕ ناد دِیو تسٕند ساری صفت چھِ حُسنکی تہٕ رٕژٕرِ صفت۔

---

یانے سُہ چھُ خدا یہ سندٕ ین سارِنے صفتن "اسمآءُ الحُسنےٰ" رٕژٕ صفت وَنان۔ امہِ سیٚتی سپُد مولوٗم زِ خدا یہ سُند چھُنہٕ سُہ کانٛہہ تہٕ صِفت یُس نہٕ حُسنُک تہٕ جانِہ رُک صفت آسہٕ۔ یم صفت کَم کَم چھِ۔ قرآنَن چھِ تِم وارٕ پأٹھی وَژھہ نأوِتھ جایہٕ جایہٕ بیان کٔری متی۔ یِمَن منٛز چھِ تِتھِ صفت تہٕ یم قہرکی تہٕ جلالکی صفت چھِ۔ مثلن جبّار۔ قہّار۔ مگر قرآن چھُ وَنان زِ تِم تہٕ

چھہ "اسمائے حسنیٰ" تیکیازِ تِمن منز چھہ عدالت الٰہی ہُنٛد ظہور تہٕ عدالت چھے حسن تہٕ جانبر- خوف تہٕ ہراس چھنہٕ۔ چناں چہ سورے حشرس اندر چھہ رحمتنہٕ کیٚن تہٕ جمالہٕ کیٚن صفتن ہِنٛزی ستی قہرکیٚن تہٕ جلال کیٚن صفتن ہُنٛد ذکر آمت کرنہٕ۔ اوہ پتہٕ یمن سارنی "اسمائے حسنیٰ" ونہٕ آمت۔

هُوَ اللّٰهُ الَّذِيْ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ اَلْمَلِكُ
الْقُدُّوْسُ السَّلٰمُ الْمُؤْمِنُ
الْمُهَيْمِنُ الْعَزِيْزُ الْجَبَّارُ الْمُتَكَبِّرُ ؕ
سُبْحٰنَ اللّٰهِ عَمَّا يُشْرِكُوْنَ ۝
هُوَ اللّٰهُ الْخَالِقُ الْبَارِئُ الْمُصَوِّرُ
لَهُ الْاَسْمَآءُ الْحُسْنٰى ؕ يُسَبِّحُ
لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۚ وَ
هُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ۝

(۵۹ : ۲۳-۲۴)

سُہ چھہ خدائے تَس وَرٲے چھنہٕ کانٛہہ معبود۔ سُہ چھُہ اَلْمَلِكُ تہٕ القدّوس، السّلام، المؤمن المهيمن، العزيز، الجبّار، المتكبّر، بیٚبیہٕ چھُہ سُہ تِمہٕ شرکانہٕ نِشہٕ پاک یِم لوکو تٔہنٛدِس معبود آسنس منٛز بناوِمتی چھہ۔ سُہ چھُہ الخالق، البارئ، المصوّر۔ (غرض) تٔہنٛدِ خٲطرٕ چھہ جُنکی تہٕ رٕژرٕ کی صفت۔ آسمانس تہٕ زٔمینس منٛز یِم تہٕ مخلوقات چھہ تِم سٲری چھہ تٔہنٛزِ پاکی تہٕ تٔہنٛدِ بجرٕچ شہادت دِوان۔ تہٕ اَتھہ منٛز چھنہٕ کانٛہہ شکھہ زِ سُے چھُ یُس حکمتہٕ ون غلبہٕ تہٕ طاقتہٕ وول چھُہ۔

یتھے کنی چھہ سورہٕ اعرافس اندر:-

وَلِلّٰهِ الْاَسْمَآءُ الْحُسْنٰى فَادْعُوْهُ
بِهَا ۪ وَذَرُوا الَّذِيْنَ يُلْحِدُوْنَ
فِيْٓ اَسْمَآئِهٖ ؕ -

(۷ : ۱۸۰)

تہٕ خدایہٕ سٕنٛدِ خٲطرٕ چھہ جُنکی تہٕ رٕژرٕ کی صفت۔ تَس پٔزِ تمہٕ وٕے صِفتو سیتی یاد دِیُن۔ تہٕ یِمن لوکن ہُنٛد عادت چھُ زِ تٔہنٛدِین صِفتن منٛز چھِ کیٚٹھہ کڈان، تِم تراوو کھہ پننس حالس پیٹھہ۔

چنانچہِ اوَے چھہ سورَے فاتحس منٛز ترٛے صِفت نٔنی دٕرامتی۔ ربوبیت، رحمت تہٕ عدالت

نہٕ قہرِس تہٕ غضبہٕ کِس کُنہِ صفتس آبہِ نہٕ ہیٚتہٕ جاے دِنہٕ۔

## ۳۔ اشراکی تصوٗرن ہُنٛد خاتِمہٕ

یوٗتام توحیدُک تہٕ شِرکُک توٗلُق چھُ

قُرآنُک تصور چھُ تِتھ حدَس تام کامِل تہٕ بے لچک یِتھ نہٕ کانٛہہ مِثال بیٚیِن مذہبَن مَنٛز میلتھ ہیٚکہِ۔ اگر خداے سُنٛد ذاتس مَنٛز کُن چھُ ضروٗری چھُ زِ سُہ آسہِ پنٛنیٚن صفاتَن مَنٛز تہٕ کُن تکیازِ تِہنٛدِ کنہِ رُچ عظمت ہیٚکہِ نہٕ دُرِتھ اگر بیٚیہِ کانٛہہ ہستی تِہنٛدیٚن صفاتَن مَنٛز شریک تہٕ تَس ہِشِ مانہٕ ییہِ۔ قُرآن بَرٛو نٛہہ اوس توحیدُکِس ایجابی پہلوٗہَس پیٹھ سارِوے مذہبو زور دِیُت مُت۔ مگر سلبی پہلو اوس تہٕ تِمو نٛزرٕ ہیٚیوٗکمُت۔ ایجابی پہلو گوٚیہ زِ خداے چھُ اکُے سلبی پہلو گوٚ زِ تَس ہیُو چھُنہٕ کانٛہہ۔ دوٚنوٚنی ہیٚلِہ نہٕ تَس ہیُو چھُ کانٛہہ تہٕ ضروٗری چھُ زِ یِمہِ صفت تَس کیٚتی ٹھہراونہٕ چھِہ آمتی تِمن مَنٛز آسہِ نہٕ بیٚیہِ کانٛہہ ہستی شریک گوٚڈنٛچہِ کِنہِ چھُ "توحید فی الذّات" تہٕ دوٚیمہِ چھُ "توحید فی الصّفات" وَنہٕ آمُت۔ قُرآن بَرٛو نٛہہ اوسہٕ انسان سُنٛزِ

غفلہِ ہُنٛد معیار نبوّت تِھدیوٗ مُت زِ سُہ ہیٚکہِ ہا توحید فی الصفاتچہِ نزاکژ تہٕ بندیشہٕ ییتہٕ رٲدِتھ۔ اَوَے دیُت مذہبو سوٗرسے زور "توحید فی الذاتس" پیٹھ "توحید فی الصفات" آو نہٕ تس گوڈنکِس تہٕ ساد حالتس مَنٛز نزراونہٕ۔ یوٗہَے چھُ وَجہ زِ اَسی چھِ وُچھان یوٗدوَے قُرآنہٕ بَرٛونٛہِن سارنے مذہبَن مَنٛز آسِس توحیدہٕ رُچ تالیم موجوٗد۔ مگر کُنہِ نہٕ کُنہِ شکلہِ مَنٛز رُدٕ زِ شخصیت پرستی عظمت پرستی تہٕ بُت پرستی گَلہٕ کَڈان تہٕ مذہبی رہنما ہیٚیوٗک نہٕ اَمیُک بَر بند کٔرِتھ۔ ہِنٛدوستانس مَنٛز آسِس شاید گوڈ دوہہ پیٹھے یہِ کتھ مانہٕ آمٕژ زِ عام لوٗکن ہُنٛدِ تِسلا باپتھ چھُنہٕ دیوتاہن تہٕ انسانی عظمتَن ہُنٛز پوٗزا کرنہٕ وَرٲے چارہٕ اَوسہٕ گژھِہ توحیدُک مقام صرف خاص لوٗکن ہُنٛدِ خاطرٕ مخصوص آسُن۔ یوٗنانی فلاسفرن ہُنٛد نہٕ اوس یوٗہَے خیال، تِم آسی نہٕ یِتھی پاٹھی امہِ کتھِ نِش بے خبر زِ کوہِ اولیمپس کین دیوتاہَن ہُنٛز چھیٚ نہٕ کانٛہہ حقیقتھے تو پتہٕ نہٕ کرِ نہٕ سُقراطس وَرٲے کانٛسہٕ اَکی امہِ کتھِ ہُنٛز ضروٗرتھ محسوٗس زِ عام لوٗکن ہُنٛدِس بُت پرستی ہُنٛدِس اعتقادس مَنٛز نزرادِ کانٛہہ خلل۔ تِم آسی وَنان

زِ اگر دیوتاہن ہنٛز پوٗزا بہ ہٕنٛد نظام رود نہٕ قایم
تیٚلہِ گژھہِ عام لوٗکن ہنٛز مذہبی زندگی چھلہٕ
ولاے ۔ فیثا غورسس مُتلق چھُ ونہٕ آمت زِ
بیٚیلہِ تمی پنُن مشہوٗر حسابی قاعدٕ مولوٗم اوس کوٗرمُت
تمی آسی شُکرانس منٛز ہتھ وُژھی قربان کرٕنی
ہتی تہٕ دیوتاہن نذرانہٕ دِیت مِت ۔ اتھ سِلسِلس
منٛز اوس ساری کھوتہٕ زیادٕ نازک مامَلہٕ مُعلّمس
نہٕ رہنماسنٛز شخصیتُک ۔ یہ چھےٚ تنی کتھ زِ
کانہہ تالیم ہیٚکہِ نہٕ تھزر نہٕ بجر لبِتھ یوٚ تام نہٕ
وستادسنٛدِس شخصیتس منٛز نہٕ بجر چ
شان پاد گژھہِ ۔ مگر شخصیتکہِ بجرُک حدود
کیا چھِہ ؟ اتہٕ تَسے چھےٚ سارِوٕے غلطی کھینٛز
تموٚ ہیٚچ نہٕ اَمِچ صحی حدبندی کرِتھ ۔ نتیجہ دراو
یہ زِ کینہٕ آیہ شخصیت خدایہ سُنٛد اوتار بناونہٕ
گِنہٕ خدایہ سُنٛد نیچوٗر زانُنہٕ ۔ کینہٕ شریکھ نہٕ
برابر ٹھہراونہٕ تہٕ اگر نہٕ کوٗرُکھ نہٕ تو تہٕ کرٕکھ کم از
کم تہنٛدِس تعظیمس منٛز بندگی تہٕ عاجزی منٛز
شان پاد ۔ یہو دیو کرٕ نہٕ پننہٕ گوڈ نیچ گمراہیہ
پتہٕ زانہٕ تژھ کتھ زِ کینہٕ پوٗتلی بناوِتھ کرِہن
تہنٛز پوٗزا مگر امہ کتھہِ نشہِ ہیٚکی نہٕ تم بچتھ زِ
پننہٕ تہن ہیٚمیَن منٛزن قبرن پیٹھ بناوِکھ ہیکل
تہٕ تمن آسی عبادت گاہن ہنٛز شان تہٕ بیٚز تھوٗدوان ۔

گوتم بُدھ سُس متلق چھُ مولوٗم زِ تہنٛز تالیمہِ
منٛز آس نہٕ بُت پرستی کرِژھ کانہہ جاے ۔ تہنٛز
آخری وَصیت چھےٚ یہ اَسہٕ تام واتنٛمژ چھےٚ سو
چھےٚ یہ زِ بیتھہ میانی لاشی زالتہٕ پتہٕ ، تمہٕ کِس
سوٗرس پوزا کرٕ نہٕ ۔ یہ اگر تو ہیہ تژھ حرکتھ
کرُو تیٚلہِ زانوٗ تو ہیہ پیٹھ گیہ نجات نہٕ ونہٕ بند
مگر اتھ وَصیتس پیٹھ یوٚہ عمل کرنہٕ آیہ سو
چھےٚ دُنیاہس بروٗنہہ کنہٕ ۔

بُدھ سٕنٛز میٚنٛز نہٕ یادگارن پیٹھی یوت آیہ
نہٕ عبادت خانہٕ بناونہٕ تُلی کہِ مذہب کہِ اشاعتُک
ذٕریہ آو یہ زانُنہٕ زِ تہنٛد یوٗ پوٗتلیوٗنِش گژھہِ نہٕ
دُنیاہک کانہہ گوشہٕ خالی روزُن ۔ یہ چھےٚ اکھ
حقیقتھ زِ دُنیاہس منٛز چھےنہٕ کانسہٕ معبودٕسنٛزی
تیتی پوٗتلی بناونہٕ آمتی یتی گوتم بُدھنی بناونہٕ آمتی
چھِہ ۔ اتھ حدس تام زِ فارسی زبانہِ منٛز آو بُدھ
(بُت) لفظی پوٗتلہِ کِس مانے یس منٛز ونہٕ ۔
ییٚتھے کنی چھِہ اَسہٕ مولوٗم زِ مسیح سٕنٛز حقیقی تالیم
آس سارِوٕے توحیدچی تالیم مگر وُنہٕ اوسنہٕ
اَمہِ کِس ظہوٗرس ہتھ وُری نہٕ گُذرِیوٗمُت ییٚلہِ
مسیح سٕنٛدِ خداے آسنُک عقیدٕ وَتلیوٗمُت تہٕ

پھانپھلیو مُت اوس۔

## صِفاتن منز توحید:۔

مگر قرآن اُنی توحید فی الصفاتیچ تتھ
شکل بَروٗٹھہ کُن یمہِ سیتی ڈلنچہ سارے وَتہٕ
بند گییہ۔ تِمو دیُت نہ صرف توحیدس یوت ییٚٹھ
زور بلکہ شرکہ چہِ وَتہٕ نہٕ کرِن بند۔ تہٕ یہاے
چھے اَتھ وتہٕ منز قرآنچ خوصوٗصیتھ۔

سہ چھُ وَنان زِ پرتھ قسمہٕ چہِ عبادتہٕ تہٕ
عاجزی ہنٛز حقدار چھے صرف خدا یہ سنٛزے
ذات۔ اَدٕ اگر تۄہہِ عبادت گذآری ہنٛز عاجزی
تہٕ انکساری سان بییس کانسہِ ہستی بروٗٹھہ کنہِ
کَلہٕ نوٚمر و تیلہِ روٗدٕ نہٕ خدا یہ سنٛدِ توحیدُک
اعتقاد باقے۔ سہ چھُ وَنان زِ یہ چھے تہنٛزے
ذات یُس انسان سُنٛد فرِیاد بوزان چھُے
تہٕ تہنٛد دُعا قبول کران چھے۔ لہذا اگر تۄہہِ
ہنٛز ہِن دُعاہن تہٕ منگہٕ نَس منز بییہ کانٛہہ
ہستی نہٕ شریکھ کرُون سہ گوٚز تۄہہِ کوٚرُون
سہ خدا یہ سنٛزِ خدآیی منز شریکھ۔ سہ چھُ
وَنان دعا منگُن، مَدد منگُن، رکوٗع تہٕ
سجدٕ کرُن، عاجزی تہٕ زآری
کرُنی۔ توکل تہٕ بھروسہ کرُن تہٕ امہ قسمہٕ چہ سارے
عبادت گذآری تہٕ عاجزی ہنٛز کامہٕ چھے یمہ
کامہٕ یمہ خدا یس تہٕ تہنٛدِ بنٛدن منز پانہٕ
وآتی واٹھ چھے کرتھ دوان۔ وونی اگر تۄہہِ یمن
عملن منز بییہ کانٛہہ تہٕ شریکھ کرِیو،ن تیلہ روٗد
نہٕ خدا یہ سنٛد رشتہ معبوٗدینک کُنہ باقے۔ یتھے
کُنہ تھزرگ تہٕ بجرگ، کارسازِین تہٕ بےنیآزین
ہُنٛد یُس اعتقاد تۄہہِ منز خدا یہ سنٛزِ ہستی ہُنٛد
تصوٗر چھُ پادٕ کران سہ گژھہ صرف خدا یہ سنٛدے
یوت خاطرٕ مخصوٗص آسُن۔ اگر تۄہہِ یتھے اعتقاد
بییس کانسہٕ شخصہ سنٛدِ خاطرٕ تہٕ پادٕ کوٚرو، تیلہِ
ٹھہرووَن سہ خدا یہ سُنٛد "نِد" یانے شریکھ
اُنی گییہ توحیدکس اعتقادس چھلہٕ دلاے۔

یوہے وجہ چھُ زِ سوٗرہ فاتحس منز چھُ
اِيَّاكَ نَعْبُدُ وَاِيَّاكَ نَسْتَعِيْنُ ذِیچ
تالیم دِنہٕ آمژ۔ اَتھ منز آو گوڈٕ عبادتس سیتی
استعانت یانے مدتنک تہٕ ذکر کرنہٕ اَدٕ یتہٕ آو
دوشوٗنی جاین "مفعول" گوڈٕ اَنہٕ۔ یمہِ سیتی خاص
بناوتنک مطلب دراو یانے "صرف چھ چانی یاتہٕ
عبادت کران تہٕ صرف ژےٚ یوت نشہ مدد منگان
امہِ علاوٕ چھے ساری سہ قرآنس منز امہ کشر تہٕ

ان "توحید فی الصفات" نہٕ ردٕ شرکس
پیٹھ زور دِنہٕ آمُت ز خالے آسہٕ کانٛہہ سورہ
ٹُکرٕ کانٛہہ صفہٕ اَمہٕ نشہٕ خٲلی۔

ساری کھوتہٕ اہم مسلہٕ اوس مقام نبوت
چہ حد بنٛدی ہنٛدیانے معلّم سٕنٛز شخصیت
پننہٕ اصلی جایہٕ تام حد رٹٕنی۔ یُتھ شخصیت
پرستی ہنٛد درواز ہمیشہٕ خاطر بنٛد گژھہِ۔ اتھ
معاملس منٛز ییٚتھ کٔنی قرآنن سیٚدین نہٕ رٹھ
وٕ ہین لفظن منٛز جایہ جایہ پاٖغمبرِ اسلام صلے اللہ علیہ
وسلم سٕنٛدِس بشر آسنس تہٕ بنٛدٕ آسنس پیٹھ
زور دِیُت مُت چھہٕ تتھ چھےٚ نہٕ وضاحتھ کرنچ
ضرورت۔ بیٚینہٕ لُس دیاو واُسی صرف اُکس
لتھ کُن توجہ۔

اسلامٕنس پننہٕ تالیم ہُنٛد بنٛی یادی کلمہ
مُنز رکو رمُت چھہ سُہ چھہ سارِنے مولوم "اشھد
ان لا الہ الا اللہ واشھد ان
محمدا عبدہٗ ورسولہٗ" یانے بہٕ چھُس
اقرار کران زِ خدا یس ورآے چھُنہٕ کانٛہہ معبود نہٕ
بنٛییہٕ چھُس بہٕ اقرار کران زِ حضرت محمد صلے اللہ
علیہ وسلم چھہِ خدا یہ سٕنٛد بنٛد نہٕ تہٕنٛد رسول۔
ییتھ کٔنی اتھ اقرارس منٛز خدا یہ سٕنٛد توحیدک

اعتراف کرنہٕ آمُت چھہ بلکل چھہ تتھے کٔنی پاٖغمبر
اسلام صلّی اللہ علیہ وسلّم سٕنٛد بندہ آسنک
نہٕ تہٕنٛد رسول آسنک نہٕ اعتراف آمُت کرنہٕ
سونچِہٕ ہیٚچ کتھ چھےٚ زِ یہ کیازِ آو کرنہٕ؟ صرف
اَو سببہٕ یُتھ زن پاٖغمبرِ اسلام صلّی اللہ علیہ وسلّم
ہنٛز بنٛدگی ہُنٛد نہٕ درجہٕ رسالتس پیٹھ آسنک
اعتقاد اسلامک گوڈنیُک بنی یاد بنہِ۔ نہٕ اَمہٕ کتھہ
ہُنٛد روز نہٕ کانٛہہ موقعہ باقے زِ عبدیتہٕ بدلہٕ گژھہِ
معبودیتک نہٕ رسالتہٕ بدلہٕ گژھہِ اوتارسٕنٛد تخیُل
پاد۔ شنی کتھ چھےٚ زِ اَمہٕ کھوتہٕ زیادٕ کوٚہ آچھی
ہیٚکہ ہاٚ نتھ۔ کانٛہہ شخص ہیٚکہ نہٕ اسلامِکس
دائرس منٛز اُژی تھیو تام نہٕ سہٕ خدا یہ سٕنٛدِ
توحیدکی پاٹھی پاٖغمبرِ اسلام صلّی اللہ علیہ وسلّمن ہنٛز
بنٛدگی ہُنٛد نہٕ اقرار کرِ۔

یوہے وجہ چھہ زِ ییٚتھ کٔنی اُسی وُچھان زِ پاٖغمبرِ
اسلامٕ سٕنٛدِ وفاتہٕ پتہٕ گئے مسلمانن منٛز واریاہ
اختلاف پاد مگر تہٕنٛدِس شخصیتس متلق گو نہٕ زانٛہہ
کانٛہہ سوال پاد۔ وُنہٕ آسی نہٕ تمن وفاتہٕ ٹُھنی دِمتس کینہٕ
گانٛٹہٕ نہٕ گُذریمتی ییٚلہ زن حضرت ابوبکر صدیق رضی
اللہ عنہ منبر شریفس پیٹھ کھسِتھ اعلان کورمُت ز "مَن کان

مَنْ کَانَ مِنْکُمْ یَعْبُدُ مُحَمَّدًا فَاِنَّ مُحَمَّدًا قَدْ مَاتَ، وَمَنْ کَانَ مِنْکُمْ یَعْبُدُ اللہَ فَاِنَّ اللہَ حَیٌّ لَا یَمُوْتُ۔

(بخاری) (۲-۱)

تۄہیہِ منٛزٕ یُس کانٛہہ حضرت مُحمّد صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛز عبادت کران اوس سُہ گژھہِ زانُن ز حضرت مُحمّد صلی اللہ علیہ وسلمو لوٚب وفات تہٕ تۄہیہِ منٛزٕ یُس اکھاہ خدا یس سٕنٛز عبادت کران اوس سُہ گژھہِ زانُن ز سٕنٛز ذات چھےٚ ہمیشہِ زندٕ تہٕ تس کیٛوٗت چھنہٕ موت۔

## ۴- عامن تہٕ خاصن دوشوٕنی کیٛوٗت کُنےٚ تصویر:-

قُرآنہٕ برٛونٛہہ اوس علوٗمن تہٕ فنوٗنن ہنٛدی پاٹھی مذہبی عقائدن منٛزٕ تہٕ خاصن تہٕ عامن منٛزٕ فرق پوان کرنہٕ تہٕ خیال اوس پوان کرنہٕ ز خدا یس سُنٛد اکھ تصور چھُ حقیقی تہٕ سُہ چھُ خاصن ہنٛدِ خاطرٕ۔ بیاکھ تصور چھُ مجازی سُہ چھُ عامن ہنٛدِ خاطرٕ۔ چنانچہ ہندوستانس منٛزٕ آسی خدا یہ پژٕ زناونٕکی ترٛےٚ درجہ مقرر کرنہٕ آمتی۔ عام لُکن ہنٛدِ خاطرٕ دیوتاہن ہنٛز پوٗزا، خاصن ہنٛدِ خاطرٕ سٕنٛز خدا یہ سٕنٛز پوٗزا خاصو کھوٚتہٕ خاصن ہنٛدِ خاطرٕ "وحدت الوجوٗدُک" مُشاہدٕ۔ یوٗہے حال اوس یونانکین فلسفین ہُنٛد۔ تِم آسی خیال کران ز غار مرئی تہٕ جسمہٕ روٚستُس خدا یہ سُنٛد تصوٗر ہیکن علمہٕ تہٕ حکمتہٕ والی کرِتھ

عامن کیٛوٗت چھُ اُتھی منٛزٕ امن ز تِم روزن دیوتاہن ہنٛز پوٗزا یہ منٛز مشغوٗل۔ مگر قرآنن تھوٚو نہٕ حقیقتس تہٕ مجازس یا خاصن تہٕ عامن منٛزٕ کانٛہہ فرق باقے۔ تِمی ہاوٕ سارِنٕے خدا پرستی ہنٛز کُنی وتھ۔ تہٕ سارِنٕے کیٛوٗت کوٚرُن خدا یی صفاتن ہنٛد کُنےٚ تصور پیش۔ سُہ چھُ عالمو تہٕ عارفو پیٛٹھہ جاہلن تہٕ عامین تام سارِنٕے حقیقتُک اکُے جلوٕ ہاوان۔ تہٕ سارِنٕے پیٛٹھہ اعتقادٕ تہٕ ایمانُک اکُے برٛونٛہہ تھٕرٛاوان۔ تِمیٚک تصور یتھہ کُنی اکس عالمس تہٕ عارفس کیٛوٗت سوٗنچنُک سرمایہ چھُ تتھے کُنی چھُ اکس پھلس تہٕ اکس گرٛیسی تس کیٛوٗت تہٕ تسکینُک سرمایہ۔ اتھ سِلسِلس منٛزٕ چھُ مسلک بیاکھ اکھ پہلو تہٕ سوٗنچنس لایق

ہِندوستانَس منٛز یُس خاصَن تہٕ عامَن ہِندِس خدا پرستی ہِندِس تصورس منٛز فرق مراتب نظرِ تَل آو تھاونہٕ، تمہٕ سیٖتی چھےٚ یہِ کتھ تہٕ ننان زِ نمٕنِکۍ مذہبی عقیدٕ چھُ گوڈٕ پیٚٹھے خیالہٕ تہٕ عملہٕ ہِنٛزِ رواداری پیٚٹھ ڈٕرتھ اوسمُت۔ یانے خیالُک کانٛہہ تہٕ دٲیرٕ تہٕ آو نہٕ تیوٚت تنگ تہٕ سخت کرنہٕ یا بناونہٕ زِ بیٚیہ کنہٕ دٲیرس کھٕنیر نہٕ کانٛہہ جاے۔ بیٚیہ تِکۍ خاص توجہ دِنہٕ پیٚٹھ مگر عامَن کرٕ تھ آیہ دیوتاہَن ہِنٛزِ پوزا یہ تہٕ پوتلین ہِنٛدِ معبوٗد زانٛنچہٕ وَتہٕ بلہٕ ترٛاونہٕ۔ گو وہ پتھ عقیدس آیہ جاے دِنہٕ۔ پتھ عملہٕ کرٕ تھ آیہ جاے کڈنہٕ تہٕ پتھ طورطریقس میوٗل آزادی سان پھاپھہ لِنگ موقعہ۔ مذہبی اختلافُس بیٚین قومَن منٛز جنگ تہٕ فسادک ذٕری یہِ روٗدمُت چھُ بیٚیہ بلیوو پانہٕ وٲنی سمجھوتک ذٕری یہِ۔ تہٕ مخالف اصوٗل روٗدی ہمیشہ پانہٕ وٲنی ٹھولہٕ لگنہٕ بجایہٕ اکھ اکس کرٕ تھ جاے کڈان۔ مخالفتس منٛز دوستی تہٕ لڑایہ منٛز صلح اوس گویا بیٚیہ کہ ذہنی مزاجٕچ عام خوٗصوٗصیتھ۔ اکھ ویدانتی چھُ زانان زِ اصل حقیقتھ چھےٚ اشراک تہٕ بُت پرستی ہِندو عقایدو نشہ وار یاہ تھٕز۔ تو نہٕ چھُنہٕ یہِ زانتھ نہٕ بُت پرستی ہِنٛد مخالف تہٕ مُنکر بنان تِکیا زِ سُہ چھُ زانان زِ ونہٕ پتھ گامتین کیوٚت چھُ بیٚیہ اکھ پڑاو تہٕ مسافر ہیٚتے یہِ نُن کانٛہہ وَتھ منزلِ مقصوٗد چھُ بہرحال سارِنے ہُنٛد گنٕ۔

" خواہ از طریق میکدہ خواہ از رہ حرم
از ہر جہت کہ شاد شوی فتح باب بگیر" [۴۴]

چنانچہ کینہہ وٕری برونٛہہ آسی پروفیسر سی۔ ای۔ ایم جوڈن (Joad) ہِندوستانہٕ کین تاریخی خوٗصوٗصیتن پیٚٹھ نظر ترٛاوِن وِزِ اتھ خوٗصوٗصیتس ساری کھوٚنہٕ نہٕ رٲد تھ جاے دِژمژ تہٕ اَمہٕ برونٛہہ چھُ بیٚیو لیکھن والیو تہٕ اَتھ پہلوہس پیٚٹھ زور دِتمُت اَسہٕ پتھ مالِکس اَتھ پہلوہس پیٚٹھ نہٕ نظر ترٛاوٕنی۔

## ہِندی رواداری:-

بے شکھ پتھ اَسہٕ تمہٕ خیالہٕ تہٕ عملہٕ ہِنٛزِ رواداری ہِنٛدِ جذبُک اعتراف کرُن یُس ہِندوستانہٕ کِس تاریخس منٛز براہ روٗد تلان روٗدمُت چھُ مگر مالہٕ چھُنہٕ اُتی نِسبے اندواناں۔ بیٚیہ چھُ زندگی ہِنٛزِن حقیقتن ہُنٛد یہِ عالم۔ بیٚیہ ہیکو نہٕ اَسی کُنہٕ اکی سے طرفس گرٕ تھ بیٚین طرفن تہٕ چھےٚ نظر تھونی

۴۴:- وَتھ رٕٹھتھ پَرٛا دُکٕنہٕ میخانس چھی نَتہٕ بھنہٕ عبادت خانس منٛز - بیمہٕ وَتہِ کِن خوش چھوی برمژ راو اَتھ ہا اندر خلوت خانس منٛز (مترجم)

پھوان۔ عقلہ تہٕ عملہ ہنٛز پٔرتھ کانٛہہ وتھ چھےٚ
تیٚنٛز نیٚتھےٚ ہٕز نہٕ کنٛہہ تٔتہٕ کنُہ جایہ وأتتھ چھےٚ أکھ
ٹھوٗر کرُن پیوان۔ اگر نہٕ تٔتہٕ کرٕو نیٚلہ ییٚہ عٔلی مہٕ
کہن تہٕ أخلاقہٕ کہن سارٕنے اصولَن بنٛنگی۔ تہٕ
اخلاقی قدرن ہنٛز روزِ نہٕ کانٛہہ پایدار حیثیت
باقے۔ رواداری چھےٚ پٔزۍ کنۍ أکھ جان کتھ۔
مگر سۭتی ہیٚکو نہٕ عقیدٕچہ مضبوطی، رایہ ہنٛز پُختہٕ گی
تہٕ یقینہٕ کہ استقامتہٕچہ خوبی یوٗنٛتھ نہٕ انکار
کرِتھ۔ لہاذا گژھِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ حد ضرور
آسٕنۍ۔ یوسہٕ یمَن خوبِیَن پنٔنہ جایہ قایم تھاوِ۔
أخلاقکۍ ساری اصوٗل چھہ یمہٕ ہےٚ حدبنٛدی یَن
اندر رٔنان تہٕ وٕتلان۔ یِنٛھےٚ یمہٕ پھُٹان چھےٚ اخلاقکۍ
ساری دیوار چھہِ وٕسِتھ پیوان۔ بخشُن تہٕ
ماف کرُن چھےٚ سٕٹھاہ ہیوٚ رٕژ کتھ مگر یہاے
بخشایش تہٕ معافی ییٚلہ پنٔنہِ حدِ اپورتران چھےٚ۔ یہ
چھےٚ نہٕ بخشایش تہٕ معافی روزان۔ اکھ بزدلی چھہ
تہٕ بےہمتی وَنان۔ بوٚہوٗدٕری چھےٚ انسانی سیرَتُک
اکھ بوٚڈ وصف مگر یوٚہے وصف ییٚلہ پنٔنہ حد
نیرِتھ گژھِ أتھ بدلہ نہٕ نادِرے یوٚت تٔلی کہ بدلیس
شکل تہٕ۔ ووٚنی وٕنہٕ تہٕ أتھ کانٛہہ بہوٗدٕری۔ یہ
بنیو وقہر تہٕ غضب، ییٚہ ظلم تہٕ تشدد۔

حالتہٕ چھےٚ ژٕ [2] تہٕ دوٚشوٕنی ہیٚکو نہٕ أکِ کٕ فاصلہ دِتھ
أکھ حالتھ چھےٚ یہ زِ کنٛہہ خاص اعتقادُک تہٕ عملہ ہنٛد
گاش چھہ اسہ بڑوٕنہہ کُن وٕدمتَ تہٕ اُسی چھہ أکِس
خاص نتیجس نام وآتی ہنی، ووٚنی کیاہ گژھِ أتھ نِسبتھ
سون طرزِ عمل آسُن؟ اسی روزٕ وأتھ کنہ پیٹھ
مضبوٗطی سان کنہ دٕ لُمُل یقین۔ دوٚیِم حالتھ چھےٚ ژٕ
ازیتھِ کنۍ اُسی کنُہ خاص نتیجس نام وآتمتی چھہ
تیتھےٚ کنۍ چھہ بیاکھ أکھ شخص ییٚیس أکِس نتیجس
پیٹھ وٕدمُت۔ تہٕ یتہٕ چھےٚ نہٕ یقینچ تہٕ عملہ ہنٛز
اکاے وَتھ سارِنے بڑوٕنہہ کنہ نیلہ گژھان۔
ووٚنی کیاہ گژھِ سون طرزِ عمل اُمِس شخصس
نِسبتھ آسُن، سانی پاٹھی چھا اُمِس تہٕ پنٔنہ
وَتہٕ پکہٕ نُک حق کنہ نہٕ؟۔ رواداری ہنٛد صحیح مقام
چھہ دوٚیِم حالتھ گوڈٕ نِچ تہٕ۔ اگر گوڈٕنکِس حالتس
مَنٛز ییٚیہ۔ سو آسہ نہٕ رواداری سو آسہ اعتقادچ
کمزوٗری تہٕ یقینچ کمی۔

رواداری گٔیہ یہ زِ پنٔنہ اعتقادٕ تہٕ عملہ ہنٛدِس
حقس سۭتی ییٚیہ بیٚیِس اعتقادٕ تہٕ عملہ ہنٛدِ حقُک
تہٕ اعتراف کرُن۔ ووٚنی اگر توٚہہ ییٚیہ سنٛز وتھ
بلکل غلط چھےٚ بوزنہٕ یوان، توٚتہٕ مہ کرٕو تہٕنٛد اُمہ
حقہٕ نِشہِ انکار تہٕ سو ہیٚکہ پنٔنہ غلط وَتہٕ پیٹھ تہٕ پکِتھ

اَو اگر رواداری تَتھ حدَس تام زیٚٹھے یہ رٕسہ ہیٚکہٕ تٔہنٛدِس عقیدس مَنٛز نہٕ مداخلت کٔرِتھ نہٕ تٔہنٛدین فاصلن تہٕ ہیٚکہِ نرم کٔرِتھ تیٚلہِ چھنہٕ یہ رواداری یہ گوا اعتقادس مَنٛز استقامت نہٕ آسن۔

مفاہمت چھےٚ زندگی ہنٛز اکھ بُنیادی ضۆرۆرتھ تہٕ ساٲنی سارے زندگی چھےٚ مفاہمت مگر یِہِٕتھ وتہٕ ہنٛدی پاٹھی پیٚیہِ بیٚبتہِ نہٕ حدبنٛدی ہنٛز رِکھ دِتی تہٕ بیٚبتہِ رَس یہ رِکھ آیہ دِنہٕ اُتی گو عُقیٖدٕ پادٕ۔ وونی یوٚتام نہٕ عُقیٖدٕ بدلاونک کانٛہہ گاشس برٕوٗشہہ گُن پیہِ توٚتام چھوٚ توٚہی مجبوٗرٕ زٕ اَتھ پیٚٹھ روٗزِو قایِم تہٕ اَتھ کرِو نہٕ زٕہ واٹھ۔ توٚہی کرِو بیٚیہ سٕنٛدین عقایدن ضۆرۆرٕ اِحترام مگر پنُن عقیدٕ تہٕ دِیوٗنہٕ کمزوری ہنٛدین اَتھن مَنٛز کٲتیا مُصیبتھ چھ تمِیم اعتقادٕ نہٕ عملہِ ہنٛدین سارنے گوشَن مَنٛز اَمی دَروازٕکنی ژٲے زِہمَن دۆن مختلف حالتن ہیٚون گَڈن واجیٚنی رِکھ ڈٕجی پیٚنہٕ جایہ۔ اگر اعتقادُک دَربرآوٗسہٕ گو تیوٗتَس سخ رِ رواداری ہنٛدی ساری تقاضہٕ آسے منٛز اونہٕ تہٕ بیٚین ہنٛدِس اعتقادَس نہٕ عملِہ مَنٛز آیہ جبرٕن مُداخلت کرنہٕ اگر رواداری

آیہ سوٚ آیہ تیوٗت جلدٕ ڈٕلِتھ زِیفنیہ تہٕ عُقیٖدٕ کہِ استقامتہٕ خاطرٕ روٗزنہٕ کانٛہہ جاے، یِہِٕتھ کانٛہہ عُقیٖدٕ گو کمزور تہٕ یِہِٕتھ کانٛہہ عقیدٕ ہیوٚتُن پیٚنہٕ جایہ ڈٕلُن۔ گوڈنیچہِ بے اعتدالی ہنٛز مثالہٕ چھِ اُسی تِمن مذہبی تنگ نظرین تہٕ سخت گیرین مَنٛز لبان یِہنٛد پوچھنہٕ بٔرتھ داستانو سیٚتی تاریخکی ورق رنگنہٕ آمتی چھِ۔ دوٚیمہِ بے اعتدالی ہنٛدین نتیجن ہنٛز مثال چھِ اُسی ہندوستانکِس تاریخس مَنٛز لبان۔ بیٚیتہِ ہیوٚک نہٕ یُقینُک تہٕ اعتقادُک کانٛہہ تھزرٕو ہمہٕ کِس تہٕ جہالتکِس سٔتَرس مَنٛز پیٚنہٕ نشہِ پانَس بچاوِتھ۔ نہٕ علمس نہٕ عقلہِ روٗدِو ہمس نہٕ جہلس سیٚتی سمجھوتُک سلسلہٕ ہمیشہ جاری۔ یمو سمجھوتو ڈٲجی ہمیشہِ ہندوستانٲنی دِماغ شکل تہٕ صوٗرتھ۔ تِہنٛزِ علمی ترقی ہنٛد سورُے حُسن روٗد بُت پرستی ہنٛدین عُقیٖدن تہٕ وہم پرستی ہنٛدِس گرد و غبارَس مَنٛز ژوٗرِ۔

اُزی کہِ زمانہٕ کیو تاریخ لیکھن والیو چھُ اَمہِ کتھِ ہُنٛد اعتراف کوٚرمُت۔ سانہٕ زمانُک اکھ قایِل ہنٛدو مصنّف چھُ تمہِ زمانہٕ کہِ فکری حالتُک سام ہیٚوان ییٚلہِ آریائی تصور ہندوستانٕ کین مُقامی مذہبن سیٚتی رلنہٕ آسی لگی متی تہٕ مانان

"ہندو مذہب کہ رلہ ملہ عالیٛحٕ وضاحتھ چھےٚ اَسہِ
ییٚتھی کنٛتھِ مَنٛز لَبنہٕ یوان زِ صُحراوَن مَنٛز پھیرَن
والین قبیلن ہندیو وحشیانہ توہما توٚ پیٹھہٕ تھدِ
کھونہٕ تھَدین فکری تہٕ علمی مَنٛلَن تام چھِ
پرٛتھ دَرجکی تہٕ پرٛتھ عقیدٕکی خیال بیٚنہ پانہٕ
وآرٕ رَلان تہٕ میلان روٗدی مٕتی۔ آریآیی مذہب
اوس گوڈٕ دوہہ پیٹھےٚ کُشادٕ دِل، خوٗدروٗ تہٕ
رواداری۔ تیتھ بیٚیلہِ کُنہ نوٗس خیالس سیٚتی مُقابلہٕ
لوٗگ سُہ روٗد پانہٕ پیٹھ کھتان نہ جاے تراوان
اَمہِ کِس اَتھ مزاجس مَنٛز چھےٚ اَسہِ طبیعتٕچ نرمی
تہٕ مفاہمتٕچ شائستگی لَبنہٕ یوان۔ ہندو دماغ
اوسنہٕ اَمہِ خاطرٕ تیار زِ سُہ کرِ یِتھَمہِ درجِکین
مذہبَن نظر انداز یا تہندو جوٗد کرِ لرٛا بہٕ سیٚتی
ضتم۔ تیتھ مَنٛز اوسنہٕ اَکِس مذہبی مجنوٗنہٕ سُند
غروٗر زِ بَس تہندُے یوت مذہب چھُ پوٚز۔ اگر
انسانن ہنٛزٕ اَکِس جماعژ کٲنسہِ معبوٗدس نٕژ پوٗزا نہٕ
تہند طور طریقہٕ دلکُ تسکین دِوان چھُ تیٚلہ بیٚیہ
مانُن زِ بیتہِ چھےٚ پزرِچ اکھ وَتھ۔ پوٗزٕ پزٕ تس ہیٚکہِ
نہ کانٛہہ اَکی ساتہٕ تھیچھ دِتھ۔ سُہ ہیٚکہِ وارٕ وارٕ
تہٕ پادٕ پادِ حاصل گژھتھ۔ ابتدآیی تہٕ عارضی رٕژن
نہٕ چھےٚ بیٚتہِ بنٛنی جاے دِنی پیوان۔ ہندو دماغن

کرٕ رواداری ہنٛزٕ تہٕ مفاہمتٕچ یہ وَتھ اختیار مگر
تَس گیہِ یہ کنٛتھ مُشتھ زِ کیٚنہہ حالات چھِ تیتھی
تہٕ آسان بیٚیلہِ رواداری بجایہٕ ناروا داری
بجَر چھےٚ لبان۔ تہٕ مذہبی مامِلن مَنٛز چھُ "گریشم"
(Gresham)[1] سُند قونوٗنکی پاٹھی اکھ قونوٗن
کٲم کران۔ (۱۰۳) بیٚیلہِ آریآیی تہٕ غارٕ آریآیی مذہب
پانہٕ وآرٕ میلی اکھ اوس شائستہ بیاکھ اوس
ناشائستہ، اکھ رِتہٕ قسمُک بیاکھ وُستھ تہٕ
غارٕ شائستہ تہٕ وُستھ اجزاہن مَنٛز گو پانے
یہ مآل پآدٕ نہِ شائستہ تہٕ رٕتی اجزا کرِ وکھ
دبآوِتھ بےکار۔[2] (۱۰۴)

بہرحال قرآنہٕ کہ خدآیی تصورٕچ اکھ بنٛیادی
خوصوٗصیتھ چھےٚ یہ زِ تمہِ کُرٕ تہٕ اَتھ مامِلس مَنٛز
کُنہِ قسمٕچ اعتقادی مفاہمت۔ سُہ روٗد پننہٕ
نِس توحیدی تہٕ تنزیہی تصورس مَنٛز انٛدٕ وند
صاف تہٕ سیوٚد۔ رٕتھٕچ یہ مضبوط جاے چھےٚ نہٕ اَسہِ

---

[1] حاشیہ ۱۰۳۔ گریشم "GRESHAM" سُند قونوٗنُک مقصد
چھُ اقتصادیاتُک یہ اصوٗل زِ اگر اصل سکن سیٚتی کھوٗٹی سکہِ
رَلاوِنہٕ ین اصل سکن ہُند قیمتھ روٗ تہٕ پننہ جایہ ڈَنجہ۔

[2] حاشیہ ۱۰۴۔ پروفیسر ایس رادھاکرشنن
انڈین فلاسفی، جلد اول صفحہ ۱۱۹۔ طبع دوٚیِم

کُنہِ پاٹھی تہٕ رواداری ہندِ طور طریقہٕ نِشہِ پَنُنھ رٹن یژھان البتہٕ اعتقادی مُفاہمتکۍ چھہٕ ساری دروازٕ بنٛد کران ۔

(۵) قرآنَس چھےٚ خدٲیی تصورٕچ بُنیاد انسان سٕنٛدِس عالمگیر وجدٲنی احساسس پیٹھ تھومٕژ ۔ یہ چھہٕ نہ نظری تہٕ فکری کوششیٚ ہٕنٛز کانٛہہ ترٛژھ پٔرٛژھ بناوٕمٕژ یَتھ کُنہِ خاص جماژ یا کُنہِ خاص قسمٕ کێن لُکن ہُنٛدۍ ذیٛہن حل ہیٚکہِ کرِتھ ۔

اِنسانہٕ سُند عالمگیر وجدٲنی احساس کیاہ چھُ ؟ سُہ چھُ یہ زِ زِندگی ہٕنٛز کاینات چھےٚ نہٕ پانٛی پانے پاد گٔمٕژ ۔ پاد چھےٚ کرنہٕ آمٕژ ۔ لہاذا چھُ ضوٗرٕرٕی زِ اَکھ پاد کرن واجین ہستی آسہِ موجوٗد ۔ قرآن نہٕ یہ کنیٛژھا اَتھ مُتعلق وَنان چھُ سُہ چھُ تیٚمی اوٚن ۔ اَمہِ علاوٕ بیٚیہ یہ کینٛہہ چھُ سُہ چھُنہٕ مذہبی عقیدُک ماملہٕ ۔ سُہ چھُ انفرادی تہٕ ذٲتی تجربن تہٕ احوالَن ہُنٛد ماملہٕ ۔ اَدٕ سَبہٕ چھُنہٕ سُہ اَمیُک بارٕ جماتہٕ کێن خیالَن پیٹھ تراوان ۔ ننتہٕ چھُ سُہ طلبہٕ والێن تہٕ جہدٕ والێن کیٚوٚت تراوان :-

وَالَّذِينَ جَاهَدُوا فِينَا لَنَهْدِيَنَّهُمْ سُبُلَنَا وَإِنَّ اللَّهَ لَمَعَ الْمُحْسِنِينَ

(۲۹ : ۶۹)

تہٕ یِم لُکھ اَسہِ نام وٲنہٕ خاطرٕ کوشش کرن تہٕ اُسی نہٕ تراود تِمَن پیٹھ ضوٗرٕرٕ وَتھ ہاوٕ تہٕ خدا ہے کُنہِ چھُ نیک کردار لُکن نِشہِ الگ ۔ سوے چھُ تِمن سیتی ۔

وَفِي الْأَرْضِ آيَاتٌ لِّلْمُوقِنِينَ ۝ وَفِي أَنفُسِكُمْ أَفَلَا تُبْصِرُونَ ۝

(۵۱ : ۲۰ - ۲۱)

تہٕ تِمن لُکن کرٕژھہِ یِم یقینہٕ والی چھہٕ ۔ چھےٚ زمینس پیٹھ حقیقتھ چہ کاژاہ نشانیہٕ ۔ بیٚیہ خود توہہ اندر تہٕ ۔ اَدٕ کیا توٚہی چھِوٕ ناوُ چھان ۔

نہ چھُ سُہ توحید وجوٗدٕچ کتھ کران تہٕ نہٕ توحید
شہوٗدٕچ ۔ سُہ چھُ صرف اَکِس خالق کاینات
ہٕستی ہُنٛد ذکر کران یَس مَنٛز رٕژرکی تہٕ کمالکی
ساری صفت چھِ تہٕ یُس نوقصہٕ تہٕ زوالہٕ
چیوٗ سارِوٕے کنٛھوٗ نِشہٕ پاک چھُ تہٕ اَمہٕ کھوتہٕ
زیادٕ چھُنہٕ انسانہٕ سٕنٛز فکرِ ہیٚکھ بیٚیہ کانٛہہ یار
ترٛاوان ۔

۶ ۔ بیٚیتہِ نِسبے چھُ مرتبَن ہُنٛد سُہ فرق نوٚن
نیران یُس اِسلامَن بلکُل بیٚیبِس اَکِس شکلہِ
مَنٛز نہٕ حالتس مَنٛز، عامَن تہٕ خاصن مَنٛز
کوٚرمُت چھُ، ہشد و مفکروَ باگراوی عامَن تہٕ
خاصَن مَنٛز بیٚون بیٚون تصور تہٕ عُقیدٕ۔ اِسلامَن
تھوٚو نہٕ تصوٚرٕ تہٕ عقیدٕ کنی کانٛہہ امتیاز جایز۔
سُہ چھُ حقیقتُک اَکُے عُقیدٕ پیٚژتھ انسانس سٕنٛدِ
دِلس تہٕ دماغس مَنٛز بیٚہہ ناوان۔ مگر یہ چھےٚ
نٔنی کتھ زِ طلبہٕ تہٕ جہدٕ کنی ہیٚکہِ نہٕ سارِوٕنی
ہیٚبیوٗ مرتبہٕ آسِتھ ۔ تہٕ بیٚینہِ چھےٚ نہٕ حقیقتہٕ
کِس پیٚژتھ کانٛہہ طالبس ہیٚشی ترٛیش آسان۔
عام لوٗکن چھُ یکجا پَنُن اَکھ مزاج تہٕ خاص ضروٗرتھ
آسان ۔ خاص انسانن چھُ پانَس پانَس
پَنٕنہِ طلبُک تہٕ استعدادُک بیٚون بیٚون درجہِ تہٕ
مُقام آسان۔ لہٰذا تمی یُس فرق کرنہٕ تِشہٕ
گوڈنکِس صوٗرتَس مَنٛز انکار کوٚرمُت اوس
دوٚیمِس صوٗرتَس مَنٛز کوٚرُن تہٕ تمہِ نِشہٕ انکار
نہٕ طلبہٕ کیو بیٚولی بیٚون درجو خاطرٕ ترٛاوِن معرفتہٕ چِہ
نہٕ یقینہٕ چہٕ بیٚون بیٚون وَتہٕ بیلہٕ ۔

صحیح بخاری تہٕ مسلم کِس اَکِس مُتفق علیہ
رٕوایتس مَنٛز یتھ مشہوٗر پاٹھی حدیث جبریلؑ
وَنان چھِ، چھُ سیٹھا ژھوٚٹین تہٕ موٚٹین
لفظَن مَنٛز مرتبن ہُنٛد یہ فرق گاشراونہٕ آمُت
اَتھ حدیثس مَنٛز چھُ ترٛیٚن مرتبَن ہُنٛد ذکر کرنہٕ
آمُت ۔ "اِسلام"، "ایمان" تہٕ "احسان"۔ اسلام
چھُ اسلامی عُقیدُک اقرار کرُن تہٕ عملہٕ ہِنٛدی
ژوٚنوے ارکان یانے "نماز"، "روزٕ"، "حج"
تہٕ "زکواۃ" بجا اَنٛنی۔ ایمان گو اقرارکہِ مرتبہٕ
نِشہٕ برٛونٛہہ پکِتھ اِسلام کیٚن بُنیادی عقایدن
ہُنٛد حق الیقینُک مرتبہٕ حاصل کرُن ۔

أَنْ تَعْبُدُ اللّٰهَ كَأَنَّكَ — ژٕ کر خدایہ سٕنٛز عبادتھ
تَرَاهُ، فَإِنْ لَمْ تَكُنْ — تتھٕ کنی زَن تہٕ چھُہن سُہ
تَرَاهُ فَإِنَّهُ يَرَاكَ — پانَس برٛونٛہہ کنہِ وُچھان
تہٕ اگر سُہ چھُہَن نہٕ وُچھان تہٕ سُہ چھُہ ژے
وُچھان۔

گو حقیقتکہ معرفتہٕ لحاظہ چھہ بیٚینہٕ ترٛشے
مرتبہٕ۔ گوڈنیُک مرتبہٕ چھہ اسلامی دٲیرکہ اعتقاد
تہٕ عملہٕ ہُنٛد۔ یہ گو اسلام۔ یانے یمی اسلام کہ
عقیدُک اقرار کوٚر تہٕ تمہٕ کیٚن اعمالن ہنٛز زندگی
کرِن اختیار، سُہ ژاو اتھ دٲیرس منٛز۔ مگر
دٲیرس منٛز اژنہٕ سیتی چھنہٕ ضروٗری زِ علمہٕ
تہٕ یقینکۍ یم مقامات چھہ تمہٕ گٔیہ پٔرٛتھ کانٛسہٕ
دٲیرس منٛز اژن وٲلِس حاصل۔ لہٰذا
دژاو دوٚیم درجہ (مرتبہ) نوٚن یتھ ایمان چھہ وَنان۔
اسلام اوس ظاہرُک اقرار تہٕ عمل۔ ایمان چھُہ
دِلک تہٕ دِماغُک یقین تہٕ پٔرٛتھ۔ یُس یہ مرتبہٕ
حاصل گوٚو سُہ دژاو عاموٗ منٛز تہٕ رلیوو خاصن
سیتی۔ مگر کتھ وآژنہٕ بیتسے پیٹھ اَند۔ حقیقتکہٕ
عرفانُک تہٕ یقینہٕ کہ عین الیقینُک چھہ بیاکھ
اَکھ مرتبہٕ تہٕ باقے روزان۔ اَتھ آو احسان
وننہٕ۔ مگر یہ مقام چھنہٕ محض یقین تہٕ اعتقاد پاؤد
کرنہٕ سُہ یُس اَکِنہٕ جماتس یکجا حاصل ہیکہٕ گٔرِتھ
یہ چھُہ ذاتی تجربُک مقام۔ یُس اوٚتام ووت سُہ
چھُہ پنہٕ ذاتی تجربہٕ تہٕ کشفہٕ سیتی یہ مرتبہٕ حاصل
کران۔ تعلیمی تہٕ احکامی عقایدن ہنٛد چھنہٕ
اتھ منٛز کانٛہہ دخل۔ بجنہٕ تہٕ تقیدچ چھےٚ نہٕ اَتھ
منٛز گنٛجایش۔ یہ چھُہ پانہٕ کرنُک تہٕ لبنُک معاملہٕ
وَننہٕ نُک تہٕ سمجھاونُک معاملہٕ چھنہٕ۔ یُس اوتام
ووت سُہ اگر کینہٕ وننہٕ تہٕ یی وننہٕ زِ مےٚ ہوی بُٹھ
آدہ یہ کینہٕ بوزنہٕ یوان چھُو نہٕ وُچھنہٕ۔

"پرسید یکے کہ عاشقی چیست
گفتم کہ چو من شوی بدانی"

"پٔرٛتھ اَکی چھہ وَنان عاشقی کتھ
دوٚ یمس بنکھ مےٚ ہیوتہٕ زانکھ"

یتھ کنۍ چھہ اسلامن طلبہٕ تہٕ جہدِ والین پننہٕ پننہٕ
درجہٕ مطابق یُس پٔرٛتھ ترٛیش آسہٕ تس ترٛشہ
شربت آیتن تھوٚمرٕ۔ عامن کیوت چھہ گوڈنیُک
مرتبہٕ کافی۔ خاصن کیوت چھُہ دوٚیم مرتبہٕ ضروٗری
تہٕ خاصن منٛز تہٕ یم خاص چھہ تہنٛز ترٛیش چھےٚ
تہٕ ترٛسے یم پیالہٕ چِنہٕ ورآے ہمن واجینی تہنٛد
خدائی تصورُک تہٕ عقیدُک میخانہٕ چھُہ اَکے۔ مگر
جام چھہ ہیوٚن ہیوٚن۔ پٔرٛتھ طالبس چھُہ پننہٕ
حوصلہٕ مطابق اَکھ جام حصہٕ یوان بیمہٕ سیتی
سُہ مست تہٕ سرشار گژھان چھُہ۔ گوتاہ زبر چھُہ
تمی وٚونمت یمی وٚن زِ:۔

"ساقی بہ ہمہ بادہ زیک خم دہد اما
در مجلس او مستی ہر کس ز شرابی ست"

"ساقی چھ اکی ملر منز مس سارنے چاوان
پرتھ کانہہ گیوون تنہ بیون چھ مگر نشہ شراب" (مترجم)
بیترتس چھے بیمہ کتھہ ہنز وضاحت کرنی ته ضروری
زِ قرآنس منز چھ وارِیاہ تتھی آیہ ییم اگر وحدت الوجودی
تصورس کُن نظرو کھ ته وارِیاہ برونٹھہ ہیکو کھ پکتھ
مثلن "هُوَ الْاَوَّلُ وَالْاٰخِرُ وَالظَّاهِرُ وَ
الْبَاطِنُ (۵۷ : ۳) بییہ اَیْنَمَا تُوَلُّوْا
فَثَمَّ وَجْهُ اللّٰهِ (۲ : ۱۱۵) بییہ وَنَحْنُ
اَقْرَبُ اِلَیْهِ مِنْ حَبْلِ الْوَرِیْدِ (۵۰ : ۱۶)
بییہ کُلَّ یَوْمٍ هُوَ فِیْ شَاْنٍ" (۵۵ : ۲۹)
یا امہِ قسمکی تم ساری آیات یمن منز سارنے
موجوداتن ہُند آخرس خدایس کُن پھیرتھ
گژھن چھ بیان کرنہ آمت۔ توحیدِ وجودی مانن
والی چھ یمو سارِوے آیتو سیتی وحدت الوجود
کس مسلس پیٹھ دلیل دوان ته حضرت شاہ
ولی اللہ محدث دہلوی رحمۃ اللہ علیہ چھ بیہ تام
لیکھان زِ اگر بو وحدت الوجودک مسلہ ثابت کرن
یژھہ بیہ ہیکہ قرآن ته حدیثہ چھونو دلیلو سیتی
ثابتھ کرتھ۔ مگر صاف کتھ یوہ اتھ مامس
منز مولوم چھے سپدان سو چھے یہ آسے زِ یم ساری
گژھن ته پننہِ مطلبہٕ نشہِ دور راونی۔ نہ تمہ مانے

علاوہ یُس صدرِ اول کیو مخاطبو یمن آین ہُند
زونمت اوس گژھہ ته بییہ کانہہ مانے کڈُن۔
باقی رود حقیقتک کشفہ ته عرفانک سُہ مقام
یُس طریقتہ کین عارفن ہیش بوان چھ۔ سُہ
چھنہ کُنہ کنی ته قرآنکس یی تصورکس
عقیدس خلاف۔ تمیُک تصور چھ اکھ جامع تصور
ته پرتھ کنہ توحیدی تصورچ چھے تتھ منز گنجایش
یم خاص افراد احسان کس مقامس تام واتان چھ
تم چھ حقیقتک جلو پردس ژھایہ ته وچھان ته
معرفتک سُہ تھدی کھوتہ تھود مرتبہ یُس انسانہ سنز
عقلہ منز بیتھ ہیکہ چھ یمن حاصل سپدان۔
" وَمَنْ لَمْ یَذُقْ لَمْ یَدْرِ " ۔
"تو نظر باز نہٕ ورنہ تغافل نگہ است
تو زبان فہم نہٕ ورنہ خموشی سخن است"

عشقس چھ تغافل ته نظر چھکنہ نظر باز۔ معشوقہ سنز خموشی یہ ساسہ بر کتھہ چھکنہ زبان فہم (مترجم)

۷ ۔ بییمہ ترتیبہ سورتہ فاتحس منز یمن نبوے
صفت بیان چھ کرنہ آمتی تم چھ دراصل انسانی
فکرِ ہند طلبکی ته معرفتکی قدرتی منزل ته اگر
وار غور کرو امی ترتیبہ سان چھ برونٹھہ کن یوان
گوڈ نیتھے آربوبیتک ذکر کرنہ۔ تکیازِ زندگی
ہندس کاینات منز ساری کھوتہ زیاد
نون چھ یوہ ہے صفت۔ ته پرتھ وجودس چھ ساری

کھوتہٕ زیادٕ امہِ کُے حاجتھ ۔ ربوٗبیتہٕ پتہٕ آورحمتکُ
ذکر کرنہٕ تکیازِ اَرِمچ حُقیقتھ آس ربوٗبیتَس
مقابلہٕ وُچھ پنج تہٕ سونچہٕ پنج موجلاج ۔ تہٕ
ربوٗبیتہٕ کیو مُشاہداتوَ رِشہ بیٚلہِ برٛونٛہہ چھِے
نظر پیوان آتی چھُ رحمتُک جلوٕ نوٚن نیران ۔ آدٕ
چھُ رحمتہٕ پتہٕ عدالتُک صفت پتھٕ جلوٕ
ہاوان ۔ تکیازِ یہ چھُ سفرُک پُتِم مَنزِل ۔ رحمتہٕ
کیو مشاہداتو رِشہ بیٚلہِ قدم برٛونٛہہ چھِ پکان ۔
تہٕ بیٚلہِ نظر برٛونٛہہ چھِے پیوان بوزنہٕ چھُ پوان
زِ بیٚنہِ چھِے عدالتچہٕ پرٛوٕ پرٛ تھ جایہ موجوٗد ۔ تہٕ
یہ چھُ اَوٕ سبَبہٕ زِ ربوٗبیتُک تہٕ رحمتُک اوس
یوہے تقاضہٕ ۔

---

# اِهدِنَا الصِّرَاطَ المُستَقِيمَ ۝

"هدایت" گوو تھ ہاوُنۍ، رہنمٲیی کرٕنۍ تہٕ وَتہٕ لاگُن۔ ژھوچرس منٛز چھُ امیُک ذکر بیٚتھ کُن کرنہٕ آمُت۔ یینہٕ نَس چھ اُسی ہیداتہٕ کیٚن مختلف مرتبن تہٕ قسمن پیٚٹھ نظر تراوٕنۍ یِژھان۔ یِمَن ہُنٛد ذکر قرآنِ حکیمَن کوٚرمُت چھُ۔ تہٕ یِموٚ منٛز اَکھ خاص مرتبہٕ وحی تہٕ نبوت کِہ ہیداتُک چھُ

## تکوینِ وجودٕکۍ ژور مرتبہٕ:-

توہہٕ چھُو وونۍ پوٚرمُت زِ خدا یہ سٕنٛدی ربوبیتَن بیتھ کُنٛ مخلوقاتن پننہ پننہ حالہٕ مطابق جسم تہٕ قوت دِتۍ متۍ چھِہ۔ تِتھے کُنۍ رچھن تہٕنٛد ہیدایتٕکۍ سامانہٕ تہٕ سولبہٕ سولبہٕ تھوٚومِت۔ یوہے چھُ قودرتُک سُہ ہیدایتھ یُس پرٛتھ وُجودَس زندگی تہٕ روزگار چرِ وَتہٕ پیٚٹھ لاگان چھُ۔ تہٕ زندگی ہٕنٛدی ضوٚرو٘ریاتھ ژھانڈنَس منٛز رہنمٲیی کران چھُ۔ اگر قودرتک یہ ہیدایتھ آسہٕ ہانہٕ موجود تیٚلہِ ہیٚکہِ ہانہٕ کانٛہہ مخلوق تہٕ زندگی ہُنٛد تہٕ زنٛدٕ روزنُک سامانہٕ لبتھ اَدے چھُ قرآنن جایہ جایہ اَتھ حقیقتس کُن توجہ دیوومُت یہ چھُ وَنان زِ پرٛتھ وجودٕکِس بننَس تہٕ کمالَس واتنَس تام چھِ مختلف مرتبہٕ آسان۔ تہٕ یِموٚ منٛز چھُ پٔژم مرتبہٕ ہیداتُک مرتبہٕ سورے "اعلیٰ" ہَس منٛز چھُ ترتیبہٕ سان مرتبن ہُنٛد ذکر کرنہٕ آمُت:-

اَلَّذِی خَلَقَ فَسَوّٰی ۝ سُہ پروردگار یٚمی پرٛتھ کُنہٕ چیز یادٕ کوٚر پتہٕ کوٚرُن سُہ سیٚود تہٕ پتہٕ تھوٚرُن

وَالَّذِی قَدَّرَ فَهَدٰی ۝ پرٛتھ وجودٕس اَکھ انداز۔ اَدٕ پتہٕ ترآوُن تَس عملہٕ ہنٛز وتھ ہیٚلہٕ۔ (۸۷: ۲-۳)

یانے تکوین وجودکس پئٹھ ژور مرتبہ۔ تخلیق۔ تسویہ۔
تقدیر۔ ہدایتھ۔

تخلیق:۔ تخلیق گو پاد کرُن۔ یہ کتھ زِ خلقیج
کائنات تہٕ تمہٕ کہ پڑتھ وجودک مواد آو عدمہٕ نشہٕ
وجودس منز ہیتھ آمت گیہ تخلیق۔

تسویہ:۔ مانے گو اکھ چیز ییتھ کنی آسُن گژھہِ
سُہ بلکل تِتھے کنی شیرُن پاد نتہٕ آراستہ کرُن۔

تقدیر۔ مانے گو انداز مقرر کرُن تہٕ اَرِچ تشریح
چھپے پیٹھ کنہ کرتہٕ آمژ

ہدایت:۔ اَمِہ نشہٕ چھ مُراد زِ پڑتھ وجودس
پیٹھ تہندِ زندگی تہٕ روزگارچ وتھ یلہٕ ترٲونی
اَرِچ تشریح تہٕ چھپے ربوبیت کِس بحث منز کرنہٕ
آمژ۔ مثلن مخلوقاتن منز چھ اکھ خاص قسم
وُڈ و نین جانورن ہُنزہ۔

۱:۔ یہ کتھ زِ تہند مادہٕ خلقت آو ظہورس منز
گو "تخلیق"۔

۲:۔ اَمِہ پتہٕ چھ تہند ظاہری تہٕ باطنی قوٕ وتھ تِتھ
کُنہ بناوتہٕ آمٕژ زِ پو پاٹھی چھپے قوائج تہٕ اعتدالکی
عالنکہ پاد گژھن۔ یہ گو "تسویہ"۔

۳:۔ اَوپتہٕ یہ کتھ زِ تہندین ظاہری تہٕ باطنی قوتن
تہٕ عملن ہند خاطر چھ اکھ خاص انداز مقرر کرنہٕ
آمُت ییمہٕ نشہٕ نہٕ تم نیبر ہیکن نیبر کتھ یہ گو "تقدیر"
مثلن ہوہس منز وُڈن گاٹن ہندی پاٹھی آبس
منز ژھانٹھ واین۔

۴:۔ اَدیپہٕ تمن اندر وجدانک تہٕ حواسن ہُند
گاش پاد گو یُس تمن زندگی تہٕ زندروزنچ وتھ
ہاوان چھ تہٕ زندگی ہُند سامانہٕ ژھانڈن تہٕ لبہہ
نس منز رہنمائی کران چھ۔ سُہ گو "ہدایتھ"

قرآن چھ ونان زِ خدایہ سُند
ربوبیتک تقاضہ اوس یہ زِ ییتھ کنی تمی پڑتھ
وجودس زندگی دِژ تہٕ تہندی ظاہری تہٕ باطنی قوتھ
سنبھالی تہٕ تہنزن کامن ہُند کورُن تہند حالہ
مطابق اکھ انداز مقرر تہٕ تِتھے کنی کورُن تہندِ
ہدایتک سامانہٕ تہٕ تیار

---

قَالَ رَبُّنَا الَّذِي أَعْطَىٰ كُلَّ شَيْءٍ خَلْقَهُ ثُمَّ هَدَىٰ

(۲۰ : ۵۰)

حضرت موسیٰ ہن دوپ سون پروردگار چھ سُہ ییمی پڑتھ
چیزس پننی بناوٹھ دِژ اَوپتہٕ ترٲوُن تس کرِتھ عملہ
ہنز وتھ ہیلہ۔

حضرت ابراہیمؑ نٕہ تہٕنٛدِ قومچ یوٗسہٕ کتھ
باتھ قرآنن جایہِ جایہِ پیش کرمٕژ چھےٚ۔ تمہٕ منٛز
چھ حضرت ابراہیمؑ پننہِ عقیدُک اعلان کران
فورماوان :-

وَاِذْ قَالَ اِبْرَاهِيْمُ لِاَبِيْهِ وَ
قَوْمِهٖۤ اِنَّنِيْ بَرَآءٌ مِّمَّا
تَعْبُدُوْنَ ۙ اِلَّا الَّذِيْ فَطَرَنِيْ
فَاِنَّهٗ سَيَهْدِيْنِ ۝
(۴۳ : ۲۶-۲۷)

اد ییٚلہِ حضرت ابراہیمن پننٕس ماٗلس تہٕ پننٕس
قومس وونُت اوس توہیہ یمن (دیوتاہن) ہنٛز
پوزا کران چھِو مےٚ چھنہٕ تمن سیتی کہین ہین دیُن۔
میوٚن رشتہٕ چھ صرف تٔس ذاتس سیتی ییٚمی بہٕ پاد
کوٚرمُت چھُس تہٕ سُے ہاوِ مےٚ وتھ۔

اَلَّذِيْ فَطَرَنِيْ فَاِنَّهٗ سَيَهْدِيْنِ ۝

یانے ییٚمی خالقن مےٚ جسم تہٕ وجود عطا کوٚرمُت چھُ
ضروٗر آسہِ تمی میانہِ ہدایتُک سامانہٕ تہٕ کوٚرمُت۔

سوٗرٕ شعراہس منٛز چھےٚ یہ آیہ کتھ زیادٕ وضاحتہٕ آوِتھ ونٕنہٕ آمٕژ :-

اَلَّذِيْ خَلَقَنِيْ فَهُوَ يَهْدِيْنِ ۙ۝
وَالَّذِيْ هُوَ يُطْعِمُنِيْ وَ
يَسْقِيْنِ ۙ۝ وَاِذَا مَرِضْتُ
فَهُوَ يَشْفِيْنِ ۙ۝
(۲۶ : ۷۸-۸۰)

ییٚمی پروردگارن بہٕ پاد کوٚرمُت چھُس سُے کرِ مےٚ
ہدایتھ۔ اوٗ بہٕ چھُس سُے یُس مےٚ کھیاوان
تہٕ چاوان چھُ۔ تہٕ ییٚلہ بہٕ بیمار چھُس گژھان
سُے چھُم شفا بخشان۔

یانے ییٚمس پروردگارس نٕژ پروردگاری
میانہِ زندگی ہٕندین سارنی ضرورتن ہٕنٛد سامانہٕ
کوٚرمُت چھُ۔ یُس مےٚ یوچھ منٛز غذا، ترٛیشہ منٛز
آب تہٕ بیمارِ منٛز شفا بخشان چھُ۔ کتھہٕ کٕنی ہیٚکہ ہا
بُنتھہِ زِ تمی آسہٕ ہا یوٗ پاد کوٚرمُت مگر میانہِ ہدایتُک
سامانہٕ آسہِ ہا نہٕ پاد کوٚرمت۔ اگر تمی بہٕ پاد کوٚرمُت
چھُس تہٕ تیٚلہِ چھُ پزٕی پاٹھی سُے یُس ژھانڈنس
تہٕ کوشِشہِ منٛز میانی رہنمایی تہٕ کرِ۔

سوٗرٕ صٰٓفّٰت تس منٛز تہٕ چھُ
یوٗسہٕ ہے مطلب یمن لفظن منٛز ادا کرنہٕ
آمُت :-

وَقَالَ اِنِّیْ ذَاهِبٌ اِلٰی رَبِّیْ سَیَهْدِیْنِ ۝
(٣٧ : ٩٩)

تہٕ (حضرت ابراہیم علیہ السلام) دوٗن بوٗ چھس (یژتھ طرفہٕ ژٕ گژھتھ) پننہٕ نس پروردگارس کُن گژھتھ پھران، سُے کرِ مےٚ ہدایتھ۔

"رَبِّیْ" لفظس پیٹھ کرِو غور۔ سہٕ چھُ میٲنۍ "رب" آدِ پیٹھِ سوٗے "رب" چھُ تیٖلہِ چھُ ضروٗری زِ سہٕ ترٛاوِ مےٚ پیٹھ عملہٕ ہنٛز دٕتھ بیلہِ۔

## ہدایتکۍ گوڈنکۍ ترٛے مرتبہٕ:۔

ادٕ پتہٕ چھِ ہدایتکۍ تہٕ مختلف مرتبہٕ یم اَسہِ حیوانن منٛز محسوٗس کران چھِ گوڈنیکُے مرتبہٕ چھُ وِجدانہٕ کہٕ ہدایتُک۔ وِجدانے چھُ حیوانی طبیعتُک فطری تہٕ اندروٗنی الہام اَسہِ چھِ وناں زِ اکھ شُر چھُ زیوٗ وٗنے غذاہس خاطرٕ وُدُن ہیوان تہٕ ادٕ پتہٕ کانٛہہ نیبرِم رہنمایی میلنہٕ وَراے چھُ ماجہِ ہنٛز بب اَسس منٛز ژٲن تہٕ ژٕ ہین ہیوان تہٕ پنُن غذا حاصل کران۔ وِجدانہٕ پتہٕ چھُ حواسن ہنٛدِ ہدایتُک مرتبہٕ تہٕ سہٕ چھُ اَمہٕ نِشہٕ زیادٕ بٔکھوٗد۔ یم چھا اَسہٕ وُچھنکۍ، بوزنکۍ تہٕ شہٕ ہنکۍ، محسوٗس کرنکۍ تہٕ مُشک ہیمنکۍ قوت بخشان تہٕ یموکنی چھِ اَسہِ نیبرِم علم حاصل کران قوٗدرتکہ ہدایتکۍ یم دوٗ نوٗے مرتبہٕ چھِ انسانن تہٕ حیوانن سارنے کِتی۔ مگر یوٗتام انسان سُند تعلق چھُ اَسہِ چھِ وُچھان زِ ہدایتُک اکھ ترٛیٚیم مرتبہٕ تہٕ چھُ موجوٗد۔ تہٕ سہٕ چھُ عقلہِ ہُنٛد ہدایتھ۔ قوٗدرتُک چھُ یوٗہے سہٕ ہدایتھ یُیمہِ انسانس بڈٕ وٕشہٕ کنہٕ حدٕ رستہٕ ہن ترقین ہنٛدی برٕ وٕتھی ترٛاوِ ہنٛی چھِ تہٕ سہٕ چھُن کاینانہٕ کہن سارنے مخلوٗقاتن ہُنٛد حاصل تہٕ لُبِ لُباب بنوومُت۔ تہٕ تمی چھِ زمینہٕ کِس کاینانس منٛز سارِوے کھوتہٕ جاد ترقی پڑاومتہٕ مخلوٗقچ حیثیت حاصل کٔرمٕژ۔ وِجدانُک ہدایتھ چھُ تس منٛز ژھانڈنُک تہٕ کوشش کرنُک جذبہٕ پاد کران۔ حواس چھِ تہٕنٛد خاطرٕ مولوٗمات حاصل کران تہٕ عقل چھُ تمہِ نتیجہٕ کڈان تہٕ حکم دِوان۔ حیوانن آس تہٕ امہٕ ہنٛزِ ہمہ مرِ ہیچ ضروٗرت تھ۔ اِدٕ کیہہ یونکہ تہٕ تہٕنٛد قدم وِجدانہٕ تہٕ حواسہٕ بڈ وٕشہٕ۔ مگر

اِنسانس منٛز گٔیہ یِم ترٛیٚنوٕے مرتبہٕ جمع۔

عقلہٕ ہُنٛد جوہر کیا چھُ؟ ۔ دراصل چھُ یہ نِمی قوتُک اکھ ترقی یافتہ حالتھ یُس حیوانن منٛز وِجدانُک تہٕ حواسن ہُنٛد گاش پاداہ کورمُت چھُ ییٚتھ کِنی انسان سُنٛد جسم زمینی جسمن منٛز ساری کھوتہٕ تھوٚد تہٕ زبر چھُ تِتھے کِنی چھُ تس منٛز عقلہٕ ہُنٛد قوت تہٕ سارِنٕی عقلی قوتن ہُنٛد تھٔدِ کھوتہٕ تھوٚد جوہر۔ جیو آنی روحُک سُہ ذاتی ہُنٛد جوہر یُس نباتاتن منٛز، تہٕ حیواناتن ہِنٛدِس وجدانس تہٕ شعورس منٛز نوٚن اوس اِنسانہٕ سٕنٛدِس درحس منٛز آتھ ووت سُہ پننِس کمالس تہٕ اُتھی ہیوٚن واجوہر عقل۔

## ہہدا ییتھ چھُنہٕ اکھ خاص حد ہرٛونہٕ وتھ ہاوان:۔

اَدٕ پتہٕ چھِ اُسی وُچھان زِ قودرت کہ ہہدا ییتھ کیو بیو ترٛیشہِ یوٚ مرتبو منٛز چھِ پرٛتھ مرتبہٕ پننہٕ قوتہٕ تہٕ عملہٕ ہُنٛد اکھ خاص دایرٕ تھاوان یمہ برٛونٛہہ چھُنہٕ ہیکان نیرتھ۔ تہٕ اگر یمہ مرتبہٕ کھوتہٕ زیادٕ تھوٚد بیاکھ مرتبہٕ آسہ ہانہٕ موجود تہٕ سُہ آنی روحانی قوتہٕ ہیکہٕ ہِن تہٕ تتھ حدس تام ترقی کرِتھ ییتھ حدس تام فطرتِ چِہ رہنمائی سیتی ترقی کران چھِ۔ وِجدانُک ہہدا ییتھ چھُ اُسہ منٛز زھار نک تہٕ کوشش کرنُک جوش پاداہ کران ۔ تہٕ یِم زندگی ہِنٛدی ضرورِیاتھ آسان چھِ یمن کُن چھُ وتھ ہاوان۔ مگر سانہٕ دوٚجہِ نبر پہ کینٛہہ ہا موجود، دچھُ نمیُک فہم چھُنہٕ حاصِل ہیکان کرِتھ۔ یہ کام چھِ حواسن ہِنٛد ہہدا ییتھ اُچھی چھِ وُچھان۔ کن چھِ بوزان۔ زیو چھےٚ منٛز تہٕ ہان۔ اَتھہ چھِ محسوس کران یُس چھےٚ مُشک ہیوان۔ تہٕ ییتھ کِنی چھِ اُسی پننہٕ دوجہ، دنیبر سارِنٕی محسوس چیزن ہنٛز زان حاصل کران۔

مگر حواسن ہُنٛد ہہدا ییتھ تہٕ چھُ اکِس خاص حدس تام کام ہیکان دِتھ۔ یمہ برٛونٛہہ چھُنہٕ ٹیکتھ ہیکان۔ اُچھی چھِ وُچھان مگر تِلہ یلہ دُچھنکی ساری قوت پو، گرژھن۔ اگر یمو منٛز اکھ شرط تہٕ کم آسہ مثلن گاش آسہ نہٕ۔ یا دور آسہ زیادٕ۔ تیلہ ہیکو نہٕ اُسی اچھی آسنہٕ تہٕ اکھ موجود چیز بیوٗدی وُچھتھ۔ امہ علاوٕ ہیکہ حواسُک ہہدا ییتھ پیوت کرِتھ زِ سہ کرِ چیزن ہُنٛد احساس پاداہ مگر احساسے پوت چھُنہٕ کافی۔ اَسہ چھِ ژارکرِنچ تہٕ نتیجہ کڈنٕچ ضرور ژرتھ۔ احکامن تہٕ کلیاتن ہنٛز ضرورتھ تہٕ یہ کام چھےٚ عقلہٕ ہُنٛد ہہدا ییتھ۔ سو چھےٚ یمن

سارِنے مولوٗ ماتن یِم حواسن ہِنٛدِ ذٔرِی یہٕ حاصل سپدان چھِ ترتیب دِوان تہٕ تموٗنٛشِہ احکام تہٕ کُلیات کڈان۔

## ہدایت چھُ پننِس اصلچس تہٕ آچھِ منٛز زِیادٕ تھدِ ہدایتُک موٗحتاج:۔

امہِ علاوٕ ییتھ کٔنی وجدانچ آچھ کرنہٕ خاطر حواسن تہٕ شعوٗرچ ضوٗرٕ تھ آس تیتھے کٔنی آس حواسن ٹھیک تہٕ آچھ کرنہٕ خاطر عقلِہ ہنٛز ضوٗرٕ تھ۔ حواسن ہِنٛدِ فہم حاصِل کرنکہِ ذٔرِی یہٕ چھنہٕ صرف ژھوٗٹی بٔلکہِ چھنہٕ واریاہ لٔٹہِ غلطی تہٕ وُتہِ ڈلنہٕ نِشہِ تہِ محفوظ۔ اُسی چھِ دوٗرِ اکھ چیز وُچھان تہٕ محسوٗس چھِ سپدان زِ کیٛاتام کرِہِنٛد داغ ہیوٗہ چھُ حالانکہ سُہ چھُ اکھ بوٚڈ تہٕ عظیم الشان گنبد آسان۔ اُسی چھِ بیمارِ ہِنٛدِس حالتس منٛز ماچھہِ ہیوٗ موٗدُر چیز ژھان۔ مگر سون منز ژہنکُ حِس چھُ اسہِ یقین دِوان زِ یہِ چھُ ٹیوٗٹھ اُسی چھِ تلاوُس منٛز اکھ ہیچہِ ہنٛز ژھاے وُچھان ہٹُٹ چھےٚ سیٚز آسان مگر ژھاے چھےٚ اسہِ ہیٚچ بوٗزنہٕ یوان ییتھے کٔنی چھُ واریاہ لٔٹہِ کُنہ بیمارِ

سبہٕ اَسہِ کنِہ گین گین گرژھان تہٕ تژھ آواز بوزان یمن ہُنٛد نہٕ نبر کانٛہہ وجوٗدٕے چھُ۔ اگر حواسن ہِنٛدِ مرتبہِ تھوٗد بیٛا کھ مرتبہٕ آسہِ ہانہٕ تیٚلہِ ہیٚکہٕ ہوٗ تہٕ اُسی حواسہٕ چین یمن لاچارِین منٛز حقیقتُک پے لُبتھ۔ مگر یمن سارِنے حالتن منٛز چھُ عقلِہ ہُنٛد ہدایتھ نوٗن نیران۔ نہٕ حواسٕ چین لاچارین منٛز سانٛنی رہنمٲیی کران

سُہ چھُ اَسہِ وِنان زِ آفتاب چھُ اکھ بوٚڈ تہٕ عظیم الشان گولہ یوٚد وَے سانہِ اُچھِ چھےٚ نہٕ تتھ اکِہ سوٗ تہٕ سنٛزِ تھالِہ کھوٚ تہٕ زیادٕ محسوٗس کران سُہ چھُ اَسہِ وِنان زِ ماچھس چھُ پرٕ تھ ساتہٕ میوٗ ٹھ مزٕ آسان تہٕ اگر اَسہِ ٹیوٗٹھ باسیوٗ، سُہ اوس اَکھ سبہٕ زِ سانہِ ژاٚنُک مزٕ چھُ ڈوٚلمُت ییتھے کٔنی اَسہِ سُہ وِنان زِ کُنہ ساتہٕ چھُ خوٗشکی زیادٕ گرژھنہٕ سیٚتی کن وزان تہٕ امہِ وِزِ یمہٕ آوازٕ اُسی بوزان چھِ تمہِ چھےٚ نہٕ نیبرِ مہٕ آوازٕ آسان بٔلکہ چھےٚ سانہِ دِماغچہٕ آوازٕ آسان۔

## فطرتٕ کہِ ہدایتُک ژوٗریم مرتبہٕ:۔

ییتھ کٔنی وجدانہٕ پتہٕ حواسن ہُنٛد ہدایتھ نوٗن ڈرٲو تکیاز وجدانُک ہدایتھ ہیٚکِہ نہٕ اکہِ

خاص حدٕ نشہٕ بڑونہٕ نیرتھ ۔ تہٕ یتھےٚ کنۍ حواسو
پتہٕ عقلہٕ ہِنٛد ہدایتھ نۄن درٛاو تہٕ تکیازِ حواسن
ہِنٛد ہدایتھ تہٕ ہیکہٕ ہانہٕ اکہٕ حدٕ کھوتہٕ بڑونہٕ
ٹیکتھ ۔ بلکُل چھ یتھےٚ کنۍ اُسی محسوس کران زِ عقلہٕ
ہِنٛد ہدایتہٕ پتہٕ گژھہ ہدایتک بیہ کانٛہہ مرتبہٕ
آسُن ۔ تکیازِ عقلہٕ ہِنٛد ہدایتھ تہٕ چھُنہٕ ہیکان
اکہٕ خاص حدٕ نشہٕ بڑونہٕ ٹیکتھ تہٕ امہٕ کہٕ عملہٕ ہِنٛدِ
دائیرٕ پتہٕ تہٕ چھُ اکھ دایرٕ بلکہٕ روزان ۔ عقلہٕ ہِنٛز
کام یژھ چھےٚ تہٕ یپر چھےٚ سو چھےٚ محسوساتن
ہِنٛدِس دائیرس منٛز محدود ۔ یانے سو چھےٚ تتھ
حدس تام بکار ہیکان یتھ یتھ حدس تام
سانۍ حواس خمسہ یچھ واتناوان روزان چھ
مگر محسوساتن ہِنٛدِ سرحدٕ پور کیا چھُ؟ ۔ تتھ پرٛدس
پتہٕ کنہٕ کیا چھُ یمہٕ بڑونہٕ کُن سانین حواسن
ہِنٛز اچھ وُچھتھ چھےٚ نہٕ ہیکان؟ اوّتہٕ تس
واتتھ چھےٚ عقل بلکُل لاچار نہٕ بیکار گژھان تہٕ
تمیک ہدایتھ چھُنہٕ اسہٕ کانٛہہ کاش ہیکان دِتھ

امہٕ علاوہ یوٚتام انسانہٕ سنٛز علمی زندگی
ہِنٛد تعلق چھُ عقلہٕ ہِنٛد ہدایتھ نہٕ چھُ پرٛتھ
حالس منٛز کافی تہٕ نہٕ چھُ پرٛتھ وِزِ مؤثر انسانہٕ
سُنٛد نفس چھُ قسمہٕ قسمہٕ چیو خاہشو تہٕ جذبو
تتھےٚ کنۍ پننس زالس منٛز وولمت ۔ ییلہٕ زانٛہہ
تہٕ عقلہٕ تہٕ جذباتن پانہٕ وانٛنۍ ٹھولہٕ ٹھول لگان
چھےٚ، اکثر حالن منٛز چھےٚ جذباتن ہِنٛز فتح سپدان
وار یاہ لٹہٕ چھےٚ اسہٕ عقل یقین دوان زِ فلانۍ
کام چھےٚ مضر تہٕ مہلک ۔ مگر جذبات چھ اسہٕ ترغیب
دوان تہٕ اُسی چھنہٕ سو کام کرنہٕ تشہٕ پنن پان پتھ
ہیکان رٹتھ ۔ عقلہٕ ہِنٛز ہدِ کھوتہٕ بڈٕ دلیل چھنہٕ
اسہٕ تتھ ہیکان بناوِتھ یتھ شرار نہٕ وزِ اُسی بے قابو
گژھو نہٕ تہٕ یوچھ وِزِ مضر غذ ہیس کن اکھ نمونہٕ

اچھا اگر حدٕ دایہ ہِنٛدِس ربؤ بیتس کیوٚت
ضوروری اوس زِ تمہٕ دِیہٕ اسہٕ وجدانس سیتۍ حواس
تہٕ تکیازِ وجدانک ہدایتھ ہیکہٕ نہٕ اکہٕ خاص حدٕ
نشہٕ بڑونہٕ ٹیکتھ[4] ۔ تیلہٕ اوسنا یہ ضوروری زِ عقلہٕ
سیتۍ بیہ بیہ تہٕ کینہہ دِیہٕ تکیازِ عقلہٕ ہِنٛد ہدایتھ
تہٕ چھُنہٕ اکہٕ خاص حدٕ نشہٕ بڑونہٕ ہیکان ٹیکتھ تہٕ عملہٕ
ہِنٛدِ سیرٕ زِ تہٕ درٕ بہٕ خاطر چھُنہٕ کافی ۔ اگر تمۍ وجدانس
سیتۍ حواس تہٕ دیت یتھ وجدانہٕ کہن وشفن منٛز
راچھ کرن ۔ تہٕ اگر حواسن سیتۍ عقل تہٕ دژن یتھ
حواسن ہِنٛزن غلطین منٛز قاضی تہٕ حاکم بنہٕ ۔ تیلہٕ
اوسنا ضوروری زِ عقلہٕ سیتۍ دِیہٕ ہا بیبہٕ تہٕ کینہہ؟
یتھ سۄ عقلہٕ ہِنٛز لاچاری وِزِ تہٕ ہاوِکھ تہٕ قاضی بنہٕ

[4] بہ اگر ضروری اوس زِ حواسن سیتۍ دیہ عقل تہٕ تکیازِ حواسن ہِنٛد ہدایت نہٕ چھُنہٕ اکہٕ خاص حدٕ تام بڑونہٕ ہیکان پکتھ

قُرآن چھُ وَنان زِ ضوٗرۄری اوس تہٕ اَوَے کوٗر خدایہٕ سٕندی ربوٗبیتن اتھ سٕتہِ خاطرٕ اَکہ ژوٗری مہٕ ہدایتہٕ کہِ مرتبک سامانہٕ۔ یوٗ ہے چھُ سُہ مرتبہٕ ہدایتھ یَتھ سُہ وحی تہٕ نبوت کہِ ہدایتہٕ سٕتی تابیر چھُ کران۔ چنانچہ اُسی چھ وُچھان زِ

تمی چھ جایہ جایہ ہدایتہٕ کِہن یِمَن مرتبن ہُند ذکر کوٗرمُت تہٕ یِمَن چھُن خدایہٕ سٕندِ ربوٗبیتچ ساری کھوتہٕ بڈٕ بخشایش تہٕ رحمت وَنمُت۔

---

اِنَّا خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ مِنْ نُّطْفَةٍ اَمْشَاجٍ ۖ نَّبْتَلِيْهِ فَجَعَلْنٰهُ سَمِيْعًا ۢ بَصِيْرًا ۝ اِنَّا هَدَيْنٰهُ السَّبِيْلَ اِمَّا شَاكِرًا وَّ اِمَّا كَفُوْرًا ۝

(٧٦ : ٢ - ٣)

اَسہِ کوٗر انسان رَلہٕ مِلہٕ نُطفہٕ نِشہِ پآدٕ یُس اُسی داکہ پتہٕ بتاکھ) مختلف حالتن منٛز پھران چھِن پتہٕ کوٗر سُہ تیتھ زِ بوزن وول تہٕ وُچھن وول وجوٗد بنیوٗو۔ اَسہِ چھے تس پیٹھ عملہِ ہنٛز وتھ یلہٕ ترٛاومٕژ۔ وونی چھے یہٕ تس ہنٛز کآم زِ سُہ بنہِ یا تہٕ شُکر کرن وول نتہ ناشکر گذار۔ یانے یا تہٕ وَرتاوِ سُہ خدایہٕ سٕند دیتمِت قوت وارٕ پآٹھی تہٕ رٔٹہِ فلاحٕچ تہٕ سعادژچ وتھ۔ نتہٕ ہیٚیبہٕ تہٕ تمَن کآم گرٕتھ گمراہ۔

اَلَمْ نَجْعَلْ لَّهٗ عَيْنَيْنِ ۝ وَلِسَانًا وَّ شَفَتَيْنِ ۝ وَهَدَيْنٰهُ النَّجْدَيْنِ ۝

(٩٠ : ٨ - ١٠)

کیا اَسہِ چھا نَس (اَکہ بجایہ) زٕ زٕ اَچھ دِژمٕژ زِ یموٚ سٕتی سُہ وُچھان چھُ۔ ییٚیہٕ دِتس ناز یوٗ تہٕ وُٹھ یِموٚ سٕتی سُہ کتھ کران چھُ۔ تہٕ اَسہِ ہاوِ ناتس نیکی تہٕ بدی ہنٛز دوٚشوَے وَتہٕ۔

وَجَعَلَ لَكُمُ السَّمْعَ وَالْاَبْصَارَ وَالْاَفْـِٕدَةَ ۙ لَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ۝

(١٦ : ٧٨)

ییٚیہٕ دِتی توٚہہ خدا ین بوزنکی تہٕ وُچھنکی حواس تہٕ ییٚیبہٕ دِیت توٚہہ سوچنہٕ خاطرٕ دِل (یانے عقل[1]) دِژ توٚہہ یتھ توٚہی شُکر گذار بنیو۔ یانے خدایہٕ سٕند دیتمُت قوت لاگِو وارٕ پآٹھی کامہِ منٛز۔

---

(حاشیہ[1] ۱۰۶) یہ کتھ گژھہ یاد تھوٚنی زِ عربی زبانی منٛز (باقی بر صفحہ ۲۸۷)

ہِمَن آیَتَن نِہٕ ہِمَن ہیوٚن بیٚیِن آیَن مَنٛز چھےٚ حواسَن تہٕ شعوٗرَس بیٚیہٕ عقلہِ تہٕ فِکرِ ہِنٛدِس ہیدایتَس کُن ژینہٕ وُنی دِنہٕ آمِژ مگر تِمہٕ سارے جایہٕ یِتھہٕ نَس اِنسانہٕ سٕنٛدِ روٗحانی سعادتُک تہٕ شقاوتُک ذِکر کرنہٕ آمُت چھُہ، تِمَن ہُنٛد تعلُق چھُہ وحی تہٕ نبوتہٕ کِس ہیدایتَس سٟتی مثلَن:-

إِنَّ عَلَيْنَا لَلْهُدَىٰ وَإِنَّ لَنَا لَلْآخِرَةَ وَالْأُولَىٰ ۝

(٩٢ : ١٢-١٣)

پٔزی پأٹھی چھےٚ یہِ سأنی کام زِ اَسی کرَو رہنُمأیی تہٕ یقینَن چھُہ دُنیا تہٕ آخرت دوٚشوے سانی خاطرِ (اَدِ یُس سیٚزِ وَتہِ پکہِ تَس کرِ چھےٚ دوٚشوٕنی جاین کامیابی تہٕ یُس وَتہِ ڈولِ تَس کرِ چھےٚ دوٚشوٕنی جاین نامُرادی)۔

وَأَمَّا ثَمُودُ فَهَدَيْنَاهُمْ فَاسْتَحَبُّوا الْعَمَىٰ عَلَى الْهُدَىٰ

(٤١ : ١٧)

تہٕ یِتھہٕ روٗد قوم ثموٗد- تِمَن نِہٕ آس اَسہِ حَقِچ وَتھ ہاوِمژ- مگر تِمو کوٚر ہیدایتِچ وَتھ ترأوِتھ اَنہٕ رُک طریقہٕ پَسنٛد-

وَالَّذِينَ جَاهَدُوا فِينَا لَنَهْدِيَنَّهُمْ سُبُلَنَا وَإِنَّ اللَّهَ لَمَعَ الْمُحْسِنِينَ ۝

(٢٩ : ٦٩)

بیٚیہِ یِمو لوکَو سانہِ وَتہِ مَنٛز کوٗشِش تہٕ جانفشأنی کٔر ضروٗری چھُہ زِ اَسی نِہٕ ترأوَو تِمَن پَنٕنہِ وَتہِ ہیٚنہِ تہٕ پٔزی پأٹھی چھُہ خُدا یے تِمَن لوکَن ہُنٛد سٟتی یوٚس یِمَن مَنٛز نیک عمل چھےٚ۔

(باقے حاشیہ صفحہ ٢٨٦) چھِنہٕ قلب تہٕ فواد محض تِتھہٕ عضوٕ یِم یوٚت وَنان یِتھہٕ اَسی دِل وَنان چھِ یِلہِ کہٕ اَمیُک مطلب چھُہ عقل تہٕ فِکر تہٕ قرآنَس مَنٛز یِیِتھ نَس بیٚیہِ نَس سمع تہٕ بصر پتہِ رِ وُنِتھ قلب تہٕ فواد وَننہٕ آمُت چھُہ تِتہِ نَس چھُہ اَمیُک مطلب عقلہِ ہِنٛد جوہر-

# اَلْھُدیٰ

چنانچہ اَتھ سِلسِلس منٛز چھُ سُہ خدایہ سٕندِ اکہ خاص ہدایتُک ذکر کران یتھ سُہ اَلْھُدٰی وَنان چھُ یانے الف لام تعریفہٕ سان۔

---

قُلْ اِنَّ ھُدَی اللّٰہِ ھُوَ الْھُدٰی وَ اُمِرْنَا لِنُسْلِمَ لِرَبِّ الْعٰلَمِیْنَ ۝

(۶ : ۷۱)

(اے پیغمبر صلے اللہ علیہ وسلّم) یِمن وُنُو زِ یقیناً خدایہ سُنٛد ہدایتھ چھُ "الھدیٰ" تہٕ اَسہِ سارِنے چھُ (امی کُنتھِ ہُنٛد) حکم آمُت دِنہٕ زِ سارِنے جہانن ہنٛدِس پروردگارس برونٛہہ کَنہِ نوٚمراوو بندگی ہُنٛد کلہٕ۔

وَلَنْ تَرْضٰی عَنْكَ الْیَھُوْدُ وَلَا النَّصٰرٰی حَتّٰی تَتَّبِعَ مِلَّتَھُمْ ؕ قُلْ اِنَّ ھُدَی اللّٰہِ ھُوَ الْھُدٰی۔

(۲ : ۱۲۰)

بیٚیہ (تھٲوو یاد) یہوٗدی چھِنہٕ توٚہہ نِشہٕ خوش گژھن وٲلی یوٚتام نہٕ توٚہی تہنٛدِ ملتچ پیٚروی کرِو تہٕ یوٗہے حال چھُ نصاریٰ ہَن ہُنٛد تہٕ۔ (اے پیغمبر) توٚہی وُنِو یِمن زِ خدایہ سٕندِ ہدایژ وَتھ چھےٚ سوے یوٚسہٕ "الھدیٰ" چھُ (یانے ہدایژ، حقیقی تہٕ عالمگیر وَتھ)

یہ "الھدیٰ" یانے پزٕ ہدایژ وَتھ کوٚسہٕ وَتھ چھےٚ؟ قرآن چھُ وَنان خدایہ سٕندِ وچیک سُہ عالمگیر ہدایتھ یُس گوڈٕ دوٚہہ پیٹھے دُنیہس منٛز موجود چھُ تہٕ کُنہ فرقہ تہٕ امتیازٕ ورٲے چھُ سارِنے انسانن کیوٚت۔ سُہ چھُ وَنان زِ بیٚیہ کُنہِ خدا ین وجدانن، حواسن تہٕ عقلہِ ہنٛدِس ہدایتس منٛز نہٕ کُنہ نسلک تہٕ قومک فرق بوٚز تہٕ نہٕ زمانک تہٕ مکانک۔ پیٹھے کُنہ چھُ تہنٛدِ وچیک ہدایتھ تہٕ

پیٚتھ قسمہٕ کہ تفرقہٕ تہٕ امتیازٕ نِشہِ پاک۔ سُہ چھُ
سارِنٕے کیوٚت تہٕ سارِنٕے دِنہٕ آمُت تہٕ اَمہِ اکہِ
ہدایتہٕ ورٲے یِم تہٕ ہدایتھ انسانوَز آیِ منٛز چھ
تِم چھِ سارٕی انسانی بناوٕچہٕ وَتہٕ۔ خدا یہٕ سٕنٛز
مقرر کٔرمٕژ وَتھ چھےٚ صرف یہٕے اکھ وَتھ
اَدَے چھُ سُہ ہدایتہٕ چیوٚ تِمو سارِوٕے
صوٗرتو نِشہِ انکار کران۔ یِم اصلہٕ نِشہِ ڈٕلِتھ قسمہٕ
قسمہٕ چین مذہبی پارٹین تہٕ اکس اکھ مخالف
جماژن منٛز باگرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ تہٕ سعادیچ تہٕ

نجاتُچ عالمگیر حقیقتھ چھےٚ خاص جماژن تہٕ
حلقن ہٕنٛز وراثت بناونہٕ آمٕژ۔ سُہ چھُ وَنان زِ
انسانہٕ سٕنٛز بناوِ مَژ یِمہٕ ہیوٚن ہیون وَنہٕ ہیکن
نہٕ ہدایتہٕ چہٕ وَتہٕ آسِتھ۔ ہدایژ وَتھ چھےٚ
سوٗے عالمگیر ہدایژ وَتھ۔ تُتھی عالمگیر
وحیہِ کِس ہدایتس چھُ سُہ "الدِّیۡنُ" وَنان
یانے انسانہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ پوٚز دِین۔ تہٕ اَمہِ کُے
ناو چھُ تَمہٕ سٕنٛز زبانی مَنٛز "الاسلام"۔

— · —

# دِین کُن آسنچ بُڈ بُنِی یاد تہٕ قرآنِ حکیم

یہ اصلِ عظیم چھُ قرآنُک دعوت تِ
گوڈنچ بُنِی یاد۔ سُہ یہ کینژھا دُنیہ ہیچھنا وُن
یژھان چھُ تہٕ چھُ سورُے اُتھی بُنِی یادس پیٹھ
قایم۔ اگر اَمہ بُنِی یادِ نش اُچھ وٹنہ ییہ تہٕ اَمہ کہ
دعوتُک سورُے کارخانہ گژھِ چھَلِہ چھَلِہ۔ مگر
عالمہٕ چہ تاریخہِ کیو عجایبا تو منز گژھِ یہ واقع تِہ
زانن زِ یوٗتاہ قرآنَن اَتھ بُنِی یادس پیٹھ زور
دیُت مُت اوس۔ تیوٗتے زیادٕ پھِر دُنی یہن اَمہ
نِشہ نظر، تیوٗت زِ وُنہِ ہیکو اَز چھےٚ نہٕ قرآنچ
کانٛہہ کتھ دُنی یہچیو نظرو نِشہ تیژ ژورِ ییٚژ یہ بُڈ
بُنِی یاد چھےٚ۔ اگر اکھ شخص پرٛتھ قسمہٕ کیو خارجی
اَثرو نِشہ پنُن ذہن خالی کرِتھ قرآنُک مطالعہ
کرِ تہٕ تمہ کِہن صفَن منز پرِ جایہ جایہ اَمہ اصلِ
عظیمُک صاف تہٕ ننُن اعلان تہٕ اوِ پتہٕ وُچھ دُنی
یہس کُن یُس اَمہ ورآے قرآنچ کہین حقیقتھ
چھُنہٕ زانان زِ وارِ یہن مذہبی دایرن ہنٛدی پاٹھو
چھُ یہ تِہ اکھ مذہبی دایرِ تہٕ سُہ دِیہ تقیبن حاران
گژھِتھ کرِ بکھ زِ یا تہٕ چھےٚ تَس پَننہِ نظرِ دھوکھ
دِوان تہٕ نتہٕ چھُ دُنی یا ہمیشہِ اُچھ مُژراوِتھ ورآے
پنُن فاصلہ دِوان۔

## دِینچ حقیقتھ تہٕ قرآن

اَمہ حقیقژ وِژھنے کرنہٕ خاطرٕ چھُ ضروری
زِ اَکہ ساتہٕ ییہ تفصیلہ سان یہ کتھ تَتہٕ راوِ نہٕ
زِ یوٗتام وحی تہٕ نبوتُک یانے دینُک تعلق چھُ
قرآن کتھ کُن چھُ نادِ وان تہٕ کتھ وَتہٕ کُن چھُ
انسانَس پکہٕ ناوُن یژھان؟ [سیٹھا ممکن چھُ
یہ تفصیل ما گژھِ تمہ حدِ نشہ زیادٕ یُس اَسہِ
ترجمان القرآن کہِ وضاحتہٕ خاطرٕ مُقرر کوٚرمُت چھُ
مگر اَمہ سوالُک حد کھوتہٕ زیادٕ اہمیتھ نظرِ تل آسنہٕ
سبَبہٕ چھِ اَسی محسوس کران زِ اَسہِ پزِ نہٕ فکرِ
ہنٛزِ لاکم بیشِ چارِتھ رٹنی یتھ قرآنچہ تشریح
ہنٛز بُنِی یادی کتھہِ تہٕ تشنہٕ روزن]۔

# وحدتہ پتہ اختلاف تہٕ وجیح ہیدایتھ :-

اَکھ مامَلس منزٕ یتھ کینژھا قرآن بیان چھُ کران تمیُک خلاصہ چھُ یہ :-

تہٕ چھُ وَنان زِ گوڈِ گوڈٕ اوس انسانی جمآژ ہیٚنڈِ یہ حال زِ لوٗکھ آسی قودرتی زندگی گذاران تہٕ تِمَن نہ اوس پانہٕ وآنی کانہہ اختلاف تہٕ نہ کُنہِ قسمُک دُشمنی۔

سارِنٕے ہیٚنزٕ زندگی آس ہِشی تہٕ سآری آسی پتہٕ لَس قودرتی ہشرس پیٹھ قناعتھ کرِتھ

اَوٕ پتہٕ ییٚلہِ انسانہٕ سُنٛد نسل ہریوو تہٕ روزگارُک ضرورژ تھ بڈےٚ یہِ اَنی گیٚہ پانہٕ وآنی اختلاف پآدٕ۔ تہٕ اختلافو رُٹ تفرقچ تہٕ ژٔھٹہِ ہیٚنزٕ تہٕ ظُلمچ تہٕ فسادٕچ شکل۔ پتہٕ تھ جمآژ ہینزٕ ہیٚبیس جمآژ سیٚتی نفرتھ کرٕنی تہٕ پتہٕ تھ زبردستی ہیٚتی کمزورن ہیٚنڈی حقوق لتہٕ وچہ کرٕنی۔ ییٚلہِ یہ صورتِ حال پآدٕ گیہِ، ضرورژ سپُد زِ انسانہٕ سٕنٛدِ ہیدایتہٕ خآطرٕ عدل تہٕ صداقتھ بارسس اَنہٕ خآطرٕ بیہِ سٕنٛدِ وچیُک گاش نوٚن۔

چنانچہ یہ گاش پھوٚل تہٕ خدایہٕ سٕنٛدین رسولَن ہیٚنڈِ دعوتُک تہٕ تبلیغُک سِلسلہٕ گوو قآیم گوو رسوٗل، وَنان نکیاِ زِ تِم آسی خدایہٕ سٕنٛدٕ پتہٕ تیُک پآغام واتناوَن وآلی تہٕ رسولہٕ سُنٛد ملنے چھُ پآغام واتناوَن وول

وَمَا كَانَ النَّاسُ إِلَّا أُمَّةً وَاحِدَةً فَاخْتَلَفُوا ۚ وَلَوْلَا كَلِمَةٌ سَبَقَتْ مِن رَّبِّكَ لَقُضِيَ بَيْنَهُمْ فِيمَا فِيهِ يَخْتَلِفُونَ ○

(۱۰ : ۱۹)

تہٕ گوڈِ گوڈٕ آسی سآری انسان اکاےٚ جماتھ (بیوٚن بیوٚن جمآژن آسی نہٕ چھکر نہٕ آمتی) پتہٕ پیہو تِمَن پانہٕ وآنی اختلاف تہٕ اگر اتھ مامَلس منزٕ تُہُنٛدی پروردگارَن برٕونٹھے اکھ فآصلہ آسہ نہٕ کوٚرمُت (یانے زِ انسانَن منزٕ پیٚیہِ اختلاف تہٕ تِم رٔٹن مُختلِف وَتہٕ) تہٕ یمَن کتھن منزٕ لوٗکھ اختلاف کران چھِ تِمَن ہُنٛد یہِ ہا (بیٚتھ دُنی یہس منزٕ) فآصلہ کرنہٕ۔

كَانَ النَّاسُ اُمَّةً وَّاحِدَةً
فَبَعَثَ اللّٰهُ النَّبِيّٖنَ مُبَشِّرِيْنَ
وَمُنْذِرِيْنَ ۞ وَاَنْزَلَ مَعَهُمُ
الْكِتٰبَ بِالْحَقِّ لِيَحْكُمَ بَيْنَ
النَّاسِ فِيْمَا اخْتَلَفُوْا فِيْهِ

(۲ : ۲۱۳)

گوڈٕ گوڈٕ آسی ساری انسان اکٲے جماعتھ (پتہٕ گو تِمَن مَنٛز اختلاف پادٕ تہٕ تِم گٔے اکھ اَکِس سٕندی مخالف، اَتھ سوٗزی خدایَن (اَکِس اکھ پتہٕ) نبی۔ تِم آسی (رٕژن عملَن ہٕنٛدِ نتیجی) بشارت دِوان تہٕ (بدعملَن ہٕنٛدٕ نتیجہٕ نِشہٕ) کھوژناوان بییہٕ سوٗزن تِمَن سٕتی الکتاب (یانے خدایہٕ سٕندِ وحی سٕتی لیکھنہٕ بینہٕ واجینی تالیم)، یتھ تِمَن کتھن مَنٛز فاصلہٕ کرَن واجینی آسہٕ یمَن مَنٛز لوکو اختلاف اوس کرُن ہیوٚتمُت۔

# عام ہدایت :-

یہٕ ہدایتھ اوس نہٕ کُنہٕ خاص مُلکہٕ تہٕ قومہٕ یا وقتہٕ خاطرٕ مخصوص بَلکہ اوس یہ سارِنٕے اِنسانَن ہٕنٛدِ خاطرٕ۔ چنانچہ پرٛتھ زمانَس تہٕ پرٛتھ مُلکَس مَنٛز گو تمیُک ہیُوے ظہوٗر۔ قرآن

چھُ وَنان زِ دُنِیہُک کانٛہہ گوشہٕ چھُنہٕ بییہٕ انسان آباد آسہٕ گومُت تہٕ خدایہ سُنٛد کانٛہہ "رسول" آسہٕ نہٕ توٚت سوزنہٕ آمُت۔

---

وَاِنْ مِّنْ اُمَّةٍ اِلَّا خَلَا
فِيْهَا نَذِيْرٌ ۞ (۳۵-۲۴)

تہٕ دُنِیہُک کانٛہہ قوم چھُنہٕ یُتھ یتھ مَنٛز نہٕ (بدعملَن ہٕنٛدِ نتیجہٕ نِشہٕ) کھوژناوَن وول (خدایہ سُنٛد کانٛہہ رسوٗل) آسہٕ نہٕ گُذریومُت۔

اِنَّمَآ اَنْتَ مُنْذِرٌ وَّلِكُلِّ
قَوْمٍ هَادٍ ۞

(۱۳ : ۷)

(اے پیغمبرٕ) بلاشُبہٕ توٚہی کیٛا چھِو اَمہٕ وراے زِ (بدعملَن ہٕنٛدِ نتیجہٕ نِشہٕ) کھوژناوَن وٲلی رسوٗل چھِو تہٕ دُنِیہس مَنٛز چھُ پرٛتھ قومہٕ خاطرٕ اکھ ہدایت کرَن وول آمُت۔

وَلِكُلِّ أُمَّةٍ رَّسُولٌ
فَإِذَا جَاءَ رَسُولُهُمْ
قُضِيَ بَيْنَهُم بِالْقِسْطِ
وَهُمْ لَا يُظْلَمُونَ ۝

(۱۰ : ۴۷)

تہٕ پرٛتھ قومہٕ خاطرٕ چھُ اکھ رسوٗلؑ۔ اد ییلہِ رسوٗل نوٚن نیران چھُ آتی چھُ سارِنٕے کِتھن ہُنٛد انصافہٕ سان فاصلہٕ کرنہٕ یوان تہٕ تِمن پیٹھ چھُنہٕ کانٛہہ ظُلم کرنہٕ یوان۔

# گوڈنِکی زمانہٕ تہٕ خدا یہ سٕنٛدی رسوٗل

سہٕ چھُ ونان اِنسانی نسلہٕ کِس گوڈنکِس زمانس مَنٛز گُذرے یہ کانٛتیا پاغمبر یم اکھ اکِس پتہٕ مبعوث گئے تہٕ قومَن واتہٕ نووکھ حقُک پاغام۔

---

وَكَمْ أَرْسَلْنَا مِن نَّبِيٍّ
فِي الْأَوَّلِينَ ۝

(۴۳ : ۶)

تہٕ کانٛتیا نبی چھِ یِم اَسہِ گوڈنکیو مَنٛزٕ (یانے ابتدآیی زمانہٕ کیو قومَو مَنٛزٕ) مبعوث کرِی۔

## خدا یہ سُنٛد عدل تہٕ رسوٗلن ہُنٛد یُن

سُہ چھُ ونان زِ یہ کتھ چھٕنے خدا یہ سٕنٛدس عدلَس خِلاف زِ اکھ جماتھ ییہِ بدعملہ خاطرٕ جواب دیہہ ٹھہراونہٕ، ییلہِ زَن تِمہٕ کہٕ ہیدایتہٕ خاطرٕ کانٛہہ رسوٗل آسہِ تہٕ سوزنہٕ آمُت۔

---

وَمَا كُنَّا مُعَذِّبِينَ حَتَّىٰ نَبْعَثَ
رَسُولًا ۝ (۱۷ : ۱۵)

تہٕ (سون قانوٗن چھُ یہِ زِ) یوتام نہٕ اَسی اکھ پاغمبر مبعوث کرِتھ ہیدایتھ وَتھ ہاوَو توتام چھِنہٕ اَسی (عملن ہِنٛدِس پاداشس مَنٛز) عذاب دِنہٕ وآلی۔

وَمَا كَانَ رَبُّكَ مُهْلِكَ الْقُرٰى
حَتّٰى يَبْعَثَ فِىٓ اُمِّهَا رَسُوْلًا
يَّتْلُوْا عَلَيْهِمْ اٰيٰتِنَا وَمَا كُنَّا
مُهْلِكِى الْقُرٰٓى اِلَّا وَاَهْلُهَا
ظٰلِمُوْنَ ٥

(٢٨ : ٥٩)

تہٕ (یاد تھٔوِو) تُہُنٛدِس پرورد گارُن ثُنٛد قونوٗن چھُ یہِ زِ
سُہ چھُنہٕ ژانٛہہ (عملہٕ ہنٛدِس نتیجس مَنٛز) انسٲنی
بستیَن ہلاک کران یوٚت تام نہٕ تِمَن مَنٛز اکھ پیٲغمبر سوزنہٕ یِیہ
بوزناوِ تِمَن خدا یہٕ سٕنٛدی آیہِ پٔرِتھ تہٕ بیٚیہ چھِنہٕ اَسی بستیَن
ژانٛہہ ہلاک کرن وٲلۍ مگر صرف تِتھہ حالتس مَنٛز یلہٕ تِتہِ
روزن والیو ظُلمچ وَتھ رٹمٕژ آسہٕ (یانے ساہنِو قونوٗنو کِنۍ
چھےٚ سوے بستی ہلاک گژھان یوٚسہ ظُلمس تہٕ فسادس
مَنٛز بوٚڈِتھ چھےٚ گامٕژ آسان تہٕ خدا یہٕ سٕنٛدِ ہیدایتہٕ نِشہٕ
چھےٚ بُتھ پھِران ۔

## کیٚنژن رسوٗلَن ہُنٛد ذکر آو کرنہٕ تہٕ کیٚنژن ہُنٛد آو نہٕ کرنہٕ :۔

خدا یہٕ سٕنٛدیٚن یِمَن رسوٗلَن تہٕ دیٖن قرآنس مَنٛز ذکر آمُت کرنہٕ تہٕ کیٚنژن ہُنٛد چھُنہٕ
الٰہی دعوت دِنہٕ والین مَنٛز چھُ کیٚنژن ہُنٛد آمُت کرنہٕ ۔

وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا رُسُلًا مِّنْ
قَبْلِكَ مِنْهُمْ مَّنْ قَصَصْنَا
عَلَيْكَ وَمِنْهُمْ مَّنْ لَّمْ
نَقْصُصْ عَلَيْكَ ؕ

تہٕ (اے پیٲغمبر) اَسہِ سوٗزی توہہِ برٛونٛہہ کأنٛتیاہ
پیٲغمبر یِمَو مَنٛز چھِ کیٚنہہ تِتھۍ یِہنٛدی حالات اَسہِ
توہہِ وٕنۍ ۔ تہٕ کیٚنژہ چھِ تِتھۍ یِہنٛدی حالات نہٕ
وٕنۍ (یانے قرآنس مَنٛز آو نہٕ تِہُنٛد ذکر کرنہٕ)

(٤٠ : ٧٨)

## بے شمار قوم تہٕ بے شمار رسوٗل :۔

حضرت نوحؑ سٕنٛد قومہٕ تہٕ عاد و ثمود دٔپتہٕ کأنٛتیاہ قوم چھِ گُذرێمٕتۍ تہٕ تِمَن مَنٛز کأنٛتیاہ رسوٗل چھِ آمٕتۍ سوزنہٕ تہٕنٛد

پوٗر پوٗر حال چھُ خوٗدی زانان ۔
اَلَمۡ یَاۡتِکُمۡ نَبَؤُا الَّذِیۡنَ مِنۡ
قَبۡلِکُمۡ قَوۡمِ نُوۡحٍ وَّ عَادٍ وَّ
ثَمُوۡدَ ۚ۬ وَ الَّذِیۡنَ مِنۡۢ بَعۡدِہِمۡ ؕ
لَا یَعۡلَمُہُمۡ اِلَّا اللّٰہُ ؕ جَآءَتۡہُمۡ
رُسُلُہُمۡ بِالۡبَیِّنٰتِ فَرَدُّوۡۤا
اَیۡدِیَہُمۡ فِیۡۤ اَفۡوَاہِہِمۡ
(۱۴ : ۹)

توٚہہِ بڑوٗنہہ
توٚہہِ بڑوٗنہہ یِم قوم دُنیاہس منٛز گذرے مِتۍ چھِ کیا توٚہہِ نام وآژٕ نا تِہنٛز خبر؟ قومِ نوح، قوم عاد، قومِ ثمود تہٕ تِم قوم یِم تِمو پتہٕ آے تہٕ تِہنٛد صٔحی تیداد چھُ خدا سے مولوٗم ۔ یِمَن سارنی منٛز آے پآغمبر پزٕ تیٚگ گاش ہیٚتھ سوزنہٕ مگر تِمو دژھ جہلہٕ تہٕ سرکشی کٔنی تِہنٛز تا آلیم تِمۍ پھیرِتھ تہٕ بوزنہٕ نشہٕ کوٚر زٕکھ انکار ۔

## کٔنۍ ہِدایتھ :-

خدایہ سٕنٛد فطرۍ تھٕ وتھٕ چھےٚ زندگی ہنٛدِ کآیناتس کِس پژٕتھ گوشس منٛز اکآے ۔ سوٗنہٕ ہیٚنکہ اکھ ہوتہٕ زیادٕ آسِتھ نہٕ پانہٕ واآنی مُختلف ۔ لہاذا اوس ضوٗروٗری زِ یہ ہدایتھ تہٕ آسہِ

گوڈ پیٛتھ کٔنۍ تہٕ اکے طریقہ کرٕ ہا سارِنی انسانن مخاطب ۔ چنانچہ قرآن چھُ ونان زِ خدایہ سٕنٛدۍ یِم پآغمبر پآدٕ گئے تِم آسی تِن جاہے کُنہٕ زمانس تہٕ کُنہٕ جایہ آسی مِتۍ ۔ سارِنی ہنٛز وتھ آس اکآے تہٕ سآری آسی خدایہ سٕنٛد اکی عالمگیر قوٗنوٗن سعادتُچ تا آلیم دِنہٕ وآلۍ ۔

یہ عالمگیر سعادتُک قوٗنوٗن کیا چھُ؟ یہ چھُ ایمانک تہٕ عمل صالح ہُک قوٗنوٗن ۔ یانے اکس پروردگارِ عالمِ سٕنٛز عبادت کرٕنی تہٕ نیک عملہ ہنٛز زندگی گذارٕنی ۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ اتھ خلاف یہ کینٛژھا ونہٕ کہٕ نادٕونہٕ یوان چھُ ۔ سو چھےٚ نہٕ پزٕ دینُچ تا آلیم ۔

وَ لَقَدۡ بَعَثۡنَا فِیۡ کُلِّ اُمَّۃٍ رَّسُوۡلًا
اَنِ اعۡبُدُوا اللّٰہَ وَ اجۡتَنِبُوا
الطَّاغُوۡتَ ۚ (۱۶ : ۳۶)

تہٕ بلا شبہ سوزٕ اَسہِ دُنیہکِس پژٕتھ قومس منٛز اکھ پآغمبر یِہنٛز تا آلیم آس زِ خدایہ سٕنٛز عبادتھ کرِو تہٕ طاغوتس نشہٕ (یانے سرکشن تہٕ شریر قوتن ہنٛد ڈالنہٕ نشہٕ) روٗزِو بچِتھ ۔

وَمَآ اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ مِنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا نُوْحِيْٓ اِلَيْهِ اَنَّهٗ لَآ اِلٰهَ اِلَّآ اَنَا فَاعْبُدُوْنِ ۝ (٢١ : ٢٥)

(اے پیغمبر) اَسہِ چھِنہٕ دُنی یَس منٛز کانٛہہ تہٕ تۄہہ برونٛہہ رسوٗل سوزمُت مگر یہٕ وحی ہیٚتھ زِ مےٚ ورٲے چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ معبوٗد۔ لہٰذا کٔرِو میٲنی عبادت۔

## سارِوٕے دِرژاکی دٕ بنیچ تالیم :-

سہٕ چھُ وَنان دُنی یاہس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ مذہب دار تیتھ اوسمت ییٚمی اُکِ سے دینس پیٹھ یکجا روزنچ تہٕ تفرقو تہٕ اختلافو نِشہٕ بچہٕ ونچ تالیم آسہِ نہٕ دِژمٕژ۔ سارِنی ہنٛز تالیم آس یہٕ زِ خدا یہٕ سُنٛد دین چھُ یَتھ پیٚمتین انسانن جمع کرنہٕ خاطرنہٕ بیوٚن بیوٚن کرنہٕ خاطر چھُنہٕ۔ اَدٕ کٔرِو اُکِس پروردگارِ عالم سٕنٛزِ بندگی تہٕ عبادتس منٛز سآری اَتھہٕ واس تہٕ بیوٚن بیوٚن گرُصنہٕ تہٕ پانہٕ وٲنی دُشمنی بدلہٕ رٔٹِو ما یہٕ موجیٚنچ تہٕ ملہٕ ژاٚرِچ وَتھ۔

---

وَاِنَّ هٰذِهٖٓ اُمَّتُكُمْ اُمَّةً وَّاحِدَةً وَّاَنَا رَبُّكُمْ فَاتَّقُوْنِ ۝

(٢٣ : ٥٢)

سہٕ چھُ وَنان زِ خدا یَن اوسو تۄہہ اَکے اِنسانیتُک جامہٕ ؤلمُت مگر تۄہہ رُٹِو بیوٚن بیوٚن لباس تہٕ ناو تہٕ انسانیت چہٕ گٔژِھ اَرزِگیہٕ ہتہٕ بدی ٹکرِیم چھکرنہٕ آے۔ تہنٛدی نسل چھِ واریاہ اَوے ژھینی و تۄہی نسلہٕ کِس ناوَس بیٚیہٕ دُ چھِو یہٕ تہنٛزٕ اُمّت چھےٚ حقیقتن اَکے اُمّت تہٕ بوہ چھُس تۄہہ سارِنی ہنٛد پروردگار (لہٰذا) (میانہِ عبادت چہٕ تہٕ اطاعت چہٕ وَتہٕ منٛز رٔٹِو تۄہی سآری یکجانہٕ) میانہِ نافرمانی نِشہٕ روٗزِو پتھ۔

پیٹھ اَکھ اُکِس نشہٕ۔ تۄہہ بنےٚ واریاہ وَطن اَوے چھِو بیوٚن بیوٚن وَطن آسہٕ نس پیٹھ اَکھ اُکِس سٕتی لڑاے کران۔ تہنٛزٕ قومیتہٕ چھےٚ بے شمار اَوے چھُ پٔرتھ کانٛہہ قوم بیٚیس قومس سٕتی جنگہٕ جنگ کران۔

تو ہے چھنہٕ ہیوٗہ رنگ بیہ نہٕ چھُ پانہٕ وٲنۍ نفرتُک
تہٕ دُشمنی ہُنٛد اکھ بوٚڈ وجہ بنیوٚمُت۔ تِہنٛز رٔنگہٕ
چھےٚ ہیوٗن ہیوٗن تہٕ بیہ نہٕ چھُ اکھ اَکِس نِشہٕ دوٗر
روزنُک بوٚڈ وجہ بنیوٚمُت۔ اَمہ علاوٕ چھِو توٚہی اَمیر
تہٕ غریب، نوکر تہٕ آقہٕ، کمینہٕ تہٕ شریف، کمزور
تہٕ زوراوار، ادنیٰ تہٕ اعلیٰ وارِیاہ اختلاف پٲدٕ
کرِتھ۔ تہٕ یِمن سارِنے ہُنٛد منشا چھُ زِ اکھ
اَکِس نِشہٕ ژھیٚنو تہٕ پانہٕ وٲنۍ کرِو نفرت۔ وۄنۍ
وۄنۍ توٚہہِ کٔس رشتہٕ چھُ یُس ییٚتہِ اختلاف آسِتھ
تہٕ انسانَن پانہٕ وٲنۍ رلاوِ تہٕ انسانیتُک ییٚتھ
بہیوٚمُت گرٕ گژھِہ بییہٕ آباد۔ سُہ چھُ وَنان زِ
صرف چھُ اَکے رشتہٕ باقی روٗدمُت تہٕ سُہ
چھُ خدا پرستی ہُنٛد مقدس رشتہٕ۔ توٚہی آسِو
کونہٕ ہیہ ہیوٗن ہیوٗن گامتۍ مگر تہٕندِ خاطرٕ ییٚکہٕ نہٕ
خدا ہیوٗن ہیوٗن گژھِتھ۔ توٚہی چھِو سٲری
اَکِس خدا یِسٕندی بندہ۔ تو ہہ سارِنے ہُنٛز
بندگی تہٕ عبادتہٕ خاطرٕ چھُ اَکے معبوٗد یِسٕنٛز
برانٛدکنی۔ بے شمار اختلاف آسِتھ تہٕ چھِو توٚہی
بندگی ہِنٛز اَکی سے رٔز گنڈنہٕ آمٕژ۔ توٚہی آسِو نہٕ کُنہ
نسلکۍ۔ تہٕندۍ آسی تن کاشہہ نہٕ وطن، تِہنٛز قومیت
آسی تن کینٛہہ نہٕ۔ توٚہی آسِو نہٕ کُنہ درجکۍ یا کُنہ دٲیرکۍ
انسان مگر یِمہ وِزِ اَکی سے پروردگارس برونٛہہ
کُنہ عاجزی ہُنٛد گلہ تومراد و یہ آسمانی رشتہٕ
ژھہٕ ناوٕ تہٕندی سٲری اختلاف۔ تہٕندۍ ژھینہٕ
گامتۍ دِل رٔلن اکھ اَکِس سٕتۍ تہٕ توٚہی کرِو محسوس
زِ سورُے دُنیا چھُ تہٕندِ وطن۔ سورُے
انسانی نسل چھُ تہٕند خاندان تہٕ توٚہی سٲری چھِو
اَکی سے ربّ العالمین سُنٛد عیال۔
چنانچہ سُہ چھُ وَنان زِ خدا یِسٕندی
یمہ تہٕ رسوٗل پٲدٕ گٔیہ سارِنے ہِنٛز تالیم آس
یہاے زِ "الدّین" نَس پیٹھ یانے بنی نوع
انسانہٕ سِندِ مس اَکی سے عالمگیر دینس پیٹھ
روٗزِو قٲیم تہٕ اکھ وَنہٕ مَنٛز مہ گژھِو اکھ اَکِس
نِشہٕ ژھینہٕ۔

شَرَعَ لَكُمْ مِّنَ الدِّيْنِ مَا وَصّٰى بِهٖ
نُوْحًا وَّالَّذِيْٓ اَوْحَيْنَآ اِلَيْكَ وَمَا
وَصَّيْنَا بِهٖٓ اِبْرٰهِيْمَ وَمُوْسٰى وَعِيْسٰٓى

بیٚیہ (وُچھِو) تِمی چھِ تہٕندِ خاطرٕ دینچ سوٗے وَتھ مُقرر
کٔرمٕژ یمِچ وصیت نوحس ؑ کرنہٕ آمٕژ آس ۵ تہٕ یُس (اے محمدؐ) وۄنۍ آسہِ توٚہہِ کُن وحی کہ ذریعہ سوزمُت چھُ تہٕ بیٚیہ یتھ پیٹھ
پکنٕک حکم حضرت ابراہیمس، حضرت موسیٰ ہس تہٕ حضرت عیسیٰ ہس

اَنْ اَقِيْمُوا الدِّيْنَ وَلَا تَتَفَرَّقُوْا فِيْهِ

(٤٢ : ١٣)

دِنہٕ آمُت اوس۔ یِمَن ساریِنی ہِنٛز ناٲلیم اٲس یہِٲے زِ "الدین" (یانے خدا یہٕ سُنٛد اَکُے دین) تھٲوِو قٲیِم نہٕ اَتھ وَتہٕ مَنٛز مہٕ گژِھو بیٚون بیٚون۔

# قرآنُک چیلینج

اَوے چھُ سُہ بطورِ دلیل اَتھ کَنِتھ پیٚٹھ زورٕ دِوان زِ اگر میاٲنی تاٲلیم پٮ۪ٹھ آسہٕ نَس تۅہہِ انکار چھُو تیٚلہِ کٔرِو توٚہہی کُنہ مذہبچہِ الہامی کِتابہِ سِنٛز تاٲبعہ زِ پیٚزِ دٔلیٖل پیش وَنتھ

کیا ہیٚکِہ اَمہٕ ورٲے نہٕ کانٛہہ اٲسِتھ۔ توٚہہی بیٚیمہِ مذہبچ تہٕ حُقیقی تاٲلیم دُچھِو توٚہہی لُبِو یہِٲے اَصلیَتھ تہٕ یہِٲے بُنیاد۔

---

قُلْ هَاتُوْا بُرْهَانَكُمْ ۚ هٰذَا ذِكْرُ مَنْ مَّعِيَ وَذِكْرُ مَنْ قَبْلِيْ ۗ بَلْ اَكْثَرُهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ الْحَقَّ فَهُمْ مُّعْرِضُوْنَ ۝ وَمَا اَرْسَلْنَا مِنْ قَبْلِكَ مِنْ رَّسُوْلٍ اِلَّا نُوْحِيْٓ اِلَيْهِ اَنَّهٗ لَآ اِلٰهَ اِلَّآ اَنَا فَاعْبُدُوْنِ ۝

(٢١ : ٢٤-٢٥)

"اے پیغمبرؐ) یِمَن وَنِو اگر توٚہہ میانہِ تاٲلیمہِ نِشہِ انکار چھُو تیٚلہِ اَنِو توٚہہی پننٛی دلیل برٛونٛہہ کُن۔ یہ چھُ خدایہ سُنٛد کلام موجوٗد۔ یَتھ پیٚٹھ میاٲنی سِنٛتی باجی پٔرٛھ کران چھِ تہٕ تِمھے کُنی چھُ سُہ کلام تہٕ موجوٗد یُس مےٚ برٛونٛہہ یِنہٕ والین پیٚٹھ ناٲزِل سپُدمُت چھُ (توٚہہی کٔری توٚثاٲبتھ زِ کانٛسہِ تہٕ آسہِ ہا میانہِ تاٲلیمہِ خلاف ناٲلیم دِژمٕژ۔) حُقیقتھ چھےٚ یہِ زِ یِمَن (حقہٕ نِشہِ بُتھ پھِرِن والین) مَنٛز چھِ زیادٕ لوکھ تِم یِمَن نہٕ اَمہِ اَمرِ حقیچ کیٛنٛہہ خبر چھےٚ۔ اَوے چھِ یِم حقیقتہٕ کِہ طرفہٕ بُتھ پھِرِتھ۔ (اے پیغمبرؐ یقین کٔرِو اَسہِ سوٗزنہٕ توٚہہ برٛونٛہہ کانٛہہ تہٕ تیٚتھ پاٲغمبر یُس اَمہِ کَنِتھ ورٲے بیٚیہ کانٛہہ کُنہٕ وَنہِ آسہِ ہا آمُت زِ مےٚ ورٲے چھُنہٕ تہِنٛدِ بیٚیہ کانٛہہ تہٕ معبوٗد نہٕ اَدٕ کٔرِو میٲنی یاژ عبادت

تیٚ یوت نہٕ بلکہ سُہ چھُ وَنان زِ کُنہِ الہامی
کتابہٕ سٟتی، کُنہِ مذہب چہٕ تالیمہِ سٟتی، علمہٕ تہٕ
بُصیرت چہٕ کُنہِ کتھہِ نہٕ رِوایژ سٟتی کرِو توٚہی
ثابتھ زِ میٛانی تالیم کیا چھنہٕ یِزٕ یِچ تالیم تہٕ
یِہاے کیا چھنہٕ پُتی مٕنٛ سارِنے پاغمبرن ہُنٛز
تالیم آسمژ۔

اِیۡتُوۡنِیۡ بِکِتٰبٍ مِّنۡ قَبۡلِ
هٰذَاۤ اَوۡ اَثٰرَةٍ مِّنۡ
عِلۡمٍ اِنۡ كُنۡتُمۡ صٰدِقِيۡنَ ۝
( ۴ : ۴۶ )

اگر توٚہی (پننِس انکارس منٛز) پزٕی زِ یاری چھِو
تیٚلہِ اَنِو (توٚہۍ تس منٛز) کانٛہہ کتاب بروٚٹھہ کُنہِ
یوٚسہٕ یمہِ بروٚٹھہ نازِل آسہ گٔمژ۔ نتہٕ (کم از کم) علمٕچ
تہٕ بصیرتٕچ کانٛہہ پرٛانی رِوایتھ ہاوِو یوٚسہٕ توٚہہِ نِشہٕ موجود آسہ

## سارے مقدّس کتابہٕ چھےٚ اَکھ اَکِس تصدیق کران:۔

اُتھی بنی یادس پیٹھ چھُ سُہ دُنی بھکین
سارِنے مذہبن ہنٛدِس اَکھ اَکِس پوٚز زمانہٕ نس
نہٕ اَکہٕ دٔلیلہِ بدلہٕ پیش کران۔ یانے سُہ چھُ وَنان زِ
یِمو منٛز چھےٚ پرٛتھ کانٛہہ تالیم بیٚیہِ تالیمہِ ہُنٛد
تصدیق کران، تکذیب چھنہٕ کران۔ تہٕ بیٚیلہِ پرٛتھ
کانٛہہ تالیم بیٚیہِ تالیمہِ ہُنٛد تصدیق کران چھےٚ
اَمہِ سٟتی سپد معلوم زِ یمن سارِنے تالیمن منٛز
چھےٚ ضروٗر کانٛہہ کُنی ثابتھ تہٕ قایم حقیقتھ
کام کران۔ تکیازِ اگر بیٚون بیٚون وقتن، بیٚون
بیٚون مُلکن، بیٚون بیٚون قومن، تہٕ بیٚون (بیون) یادو
تہٕ بیٚون بیون انداز تہٕ بیٚون بیٚون زبانین منٛز
کانٛہہ کتھ وننہٕ آسہِ آمژ تیٚلہِ یِم سارے
اختلاف آسِتھ تہٕ آسہِ کتھ ہمیشہ اکۍ
تہٕ اَکۍ سے مقصدس زوٗد وان تہٕ قودرتی
طور پیٚیہِ توٚہہِ بہ کتھ ماننۍ زِ یژھ کتھ ہیٚکہ نہٕ
اصلیتہٕ نِشہٕ خالی آسِتھ۔

نَزَّلَ عَلَيۡكَ الۡكِتٰبَ بِالۡحَقِّ
مُصَدِّقًا لِّمَا بَيۡنَ يَدَيۡهِ

(اے پیغمبر) توٚہہِ پیٹھ چھےٚ یہٕ کتاب پوٚز ہیٚتھ خدایَن
نازِل کٔرمژ۔ یوٚسہٕ تِمن کتابن تصدیق کران چھےٚ یِمہٕ اَمہِ

وَاَنْزَلَ التَّوْرٰىةَ وَالْاِنْجِيْلَ ۙ
مِنْ قَبْلُ هُدًى لِّلنَّاسِ ۝

(٣ : ٣-٤)

وَاٰتَيْنٰهُ الْاِنْجِيْلَ فِيْهِ
هُدًى وَّنُوْرٌ وَّمُصَدِّقًا
لِّمَا بَيْنَ يَدَيْهِ مِنَ التَّوْرٰىةِ

(٥ : ٤٦)

برونٹھہ نازل چھِ سپزمژ تہ ییتھے کنی اَمِس تمی لوکن ہنز ہدایتہ خاطر توریت تہ انجیل نازل کرمژ۔

تہ اَسہ کُر حضرت عیسیٰ ہس انجیل عطا۔ اَتھ منز چھُ انسانس کیُت ہدایتھ تہ گاش۔ تہ اَمہ برونٹھہ یوسہ توریت نازل سپزمژ اَس سو چھِ تتھ تصدیق کران۔

یوہے چھُ وجہ زِ اَسی چھِ وچھان زِ تمہ کِہ بیانک تہ نصیحتک اکھ بوڈ موضوع چھُ پُرنی مین زمانن ہنز ہدایتک تہ رسالتک تذکرہ۔ یہ چھُ تمن ہنز ہشر، برابری تہ کنی تالیمہ نہ، مذہبی صداقتہ کین سارنے مقصدن ہیِٹھ شہادت انان۔

## "الدّین تہ الشّرع" دینن ہُند اختلاف

دونی اگر سارنے انسانن کیُت دین کُنے چھُ تہ سارِ وِسے مذہب دارو چھِ اَکی اصولچ تہ قونونچ تالیم دِزمژ، تیلہ کیاز سپد مذہبن منز یانہ وآنی اختلاف۔ سارنے مذہبن منز کیاز رُو دی تہ اکی قسمکی احکام، ہوی اعمال تہ ہوی رسم تہ رِواج۔ اَکہ مذہبن روٹ مذہبک اکھ طریقہ تہ بیہ روٹ بیاکھ۔ کُنہ مذہبکی مانن وآلی چھِ اَکِس طرفس کُن بُتھ پھِرتھ عبادت کران تہ بیٚیہ مذہبکی مانن وآلی چھِ بیٚیس طرفس کُن۔ اَکِس جایہ چھُ حُکم تہ قونونن اکِہ قسمک تہ بیٚیس جایہ چھُ بیٚیہ قسمُک۔

## دینک تہ شریعتک اختلاف:۔

قرآن چھُ ونان زِ مذہبن ہندی اختلاف چھِ دوٚیہ قسمکی۔ اکھ اختلاف چھُ یہ یُس مذہبن ہنز پیاروی کرن والیو اصلی مذہب چھِ تالیمہ نِشہ بُتھ پھِرتھ پادٕ کوٚرمت چھُ۔ یہ اختلاف چھُنہ مذہبن ہُند اختلاف۔ بلکہ چھُ مذہبہ کین

پٲروَن ہیٚنٛز گمراہیہ ہُنٛد نتیجہٕ۔

دوٚیِم اختلاف چھُ سُہ یُس فی الحقیقت مذہبن ہنٛدِین حکمَن تہٕ قونونَن مَنٛز موجود چھُ۔ مثلَن اَکِس مذہبس مَنٛز چھےٚ عبادژ اکھ شکل آمٕژ اختیار کرنہٕ تہٕ بییِس مَنٛز بیاکھ۔ یہ اختلاف چھُنہٕ اصوٗلُک تہٕ حقیقتُک اختلاف۔ بلکہِ چھُ یہ محض فروعی تہٕ ظٲہری اختلاف تہٕ یُتھ اختلاف نیبرٕ ہا ضوٗرژ نوٚن۔

سُہ چھُ وَنان زِ مذہبن ہیٚنٛزِ تالیمہٕ مَنٛز چھےٚ دوٚیہ قسمہٕ چیٖزٕ کنہِ پانہٕ وٲنی رٕلِتھ۔ اکھ قسم گوٚ سُہ یُس تہنٛد روٗح تہٕ حقیقتھ چھُ۔ دوٚیِم گوٚ سُہ ییٚمہِ سِتۍ تہنٛز ظٲہری شکل تہٕ صوٗرت پٲداوُنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ گوڈنیُک چیٖز چھُ اصل (یانے موٗل) تہٕ دوٚیِم گوٚ فرع (یانے لنجہِ)۔

گوڈنِکِس چیٖزَس چھُ سُہ "دیٖن" وَنان تہٕ دوٚیمِس "شرع" تہٕ "نُسک"۔ اَمِہ خٲطرٕ چھُ لفظ "منہاج" تہٕ وَرتاونہٕ آمُت۔ "شرع تہٕ منہاج" ملنے گوٚ وَتھ تہٕ "نُسک" چھِ وَنان عبادتُکِس طور طریقَس۔ یتہٕ ہیٚنیوٗ "شرع" مذہبہٕ کِہ قونونٕ خٲطرٕ اکھ اصطلاح تہٕ "نُسک" وونکھ عبادتَس۔ سُہ چھُ وَنان مذہبن مَنٛز یِوان اختلاف

تہنٛد اصلی اختلاف چھُ سُہ چھُنہٕ "دیٖنُک" اختلاف سُہ چھُ محض شرعُک تہٕ منہاجُک اختلاف۔ یانے یہ چھُ اصلہٕ بجاے فرعُک، حقیقتہٕ بجایہ ظٲہرُک تہٕ روٗح بجایہ صوٗرتُک اختلاف۔ تہٕ یُتھ اختلاف پٲدٕ گژھُن اوس ضوٗروٗری۔

مذہبُک غرض و غایت چھُ انسٲنی جماژہ ہُنٛد سعادت تہٕ اصلاح۔ مگر انسانس چھُنہٕ پرٛتھ زمانَس تہٕ پرٛتھ مُلکس مَنٛز ہوی حالات تہٕ خیالات رُوٗدی متی۔ تہٕ نہ ہیٚکہٕ ہن روٗزِتھ۔ اَکِس زمانَس مَنٛز اوس معاشری تہٕ ذہنی استعدادا کِہ قسمُک تہٕ بییِس زمانَس مَنٛز بییہِ قسمُک۔ کُنہٕ مُلکی حالات چھِ اکِہ خاص قسمِچ معشیت پٲدٕ کران تہٕ بییہٕ مُلکی بییہٕ قسمِچ لہٰذا اُس مذہب ییٚتھِس زمانَس مَنٛز آو تہٕ ییٚتھ استعداد تہٕ طبیعتہٕ کین لوٗکن مَنٛز آو تِمَن مطابق آیہِ شرعس تہٕ منہاجس تہٕ شکل دِنہٕ۔ ییٚتھ زمانَس تہٕ ییٚتھ مُلکس مَنٛز یوٚسہٕ صوٗرت اختیار کرنہٕ آیہِ سوٚہ اَس تتھ زمانَس تہٕ تتھ مُلکس کِرژ مناسب آدِ سَبہٕ چھےٚ پرٛتھ کانٛہہ صوٗرت ینٛہِ جایہِ رژ تہٕ پٕژ۔ تہٕ یہ اختلاف چھُنہٕ اَمِہ کھوٚتہٕ زیادٕ اہمیتھ تھوان ییٚژھ اہمیتھ انسانہٕ سنٛدین سارِنے معاشرتی تہٕ قودرتی اختلافَن دِتھ ہیٚکوٚ۔

لِكُلِّ اُمَّةٍ جَعَلْنَا مَنْسَكًا هُمْ نَاسِكُوْهُ فَلَا يُنَازِعُنَّكَ فِي الْاَمْرِ وَادْعُ اِلٰى رَبِّكَ ؕ اِنَّكَ لَعَلٰى هُدًى مُّسْتَقِيْمٍ ۝

(٢٢ : ٦٧)

(اے پیغمبرؐ) اَسہِ چھُ پرٛتھ اُمتہٕ خاطرٕ عبادتُک اکھ خاص طور طرٟیقہٕ مقرر کوٚرمُت۔ یَتھ پیٹھ سو عمل کران چھےٚ لہاذا پزِ لوٗکَن زِ اَتھ ماملَس منٛز کرن نہٕ توٚہۍ سۭتی جگڑٕ۔ توٚہۍ دِیِو لوٗکَن پننِس پرورگارَس کُن ناد زِکیاز اصل کتھ چھےٚ یہاے، پٔزی پاٹھۍ چھِوٕ توٚہۍ ہِدایتچہِ سیٚزِ وَتہِ پیٹھ پکان۔

## تحویلِ قبلہٕ تہٕ قرآنُک اعلان :-

ییٚلہِ قبلہٕ بدلاونُک مامَلہٕ پیش

آو یانے پیغمبرِ اسلام صلّے اللہ علیہ وسلّمو ییٚلہِ بیت المقدسَس بدلہٕ خانہٕ کعبس کُن بُتھ کرِتھ نماز پرٛنۍ۔ یہِ کتھ گیٚیہِ یہوٗدیَن تہٕ عیسایَن کرِتھ بڈٕ مُشکِل تِمَن نِش اوس مذہبُک سورُے دار مدار یِتھِنے فروعی تہٕ ظاہری کتھَن پیٹھ تہٕ یِمہٕ سۭتۍ آسہِ حقُک تہٕ باطلُک معیار زانان

مگر اُسی چھِ وُچھان زِ قرآنَن چھُ اَتھ مامَلس بِلکُل بییہِ نظرِ وُچھمُت۔ سُہ چھُ ونان زِ توٚہۍ کیاہ چھِوٕ اَمہِ قسمہٕ چیزن کتھَن اہمیت دوان۔ نہٕ چھےٚ یِمہٕ حقہٕ تہٕ باطلُک معیار تہٕ نہٕ چھُ یِمَن مذہب کِس اصل حقیقتس منٛز کانٛہہ دخل۔ پرٛتھ مذہبَس اوس پننیو پننیو حالاتو نہٕ ضوٗرٕ، رتو مطابق عبادتُک کانٛہہ طرٟیقہٕ اختیار کوٚرمُت تہٕ لوٗکو ہیٚوٕ تتھ پیٹھ عمل کرٕنۍ۔ اصل مقصد چھُ سارِنے ہُنٛد گُنہٕ۔ نہٕ سُہ چھُ خدا پرستی تہٕ رٕژ عمَل۔ اَدٕ یُس شخص پزٕ ژیک طلبگار آسہِ تَس پزِ نہٕ یادی مقصدَس پیٹھ نظر تھاوٕنۍ تہٕ تمی مطابق پرٛتھ کانٛہہ کتھ وُچھنۍ تہٕ پرکھاوٕنۍ تہٕ یِمہٕ کتھہٕ نہٕ حقہٕ تہٕ باطلُک معیار بناوٕنۍ۔

وَلِكُلٍّ وِّجْهَةٌ هُوَ مُوَلِّيْهَا فَاسْتَبِقُوا الْخَيْرٰتِ ؕ

بیٚیہِ دُوچھو پرٛتھ چیزٕ خاطرٕ چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ طرف یَتھ کُن عبادتہٕ وِزِ سو بُتھ چھےٚ کران۔ (لہاذا مہٕ دِیو اَتھ

أَيْنَ مَا تَكُونُوا يَأْتِ بِكُمُ اللّٰهُ
جَمِيعًا ۚ إِنَّ اللّٰهَ عَلَىٰ كُلِّ
شَيْءٍ قَدِيرٌ ۝

(٢ : ١٤٨)

کتھ تیوٗت زیچھ) نیکی ہنٛز دَتہ مَنٛز کَرِو اکھ اَکِس نِشہِ برٛونٛہہ نیرنٛچ کوشِش (یہاے چھےٚ اصل کام)۔ توٚہۍ آسِو تۄ کُنہِ تہٕ جایہِ تہٕ خُدا ییٚہِ وِ توٚہہ سارِنے تہٕ یقین چھُنہٕ خُدا یہٕ سٕندِ قودرتہٕ نیبر کانٛہہ تہٕ چیز۔

# دین کہ اعتقادہٕ تہٕ عملہٕ ہنٛز اصل کتھ:۔

پتہٕ چھُ اُتھ سوٗرَس مَنٛز برٛونٛہہ پہن اکتھ صاف صاف لفظن مَنٛز وننہٕ آمُت زِ اصل دین کیا چھُ؟ تہٕ کمو کتھو سٟتی چھُ اکھ انسان دنیچ سعادت تہٕ فلاح حاصل کرِتھ ہیکان۔ تہٕ چھُ وَنان دین چھُنہٕ محض یژھن کتھن مَنٛز زِ اکھ شخص چھا عبادتہٕ وِزِ مغربس کُن بُتھ کران کِنہٕ مشرقس کُن۔ اصل دین چھُ یہ وُچھُن زِ خدا پرستی تہٕ نیک عملہٕ ہنٛدِ لحاظہٕ کیا حال چھُ اکِس انسانہٕ سُنٛد۔ اَدٕ پتہٕ چھُ تفصیلہٕ سان وَنان زِ خدا پرستی تہٕ نیک عملی ہنٛز اصلی کتھ کمہٕ کمہٕ چھےٚ۔

---

لَيْسَ الْبِرَّ أَنْ تُوَلُّوا وُجُوهَكُمْ
قِبَلَ الْمَشْرِقِ وَالْمَغْرِبِ وَ
لٰكِنَّ الْبِرَّ مَنْ آمَنَ بِاللّٰهِ
وَالْيَوْمِ الْآخِرِ وَالْمَلٰٓئِكَةِ
وَالْكِتٰبِ وَالنَّبِيّٖنَ وَاٰتَى
الْمَالَ عَلٰى حُبِّهٖ ذَوِي الْقُرْبٰى
وَالْيَتٰمٰى وَالْمَسٰكِيْنَ وَابْنَ
السَّبِيْلِ وَالسَّآئِلِيْنَ وَفِي

بیبہٕ (وُچھو) نیکی چھُنہٕ یہ زِ (عبادت وِزِ) کورِو توٚہہ پنُن بُتھ مشرقس کُن کِنہٕ مغربس کُن (نتہٕ کرِو ظاہری رسمہٕ تہٕ رِواجہٕ بیبہٕ کانٛہہ یژھے کتھ) نیکی ہنٛز دَتھ چھےٚ تمن لُکن ہنٛز دَتھ یِم خدایس پیٹھ، آخرتس، دوہس پیٹھ ملکن پیٹھ، خدا یہٕ سٕندِ ن سارِنے کتابن پیٹھ تہٕ نبین پیٹھ ایمان انان چھِ۔ بیبہٕ چھِ خدا یہٕ سٕندس موحبتس مَنٛز پنُن مال رشتہٕ دارن، یتیمن، مسکینن، مسافرن تہٕ سائلن ہنٛدِ خاطرٕ تہٕ۔

الرِّقَابِ ۚ وَاَقَامَ الصَّلٰوةَ وَاٰتَى
الزَّكٰوةَ ۚ وَالْمُوْفُوْنَ بِعَهْدِهِمْ
اِذَا عٰهَدُوْا ۚ وَالصّٰبِرِيْنَ فِى
الْبَاْسَآءِ وَالضَّرَّآءِ وَحِيْنَ
الْبَاْسِ ؕ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ
صَدَقُوْا ؕ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ
الْمُتَّقُوْنَ ○

(۲ : ۱۷۷)

غولامن آزاد کرنہٕ خاطرٕ خرچ کران۔ نِماز چھِ قٲیِم کران تہٕ
زکواۃ چھِ دِوان۔ وعدہٕ چھِ پوٗرٕ کران تہٕ سختیبہٕ تہٕ
مصیبتہٕ وِزِ یا خوفہٕ تہٕ خطرٕ وِزِ چھِ یِمَتھ حالتس منٛز صبر
کران تہٕ ثابتھ قدم روزان۔ (تیٚلہٕ تھوو یاد) زِ یِتھی لوٗکھ
چھِ یِم (پننہِ دیندٲری منٛز) پٕزی زیاد چھِ، یِہے چھِ تِم یِم
بُدی یوٚنٛژِ بچِتھ روزن واجی انسان چھِ۔

یُتھ کتابہ منز ترٛوہوٚشتوٚ وٚری پیٹھ
یہ آیت موجوٗد چھےٚ، اگر دُنی بہن تمکہ دعوتک

اصلی مقصد زاۓنتھ ہیوٚک نہٕ، تیٚلہٕ کوٚسہٕ کنھ
چھےٚ یوسہٕ دُنیا زاۓنتھ ہیکہٕ؟

## شریعتک اختلاف اوس خدایہٕ سنٛز حکمت :-

اُسی چھِ وُچھان سوٗرسے مائدس منز
چھُ اکِہ خاص ترتیبہ سان مختلف دعوتن ہُنٛد

ذکر کرنہٕ آمُت۔ یہ ذکر چھُ حضرتِ موسیٰؑ نہٕ توراتہ
پیٹھہٕ شوٗرو گژھان۔

اِنَّآ اَنْزَلْنَا التَّوْرٰىةَ فِيْهَا
هُدًى وَّنُوْرٌ ۔ (۵ : ۴۴)

اَسہٕ کۆر توراۃ نازِل یَتھ منٛز ہِدایتھ تہٕ گاش
اوس۔

اَد پتہٕ چھُ حضرتِ مسیح سٕندِ ظہوٗرُک ذکر کرنہٕ یوان :-

وَقَفَّيْنَا عَلٰٓى اٰثَارِهِمْ بِعِيْسَى ابْنِ
مَرْيَمَ (۵ : ۴۶)

اَد سوٗز اَسہٕ یِمَو پاٹھمبرو پتہٕ مریمٕ نِنٛچو (حضرت)
عیسیٰؑ۔

## حضرتِ مسیحس پتہٕ سپُد پیغمبرِ اسلام صلّی اللہ علیہ وسلّمن ہُنٛد ظہوٗر

وَاَنْزَلْنَا اِلَیْکَ الْکِتٰبَ بِالْحَقِّ مُصَدِّقًا لِّمَا بَیْنَ یَدَیْہِ

(۵ : ۴۸)

پتہٕ سوٗز اَسہِ اے محمدؐ یہ کتاب توہہِ کُن یوٗس حق ہیتھ چھےٚ آمٕژ تہٕ بیٚیہِ یہ کینٛژھا الکتاب مَنٛز اَمہِ برٛونٛہہ موجوٗد چھُہ تمیُک تصدیق کرن وٲجِنۍ چھےٚ۔

اَوٕ پتہٕ چھُہ یمَن مختلف دعوتَن ہُنٛد ذکر کرِتھ لوٗکن مخاطب کران تہٕ وَنان:۔

لِکُلٍّ جَعَلْنَا مِنْکُمْ شِرْعَۃً وَّمِنْہَاجًا وَلَوْ شَآءَ اللّٰہُ لَجَعَلَکُمْ اُمَّۃً وَّاحِدَۃً وَّلٰکِنْ لِّیَبْلُوَکُمْ فِیْ مَآ اٰتٰکُمْ فَاسْتَبِقُوا الْخَیْرٰتِ ؕ

(۵ : ۴۸)

اَسہِ کُر توٚہہِ مَنٛز پرٛتھ اَکِس کِیٛن (یانے پرٛتھ دعوتہٕ کِہن مانن والین کِیٛن) اَکھ خاص شریعت تہٕ وَتھ مقرر۔ تہٕ اگر خدا یس یژھہا (زِ یلہِ آسہِ ہانہٕ شریعتَن ہُنٛد کانٛہہ اختلافے) تہٕ توہہِ سارِنٕے بناوِہا اَکھ اُمّت مگر یہ اختلاف سپُد اَوٕ سببہٕ پیٚدٕ ییتھ (پرٛتھ وقتہٕ تہٕ حالتہٕ مطابق یِم احکام توہہِ دِنہٕ آمٕتی چھِو تِمَن مَنٛز پرکھاوِ توہہِ (اَتھ اختلافس کُن مہٕ گژِھو) نیکی ہٕنٛزِ دٕنہٕ مَنٛز کرِو اَکھ اَکِس برٛونٛہہ نیرنٕچ کوٗشش (تکیازِ یہٕ آے چھےٚ اصل کام)

یتھہ آیتَس پیٹھہٕ مہٕ ترٛاوِو سرسری نظراہ تہٕ پکِو برٛونٛہہ بلکہ پرِ اَمہِ کِس اَکِس اَکِس لفظس پیٹھ سوچِو۔ یمہِ وِزِ قرآنُک ظہوٗر سپُد۔ دُنیہُک حال اوس یہ زِ سارِنٕے مذہبن ہُنٛدی مانَن والی آسی مذہبس صرف اَمہِ کِہ ظاہر تہٕ رسمہٕ کِنی وُچھان تہٕ مذہبی اعتقادَن ہُنٛد سورے جوش تہٕ خروش اوس یژھِنے کتھن مَنٛز ژِھیوٗمُت پرٛتھ جمآژ اوس یقین زِ بیاکھ جماتھ چھےٚ نجاتہٕ نِشہِ محروٗم تکیازِ سو آس وُچھان زِ بیٚیہِ سنٛزِ عملہٕ تہٕ رسم چھِنہٕ تِتھی یمَن اَسہِ تِتھی چھےٚ کرمژ۔ مگر قرآن چھُہ وَنان زِ یمہٕ عملہٕ تہٕ رسم چھِنہٕ دینُچ بُنیاد تہٕ حقیقتھ تہٕ نہٕ چھُہ یمَن ہُنٛد اختلاف

حقُک تہٕ باطلُک اختلاف۔ یہ چھُ محض عملی زندگی ہُنٛد نیبر یم کرٕنہٕ۔ مگر روٗح تہٕ حقیقتس چھےٚ یموٗنِہ سِٹھاہ تھدُر۔ تہٕ سُے چھُ اصل دیٖن۔ یہِ اصل دیٖن کیا چھُ؟۔ اُکِس خدا یس سٕتۍ عبادت تہٕ پٔزن عملَن ہٕنٛز زندگی۔

یہ چھُنہٕ کُنہِ اکِہ پارٹی ہٕنٛز وراثت یوٗسہٕ نہٕ تمہِ وراٰے بیٚیِس کانٛسہِ میچھ آسہِ۔ یہ چھےٚ سارِنٕۍ مذہبن مَنٛز ہِشی موجوٗد۔ چونکہ یہ چھُ دینُک اصل تہٕ موٗل۔ اَوے تہٕ بدلیوو یہ تہٕ نہٕ گواتھ مَنٛز کُنہِ قسمُک اختلاف۔ عملہٕ تہٕ رسم چھِ لنجہ (فروع) اَوے چھِ یِم پرٛتھ زمانہٕ تہٕ پرٛتھ مُلکِہ حالتہٕ مطابق بدلان روٗدی متی۔ تہٕ یُس تہٕ اختلاف سپُد سُہ سپُد تمہٕ نے مَنٛز۔

اَمہِ تہٕ چھُ وَنان عملَن تہٕ رسمَن ہٕنٛدِس اتھ اختلافس کیاہ چھو توٚہۍ پیٚٹھ اہمیت دوان؟ خدا این اوس پرٛتھ زمانہٕ تہٕ پرٛتھ مُلکہٕ خاطرٕ اکِہ خاص قسمُک طور طریقہٕ مقرر کوٚرمُت۔ یُس تمِہ کہ حالتہٕ تہٕ ضروٗرتہٕ مطابق مناسب اوس۔ تہٕ تمی کرِ تتھ پیٚٹھ عمل۔ اگر خدا یس یژھہ ہا سہٕ بناوِ ہا سارِنٕۍ انسانن اکے قوم تہٕ کُنی جماتھ تہٕ فکرِ تہٕ عملہٕ ہُنٛد کانٛہہ اختلاف پیہ ہا نہٕ پارس۔ مگر یہ چھےٚ آسہِ خبر یِ زِ خدا این یوٚژھہِ نہٕ تہٕ۔ تہنٛدی حکمتن یوٚژھہ بی زِ فکرِ تہٕ عملہٕ ہٕنٛز بیٚون بیٚون حالژ گژھن پاد تہٕ تبلہ کیاہ زِ پیہ یہ اختلاف حقُک تہٕ باطلُک اختلاف بناونہٕ۔ اتھ اختلافس پیٚٹھ کیاہ زِ چھےٚ اکھ جماتھ بیٚیِس جماژ سٕتۍ لڑاے کران۔ اصل چیز یتھ کُن سوٗرے توجہ دِنہٕ گژھِ یُن چھُ "خیرات" یانے نیکی ہٕنٛز کامہِ تہٕ سارے عملہٕ تہٕ ساری رسم چھِ یمہٕ وٕے خاطرٕ۔

سوٗنچِو یتھ آیتس مَنٛز چھُ "لِكُلٍّ جَعَلْنَا مِنْكُمْ شِرْعَةً وَمِنْهَاجًا" وننہٕ آمُت یانے توہہِ مَنٛز پرٛتھ جماژ خاطرٕ چھُ اَسہِ اکھ "شرع" تہٕ "منہاج" مقرر کوٚرمُت۔ یہ آو تہٕ وننہٕ زِ اکھ دیٖن چھُ مقرر کوٚرمُت تکیاز دیٖن چھُ سارِنٕۍ کیٚوت کُنۍ۔ اتھ مَنٛز ہیٚکہِ نہٕ تعداد تہٕ قسم آسِتھ۔ البتہٕ شرع تہٕ منہاج ہیٚکہِ ہن تہٕ سارِنٕۍ کِتی ہوی آسِتھ۔ پرٛتھ زمانہٕ تہٕ مُلکہٕ خاطرٕ اوس حالاتو مطابق تہنٛد بیٚون بیٚون آسُن ضروٗری۔ لہٰذا چھُنہٕ مذہبُک اختلاف اصلی اختلاف۔ یہ چھُ محض فروٗعی اختلاف۔

بَبتہِ یُس گژھِ یہ کتھ یاد تھوٚنۍ زِ قرآنن یتھ یتھ جایہِ یتھ کتھہِ پیٚٹھ زور دِیتمُت چھُ، زِ اگر

خدایے بیٚیٚژھِ ہا ساٗری انسان سمہٕ ہیٚن
اُکی سے وَتہٕ پیٚٹھ یا اَکے قوم بنہٕ ہیٚن۔ییٚتھٕ کُنی
پیٚٹھٕ کنہٕ کٕس آیتس مَنٛز چھُ نہٕ یمَن ساریٚنی
ہُنٛد مُراد چھُ اَمی حقیقتُک اظہار سہٕ چھُ یہِ کنتھ
لوٗکن ہیٚنٛدِس دِلس مَنٛز بلہہٕ ناوٕنی ییٚژھان
زِ فکرٕ تہٕ عملہٕ ہُنٛد اختلاف چھُ بشری طبیعتٕچ
خاصیتھ۔ ییٚتھٕ کُنی یہِ پٕرٛتھ کُنہِ چیٖزس مَنٛز چھُ
نتھٕ کُنی چھُ پٕرٛتھ مذہبٕ کٕس مالس مَنٛز تہٕ
موجوٗد۔ لہاذا اگر ژھِ نہٕ یہِ اختلاف حقُک تہٕ باطلُک
معیار زانُن۔ سہٕ چھُ وَنان بیٚیلہِ خدا ین انسانہٕ
سُنٛد طبیعتھے تیٖژٕھ بناوٕمٕژ چھُ زِ پٕرٛتھ کاتسہٕ
اِنسانس پٕرٛتھ کُنہٕ قومس تہٕ پٕرٛتھ کُنہِ زمانس
چھے پنٕنی پنٕنی عقل، پنٕنی پنٕنی پسند تہٕ پنٕنی پنٕنی
طور طریقہٕ آسان تہٕ یہِ ہیٚکہِ نہٕ بنِتھ زِ کُنہِ لوکچہ
کھوتہٕ لوکچہ کتھہِ مَنٛز نہٕ گژھِ ساریٚنی انسانن ہنٛدی
طبیعت ہوی، نہٕ تیٚلہِ کتھٕ کُنی ہیٚکہ ہا یہِ بنِتھ زِ مذہبی عملن
تہٕ رسمَن ہنٛز وَنہٕ آسہٕ ہیٚن تہٕ ہیٚوٗن ہیٚوٗن تہٕ ساٗری
رَٹہٕ ہیٚن اُکے شکل تہٕ صوٗرت؟ اَتہِ نٕس نہٕ
گژھہا اختلاف نہٕ گونہٕ۔ اُکی ہیٚوٗت اَکہِ طریقہٕ
اصل مقصد ژھانڈُن۔ نہٕ بیٚیے ہیٚوٗت بییہٕ طریقہٕ
مگر اَصل مقصد یانے خدایہٕ سٕنٛز عبادت نہٕ رٕژن

عملن ہنٛز تالیم۔ لہاذا بیٚیلہِ اصل مقصد ساریٚنی
ہُنٛد اَکے چھُ تیٚلہِ کیٛازِ گژھِ ظاہری عمل
بیٚوٗن بیٚوٗن آسنہٕ سیٚتی اَکھ بیٚیے سُنٛد مخالف
تہٕ دشمن۔ کیٛازِ وُنہِ اَکھ جماتھ بیٚیس جماژ
"اُپرٕ زیوٗر" تہٕ مذہبُک پزُٕت کیٛازِ بییہِ کنہِ
اَکی نسلُک تہٕ جماژ ہُنٛد میراث زاننہٕ۔ چنانچہ
اُسی چھِ وُچھان زِ سُہ چھُنہٕ شریعتَن ہنٛدِس
اَتھ اختلافس مَنٛزے یوت بلکہِ اعتقادٕ
تہٕ عملہِ ہنٛدِس پٕرٛتھ اختلافس مَنٛز رواداری
ہنٛز تہٕ دِل کِہ وسعتٕچ تالیم دِوان۔ اَتھ حدس
تام زِ یِم لوٗکھ اَتھ دعوتس خلاف جبرس
تہٕ تشددس کام ہیٚوان آسی۔ تہٕنٛدِ طرفہٕ عُذرٕ
خواہی کرنس نِہ چھُنہٕ سُہ پیٚتھ روزان۔ سُہ
چھُ اُکِس موقس پیٚٹھ پانہٕ پاٗغمبرِ اسلام
صلی اللہ علیہ وسلمَن مخاطب کٕرِتھ وَنان زِ
توٗہی چھِوٕ تبلیغہٕ کِس جوشس مَنٛز ییٚژھان
زِ ساریٚنی لوٗکَن ہا دِہو پَزِچ وَتھ۔ مگر یہِ
کتھ گژھہ نہٕ توٗہہِ مُشتِھ گژھنی زِ فکرٕ تہٕ عملہِ
ہُنٛد اختلاف چھُ انسانی طبیعتٕچ قودرتی
خاصیتھ۔ توٗہی ہیٚکِو نہٕ جبرن کانٛہہ کتھ کانٛسہِ
ہنٛدِس دِلس مَنٛز واتٕلِتھ۔

وَلَوْ شَاءَ رَبُّكَ لَآمَنَ مَنْ
فِي الْأَرْضِ كُلُّهُمْ جَمِيعًا ۚ
أَفَأَنْتَ تُكْرِهُ النَّاسَ حَتَّىٰ
يَكُونُوا مُؤْمِنِينَ ○

(١٠ : ٩٩)

تہٕ اگر تُہنٛد پروردگار ییژِہے ہا تہٕ زمینس مَنٛز یِم تہٕ انسان چھِ تِم ساری اَنہٕ ہَن ایمان (مگر تۄہؠ چھِو وُچھان زِ تِمی سٕنٛد حِکمتُک فآصلہٕ سپُد یوٚہے زِ یِژھ کانٛہہ انسان رَٹہٕ پننی پننی عقل تہٕ پننی پننی وَتھ) تیٚلہِ کیا تۄہؠ چھِو یژھان زِ لوٗکھ کرِو کھ مجبوٗر زِ یِم بنن موٗمن۔

مَنٛز ساری کھو نہٕ رٕژٕ وَتھ تُہنٛز وَتھ چھےٚ بلکل تِتھے کٕنی چھےٚ بیٚین ہُنٛز نظرن مَنٛز تُہنٛز وَتھ ساری کھو نہٕ رٕژ۔ لہٰذا اچھِنہٕ اَمہٕ ورآے چارٕ زِ تۄہؠ کرِو اَتھ مامَلس مَنٛز رواداری تہٕ وسعتِ نظر پادٕ۔

ش چھُ وَنان زِ انسانہٕ سُنٛد طبیعت چھُ تِیُتھ زِ یِژھ جماعژ چھُ پننے طور طریقہٕ رُت بوزنہٕ یوان۔ ش چھُ نہٕ پننہٕ ہن گِتھ بیٚین ہُنٛز وَ مخالفتہٕ چہٕ نظرو وُچھان۔ یتھ کٕنی تُہنٛزن نظرن

بیٚیہِ (وُچھو) یِم لوٗکھ خدا یَس تراوِتھ بیٚین معبوٗدن نادِ دِوان چھِ تۄہؠ مہٕ دِنو تِمن بدرَد۔ نتیجہٕ نیرِ یہ زِ یِم لوٗکھ نہٕ ہیٚن پننہِ جہلہٕ تہٕ نادآنی کٕنی خدا یَس بدرَد وَنُن۔ (یاد تھوِو) اَسہِ چھِ انسانہٕ سُنٛد طبیعتھے تِیُتھ بنوومُت زِ یِژھ جماعژ چھےٚ پننی عمل رٕژٕ یوان بوزنہٕ پۄتُس چھُ سارِنے پننِس پروردگارس کُن پھیرِتھ یُن۔ تِتی نِنہِ یِژھ جماعژ پننہٕ ہن عملَن ہُنٛز حقیقتھ۔

وَلَا تَسُبُّوا الَّذِينَ يَدْعُونَ
مِنْ دُونِ اللَّهِ فَيَسُبُّوا اللَّهَ
عَدْوًا بِغَيْرِ عِلْمٍ ۗ كَذَٰلِكَ
زَيَّنَّا لِكُلِّ أُمَّةٍ عَمَلَهُمْ
ثُمَّ إِلَىٰ رَبِّهِمْ مَرْجِعُهُمْ
فَيُنَبِّئُهُمْ بِمَا كَانُوا يَعْمَلُونَ ○

(٦ : ١٠٨)

# تشیُّع تہٕ تحزُّب چھہ گمراہی تہٕ نوِ سرٕ دعوتُچ ضوٚروٗرتھ :-

اچھا وونی ییٚلہِ سارِنے مذہبن ہُنٛد اصلی مقصد اکُے چھُ تہٕ سارِنے ہیُنٛز ہُنٛزِ یاد چھےٚ پٔرِ زِس بیٛٹھ۔ ننیٚلہِ کیا اٰسِس قرآن کِہ ظہورٕچ ضوٚروٗرتھ؟ سُہ چھُ وَنان اَوٕ سَبہٕ زِ بوٚد وَے ساٰری مذہب پٔزی چھہ مگر سارِنے مذہبن ہُنٛدی مانن واٰلی چھہ ہَرِ تہٕ نِشہ ڈٔلی مٔتی۔ اَوَے چھہ ضوٚروٗری زِ ساٰری پَن تہٕنٛدِس راٰوی مٔتِس پٔزِس بیٛٹھ نوِ سرٕ سومبراونہٕ۔ اَکھ سِلسِلَس مَنٛز چھُ تمہِ مذہبہٕ کہِن مانن والین ہِنٛز ساری گُمراہیہِ اَکِہ اَکِہ گُنٛزراوِمٕژ۔ تمہِ چھہِ اعتقادٕ تہٕ عملہٕ دوشوٕنی قِسمَن ہِنٛز بموٚگمراہیو مَنٛز اَکھ سارِوٕے کھوٚتہٕ بٔڈ گُمراہی یَتھ پیٛٹھ سُہ جایہ جایہ زور دِوان چھُ یتھ سُہ "تشیُّع تہٕ تحزُّب" وَنان چھُ۔ عربیَس مَنٛز چھُ تشیُّع تہٕ تحزُّب یہِ مانے تھوان زِ بیٚون بیٚون پارٹی یہ تہٕ جماعژ بناوُنہٕ تہٕ تمن مَنٛز سُہ روٗح پادٕ گژھن یَتھ گروہ پرستی ہُنٛد روٗح وٕنِتھ ہیکو۔

---

اِنَّ الَّذِیۡنَ فَرَّقُوۡا دِیۡنَهُمۡ وَكَانُوۡا
شِیَعًا لَّسۡتَ مِنۡهُمۡ فِیۡ شَیۡءٍ ؕ
اِنَّمَاۤ اَمۡرُهُمۡ اِلَی اللّٰهِ
ثُمَّ یُنَبِّئُهُمۡ بِمَا كَانُوۡا
یَفۡعَلُوۡنَ ۝ ( ۶ : ۱۵۹ )

یِمو لُکو پَنُنِس اَکِس دینَس چھلہٕ چھلہٕ کٔرِ تہٕ بیٚون بیٚون پارٹین مَنٛز آے باگرنہٕ۔ توہہِ چھُنہٕ تمن سۭتی کانٛہہ لین دین۔ تہٕنٛد مامِلہٕ چھُ خدایَس حوالہٕ، پَتہٕ تہٕنٛز عمل رٔژ چھےٚ تمیُک نتیجہٕ بوزناوِ تمن خداے۔

فَتَقَطَّعُوۡۤا اَمۡرَهُمۡ بَیۡنَهُمۡ
زُبُرًا ؕ كُلُّ حِزۡبٍۭ بِمَا
لَدَیۡهِمۡ فَرِحُوۡنَ ۝

( ۲۳ : ۵۳ )

پَتہٕ ژٔھینٛی لُکو اَکھ اَکِس نِشہ تہٕ بناوِکھ بیٚون بیٚون دین۔ پَرتھ پارٹیہِ یہِ اَتھ آو سُہ چھہ تتھ مَنٛز مست۔

## تشیّع تہٕ تحزّب کیٛاہ گو؟

تشیّع تہٕ تحزب چھہ گمراہی انٛہ کیاہ چھہ مراد؟ یہ گژھہ واریاہ وضاحتہٕ سان سمجھُن۔ سہ چھُ وَنان زِ خدا یہ سٕنٛدِ دینچ حقیقتھ آس یہ زِ سہ اوس انسانہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ خدا یہ سٕنٛدِ عبادژ تہٕ رژٕ عملہٕ ہٕنٛز وتھ ہیٚلہٕ ترٛاوان۔ یلہٕ نے سہ ادٕس خدا یہ سٕنٛدِ تمہٕ قوتوٗنٛک اعلان کران زِ دُنیہ کہ پرتھ چیزکی پاٹھو چھےٚ انسانہٕ سٕنٛز عملہٕ تہٕ خاصیتھ تہٕ نتیجہٕ۔ یہ زِ عملہٕ ہُنٛد چھُ رُت نتیجہ تہٕ کچہ عملہٕ ہُنٛد بدلہٕ چھُ کچھ۔ مگر لوکو مشرٛاو یہ حقیقتھ تہٕ دین تہٕ مذہب بنووکھ نسلن، قومن، مُلکن تہٕ قسمہٕ قسمہٕ کین رسمن تہٕ رِواجن ہُنٛد اکھ جوتھ۔ نتیجہٕ درٛاو یہ زِ دوٛنی چھنہٕ انسانہٕ سٕنٛدِ نجاتچ تہٕ سعادژ وتھ یہ زانہٕ یوان زِ کُسٕنٛد اعتقاد تہٕ عمل کیتھہ چھُ؟ بلکہ سوٗرے دار مدار روٗد دوٛنی یتھ کتھہ پیٹھ زِ کُس کتھ جماژ سیٛتی تہٕ کتھ پارٹی سیٛتی چھُ۔

اگر اکھ شخص کُنہٕ خاص مذہبی پارٹی سیٛتی چھُ تیٚلہٕ چھُ یقین یوان کرنہٕ زِ تمی چھُ نجاتھ لوٗبمت تہٕ دینٛک پرٛزُن چھُ تمس حاصل گومُت اگر سہ جماژ منٛز چھنہٕ تیٚلہٕ چھُ یقین یوان کرنہٕ زِ نجاتُک دروازٕ چھُ تٔہنٛدِ خاطرٕ بنٛد گومُت۔ تہٕ دینہٕ کِس پرٛزُس منٛز چھُنہٕ تَس کینٛہہ کاتھہ یوگ گوزن دینٛک پرٛزُن تہٕ آخرتُک نجاتھ تہٕ حقہٕ نیٚہ باطلُک معیار بنیوو پارٹی بازی تہٕ گروہ پرستی۔ اعتقاد تہٕ عمل چھےٚ نہٕ کانٛہہ چیز۔ اوہے تہٕ یوٚدوے سارنے مذہبن ہُنٛد اصلی مقصد اکُے چھُ تہٕ ساری چھِ اکی سے پروردگارِ عالمہٕ سٕنٛز عبادت کرنُک دعوٰے کران۔ مگر پرتھ کانٛہہ جماتھ چھےٚ یقین کران زِ دینٛک پرٛزُن چھُ صرف تٔہنٛدی سے حصس منٛز آمُت۔ باقی چھِ ساری انسان امہٕ نِشہ محروم۔ چنانچہ پرتھ مذہبکی ماننہٕ والی چھِ بیٛیس مذہبس خلاف نفرژ تہٕ تعصبچ ناگیم دِوان۔ تہٕ دنیاہس منٛز یمہٕ خدا پرستی تہٕ دینٕ داری ہٕنٛز وتھ ساری بوغضچ تہٕ عداوژ، نفرژ تہٕ جنٛگ، قتلچ تہٕ خونریزی ہٕنٛز وتھ۔

## قرآنٕکہ دعوت چہ ترٛیشے کتھہ:۔

اکھ سلسلس منٛز یمن بجن بجن کتھن پیٹھ قرآن مجید زور دِوان چھُ تِمو منٛز چھےٚ ترٛیشے

کنہٕ سارے کھوتہٕ نہٕ ۔

۱ ۔ انسانہٕ سٕنٛدِ سعادتک تہٕ نجاتک دارٕمدار چھُ اعتقادس تہٕ عملہٕ پیٹھ ۔ نہ کہ کنہٕ خاص گروہ بٔندی پیٹھ ۔

۲ ۔ سارِنے انسانن کیُت چھُ خدایہ سُند دِین اَکُے تہٕ اَمِچ تالیم چھےٚ سارِنے ہِشی دِنہٕ آمٕژ ۔ لہٰذا دِینچ پارٕ وی کرن والیو یوسہٕ دِینچ وحدت تہٕ عالمگیر حقیقتھ ضایہ کٔرتھ یمہٕ وارِیاہ اُکِس اکھ مخالِف تہٕ اُکِس اکھ سٕنٛز دشمن جماژ بناوِمٕژ چھےٚ یہ چھےٚ ننی گُمراہی ۔

۳ ۔ اصل دِین چھُ توحید ۔ یانے اُکِس پروردگارِ عالم سٕنٛز سیٚود پاٹھی عبادت کرٕنی سارِوے مذہب دارو چھےٚ اَمِچ تالیم دِژمٕژ ۔ اتھ خلاف یم تہٕ اعتقاد تہٕ اعمال اختیار کرنہٕ آمتی چھہٕ تم چھہٕ اصلہٕ نشہٕ ڈلنُک نتیجہ ۔

## یہوٗدی بیٚیچ تہٕ نصرانی بیٚیچ پارٹی بازی تہٕ تمیُک رد :-

چنانچہ پیٹھ کنہٕ کعبہ آیو وَاٗے چھُ یمن تلہٕ کنہٕ کِہن آین منٛز تہٕ اُتھی حقیقتس پیٹھ زور دِنہٕ آمُت

وَقَالُوا لَنْ يَدْخُلَ الْجَنَّةَ اِلَّا مَنْ كَانَ هُوْدًا اَوْ نَصٰرٰى ۗ تِلْكَ اَمَانِيُّهُمْ ۗ قُلْ هَاتُوْا بُرْهَانَكُمْ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ۝ بَلٰى ۚ مَنْ اَسْلَمَ وَجْهَهٗ لِلّٰهِ وَهُوَ مُحْسِنٌ فَلَهٗٓ اَجْرُهٗ عِنْدَ رَبِّهٖ ۠ وَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ ۝

(۲ : ۱۱۱ - ۱۱۲)

(یِمن آیہٕ کرِیمن ہُنٛد ترجمہ) تہٕ یہوٗدیو تہٕ نصرانیو وٚون زِ جنتس منٛز ہیٚکہ نہٕ کانٛہہ تہٕ انسان اُژِتھ یوٚتام نہٕ سُہ یہوٗدی یا نصرآنی آسہِ (یانے یوٚتام نہٕ یہوٗدی یا نصرآنی پارٹی بازی منٛز آسہِ) ۔ یمہٕ چھےٚ تِمن لوٗکن ہٕنٛزٕ (جاہلانہ) خاہشہِ نہ کہ حقیقتھ ۔ (اے پیغمبرؐ) یِمن وٚنِو اگر توٚہی (اتھ باطِل خیالس منٛز) پٔزی زِ یاری چھِو تیٚلہِ وٚنِو توہہ زِنہ کوسہٕ دلیل چھےٚ اَوہ (پٔزی پاٹھی چھےٚ نجاتُچ وتھ یلہِ مگر سو ہیٚکہِ نہٕ کُنہِ خاص پارٹی ہٕنٛزٕ دَتھ آسِتھ ۔ سو چھےٚ ایمانٕچ تہٕ عملہِ ہٕنٛز دَتھ) یُسی اُکی خدایس برٕ دِتھ کُنہِ کلہٕ نوٚمرِو تہٕ تس آسہِ پٔز عمل تہٕ (تیٚلہ یوٚد وَے سُہ یہوٗدی آسِتن، نصرآنی آسِتن یا بیٚیہِ کانٛہہ) سُہ لبہِ پننِس پروردگارس نِشہِ پنُن اجر نہٕ تس آسہِ نہٕ کُنہِ قِسمُک خوف (وسواس) تہٕ نہٕ کُنہِ قِسمُک غم ۔

یہاے حقیقتھ چھےٚ سورہ بقرہس منز زیادٕ وضاحتہٕ سان وننہٕ آمژ:-

اِنَّ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَالَّذِیْنَ ھَادُوْا وَالنَّصٰرٰی وَالصّٰبِئِیْنَ مَنْ اٰمَنَ بِاللّٰہِ وَالْیَوْمِ الْاٰخِرِ وَعَمِلَ صَالِحًا فَلَھُمْ اَجْرُھُمْ عِنْدَ رَبِّھِمْ وَلَاخَوْفٌ عَلَیْھِمْ وَلَاھُمْ یَحْزَنُوْنَ ۝

(۲ : ۶۲)

یمو لوکو (پیغمبر اسلام صلے اللہ علیہ وسلمس پیٹھ) ایمان اوٚنمُت چھُ تم آسن تن یا تم لوکھ آسن تن یِمن یہوٗدی وَنان چھِ یا نصرآنی نہٕ صابی آسن تن (کانٛہہ نہٕ آسن تن) مگر یِمو تہٕ خدایس پیٹھ تہٕ آخرتس دوہس پیٹھ ایمان اوٚن نہٕ تِس آسن کامہٕ تہٕ تِم سُہ لبن یِنہٕ ایمانہٕ تہٕ عملہٕ ہُند اجر ضرور یِنہٕ یِنس پروردگارس نِشہٕ تہٕ تِہُند خاطرٕ چھُ کانٛہہ خوف نہٕ نہٕ کُنہٕ قسمُک غم۔

یانے دِینہٕ نِشہٕ اوس مقصد خدایہٕ سٕنز عبادت تہٕ رٕژن عملن ہٕنز ووتھ۔ یہٕ اوس نہٕ کُنہٕ خاص پارٹی مُنز آسنک ناو۔ کانٛہہ انسان آسن تن، سُہ آسن تن کُنہٕ نسلک تہٕ قومک تہٕ تس آسن تن کانٛہہ تہٕ ناو مگر ہرگاہ سُہ خدایس پیٹھ پوٗرٕ ایمان چھُ تھوان تہٕ عمل تہٕ چھُس نیک سُہ چھُ خدایہٕ سٕندِس دِینس پیٹھ یِکن وول تہٕ تس کیوٗت چھُ نجاتھ۔ مگر یہود دٕپو تہٕ عیسایو بنو واکھ خاص قسمُک نسلی تہٕ جماعتی پارٹی بازی ہُند قونوٗن۔ یہود دٕپو بنو وٕ پنُنہٕ پارٹی ہُند اکھ دآیرٕ تہٕ ناو تھوو ہَس یہودیت۔ تہٕ یُس اتھ دآیرس اندر چھُ سُہ چھُ یِزس پیٹھ تہٕ تس کیوٗت چھُ نجاتھ۔ یتھے کٕنہٕ بنوو عیسایو تہٕ پنُن اکھ دآیرٕ تہٕ تِتھ تھوو کھ ناو "مسیحیت" یا "کلیسا"۔ یُس تتھ منز چھُ سُہ یوت چھُ یِزس پیٹھ تہٕ یُس اَمہٕ نیبر چھُ تِس کیوٗت چھُنہٕ یِزیک کانٛہہ بوگ تہٕ سُہ چھُ نجاتہٕ نِشہٕ قطعن محروم۔ یتھ رٕژ عمل تہٕ اعتقاد تہٕ تمیُک قونوٗن چھُ بلکل بے اثر گومُت۔ اکھ شخص آسن تن کوتاہے خدا پرست تہٕ نیک عمل، مگر ہرگاہ سُہ یہودین ہٕنز نسلی گروہ ہُندی یا عیسایین ہٕنز جماعتہٕ منز زامُت چھُنہٕ، تس ہیکہ نہٕ کانٛہہ یہوٗدی تہٕ عیسآیی ہدایتھ یافتہ انسان مآنتھ مگر اکھ بدکھو تہٕ بوڈ بدعمل انسان تہٕ ہیکہ نجات یافتہ مانتہٕ اگر سُہ یِمن جماعتن ہُندین منز زامُت آسہٕ۔ قرآن چھُ یِہندی یِہے اُتھے اعتقادس یِمن لفظن منز نقل کران کُوْنُوْا ھُوْدًا اَوْ نَصٰرٰی تَھْتَدُوْا۔ (۲: ۱۳۵)

یانے ہیدٲنیٚچ وَنہٕ چھےٚ نہٕ اعتقادٕچ تہٕ عملٕچ
ہِنٛز وَنہٕ بلکہ یہوٗدین تہٕ نصرآنین ہِنٛز گروہ بٔنٛدی
ہِنٛز وَنہٕ ۔ یوٗتام نہٕ کانٛہہ یہوٗدی یا نصرآنی بنہٕ
سہ ہیکہ نہٕ ہیدایتھ یافتہٕ بٔنتھ ۔ اوٚ ہینہٕ چھُو
امیُک رٔدکران وَنان زِ خدایہ سُند ہیدایتھ
بُس دُنیہِ ہٕک اکھ عالمگیر قونوٗن چھُ سہ کیتھہٕ
کُنی ہیکہ یمَن یانے بناوٕ مَژٕن گروہ بٔندی ین
مَنٛز محدود گٔژھِتھ ۔ بَلیٰ مَنْ اَسْلَمَ
وَجْهَهٗ لِلّٰهِ وَهُوَ مُحْسِنٌ (۲ : ۱۱۲)
سوٗنچِو اَتھ مَنٛز کوتاہ زور چھُ نہٕ یہ کوتاہ عام چھُ
کانٛہہ اِنسان آسیتن کُنہِ نسلُک یا کُنہِ قومُک نہٕ
جماژ ہٕنٛدی آسیتن مگر یُیمی اَکی نہٕ خدایس ہیٚوٗنہہ
کُنہِ بندگی ہُنٛد کلہٕ نوٗم رووتہٕ پزِن عملَن ہِنٛز زندگی
ہیٚنٛزِن گذارِنی تہٕ تسمی لُب دینہٕ کِہ نجاتٕچ نہٕ سعادٕچ
وَنہٕ نہٕ تسَس کیوٗت چھُنہٕ کانٛہہ غم نہٕ کانٛہہ وسواس (خوف)
سوٗنچِو مذہبی صداقتہٕ کِہ عالمگیر وُسعتُک کُس
اعلان ہیکہ آمہٕ کھوتہٕ زیادٕ نوٗن نہٕ ہیمہٕ گیر آسِتھ ۔

وَ قَالَتِ الْيَهُوْدُ لَيْسَتِ النَّصٰرٰى
عَلٰى شَيْءٍ وَّ قَالَتِ النَّصٰرٰى
لَيْسَتِ الْيَهُوْدُ عَلٰى شَيْءٍ وَّهُمْ
يَتْلُوْنَ الْكِتٰبَ كَذٰلِكَ قَالَ
الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ مِثْلَ قَوْلِهِمْ
فَاللّٰهُ يَحْكُمُ بَيْنَهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ
فِيْمَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ ۝
(۲ : ۱۱۳)

نہٕ یہوٗدیو وَنٕ عیسایَن ہٕنٛد دین چھُنہٕ کینہٕ ۔ یتھے کٔنی
وَنٕ عیسایو یہوٗدین زِ سہ کیا چھُ ۔ حالانکہ دوشوٕے
چھِ خدایہ سٕنٛز کتاب پَران (دوشوٕنی ہٕنٛدِ دینُک اگر چھُ
گٔمُت) بلکل یتھے کیتھہ وُنی یمو لوکو نہٕ یمَن نہٕ (مقدس کتابہٕ
ہُنٛد علم چھُ یانے عربہٕ کیو مُشرِکو زِ تِم نہٕ چھہ پانسے یوت
نجاتُک وارث زانان) اچھا یتھہ کٔنہ ہیٚٹھہِ یم پانہٕ وانی
لڑاے کران چھِ، قیامژ دوہ کرِ خداے تمیُک فاصلہٕ
نہٕ سارِی زانَن تمہِ وقتہٕ زِ اصل حقیقتھ کیا آس ۔

یانے یوٚدوَے خدایہ سُند دین اَگُے
چھُ تہٕ خدایہ سٕنٛز کتاب یانے تورات چھےٚ دوشوٕنی
برٛونٛہہ کنہِ ۔ تہٕ آسِتھ نہٕ چھُ مذہبی گروہ بٔنٛدی ہٕنٛد
یہ نتیجہ زِ اکھ اَکِس مخالف تکذیب کرن واجنہِ جماژ
بنے یہ ۔ تِہ یژھ جماژ چھےٚ بنیٚن جماژ اَپزِ زیاے زانان نہٕ
پزِتھ جماژ چھےٚ پانہٕ سے یوت نجاتٕچ نہٕ سعادٕچ مالکھ زانان

## پۄز چھُ سارِنے نِشہٕ مگر سارِوے راوُرمُت :-

سوال چھُ یہِ زِ ییلہ دٲینچ وَتھ اکھ آسنہٕ بدلہٕ جوٗنھن تہٕ ژُولہن مَنز باگرنہٕ آیہ تہٕ پرٛتھ جوٗتھ چھُ اُکی سے طٔریقس ہیٚٹھ پننہ پرٛزنیکُ دعوادار تہٕ اُکی طٔریقہٕ بیٚیَن اَپہٕ زیوٗر زانان تہٕ وونی کِتھہٕ کٔنی گژھِ اَمہِ کِنہِ ہُنْد فاصلہٕ زِ اصلی پۄز چھُ کُنہٕ۔ قرآن چھُ ونان پۄز چھُ اصلی سارِنے نِشہٕ مگر عملن چھُ سارِوے راوُرمُت یِمَو سارِنے اَسہِ اکی دٲینچ تعٲلیم دِنہٕ آمٕژ تہٕ سارِنے کیٚوٚت اوس اَکُے ہِدایتُک عالمگیر قونوٗن مگر سارِوے کٔر اصل حقیقتھ ضایہ تہٕ خدا یہِ سٕنْدِس دٲنِس پیٹھ قایِم روزنہٕ بدلہٕ بناوِکھ بیٚوٚن بیٚوٚن جماژ تہٕ وونی چھےٚ پرٛتھ کانٛہہ جماتھ بیٚیس جماژ سٟتی لڑاے کران تہٕ زانان زِ دٲینچ سعادت تہٕ نجاتھ چھُ صرف تٔہنٛزے وراثت تہٕ بیٚیہ کانٛہہ چھُنہٕ اَتھ مَنز کانٛہہ حصہٕ۔

## عبادت گھن ہُند تفرقہٕ :-

سوٗرہٕ بقرس مَنز چھُ ییٚتھ کَنہِ کہِ آیہ پتہٕ یہِ بیان شروع گژھان :-

وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنْ مَّنَعَ مَسٰجِدَ اللّٰہِ اَنْ یُّذْکَرَ فِیْہَا اسْمُہٗ وَسَعٰی فِیْ خَرَابِہَا اُولٰٓئِکَ مَا کَانَ لَہُمْ اَنْ یَّدْخُلُوْہَآ اِلَّا خَآئِفِیْنَ لَہُمْ فِی الدُّنْیَا خِزْیٌ وَّلَہُمْ فِی الْاٰخِرَۃِ عَذَابٌ عَظِیْمٌ ○

(٢ : ١١٤)

بیٚیہ سوٗنچِو تَس کھوتہٕ بوٚڈ ظالِم کُس ہیٚکہِ آسِتھ یُس خدا یہِ سٕنْدٕن عبادت گھَن مَنز تٔسنْد ناو یاد کرنہٕ نِشہٕ ٹھاکھ کرِ تہٕ تِمن وٲران کرنٕچ کوشش کرِ تِمَن لوٗکن ہُنْدِ ظلمُک تہٕ شرارتُک یہِ حال چھُ۔ تِژی یا آٹھ چھِنہٕ تِم اَتھ لایق زِ خدا یہِ سٕنْدٕن عبادت گھَن مَنز تراوان قدم مگر نہٕ تَیلہِ ییٚلہِ (پننہِ طاقتہٕ نِشہِ) کھوژن تہٕ ظلمُک تہٕ شرارتُک جُرأت روزِ نہٕ تِمن مَنز باقے، یاد تھٲوِو یِتھِہن لوٗکن کِرژھ چھےٚ دُنیہس مَنز تہٕ رُسوٲیی تہٕ آخرتس مَنز تہٕ آسہِ تِمن کیٚوٚت سخت عذاب۔

یانے مذہبی گروہ بندی ہیٚنز گمراہی ہُنٛد
نتیجہ چھُہ زِ خدا یہ سٔنٛدی عبادت گاہ تام چھِہ ییٚون
ییٚون گامتی۔ تہٕ یوٗدوے سارے نے مذہبن ہیٚنٛدی
مانن وٲلی اکِس خدا یہ سُنٛد ناو ہیٚنہٕ وٲلی چھِہ
مگر یہ ہیٚکہ نہٕ بنتھ زِ اکہ مذہبُک مانن وول کیا ہیٚکہِ
بیٚیہِ مذہب کِس بناوِ متِس عبادت گہس منٛز
گژھتھ خدا یہ سُنٛد ناو ہیٚنتھ۔ بلکہ یوت نہٕ ٹِکہ
چھِہ یترتھ کانٛہہ جماتھ بیٚیس عبادت گہسی یوت
خدا یہ سٔنٛز عبادت گاہ زانان نہٕ بیٚیہ سٔنٛز عبادت
گاہ چھِہ نہٕ تِہنٛزن نظرن منٛز کانٛہہ احترام تھوان۔
نیوٗن زِ وار یا لٹہِ چھُہ سہ مذہب کِس ناوس پیٹھ
وۄتھان نہٕ بیٚین ہیٚنز عبادت گاہ خراب تہٕ برباد
کران۔ قرآن چھُہ وَنان زِ انسانہ سُنٛد امہِ کھوتہٕ
بوڈ ظلم کیا ہیٚکہِ آسِتھ زِ خدا یہ سٔنٛدی بٔنٛدہ
یِن خدا یہ سُنٛد یاد کرنہٕ نِشہِ پتھ رٹنہٕ تہٕ محض
امہِ سببہٕ یِن پتھ رٹنہٕ زِ تِم چھِہ بیٚیس اکِس
مذہبی پارٹی سٟتی تعلق تھوان؟ یا اکھ عبادت
گاہ بیٚیہ لوٗٹہ راونہٕ تہٕ اوسِ سببہٕ بیٚیہ لوٗٹنہٕ زِ سو
چھےٚ نہٕ اَسہِ بناوِمٕژ بلکہ چھےٚ بیٚیہ پارٹی
بناوِمٕژ۔ کیا تِہنٛد یِن مذہبی جوٗتھن ہیٚنٛدِ
اختلافہ سٟتی گیا خدا تی نہٕ مختلف؟۔
نہٕ اوے گیہ اکہ جوٗتھ عبادت گاہ خدا یہ
سٔنٛز عبادت گاہ مگر بیٚیہ جوٗتھ بناوِمٕژ
عبادت گاہ چھِہ نہٕ خدا یہ سٔنٛز عبادت گاہ۔

---

وَلَا تُؤْمِنُوٓا إِلَّا لِمَن تَبِعَ دِينَكُمْ ط
قُلْ إِنَّ الْهُدَىٰ هُدَى اللّٰهِ أَنْ
يُؤْتَىٰٓ أَحَدٌ مِّثْلَ مَآ أُوتِيتُمْ
أَوْ يُحَآجُّوكُمْ عِندَ رَبِّكُمْ ط قُلْ
إِنَّ الْفَضْلَ بِيَدِ اللّٰهِ يُؤْتِيهِ مَن
يَشَآءُ ط وَاللّٰهُ وَاسِعٌ عَلِيمٌ لا
(۳ : ۷۳)

بیٚیہ چھِہ (یِم لوٗکھ اکِس اکھ وَنان) یہ کتھ مانِہ زِ یوٗنہٕ ہرگز
نہٕ زِ دُنیہ یُس یوسہٕ سعادت توہہِ دِنہٕ آمٕژ چھےٚ (یانے
یہوٗدین دِنہٕ آمٕژ چھےٚ) سو کیا ہیٚکہ بیٚیہ کانٛسہِ میلتھ یا خدا یس
نِشہِ کیا چلو توہہ خلاف کانٛسہِ ہیٚنز کانٛہہ کتھ (اے پیغمبرٕ)
توہہ دُنو یِمن لوٗکن زِ ہدایتھ گوٚسے یُس خدا یہ سُنٛد ہدایتھ
چھُہ (تہٕ تِہنٛز وَتھ چھےٚ سارِنے کرِ ژیلہ) تہٕ فضیلت تہٕ بخشایشہِ ہیٚنز
رٔز چھےٚ نہٕ توہہ اَتِھ سو چھےٚ خدا یس اَتِھ یُس یس ہیٚژھِہ تہٕ تس دیہِ
تہٕ سُہ چھُہ (پننِس فضلس منٛز) سیٚٹھاہ کُجر تھون وول تہٕ سورُے زانن وول

یانے یہودین ہُنٛد اعتقاد چھُ یہ زِ وحی تہٕ نبوتُک ہیدایتھ یُس تمَن دِنہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ صرف تمہٕ نے یوت کیٛوت۔ یہ ہیٚکہِ نہٕ بنتھ زِ بیٚیہِ کانٛسہِ انسانَس یا قومَس ہیٚکہِ یہ کیتھ حاصل گٔژھتھ چنانچہ اَدے چھ تِم ونان زِ پننہ مذہبہٕ کیٛو انسانوَ ورٲے مہٕ ماٰنِو کانٛسہِ انسانہٕ سُنٛد پزرنہٕ بجر۔ تہٕ مہٕ ماٰنِو یہ کتھ زِ تو ہہ خلاف (یانے یہودین خلاف) کیٛا ہیٚکہِ خدا ییٚس زِنٛہ کانٛسہِ انسانہٕ سٕنٛز دلیل ٹیکتھ۔

قرآن چھُ اَتھ باطل خیالَس رد کران تہٕ ونان:۔

اِنَّ الْھُدٰی ھُدَی اللّٰہِ (ہیدایت چ وَتھ چھےٚ سوے۔ یُس خدا یہ سُنٛد ہیدایتھ چھُ)۔

تہٕ خدا یہ سُنٛد فضل چھُنہٕ کانٛسہِ اَکِس انسانَس یا جماژ کیٛوت۔ سُہ چھُ سارِنے کیٛوت۔ یُس تہٕ انسان ہیدایتہٕ چِھ وَتہٕ پکہِ سُہ چھُ ہیدایتہٕ دول انسان اَدٕ سُہ یہودی آسہِ تن یا بیٚیہ کانٛہہ۔

## یہودین ہند غرور:۔

یہودین ہٕنٛزِ گروہ بٔندی ہُند غرورٕ اوس تیوت بڈ یوٚمُت زِ تِم آسی ونان خدا ین چھُ اسہِ پیٚٹھ دوزخُن نار حرام کوٚرمُت۔ اگر اَسہِ منٛز کانٛہہ شخص جہنمس تہٕ ترٲوِنہٕ ییہِ، تہٕ آوِ سہ تہٕ زِ سُہ ییہِ عذابَس منٛز ترٲوِنہٕ تُلِکہِ آوِسیہِ زِ یُتھ سُہ گوٚنہہ کیٛو داغو نِشہِ پاک تہٕ صاف ییہِ کرنہٕ تہٕ اَتی اَژِ جنتس۔ قرآن چھُ تِہنٛد یہ باطل دعویٰ جایہ جایہ نقل کران تہٕ اوٚپتہٕ تمیُک رد کران۔۔ پرژھان زِ یہ کتھ کٔنی زِ ونو تو ہہ زِ یہودی پارٹی ہُنٛد پرژتھ کانٛہہ فرد چھُ نجات لبن وول۔۔ تہٕ آخر تہٕ کہِ عذابہٕ نِشہِ چھُ سُہ مو کلیٚومُت۔ تو ہہ چھُوٚ خدا یَن کُنہِ شرطہٕ ورٲے نجاتُک پٹہٕ دِیُت مُت لیکھت زِ یتھے اکھ شخص یہودی بنِ یہ وَ دوزخُن نار گوٚ تَس پیٚٹھ حرام۔ اگر چھُنوَ تہٕ دِیُت مُت تیلہِ ؤنِو یتھ اعتقادس تھوٚن چھُنہٕ خدا ییٚس ہانژہ لاگنی تہٕ اَدٕ کیٛا چھُ؟ اوٚپتہٕ چھُ صاف صاف لفظن منٛز خدا یہ سٕنٛز عملہِ ہٕنٛدِ قونونُک اعلان کران۔" ییٚمی اَکی تہٕ پننہِ عملہِ سٟتی بدی کماو تَس کرِ چھےٚ بدی۔ ییٚمی نیکی کماو تَس کرِ چھےٚ نیکی۔ یانے ییتھ کٔنی شٕپٹنکیا کھبنہٕ سٟتی پرژتھ کانٛہہ کھبنہٕ وول ہلاک گژھان چھُ اَدٕ سُہ یہودی آسہِ تن یا یہودَس ورٲے بیٚیہ کانٛہہ۔ تہٕ دودٕ چینہٕ سٟتی چھُ صحت تہٕ طاقتھ بنان اَدٕ سُہ چینہٕ وول آسہِ تن کُنہِ نسلُک

قومک یا پارٹی ہُنٛد، ییٚتھے کٔنی چھِ روحانی بینٛژ کٔس
عالمس مَنٛز نہٕ پٔرٕتھ کُنہ عملہٕ اکھ خاصیتھ نہٕ

سو بدلہٕ نہٕ اوٚسبب نٕزِ عمل کرَن وول کٔمہٕ نسلک
تہٕ پارٹی ہُنٛد چھُ۔

---

چنانچہ سورےبقرہس مَنٛز چھُ:۔

وَقَالُوْا لَنْ تَمَسَّنَا النَّارُ اِلَّآ اَيَّامًا
مَّعْدُوْدَةً ؕ قُلْ اَتَّخَذْتُمْ
عِنْدَ اللّٰهِ عَهْدًا فَلَنْ يُّخْلِفَ
اللّٰهُ عَهْدَهٗٓ اَمْ تَقُوْلُوْنَ عَلَى اللّٰهِ
مَا لَا تَعْلَمُوْنَ ۝ بَلٰى مَنْ كَسَبَ
سَيِّئَةً وَّاَحَاطَتْ بِهٖ خَطِيْٓـئَتُهٗ
فَاُولٰٓئِكَ اَصْحٰبُ النَّارِ ۚ هُمْ
فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ۝ وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا
وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ اُولٰٓئِكَ
اَصْحٰبُ الْجَنَّةِ ۚ هُمْ فِيْهَا
خٰلِدُوْنَ ۝

(۲۰ : ۸۰ ـ ۸۲)

تہٕ یمو لوٗکو (یانے یموٗ یہوٗدیو) وۄن دوزخہٕ نارٕچ
نگہٕ تہٕ آسہِ چھِہ تہٕ اگر چھِہ لگہٕ تہٕ سو آسہٕ نہٕ کینٛژ دۄہو
زیادٕ (اے پیغمبر) یمن ڈُنٛو توٗہی بہ ونان چھِوا تہٕ ییٚتھ
چھُوا توٗہہ خدایس کانٛہہ وعدہ ہیوتمُت۔ تہٕ دوٚتی
ہیکہٕ نہٕ خدا پننہٕ وعدٕ نشہ پھِرتھ۔ نہٕ تہٕ چھِو توٗہی خدایہ
سٕندس ناوس اکھ تِژھہ (اَپُز) کتھ لاگان ییٚمچ نہٕ
توٗہہ خبرٕے چھِوٕ۔ نہ ا خدا یہ سُنٛد قونوٗن چھُ یہ زِ کُنہ
نسلک تہٕ کُنہ جاتُہ ہُنٛد انسان آسِن مگر یِمو اُکی بدی ہنٛز کماے
کٔرتہٕ پننہٕ ہوگو نہوسیتی آو وَلنہٕ سُہ چھُ دوزخیو مَنٛز تہٕ
ہمیشہٕ دوزخس مَنٛز روزن وول تہٕ ییمو اُکی اپانٛیچ وَتھ
رٔٹ تہٕ رٕژ عمل کرِن سُہ چھُ جنتیو مَنٛز تہٕ ہمیشہ جنتس
منٛز روزن وول۔

## نجاتہٕ کہٕ قونوٗنک عام اعلان:۔

سورےنساہس مَنٛز چھُنہٕ یہوٗدین
نہٕ عیسایین یوتٕے بٕلکہ سارِنے مخاطب
کٔرتھ ٹاکارٕ پاٹھی اعلان کوٚرمُت۔ ییٚتھ

اعلان ببیمہِ پتہٕ کُنہ قسمکہٕ شک وشبہچ
گنجائش باقی روزنہٕ۔

ییٚنہٕ کنی یِم یہوٗدی عربس منٛز بسان
آسی تِم آسی وَنان زِ عربہٕ کین اَن پڑ لوٗکن سیٚتی
چھُنہٕ پوٚز تہٕ دیانت دآری وَرتاوٗن ضوٚروٗری

یِم لوٗکھ چھہِ بُت پرست اُسی ییٚتھہٕ کنی یِمَن لوٗکن
ہُنٛد مال کھیمو اَسہِ کیٛوٗت چھُ جآیز۔

---

ذَالِكَ بِأَنَّهُمْ قَالُوا لَيْسَ
عَلَيْنَا فِي الْأُمِّيِّينَ سَبِيلٌ ج
وَيَقُولُونَ عَلَى اللَّهِ الْكَذِبَ
وَهُمْ يَعْلَمُونَ ۝ بَلَىٰ مَنْ أَوْفَىٰ
بِعَهْدِهِ وَاتَّقَىٰ فَإِنَّ اللَّهَ يُحِبُّ
الْمُتَّقِينَ ۝

(٣ : ٧٥ - ٧٦)

یہوٗدین ہُنٛز یہ (بد معاملہ گی) چھےٚ امہِ سببہٕ زِ تِم چھہِ وَنان زِ (عربہٕ کین یِمَن) اَن پڑ لوٗکن سیٚتی (بد مالہ گی کرنس منٛز) چھُنہٕ اَسہِ کانٛہہ باز خاس۔ (ییٚتھہٕ کنہٕ اُسی یِژھو تِہنٛد مال ہیٚکو کھیٚتھ حالانکہ) یہ وننہٕ سیٚتی چھہِ تِم شٔنی پأٹھی خدایس اَپُز ہاٹژھ لاگان۔ تِم چھہِ زانان زِ خدا یہ سُنٛدِ پٔنٛنِس ہیٚکہِ نہٕ یہ حُکم آسِتھ یِمَن گژھہِ پزٕژھ گاٹرکرٕنی نہٕ ضوٚروٗرکرٕنی تکیازِ خدا تونٔوٗن چھُ یہ زِ یُس اکھاہ پٔنٕنہِ وعدٕ پٔزی کنی پوٗرٕ کران چھُ تہٕ بدگآرٕ نِشہِ بچان چھُ تُسے چھُ خدا یہ سُنٛز رضامندی حآصل کران تہٕ خدا ے چھُ بٔڈی زِ پتھ روزن والین سیٚتی موحبتھ کران۔

یانے یُتھہٕ اعتقاد تھوُن چھُ شٔنی پأٹھی خدا یہ سُنٛدِس دِینس اَپُز ہاٹژھ لاگنی۔ خدا یہ سُنٛد دِین چھُ یہِ زِ پزتھ انسانس سیٚتی گژھہِ نیکی کرٕنی تہٕ پزتھ حالس منٛز گژھہِ پزٕر چہ تہٕ دیانت دآری ہیٚنٛز وَتہِ پیٹھ پکُن۔ چاہے کانٛہہ تہٕ انسان آسی تن تہٕ کُنہِ عقیدُک تہٕ نہٕ کُنہِ پارٹی ہُنٛد نہٕ آسی تن۔ تکیازِ سفید چھُ پزتھ حالس منٛز سفید تہٕ گژھن چھُ پزتھ حالس منٛز گژھن۔ کانٛہہ سفید چیز ییٚلہِ نہٕ اَمہِ سببہٕ گژھن گژھِتھ زِ کَس انسانس چھُ دِنہٕ آمُت۔ نہٕ کانٛہہ گژھن چیز ییٚلہِ نہٕ اَمہِ کنی سفید گژھِتھ زِ کُنہِ خاص نسلہٕ یا کُنہِ خاص جمأژ ہُنٛدِ اَتھہٕ چھُ درامُت۔ لہٰذا چھےٚ دیانت دآری پزتھ حالس منٛز دیانت دآری تہٕ بد دیانتی پزتھ حالس منٛز بد دیانتی

## حضرت ابراہیمؑ سنز شخصیتس نش شہادت :-

قرآن مجید نازل سپدنہ وِز آسہ عربس منز ترٛیہ بجہ مذہبی جماژ۔ یہوٗدی۔ عیسائے تہٕ عربکۍ مُشرِک۔ یِم ترٛینٕو وے آسی حضرتِ ابراہیم علیہ السّلام سنٛدِ ذاتُک ہیُشُوے عزّت تہٕ احترام کران۔ تکیازِ ترٛشوٕنی جماژن ہنٛدی جدّ اعلیٰ آسی تِمَے۔ لہٰذا چھُ قرآن مذہبی گروہ بنٛدی ہنٛز گمراہی نشہِ راوتہٕ خاطر یمَن ترٛشوٕنی بڑوٚ گَنہِ اکھ سیٛٹھہٕ ہیے سیوٚد تہٕ سادٕ سوال تھوان زِ اگر دینک پزُت مذہبی گروہ بنٛدی ین سیتی وابستہ چھُ تیٚلہِ ٹُنی تو حضرتِ ابراہیمؑ کمہِ جماژ ہنٛدی انسان آسی؟ یہ چھےٚ شُنی کنتھ زِ تِم نہ آسی یہوٗدی وجوٗدس آمتی۔ نہ عیسائے تہٕ نہ آسی ہبیّہِ کانہہ گروہ بنٛدی نہٕ موجوٗد۔ تیٚلہِ اگر حضرت ابراہیمؑ کُنہِ گروہ بنٛدی منز نہٕ آسنہٕ تہٕ دینچہِ وَتہِ پیٹھ آسی تیٚلہِ ٹُنی توٚسوٕ وَتھ کوٚس آسہ قرآن چھُ وَنان سوٚ آس تِمی پزِ دینچ وَتھ یوٚسہ تہنٛز وسارٕ وے گروہ بنٛدیوٚ نشہِ بالاتر تہٕ انسان سنٛدِ خاطرٕ عالمگیر قوٗنوٗن چھےٚ۔ یانے اکھ خدا یہ سنٛز موحدانہٕ عبادت تہٕ رِزِ عملہِ ہنٛز زندگی۔

---

وَقَالُوا كُونُوا هُودًا أَوْ نَصَارَىٰ تَهْتَدُوا ۗ قُلْ بَلْ مِلَّةَ إِبْرَاهِيمَ حَنِيفًا ۖ وَمَا كَانَ مِنَ الْمُشْرِكِينَ ○

(٢ : ١٣٥)

تہٕ یہوٗدی چھِ وَنان یہوٗدی بنوٚ تہٕ ہدایتھ لبوٚ۔ نصاریٰ چھِ وَنان نصرانی بنوٚ تہٕ ہدایتھ لبوٚ۔ (اے پیغمبرؐ) توٚہی وُنِیوٚ کھ نہٕ (خدا یہ سُنٛد عالمگیر ہدایتھ ہیکہ نہٕ تہنٛزن گروہ بنٛدین ہنٛد پابنٛد آسنھ) ہدایتچ وَتھ چھےٚ سوے حنیفی وَتھ یوٚسہ حضرت ابراہیمؑ سنٛز وَتھ آس تہٕ یقینن سُہ اوس نہٕ مُشرِکو منٛز۔

سورے آلِ عمرانس منز چھُ یوہے مضموٗن زیادٕ وضاحتہٕ سان بیان کرنہٕ آمُت :-

يَا أَهْلَ الْكِتٰبِ لِمَ تُحَآجُّوْنَ
فِيْٓ إِبْرَاهِيْمَ وَمَآ أُنْزِلَتِ
التَّوْرٰىةُ وَالْإِنْجِيْلُ إِلَّا
مِنْۢ بَعْدِهٖ ؕ أَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ○
(٣ : ٦٥)

اے اہلِ کتاب تۄہۍ کیازِ چھو حضرت ابراہیمس مُتلق حُجّت کران۔ حالانکہ یہ چھےٚ تُہۍ کتھ زِ تورات تہٕ انجیل گیہ تمہٕ پتہٕ واریاہہ کالی نازِل۔ کیا تۄہۍ چھےٚ نا یژھ وبُتھ کتھ تہٕ فکِر تران۔

یانے سُہ چھُہ یہودیٚن تہٕ عیسایٚن پرٛژھان زِ تہندٕ رن گرو ہُندِ ین ہنٛزِ تاریخ ہیٚکہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ تورات تہٕ انجیلِ کِس ظہورٕس تام گژھتھ تہٕ تۄہۍ وُنی تۄ تورات برٛونٛہہ تہٕ آسیا ہدایتھ یافتہٕ اِنسان موجوٗد کنہٕ نہ؟ اگر آسی تہٕ تِم کتھ وَنہٕ پیٚٹھ آسی؟۔ حضرت ابراہیم (علیہ السّلام) ییٚمہِ دینچ تالیم پننیٚن شُریٚن تہٕ زرٛیٚن دِژ تہٕ کُس دیٖن اوس؟ حضرت یعقوبٔ ییٚمہِ وِزِ مونہٕ نِس بسترس پیٚٹھ آسی تہٕ پننیٚن نیچوِیٚن آسی خدایہٕ سِندِس دینس پیٹھ دُرِتھ روزنچ وصیّت کران۔ تہٕ اَمہِ دینہٕ نِشہِ کُس دیٖن اوس مُراد؟۔ یہ چھےٚ تُہۍ کتھ زِ یہ ہیٚکہِ نہٕ یہودیٚن تہٕ عیسایَن ہنٛز گروہ بٔندی آسِتھ تکیازِ ییٚمہٕ دۄشوے گروہ بٔندی آیہ حضرت موسیٰؑ تہٕ حضرت عیسیٰؑ سِندِ ناوَس پیٹھ کرنہٕ تہٕ تِم سپدی حضرت ابراہیمؑس تہٕ حضرت یعقوبؑس گژھتھ تام ہتھ وُری پتہٕ پادٕ۔ لہٰذا اِسپُد معلوٗم زِ تہندٕ یوٗ یانے بناوی متیوٗ نجاتہٕ کیوٗ دٲیرٕ وتھٕ تہٕ چھےٚ کوسہٕ تام نجاتچ وَتھ موجوٗد یوسہٕ تمہٕ وِزِ تہٕ انسانس برٛونٛہہ کِنہٕ موجوٗد آس یۄسہٕ نہ ہمَن گروہ بٔندیَن ہُنٛز نیب نشانہٕ تہٕ اوس۔ قرآن چھُ وَنان زِ یہ آے نجاتچ وَتھ چھےٚ دینچ اصل وَتھ تہٕ یہ لبنہٕ خاطر چھنہٕ کُنہِ گروہ بٔندی ہنٛز بلکہ اعتقادچ تہٕ عملہِ ہنٛز ضروٗرت۔

امْ كُنْتُمْ شُهَدَآءَ إِذْ حَضَرَ
يَعْقُوْبَ الْمَوْتُ لا إِذْ قَالَ لِبَنِيْهِ
مَا تَعْبُدُوْنَ مِنْۢ بَعْدِيْ ط

تیٚلہِ کیا تۄہۍ آسِو تمہٕ وِزِ تُہۍ نِشے ییٚلہ حضرت یعقوبَس موت اوس شانِدس پیٹھ۔ تہٕ تِمو پرٛژھ پننیٚن اولادَن "وُنی مےٚ پتہٕ کہنٛز عبادت کرِو؟"

قَالُوا نَعْبُدُ اِلٰهَكَ وَاِلٰهَ اٰبَآئِكَ اِبْرٰهِيْمَ وَ اِسْمٰعِيْلَ وَاِسْحٰقَ اِلٰهًا وَّاحِدًا ۖ وَّنَحْنُ لَهٗ مُسْلِمُوْنَ ۝ (۲ : ۱۳۳)

تِمَو وَنیوٗس پَتہٕ ژٕ اُسی کَرَو تِمَے سٕے اَکِس خدا یہ سٕنٛز عبادت یُسٕنٛز عبادت ژٕ تہٕ کَرَان چھکھ تہٕ بییہٕ چھے چانٛہ بزرگو حضرتِ ابراہیمؑ تہٕ حضرتِ اسماعیلؑ تہٕ حضرتِ اسحاقن کرٕمژ ۔ تہٕ اُسی چھہ خدا یہ سٕنٛدِس حُکمس پیٹھ پکن وٲلۍ۔

## اصلِ دین چھُ وحدت تہٕ اخوّت :-

سُہ چھُ وَنان خدا یہ سٕنٛدِ پیغمبر یاد چھیہٕ انسان سٕنٛز باے برادری تہٕ گُنہٕ تفرقہٕ تہٕ نفرت نہٕ ۔ خدا یہ سٕنٛدیمہٕ تہٕ رسول دُنیہس مَنٛز آے سارِ ویے آسِ یہ آے تاکیم دٕژمٕژ تہٕ توہی ساری چھو اصلی اکاے اُمّت تہٕ اکاے جماتھ تہٕ توہہ سارِنی ہُنٛد پروردگار چھُ اکے ۔ لہٰذا یژٕ تِمَے سٕے اَکِس پروردگارہٕ سٕنٛز عبادت کرٕنی تہٕ اکہِ گرِکہن ہاژن ہٕنٛدی پاٹھی رٲلتھ مِلتھ روزُن ۔ یودوے پتہٕ تھ مذہبکی دٲعِیَن آس اَمی وَتہٕ ہنٛز تاکیم دٕژمٕژ مگر پتہٕ تھ مذہبکی مانَن وٲلۍ ڈٲلی اَمہ وَتہٕ نشہٕ نتیجہ دراو زِ پتہٕ تھ قومن تہٕ پتہٕ تھ نسلن بنو و پنُن پنُن بیون بیون جوتھ تہٕ پتہٕ تھ جوتھ گو پننِس طور طریقس مَنٛز مست ۔ یتی مبو پیغمبرو تہٕ مذہب دارو مَنٛز یمن یمن رہنماہن ہٕنٛدی وعظ قرآنِ مجیدن نقل کٔری مٕتی چھہ تِمَن سارِنی مَنٛز تہٕ چھے اصلِ اصول یہ آے حُقیقتھ تہٕ عومومن چھُ اکثر نصیحتن ہُنٛد خاتمہ دینہٕ کِس کُن آسنس تہٕ انسان سٕنٛز عالمگیر برادری ہٕنٛز تاکیمہ پیٹھ سپدان مِتھن

سوٗرے مومنوٗنس مَنٛز چھُ گوڈنیتھی حضرت نوح علیہ السلام سٕنٛدِ دعوتُک ذکر کران :-

وَلَقَدْ اَرْسَلْنَا نُوْحًا اِلٰى قَوْمِهٖ فَقَالَ يٰقَوْمِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ مِّنْ اِلٰهٍ غَيْرُهٗ ؕ اَفَلَا تَتَّقُوْنَ ۝

(۲۳ : ۲۳) اَوُ پتہٕ چھُ تِمَن دعوتن کُن اشارہٕ کران

یم حضرتِ نوحس پتہٕ نٔنہ نیران روز، ثُمَّ اَنْشَاْنَا
مِنْ بَعْدِهِمْ قَرْنًا اٰخَرِیْنَ ۝ فَاَرْسَلْنَا فِیْهِمْ
رَسُوْلًا مِّنْهُمْ اَنِ اعْبُدُوا اللّٰهَ مَا لَكُمْ
مِّنْ اِلٰهٍ غَیْرُهٗ (۲۳ : ۳۱-۳۲) اَوْ پتہٕ چھُ
حضرتِ موسیٰ (علیہ السلام) سٕنٛز ذکر کران ثُمَّ
اَرْسَلْنَا مُوْسٰی وَاَخَاهُ هٰرُوْنَ
(۲۳ : ۴۵) حضرت موسیٰ ہس پتہٕ چھُ حضرت
مسیح (علیہ السلام) سٕنٛز دعوت بڑوٚتھ کُن یوان
وَجَعَلْنَا ابْنَ مَرْیَمَ وَاُمَّهٗٓ اٰیَةً (۲۳ : ۵۰)
اَدٕ چھِ یمو سارؠوے دعوتو پتہٕ یہ صدای حق بلند سپدان :-

---

یٰۤاَیُّهَا الرُّسُلُ كُلُوْا مِنَ الطَّیِّبٰتِ
وَاعْمَلُوْا صَالِحًا ۭ اِنِّیْ بِمَا تَعْمَلُوْنَ
عَلِیْمٌ ۝ وَاِنَّ هٰذِهٖٓ اُمَّتُكُمْ اُمَّةً
وَّاحِدَةً وَّاَنَا رَبُّكُمْ فَاتَّقُوْنِ ۝
فَتَقَطَّعُوْٓا اَمْرَهُمْ بَیْنَهُمْ زُبُرًا ۭ
كُلُّ حِزْبٍۢ بِمَا لَدَیْهِمْ فَرِحُوْنَ ۝

(۲۳ : ۵۱ - ۵۳)

یانے سارؠوے پیغمبرو آس اکھ اکس پتہٕ بیاکھ آے تالیم دِژمٕژ زِ خدا! یہ سٕنٛز بندگی کرِو، بییہ گذارِو نیک عملن ہٕنٛز زندگی تۄہۍ ساری چھِو خدایہ سٕنٛزن نظرن منٛز کُنۍ اُمت تہٕ تۄہہ سارنے ہُنٛد پرؠودگار چھُ کُنے - یتھ تہٕ تۄہہ منٛز اکھ جماعتھ پانس بییہ جماعژ نِشہ بیون ژاتہٕ تہٕ نٔگرِ ہا اکھ جماعتھ بییہ جماعژ ہٕنٛز مخالف - "فَتَقَطَّعُوْٓا اَمْرَهُمْ بَیْنَهُمْ زُبُرًا"

تہٕ اَسہِ اوس سارنے پیغمبرن یوہے حکم دِتمُت زِ پاک تہٕ صاف چیز کھیو - تہٕ رُژن عملن ہٕنٛز زندگی گذارِو تۄہۍ یہ کینٛژھاہ کران چھِو بہٕ چھُس تمہ نِشہ بے خبر - بییہ (وُچھو) تُہُنٛد قوم چھُ دراصل اَکُے قوم تہٕ بہٕ چھُس تُہُنٛد پرؠودگار - اَدٕ نافرمانی نِشہ بچِو - مگر پتہٕ بنے یہ ترٛٹھ کتھا زِ لُوکھ ژٹیٚو اکھ اکس نِشہ تہٕ بناو کھ بیون بیون دین - پرتھ جماژ یہ کینٛژھاہ اَتھ آمُت چھُ سو چھِکھ تتھ منٛز مست -

مگر لُکو کوٚر آو یہ تالیم تہٕ بناوکھ پننہ بیون بیون ٹولہ "كُلُّ حِزْبٍۢ بِمَا لَدَیْهِمْ فَرِحُوْنَ ۝" وونی چھِے پرتھ کانٛہہ ٹولی تتھ منٛز مست یہ تس اَتھ آو -

## اصطباغک رسم :-

مذہبی گروہ بندی ہنٛد بُڈ سبب چُھ جو رسمو تہٕ رِواج منٛز چھُ اکھ رسم تہٕ چُھس عیسائی کلیسائن

مَنٛز مروج چھُ تہٕ یتھ تِم اصطباغ (بپتسمہٕ) وَنان چھِ۔ یہٕ اوس دراصل اکھ یہوٗدی رسِم یُس تِمہٕ وِزِ اوس اَدا یوان کرنہٕ ییٚلِہ لوٗکھ گوٗنہو نِشہٕ توبہٕ کران آسی۔ تہٕ اَدے آس نہٕ اَکھ پنٕنہٕ جایہٕ اَکِہ رسمہٕ کھوتہٕ زیادٕ کانٛہہ اہمیتھ۔ مگر عیسایو چھُ یوہے اِنسانہٕ سٕنٛدِ نجاتُک تہٕ سعادتُک بٔنی یاد زونہٕ مُت۔ یوٚتام نہٕ اکھ شخص مسیح سٕنٛدِس ناوَس پیٹھ بپتسمہٕ نِیہٕ سُہ چھُ تہٕ

یوان نیک تہٕ دیانت دار زانُنہٕ تہٕ نہٕ ہیکہٕ تَس آخرتُک نجاتھ ٹٔنتھ۔ قُرآن چھُ وَنان یہٕ کِژھ گُمراہی چھےٚ زِ انسانہٕ سُنٛد نجات تہٕ تٔمِسٕنٛز سعادت ییٚمہِ شِکِ دارِ مدار عملہٕ پیٹھ چھُ بییہِ محض اَکِس رسمس سیتی گنٛڈتھ تھوُنہٕ۔ انسانہٕ سُنٛد پانے مُقرر کوٚرمُت اصطباغ چھُ یہٕ زِ تٔہنٛدی دِل بِن خدا پرستی ہِنٛدِس رٔنگس مَنٛز رٔنگنہٕ۔

---

صِبۡغَةَ اللّٰهِ ۚ وَمَنۡ اَحۡسَنُ مِنَ اللّٰهِ صِبۡغَةً وَّنَحۡنُ لَهٗ عٰبِدُوۡنَ ۝ (۲ : ۱۳۸)

یہٕ چھُ خدایہٕ سُنٛد رٔنگ یانے خدایہٕ سٕنٛدِ دِنہٕ آمُت قودرتی اصطباغ تہٕ خدایہٕ سٕنٛدِ کھوتہٕ بیٚہتر رنگ دِنہٕ وول کُس ہیکہٕ آستھ۔ اَسی چھِ تٔسٕنٛزے بٔندگی کرن وٲلی۔

## عملِہ ہُنٛد قونوٗن :۔

یتھے کٔنی چھُ سورے بقرہٕ ہس مَنٛز پھِری پھِری وَنان زِ خدایہٕ سُنٛد دین چھُ عملہٕ ہُنٛد قونوٗن تہٕ یتھ انسانس کیٛوٗت چھُ تِ آسَن یہٕ تہٕنٛز کمٲے چھےٚ۔ یہٕ کیتھ زِ اَکِس جماتہٕ مَنٛز چھِ وارِیاہ بٔنی تہٕ برگزیدہٕ انسان گُذرِمٕتی۔ یانم چھِ نیک انسانن ہِنٛدِ نسلہٕ مَنٛز پاکِنہٕ بٔروٗنٹھِمس قومَس سیتی چھُ تِمَن پرٛانہٕ رِکٲرشتہٕ۔ نجات تہٕ سعادت خٲطرٕ چھُنہٕ یہٕ کینٛہہ تہٕ فٲیدٕ دِنہٕ وول۔

---

تِلۡكَ اُمَّةٌ قَدۡ خَلَتۡ ۚ لَهَا مَا كَسَبَتۡ وَلَكُمۡ مَّا كَسَبۡتُمۡ ۚ وَلَا تُسۡـَٔلُوۡنَ عَمَّا كَانُوۡا يَعۡمَلُوۡنَ ۝ (۲ : ۱۳۴)

یہٕ آس اکھ اُمت یوسہٕ گُذرے یہٕ۔ یہٕ کینٛژھا تِمی پنٕنہٕ عملہٕ سیتی کمودُس تِس کیٛوٗت اوس تِی تہٕ توہہٕ کیٛوٗت چھُ تی یہٕ کینٛژھا توہی پنٕنہٕ عملہٕ سیتی کمٲوِ۔ تِہنٛزِ کامہٕ خٲطرٕ ییٚیوٗنہٕ توہہٕ پرٛژھِم گار کرنہٕ

# قرآنچ دعوت :-

چنانچہ اُسی چھ وُچھان زِ قرآن مجیدس منز چھنہ نیپز نئِہ راوِ ننھ کانْہہ کتھ ییژ بہ کتھ چھےٚ۔ تتھی چھُ پھری پھری صاف تہٕ ٹاکارٕ پاٹھی امہِ کتھِ ہُنْد اعلان کورمُت زِ سُہ چھُنہٕ کُنہِ نوٚ مذہبی گروہ بٔندی ہِنْز دعوت ہیتھ آمُت بلکہ چھُ سُہ ییژھان زِ سارِوے مذہبی گروہ بٔندیو، جنگو نہ تناز و نشہِ دِیہ دُنی یہس نجاتھ تہٕ سارِنے

سوٚمبراوِنتھ اُکِس وَتہِ پیٹھ یوسہ سارِنے ہِنْز مُشترکہ تہٕ اتفاقچ وَتھ چھےٚ

سہٕ چھُ پھری پھری ونان زِ ییتھ وتہِ کُن یو ناد دِنہٕ چھُس دِوان سو چھےٚ نہٕ کانْہہ نوٚ وَتھ تہٕ نہ ییکہ پَنزِچ وَتھ نوٚ آسِتھ۔ یہ چھےٚ سوے وَتھ یوسہ گوڑٕ دوہہ پیٹھے موجوٗد چھےٚ تہٕ سارِوے مذہب دار وِچھہٕ اُتھی وَتہِ کُن ناد دیتْمُت۔

---

شَرَعَ لَكُمْ مِّنَ الدِّيْنِ مَا وَصّٰى بِهٖ نُوْحًا وَّ الَّذِيْٓ اَوْحَيْنَآ اِلَيْكَ وَمَا وَصَّيْنَا بِهٖٓ اِبْرٰهِيْمَ وَمُوْسٰى وَعِيْسٰٓى اَنْ اَقِيْمُوا الدِّيْنَ وَلَا تَتَفَرَّقُوْا فِيْهِ۔

(۴۲ : ۱۳)

بیٚیہٕ (وُچھو) تُہُنْدِ خاطرٕ چھےٚ تتھی دینچ سوے وَتھ مقرر کرٕمٕژ ییٚمچ وصیت نوٚحس کرنہٕ آمٕژ آس تہٕ بیٚیہ ییتھ پیٹھ پکنُک حُکم حضرتِ ابراہیمس، حضرتِ موسیٰہس تہٕ حضرتِ عیسیٰ ہَس دِنہٕ آمُت اوس (یمَن سارِنے ہِنْز تالیم آس یہی آسے) زِ "الدین" یانے خدایہ سُنْد کُن دین تھویٔن قایم تہٕ اَتھ وَتہِ منز پکو بیٚون بیٚون۔

سوٗرے نسا ہَس منز چھُ :-

اِنَّآ اَوْحَيْنَآ اِلَيْكَ كَمَآ اَوْحَيْنَآ اِلٰى نُوْحٍ وَّالنَّبِيّٖنَ مِنْۢ بَعْدِهٖ ۚ وَاَوْحَيْنَآ اِلٰٓى اِبْرٰهِيْمَ وَاِسْمٰعِيْلَ وَاِسْحٰقَ

(اے پیغمبر) اَسہِ سوٗزی تتھے کُنی پیٚنٕز وحی توہہِ کُن ییتھ کُنی حضرتِ نوٚحس کُن تہٕ بیٚیہ تمَن سارِنے نبیٖن کُن سوزمٕژ آس یِم حضرتِ نوٚحس پتہٕ آے بیٚیہ ییتھ کُنی حضرات ابراہیم، اسمٰعیل، اسحاق

وَيَعْقُوْبَ وَالْاَسْبَاطِ وَعِيْسٰى وَ
اَيُّوْبَ وَيُوْنُسَ وَ هٰرُوْنَ وَ
سُلَيْمٰنَ ج وَ اٰتَيْنَا دَاوٗدَ زَبُوْرًا ٥
وَرُسُلًا قَدْ قَصَصْنٰهُمْ عَلَيْكَ
مِنْ قَبْلُ وَرُسُلًا لَّمْ نَقْصُصْهُمْ
عَلَيْكَ ط (٤ : ١٦٣ - ١٦٤)

يعقوب، يعقوب سندي اولاد، عيسىٰ، ايوب، يونس هارون ۽ سليمان ڏانهن به اسان پنهنجي وحي سان مخاطب ڪئي. ۽ ٻيهر بخش داؤد کي زبور ڏنو علاوه ڪيترا پيغمبر اهڙا ڪيا جن جو حال اسان توهان کي ٻڌايو آهي ۽ ڪيترا اهڙا آهن جن جو حال اسان توهان کي ٻڌايو ناهي.

سورة انعام ۾ ڪجهه پيغمبرن جو ذڪر ڪري ٿو پيغمبر اسلام صلي الله عليه وسلم کي مخاطب ڪري فرمايو:

اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ هَدَى اللّٰهُ
فَبِهُدٰىهُمُ اقْتَدِهْ ط
(٦ : ٩٠)

هي اهي ماڻهو هئا جن کي خدا هدايت ڏني هئي. تنهنڪري اي پيغمبر توهان به انهن جي هدايت جي پيروي ڪريو.

## دعوت جا اصل اصول:

اهو ڏسڻ ۾ اچي ٿو ته دعوت جو بنياد هي آهي ته سڀني مذهبن ۽ آسماني ڪتابن جي گذريل پيغمبرن جي عزت ڪرڻ. يا نئين سر سڀني انسانن کي پيغمبرن جي تعليم ۽ ڪم جي خبر ڏجي ۽ انهن سڀني جي متفقه تعليم تي عمل ڪرڻ کپي جنهن ۾ ئي سعادت آهي.

---

قُلْ اٰمَنَّا بِاللّٰهِ وَمَآ اُنْزِلَ عَلَيْنَا وَمَآ
اُنْزِلَ عَلٰٓى اِبْرٰهِيْمَ وَاِسْمٰعِيْلَ وَ
اِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ وَالْاَسْبَاطِ وَمَآ

(اي پيغمبر، توهان ائين چئو ته) اسان جو خدا تي ايمان آهي، ۽ جيڪو اسان تي نازل ٿيو آهي تنهن تي به ايمان آهي. ۽ جيڪو ابراهيم تي نازل ٿيو تنهن تي ايمان آهي، ۽ سڀني تي ايمان آهي

اُوْتِیَ مُوْسٰی وَ عِیْسٰی
وَ النَّبِیُّوْنَ مِنْ رَّبِّهِمْ
لَانُفَرِّقُ بَیْنَ اَحَدٍ
مِّنْهُمْ وَ نَحْنُ لَهٗ
مُسْلِمُوْنَ ۝

(۳ : ۸۴)

حضرات ابراہیم، اسمٰعیل، اسحاق تہٕ یعقوبؑ تہٕ اولادِ یعقوبَن پیٹھ نازل سپُدمت چھُ یِنھٕ کِنۍ یہ کینژھا موسیٰؑ تہٕ عیسیٰؑ ہَس تہٕ دُنی بہکین سارِنۍ نبیٖن تہنٛدِس پروردگارٕ سٕندِ طرفہٕ دِنہٕ آمُت چھُ۔ تتھ سارِسے پیٹھ چھُ اَسِہ ایمان یِموَ مَنٛز چھِنہٕ اَسی کانٛہہ اکھ تہٕ بێین نِشہٕ بێوَن کڈان (زِ سُہ مانو نہٕ تہٕ باقے مانوکھ، اَسی چھِکھ ساریٖ ہوی پٔرزانان) تہٕ اَسی چھِ خدایہ سٕنٛد حُکم مانن والی (تسُند پۆز بێیِس تہٕ تہنٛزِ زبانی تہٕ آمُت آسہٕ تتھ پیٹھ چھُ سون ایمان)

# "تفریق بین الرُّسُل"

یتھ آیَس مَنٛز تہٕ بێیہٕ وارِیہن موقن پیٹھ چھُ قُرآنَن "تفریق بین الرُّسُل" (یانے پاٖغمبرَن مَنٛز پانہٕ وانۍ فرق کرُنی) اکھ سیٹھا بڈ گُمراہی مانِتھ مُسلمانن تہٕ پرِنٛچ وَتھ یہ وُنہٕ مٔژرِ "تفریق بین الرسل" نِشہٕ انکار کرُن۔ "تفریق بین الرسُل" چھُ یہ مانے زِ خدایہ سٕنٛدین پاٖغمبرَن مَنٛزِ تہنٛد پٔزی زیوٗنا آسنہٕ کِنۍ کانٛہہ فرق تہٕ ژٲر کرُنی۔ یانے یہ زانُن زِ یمو مَنٛز کیاہ اوس فلانۍ پٔزی زیوٗد تہٕ فلانۍ کیاہ اوسنہٕ پٔزی زیوٗر۔ نتہٕ کانٛہہ اکھاہ پٔزی زیوٗر زانُن تہٕ باقے سارِنۍ نِشہٕ مُنتھ پھِرُن۔ نتہٕ سارِنۍ مانُن تہٕ کانٛسہٕ اکِس سٕنٛد انکار کرُن۔ قرآن چھُ وَنان زِ پرٛتھ کانٛسہٕ پٔزی زیارِس انسانَس یُس خدایہ سٕنٛدِس پٔزِس دینِس پیٹھ پکُن یژھان چھُ۔ چھُ فرض زِ سُہ اَنہٕ فرق تہٕ ژٲر کرُنہٕ ورٲے سارِنۍ پاٖغمبرَن، سارِنۍ کتابَن، تہٕ سارِنۍ مذہبی دعوتَن پیٹھ ایمان تہٕ کانٛسہٕ اکِس سٕنٛد نہٕ کرُنہٕ انکار۔ تسُند وَطیرٕ گژھِ یہ آسُن زِ سُہ وَنہٕ پٔزرٕ بێیِس تہٕ نوۍن آسِہ وژامُت۔ تہٕ یہنٛزِ زبانی تہٕ نوۍن آسِہ وژامُت۔ سُہ چھُ پٔزرٕ تہٕ تتھ پیٹھ چھُ مێ ایمان۔

اٰمَنَ الرَّسُوۡلُ بِمَاۤ اُنۡزِلَ
اِلَيۡهِ مِنۡ رَّبِّهٖ وَالۡمُؤۡمِنُوۡنَ ‌ؕ
كُلٌّ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَمَلٰٓـئِكَتِهٖ
وَكُتُبِهٖ وَرُسُلِهٖ ۚ لَا نُفَرِّقُ
بَيۡنَ اَحَدٍ مِّنۡ رُّسُلِهٖ ۚ‌-
وَقَالُوۡا سَمِعۡنَا وَاَطَعۡنَا
غُفۡرَانَكَ رَبَّنَا وَ
اِلَيۡكَ الۡمَصِيۡرُ ‏۝

(۲ : ۲۸۵)

خدا یہ سُنٛد رسول چھُ اَتھ (کلام حقس) پیٹھ ایمان تھوان یُس تہٕنٛدِس پروردگارٕ سٕنٛدِ طرفہٕ تَس پیٹھ نازِل سپُدمُت چھُ تہٕ تِم لُکھ یِموا یمان اوٚنمُت چھُ، یِمَن سارِنٕے لُکَن چھُ خدایَس پیٹھ، تہٕنٛدِین ملایکن پیٹھ تہٕنٛزن کتابن پیٹھ تہٕ تہٕنٛدِین پاٚغمبرن پیٹھ ایمان۔

(تہٕنٛد ایمانٕچ کاٚم چھےٚ یہِ زِ تِم چھِ وَنان) اَسی چھنہٕ خدا یہ سٕنٛدیو پاٚغمبرو منٛز اکھ تہٕ بیٚیِن پاٚغمبرن نِشہٕ بیٚون کڈان (زِ کانٛہہ اکھ مانون تہٕ کانٛہہ مانون نہٕ) (تہٕ یِم چھِ تِم لُکھ زِ بیٚلہِ یِمَن خدایَس کُن نادِ دِنہٕ وآیی ناد دِیُت) تِموٚ وٚن خدایا! اَسہِ بوٗز چون پاٚغام تہٕ ٹِکی چاٚنِس حُکمس پیٹھ۔ اَسہِ کرُتہٕ مغفرت تہٕ اَسہِ سارِنٕے چھُ پوٚتس ژےٚ کُن پھیرِتھ یُن۔

سٕے چھُ وَنان خدا اے چھُ اَکے۔ تسُنٛد پٔزُت چھُ اَکے۔ مگر پزِ تیٚکُ پاٚغام چھُ وارِیاہَن زبانہِ منٛز واتناونہٕ آمُت۔ وونی اگر توٚہی کانٛہہ پاٚغمبرٕ سٕنٛزِ زبوٚ رِچھوون مانان تہٕ بیٚیِن چھِوٚ انکار کران۔ نہٕ اَمیُک مطلب گوٚو زِ توٚہی چھِو اَکے حقیقتھ اَکِس جایہِ مانان تہٕ بیٚیِس جایہِ رَد کران۔ نتہٕ چھِوٚ اَکے کتھ مانان تہٕ تہٕ رَد نہٕ کران۔ نتہٕ کتھ چھےٚ زِ یُتھ مانُن چھُنہٕ مانُن بلکہِ چھُ اکھ زیادٕ خراب قسمُک انکار۔

## خدا یہ سُنٛد پٔزُت چھُ تسُنٛز عام بخشاٰیش

سٕہ چھُ وَنان زِ خدا یہ سُنٛد پٔزُت چھُ تہٕنٛزن سارِنٕے کتھن ہِنٛدی پاٹھی تسُنٛز عالمگیر بخشاٰیش۔ یہِ سٕہ نہٕ ہیٚکو کُنہِ خاص زمانس سیتی واٹھِتھ نہٕ کُنہِ خاص نسلس تہٕ قومس سیتی۔ نہٕ کُنہِ خاص مذہبی گروہ سٕنٛدی سیتی توٚہہِ چھُوٚ پننہِ خاطرٕ بیٚون بیٚون قومیتہٕ ملکی

نہٕ نسلی حدٕبندی یہِ بناوٕمژ۔ مگر توٚہی ہیٚکوٕ نہٕ خدا
سٕندس پیٚترس مَنٛز بیٚژھ کانٛہہ فرق کٔرتھ۔ تتھ
نَہ چھےٚ کانٛہہ قومیت تہٕ نَہ نسل۔ نہ کانٛہہ جغرافیائی
حدٕبندی تہٕ نہ کانٛہہ جماعتی حلقہ بندی۔ سُہ چھُ
خدایہ سٕنٛدِ آفتابکۍ پأٹھی پرٕتھ جایہ پرٕزلان
تہٕ پرٕتھ انسانس گاش دوان۔ اگر توہہٕ خدایہ
سٕنٛدِ پیٚنٛتینگ تلاش چھُو نہٕ سُہ مہٕ ژھانٛڈِو
کُنہِ اَکی سےٚ جایہ۔ سُہ چھُ پرٕتھ جایہ توٚتہٕ نیران
تہٕ پرٕتھ زمانَس مَنٛز پننٛ ظہوٗر ہاوان۔ توہہٕ پزِ
نہٕ زمانن تہٕ قومن، وطنن تہٕ زبانَن تہٕ بیٚون
بیٚون گروبندین ہٕنٛد غولام بنٕنۍ بلکہِ صرف خدایہ
سُنٛد تہٕ تمۍ سٕنٛدِ عالمگیر پیٚنٛتیُک غولام بنٕن تُسنٛد

پزٕن بیٚینہٕ آمت آسہِ تہٕ بیٚتھ شکلہِ مَنٛز آمُت
آسہِ سُہ چھُ تہٕنٛد جاداد نہٕ توٚہی چھِوٕ تمِکۍ وارث۔

## وَنہٕ چھےٚ زٕ[2] ے:۔

چنانچہ تمۍ چھُ جایہ جایہ "تفریق بین الرُسل"
وَتھ اِنکارچ ہمٕ آنہٕ مژ۔ تہٕ ایمانچ وَتھ یہِ وَنۍ مژ
زِ کانٛہہ فرق کرنہٕ وِ آےِ ین ساری پزنِ زٕ یأری
مانٕنہٕ۔ سُہ چھُ وَنان زِ بیٚینہٕ چھےٚ زٕ[2] ے وَتہٕ۔ ترٚےیم
ہیٚکہ نہٕ آسِتھ۔ ایمانچ وَتھ چھےٚ زِ ساری مانوکھ
تہٕ کفرچ وَتھ چھےٚ یہِ زِ سارنے ہٕندیا کانٛسہِ اَکی سُنٛد
بیہ انکار کرنہٕ۔ بیٚینہٕ چھُ کانٛسہِ اَکی سُنٛد انکار نہٕ تیٚتھۍ
یُتھ سارنے ہٕنٛد انکار چھُ۔

---

اِنَّ الَّذِیۡنَ یَکۡفُرُوۡنَ بِاللّٰہِ وَ رُسُلِہٖ
وَ یُرِیۡدُوۡنَ اَنۡ یُّفَرِّقُوۡا بَیۡنَ اللّٰہِ
وَ رُسُلِہٖ وَ یَقُوۡلُوۡنَ نُؤۡمِنُ بِبَعۡضٍ
وَّ نَکۡفُرُ بِبَعۡضٍ ۙ وَّ یُرِیۡدُوۡنَ اَنۡ یَّتَّخِذُوۡا
بَیۡنَ ذٰلِکَ سَبِیۡلًا ۙ اُولٰٓئِکَ ہُمُ
الۡکٰفِرُوۡنَ حَقًّا ۚ وَ اَعۡتَدۡنَا لِلۡکٰفِرِیۡنَ
عَذَابًا مُّہِیۡنًا ۔ وَ الَّذِیۡنَ اٰمَنُوۡا بِاللّٰہِ
وَ رُسُلِہٖ وَ لَمۡ یُفَرِّقُوۡا بَیۡنَ اَحَدٍ مِّنۡہُمۡ

یِمو لوکو خدایس تہٕ تہٕنٛدین پأغمبرن نِشہِ بُتھ پھیرمُت چھُ
تہٕ یژھان زِ خدا تہٕ تہٕنٛدین پأغمبرن مَنٛز کرُن فرق (یانے
کانٛسہِ مانن خدایہ سُنٛد رسول تہٕ کانٛسہِ مانن نہٕ)، تِم چھِ وَنان
زِ یِمو مَنٛز چھِکہِ آسۍ اَڈی مانان تہٕ اَڈین ہُنٛد چھِ انکار کران۔ اَمِ
پتہٕ چھِ یژھان زِ کفرس تہٕ ایمانس مَنٛز کڈُن کانٛہہ ترٚییم
وَتھ پانس کرٕنہٕ۔ یقین کٔرِو زِ تِمے چھِ تِم لوکھ یِہندِس کفرس مَنٛز
کانٛہہ شک چھُنہٕ تہٕ یِمن لوکن ہٕنٛز وَتھ کفرچ وَتھ چھےٚ تِمن
کیٚتھ چھُ رسوا کرن وول عذاب تیار۔ مگر یِمو خدایس تہٕ تہٕنٛدین

اُولٰٓئِكَ سَوْفَ يُؤْتِيْهِمْ اُجُوْرَهُمْ ؕ وَكَانَ اللّٰهُ غَفُوْرًا رَّحِيْمًا ۝

(۴ : ۱۵۰ - ۱۵۲)

سارِنے پاۂغمبرن پیٹھ ایمان اَوَن تہٕ کانٛہہ اکھ پاۂغمبر کوٚرُکھ نہٕ بیٚین نِشہٕ بیوٚن (یانے کانٛسہٕ اُکی سٕنٛدِس ہِزِ زیور آسہٕ نَس کوٚرُکھ نہٕ انکار) تہٕ ہِزِ پاٹھی چھہ تِمے لوٗکھ یِمن جلدی خدا تِہنٛدی اجر دِیہٕ تہٕ سُہ چھُہ سیٹھاہ بوٚڈ بخشن ہار تہٕ میٚہربان۔

سوٗرۂ بقرہَس مَنٛزٕ یُس سوٗرِ فاتحہ پتہٕ گوڈنیُک سورہ چھُہ چھُنہِ پزِن موٗمن ہنٛز یہٕ وَتھ آمٕژ بیان کرٕنہٕ:۔

وَالَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِمَآ اُنْزِلَ اِلَيْكَ وَمَآ اُنْزِلَ مِنْ قَبْلِكَ ۚ وَبِالْاٰخِرَةِ هُمْ يُوْقِنُوْنَ ۝ اُولٰٓئِكَ عَلٰى هُدًى مِّنْ رَّبِّهِمْ ۙ وَاُولٰٓئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُوْنَ ۝ (۲ : ۴، ۵)

تہٕ تِم لوٗکھ یِمو تتھ پزرس پیٹھ ایمان اوٚن یُس (پیغمبر اسلام صلے اللہ علیہ وسلّمن پیٹھ) نازل سپُد مُت چھُہ بیٚیہ تِمن سارِنے پزِتین پیٹھ یِم توٚہہ برونٛٹھ دُنیاہس مَنٛز نازل سپدی مٕتی چھِہ تہٕ بیٚیہ چھکھ آخرت چہ زندگی پیٹھ پزٕ ژھ۔ لہاذا چھِہ تِمے لوٗکھ یِم پنٛنِس پروردگارسٕنٛدِ طرفہٕ مقرر کرنہٕ مٕتِس ہدایتس پیٹھ چھِہ تہٕ یِمے چھِہ تِم یِمو کامیابی لٕب۔

## دینہٕ کِس ناوس پیٹھ کیٛاز لڑٕ آے:۔

سُہ چھُہ وَنان اگر توٚہہ اَمہٕ نِشہٕ انکار چھِونہٕ زِ ساری زندگی ہنٛدِ کارخانُک چھُہ اَکُے خالق تہٕ تسٕنٛز پروردگاری چھِنے پرٕتھ مخلوقس ہیٛوٗے رٕچھان، تیٚلہِ کیٛازِ آسہٕ توٚہہ اَمہٕ کَتھہ نِشہٕ انکار زِ تسٕنٛدِ روٗحانی پزِ تیٚک قونوٗن تہٕ چھُہ اَکے تہٕ سُہ چھُہ اُکی طریقہٕ سارِنے انسانَن دِنہٕ آمُت سُہ چھُہ وَنان توٚہہ سارِنے ہُنٛد پروردگار چھُہ اکوٚے۔ توٚہی ساری چھِوٕ اُکی سٕے خدایہٕ سٕنٛد ناو ہیٚنہٕ وٲلی۔ توٚہہ سارِنے ہنٛد بوٚ وَنہٕ ہاوکیو چھِوٕ توٚہہ اَکے آے وَتھ ہاوٕمٕژ۔ تیٚلہِ کٔژھ پہ چلہ روٗس گُمراہی تہٕ عقلہِ ہُنٛد موت۔ ژِرشتہٕ اکوٚے وَتھ اکہٕ، مقصد اکوٚے مگر پرٕتھ جماتھ چھِنے بیٚیہ جماژہنٛز دُشمن تہٕ پرٕتھ انسان چھُہ بیٚیس انسانس نِشہٕ متنفِر تہٕ اَوٕ پتہٕ یہ سوٗرے جنگ وجدل کتھہ ناوس

پیٹھ چھُ یوان کرنہٕ تس خدایہٕ سِندِس ناوس
پیٹھ تہٕ تس خدایہٕ سِندِس دِینہٕ کِس ناوس
پیٹھ یِمی ساری اُکی سے بڑانڈ کنہٕ پیٹھ توٚمرآوی

متھ آسی۔ تہٕ ساری آسِن یا آے برادری ہنٛزٕ
اُکی سے زرٕ گنڈی متھ۔

---

قُلْ يٰٓاَهْلَ الْكِتٰبِ هَلْ تَنْقِمُوْنَ
مِنَّآ اِلَّآ اَنْ اٰمَنَّا بِاللّٰهِ وَمَآ اُنْزِلَ
اِلَيْنَا وَمَآ اُنْزِلَ مِنْ قَبْلُ ۙ وَاَنَّ
اَكْثَرَكُمْ فٰسِقُوْنَ ۝

(٥ : ٥٩)

بمَن لوٗکن وُنِو اسے اہل کتاب! توٚہی یم سائنِس مخالفتَس پیٹھ ہوٚل گنڈِتھ چھِو وُنِو اَمِہ ور آے کیاہ چھُ سون خطا زِ اَسِہ چھُ خدایس پیٹھ ایمان اوٚنمُت تہٕ بیٚیہ چھُ تتھ پیٹھ ایمان اوٚنمُت یہ اَسِہ پیٹھ ناآزل گوٚمُت چھُ۔ بیٚیہ یہ کینٛژھا اَسِہ برٛونٛہہ ناآزل گوٚمُت چھُ۔ سارِے چھِٚے پَژھ (تیٚلہ کیا تہنٛزن نظرن مَنٛز چھا خدا یہ سنٛز عبادت تہٕ خدا یہ سنٛدین پاآغمبرن ہُنٛد تصدیق کرُن جرم تہٕ عاآب۔ افسوس چھُ توٚہہِ پیٹھ) توٚہہِ مَنٛز چھِ زیادِتھی یم پَزِ چہ وَتہٕ نِشہ ڈٕلِتھ چھِ۔

وَاِنَّ اللّٰهَ رَبِّيْ وَرَبُّكُمْ
فَاعْبُدُوْهُ ۭ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ ۝

(١٩ : ٣٦)

(وُچھِو) خدا ے چھُ میٚون تہٕ تہنٛد وشوٚنی ہُنٛد پروردگار لہاذا کرِو تہنٛزے بندگی۔ یہ آے چھِٚے دینٛچ سیٚزٕ وَتھ۔

قُلْ اَتُحَاۗجُّوْنَنَا فِي اللّٰهِ وَهُوَ
رَبُّنَا وَرَبُّكُمْ ۚ وَلَنَآ اَعْمَالُنَا
وَلَكُمْ اَعْمَالُكُمْ ۚ وَنَحْنُ
لَهٗ مُخْلِصُوْنَ ۝

(٢ : ١٣٩)

(اے پیغمبر) وُنِو کیا توٚہی چھِو خدا یہ سنٛدِس معاملس مَنٛز اَسِہ سیٚتی لڑآے کران حالانکہ سون تہٕ تہنٛد وشوٚنی ہُنٛد پروردگار چھُ سُے تہٕ اَسِہ کرِ چھِٚے سانِہ عمَلہٕ تہٕ تہنٛدِ خاآطرٕ چھِٚے تہنٛزٕ عمَلہٕ (یانے پرٛتھ اِنسان چھُ پننِہ عمَلِہ مطاآبق بدلہٕ لبَن وول تیٚلِہ کیازِ آسِہ اَتھ کتھِ پیٹھ لڑآے؟)۔

یہ کتھ گژھہ یاد تھوٚنۍ زِ قرآنس منز بیٚیتہٕ نس ہیٚیتہٕ
اَمہٕ قسمُک خطاب کرنہٕ آمُت چھُ تیتھٕ کٔنۍ پیٹھ کنہٕ
کینہہ آیتن منز کرنہٕ آمُت چھُ "اِنَّ اللّٰہَ رَبِّیْ وَ
رَبُّکُمْ" خداے چھُ میٚون تہٕ تُہنٛد دۄشوٚنۍ ہُنٛد
پروردگار تہٕ "اِلٰھُنَا وَ اِلٰھُکُمْ وَاحِدٌ" سون
تہٕ تُہنٛد دۄشوٚنۍ ہُنٛد پروردگار چھُ کُنے۔ یا
"اَتُحَاجُّوْنَنَا فِی اللّٰہِ وَھُوَ رَبُّنَا وَرَبُّکُمْ
وَلَنَا اَعْمَالُنَا وَلَکُمْ اَعْمَالُکُمْ" کیاہ تۄہیہ
چھِو خدا یس ہنٛدِس ماملس منز اَسہِ ستی لڑائے
کران؟ حالانکہ سون تہٕ تُہنٛد سارِنٕے ہُنٛد پروردگار
چھُ سُے۔ تہٕ اَسہِ کرٛ چھِ سانہٕ عملہٕ تہٕ تۄہہ کرٛ
چھِ تُہنٛز تہٕ یمو سارِوے خطابو نشہِ چھُ مُراد
اُتھی حقیقتس پیٹھ زور دِیُن۔ یانے بیٚیلہ
سارِنٕے ہُنٛد پروردگار اَکُے چھُ پتہٕ انسان
چھُ تمیٚ سٕندِ نتیجہٕ لبن وول یتہٕ تمسٕنز عمل چھِ
تہٕ تیٚلہ کیاز چھُ خدا یس تہٕ مذہبُک ناوس
پیٹھ جنگ و جدل؟ سُہ چھُ پھِرِ پھِرِ ونان زِ
میانۍ تالیم چھےٚ تہٕ اَمہٕ ورٲے کینہہ تہٕ زِ بہٕ چھُس
نہٕ کُنہٕ مذہبس اپزٕ ونان تہٕ نہٕ چھُس کانٛسہِ
وَتہٕ ہاوِس نشہِ انکار کران۔ ساری ہوی
پُزی زیارٕی مانہٕنی تہٕ سارِنٕے ہُنٛز کٔنۍ مُشترکہ
تالیم چھےٚ میٚون دستور العمل۔ تیٚلہ کیاز چھُ سارِوے
مذہب مانن والیو منٛز خلاف اعلانِ جنگ کوٚرمُت۔

## قرآنُک مُطالبہ:۔

تہٕ یوہے وجہ چھُ زِ اُسی چھِہ
وُچھان نتہٕ چھنہٕ کُنہٕ مذہبُک مانن والِس
نِشہِ تہٕ یہ مُطالبہ کوٚرمُت زِ سُہ ماٚنن کانہہ
نوٚو دین، بلکہِ پرتھ جماعژ نشہِ چھُ سُہ یوہے
مُطالبہ کران زِ پننہٕ پننہٕ مذہبچ اصلی
تالیمہٕ پیٹھ یوسہٕ تۄہہ رنگہٕ رنگہٕ ژٹہٕ
واٹھ کرٕنۍ کرٕنۍ مسخ کرٕمٕژ چھِو کرِو پزٕ
سان عمل۔ سُہ چھُ ونان اگر تۄہہ تہٕ کوٚرو
تہٕ میانۍ کام گیہ پوٚرٕ۔ تکیاز تیٚتھے تۄہیہ پننہٕ
نس مذہبس کُن پھیرو تہٕ تُہنٛزن اُچھن
تل ییہ سوے حقیقتھ یتھ کُن بو تۄہہ ناد
چھُس دوان۔ میٚون پیغام چھنہٕ کانہہ نوٚو
پیغام، یہ چھُ سُے پرٛون تہٕ عالمگیر
پیغام یُس سارِوے مذہب وارِد
دِتھ مُت چھُ۔

قُلْ يٰٓاَهْلَ الْكِتٰبِ لَسْتُمْ عَلٰى
شَيْءٍ حَتّٰى تُقِيْمُوا التَّوْرٰىةَ
وَالْاِنْجِيْلَ وَمَآ اُنْزِلَ اِلَيْكُمْ
مِّنْ رَّبِّكُمْ وَلَيَزِيْدَنَّ كَثِيْرًا
مِّنْهُمْ مَّآ اُنْزِلَ اِلَيْكَ مِنْ
رَّبِّكَ طُغْيَانًا وَّكُفْرًا ۚ
فَلَا تَاْسَ عَلَى الْقَوْمِ الْكٰفِرِيْنَ ۝
اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَالَّذِيْنَ
هَادُوْا وَالصّٰبِئُوْنَ وَالنَّصٰرٰى
مَنْ اٰمَنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ
وَعَمِلَ صَالِحًا فَلَا خَوْفٌ
عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُوْنَ ۝

(٥ : ٦٨، ٦٩)

(اے پیغمبر یمَن لوٗکن ؤنو) اے اہلِ کتاب! یُتھ تام نہٕ توٚہۍ تورانَس تہٕ انجیلَس پیٹھ تہٕ تِمَن سارِنی صحیفن پیٹھ یِم توٚہہِ پیٹھ چھِ نازِل آمتۍ کرنہٕ پوٚرِ پوٚرِ عَمَل کرِو توٗتام چھِنہٕ دینَس مَنٛز توٚہہِ کیٚنٛہہ کینٛہہ نہٕ (اے پیغمبر) تہنٛدِس پروردگارٕ سنٛدِ طَرفہٕ یہ کینٛژھاہ توٚہہِ پیٹھ نازِل چھُ آمُت کرنہٕ آمِہ نٕش ہیٚداینہ حاصِل کرنہٕ بدلہٕ ؤچھو توٚہۍ یِمَن مَنٛزٕ وارِیاہن ہُنٛد کُفرٕ تہٕ بغاوَت ہُرِ آمِہ سٕتۍ بیٚیہٕ یِمن تہٕ یِمو لوٗکو رٕ پُرٕس پیٹھ پکنہٕ بجایہ تحفہٕ نٕشِ انکارٕ ہیچ وَتھ رٕٹ (تِم چھِنہٕ زانٛہہ مانن وٲلۍ) تہنٛدِس حالَس پیٹھ مہٕ کھیٚیو توٚہۍ کُنۍ غم۔ یِمو لوٗکو توٚہہِ پیٹھ ایمان اوٚنمُت چھُ۔ بیٚیہٕ یِم یہوٗدی چھِ، یِم صابی چھِ، یِم نصاریٰ چھِ (یِم آسِن یا بیٚیہٕ کانٛہہ خدایہ سُنٛد قونوٗن چھُ یہ) یُس اکھاہ خدایَس تہٕ آخرَتَس دوہَس پیٹھ ایمان اَنہِ تہٕ تہنٛز عَملہٕ تہٕ آسن پَزٕ تہٕ تَسَ کیٚنٛہہ نَہ چھُ کُنہٕ قسمُک خوف تہٕ نَہ پیٚیہِ تِمَن کانٛہہ غم۔

یوہے وجہ چھُ زِ قرآنَن چھُ تِمَن پَزٕ زیادٕ رِہن اِنسانن ہنٛدِ ایمانُک تہٕ عملہٕ ہُنٛد پوٚرِ کھُلہٕ دِلہٕ سان اعتراف کوٚرمُت۔ یِم قرآنہٕ کِہ نزوٗلہٕ وِزِ مختلف مذہبن مَنٛز موجوٗد آسی۔ تہٕ یِمو تہٕ بیٚیہٕ مذہبک حقیقی روٗح ضایہ کوٚرمُت اوس۔ البتہ سہٕ چھُ وُنان زِ یتھن لوٗکن ہُنٛد تیداد چھُ سیٹھاہ کم۔ ژوٚر تیداد چھُ تِمہٕ نِ لوٗکَن ہُنٛد یِمو خدایہ سٕنٛدِ دیٖنٕچ اعتقادی تہٕ عملی حقیقتھ سارِے راوٕرٕمٕژ چھےٚ۔

لَيْسُوْا سَوَآءً ۭ مِنْ اَھْلِ الْكِتٰبِ
اُمَّةٌ قَاۗىِٕمَةٌ يَّتْلُوْنَ اٰيٰتِ اللّٰهِ
اٰنَاۗءَ الَّيْلِ وَھُمْ يَسْجُدُوْنَ ۝
يُؤْمِنُوْنَ بِاللّٰهِ وَالْيَوْمِ الْاٰخِرِ
وَيَاْمُرُوْنَ بِالْمَعْرُوْفِ وَيَنْهَوْنَ
عَنِ الْمُنْكَرِ وَيُسَارِعُوْنَ فِي
الْخَيْرٰتِ ۭ وَاُولٰۗىِٕكَ مِنَ
الصّٰلِحِيْنَ ۝ وَمَا يَفْعَلُوْا
مِنْ خَيْرٍ فَلَنْ يُّكْفَرُوْهُ ۭ
وَاللّٰهُ عَلِيْمٌۢ بِالْمُتَّقِيْنَ ۝

(۳ : ۱۱۳ — ۱۱۵)

مِنْهُمْ اُمَّةٌ مُّقْتَصِدَةٌ ۭ وَ
كَثِيْرٌ مِّنْهُمْ سَاۗءَ مَا يَعْمَلُوْنَ ۝

(۵ : ٦٦)

قرآن یُس جایہ جایہ اکھ کتھ ییٛتھ
زور دِوان چھُ زِ سہٕ چھُ برونٹھِم آسمانی
کتابن ہُنٛد تصدیق کرن وول نہٕ تمن اپُٹ زانن
وول چھُنہٕ نہٕ اہلِ کتابن چھُ پھِری پھِری ونان زِ
"وَاٰمِنُوْا بِمَآ اَنْزَلْتُ مُصَدِّقًا لِّمَا
مَعَكُمْ" (۲ : ۴۱) تتھ کتابہِ پیٹھ اَنِو ایمان
ییٚمہٕ تُہنٛزِ کتابہٕ تصدیق کران نٛنی دژامٕژ چھےٚ

یہ چھےٚ نہٕ کنتھ زِ ساری آسن ہوی (نہٕ یمنے اہلِ کتابن منٛز
چھِ تِتھی تِہٕ کینٛہہ یِم اصل دینس پیٹھ قایم چھِ، تِم چھِ
راتٕژن بہتھ روزان تہٕ خدایہٕ سٕنٛدِ کلامچ تلاوت کران
تہٕ تہنٛد کلہٕ چھِ تس کُن سجدس منٛز نمٕتھ آسان۔ تمن چھےٚ
خدایس تہٕ آخرتہٕ کِس دوہس پیٹھ پژھ۔ تِم چھِ
نیکی ہُنٛد حکم دِوان تہٕ بدیو نِشہٕ ییتھ رٹان۔ تہٕ نیکی ہنٛزن وَتہٕ
کُن تیز پکان۔ تِم چھِ بلاشبہٕ نیک انسانو منٛز تہٕ یاد
تھٚوِو یِم لوکھ یوسہٕ کانٛہہ نیکی کران چھِ یہ ہیٚکہٕ نہٕ ہرگز
تہٕ ئُنتھ زِ تتھ کیا بِیہٕ نہٕ قدر کرنہٕ سو کیا گژھ ضایہ )
خدا یہ سٕنٛدِ عِلمہٕ نِشہٕ چھُنہٕ انسانن ہُنٛد حال ژُور
نہٕ چھُ زانان زِ کُس چھُ پرہیزگار۔
یِمن منٛز چھےٚ اکھ جماعتھ تِتھِین لوکن ہنٛزِ یِم میانہٕ رو
چھِ۔ مگر واریاہ تیداد چھُ تتھین لوکن ہُنٛد زِ تِم یہ کینٛژھا
کران چھِ سہٕ چھُ سیٹھاہ بےٚ یچھ کران۔

تہٕ اُمہٕ نِشہٕ چھُ مراد اُتھی حقیقتس پیٹھ زور دِیُن۔
یانے ییٚلِہ میاٛنی تالیم تُہنٛزن مقدس کتابن خلاف
کانٛہہ نو کنتھ پیش چھےٚ نہٕ کران تہٕ نہٕ چھُ تو ہیہ تمو نِشہٕ
ڈالُن یژھان بلکہٕ چھےٚ تمن ہُنٛد پوٚرٕ پاٹھی تصدیق
تہٕ تائید کران۔ تہٕ تیٚلِہ کیازِ آسہٕ تو ہیہ نہٕ مےٚ
پانہٕ وآنی تنانہٕ۔ تو ہی کیازِ کرِو مےٚ خلاف
اعلانِ جنگ ؟۔

# المعروف تہٕ المنکر :-

تہٕ اوٚپنہٕ یوٚہے وجہ چھُ زِ اُسی چھہ وُچھان زِ تتھ چھُ نیکی خاطرٕ "معروف" تہٕ بدی خاطرٕ "مُنکر" لفظ ورتاومُت۔

" وَاْمُرْ بِالْمَعْرُوْفِ وَانْہَ عَنِ الْمُنْکَرِ " (۱۷ : ۳۱)

معروف چھُ عرفہٕ نِشہٕ بنیمُت یمیک مانے پرزناوُن چھُ، لہٰذا معروف گیہٕ سو کتھ یۄس پیٚچھ بارٕ زان آسہِ یمنکر مانے گو انکار کرُن۔ یانے تِژھ کتھ بنیمِژ نِشہٕ انکار آسہِ آمُت کرنہٕ۔ لہٰذا چھِ قرآنن نیکی تہٕ بدی خاطرٕ یِم اَوٚسبہٕ وَرتاوی متی زِ یہٕ چھُ وناں دُنیہس منٛز آسی تن عقیدن تہٕ خیالن ہُنٛد کوتہٕ ہے اختلاف مگر کیٚنہہ کتھ چھےٚ تِژھ یِہنٛدس رُت آسنس پیٹھ سارِنے ہُنٛد اتفاق چھُ۔ کیٚنہہ کتھہ چھےٚ تِژھ یِہنٛدِس یچھ آسنس پیٹھ ساری متفق چھِ۔ مثلن یہ کتھ چھِ ساری مانان زِ پوٚز وَنُن چھُ رُت تہٕ اَپُز وَنُن چھُ خراب۔ سارِنے چھُ اَتھ کتھِ پیٹھ اتفاق زِ دیانتداری چھےٚ رٕژ کتھ تہٕ بددیانتی چھےٚ بُدی۔ اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ اختلاف زِ مالِس ماجہ ہنٛز خدمت، ہمسایس سیتی سلوٗک، مسکینن ہنٛز خبر گیری، مظلومہٕ سنٛز دادرُسی چھےٚ اِنسان سنٛز رٕژ عملہٕ تہٕ ظُلم تہٕ بدسلوٗکی چھےٚ یچھ عملہٕ۔

گویہ چھےٚ تمہٕ کتھہ یمن ہُنٛد رُت آسُن ساری زانِتھ تہٕ مانِتھ چھِ تہٕ یمن خلاف گژھُن چھُ عام پاٹھۍ انکارس تہٕ اعتراضس لایق۔ دُنیہکی ساری مذہب، دُنیہکِ ساری اَخلاق، دُنیہچہ سارے حکمٔژ تہٕ دُنیہچہ سارے جماژ، آسن تن بیٚین کتھن منٛز پانہٕ وانٛی کانٛہہ ہے مختلف مگر یوٚتام یمن عملن ہُنٛد تعلق چھُ سارِنے چھےٚ کُنی کتھ تہٕ کُنی راے۔

قرآن چھُ وناں یمہٕ عملہٕ یِہنٛد رُت آسُن سارِوے انسانو عام پاٹھۍ زونمُت چھُ، چھےٚ خدا یہ سنٛدِ دینہٕ چہ ضروری عملہٕ یتھے کُنی تمہٕ عملہٕ یمو نِشہٕ انکار چھُ آمُت کرنہٕ تہٕ یِہنٛدس یچھ آسنس پیٹھ سارِنے مذہبن

انفاق چھُ، چھےٚ خدایَس سٟنٛدِ دیٖنچہِ منع کرَن عملہٕ۔ چونکہ یہ کتھ آسٕ دیٖنچ اصل حقیقتھ اَوٕ سٟمہٕ ہیوٚکنہٕ اتھ منٛز اختلاف گٔژھتھ نہٕ مذہبی جماژن ہُنٛد بے شمار گمرٲہیَن منٛز آسنہٕ نہٕ حقیقت مُشراونہٕ باوجود آیہِ ہمیشہِ زانہٕ نہٕ مانہٕ۔ یمَن عملَن ہنٛدِس رُت آسنَس پیٹھ پرٛتھ زمانہٕ کِہن لوکن سارِنے مذہبن تہٕ سارِنے قومَن ہُنٛد یکجا انفاق آسُن چھُ یہنٛدِ الہامی اصلیتُک اکھ بوڈ ثبوت۔ لہٰذا یوٚتام عملَن ہُنٛد تعلق چھُ بہٕ چھُس تمہٕ نِش کتھن ہنٛدِ کرنُک حُکم دِوان یہنٛدِ رُت آسُن عام پٲٹھۍ زانہٕ نہٕ مانہٕ چھُ آمُت تہٕ بہٕ چھُس تمہٕ وِرے کتھو نِشہِ پتھ رٹان یمو نِشہِ انسانَن عام پٲٹھۍ انکار کوٚرمُت چھُ۔ یانے بہٕ چھُس معروفُک حُکم دِوان تہٕ مُنکرِ نِشہِ پتھ رٹان، لہٰذا ایتھ میانہِ دعوتُک یہ حال چھُ تیٚلہِ کیاہ زِ آسہٕ کانٛسہٕ انسانس ییٚس نیکی یہِ تہٕ بٔدی سٟتی اختلاف چھُنہٕ، مےٚ سٟتی اختلاف؟۔

# الدّین القیّم تہٕ "فطرۃ اللّٰہ"

سہٕ چھُ وَنان عملہِ ہنٛز یہاے وَتھ چھےٚ انسان ہنٛدِ خاطرٕ خدایس سٟنٛد بتوومُت فطری دیٖن، تہٕ فطرتُک قونوٗن چھُنہٕ زانٛہہ بدلان۔ یوہَے چھُ "الدّین القیّم" یانے سیٚود تہٕ شیوٚ، رُمُت دیٖن یتھ منٛز نہٕ کانٛہہ ہیچر تہٕ کجر چھُ۔ یوہَے چھُ دیٖن حنیف، ییٚمِچ دعوت حضرت ابراہیم علیہ السلام دِژمژ آس۔ امہٕ کُے ناو چھُ میانہِ زبانی منٛز "الاسلام" یانے خدایہِ سٟنٛدین بناومتین قونوٗنن ہنٛز فرمانبرداری۔

---

فَاَقِمْ وَجْهَكَ لِلدِّيْنِ حَنِيْفًا ۭ
فِطْرَتَ اللّٰهِ الَّتِيْ فَطَرَ النَّاسَ
عَلَيْهَا ۭ لَا تَبْدِيْلَ لِخَلْقِ اللّٰهِ ۭ
ذٰلِكَ الدِّيْنُ الْقَيِّمُ ڎ وَلٰكِنَّ

پرٛتھ طرفہٕ پھیرِو بُتھ تہٕ کرِو "الدّین" کُن یوت پنُن روخ۔ یہاے چھےٚ خدایہِ سٟنٛز فطرت ییتھ پیٹھ تمہِ انسان پٲدٕ کوٚرمُت چھُ۔ خدایہِ سٟنٛز بناوٹ ہیٚکہ نہٕ زانٛہہ بدلتھ۔ یوہَے چھُ "الدّین القیّم" (یانے پوٗرٕ تہٕ سیٚود دیٖن) مگر

اَکْثَرَ النَّاسِ لَا یَعْلَمُوْنَ ۝ مُنِیْبِیْنَ اِلَیْهِ وَاتَّقُوْهُ وَاَقِیْمُوا الصَّلٰوةَ وَلَا تَکُوْنُوْا مِنَ الْمُشْرِکِیْنَ ۝ مِنَ الَّذِیْنَ فَرَّقُوْا دِیْنَهُمْ وَکَانُوْا شِیَعًا ۭ کُلُّ حِزْبٍۢ بِمَا لَدَیْهِمْ فَرِحُوْنَ ۝

(٣٠ : ٣٠-٣٢)

واریاہ انسان چھِہ تِتھی یِم نہٕ زانان چھِہ (وچھو) تٔمہٕ سیٚے (اَکی سیٚے) خدا یَس کُن تھٲوِو توجہ۔ تہٕ تٔہنٛزِ نافرمانی نِشہِ بچیوِ۔ نِماز تھٲوِو برپا تہٕ مُشرِکو منٛز مہٕ بنِو۔ یِمو پننہٕ یٚس دٟنَس چھِلہٕ چھِلہٕ کٔرِ تہٕ بیوٚن بیوٚن جمأژ بناوِ تہٕ یِہٕ تھ جماتھ چھِہٕ تٔتھی منٛز مَست، یِہٕ تَس اَتھِ لوٚگ۔

# الاسلام

سُہ چھُ وَنان خدا یہ سُندبو مُت دِین یہ کینژھا چھُ نہٕ چھُ یي، اَمہٕ ورٲے یہ کینژھا بناو نہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ انسانٕی گروہ بندی ہنٛز گمرٲہی۔ لہٰذا اگر توٚہہِ خدا پرستی ہنٛدس بُنیادَس پیٹھ، یُس توٚہہِ سارِنٕے نِشہٕ اصل دِین چھُ۔ تٔمی نہٕ یمہٕ پانٕے بناوٕنٛژ غلط وَنہٕ تراوِو۔ میٚون مقصد گوٚ پوٗرٕ بوٚ چھُس نہٕ اَمہٕ کھوتہٕ زیاد کینژھہ نہٕ بیٛژھان۔

---

اِنَّ الدِّیْنَ عِنْدَ اللّٰهِ الْاِسْلَامُ ۣ وَمَا اخْتَلَفَ الَّذِیْنَ اُوْتُوا الْکِتٰبَ اِلَّا مِنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَهُمُ الْعِلْمُ بَغْیًۢا بَیْنَهُمْ ۭ وَمَنْ یَّکْفُرْ بِاٰیٰتِ اللّٰهِ فَاِنَّ اللّٰهَ سَرِیْعُ الْحِسَابِ ۝ فَاِنْ حَآجُّوْکَ فَقُلْ اَسْلَمْتُ وَجْهِیَ لِلّٰهِ وَمَنِ اتَّبَعَنِ ۭ

خدا بَس نِشہِ چھُ دِین اکوے تہٕ سُہ چھُ "الاسلام" ووٚنی یُس یہ اہلِ کتابو اختلاف کوٚر (تہٕ اَکِس دِینَس پیٹھ روزنہٕ بجاے آے یہوٗدی تہٕ نصرآنی جمأژن منٛز باگرنہٕ) سُہ سپُد اَمہٕ کِنہٕ زِ یوٚدوَے علم چھ تہٕ حقیقتھ وَتھ آس تِمَن پیٹھ بَلہٕ آمٕژ تراوِ نہٕ مگر پانہٕ وانی ضِد تہٕ سرکشی سیٛتی پیٚیے یہ اختلافَس منٛز تہٕ (یاد تھٲوِو) یُس کانٛہہ خدایہ سٕنٛزن آیتَن نِشہِ انکار کران چھُ تہٕ خدا یہ سُند

وَقُلْ لِّلَّذِيْنَ اُوْتُوا الْكِتٰبَ وَالْاُمِّيّٖنَ ءَاَسْلَمْتُمْ ۭ فَاِنْ اَسْلَمُوْا فَقَدِ اهْتَدَوْا ۚ وَاِنْ تَوَلَّوْا فَاِنَّمَا عَلَيْكَ الْبَلٰغُ ۭ وَاللّٰهُ بَصِيْرٌۢ بِالْعِبَادِ

(۳ : ۱۹-۲۰)

قونوٗنِ مُکافات تہٕ چھُنہٕ حساب ہیٚنس مَنٛز لوٚت پکان۔ تیٚلہٕ اگر یِم لوٗکھ توٚہہٕ سیٖتیٚ اَتھ مامَلس مَنٛز جھگڑٕ کرن۔ تہٕ توٚہی دِیو تِمَن زِ مےٚ آسی تہٕ مےٚ پتہٕ پکن والیٚن ہیٚنٛز وَتھ چھےٚ خدا یَس بَرٛوٗنٛہہ کنہٕ بندگی ہُنٛد کلہٕ توٚمرادُن تہٕ اَسہِ چھُ توٚمرُو مُت۔ اوٗہنہٕ پرٛژھو توٚہی یِمَن اہلِ کتابن تہٕ اَن پرٛن (یانے عربہٕ کیٚن مُشرکن) توٚہی تہِ چھیوا خدایَس بَرٛوٗنٛہہ کنہٕ نمان کِنہٕ نہٕ؟ یانے سارےٚ جھگڑٕ چہٕ کتھہٕ ترٛاوِو تہٕ دِیو توٚہہٕ چھا خدا پرستی منظور کِنہٕ نہٕ؟ اگر تِم نمےٚ یہ (سورےٚ جھگڑٕ گو ختم) تہٕ تِموٗلُب وَتھ۔ اگر بُتھ پھرن تہٕ تُہنٛز ذمہ دآری یہ کینژھا چھےٚ سو چھےٚ یِہاےٚ زِ حقُک پآغام واتناوِو۔ خدا یہ سُنٛز وَنظروَنہٕ چھُنہٕ بندن ہُنٛد حال اَوٚرِ۔

تِمی چھُ دِیتہٕ خاطرٕ "الاسلام" لفظ ورتاوُمُت تہٕ اَوُ سبہٕ اختیار کوٚرمُت زِ اسلامُک مانے چھُ کانٛہہ کتھ مانٕنۍ تہٕ حُکمس پیٹھ پکُن۔ یہٕ چھُ وَنان زِ دیٖنچ وَتھ چھےٚ یِہاےٚ زِ خداین یُس سعادتُک قونوٗن انسانس کیٚوٚت بنوومُت چھُ تتھ پیٹھ گژھِ پوٗرٕ پوٗرٕ پکنہٕ یُن۔ یہٕ چھُ وَنان زِ یہ چھُنہٕ کینٛژہٕ انسانس کیٚوٚتےٚ بوٗت ٹلِ کہِ چھُ سآری زندگا ہٕنٛز کآینات اُتھی بُنیادس پیٹھ دٔرتھ۔ سارِنےٚ ہیٚنٛدِ زِنٛدہٕ تہٕ باقی روزنہٕ خاطرٕ چھُ خدا ین کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ عملہٕ ہُنٛد قونوٗن مقرر کوٚرمُت تہٕ سآری چھِ تتھ ماتحتھ پکان۔

اگر اکِہ بَرٛشنِ خاطرٕ تہٕ نمہٕ نِشہٕ نُتھ پھرن سآرِسےٚ زندگی ہٕنٛدِس کارخانس گژھہ چھلہٕ ولآےٚ۔

اَفَغَيْرَ دِيْنِ اللّٰهِ يَبْغُوْنَ وَلَهٗۤ
اَسْلَمَ مَنْ فِي السَّمٰوٰتِ وَ
الْاَرْضِ طَوْعًا وَّكَرْهًا وَّ
اِلَيْهِ يُرْجَعُوْنَ ۝
(٣ : ٨٣)

تیلہِ کیا ہم لوکھ چھا یژھان زِ خدا یہ سُنٛد ٹھہرووُمُت دِین نزٛ آوِتھ ژھانڈُن پانس کیٛوت بییہ کانٛہہ دِین۔ حالانکہ آسمانن تہٕ زمیٖنن منٛز یِم مخلوٗق چھہِ ساری چھہِ چار و ناچار تٔہنٛدِس (مقرر کرٛدی متِس عملہِ ہنٛدِس) قونوٗنس بڑوٕ نہہ کنہ ٹھنٛھہ تہٕ (پوتَس چھُہ) سارِنے تسٕی کُن پھیرنہِ گژھُن۔

سہٕ ییٚمہِ وِزِ وَنان چھُہ "الاسلام" وراے چھُنہٕ کانٛہہ دِین خدایس نِشہِ مقبوٗل، تمیُک مَطلب چھُ یِی آسان زِ حُقیقی دینہ وراے یُس اکوے چھُہ تہٕ سارِنے رسوٗلن ہُنٛز کُنی تالیم چھےٚ۔ چھُنہٕ انسان سنٛز بناوٕژ کانٛہہ تہٕ گروہ بنٛدی قبوٗل۔ سورے آلِ عمرانَس منٛز ییٚتہ نَس یہ کتھ بیان کران چھُہ زِ اصلی دِینٕچ وَتھ چھےٚ سارِنے مذہب دارن مانٕنٕچ تہٕ تِہنٛزِ تالیمہِ پیٹھ پکنٕچ وَتھ تسی تھےٚ چھُہ سینی یہ تہٕ وَنان:۔

---

وَمَنْ يَّبْتَغِ غَيْرَ الْاِسْلَامِ
دِيْنًا فَلَنْ يُّقْبَلَ مِنْهُ ۚ
وَهُوَ فِي الْاٰخِرَةِ مِنَ
الْخٰسِرِيْنَ ۝
(٣: ٨٥)

زِ یُس اکھ اسلامہ وراے بییہ کانٛہہ دِین ژھانڈِ نہٕ یاد تھوِو تسٕنٛزِ وَتھ بییہ نہٕ زانٛہہ قبوٗل کرنہٕ تہٕ سہٕ وُچھِ آخرتَس منٛز زِ تٔہنٛز جاے چھےٚ نوقصان تُلن والین منٛز۔

اَدَے چھُ سارِنے دعوتیٚ پارٛدی کرن والین بار بار خبردار کران زِ دینس منٛز تفرقہٕ تہٕ گروہ بنٛدی نِشہِ روزُن دوٗر۔ تہٕ تتھ گُمراہی منٛز گژھن نہٕ بییہ مُبتلا ییٚمہِ نِشہِ قرآن نجات دیوٗومُت چھُ۔ سہٕ چھُ وَنان زِ مِیانی دعوتن چھہِ ساری انسان یِم مذہب کِس نادس پیٹھ اُکس اکھ سنٛدی دُشمن بنے مُتی آسی، خدا پرستی ہنٛزِ وَتہِ منٛز تِتھہِ کنٛی وا تمتی زِ تِم بنےیہِ اُکس اکھ زوٗ ونٛدن واٗلی باے۔ اکھ یہوٗدی یُس بڑونٛتھ حضرت عیسیٰ علیہ السلام

شُندناو بوٗزی تھے نفرت سان بُتھ پھِران اوس اکھ عیسا‌ٓےیُس پزتھ یہوٗدی سٕندس رتس ترٛیشان اوس، اکھ مجوٗسی یمِس تِہ مجوٗسیو ورا‌ٓے ساری ناپاک آسی، اکھ عرب یُس پانس ورا‌ٓے سارِنے انسانن بتہٕ کرِ شرفہٕ تہٕ حُسنہٕ نِشہ خالی زانان اوس۔ اکھ صابی

یَس یقینن اوس زِ دُنیہِ ہنٛک پٔرٛون پرٛزنت چھُ تسی یوٗت حِصہٕ آمُت۔ یِم ساری چھِ قرآنکِ دعوتن اُکی سے صفس منٛز ووٕدنہٕ تھاوی مٔتی۔ تہٕ ووٕنی چھِ یِم ساری اکھ اکِس ہتی نفرت کرنہٕ بَدلہٕ اکِس اکھ سٕندِ بن مذہبی وَتہٕ ہاوکن تصدیق کران تہٕ سارِنے ہنٛز اُکی سے ہیداینچہ وَتہٕ پیٹھ پکان۔

---

وَاعْتَصِمُوا بِحَبْلِ اللّٰهِ جَمِيعًا
وَّلَا تَفَرَّقُوا ص وَاذْكُرُوا
نِعْمَتَ اللّٰهِ عَلَيْكُمْ اِذْ كُنْتُمْ
اَعْدَآءً فَاَلَّفَ بَيْنَ قُلُوْبِكُمْ
فَاَصْبَحْتُمْ بِنِعْمَتِهٖٓ اِخْوَانًا ج
وَكُنْتُمْ عَلٰى شَفَا حُفْرَةٍ مِّنَ
النَّارِ فَاَنْقَذَكُمْ مِّنْهَا كَذٰلِكَ
يُبَيِّنُ اللّٰهُ لَكُمْ اٰيٰتِهٖ
لَعَلَّكُمْ تَهْتَدُوْنَ ہ

(۳ : ۱۰۳)

بیٚیہِ (وُچھو) ساری سُمنتھ کٔرِو خدا یہ سٕنٛزِ رَزِ دَرِ سان تھپھ تہٕ ہیٚوں ہیٚون مہٕ گٔرِ ھو۔ خدا ین یُس فضل تہٕ کرم توٕہِ پیٹھ کوٚر مُت چھُ سُہ کٔرِو یاد۔ تُہنٛدحال اوس یہِ زِ اکِس اکھ سٕندی دُشمن آسی وٕنی مٔتی۔ مگر خدا ین ترٛووٕ تُہنٛدین دلن منٛز اکھ اکی سُنٛد موحبتھ یُتھ توٕہی بائے بنیو۔ بیٚیہ (وُچھو) تُہنٛدحال اوس یہِ زِ تُنہٕ اوس اکھ نار پوٗرُت چاہ تہٕ توٕہی آسیو تِمہِ کِس بٹھس پیٹھ ووٕدِنہٕ۔ مگر خدا ین بچاوِو توٕ توٕہی۔ خدا ے چھُ یتھے کنی پنٕنہٕ قدرتُک نشانہٕ توٕہِ کرِتھ تہٕ راوان یُتھ توٕہی ہیدایتھ لٔبِو۔

بیٚیہ (وُچھو) تِمَن لوکن ہٕنٛدہ پٔٹھ وٕ طرز کٔرِو زِ یو تہٕ اختیار یِم (اکِس دیٖنس پیٹھ ڈٔرِتھ روزنہٕ بدلہٕ) ہیٚون ہیٚون گٔے تہٕ اختلافس منٛز پیے۔ حالانکہ پرٛزلہٕ وٕنہٕ دُلیلہٕ آسہٕ تِمن برٛونٛہہ کُن آمٕژ (یاد تھٔوِو) یِم چھِ تِمے لوکھ یِہنٛدِ خاطر کامیابی تہٕ فلاح بدلہٕ بوٚڈ (گوٚب) عذاب چھُ۔

وَلَا تَكُوْنُوْا كَالَّذِيْنَ تَفَرَّقُوْا
وَاخْتَلَفُوْا مِنْۢ بَعْدِ مَا جَآءَهُمُ
الْبَيِّنٰتُ وَاُولٰٓئِكَ لَهُمْ عَذَابٌ
عَظِيْمٌ ہ (۳ : ۱۰۵)

وَاَنَّ هٰذَا صِرَاطِيْ مُسْتَقِيْمًا
فَاتَّبِعُوْهُ ۚ وَلَا تَتَّبِعُ السُّبُلَ
فَتَفَرَّقَ بِكُمْ عَنْ سَبِيْلِهٖ ۚ
ذٰلِكُمْ وَصّٰكُمْ بِهٖ لَعَلَّكُمْ
تَتَّقُوْنَ ۝

(٦ : ١٥٣)

بیٚیہٕ (وچھو) یہٕ چھےٚ میٲنۍ وَتھ بلکُل سیٚزٕ وَتھ۔ لہٰذا
یکوٗ اَتھۍ اَکِس وَتہِ پیٹھ نہٕ بیٚیوٚن بیٚیوٚن وَتن مَنٛز گوٚنہٕ کیازِ
تمہٕ کرٕ نوٚ تۆہہ خدا یہِ سٕنزِ وَتہِ نِشہِ ڈٲلِتھ بیٚیوٚن بیٚیوٚن
یہاے کَتھ چھےٚ بیٚیمِتھ تۆہہ خدا حُکم دوان چھُ۔
یُتھ تۆہۍ (نافرمٲنی نِشہِ) بچِو۔

## قرآن تہٕ تمہِ کِہن مُخالِفن ہُنٛدِ فسادُک گوڑ:۔

وو وٕنی کرٕی تۆ یتھ اختلافَس پیٹھ
رٕژھ کھنٛڈ غور یُس قرآنَس تہٕ تمہِ کِہن مخالفن
منٛز پاد گوٚمُت اوس۔ یِم مخالف کم آسی؟

یِم آسی یُتی مین مذہبن ہنٛدی مانن والی۔
یِمو منٛز اَڈٕ بن نِشہِ کتاب آس تہٕ اَڈٕ بن
نِشہِ آس نہٕ۔

## اَچھا اختلافُک وجہ کیا اوس؟

کیا یہ وجہ اوس ز قرآنَس اوس تِہنٛدِ بن
مذہب دارن تہٕ وتہٕ ہاوکِن اِنکار کوٚرمُت؟
یا تِہنٛزِ مقدس کتابَو نِشہِ انکار کوٚرمُت؟۔
نہٕ اوسے اد کھ تمہِ کِس مخالفتس پیٹھ ہوٚل
گوٚنڈمُت۔ کیا اوس یہ زِ تمۍ اوس دعوے
کوٚرمُت زِ خدا یہ سُنٛد بزُت چھُ صرف سٕے

یوت باگہ آمُت تہٕ سارنی مذہب والین پرٕ بنیہٕ
پنُنہٕ مذہب چہِ تالیمہِ نِشہِ یُتھ پھیرُن؟ نتہٕ آسا
تمۍ دپنہٕ کِس ناوَس پیٹھ تڑھ کتھ وُنی مِش
یوسہٕ مذہبس پیٹھ یکن والین کرٕ بلکُل نو آس
نہٕ اوسے آسی نہٕ تم سو مانُنس تیار؟۔
قرآنکی صفہٕ چھ مُنٛزر آوِتھ تہٕ امہِ کہٕ نزدیچ

تاریخ نہٕ چھےٚ دٕنی یہس بڑٕ وشہہ کنہٕ۔ یم دوہ نوے
چھ اَسہٕ وَنان زِ یمَو سارِ وِے کتھو منٛز اَس
نہٕ کانٛہہ کتھ نہٕ، نہٕ نہ ہیٚکہٕ ہا آسِتھ۔ تِمو کوٚر
نہٕ تِمَن سارِنٕے وَتہٕ ہاوکھن ہُنٛد تصدیقے
یوت یہندی مانن وٲلی تس بڑٕ وشہہ کنہٕ
آسی بلکہ صاف صاف لفظن منٛز وٕنٛ زِ یمے
بڑٕ وشہہ یم نہٕ رسولؑ تہٕ مذہب دار آمتی چھ۔ یو
چھُس سارِنٕے ہُنٛد تصدیق کران تہٕ یمَو منٛز
کانٛسِہ اکِس ہُنٛد انکار کرُن زانان خدا یہٕ سٕنٛدِ
پیٚژتیک انکار کرُن۔ تِمو وٕن نہٕ کُنہٕ مذہب کِس
مانَن وٲلِس زِ سہ کرِن پننہٕ مذہبچہٕ تٲلیمہِ نِشہٕ
انکار۔ بلکہ یہٕ لہ زانہہ مطالبہٕ کوٚرُن سُہ اَوس
یی زِ پننہٕ پنُن پننہٕ نیٚن مذہبَن ہنٛزِ تٲلیمہِ پیٹھ
کرِ عمَل۔ تکیازِ سارِنٕے مذہبن ہنٛز اصل
تٲلیم چھےٚ اکے۔ تِمو نہٕ کوٚر کانٛہہ نوٚو اصول
پیش تہٕ نہٕ وُنن کانٛہہ نوٚو عمَل۔ تِمو دیُت ہمیشہٕ
تِمہٕ نٕے کتھن پیٹھ زور یمہٕ دُنیا ہکھن سارِنٕے
مذہبن ہنٛز زانہٕ منٛز تہٕ مانہٕ منٛز کتھ چھےٚ۔ یانے
ایمان تہٕ عملِ صالح تہٕ پژٕن عملَن ہنٛز زندگی
تِمو بیٚیلہِ لُکن پانس کُن نادٕ دیُت مُت
چھُن تنیلہٕ چھُ نکھٕ یی وونمُت زِ پننہٕ پننہٕ
مذہبچ حقیقی تٲلیم کرِو نوِ سرِ زِنٛدٕ۔ تُہنٛد نہٕ کرِنٕے
گوبو مانُن۔ سوال چھُ یہٕ زِ بیٚیلہِ قرآن چہٕ تٲلیمہ
ہُنٛد یہِ حال اوس تیٚلہِ کتھ پیٹھ اوس تَس تہٕ
تہنٛدین مخالفَن تناز؟ اکھ شخص یُس نہٕ کانٛسِہ
بَد وَنان چھُ تہٕ سارِنٕے ماتان تہٕ تعظیم کران چھُ
بیٚیہ چھُ ہمیشہٕ تِمہٕ نے کتھن ہنٛز تٲلیم دوان
یمہٕ سارِوے مانہٕ منٛز چھےٚ۔ وو نیٚے تس سٕتی
کانٛہہ لڑِ تہٕ کیازِ؟ تہٕ لُکن کیازِ آسہِ تس سٕتی پننہٕ
نِشہِ انکار۔ یہٕ تہٕ ہیٚکو وٕنِتھ زِ مکہٕ کھن قریشَن
ہنٛز مخالفت آس اکھ بنا ہِس پیٹھ زِ قرآن
اوس بُت پرستی نِشہِ انکار کوٚرمُت تہٕ تِمن اوس
بُت پرستی سٕتی محبت۔ پُزی یا آٹھی چھُ مخالفتُک
اکھ وجہ یہٕ نہٕ، مگر یو ہے یوت ہیٚکہٕ نہٕ مخالفتُک
وجہ آسِتھ۔

سوال چھُ زِ یہود یو کیازِ کرٕ مخالفت، یم
بُت پرستی نِشِ بلکل دوٗر اٲسی۔ عیساے کیازِ گٔیے
دُشمن یمَو نہٕ زانہہ نہٕ بُت پرستی ہنٛدِ حمایتُک
دعوی کوٚر۔ حقیقتھ چھےٚ یہٕ زِ مذہب کھن مانن وٲلین
ہنٛز مخالفت آس نہٕ اَوسہٕ زِ سُہ کیازِ چھُ تِمن رد
کران بلکہ آس اَوسہٕ زِ سُہ کیازِ چھُنہٕ تِمن رد
کران۔ پژتھ مذہبک پارٕ اوس یژھان زِ سہ

گژھِ تِمِسۍ یوت پزی زبور مانُن تہٕ بانٕے سارِنے رد کرُن۔ مگر سُہ اوس سارِنے ہیٚوُے تصدیق کران۔ لہٰذا ہیٚکہ ہا نہٕ تِمن تِمہٕ کانٛہہ خوش روزتھ۔ یہودی آسہ اَتھ کتھِ پیٹھ بڈٕ خوش زِ قُرآن چھُ حضرتِ موسیٰ علیہ السلام سُنٛد تصدیق کران۔ مگر سُہ اوس تہٕ بیٚنٛے یوت کران ٹلی کِہ اوس حضرتِ مسیح (عیسیٰ علیہ السلام) سُنٛد تصدیق تہٕ کران۔ تہٕ اوتس واتتھ اوس تُنٛد تہٕ یہودین ہُنٛد اختلاف شورو گژھان۔ عیسایی کیا اعتراض ہیٚکہ ہا اَتھ کتھِ پیٹھ آسِتھ زِ حضرتِ مسیح تہٕ حضرتِ مریمؑ سٕنٛزِ صداقتُک تہٕ پاکی ہُنٛد اعلان ییہِ کرنہٕ۔ مگر قرآن اوس تہٕ بیٚنٛے یوت کران سُہ اوس یتہٕ وَنان زِ نجاتُک دارٕ مدار چھُ عملِہ پیٹھ نہٕ کہِ کفارس تہٕ اصطباغس پیٹھ تہٕ نجات کِہ قونونُک یہ عالمگیر بجرا اوس عیسایی کُلیسا خاطرٕ ناقابلِ برداشت۔ یتھے کٔنی ہیٚکہ ہا نہٕ مکہ کین قریشن ہنٛدِ خاطرٕ امہِ کھوتہٕ زیادٕ خوش یوٚونی کانٛہہ کتھ آسِتھ زِ حضرت ابراہیم تہٕ حضرت اسماعیل (علیہما السلام) سٕنٛزِ بزرگی ہُنٛد اعتراف ییہِ کرنہٕ مگر ییٚلہِ تِم وُچھان آسی زِ یتھ کٔنی قرآن یمن دوشوٕنی ہنٛزِ بزرگی ہُنٛد اعتراف کران چھُ تتھے کٔنی چھُ یہودین ہنٛدین پاغمبرن تہٕ عیسایَن ہنٛدِس داعی سُنٛد تہٕ معترف انی اوس یہنٛدِس نسلی تہٕ جماتی غرورس دکہٕ لگان۔ تِم آسی وَنان زِ یتھی لوکہ کتھہٕ کٔنی ہیکن حضرتِ ابراہیمؑ سٕنٛدی تہٕ حضرتِ اسماعیلؑ ہنٛدی پارٕ آسِتھ، یِم تِہنٛزِ بزرگی تہٕ صداقتس مَنٛز بیٚیَن تہٕ شامل کران چھِ۔

## تِرٛے اُصول:۔

ژھوٚٹی پاٹھی بوٕزی توٚہۍ زِ قرآنکی آسی ترٛے اُصول نِتھی یم تس تہٕ سارِنے مذہبن مانن والین مَنٛز فسادُک گوڑ آسی:۔

I :۔ سُہ اوس مذہبی گروہ بندی ہنٛدِ روٚھک مخالف نہٕ دینِ کہِ وحدتُک یانے اَکھ آسنُک اعلان کران۔ اگر مذہبن ہنٛدی پارٕ ویہ مانہٕ ہن تِمن ییٚیہ ہا تسلیم کرُن زِ دینُک پزُت چھُنہٕ اَکی سے جماژ حصہٕ آمُت ٹلی کہِ چھُ سارِنے ہیٚوُے میوٚلمُت۔ مگر یوٚہے مانن اوس تِہنٛزِ گروہ پرستی پیٹھ ٹاس اَنان۔

II :۔ قرآن اوس وَنان نجاتُک تہٕ سعادتُک دارٕ مدار چھُ عملِہ پیٹھ۔ کُنہِ نسلس قومس

گروہ بندی تہٕ ظاہری رسمن پیٹھ چھُنہٕ امیُک
دارٕ مدار۔ اگر تم یہٕ ہنی یاد مانہٕ ہن تیلہٕ اوس
نجاتُک درواز کُنہٕ امتیازٕ ورآے سارنے
انسانن پیٹھ وٕتھ گژھان تہٕ کُنہٕ اکہٕ مذہبی
حلقچ ٹھیکہٕ داری روزٕ ہانہٕ باقے۔ مگر امہٕ
کتھِ خاطرٕ اوس نہٕ ہیو مومنٕز کانٛہہ تیار۔

III :- سُہٕ اوس وَنان زٕ اصل دِین گو
خدا پرستی تہٕ خدا پرستی گیہٕ یہٕ زِ سیوٚد پاٹھی
ییہِ خدا یہِ سنٛز عبادت کرنہٕ۔ مگر دُنیا ہچِیو
سارٕ وٕے مذہبی جماژ و آس کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ شکلہٕ
منٛز بُت پرستی اختیار کرمژ تہٕ یوٚدوٕے تمن
اوس نہٕ امہِ کتھِ نِشہٕ انکار زٕ اصل دِین چھُ
خدا پرستی تہٕ خداے چھُ اکوٕے مگر یہِ کتھ
آسکھ سیٹھا سخ لگان زِ پنہٕ نیوٚ ناٹھبو عادی
طریقو نِشہٕ گژھن دست بردار۔

## بحثُک خلاصہٕ :-

یتھ کُن ہم تفصیلات وننہٕ آے تمن ہُند
خلاصہٕ ہیکو یتھ کنی پیش کرِتھ :-

١ - قرآن کہ نازِل سپدنہٕ وِزِ اوسنہٕ
دُنیُک مذہبی تخیُل امہ کھوتہٕ زیادٕ بڈ یومُت
ییتھ منٛز نسلن، خاندانن تہٕ قبیلن ہنٛز معاشرتی
حدبندی ہنٛدی پاٹھی مذہب تہٕ اکھ خاص گروہ
بندی آس کرنہٕ آمژ۔ یژھ گروہ بندی ہُند انسان
اوس خیال کران زٕ دینُک پزُت چھُ صرف تسی پوت
حصہٕ آمُت۔ یُس انسان تہنٛز مذہبی حد بندی
منٛز امت چھُ تسی چھُ نجات لوبمت تہٕ یُس نہٕ
اکھ منٛز چھُ سُہ چھُ نجاتہٕ نِشہٕ محروم۔

٢ - یژھ جماژ نِشہٕ آس مذہبچ ہنی یاد تہٕ
حقیقتھ محض تمہِ کِ ظاہری اعمال تہٕ رسم۔ یتھے
اکھ انسان تم اختیار کران اوس یقین اوس
یوان کرنہٕ زِ تمی لوٚب نجات تہٕ سعادت مثلن عبادژ
شکل تہٕ طریقہ، قوربانین ہُند رسم تہٕ قاید۔ کانہہ
چیز کھیوٚن یا نہٕ کھیوٚن، کُنہٕ خاص طریقُک لبس
لاگُن یا نہٕ لاگُن۔

٣ - چونکہ یمہ عملہٕ تہٕ رسم آسی یژھ مذہبس
منٛز ہیوٚن ہیوٚن امہ کنی اوس یژھ مذہبس

پٲروس یقین زِ بیا کھ مذہب چھُ پزِ تہٕ نِشہٕ خٲلی تکیازِ
اَمِچہ عملہٕ تہٕ رسم چھِنہٕ تِمن ہِنٛزِ تِمی پانہٕ اپناوی
مٕنٛزِ چھہٕ۔

۴ ـــ پرٛتھ مذہبی جماژ ہُنٛد دعویٰ اوس
نہٕ سِیتے یوت زِ سوٗ چھےٚ پزٕ بلکہ یہ تہٕ زِ بیاکھ چھےٚ
اپزٕ۔ نتیجہٕ اوس یہ زِ پرٛتھ جماتھ چھےٚ نہٕ بیتہٕ
سیے پیٹھ قناعت کران زِ پننہٕ پزٕس پیٹھ آسہٕ
نکُ کرِ اعلان۔ بلکہِ چھےٚ یہ تہٕ ضوٗروٗری زانان
زِ بیٚین خلاف پھٲلاوِ تعصب تہٕ نفرت۔ یمو حالاتو
اوس انسان اکِس ہَرِ ہمیشہِ روزِ وٕلِس جنگس
نہٕ فسادس منٛز گیر کوٗرمُت۔ مذہبکِس تہٕ خدایہ
سنٛدس ناوَس پیٹھ اٚس پرٛتھ کانٛہہ جماتھ
بیٚبیس جماژ سیتی نفرت کران۔ تہٕ تسُنٛد خوٗن
کرُن جایز زانان۔

۵ ـــ مگر قرآنن کوٗر انسانس برٛونٛہہ کنہِ
مذہب کہِ عالمگیر پزِ تیکُ اصوٗل پیش۔

(الف) ـــ تِمو وٚنُن نہٕ سِیتے یوت زِ پرٛتھ مذہبس
منٛز چھُ پوٚز بلکہِ ووٚنُن ٹاکارٕ پٲٹھی زِ ساری مذہب
چھ پزی۔ تِمو وٚن دین چھُ خدایہ سنٛز عام بخشایش
اَوٕ سببہٕ چھُنہٕ ممکن زِ یہ آسہِ کُنہِ اکِس قومس تہٕ جماژ
دِنہٕ آمُت تہٕ بیٚین آسہِ نہٕ امیُک کانٛہہ حصہٕ دِنہٕ آمُت

(ب) ـــ تِمو وٚن خدایہ سنٛدِن سارِنے فطری
قونوٗنَن ہنٛدی پٲٹھی چھُ انسان سنٛدِ روٗحٲنی
سعادتُک قونوٗن نہِ اکوی تہٕ سارِنے کیٚوت۔ لہٰذا
چھےٚ مذہبس پیٹھ بکَن والین ہنٛز ساری کھوٚتہٕ
بٔڈ گمراہی یہ زِ خدایہ سنٛدِ دینچ وحدت منٛز آوِتھ
بناوِ تِمو بیوٚن بیوٚن جماژ تہٕ پرٛتھ کانٛہہ جماتھ چھےٚ
بیٚبیس جماژ سیتی لڑٲے کران۔

(ج) ـــ تِمو وٚن زِ انسان سُنٛد دین اوس
اَمہِ خاطرٕ زِ انسانہٕ سُنٛد پانہٕ وٲنی تفرقہٕ تہٕ اختلاف
گژھہ دوٗر۔ اَمہِ خاطرٕ اوس نہٕ زِ تفرقہٕ تہٕ لڑایہ ہُنٛد
اکھ وجہ بنِہ۔ لہٰذا اَمہِ کھوٚتہٕ بٔڈ گمراہی کیا ہیکہ
آسِتھ زِ یُس چیز تفرقہٕ دوٗر کرنہٕ خاطرٕ آمُت اوس
سُے چھکھ تفرقچ بُنیاد بنوومُت۔

(د) ـــ تِمو وٚن زِ دین چھُ اکھ چیز تہٕ شرع
تہٕ منہاج بیاکھ۔ دین چھُ اکوی تہٕ اکی طرٛیقہٕ
سارِنے دِنہٕ آمُت، البتہٕ شرعس تہٕ منہاجس
منٛز گو اختلاف۔ نہٕ اَمہِ اختلافہٕ نِشہِ اوس نہٕ چارٕ
تکیازِ پرٛتھ زمانچ تہٕ پرٛتھ قومچ حالت آس
نہٕ ہِشی۔ لہٰذا اوس ضوٗروٗری زِ یمہِ پرٛتھ حالتھ
آسہِ تَس یِن تِتھی احکام تہٕ اعمال دِنہٕ۔ لہٰذا
ہیٚکہِ نہٕ شرع تہٕ منہاج کہِ اختلافہٕ سیتی دین

مُختلف آسِتھ ۔ دِ ہیٚنج حقیقتھ تہٕ مشرٲوِتھ یہ
تہٕ وۄنی چھُ شرع تہٕ منہاج کِس اختلافس
پیٹھ اُکس اکھ رد کران ۔

(ھ) ۔۔ تِمَو وۄن تِھنٛز گروہبنٛدین تہٕ تِمَہ
کِہن ظٲہری رسمن چھُنہٕ انسان سٕندِس نجاتس
تہٕ سعادتس منٛز کانٛہہ دخل ۔ یِمہٕ گروہبنٛدی یہ
چھےٚ تِھنٛز بناوٕمٕژ ۔ تہٕ چھُ خدایہ سُنٛد دین اکوے
سُہ حقیقی دین کیا چھُ ؟ سُہ چھُ وَنان زِ اُکس
خدایس منٛز عبادت تہٕ نیک عملن ہنٛز زندگی
تہٕ یُس شخص تہٕ ایمان ہیچ تہٕ نیک عملن ہنٛز
وَتھ رٹہٕ تس کیٛوت چھُ نجات ۔ آد سُہ تِھنٛز
گروہبندی یہ منٛز آسی تن یا منٛز آسی تن ۔

(و) ۔۔ تِمَو کوٚر صاف صاف لفظن منٛز اعلان
زِ ہِہنٛد دعوتُک مقصد چھُنہٕ اَمہٕ ورٲے کینہہ تہٕ زِ
سارٕی مذہب گژھن پننہٕ نِس اکی سے تہٕ مانہٕ
ہِنٛس پُرنِس پیٹھ جمع ۔ سُہ چھُ وَنان زِ ساری
مذہب چھِ پُرٕنی مگر مذہبن ہِنٛدی پار دِچھ پُرنِ تہٕ
ڈلٲمتی ۔ اگر تِم پنُن مشرووُمت تعلیم نوسرٕ رٹن میون مقصد
گوٚو پوٗرٕ تہٕ یہ موٗنہٕ ہِنٛس تِھوٚ سارنے مذہبن ہنٛد چھُ
یوہے کینٛہہ تہٕ موٗنہٕ مُت پوٚز ۔ یتھ سُہ "الدین" تہٕ
"الاسلام" وَنان چھُ ۔

(ز) سُہ چھُ وَنان زِ خدایہ سُنٛد دین چھُنہٕ اَمہٕ خاطرٕ
زِ اکھ اِنسان کرِ بیٚیس اِنسانس سٕتی نفرت ٹھلی کرِ
چھُ اَمہٕ خاطرٕ زِ پرتھ کانٛہہ اِنسان کرِ بیٚیس اِنسانس
سٕتی محبت تہٕ سارٕی بنِن اکی سے پروردگارٕ سٕنٛز
بندگی ہنٛز رزِ منٛز گنڈنہٕ تہٕ بنن اکوے ۔ سُہ چھُ
وَنان بیٚیلہِ سارِ نے ہِنٛد پروردگار اکوے چھُ تہٕ
سارِنے ہِنٛد مقصد چھُ تسٕنٛزے بندگی کرٕنی تہٕ بیٚیلہِ
پرتھ اِنسانس کیٛت تی چھُ آسُن یہ کیٚنٛژھا تسٕنٛز
عمل چھُ بیٚیلہِ کیٛازِ آسہٕ خدایہ سٕنٛدِس تہٕ مذہبہٕ کِس
ناوس پیٹھ جنٛگ جنٛگ تہٕ لڑٲے ۔

۶ ۔۔ عالمہٕ کِہن مذہبن ہِنٛد اختلاف چھُنہٕ
اختلافہٕ کیٚہے حدس تام روٗدمُت ٹھلکہ چھُ سُہ
پانہٕ وٲنی نفرتُک تہٕ دُشمنی ہنٛد ذریعہ بنیومُت ۔
وۄنی چھُ سوال زِ یہ دُشمنی کیتھ کٔنی گژھہِ دوٗر ؟
یہ ہیکہِ تہٕ سپتھ زِ سارِنے مذہبن ہِنٛدی مانن والی
یِن پننہٕ نِس دعوہس منٛز بڑی پاٹھی مانہٕ تکیاز
پرتھ مذہبُک مانن وول چھُنہٕ صرف تیوٚتے بوت
دعوی کران زِ سُہ چھُ بڑی پور ٹھلکہ چھُ یہ تہٕ
تسُنٛد دعویٰ زیاتے چھُ ا یہ زیٲدٕ ۔ وۄنی اگر
یِہنٛدی دعوی مانہٕ یِن تیٚلہِ ییہِ تسلیم کرُن زِ
پرتھ کانٛہہ مذہب چھُ اکی ساتھ پوٗرٕ تہٕ اپٕرٕ تہٕ ۔

یہِ نہٕ ہیٚکہِ یہٕ بُننتھ زِ ساری مانوکھ اکہِ زِ بٲری تہٕ کیاز اگر ساری مذہب اپزی چھہ نیٚلہ کتہٕ چھُ مذہبک ییٚژت۔ لہٰذا اگر کانٛہہ صوٗرت جھگڑن ہٕ اختلاف ختم کرنچ آسہٕ ہیٚکہِ سو چھہ یہاے ییٚتیٚچ تالیم یتھ قرآن چھُ آمُت۔ ساری مذہب چھہِ بُزی نہٕ کیاز اصل دین چھُ اکوے نہٕ تہٕ سُہ سارِنٕے دِنہٕ آمُت مگر سارِنٕے مذہبن ہٕندی مانن والی چھہ پیٚزِ نشہٕ ڈٕلی متی تِکیاز تِمو چھہ دینچ حقیقت تہٕ تِمیُک کُنہر راو روومُت۔ نہٕ یٕنہٕ گُمراہیہ ہٕتر۔ بیوٚن بیوٚن ٹولہِ بناوِمژ۔ اگر یِمو گُمراہیوٕ نِشہِ لوکھ پوٚت پھیرن تہٕ بنٛتہِ پننہِ مذہبہ چہِ اصلی تالیمہِ پیٹھ عمل کرن مذہبن ہٕندی ساری اختلاف گژھن ختم۔ یژھ کانٛہہ جماتھ وُچھہِ زِ تیٚژ وَتھ تہٕ چھیٚے اصلی سوے یوسہٕ بیٚین سارِنٕے جماژن ہٕنز وَتھ چھیٚے۔ قرآن چھُ وَنان زِ سارِنٕے مذہبن ہٕنز مُشترکہ تہٕ مانٛنٕز حقیقت چھیٚے یوہے " الدین" یانے یژھ اِنسانس کیُٹ اصلی تہٕ حقیقی دین تہٕ اتھی چھہِ "الاسلام" وَنان۔

۷ ـــ اِنسانہٕ ہٕندی یانہٕ وانٛنی مِلہٕ ژارکِ تہٕ اَتھہٕ واسکی ہِمِ نہٕ رِشتہٕ آسنہ ہیٚکہِ یِمن تِم ساری

چھہِ اِنسانہٕ ہٕندے وَستہٕ ژھیٚنہٕ مِتی۔ ساری آسی اکی نسلکی اِنسان مگر ساسہٕ بُدی نسل بنے یہِ۔ ساری آسی اکی قومکی مگر بنے یہِ بے شُمار قوم۔ سارِنٕے ہُند وَطن اوس کُنے مگر یِہنہٕ بدین وطنن مَنز آے باگرہٕ ساری آسی ہوی مگر بناونہٕ آے اَمیر تہٕ غریب، شریف نہٕ رذیل ادنیٰ تہٕ اعلیٰ واریاہ درجہ۔ وونی کُس رِشتہٕ چھُ سُہ یُس یِمن سارِنٕے اختلافن پیٹھ غالِب ہیٚکہِ یتھ تہٕ سارِی اِنسان ہیٚکن اکی سے صفس مَنز وودنہٕ روٗزِتھ۔ قرآن چھُ وَنان زِ رِشتہٕ چھُ خدا پرستی ہُند رِشتہٕ یوہے چھُ سُہ اکھ رِشتہٕ یُس اِنسانیتہٕ کِس اکھ اکس نِشہِ ژھیٚنہٕ گامتِس قبیلَس بیٚیہِ آباد ہیٚکہِ کٔرِتھ۔ یہِ اعتقاد زِ سُہ آسہِ سارِنٕے ہُند رچھن وول چھُ اکوے پروردگار تہٕ اسہِ سارِنٕے ہٕندی کلہٕ چھہِ تٔتھی اکی سے پرٛانٛد کنہِ پیٹھ تُھمتھ۔ یہِ چھُ مِلہٕ ژارُک تہٕ محبتُک اکھ تیُتھ جذبہ پادٕ کران یتھ پیٹھ یہٕ اِنسانہٕ ہٕندی پادٕ کرٕی مِتی تفرقہ ہرگز تہٕ غالِب ہیٚکن گژھِتھ۔

# صِراطِ مُستَقیم

چنانچہ یوٗہے وجہ چھُ زِ سوٗرے فاتحس

منٛز یُس دُعا منٛگنٕچ تاکیم دِنہٕ آمٕژ چھےٚ سو چھےٚ

صراط مُستقیمس پیٹھ پکنٕچ تمنا۔ صراط گیہٕ وَتھ تہٕ

مُستقیم گو سیوٗد آسُن۔ لہٰذا گیہٕ صراط مُستقیم

سو وتھ یوٗسہٕ سبز وَتھ آسہِ تہٕ یتھ نہٕ ہیچر تہٕ کھجر

آسہِ اوٚ پنہٕ چھِن امہِ وَتہِ ہٕنٛز پارٕ زان یتھ کٔنی کرٕ

ناوٕمٕژ زِ۔ صِراطَ الَّذِیْنَ اَنْعَمْتَ عَلَیْھِمْ

غَیْرِ الْمَغْضُوْبِ عَلَیْھِمْ وَ لَا الضَّآلِّیْنَ ۝ (آمین)

یانے تِمن لوکن ہٕنٛز وَتھ یمَن پیٹھ خدا یَن

پننہٕ تِمن انعامَن ہٕنٛز تواَزِش کٔرٕ۔ تِہنٛز وَتھ

نہٕ یمَن خدا یہٕ سُنٛد غضب آو تہٕ نہٕ تِہنٛز وَتھ یِم

وَتہِ ڈٔلی مِتی چھِ۔

یِم اِنعام یافتہٕ اِنسان کَم چھِ یِہنٛز وَتھ سیٚز

وَتھ چھےٚ؟۔ قرآن چھےٚ جایہ جایہ وضاحتھ کرٕمٕژ

زِ خدا یہٕ سٕنٛدی ساری رسول ؐ تہٕ تِژی زیاد انسان

یِم دُنی یِہکِن مُختلف زمانَن تہٕ جایَن منٛز گُذرے مِتی

چھِ چھِ اِنعام یافتہٕ اِنسان تہٕ تِہنٛزے وَتھ چھےٚ

صِراطِ مُستَقیم۔

---

وَمَنْ یُّطِعِ اللّٰہَ وَ الرَّسُوْلَ

فَاُولٰٓئِکَ مَعَ الَّذِیْنَ اَنْعَمَ

اللّٰہُ عَلَیْھِمْ مِّنَ النَّبِیّٖنَ وَ

الصِّدِّیْقِیْنَ وَ الشُّھَدَآءِ وَ

الصّٰلِحِیْنَ وَحَسُنَ اُولٰٓئِکَ

رَفِیْقًا (۴ : ۶۹)

یِمہٕ یِتھی اَکھ خدا یہٕ سٕنٛز تہٕ رسولہٕ سٕنٛز اطاعت کرٕ تہٕ بلا

شُبہ چھُ سُہ تِمن لوکن سیتی یوٗس یمَن پیٹھ خدا یَن پنٕنۍ

اِنعام سوٗزمُت چھُ تہٕ یہٕ اِنعام لَبَن واجیٖنۍ جماتھ چھےٚ

نبین ہٕنٛز، صدّیقن ہٕنٛز، شہیدن ہٕنٛز، نیک عمل انسانن

ہٕنٛز تہٕ یِہنٛدی سیتی باج یتھی آسن تِس کا آژاہ رٕژ

رفاقت چھےٚ حاصِل۔

یتھ آیتس منز چھُ نہ تیمہ سان ژورن جماژن ہُند ذکر کرنہ آمُت۔ تِہندِ اِنعام یافتہ چھِ مانہ آمتی انبیاء، صِدّیقین، شُہداء تہٕ صالحین

انبیاء نِشہ چھُ مُراد خدا یہ سُندِ پزِ تکی ساری پأغمبر یم انسانہ سُندِ ہدایتہ خاطرٕ پأدٕ گئے۔ صِدّیق نِشہ چھُ مُراد تِتھی اِنسان یم کامِل پزی زیاری چھِ یانے تِہنز فطرت چھےٚ تِتھ کُنی پزِ کِس سانچس منز ژاونہ آمژ زِ پزٕ ور آے ہیکہ نہ تِمن نِشہ یتھے کینہہ۔

شہید گو شہادت دِنہ وول یا گواہ یانے تِم اِنسان یم پننہِ قولہٕ تہ فعلہ سیتی حقُک تہ صداقتُک اِعلان کرن والی آسی۔ صالحین نِشہ چھُ مُراد تِم ساری اِنسان یم نیک عملن ہِنز وَنہ منز اِستقامت کرن تہ بدی یہ ہِنز ووتو نِشہ روزن یتھ۔ لہٰذا اسُہ مولوٗم اِنعام یافتہ اِنسانو نِشہ چھُ مُراد دُنیہکی ساری رسول تہٕ حقُچ دعوت دِنہ والی۔ یم قرآن نازِل گژھنہ برونہہ دُنیاہس منز پأدٕ گامتی آسی۔ بیہ ساری پزی زیاری اِنسان یم یِمہ کُن گُذرے متی چھِ۔ اتھ منز نہ چھےٚ کُنہِ خاص نسلُچ خصوصیتھ تھونہ آمژ نہ کُنہِ خاص مذہبُچ نہ تِمہِ کِہن مانن والین ہِنز دُنیہکی ساری نبی ساری صدّیق، ساری

حقکی شہید، ساری صالح اِنسان، تِم آسی تِن کُنہِ مُلکہ تہٕ قومکی۔ قرآن چہ نظرِ منز چھِ تِم اِنعام یافتہ اِنسان تہٕ تِہنزے وَتھ چھےٚ صراطِ مُستقیم۔

خدا یہ سُندین یمن سارِنے رسولن تہٕ نوعِ انسانی بتہ کِہن پزی زیارین ہِنز کوسہ وَتھ آس؟ سوے وَتھ یتھ قرآن اِدٕ اصل بینچ وَتھ وَنان چھُ۔ سہ چھُ وَنان زِ ذُنیاہس منز یم تہٕ پزِنچ دعوت دِنہ والی آے سارِوے دِژ یِہ آے تالیم زِ:۔

"اَقِیۡمُوا الدِّیۡنَ وَلَا تَتَفَرَّقُوۡا فِیۡہِ" (۴۲:۱۳)

خدا یہ سُند آگُے دِین تھوٚو قایِم تہٕ اتھ وِنہ منز مہٕ گژھو بیوٚن بیوٚن (یِہ آے چھےٚ پزِنچ سیٚزٕ وَتھ)

چنانچہ یوہے وجہ چھُ زِ قرآنس چھُ جایہ جایہ "الدّین" یانے دینس صراطِ مُستقیم تہٕ وَنمُت۔ سورہ شوٗراہس منز چھُ پیغمبرِ اسلامس صلے اللہ علیہ وسلّم مخاطب کران وَنان زِ توٚہی چھِو صراطِ مُستقیمس کُن ہدایت کرن والی تہٕ صراطِ مستقیم چھُ صراط اللہ۔ یانے خدا یہ سُنز مقرر کرمژ سعادتُچ وَتھ۔

وَاِنَّكَ لَتَهْدِيْ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ۙ صِرَاطِ اللّٰهِ الَّذِيْ لَهٗ مَا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي الْاَرْضِ ؕ اَلَآ اِلَى اللّٰهِ تَصِيْرُ الْاُمُوْرُ ○ (٤٢ : ٥٢-٥٣)

تہٕ (اے پیغمبر) بلاشبہ چھِو توٚہۍ صراطِ مُستقیمس کُن ہدایت کرَن وٲلۍ۔ صراط اللہ یانے خدایہ سیُٛز وَتہٕ کُن یُس خدا یٕ زِ یہ کینٛژھاہ آسمانَن تہٕ زمینس منٛز چھُ تہٕ سورُے چھُ تٔمۍ سٕندے اَدِ یاد تھٲوِو (پادشٲہی ہٕنٛد کاینات تہٕ چھِنہٕ) سارِنٕے کامَن ہُنٛد مرجع چھےٚ تٔمۍ سٕنزِ ذات۔

یِتھے کٕنۍ چھُ یُس جایہ جایہ وَنان زِ خدایہ سٕندیَن سارِنے رسولَن ہٕنز دعوت آٲس صراطِ مُستقیمچ دعوت۔ سورہ نحلس منٛز چھُ حضرتِ ابراہیم (علیہ السلام) مَس نسبت وَهَدٰىهُ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ (١٦ : ١٢١) خدایَن ہاو تَس سیُٛز وَتھ۔ سورہ زخرفس منٛز چھُ اُسی حضرتِ مسیح علیہ السلام سٕنزِ زبٲنی بوزان اِنَّ اللّٰهَ رَبِّيْ وَرَبُّكُمْ فَاعْبُدُوْهُ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ (٤٣ : ٦٤) خدا ے چھُ میون تہٕ تُہنٛد سارِنٕے ہُنٛد پروردگار، لہٰذا کٔرِو تَسٕنزٕے بندگی۔ یہے چھےٚ صراطِ مُستقیم سورہ انعامس منٛز چھُ گوڈٕ حضرتِ نوحؑ تہٕ حضرات ابراہیم سُنٛد ذکر کرنہٕ آمُت۔ اوٚ پتہٕ چھُ ابراہیمی سلسلہ کہِن وارِیہن نبیَن ہُنٛد یِم تورات چہ مشہور شخصیتہٕ چھےٚ خصوصیتہٕ سان ناو ہیتھ آمت

اوٚ پتہٕ چھُ وَنہٕ آمُت:۔

وَاجْتَبَيْنٰهُمْ وَهَدَيْنٰهُمْ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ○ (٦ : ٨٧) یِم ژٲرۍ اَسہٕ پننہٕ عبادتہٕ خٲطرٕ تہٕ بیِیہ کٔرکھ صراطِ مُستقیمس (سیُٛز وَتہٕ) کُن رہنمائی۔

حقیقت چھےٚ یہ زِ خدایہ سٕند عالمگیر دینٕچ حقیقت تِنہٕ راوِنہٕ خاطرٕ ہیٚکہِ ہا نہٕ صراطِ مستقیم کھوٚنہٕ کانٛہہ بہتر ناو آسِتھ۔ کُنہِ خاص جایہ ناو واتنہٕ خاطرٕ کڈٕ توٚ توٚہۍ کانٛہہ وَتہٕ مگر سیُٛز وَتھ آسہِ ہمیشہ اکٲے تہٕ اتھ پٮ۪ٹھ پکِتھ ہیٚکہِ پرٛتھ کانٛہہ مسافر حفاظتہٕ سان تہٕ امنہٕ سان منزلِ مقصودس پیٹھ واتِتھ۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ ہمیشہ سیُٛز وَتھے بُڈ وَتھ بنان۔ ساری مسافر چاہے تِم آسِن کُنہِ تہٕ جایہ ہٕنٛدی روزن وٲلۍ مگر تِتھ میلتھ کرن سوٚ وَتھ اختیار تہٕ یہ ہیٚکہِ نہٕ تِمن زِ بیٚیون بیٚون ٹولہٕ بناوتھ

گژھن ہیچھن تہٕ کچھن وَنن پیٹھ پریشان۔ قرآن
چھُ وَنان بلکُل بیٚیہے کُنی چھےٚ د اَتھ پنٕنۍ سیٚیز وَتھ
تہٕ اکاے واریاہ ہیکن تہٕ آسِتھ تہٕ سو چھےٚ گوڈٕ
دوہہ پیٹھے موجوٗد۔ پرٛتھ زمانہٕ، پرٛتھ قوم،
پرٛتھ مُلک تہٕ پرٛتھ جماتھ وآژاتھ پیٹھ ٹیکنتھ
منٛزلِ مقصوٗدس تام۔ بیٚنہٕ کچہ مذہب کیو پاٹھ رووو

واریاہ ہچہ تہٕ کچہ وَتہٕ۔ تہٕ اُکی سے وَتہٕ پیٹھ
پکنہٕ بجایہ بنا دِکھ بیٚون بیٚون ٹولہِ تہٕ گیٔے چھلہِ
چھانگرٕ۔ سُہ چھُ وَنان وونۍ اگر منٛزلِ مقصوٗدس
پے لبُن چھُو پرٛژھان تیٚلہِ پَزِ تو ہہ سیٚیزِ وَتہٕ
پیٹھ سمُن۔ فھو سبیل اللّٰہ طریقاً مستقیماً
سہلاً، مسلوکاً، واسعاً، موصلاً الی المقصود

وَاَنَّ هٰذَا صِرَاطِيْ مُسْتَقِيْمًا فَاتَّبِعُوْهُ
وَلَا تَتَّبِعُوا السُّبُلَ فَتَفَرَّقَ بِكُمْ عَنْ
سَبِيْلِهٖ ؕ ذٰلِكُمْ وَصّٰكُمْ بِهٖ لَعَلَّكُمْ
تَتَّقُوْنَ ۝

(۶ : ۱۵۳)

بیٚیہ (وُچھو) یہ چھےٚ میٲنۍ وَتھ بلکُل سیٚیز وَتھ۔ لہٰذا
یُکوا تھو اُکس وَتہٕ پیٹھ تہٕ بیٚون بیٚون وَتہٕ مہ ژٹو تمہٕ کرٕ
نو تو ہہ خدایہ سنٛزِ سیٚیزِ وَتہٕ نِشہٕ ڈٲلِتھ اکھ اَکِس
نِشہٕ جُدا۔ یہ آے چھےٚ سو کتھ بیٚیمیُک تو ہہ خداے حُکم
چھُ دِوان یُتھ (تہنٛزِ نافرمانی نِشہٕ) بچِو۔

چنانچہ یہ حقیقت چھےٚ تمہِ وزِ وارٕ نَنان
بیٚیلہِ "صراطِ مستقیم" کِس تنہٕ تفسیرس پیٹھ

نظر ییہ ترٛاونہٕ یُس پانہٕ پیغمبرِ اسلام صلی اللّٰہ علیہ
وسلّمو فرمو وُمُت چھُ۔

عَنْ اِبْنِ مَسْعُوْدٍ رض قَالَ خَطَّ لَنَا رَسُوْلُ
اللّٰهِ صَلَّى اللّٰهُ عَلَيْهِ وَسَلَّمَ خَطًّا بِيَدِهٖ ثُمَّ
قَالَ هٰذَا سَبِيْلُ اللّٰهِ مُسْتَقِيْمًا ثُمَّ خَطَّ
خُطُوْطًا عَنْ يَمِيْنِ ذٰلِكَ الْخَطِّ وَعَنْ
شِمَالِهٖ ثُمَّ قَالَ وَهٰذِهِ السُّبُلُ

حضرت عبداللہ بن مسعود رضی اللہ عنہ چھ فرماوان زِ رسوٗل اللّٰہ
صلّے اللہ علیہ وسلّمو ژٕ پننہِ انگشتہِ مبارکہ سیتۍ اکھ ریکھ تہٕ
فرموٗکھ زانوٗ زِ یہ اَکے چھےٚ خدایہ سنٛز مقرر کرمٕژ وَتھ بلکُل
سیٚیز وَتھ۔ اَمہ پتہٕ دِژکھ اَتھہِ ریکھ دوشو طرفو واریاہ
بیٚیہ ریکھ اَدٕ پتہٕ فرموٗکھ یمہ چھےٚ بیٚون بیٚون وَتہٕ یمہ بناوِتہٕ

لَيْسَ مِنْهَا سَبِيْلُ اِلَّا عَلَيْهِ
شَيْطَانٌ يَدْعُوْا اِلَيْهِ ثُمَّ قَرَأَ
هٰذِهِ الْاٰيَةَ (وَاَنَّ هٰذَا صِرَاطِيْ
مُسْتَقِيْمًا الى آخره)

(اخرجه النسائي واحمد والبزار وابن المنذر وابو الشيخ والحاكم وصححه)

آمرٕ چھےٚ - تہٕ یمو منزٕ چھنہٕ کانہہ وَتھ یتھ کُن نہٕ اکھ شیطان آسہٕ نادِ دِنس کیوت - اَد پتہٕ پرٕ کھ یہ آیہ وَاَنَّ هٰذَا صِرَاطِيْ مُسْتَقِيْمًا (الی آخرہ)

امہٕ سیتی سپُد مولوم زِ اوپریور چھ ہیچہ کجہ وَتہٕ چھےٚ "سُبُل متفرقہ" یمہٕ انسانٕنی جمعیتس متحد کرنہٕ بجایہٕ مُنتشر کران چھےٚ تہٕ مُنزٕ اکھ سیزٕ وَتھ چھےٚ "صراط مستقیم" یہ چھےٚ مُنتشر کرنہٕ بجایہ سارِنٕے مسافرن اَکۍ سے یچہ وَتہٕ پیٹھ جمع کران -

تِمہٕ سُبُل متفرقہ کیاہ چھےٚ؟ یِمہٕ چھےٚ تِمی گُمراہی ہُنٛد نتیجہ یتھ قرآنن "تشیع تہٕ تحزب" وَنہٕ مُت چھُ تہٕ تِمچ تشریح چھےٚ پتھ کُن کرنہٕ آمٕژ - حقیقی دینہٕ چِھ وتہٕ ہُنٛد سیود آسُن تہٕ سُبُل متفرقہ یانے پانٕے بناومٕژ گروہ بٔنٛدی ہٕنزن وَتن ہُنٛد ورل تہٕ ہوٚل آسُن چھُ، اکھ ترٕژھ حقیقتھ یوسہٕ پٔرتھ کانہہ اِنسان سہل پاٹھۍ زانِتھ چھُ ہیکان - خدایہ سُنٛد دین اگر انسان سٕنٛدِ ہدایتہٕ خاطرٕ چھُ - تیٚلِہ چھُ ضروری زِ خدایہ سُنٛدین سارِنٕے قونونن ہٕنٛدی پاٹھۍ آسہٕ یہ

نہٕ صاف نہٕ ٹاکارٕ - اَتھ منزٕ آسہٕ نہٕ کانہہ راز تہٕ نہٕ کانہہ شرٕوکھ نہ آسہٕ یہ فکرِ نہٕ ترن واجینی پٔریٔژھ -
اعتقادٕکنی آسہٕ سہل تہٕ عملہٕ کنی لوٚت - پٔرتھ عقلہٕ ہیکہٕ سُہ ویٚزِتھ تہٕ پٔرتھ دِلس ہیکہٕ شرٕپتھ - ووٚنۍ کرِیو غور زِ یہ تعریف کمہٕ وَتہٕ خاطرٕ چھُ صحیح ، تِمن مُختلف وَتن ہٕنٛدِ خاطرٕ یمہٕ مذہبن ہٕنٛدیو پٔروٚ بیوٚن بیوٚن گروہ بٔنٛدی کٔرِتھ کٔجمٕژ چھےٚ - کِنہٕ تمہٕ اَکہٕ وَتہٕ خاطرٕ یتھ قرآن دینہٕ چِھ بُنی یادٕ ذہنٕ وَتھ وَنان چھُ - یِمو پارٹیو منزٕ چھےٚ نہٕ کانہہ تہٕ پارٹی تِژھ یوسہٕ تہٕ پننیٚن گوڈٕنین عقائدن ، سخ شرٕکین تہٕ ناقابل برداش عملن ہُنٛد اکھ زیٹھ زیوٚٹھ سِلسِلہٕ چھُ - اُسی بیٚہو نہٕ یتہٕ تَس وِبرٕ چھنے گژھتہٕ پٔرتھ کانہہ چھُ زانان زِ دُنی یہکین سارِنٕے مذہبن ہٕنٛز پاروی کرن والین ہٕنٛدین خود بستہ عقائدن تہٕ عملن ہُنٛد کیاہ حال چھُ - یِم کمہٕ قسمکی چھِ - مذہبک

عقلہٕ کیوٚت پٔزِ یِژھ تہٕ طبیعتس کیوٚت بوٚر آسُن
چھےٚ اکھ تۆژھ کتھ یوٚسہٕ عام پأٹھۍ مذہبچ خاصیتھ
مانہٕ آمٕژ چھےٚ ۔ مگر قرآن یِنھ پٔزِ داہ بِنچ وَتھ مانان
چھُ، تمِیُک کیاہ حال چھُ ۔ یِنچ وَتھ چھےٚ تیٚژ شُنۍ،
تیٚژ ریٚژ، تیٚژ سہل تہٕ تیٚژ ژھوٚٹ زِ عقایدن تہٕ عملن ہُند
سورُے فہرست ہیٚکو صرف دوٚن لفظن منٛز ختم کٔرِتھ

# "ایمان تہٕ عمل صالح"

امہِ کین عقایدن منٛز چھنہٕ عقلہٕ کیوٚت
کانٛہہ بوٚر تہٕ امہِ چین عملن منٛز چھنہٕ طبیعتس کرٕ
کانٛہہ سختی ۔ پٔژتھ قسمہٕ کہِ ہیٚجر تہٕ وہٕ روٚس ۔ پٔژتھ
رنگہٕ اعتقادچ تہٕ عملہٕ ہنٛز سیٚدٕ کھوٚتہٕ سیٚز
وَتھ ۔ الحنیفیۃ السمحۃ لیلھا کنھارھا
تمیچ رات تہٕ چھےٚ دۄہ کہِ پأٹھۍ پٔزِلہٕ وِنی ۔

اَلْحَمْدُ لِلّٰهِ الَّذِیْۤ اَنْزَلَ عَلٰی
عَبْدِهِ الْكِتٰبَ وَ لَمْ یَجْعَلْ لَّهٗ
عِوَجًا ؕ
(۱۸ : ۱)

پٔژتھ قسمکۍ تاریف چھ خدا یَس ہُند خاطرٕ یَیمہِ پنٕنِس
بنٛدس پیٚٹھ کتاب کٔر نازل ۔ یتھ منٛز نہٕ کُنہٕ قسمُک
نہٕ ہیٚجر تھوٚوُن ۔

بہرحال قرآنُک پأروٚ چھُ سُہ یُس
دینہٕ چہ سیٚز وَتہٕ پیٚٹھ پکن والین منٛز اَسہٕ نتھ
وَنہٕ تہٕ یوٚسہٕ کُنہٕ خاص جماژ، کُنہٕ خاص نسلہٕ، کُنہٕ
خاص قومچ تہٕ کُنہٕ خاص زمانچ وَتھ چھےٚ ۔ بلکہِ
خدا یہ سُنٛدِ عالمگیر پٔزِ نچ وَتھ ۔ یوٚسہٕ
پٔژتھ جایہ تہٕ پٔژتھ زمانس منٛز شُنۍ چھےٚ دزامژ
تہٕ پٔژتھ قسمہٕ چیو ملکی تہٕ جماتی حدبنٛدی یو
نِشہٕ پاک چھےٚ ۔

اِنَّ اللّٰهَ هُوَ رَبِّیْ وَ رَبُّكُمْ فَاعْبُدُوْهُ ؕ
هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِیْمٌ ۞

(۴۳ : ۶۴)

خدا ے چھُ میون تہٕ تُہنٛد دۄشوٕنۍ ہُند پروردگار،
لہٰذا کرِو تُہنٛز عبادت ۔ یہاے چھےٚ "صراطِ مستقیم" ۔

اَمہِ علاوٕ گژھن سوچنٕکۍ تہٕ سمجھنٕکۍ ہیٚبہٕ تہٕ
کینہہ پہلو بیٚیہِ تَس نظرِ تَل رونہٕ نی۔

گوڈنیتھ:۔ فلاح تہٕ سعادتُک وَتھ چھےٚ سیٚزِ وَتہِ ونہٕ آمٕژ تہٕ سیٚزِ وَتہِ پیٚٹھ ہیٚکن چھُ اکھ تژھ کیتھ بیٚییِچ پاَرِ زان تہٕ طلب فطرتاً انسانَس مَنٛز موجوٗد چھےٚ۔ اَوٕ پتہٕ اَمِچ پاَرِ زان کرناوان، چھِنہٕ اَمِچ ژ ژھ کانٛہہ تاَریف کرنہٕ آمٕژ بلکہ سمجھنس تہٕ نتیجہ کڈنَس دِماغ لڑاونٕچ ضروٗرت چھنہٕ آسان بلکہ اکھ خاص قسمہٕ کین انسانَن کُن اوٕنگ تُلتھِ اشارٕ کرُن زِ صراطِ مستقیم چھےٚ یِمَن لوٗکن ہنٛز وَتھ۔ اُمی طرزِ بیاتن کرِ پرتھ انسانَس برٛونٛہہ کنہِ صراطِ مستقیم اُکِس محسوٗس تہٕ مشہوٗد صوٗرتَس مَنٛز تیٚنی۔ پرتھ کانٛہہ اِنسان سُہ آسہِ تَن کُنہِ زمانُک تہٕ کُنہِ مُلکُک تہٕ قومُک۔ مگر اَمہِ کنتھ نِش ہیٚکہِ نہٕ بےخبر آسِتھ زِ بیٚیہٕ چھِہ دوٕ قسمکۍ انسان موجوٗد۔ اکھ چھِہ تِم ییٚمن ہنٛز وَتھ سعادتُک تہٕ کامیاٗبی ہنٛز وَتھ چھےٚ۔ بیاکھ چھِہ تِم یِمَن بدنصیبی تہٕ بدبختی حصہٕ آمٕژ چھےٚ۔ لہٰذا کامیاٗبی ہنٛز وَتہِ ہنٛز پاَرِ زان ہیٚکِہ نہٕ اَمہِ کھوتہٕ بیٚہتر تہٕ دِلَس پرٛیہر ونۍ طریقہٕ بیان سپدتھ زِ یہ چھےٚ کامیاب اِنسانَن ہنٛز وَتھ۔ اگر اَمِچ پاَرِ زان منطقی تاَریفن ہنٛدی پاَٹھۍ کرناونہٕ ییہِ ہا صاف کنتھ چھےٚ زِ نہٕ ہیٚکہِ ہا پرتھ کانٛہہ انسان کوشش تہٕ فکرِ ورآے سمجھتھ تہٕ نہٕ ہیٚکہِ ہا یہِ ژھنتھ کنہِ اُکِس وَتہِ پیٚٹھ منطبق سپدتھ۔ دوٚیم یوٗت تام انسان سنٛزِ پایہِ جاٗیی تہٕ سعادتُک تعلق چھُ۔ صراطِ مستقیمُک تاَبیرِ ہیٚکہِ ہا پرتھ لحاظہٕ حقیقی تہٕ قودرتی تاَبیر آسِتھ انسان سنٛز فکرِ تہٕ عملہٕ ہنٛد کانٛہہ گوشہٕ آسِہ تن مگر صحیح تہٕ درست وَتھ چھےٚ ہمیشہِ سوے یوسہٕ سیٚزٕ وَتھ آسِہ۔ یانی اَمہِ نِشہٕ ہلن تہٕ ڈلُن آو تانٛی گو نوقص تہٕ فساد پاَدٕ۔ یوہے چھُ وجہ زِ دُنیہچن سارِنے زبانَن مَنٛز چھُ سیٚود آسُن تہٕ سیٚزرٕ سان ہیٚکن فلاح وسعادتکِس مانے لیَس مَنٛز عام پاَٹھۍ ونہٕ یوان۔ گویا ژٕ تہٕ جانرٕ خاطرٕ چھُ یہ اکھ تیٚتھ لفظ ییتھ سارِنے انسانن ہنٛدِ خاطرٕ اکھ عالمگیر تاَبیر وٕنتھ ہیٚکو۔ حضرت مسیحس برٛونٛہہ ژور ہتھ وٕری یِم فرمان "دارا یوشس اولن کتبن پیٹھ کھنناوی متی آسی تِمو مَنٛز چھُ بےستونک کتبہٕ ازتام موجوٗد تہٕ سُہ چھُ یِمن جملن پیٹھ اَندوان"۔ اے انسان اہورامزدُنٛد (یانے خدایہ سُنٛد) چھُ چانہِ خاطرٕ یہ حکم زِ بدی پہ کُن مہٕ دِ دھیان۔ سیٚزٕ وتھ مہٕ ترٛاو۔ گوٗنہہ ہۍو نِشہِ روزتہ۔"

لہٰذا صراطِ مُستقیمس پیٹھ پکہٕ ژنچ طلب گیہٕ زندگی ہنٛزو سارِ وے وتومنٛز سیٛزو نہ پیٹھ پکنچ طلب۔ اَوے ہیٚکہٕ کوشش نہ عملہ ہنٛدس پٔرتھ گوشس منٛز انعام یافتہ سوے جماتھ آسِتھ یُنٛز وتھ صراط مُستقیم آسہ۔ اَو ییٚتہٕ چھنہٕ صراطِ مستقیچ، پاٚدی زان صِرف تمہٕ کہ مُثبت پہلو کنی یاٚژ کرناوِ نہٕ آمٕژ بلکہ چھنہٕ ہمیٚک ضِد نہٕ مخاٚلف پہلو تہٕ نِنہٕ ناوِ نہٕ آمُت:۔

غَيْرِ الْمَغْضُوْبِ عَلَيْهِمْ وَلَا الضَّآلِّيْنَ

تہنٛزو وتھ نہٕ یمن پیٹھ غضب کرنہٕ آو نہٕ تہنٛزو وتھ یم وَتہٕ ڈٔلی تہٕ راٚوی۔

"مَغضُوب عَلیَہٕ" جماتھ چھےٚ "مُنعِم عَلَیہٕ" جماژ ہُنٛد بلکُل ضِد نکیاژ انعامک ضِد چھُ غضب تہٕ کاینات کہ فطرتک قونوٗن چھُ یہ زِ یٔژی زیادٕ انسان چھُ حصہٕ یوان انعام تہٕ نافرمانَن چھُ حصہٕ یوان غضب۔ گمُراہ چھِ تِم یمو نہٕ چھیٚنچ وتھ لٔب۔ نہٕ تمہٕ کِس تلاشس منٛز راٚوی۔ معضوب گئے تِم یمو وَتھ لٔب تہٕ تمہٕ چہ نعمژ نہٕ لبِکھ مگر پتہٕ پھیٚرکھ تمہٕ نِشہٕ بُتھ نہٕ نعمتچ وَتھ ترٛاوِتھ ژٔلکھ محرومی ہنٛزہ نہٕ شقاوژچ وَتھ۔ گمُراہ یاتے وَتہٕ ڈٔلی مِتی چھِ تِم یمو نہٕ وَتھے لٔب نہٕ اَوے چھِ اَدٕ ریور راٚوی متی نہٕ صراط مُستقیم

چھو سعادتو نِشہٕ محروٗم۔

مغضوٗب علیہ لوٗکن ہنٛز بدنصیبی چھےٚ لَبِتہٕ تہٕ پٔژ ناونہٕ پتہٕ انکارُک نتیجہٕ نہٕ گمُراہ سٕنٛز بدنصیبی چھہ جہلُک نتیجہٕ۔ گوڈنچہٕ جماژ پھیٚر لٔبِتھ تمہٕ نِشہٕ بُتھ تہٕ رُودی بدنصیب۔ دوٚیمہٕ جماژ لٔبی نہٕ تہٕ اَوے رُودی بَدنصیب۔ بَدنصیب رُودی دونوے مگر یہ چھےٚ نٔنی کتھ زِ گوڈنچہٕ جماژ ہنٛز بدنصیبی چھےٚ زیادٕ مُجرمانہٕ نکیاژ نعمت لٔبِتھ پھرُن تمہٕ نِشہٕ بُتھ۔ اَوے آو تس معضوٗب وننہٕ تہٕ بیٚیہ سٕنٛدس حالتس آو صرف گمُراہی وننہٕ۔

اُسی چھِ وُچھان زِ دُنی ہِہس منٛز چھِ فلاح نہٕ سعادت نِشہٕ بَدنصیب اِنسان ہمیشہ دوٚن قسمن ہنٛدی آسی متی۔ جاحد نہٕ جاہل۔ جاحد گو سُہ یُس حقیقت لبان چھُ۔ مگر تو پتہٕ تہٕ چھُ تمہٕ نِشہٕ بُتھ پھران۔ جاہل گو سُہ یُس حقیقتہٕ نِشہٕ بے خبر آسان چھُ نہٕ پننس جہلس پیٹھ چھُ قناعت کران۔ لہٰذا ہیٛنچھِ ناوُن صراطِ مُستقیمس پیٹھ پکنچہ طلب گاٚری سیٛتی بَدنصیبی نہٕ بَدبختی ہنٛزو یمو دوشوٚ یو صورتو نِشہٕ بچنچ طلب تہٕ۔ یتھ فلاح نہٕ سعادت چِھ وَنہٕ ہُنٛد تصور یِتھ قسمہٕ کاٚمِل نہٕ لغزِشو نِشہٕ محفوظ روزِ۔ یوٗ تام مذہبی صداقتک تعلُق چھُ دوشوٚنی

قسمہٕ چین بد نصیبی ین ہنٛز مثالہٕ چھےٚ قومن ہنٛد تارٟخس منٛز موجوٗد۔ کانٛہہ چھہٕ تم قوم یہندی قدم صراطِ مستقیمس پیٹھ دٕری مٕتی آسی تہٕ فلاح تہٕ سعادت چہ ساریے نعمژ آسہٕ تمن کرٕژھ آیہٕ تن۔ اَدٕ پتہٕ تِہ کرٕ تموٗر و گردانی تہٕ حقہٕ چہ وٕنہٕ ہنٛز پارٕوی کرٕتھ پھیٖرٕکھ تمہٕ نٕشہٕ بُتھ۔ نتیجہٕ دٕراو یہ زِ سُے قوم یُس رٕنہٕ تام دُنیہک انعام یافتہٕ قوم اوس، ہیٚتھوٗ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ بد نصیب تہٕ نامراد۔ یتھے کنٛی چھےٚ کانٛہہ جماژ تمہٕ یمن برٕونہہ کنہٕ فلاح تہٕ سعادٕچ وَتھ ییٚلہٕ آیہٕ ترٛاوٕنہٕ مگر تمو گوٚر معرفتہٕ بدلہٕ جہل تہٕ کاشہٕ بدلہٕ گنٛہٕ پسند۔ نتیجہٕ دٕراو یہ زِ چھیٚچ وَتھ ہیچھنہٕ لٕگتھ تہٕ بد نصیبی ہنٛدین صحراون منٛز رٕاٚوی۔ احادیثن تہٕ آثارن منٛز یوٚہے آیِچ تفسیر بیان کرنہٕ آمٕژ چھےٚ تمہٕ سیتی چھےٚ یہِ حقیقتھ بیٚیہِ ہٕن نٕنٛی نیران زِ امام ترمذیؒ، امام احمدؒ تہٕ ابن حبان وغیرن ہنٛد مشہوٗر حدیث چھُ زِ آنحضرت صلّی اللہ علیہ وسلّمو فرموو "المغضوب چھِہ یہوٗدی تہٕ الضاالّین چھِہ نصاریٰ"۔ اَمہِ تفسیر ہیٚیکہِ نہٕ یُقینن یہِ مطلب اٚسِتھ زِ "مغضوب" نٕشہِ چھِہ صِرف یہوٗدی مراد تہٕ گمراہ نٕشہِ چھِہ صِرف نصاریٰ۔ بلکہِ چھُ مُراد یہ زِ مغضوبیت تہٕ گمراہی ہنٛز حالتھ واضح کرنہٕ خاطرٕ بیٚیہِ دوٚن جماژن ہنٛد ذِکر مثالہِ پاٹھی کرنہٕ۔ چنانچہٕ یمن دوشوٕنی جماژن ہنٛدِس تارٟخس منٛز ہیٚیکو اسی بد نصیبی ہنٛزن دوشوٕنی حالتن ہنٛد مکمل نموٗنہٕ وُچھتھ۔ یہوٗدین ہنٛز قومی تارٟخ چھےٚ مغضوبیتہٕ خاطرٕ تہٕ عیسایَن ہنٛز تارٟخ چھےٚ گمراہی خاطرٕ عبرتُک تہٕ نصیحتُک اکھ بہترین سرمایہِ۔

# قرآنکی قصہٕ تہٕ تارٟخچ پارٕوی :۔

اَدٕے چھہٕ اسی وُچھان زِ قومن ہنٛدِ ہدایتہٕ تہٕ نصیحتہٕ خاطرٕ یمن یمن ہُنی یادن پیٹھ قرآنَن زور دیُتمُت چھُ تمو منٛز چھےٚ ساری کھوتہٕ ہُنی ہُنی یاد دیُتی مٕن قومن ہنٛدی حالات تہٕ واقعات تہٕ تمن ہنٛد نتیجہٕ۔ یہ چھُ وَنان زِندگی ہنٛدِ کاینات کِہ پٕرتھ گوشکی پاٹھی چھُ قومن تہٕ جماژن ہنٛدِ خاطرٕ تہٕ سعادتُک تہٕ شقاوتُک قونوٗن اکوے تہٕ پٕرتھ زمانس تہٕ پٕرتھ مُلکس

مَنٛز چھُ امیُک نُتیجہٕ تہٕ ہیٛوُے درٛامُت۔
تہٕندی قوٗنوٗن ہیکن نہٕ زانٛہہ تہٕ بَدلِتھ نہٕ تمِکی نُتیجہٕ چھِ ہمیشہ تہٕ پرٛتھ وٕتس مَنٛز نٕنی نیرنٕ وٲلی۔ یِتھہٕ کٕنی شیٛنکیاہک ناتٲثیر اوسُبہٕ ہیٚکہٕ نہٕ بَدلِتھ زٕ کُنہ زمانَس تہٕ کُنہ سَنَس مَنٛز آوِ استعمال کرنہٕ، یِتھے کٕنی ہیکَن نہٕ قومَن تہٕ جماژَن ہٕندین اعمالَن ہٕند نتیجہٕ تہٕ اوسُبہٕ بَدلِتھ زِ تِم کُنہ زمانَس تہٕ کُنہ مُلکَس مَنٛز سپدِی واقع۔ اگر یَتھ کُن آس مانٛچھس ہمیشہ مانٛچھ خاصیتھ تہٕ شیٛنکیاہَس رٕود شیٛنکیاہکُے اثر تہٕ تاثیر تہٕ برٛونٛہہ کُن تہٕ روزِ مانٛچھ ہمیشہ مانٛچھ تہٕ شیٛنکیاہَس روزِ زہرکُے تاثیر۔ لہٰذا یہٕ یَتھ کُن پیٚش آمُت چھُ ضرور روزِ بیہِ برٛونٛہہ کُن تہٕ تی پیٚش۔

---

سُنَّةَ اللّٰهِ فِي الَّذِيْنَ خَلَوْا مِنْ قَبْلُ ۚ وَلَنْ تَجِدَ لِسُنَّةِ اللّٰهِ تَبْدِيْلًا ○

(٣٣ : ٦٢)

یِم لُوکھ تُہہِ برٛونٛہہ گذرِے مٕتی چھِ، تِہنٛدِ خاطرٕ چھُ خدا یہٕ سٕندسُنت یُوسہٕ روٗدمُت (یانے خدا یہٕ سٕندین قوٗنوٗنَن تہٕ احکامن ہُنٛد چھُ یِمہٕ دستوٗر رُودمُت) تہٕ خدا یہٕ سٕندِس سُنتس مَنٛز لَبوِ نہٕ توٚہی زانٛہہ ادلہٕ بدل گرٛژھان۔

فَهَلْ يَنْظُرُوْنَ اِلَّا سُنَّتَ الْاَوَّلِيْنَ ۚ فَلَنْ تَجِدَ لِسُنَّتِ اللّٰهِ تَبْدِيْلًا ۚ وَلَنْ تَجِدَ لِسُنَّتِ اللّٰهِ تَحْوِيْلًا ○

(٣٥ : ٤٣)

اَدٕ کٕنتھ چھِ یِم لُوکھ پرٛاران؟ کیٛا تِتھ سُنتس چھا پرٛاران یُس یِتی مین لُوکن ہٕندِ خاطرٕ اوسمُت چھُ۔ تیٚلہٕ تھوٚو یاد زِ توٚہی لَبوِ نہٕ خدا یہٕ سٕندِس سُنتس اَدلہٕ بدل گرٛژھان تہٕ نہٕ ہیٚکہٕ یہٕ بنِتھ زِ تِہنٛدِ سُنتکی احکام کیٛاہین بَدلنہٕ۔

سُنَّةَ مَنْ قَدْ اَرْسَلْنَا قَبْلَكَ مِنْ رُّسُلِنَا وَلَا تَجِدُ لِسُنَّتِنَا تَحْوِيْلًا ○

(١٧ : ٧٧)

(اے پیغمبر) توٚہہِ برٛونٛہہ یِم رسوٗل اَسہِ سوٗزِی مٕتی چھِ تِہنٛدِ خاطرٕ چھُ سون سُنّت یُوسہٕ روٗدمُت تہٕ سون سُنّت چھُنہٕ زانٛہہ بدلن وول۔

چنانچہ اکہ طرفہ چھُ سُہ اِنعام یافتہ جماعژن ہنٛز کامیابی ہُنٛد ذِکر پیش کران بییہِ طرفہ چھُ مغضوب تہٕ گمراہ جماعژن ہنٛز بدنصیبی ہُنٛد داستان بییہ تہٕ بییہ بوزناوان۔ اَوٕ پتہٕ چھُ جایہ جایہ تمہٕ تِشہ نصیحتُک تہٕ بصیرتُک نتیجہٕ کڈان۔ یمِن پیٹھ قومَن، تہٕ جماعژن ہنٛدِ کھسنُک تہٕ وَسنُک دارٕ مدار چھُ۔ سُہ چھُ وِشِھ ناوی وِشِھ ناوی وِنان زِ انعام یافتہٕ جماعژن ہنٛز سعادت تہٕ کامرانی اَسہِ یمَن یمَن عملَن ہُنٛد انعام تہٕ مغضوب تہٕ گمراہ جماعژن ہنٛز بدبختی تہٕ بدنصیبی آسہِ یمَن یمَن عملَن ہُنٛد پھل۔ یژن عملَن چھُ سُہ انعام وَنان تکیازِ یہِ چھیے خدائی قطرتٕچ قبولیت، بدنتیجن چھُ سُہ غضب وَنان تکیازِ یہ چھُ خدائی قونونٕک سزا۔ سُہ چھُ وَنان زِ یمَو وجہاتو تہٕ اسبابو کِنہِ دِنہٕ لَٹہِ اکھ خاص نتیجہٕ دراو تو ہی کیتھ کِنی چھو وَنان زِ کُنہِ مہِ لَٹہِ نیرِ تہٕ سُہ نتیجہٕ۔

---

قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِكُمْ سُنَنٌ ۙ فَسِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ فَانْظُرُوْا كَيْفَ كَانَ عَاقِبَةُ الْمُكَذِّبِيْنَ ۝

(۳ : ۱۳۷)

تو ہے برونٛہہ تہٕ چھِ دُنی یہَس منٛز (خدا یہٕ سنٛدِین) احکامَن تہٕ قونونَن ہنٛدی نتیجہٕ گُذرے متی۔ لہٰذا پھیرِو دُنی یہس منٛز تہٕ وُچھو تمِن لوکَن ہُنٛد انجام کیا سپُد یمَو (خدا یہٕ سنٛدی احکام تہٕ قونونَن اپزی زانہٕ متی آسی۔

قرآنہ کین سُورن منٛز چھُ اکھ بوڈ تیداد تتھین سُورن ہُنٛد یمن منٛز اَنٛد پیٹھٕ اَنٛدس تام یوہے مطلب چھُ۔ یہ نہٕ ہیکو وُنِتھ زِ قرآنَس منٛز یم بیان پُتی مہِ زمانہٕ کین واقعاتن تہٕ قصَن ہنٛدی چھِ تِم چھِ ساری سورے فاتحہ کہِ اَمی آیژ وِیژھنے۔

# سوٗرے فاتحُک تعلیمی روٗح :-

اچھا وونی ترٛاوِو توٚہی ژھ کھنڈ مجموٗعی صوٗرتَس (حیثیتس) منٛز سوٗرے فاتحہٕ کِہن مطلبَن پیٹھ نظر تہٕ وُچھو امہِ کِہن ستَن آیَن منٛز یُس مذہبی عقایدن ہُنٛد تہٕ تصوٗرک روٗح موجوٗد چھُ۔ سُہ کمہِ قسمِچ ذہنیت چھُ پاد کران۔

سوٗرے فاتحہ چھُ اکھ دُعا۔ مآنی تَو اُکِس انسان سٕندِس دِلس منٛز تہٕ زیوِ پیٹھ چھُ راتس تہٕ دوہس یوہے دُعا روزان۔ یِنھِس انسان سٕند خیال تہٕ اعتقاد کمہِ قسمُک آسہِ۔

سُہ چھُ خدایہ سٕنٛد حمد تہٕ ثنا کران روزان مگر تَس خدایہ سٕنٛد حمد تہٕ یُس نٔسلن، قومن تہٕ (جماژن) مذہبی گروہ بُنٛدین ہُنٛد خدا چھُ۔ بلکہ رب العالمین سٕنٛد حمد یُس ساری پادآشی ہنٛدِ کایناتُک پروردگار چھُ۔ اَدَے چھُ سارِنٕی انسانَن ہنٛدِ خاطرٕ ہیٚوٗے رٔحم دول تہٕ رحمتہٕ ولہ پتہٕ چھُ سُہ تَس تہٕنٛدیو صفتو سان نادٕ دِیُن ییٚژھان مگر تہٕنٛدیو سارِوٕے صفتو منٛز چھُ صرف رحمتُک تہٕ عدالتُک صفتٕ یوٚنٛتِس یاد پیوان۔ گوو خدایہ سٕنٛز ہستی ہُنٛد ظہوٗر چھُ تہٕنٛدِ خاطرٕ اَنٛدٕ وَنٛد رحمتُک تہٕ عدالتُک ظہوٗر۔ تہٕ یہ کینٛژھا اُمّتس نسبت زانان چھُ نہٕ چھُنہٕ رحمتہٕ تہٕ عدلہٕ ورآے کینٛہہ نہٕ۔ پتہٕ چھُ سُہ عاجزی سان کلہٕ نوٚمراوان تہٕ تہٕنٛزِ بندگی ہُنٛد اقرار کران۔ سُہ چھُ وَنان زِ صرف چھِے چانٕی اکآے ذات یُس بٔرٕ وٕشہٕ کٔنہٕ بندگی ہُنٛد تہٕ عاجزی ہُنٛد کلہٕ نمِتھ ہیٚکہِ۔ تہٕ صرف چھکھ ژٕ یوٚنٛ یُس سانٛہِن سارِنٕی لاچارین تہٕ موحتاجین منٛز اَتھہٕ روٚٹ کرن وول تہٕ ڈوکھ چھکھ۔ سُہ چھُ پننِس عبادتَس تہٕ امدادس دوشونی صرف اُکی سے ذاتَس سیتی مِلہٕ ناوان تہٕ ییتھ پاٹھی چھُ سُہ دُنی ہِکیو سارِوٕے طاقتو تہٕ بڑتھ قسمہٕ چیو حکمرانیو نِشہٕ بےپرواہ گژھان۔ وونی ہیٚکہِ نہٕ کٔنہٕ بُراندٕ کٔنہٕ پیٹھ تٕسنٛد کلہٕ نمِتھ وونی ہیٚکہِ نہٕ کٔنہٕ طاقتس کھوٗژتھ وونی ہیٚکہِ نہٕ سُہ کانٛسہِ برٕوٕشہٕ کٔنہٕ منگہٕ وونی اَتھہٕ ژیٚتھ ڈرآم وٕتھ

اَوِ پتہٕ چھُ سُہ خدایہ سٕہنزِ وَتہِ پکنٕک توفیق منگان ۔ یوٗہے چھُ سُہ اکھ مدعا ییٚمہِ نِشہٕ ضرورٕ زٕ بو واقِف چھےٚ ۔ مگر کوٗسہٕ سٕیٚنزٕ وَتھ؟ ۔ کُنِہ خاص نسلٕچ وَتھاہ؟ کُنِہ خاص قومٕچ سٕیٚنزٕ وتھاہ؟ کُنِہ خاص مذہبی داٮ۪رٕچ سٕیٚنزٕ وتھاہ؟ نَہ ۔ بلکہِ سوٗ وَتھ یوٗسہٕ دُنی یہِکین سارِنٕے مذہبی وَنہٕ ہاوکین تہٕ پٔزی زٕبارین ہٕنٛزٕ کُنی وَتھ چھےٚ ۔ اَدٕ تِم آسی تَن کُنِہ زمانہٕ تہٕ کُنِہ قومَس مَنٛزٕ آسی متی ۔ یِنھےٚ کُنی چھُ سُہ بَدنصیبی تہٕ گُمراہی ہٕنٛزٕ وَتوٗنِشہِ پناہ منگان ۔ مگر اَتہِ نَس تہِ چھُنہٕ سُہ کُنِہ خاص نسلُک تہٕ قومُک یا کُنِہ خاص مذہبی جماعژ ہُنٛد ذکر کران ۔ بلکہِ چھُ تِمو وَتوٗنِشہِ بچُن یژھان یِمہٕ دُنی یہِکین سارِنٕے بَدنصیبَن تہٕ گُمراہ اِنسانَن ہٕنٛزٕ وَتہٕ آسَن مَژٕ چھےٚ ۔ گوٗ یِمہِ کتھِ ہُنٛد سُہ طلبگار چھُ سوٗ تہٕ چھےٚ سارِنٕے انسانن ہٕنٛز اکھ عالمگیر نیکی تہٕ ییٚمہِ کتھِ نِشہِ سُہ پناہ چھُ منگان سوٗ تہٕ چھےٚ سارِنٕے اِنسانَن ہٕنٛز اکھ عالمگیر بدی ۔ نسلٕچ، قومٕچ، مُلکٕچ، یا مذہبٕچ گروہ بنٛدی ہٕنٛدِ تفرقہٕ تہٕ امتیازٕچ کانٛہہ ژھلے تہِ چھنہٕ تہٕنٛدِس دلَس تہٕ دماغس پیٚٹھ نظرِ یوان ۔ سوٗ نٕچوٗ اَمہِ قسمُک مذہبی تصوّر کتھِس سانٛچس مَنٛز چھُ اِنسانہٕ سٕنٛدِس دِلَس تہٕ دماغَس تژاوان ۔ یٮ۪مِس انسان سُنٛد دل تہٕ دماغ یِنھِ کالبہٕ مَنٛزٕ بٔنتھ نیرِ سُہ کتھٕ انسان آسہِ؟ کَم اَز کَم دوٚیہ کتھو نِشہِ ہیکہِ نہٕ تُہۍ انکار کٔرِتھ ۔ اکھ یہِ زِ تٔہنٛز خدا پرستی آسہِ خدایہ سٕنٛد عالمگیر رحمتہٕ تہٕ جمالہٕ کہ تصوّرٕچ خدا پرستی ۔ دوٚیِم یہِ زِ اِنسان آسہِ تہٕ کُنِہ لحاظہٕ تہٕ نسلُک، قومُک یا گروہ بنٛدی ہُنٛد انسان یہِ آسہِ عالمگیر انسانی نیٚنگ نسان، تہٕ قرآنُک دعوتُک اصلی روٗح چھُ یوٗہے ۔

## ( اَنٛد )

